# کاشِرڈکشنری

## جلد (۳)

(ٹ ــــــ ر)

**ایڈیٹوریل بورڈ**



**ایڈیٹوریل سٹاف**

طابع وناشر ـــــ سیکرٹری جموں و کشمیر اکیڈیمی
آف آرٹ، کلچر اینڈ لنگویجز،
سرینگر (کشمیر)

نِگران ـــــ محمد یوسف ٹینگ
(سیکرٹری)

آفیسر انچارج
پبلیکیشن ـــــ معراج الدین

چھاپ ـــــ جے۔ کے پرنٹنگ پریس۔ دہلی

کِتابت ـــــ محمد یوسف مسکین / ولی محمد میر

تیداد ـــــ زٕ ساس

# عَرضِ ناشِر

کأشرِ ڈِکشنٔری ہُنٛد ترٛیٚیُم جِلد چھُ پیش خٕدمت۔ یہِ جِلد چھ
"ٹ" اَچھرٕ پیٹھٕ "ر" اَچھرَس تام وِحاطہٕ کرِتھ۔ اَمہِ آیہِ چھہٕ یتھ جِلدَس مَنٛز ۱۲
کأشرِ اَچھر اَنٛز راوَنہٕ آمتی۔ یہِ جِلد چھہٕ برٛونٛٹھمیو دوٚیو جِلدو نِشہِ جادٕ بوٚڈ تہٕ کیاز
اَتھ مَنٛز چھہٕ ۲۲۵۷ لَفظ تہٕ تِہنٛدی مانے دَرٕج یِم زَن یہِ دوٚیِو تہٕ گوڈنکین دوٚن
جِلدَن ہٕنٛزِ لَفظہٕ سوٚمبرَنہِ بَرابَر چھہٕ۔ بیٚیہِ یُس تجرُبہٕ گوڈنکی جِلد تیار کرَنَس
مَنٛز سپُد تمہِ کِس کاشُس مَنٛز چھےٚ یٚیمہِ جِلدٕچ ماتوی خٔشی یتھ تہٕ ہُریمٕژ۔
اَسہِ چھُ باسان زِ اَمہِ ڈِکشنٔری ہٕنٛد تکمیل چھُ ووٚنی قرٛیب تہٕ اَمی حِسابہٕ چھُ
سانٛین اَمارَن تہٕ بیٚیہِ ہَن وُتش لوگمُت۔ ایڈیٹوریل بورڈ تہٕ ایڈیٹوریل سٹافِ
کین دوستَن ہٕنٛدِ نزدیکی اَنٛتھ واسہِ فِدأے پیپہے نہٕ یتھ ڈِکشنٔری شوٗب تہٕ
وومید چھےٚ زِ یہِ فأیدٕ مَنٛد بأے بَنٛدٕت روزِ جأری۔

شہید گنج۔ سِرینگر
۱۶؍دسمبر ۱۹۷۴ء

محمد یوسف ٹینگ
(سیکرٹری)

# گوڑٕ کتھ

کأشرِ ڈِکشنری ہُند تریٚیُم جِلد چھُ زأنۍ کارَن تہٕ لفظَن ہِنٛز زان کَرَن والین بٔروٚنٛہہ کُنہٕ۔ اَتھ مَنٛز چھِ "ط، ٹھ، ث، ج، چ، چھ، ح، خ، د، ڈ، ذ، ر" اَچھرَن تَل لَگ بَگ تَم سأری لفظ یِم سَر جارِج گرٛیرسن صأبنہٕ کشمیری ڈِکشَنری مَنٛز چھِ تہٕ یِم بٮ۪یَن اَزۍ چَن کِتابَن اِنڈیکس بَناوِتھ اَتھِ لگی۔ یہِ چھُ بَنہٕ نی زِ اَمہِ ہُرِ نہٕ آسَن کینٛہہ لفظ یِم ژُرِس وَرناوس مَنٛز نہٕ آسنہٕ کِنہ چھِ پیٚمتۍ۔ یوٚدوَے اَتھ مَنٛز یِم عرَبی تہٕ فأرسی لفظ چھِ دِتھ، تَم سأری آسَن نہٕ عام لوٗکَن ہِنٛزِ زیٚوِ پٮ۪ٹھ مگر یِوَ موکھٕ تِم چھِ کینٛژَن ناوِدار لیکھَن والین ہِنٛزَن کِتابَن بیترِ مَنٛز دِتھ، اَسہِ چھُ یہِ ضروٗری باسیوٚمُت زِ تِم تہٕ گژھن یِتھ ڈِکشَنری مَنٛز ژانٛنہٕ یِنۍ۔ کینٛہہ تِم لفظ یِم گرٛیرسَن سٕنٛزِ ڈِکشنری مَنٛز چھِ مگر بَناوٹی تہٕ وَنٛنہٕ لایق نہٕ آسنہٕ کِنہ چھِ تراونہٕ آمتۍ۔

مانے تہٕ وَنٛنہٕ کَرَنس مَنٛز چھےٚ یوٗتاپوٗک تیٚنٛز اشوٗدی تہٕ ساد لفظَن کأم ہیٚنہٕ آمٕژ، اَنٛگرٮ۪زۍ عبارژَن تہٕ وُٹھتہٕ محاوَرن چھُنہٕ ڈِکشنری مَنٛز وَکھنے کَرنہٕ باپتھ کانٛہہ جاے، تہٕ کیازِ ڈِکشَنری چھےٚ مانے نہٕ زانَن والین وَتہٕ ہاونہٕ باپتھ، تہٕ وَتھ ٹوٗٹناونہٕ باپتھ چھنہٕ۔

یہِ چھُنہٕ سأرِنۍ خبر زِ یہِ گوڈٕنیُک کأشرِس مَنٛز ڈِکشنری بَناوِنۍ کأژاہ کرٛٹھ تہٕ سیٚٹھا ذٕمہٕ دار کأم چھےٚ۔ کینٛژَن لوٗکَن ہُند خیال چھُ زِ لفظَس گژھِ سے تلفُظ دِنہٕ یِن یُس تِہُند آگر چہٕ زبانی مَنٛز آسہِ، یہِ ہیٚکہِ نہٕ بنتھ نہٕ کیازِ یہِ چھُنہٕ رَوا، سأرِنۍ زبانَن چھےٚ اَکھ پنٛنۍ آوازَن ہِنٛز اَنٛگ۔

لَے آسان۔ اَوے چھُ فرانسیسی زَبانٕ مَنٛزٕ سے لفظ تِمہٕ وِے اَچھرٕ و اَکہِ چالہِ بولنہٕ یِوان تہٕ انگریزی زَبانٕ مَنٛز بیٚیہِ چالہِ۔ مگر کاشُرس چھِ اَرِپن اَچھرَن کھوٗ زَرِپن اَچھرَن یہِ ہم آہنگی یا سوٗرٕ ہِشر بنیٚن زَبانَن ہنٛدِ کھوٗ تہٕ سیٹھا ضٔمی پاٹھۍ تہٕ پُرٕ پاٹھۍ۔ اَسی نموٗ اَکے مِثال اَرِپن اَچھرَن پانہٕ وائِنہٕ لَے آسنچ۔ یِتہٕ یِنتہٕ بتہٕ "زیرٕ" آسِیا لوکُٹ "ی" آسہٕ تَتہٕ تَتہٕ چھُ "آ" "اٗ" بَنان۔ "عابد" چھُ "عاٗبِد" بَنان۔ اَلِف بتہٕ زیر آسنہٕ کِنی "نادِم" چھُ "ناٗدِم" بَنان۔ یِتھے پاٹھۍ چھُ "آبی" لفظ "اٗبی" بَنان۔

یہِ خیال زِ یہِ کتھ چھےٚ اَن یِرٕ آسنہٕ کِنی گژھان چھنہٕ ضٔمی۔ یہِ چھُ کشمیری PHONETICS نہٕ زانَنہٕ کِنی وَننہٕ یِوان۔ خاٗر یہِ چھُ اَکھ زیوٗٹھ مَسلہٕ ژھوٚٹ اِشارٕ یوت چھُ سیٹھا۔ یِتھے پاٹھۍ چھِ کیٚنہٕ لفظ شہرٕکۍ کیٚنہٕ لوکھ تہٕ گامکۍ ساری لوکھ اَکہِ چالہِ بولان۔ مگر اکثر شہرٕکۍ لوکھ چھِ بیٚیہِ چالہِ بولان، یہِ داوا چھُنہٕ پوٗز زِ یتھہِ جایہِ گژھہِ شہرٕک تلفُظے یوت ٹھیکھ مانِنہٕ یُن۔

اَمہِ علاوٕ چھےٚ کیٚنژَن لفظَن شکل تِہٕنٛز بدلیمٕژ زِ تم چھِ مرانہٕ کھوٗ کمراژھِ بولہِ تہٕ اَگرٕ نِشہِ سیٹھا دوٗر پیمٕتۍ۔ مِثالہِ پاٹھۍ نموٗ اَکھ لفظ "گدا پاتھ" یِیمِنٛک مانے چھُ "لوٗری لاٹھ۔ چوبِن پیٹھ چوب"۔ مگر شہرٕکۍ اَڈۍ لوکھ چھِ اَتھ وَنان "گدا پاکھ"۔ اَوٕ کِنی یِیہِ اَرژ ضٔمی صوٗرتھ "گدا پاتھ" مانَنہٕ یوٗسہٕ سیٹھَہَن لوکَن ہنٛدِس تلفُظس تہٕ اَگرَس سیٹھا نکھ چھےٚ۔

لفظَن ہُنٛد اَگُر ژھانڈان ژھانڈان تہٕ چھِ گَنٛنہٕ واد کیا گوٚ کیٚتھٕ پھِر سیٹھا دوٗر لکان۔ یہِ سختی چھےٚ عربی تہٕ فارسی لفظَن کِہ یِوان۔ مگر یِم پرٛانۍ کاشُرۍ لفظ چھِ تِمَن چھےٚ وقت گُذرنہٕ کِنی کیٚتھٕ پھِرِ تِہٕنٛز شکل آسان ڈٲجمٕژ زِ اَگرٕکِس لفظس تہٕ تِمہِ چھِ کاشُرِ شکلہِ چھُ مُشکلِ سانِنے کانٛہہ واتھ باسان۔ یِیمہِ کِنی یِم لفظ چھِ کیٚتھٕ پھِرِ پھرِ اَکرِ تہٕ مَنٛزی آمتۍ آسان اَوٕ کِنی چھُنہٕ تِہِنٛدِس اَگرَس مُتلِق کانٛہہ شکھ روزان۔ کیٚنٛژ لٹہِ چھِ تِتھۍ لفظ بتہٕ یِوان یِمَن مُتلِق شکھے

چھُ روزان زیٖم چھپا سَنٛسکرٕتہ پیٹھہٕ آمتۍ کنہٕ فارسی پیٹھہٕ۔ یِتیٖنہٕ چھُ یہِ یاد تھَوُن ضروٗری
زِ فارسی تہٕ سنسکرت چھنے دوٚشوٕے آریَن زبانٕی، اوٚے کِنۍ چھِ یِہندۍ لفظ تہٕ میلان۔ مثال
یِس فارسی پاٹھۍ "خر" چھِ وَنان تِتھۍ چھِ سنسکرت پاٹھۍ "کھر" وَنان۔ کینہہ ہیچھِ لفظ چھِ تِتھۍ آسان
زِ تِہندِ ین ناآدی جارُن وَکھنے گرٕزِ تہٕ چھُنہٕ کانْہہ ٹھینٛٹھ باشی۔ یِہے کتھ نظرِ تَل اَنِتھ چھُ شیپا
(SCEBA) یِنہٕ (RUSSIAN- FRENCH) روٗسی فرانسیسی ڈِکشنری ہُنٛز گوڈِکتھ مُنٛز
وَنان زِ یُس لفظ رٕژھا تہٕ ہیچھِ آسہِ تتھ پیٹھ پرِ اکھ سالم مضموٗن (MONO GRAPH)
لیکھُن۔ جَل جَل ووٚٹھ زٕھنِتھ جان ڈِکشنری بناونٕی چھُنے سہلٕٹھا کرٕٹھ کام۔

پوٚتُس چھُس بہٕ یُژھان پننِس سارِسے سٹافس تہٕ ایڈیٹوریل بورڈکین
میمبرَن دِلی شُکریہٕ ادا کرُن۔ ڈکشنری ہُنٛد یہٕ جلد چھپہِ ہے نہٕ یُہُس تہٕ اگر جناب محمد یوٗسف
ٹینگ صاب اتھ اَندر خاص دِلچسپی ہاوِہن نہٕ تہٕ یوٚہے چھُ اَسہِ گوڈنُن تہٕ تہٕ گژاو نہٕ۔

**ایس۔ کے۔ توشہ خانی**
(چیف ایڈیٹر)

۲۷ نومبر ۱۹۷۴ء

# رسم خط

بیٚمہِ ڈِکشنری ہُند رسمِ خط چھُ سُے یُس جموٗں کشیٖرِ ریاستس منظوٗر چھُ کوٚرمُت.
گٔرسہ ؤرتاونس اندر آسہ نہٕ لیکھن وٲلۍ کُنہِ گنڈتھ طریقس اندر لیکھان۔ پرتھ کانٛہہ اوس پننہِ رسمِ خط پننہِ پننہِ مرضی موجوب استیمال کران۔ امہِ بأپتھ بُلاو چیف ایڈیٹرن گوڈٕ اکھ اُدبن ہنٛز میٹنگ ۱۹۶۷ء اندر۔ تۄیتہٕ آیہٕ بیاکھ میٹنگ ڈِکشنری ہنٛدِ ن دوون ایڈیٹوریل بوڑن ہنٛز ۲۷۔ نومبر تہٕ ۲، دسمبر ۱۹۷۱ء منٛز چیف ایڈیٹرٕ سنٛدِس وننس پیٹھ بُلاونہٕ، تتھ اندر سپنہٕ کیٚنہٕ کتھہٕ طے یِمن ہنٛز ذِکر بوٚنہٕ کُنہِ چھنہٕ۔

۱۔ اسماءِ حُسنیٰ تہٕ صِفاتِ محمدیؐ اندر یِم نٔمہٕ نٔمتھ تہٕ نٔمہٕ نٔمتھ لفظ یِوان چھِ تِم ییٚن تتھے پأٹھۍ ہوٚبہوٗ نستٲلیقس اندر عربی موجوب لیکھنہٕ۔

۲۔ ث، ص، ح، خ، ذ، ض، ط، ظ، غ، ف، ق، ییٚن یِمن سارِنے لفظن اندر لیکھنہٕ یِم عربی یا فارسی پیٹھہٕ آمتۍ آسن۔ مثلن ثواب، صاف، حد، خط، ذلیل، نظر، غرض، قلم بیترِ ییٚن نہٕ لیکھنس اندر بدلاونہٕ صِرف ییٚتہِ تلفظ تلہِ آسہِ کانٛہہ اوٚر اچھُر (VOWEL) بدلان، تتہٕ ییٚیہِ تہٕنٛدِس یأتہٕ تبدیلی کرنہٕ۔

۳۔ "ع" اچھُر ییٚیہِ اَرِ اچھرچہِ اَدلا بدلی سان لفظس گوڈٕ تہٕ پتہٕ لیکھنہٕ۔ مثلن: عمل، عقل، علم عاشق، عارِف، عانٛکھ، طالیع، شمع، نفع، بیترِ مگر ییٚتہِ آخرس اندر امہِ برونٛہہ زیوٚٹھ اوٚر اچھُر (VOWEL) ییٚیہِ تتہٕ ییٚیہِ تراونہٕ مثلن: شوٗروٗع بدل شوٗروٗ تہٕ الوداع بدل الودا بیترِ۔

۴۔ یُس "ع" فارسی یا عربی لفظس منٛزس ییٚیہِ تمہِ بدل ییٚیہِ سہ اوٚر اچھُر (VOWEL) لیکھنہٕ یتھ منٛز

تَمِہٕ آواز کأشُرِس مَنٛز بدلیمٕژ آسہٕ۔ مثلَن : تاشوق ، ماشوق ، جافُر ، تأریف ، تأجُب ، تأمیر ، تألیم ، شأیِر ، توٗلُق ، موموٗلی ، شولہٕ ، جُماتھ بیترِ۔

۵۔ عَرَبی تنوِین ( ً ٍ ٌ ) بدَل پیٚہِ اَن تھوَنہٕ۔ مثلَن : فورَن ، جَبرَن ، آخَن فانَن ۔

۶۔ دَست ، وَقت ، سَخت بیترِ ہی لفظ ہیٚکوٚ زِ لیکھتھ پیٚتی مرِ ت ، ورأے ، نہٕ۔ مثلَن : دَس ، وَق ، سَخ ، بیترِ۔

۷۔ یِمَن لفظَن عَربیس اَنٛدَر ، اَل ، یِوان چھُ ، مثلَن : ابنُ الوقت ، بالکُل ، بیترِ ، تِم ہیٚن یِتھٕ پأٹھی لیکھنہٕ اِبنُل وَقت ، بِل کُل ۔

۸۔ یِمَن فارسی یا عَرَبی لفظَن گوڈٕ ، اح ، یِوان آسہٕ تہٕ یِمَن کأشُر آواز ، ییٚح ، تھوٚونہٕ نیرِ ، تِم ہیٚن ، اییٚح ، سیٚتی شوٗر کرنہٕ۔ مثلَن : احسان تہٕ احترام ، ہیٚن لیکھنہٕ اییٚحسان ، تہٕ اییٚحترام ۔ مگر اَحَد ، اَحمَد تہٕ اَحمَق ہی لفظ ہیٚن یِتھٕ کنٛہ لیکھنہٕ تہٕ کیازِ یِمَن مَنٛز چھُنہٕ ، اح ، ، ییٚح ، آواز دِوان۔

۹۔ عام پأٹھی گژھ یہ یاد تھوٗن زِ کأشرِ لفظ ہیٚن کأشرِ آوازِ موجوٗبی لیکھنہٕ۔ مثلَن : پیدا ، میدان شاعر ، خواہش ، جُرأت بیترِ بدَل گژھ لیکھُن پأدٕ ، مأدان ، شأیِر ، خأہش ، جُرَتھ۔

۱۰۔ ییٚنہِ کانٛہہ عَرَبی لفظ ، اع ، سان شوٗروٗ آسہِ سپدان تَس پیٚہِ ، اع ، اَکھ ڈکھانٹ (DIGRAPH) شُروٗنٹ اَچھرِ ماننہٕ ، اع ، سیٚتی شوٗروٗ کرنہٕ مثلَن ، اعتبار ، اعتراض ، ہیٚن تِتھے پأٹھی لیکھنہٕ یِتھٕ پأٹھی عَرَبیس اَنٛدَر چھُ۔

۱۱۔ کھنّے ، ژنّے ، منّے ، ہی لفظ ہیٚن یِتھے پأٹھی لیکھنہٕ۔

# عَلامٲژ تہٕ ژھوٚٹرٕنہٕ

| | |
|---|---|
| ـــــہ برٛوٚنٛہہٕ لوٚگ | ہ ـــــ پتوٚت لوٚگ |
| ؟ = اَمہِ پتہٕ مَشکوٗک | ؟ = اَمہِ برٛوٚنٛہہٕ مَشکوٗک |
| < = آگُر ۔ کھوور لَفظہٕ مَنٛز دٕرامُت | > = آگُر ۔ دٔچھِنہِ لَفظہٕ مَنٛز دٕرامُت |
| اَنگ = انگریزٛی | س = سَنٛسکرِت |
| ع = عَرَبی | ف = فارسی |
| ہ = ہِنٛدی | اُ = اُردوٗ |
| ل۔م = لفظی مانے | م = مِثال |
| مُ = مُقابلہٕ چھُس | م = مادٕ ، ن = نر |

(اَمہِ ہُرچھہِ بیٚیہِ تہٕ کینٛژن زَبانٕن ہِنٛدی لَفظ یہِنٛدی ناو پوٗرٕچھہِ دِنہٕ آمٕتی)

# تَشرٛیح

کاٛڈی عَلامَتہ چھِنہٕ لَفظَن آگُر ہاوان ، یورکُن یہِ کوو واہراوتھ آسہِ گٔمٕتہ چھُ تَمہِ لَفظُک آگُر دِنہٕ یُس کاوِس کوٗنَس نِشہِ لیکھِمٕتہ آسہِ ۔ مَثلَن [ اُچھ < س : اَکشہِ > پرٛاکرت : اَچ چھہِ ] گوٚ کاشُر لَفظ " اُچھ " چھُ سَنسکرِت " اَکشہِ " لَفظہِ پیٹھٕ آمُت ۔ اَمی پیٹھٕ چھُ پرٛاکرت ' اَچ چھہِ ' آمُت ۔ یُس کاشرِس لَفظَس سیٚتی میلان چھُ ۔ سوالیہ نِشان چھُ ہاوان مَشکوٗک گٔیمٕتہ ۔ یہِ چھُ مَشکوٗک کٔرتھ گوٚڈٕ دِوان ، بیٚنہٕ پاٹھٕی ۔ مِثال ' ؟ ' اَنتہٕکال چھُ دٕرامُت اِنتقال لَفظہٕ مَنٛز ۔ ' اِنتقال ' لَفظہٕ مَنٛز چھُ ' اَنتہٕکال ' دٕرامُت ۔

# اَچھرَن تہٕ لفظَن ہٕنز ترتیب

یہٕ ترتیب چھےٚ ڈِکشنری اسیسمینٹ کمیٹی (DICTIONARY ASSESSMENT COMMITTEE) ہُنٛد رپورٹ نظرِ تل تھَوِتھ یُس تمہٕ جوٗن ۲۱ ـ ۱۹۶۵ عیسوی اَنٛدر دِیُت۔ تہٕ ایڈیٹوریل کمیٹی ہٕنٛدِ فیصلہٕ موجوب دِنہٕ آمٕژ۔ اَچھرَن ہٕنز ترتیب چھےٚ یِتھہٕ پاٹھۍ:

## اُرۍ اَچھر

َ  ٓ  ٕ  ٔ  ِ  ٖ  ُ  ٗ  ٚ  ٛ  ۄ  ۆ  اوٗ

اوٗ  او  او  ےٚ  ے  ےٛ  ۍ  ی  اع

## زُرۍ اَچھر

ا ب پ پھ ت تھ ٹ ٹھ ث ج چ چھ ح خ د ڈ ذ ر ڑ ز ژ ژھ س ش ص
ض ط ظ ع غ ف ق ک کھ گ ل م ن و ہ ے ۂ ۂ

یمو مَنٛز چھُ 'اع' اَکھ ڈکھانٹ کَنہٕ اَچھُر (DIGRAPH) مانِنہٕ یوان۔ یہِ چھُ ایڈیٹوریل کمیٹیٖن ہٕنٛزِ سفارشہِ موجوب تتھ جایہِ استیمال آمُت کرنہٕ یتیٚتہٕ کانٛہہ لفظ عربی پیٚٹھٕ آمُت آسہِ۔

اَتھ چھِنے ضوٗرُورتھ موٗجوٗب نہٕ آوازٕ نیران۔ مَثلَن : اعتبار، اعتراض، لفظ یِہَن نتہٕ
آوازٕ موٗجوٗب 'یِتبار' تہٕ 'یِتراض'، لیکھنہٕ۔ بٲیِکھ آواز چھُس نیران یِیلہٕ اعراب ہیوٗہ
لفظ آسہٕ۔ یہٕ اچھُر چھُ نوٚو تہٕ توٚ کینٛہ چھُ سارِنٕے اَرِن اَچھرَن پَتہٕ دِنہٕ آمُت۔

عام پاٹھۍ چھِنے فارسی تہٕ اُردوٗ ڈکشنرِین ہُنٛز ترتیب اعراب زیر، زبر بیترِ
تراوِتھ حروٗف تہجیوٗ موٗجوٗب دِنہٕ یِوان مگر یوٗسہٕ اَسہِ پیٚٹھٕ کُنہٕ اَچھرَن ہُنٛز ترتیب دِژ تمہِ
موٗجوٗب چھِنے لفظَن ہُنٛز ترتیب تہٕ بدلان مثلَن : فارسی یا اُردوٗ ڈِکشنری منٛز ییہِ 'باد' لفظ
گوڈٕ تہٕ 'بد' لفظ پَتہٕ۔ مگر کاشُر ڈِکشنری' اَندر ییہِ 'بد' لفظ گوڈٕ تہٕ 'باد' لفظ پَتہٕ۔ تہٕ کیازِ
'بد' لفظس چھُ 'ب' تہٕ 'زبر' ( ـَـ ) تہٕ 'باد' لفظس چھُ 'ب' تہٕ 'ا'۔ ایسیس مینٹ
کمیٹی ( ASSESSMENT COMMITTEE ) ہُنٛز سفارشہِ موٗجوٗب ییہِ زبر ( ـَـ ) گوڈٕ تہٕ
'ا' پَتہٕ۔ یِتھے پاٹھۍ 'کرم' گوڈٕ تہٕ 'کرٛم' (ہاکھ) یِتھ 'ک' پَتہٕ 'ر' چھُ سارِوے 'ک'
تہٕ تتھ سیٖتی اَرِ لوٚ اَچھرٕ و پَتہٕ۔ ٭

# لَفظہٕ ہاوُک

# ٹ

ٹ۔ کاشریک سٔتیٚم تہٕ اُردوٕ ہُک پٔنژٕیُم اَچھر ۔ یہ چھُ تالَس یا بیٚٹھِمہِ دَنٛدہٕ وٕرٕٹھج ماز بیر اَندرٕ رٕکِنہٕ زیوٕ بیٚوت لاگنہٕ سٍتی بولنہٕ یوان۔

ٹَبَر۔ ن۔ مۄل ۔ ٹَبَر < ہ: ٹبَر] شُری باٲتہ۔ عیال۔

ٹَپَل۔ ٹَپھ دِنہٕ وول، یُس ٹَپھ دِیہِ ۔ یُس لَتہٕ تُلان آسہِ (کھَر یا گُر بیٚترِ)۔

ٹَپہٕ (کھیوٚن)۔ ن۔ مۄل: ٹپ < ہ: ٹپّا] ژٕزٕٹ (کھیٚنی)۔

ٹَپہٕ گَشٕدُن ۔ ژٕزٕ یٚچھ گَشٕدُن یِنٛدٕ ژٕزٕ بیٚچہٕ کھیاوٕنی ۔ یینٛدِ یا کُنہِ چیزَس ٹاس ٹاس دِنہٕ ژٕزٕ بیٚچھ تُلنہِ۔

ٹَپہٕ ٹَپھ۔ ١۔ گُرَن ہُنٛد اَکھ اَکس دُ لَتہٕ لاینہٕ۔ ٢۔ (وَرگہٕ پاٹھی) لایہ لاے۔

ٹَپہٕ ٹَپھ کَرٕنۍ۔ ١۔ گُرَن ہُنٛد اَکھ اَکس دُ لَتہٕ لاینہٕ۔ ٢۔ ہَرٕ ہَرٕ کَرٕنۍ۔

ٹَپلہٕ۔ ن۔ مۄل: ٹپل < پنجٲبی: ٹپلا] پھیر۔ حسابُک گُرٕ بَڑ۔ گَژٕ ٹز پھیٚرٕ۔ ٹُل۔

ٹَپھ١۔ ن/م۔ مۄل: ٹَپ < س: تَپہٕ۔ ١۔ لَتھ۔ دُلَتہٕ (گُرِس بیٚترِ سٕنٛد)۔ ٢۔ (وَرگہٕ پاٹھی) مُصیبَتھ۔ بلاے۔ ژٕ ٹٕڈ۔ گاے لہٕ۔

ٹَپھ دِیُن۔ یوٚت زَنٛگو سٍتی گُری سٕنٛز لَتھ لاینۍ۔

ٹَپھ تُیُن۔ ١۔ گُری سٕنٛز یا کھَرٕ سٕنٛز لَتھ ینۍ۔ ٢۔ گاے لہٕ یُن۔ ژٕ ٹٕڈ ینۍ۔

ٹَپھ٢۔ ن۔ مۄل: ٹَپھ < انگ: ٹَب] ٹَب۔ ٹینُو اَکھ بوڈ تہٕ کھوٚل باتہٕ یَتھ منٛز شٕژان کَران یا ئڈی ئڈی پَلو بیٚترِ تہٕ چھَلان چھِہ۔

ٹَپھ٣۔ ن۔ مۄل: ٹَپ < ہ، ٹب] ٹانٛگہٕ۔ یَکہٕ۔

ٹٹاراٹس۔ ن۔ مۄل: ٹٹاراٹس < آوازِ پیٹھ] گرٕگرٕ گَژٕ صحیح آواز، خاص کَرِتھ گَگُرٕ ابہٕ بیٚترِ وَنان۔

**ٹٹہ اَٹس کھالُن** ۔ اَپزٕ وُلامہٕ لٲگنہٕ تھاوُن۔

**ٹٹرارٕ** ۔ م۔ مؤل: ٹٹرارٕ ے < آوازِ بیٹھ] پوٗتُس پتھ گگراین ہٕشنز بیٹھ آوازٕ ٹوٗموٗن رؤدٕ ژ) ٹاس رارے۔

**ٹٹرُ** ۔ ن۔ مؤل: ٹٹرٕ] ہکرٕ یوٗمت، زَزٕ یوٗمت دوٕدٕ یوٗمت (ٹٹُو)۔

**ٹٹھ** ۔ ن۔ مؤل: ٹٹھ] اکہ قسمُک ٹڈٕ نگاری۔ ٹٹھ کھیوٗن۔ تیوٗت کھیوٗن یوٗت ٹٹھس واتہٕ۔ تہٕ ڈیتھ گوسٹھا کھیوٗن۔ داریاہ کھیوٗن۔

**ٹٹھُل** ۔ سَنہٕ تگارِ شکلہٕ اکھ ہچُو یانہٕ (اناج بیٚنہٕ تھوَنہٕ باپتھ)۔ سوٗن تہٕ ڈُوم ٹٹھ۔

**ٹڈ** ۔ ن۔ مؤل: ٹڈ] جانگرٕ ڈامب۔ اَپزٕس پوٗز تہٕ پزِس اَپزٕ۔ ٹڈٕل۔ ٹڈ کرَن دول۔ یَب کرَن دول۔ ٹڈ کرُن۔ ٹڈ کرُن۔ ڈامب کرُن۔ اَپزِس پوٗز تہٕ پزِس اَپزٕ کرُن۔

**ٹڈم** ۔ م۔ مؤل: ٹڈم] ٹڈٕ گرٕ، چالاکھ، مالداتھ زنانہٕ۔

**ٹرٕ** ۔ ن۔ مؤل: ٹرٕ < س: رٹا۔ پھیر کُفر کرِتھ] سو بے بُنیاد کتھ یتھ بیٹھ اَکُس یِیہ نہٕ اَپزٕ یتھ منز مُبالغہٕ کِنہٕ آسَن ترٲے آسہٕ۔ **ٹرٕل** ۔ ٹرٕ ون دول۔ ٹرٕ بازٕ۔ ٹرار۔

**ٹرار** ۔ ٹرٕ بازٕ۔ ٹرٕ گوٚر۔

**ٹرٕ میہر ڈراد** ۔ اَپزٕ یارٕ سند کتھ ...

نیوٗلے اَپزٕ۔ **ٹرٕ بازٕ** ۔ یُس ٹرٕ وَنہٕ نُک عادتھ آسہٕ۔ یُس ٹرٕ آسہٕ لایان۔ **ٹرٕ گوٚر** ۔ اَپزٕ کتھ بیتر وَنہٕ اوَن دول۔ ٹرٕ لس ٹرٕ بچھن چھ مول مٔرتس برابر۔ اَپزِس سٕنبر گژھن چھ اَپزٕ یارٕس سٕنبہٕ گنڈٕ گژھان، موتس برابر گژھان۔

**ٹرلاین** ۔ یہ تہٕ بنیو منزٕ آسہٕ تی وَتُن ۔ کھڑتھ وَتُن۔

**ٹرٹرٔی** ۔ < "ٹر" دوگناوِتھ۔ وُچھو "ٹر" یُس جادٕ کتھ کرِ۔ بکواسی۔ چَرچٔری۔ بیہ بیہ ری۔

**ٹرکھاوُن** ۔ ن۔ مؤل: ٹرکھاو < ہ : ٹرٕ کا نا] عٔزرٕ آدِتھ ٹالُن۔ اوُرک یوٗرک وُنِتھ کانسہٕ نِشہٕ پان موکلاوُن۔ اَپارٕ ی واپس کڈُن۔

**ٹرَک** ۔ م۔ مؤل: ٹرَک < انگ: ٹرَک TRUCK موٹر چھکڑٕ۔ مال بیتر سارٕ بنچ موٹر گاڑی۔

**ٹرَنک** ۔ ن۔ مؤل: ٹرَنک < انگ: ٹرَنک [TRUNK ٹینُو یا بیٚیہ کُنہٕ داتِک صوٗندوٗق۔ بَلو صوٗندوٗق۔

**ٹرَنک کال** ۔ ن۔ مؤل: ٹرَنک کال < انگ: ٹرَنک کال [TRUN K-CALL بجہٕ لٲنہٕ بیٹھ دوٗر کُنہٕ جایہ ٹیلیفون (کرُن)۔

**ٹرَوٹ (ترَوٹ)** م۔ مؤل: ٹرَوٹ < انگ: ٹرَوٹ [TROUT اکھ گاڈٕ ذاتھ۔

**ٹرےَ سکل** ۔ ن۔ مؤل: ٹرےَ سکل < انگ: ٹرےَ سکل] اکِہ قسمُک زنگرٕ یتھ بتھہِ اکھ تہٕ پیتہٕ پیہِ چھ آسان۔

ٹرافی ۔ م ۔ مؤل: ٹرافی < انگ: ٹرافی TROPHY ۔
رہ یہِ سُنٛد یا سوٗنہٕ سُنٛد بنٛزِ کانٛہہ چیز یُس
کانٛہہ مُقابلہٕ زبینَ وألِس چھُ یِنامہٕ دِنہٕ یِوان۔

ٹرانسپورٹ ۔ ن ۔ مؤل: ٹرانسپورٹ < انگ:
ٹرانسپورٹ TRANSPORT ۔ سوار یا مال بنٛزِ
اکہِ جایہِ بیٚیہِ جایہِ سارنہٕ ذٔرِکی ہیٚ ۔ تہِ
ڈیپھ گوٗ، گاڑی، جہاز، گرٛ، یا ناو بیتر۔

ٹرانسفر ۔ م ۔ مؤل: ٹرانسفر < انگ: ٹرانسفر
TRANSFER ۔ تبدیلی ۔ عوٚہدٕ دارہٕ
سیٚنٛز بدلی۔

ٹریجری ۔ م ۔ مؤل: ٹریجری < انگ:
ٹریجری TREASURY ۔ خزانہٕ۔

ٹریڈ یونین ۔ م ۔ مؤل: ٹریڈ یونین < انگ:
ٹریڈ یونین] پنٛنہٕ حۆقوٗق بچاونہٕ باپتھ مۆزوٗرن،
کام کرن والین ہُنٛد سمٹ۔

ٹریفک ۔ ن ۔ مؤل: ٹریفک < انگ: ٹریفک] وٕ ہلن
یکن والین یا گاڑین بیترٕ ہُنٛد سڑکہِ پیٹھ یِنہٕ گژھُن۔

ٹریکٹر ۔ ن ۔ مؤل: ٹریکٹر < انگ ٹریکٹر TRACTOR
زمین وانہٕ نیچ موٹر مشین ۔ موٹر آلہٕ بأتی۔

ٹریننگ ۔ م ۔ مؤل: ٹریننگ < انگ:
ٹریننگ TRAINING ۔ تربیت۔
کُنہِ خاص عٔلمٕچ یا فنٕچ تألیم ۔ کانٛہہ فن
ہیٚچھُن ۔ کُنہِ مشنز خطہِ کٔڈ نیٚچ کام۔

ٹسر ۔ ن / م: ٹسر < ہ: تسر < س: تسر ۔
پراکرت: تسرو ۔ ہ، انگ: ٹسر TUSSORE ۔

اکہِ قسمُک ریشمی کپُر (یہِ چھُ مصنوٗعی تہٕ آسان) ۔

ٹپر ۔ م ۔ مؤل: ٹسر] ۱۔ بیٚنہٕ بیرہٕ نیچ اکھ لوٗر ۔
۲۔ (پھکھٹ پھکھٹ کرِتھ وُنی) وآزٕ پھر کوٗر ۔ ۳۔
لوٗ کُٹ دستار۔

ٹسولہٕ ۔ ن ۔ مؤل: ٹسول] ٹھُکھٹھ ۔ مخولہٕ ۔

ٹسنہٕ ۔ ن ۔ مؤل: ٹسن] ملأیہٕ ۔ ہیڈن گیٖن ۔

ٹکرہ ۔ ن ۔ مؤل: ٹکرہ < س: ٹکرا] ۱۔ اکھ اکِس نیٚنہٕ
چھاونہٕ یُن ۔ ۲۔ (ورگہِ پأٹھی) مُقابلہٕ ۔ ٹھوسہٕ
ٹھوسس ۔ ٹھوٗل ۔ بُتھی لاگےٚ ۔

ٹکرہ انُن ۔ کانٛہہ چیز کُنہِ سیٚتی ٹھاسُن ۔

ٹکرہ کھیوٗن ۔ ٹکرہ لگُن ۔ ٹھوٗل لگنہٕ ۔ ٹھوٗکہٕ لگُن ۔

ٹکرہ لگُن ۔ کُنہِ سیٚتی چھاونہٕ یُن ۔ ٹھاسنہٕ
یُن ۔ لابینہٕ یُن ۔ ۲۔ (ورگہِ) نُکھ واتُن ۔

ٹکرہ ہیوٗن ۔ ٹھولہٕ لگُن ۔ مُقابلس نیرُن ۔
(کانٛسہِ سیٚتی) ہیٚنتھ کھیوٗن ۔

ٹکرہ لگنی ۔ پژرہ پیٚنہٕ سیٚتی اچھن اَنہٕ گوٗٹ ہیوٗہ
گژھُن ۔ کُنہِ پژزلہٕ وُنس چیزس بیترٕ بیٚٹھ نہٕ
نظر ڈِہ ونہٕ ۔

ٹکہٕ (ٹُکہٕ) منٛچ ۔ ژوٗپ ژوٗپ کڈتھ کھینہٕ باپتھ
نیچ منٛچ ۔

ٹکہٕ مُنی پیٚتھ ۔ اندر ونہٕ کنز یا بےٚ صبری سیٚبہٕ
کانٛسہِ ٹکی ٹار یا دولہٕ دِچھُن ۔

ٹکُن ہا ۔ ن ۔ مؤل: ٹک < م: پنجابی: ٹکنا ۔
۱۔ دندو سیٚتی ترکُن ۔ کُنہِ ذٔرِس چیزس،
اڈی جہ بنٛزِ دندو سیٚتی کژو تُس کرُن ۔

بژکھ دیُن۔ ۲۔ کھیں چیں (ل۔م : بژکُن لائیٚ کانٛہہ چیز)۔م : یَکِس گژھِ ٹکُن آسُن۔

**ٹکُن ع۲۔** داو یا شیٖنہ بیتر عستی پھٔٹِتھ پیمژ دیرمُر۔

**ٹکورٕ۔** ن۔ مۆل : ٹکور > ٥ : ٹکور] ۱۔ کُنہِ تیزِ چیزُک ضماد۔ دادِ چہ جایہ کینٛہہ تُژراوِتھ یا وُشناوِتھ لاگُن۔ ۲۔ پھٔشہ گُنی۔ تیزی۔ سوٚ گُنی یَتھ بیٛیٹھ چھان بیتر تھِھی یار تیز کران چھِ۔ چھانہِ سٕنٛز بلوٕ گُنی۔

**ٹکورٕ کَرٕنی۔** کُنہِ وُشنہِ چیزکِ پانس ژکی بیتر دِنی۔ وُشناوی وُشناوی دادِ چہ جایہ کانٛہہ چیز لاگُن (پھمب وَتن بیتر)۔ تُنی ضماد کرٕنی۔ (ؤرگہ پاٹھی) کتھو عستی یا زال نال ڈنِتھ کانٛہہ کُملاوُن، پشلاوُن۔ شھُنٛز کرٕنی۔

**ٹکسال۔** ن۔ مۆل : ٹکسال > س : ٹنکہ + شالا] ضراب خانہٕ۔ سِکہٕ بیترِ بناوُنک محکمہٕ، کارخانہٕ یا جاے۔ (ؤرگہ پاٹھی) عاپچ پنیچ گژھنچ جاے۔ بیٛیتہٕ سوٚرٕے نوٚن آسہٕ۔ ژٕنٛڈِ کھ۔

**ٹکسالہِ کھُسُن۔** (کانٛہہ کتھ) عامس بیٛیٹھ پٔتنی۔

**ٹکھ۔** ن۔ مۆل : ٹک > آوازِ بیٛیٹھ۔ مُ، پنجابی: ٹک] ۱۔ بژکھ۔ ۲۔ ٹکڑِ دَبہ عستی کُنہِ لوٚگمُت یا دٔتیمُت ژھین۔ دِرامہِ یا کوٚنسرٹس بیتر ژھین۔ ۳۔ کُنہ تجُر چھَل یا ژوٚٹمُت ٹکر بیتر یا کُنٛج گنٛڑا گاہکس یَتھ کُلِس کوٚنسرٹس بیتر۔ ۴۔ (ؤرگہ پاٹھی) کُنٛیک کھُروٚ خاپہٕ، نیوٚل، کیٛل۔ ۵۔ وہرٕ باچھن ہنٛز ترٕشہ۔ ۶۔ (کتھ بیترِ

مَنٛزٕ ژٕھُنی۔ ۷۔ (کانٛسہِ ہشدِس روٗزی یَس پاے وات تَسہِ بیتر) دژوٚت دیُن۔ ۸۔ سَخ ماآل۔ رٔغبَتھ۔ ۹۔ کرِ ہٕند کانٛہہ پور یا پوٗرک حِصہٕ۔

**ٹکھ آسُن۔** ل۔م۔ ژٕٹنگ آکھ آسُن۔ زخم آسُن۔ (ؤرگہ) کھرٕوٚ آسُن۔ خاپہٕ آسُن۔ کانٛہِ تل آسُن۔ کیٛل آسُن۔ نیوٚل آسُن۔

**ٹکھ دیُن۔** ۱۔ لٔنگ کُنٛجِ ژٕٹنہِ، (تَبرِ، تورِ بیتر یا کُنہِ تھُھی یارٕ عستی)۔ کُلی لٔنجَن نٔترا سِفس ہیٛوٚن (ہیٛینی)۔ ۲۔ ٹکُن۔ دَنٛدٕ عستی ژٕٹُن، ٹکھ دیُن۔ ۳۔ زِنی موٚنٛڈ یا کوٚٹ بیترِ مکٕتہٕ عستی مَنٛزٕ ژٕٹُن یا نَتہ مَنٛزٕ ژھین دیُن۔ ۵۔ (ؤرگہ پاٹھی) کانٛہہ برٕہم کرُن۔ کانٛسہِ موٚنس دژوٚت دیُن۔ زکھ واننٛاوُن۔

**ٹکھ روزُن۔** ل۔م۔ ژٕٹنگ آکھ یا زخم روزُن۔ (ؤرگہ) کانٛسہِ ہشد کھرٕوٚ روزُن۔ کینٛہہ روزُن۔ کانٛہِ تل روزُن۔ نیوٚل روزُن۔

**ٹکھ ٹکھ۔** ژمہِ زاوِ چہ وہرٕ موٚرِ ہمہ داو بیترِ عستی ہٕتھر بہوان چھِ تہٕ یَتھ تھٕرٕ ٹکان چھِ۔

**ٹکھ ٹکھ کران۔** ۔ پھر پھر کران۔ تیز تیز ژُکنہِ وَرآے (ہَیرٕن، کانٛہہ کتھ پھرنی بیترِ)۔م۔ ژمی بوزِ نوو ٹکھ ٹکھ کران سبق۔

**ٹکھ ٹیٛچ۔** م۔ مۆل : ٹکھ ٹیٛچ۔ ۱۔ تُرک تُرک اُڈج، سو اُڈج یوٚسہٕ تُرک تُرک کٔرِتھ کھینہٕ چھِ یوان۔ ۲۔ اکِ قسمُک موٚدُر تہٕ نٔرِ وُشش ژوٚٹ یا ووٚر۔

**ٹگ۔** م۔ مۆل : ٹگ > انگ : ٹگ۔ TUG۔

ٹھٕمہٕ ٹھٕم ۔ رَسہٕ کٔنٛشی ۔

**ٹلُن** ۔ ن ۔ مۄل : ٹٔل < ہ م ، ہ : ٹلنا ] ڈلُن ۔ (کانٛسہِ ہُنٛد) کُنہِ جایہِ پیٹھہٕ اوریہ یور نیرُن ۔ (مثبتھ) دۄر گژھُن ۔

**ٹم ٹٔم** ۔ ن ۔ مۄل : ٹٔم ٹٔم < انگ : ٹینڈم TANDEM ] ۔ ٹانگہٕ بیالہِ اکہٕ قسیچ بٔگی ۔

**ٹماٹر** ۔ ن ۔ مۄل : ٹماٹر < انگ : ٹماٹو TOMATO ] ۔ رُوانٛگُن ۔ راٹھہٕ وانٛگُن ۔ بوٚتہٕ وانٛگُن ۔

**ٹَن** ۔ ن ۔ مۄل : ٹن < انگ : ٹَن ] اَٹھو وُہ مَن یوتا وزَن ۔

**ٹَنَل** ۔ م ۔ مۄل : ٹنَل < انگ : ٹنَل ] سٕرٕنگ ۔ ہد ۔

**ٹٔنٛنی** ۔ ن ۔ مۄل : ٹٔنی < پراکرت : ٹھَن ] (کُنہِ چیزُک) ٹاس لگنٕچ آواز ۔

**ٹٔنٛڈٕ** ۔ ن ۔ مۄل : ٹٔنٛڈ < ہ : ٹنٹا ۔ (کُنہِ حسابس بیتر پیٹھ) ٹٔپلہٕ ، نیاے ۔ جھگڑ ۔ تنازٕ ۔ فساد ۔ بکھاٹ ۔ ٹٔنٛڈٕ ٹلُن ۔ ٹٔنٛڈ کرُن ۔ فساد تُلُن ۔ نیاے زٕ وُ راوُن ۔ ٹٔنٛڈ گوٚر ۔ ٹٔپلہٕ کرن وول ۔ لڑایہٕ گوٚر ۔ ٹٔنٛڈٕ لاگُن ۔ ٹٔلی جُنگہٕ لاگُن ۔

**ٹٔنٛز** ۔ ن ۔ مۄل : ٹٔنٛز < ٹن آوازِ پیٹھ ] ۱ ۔ سٔنٛز ۲ ۔ (کانٛہہ کام نکھہ وانٛنیچ) زبردست خٲہش ۔ ٹٔنٛز تژاوُن ۔ کُنہِ کامہِ ہُنٛد سٔنٛز کرُن ۔

**ٹٔنگ ۱** ۔ ن ۔ مۄل : ٹٔنگ < س : ٹٔنٛکہ ] ۔ اکہ میوٚنٛک ناد ۔

**ٹٔنگہٕ کُل** ۔ سہ (بوٚڈ) کُل یتہِ ٹٔنٛگ نیران آسن ۔ ڈم : ٹٔنگہٕ کُجہِ لوکُٹ ٹٔنگہٕ کُل ۔

**ٹٔنگہٕ وُڈ** ۔ سو جاے یتہِ نس سبٕٹھا ٹٔنگہٕ کُلی آسن ۔ ٹٔنگہٕ کُلن ہٕنٛدی وار ۔

**ٹٔنگہٕ ہٹ** ۔ ۱ ۔ ہوٚ کھٕتوٗ ومُت ٹٔنگہٕ زٕ کُل ۔ ٹٔنگہٕ گھاس ۔ ۲ ۔ ٹٔنگہٕ لکہ ۔ ٹٔنگہٕ کُچھ ہٹ ۔ ۳ ۔ ہوٚ چھہ مٕژ (کمزور) زنانہٕ ۔

**ٹٔنگیُو ، ٹاٚنگیُو** ۔ ٹٔنگہٕ لکہٕ ہُنٛد بنیومُت ۔

**ٹٔنگ ۲** ۔ ن ۔ مۄل : ٹٔنگ < س : ٹٔنٛکہ ] یَریٹس اکہِ طرفہٕ کوٚن تَل کُجہ مُژ تمہٕ کُجہ ہیمہ ہٕنٛگس تہٕ نیاسکس زٕدِن مٔنٛز بنٛد چھپے روزان تہٕ یمن پیٹھہٕ سہ مُژرہٕ دِنہٕ ورٕ پھیران چھُ ۔

**ٹٔنگہٕ کڈُن** ۔ واریا دروازٕ پٔتھک گوٚ گُل واسہ کہٕ زٕد منٛز کڈُن ۔

**ٹٔنگَن رٔس پیوُن** ۔ بالٕغ گژھُن ۔ وانٛسہِ کُنہِ نیترس قابِل واتُن ۔ بانٛز بوچھِ دوہ تلُنہٕ ۔

**ٹٔنگہٕ انُن** ۔ گیر کرُن ۔ بٔسپر انُن ۔

**ٹٔنگہٕ پیُن** ۔ گیر گژھُن ۔ پریشان گژھُن ۔

**ٹٔنگہٕ ڈلنہٕ** ۔ عناصیر ڈلنہٕ ۔ سُمہٕ ڈلنہٕ ۔ ہوش ڈُلُن ۔ وہٕ بٔسرُن ۔

**ٹٔنگہٕ راچھہ** ۔ (ل ۔ م) ٹٔنگَن ہُنٛد شٔکدر ۔ (دَورگہ) کژکُل ۔ کژکہٕ ناد لاگَن وول ۔

**ٹٔنگہٕ فارسی بوٚلُن** ۔ دوٚ گُلہٕ زبان بوٚلنہٕ ۔

**ٹٔنگہٕ لوٗٹ** ۔ ن ۔ مۄل : ٹٔنگہٕ لَٹ < س : ٹٔنٛکہ + پراکرت : لٹھ ] ۱ ۔ سہ چیز یُس ٹٔنگہٕ لٔگی پاٹھی پیٹھ کنہ موٚٹ تہٕ بوٗن کُن زاوٕی آسہِ ۔ ۲ ۔ ٹٔنگہٕ ٹٔنی شکلہٕ

اَکھ زیورَ یا ہُنھے ہیوٚہ بَنوٚو مُت کانٛہہ چیز۔

**ٹَنگہٕ ہچہٕ گژھنہٕ۔** کھینہٕ وادِ ہیوٚ کھوٗن ۔ وۄپَس لگنہٕ سیٛتی ہیوٚ کھوٗن ۔

**ٹَنگہٕ ہیرلاگنی۔** بٮ۪یہِ تہٕ بٮ۪یہِ کُنی کنھ وَنٕنی۔ اَکھ موکلِنھ بیٚیاکھ کام وَنٕنی۔

**ٹَنٛگُن۔** ۱۔ اوٚنٛد کھوٗن۔ ۲۔ (دَرگہٕ پاٹھی) پیٚٹھہٕ ناوُن۔

**ٹَنگہٕ ناوُن۔** پیٚٹھہٕ ناوُن۔ اَمبہٕ ناوُن۔

**ٹَنٛو۔** ن۔ موٗل: ٹَنٛو < آوازِ بیٚیٹھ] ہوٗنی سُنٛد چَنٛو یا بیٚژِہ ہشس کانٛہہ آواز۔

**ٹَنٛو ٹَنٛو۔** ن۔ موٗل: ٹَنٛو ٹَنٛو < آوازِ بیٚیٹھ] چَنٛو چَنٛو۔ (دَرگہٕ پاٹھی) کانٛسہِ سُنٛد کنھِ مُنٛزی دوکھُن تہٕ دوکھُن۔ بَکھ تہٕ بَکھ (کرُن)۔

**ٹَہَل ۱،** ٹُہَلی (ٹُہَلی گی)۔ موٗل: ٹُہَل < م، ہ: ٹَہَل] ۱۔ ہوٚ ہنٛزِ گرٛی۔ نوکرٕ آزی۔ ذٲتی خدمتھ۔ ۲۔ گرُی رچھن وٲلی سٕنٛز کام۔

**ٹَہَل ۲ (ٹُہَلی)۔** ن۔ موٗل: ٹُہَلی] اَکھ جنگلی کُل۔ اَمیُک لکہٕ چھِنے بَڈٕ دُر آسان۔

**ٹَے۔** م۔ موٗل: ٹَے < انگ: ٹَے] نیک ٹَے لَفنک ژھوٚٹ۔ اَکِہ خاص نوٚمونہٕ سُو ہنٛز کپَر رٕل ہشس یوسہٕ قمیصہٕ کالرہٕ تلی گنٛڈِ کنھ اَکِہ خاص طریقہٕ گنٛڈان چھِ۔

**ٹٮ۪پ۔** ن۔ موٗل: ٹٮ۪پ۔ < انگ: ٹٮ۪پ] چھاپ ترٛاونہٕ بابتھ داتوٕ ہٕ اَچھر۔

**ٹٮ۪پ کرُن۔** ٹٮ۪پ مشینہٕ سیٛتی لیکھُن۔

**ٹٮ۪پ مشین۔** ٹٮ۪پ کرنہٕ چ مشین۔ ٹٮ۪پ رٲیٹر۔

**ٹَیِم۔** ن۔ موٗل: ٹٲیِم < انگ: ٹٲیِم] وَق۔ وَقت۔

**ٹَیِم پیٖس۔** ن۔ موٗل: ٹٲیِم پیٖس < انگ: ٹٲیِم پیٖس] اَکِہ قسمِچ گرٛی یوسہٕ طاقچس یا میزَس پیٚٹھ تھوَنہٕ چھِنے یِوان۔

**ٹَیِم ٹیبُل۔** ن۔ موٗل: ٹٲیِم ٹیبل۔ < انگ: ٹٲیِم ٹیبُل] کامِ کرنہٕ چ وَقتہٕ باگے۔

**ٹَیپسٹ۔** ن۔ موٗل: ٹٲیپسٹ < انگ: ٹٲیپسٹ] ٹٮ۪پ کرَن وول۔ یُس ٹٮ۪پ کرُن زانان آسہِ۔

**ٹَے فَیِڈ۔** ن۔ موٗل: ٹٲے فَیِڈ < انگ: ٹٲے فَیِڈ TYPHOID] تَپ۔ مُحرِق (مُحرِقہٕ)۔

**ٹاپِس۔** ن۔ موٗل: ٹاپس < انگ: ٹواپِس] مَسلہٕ۔ کَتھ دوٗر۔

**ٹاپھ۔** ن۔ موٗل: ٹاپ < آوازِ بیٚیٹھ] کُتہٕ چیٚیِہ چیٚیِرُک ٹاس۔ گلہٕ ژٕ ٹٕنٛڈ۔ ٹوٚسس۔

**ٹاپہٕ ٹاپھ کَرٕ ژٕ۔** لابہٕ لاے کرٕ ژ۔ اَکھ اَکِس ژٕ شجہٕ چپاٹھ دِیتہٕ۔

**ٹاٹَر، ٹاٹَر۔** ن/م۔ موٗل: ٹاٹَر < انگ: ٹارٹَر۔ TARTAR۔ اَکِہ قسمُک ژھوکھَر۔

**ٹاکھٹ۔** ن۔ موٗل: ٹاکھٹ < پراکرت: ٹٹی۔ م۔ ہ: ٹاٹ] ۱۔ بعہ ہرکیٚر۔ ۲۔ (دَرگہٕ پاٹھی) کھُپھُر کیٚر۔

**ٹاٹھنیار۔** ٹاچھر۔ ماسے موٚ جبنھ۔ پٔژیم۔ پیٛار۔

**ٹاچھر۔** ن۔ موٗل: ٹاچھر < ک: ٹوٚکھٹ < موٗل: ٹاکھٹ < س: تاتہٕ] ٹاٹھنیار۔ ٹوٚکھٹ آسُن۔ سۭتری آسُن۔ ماسے موٚ جبنھ۔

**ٹاڈَو** ۔ شخص تہٕ ٹارِن بیترِ کم کاسہٕ وٕرم یا پھوکھ بیترِ۔ (وٕرگہٕ پأٹھی) زھوکھ، تٕشہِ تہٕ کیپہٕ بیترِ۔

**ٹارٕچ** ۔ م۔ مؤل۔ ٹار چ < انگ : ٹوارٕچ TORCH- بیٹری سیلَن ہشدِ زورٕ گاشس یاد نک اکھ آلہٕ۔

**ٹاس** ۔ ن۔ مؤل۔ ٹاس < آوازِ بیٹھ] ۱۔ کُنہِ چیزٕکہ بَڈٕ تہٕ زورٕ پھٹنہٕ یا پھاٹنا وِنہٕ بیٔنہٕ سٕتی یوس آوازٕ نیران چھِ ۔ ۲۔ کانْہہ گوٗب چیزٕ وَسنہٕ پینچ آواز ۔ ۳۔ بوٗندوٗق چلاو پینچ آواز ۔ ۴۔ سو آواز یوسہٕ نالہِ بیٹھ زبو زورٕ ٹھوٗد تلنہٕ سٕتی نیران چھِ ۔ ۵۔ ژُنڈ یا دَب بیترِ دِنہٕ سٕتی یُس صدا نیران چھُ ۔ ۶۔ آتش بازِ ہُشد اکھ قسم یُس کُنہِ ٹھوٗس چیزس بیٹھ لأینہٕ پھٹان چھُ ۔ ۷۔ کُنہِ چیزُک لُطف ہیٕنہٕ سٕتی زیوِ سٕتی کڈٕ ہٕز آواز۔ ۸۔ (وٕرگہٕ پأٹھی) کتھِ نیٔنر۔ م، اکھ کتھِ دٕراونہٕ ٹاس تہِ۔

**ٹاسہٕ رازٕ** ۔ ٹاسَن بیٹھ ٹاس ۔ سیٹھا ٹاس (نیرُنی)۔

**ٹاس ترٛاوُن** ۔ ۱۔ لوٕہ یا ڈُنٛڈ بیترِ سٕتی دَب ژھٕنُن ۔ ۲۔ (وٕرگہٕ پأٹھی) کأنسِہ خلاف کینٛہہ تُشتھ وَنُن بیٚمہِ سٕتی سُہ وو کھنُن لایق روزِ نہٕ ۔ ۳۔ آتش بازِ گوٗس بیترِ ٹاس کڈُن۔

**ٹاس کَڈُن** ۔ ۱۔ کانْہہ چیز بیترِ تھٕنتھ کُنہ چھیٹھ راوُن یُتھ نتھ بَڈ صدا نیرِ۔ ۲۔ کانْہہ یا کینٛہہ زورٕ پھٕٹرِ لایُن، دأرِتھ دِیُن یا

کُنہِ چھاوُن ۔ دَب کڈِتھ پھٕٹرس ٹھاسُن۔ ۳۔ زبو نالہِ بیٹھ زورٕ ٹھوٗد تُلنہٕ سٕتی بَڈٕ آواز کڈٕنی۔ ۴۔ پأنسہٕ ٹونک بیترِ ہیٚتھ بڑو ٹھٕڈُ چھینہٕ روٗستے غرہ چھُن، فناکرِتھ ژٕھنُن ۔ م، تٕمی کوٚڈ ماٗلی پسٕندِ دیارَن کُنُے ٹاس ۔ ۵۔ دَب کڈُن ۔ ۶۔ کتھِ نیٔنر کرُن ۔

**ٹاسَل** ۔ سُہ چیز بیترِ یَتھ پھٹنہٕ وِزِ ٹاس یِیہِ ۔ (وٕرگہٕ) کرٕکہٕ ناد تُلن وول۔

**ٹاسہٕ پھوٗل** ۔ اَکِہ کُلیُک بُتول، دٕ پان چھِ زِ یِہِ چھُ اَکِہ کُلِہ کِس پوشِس تَلہٕ کُنہِ آسان تہٕ پوشس ٹہرِتھ یا ژُٹتھ چھُ یِہ یوٗ خٕتنہٕ بنان۔

**ٹاسہٕ راہِ رٕوٗد** ۔ رٕوٗدِ راتھ ۔ تِتھ رٕوٗد بیٚمہِ سٕتی ٹاس ٹاس میلہٕ۔

**ٹاسُر** ۔ ن۔ مؤل : ٹاسر] کم سوٗن تہٕ وو گُن (یایہٕ)۔ ٹاسُر یار۔ یانَس ڈُنٛدرٕ یوٗن آسِنچ حالتھ۔ مانگُ وو گنٛیار۔

**ٹاس لیوٕ ٹأسی** ۔ تَل بیٹھ ٹھونے یا آس پاس ژُھپنے (کینٛہہ) شخصِس بیٹھ وَنَن وول۔

**ٹاس کَڈٕنی** ۔ (کُنہِ چیزُک) لُطف تُلُن ۔ واہ واہ کرُن۔ م۔ سیٚتِن اوس تِیُتھ جان گوٗشت زِ تٕمی کڈٕ ٹاس۔

**ٹاس نہٕ کَڈُن** ۔ واشگاف نہٕ کرُن ۔ کتھ کھیٚنی۔ دَم کرُن (کھینٛہ چَھتھ)۔

**ٹاس پہٕ نیرُن** ۔ یکدم (بٕرٕ شہرس منٛزٕ) مُرتھ گژھُن۔

**ٹاس نیرُن** ۔ ننٛہِ گژھُن ۔ م، اَما ننتھ کتھِ دٕراو نہٕ ٹاس تہِ۔

**ٹافی** ۔ م ۔ مؤل: ٹافی < انگ: ٹافی TOFFEE] دوٗدس یا شَکرِ بناوِتھ اکھ خاص قسمُک مِٹھائی ۔

**ٹاکار** ۔ مؤل: ٹاکار < س: تَداکار] نوٗن ۔ صاف ۔ دٕرِ شیٹھان ۔ بڑوٗ تھِہ کُنہ ۔ پزٕرُ کھٹ ۔

**ٹاکار پاٹھی** ۔ شُنی پاٹھی ۔ صاف پاٹھی ۔

**ٹاکار نیرُن** ۔ نوٗن نیرُن ۔ صاف بوزنہ یُن ۔

**ٹاکاٹ** ۔ م ۔ مؤل: ٹاکاٹ < ع: طاقین] بوٹ چھاوِنہ اکِہ قسمُک گول تَوٗی ۔ ٹاچہ چالہ اکھ ٹوٗپی ۔

**ٹاکی** ۔ م ۔ مؤل: ٹاکی < انگ: ٹاکی TALKY] ۱۔ صدا ایٚنڈ فلم ۔ ۲۔ سینما ۔

**ٹاکر** ۔ م ۔ مؤل: ٹاکر < م، سندھی: ٹاکر] ۱۔ ٹینگ، سنگر، لوکُٹ بال ۔ ۲۔ ٹاپہر بھونر ۔ چھاپر ۔ ژُھر ۔

**ٹال** ۔ م ۔ مؤل: ٹال < ہ: ٹال < س: اَٹّال] ۱۔ زِنی بنہ ۔ ۲۔ ہیٚنزر روان ۔ بٕیتہ ہیٚنزر زٕتین بینتر کنتان آسہ ۔

**ٹالُن** ۔ دوٗل دِیُن ۔

**ٹال مٹول** ۔ ن ۔ مؤل: ٹال مٹول < ہ: ٹال مٹول] حیلہ بہانہ کٔرِتھ ڈالُن ۔ وٕتھ پٕنہ دِنی ۔

**ٹانٹھ، ٹانٹھہ** ۔ ن ۔ مؤل: ٹانٹ < م، ہ: ٹنٹا] ۱۔ جگہ ۔ ۲۔ جینٹہ ہیٚنز کام ۔ جگہ چ کام ۔ پیٚٹھ دار کام ۔

**ٹانجر** ۔ ن ۔ مؤل: ٹانجر] درہر ۔ تنہ کجار ۔

**ٹانڈ** ۔ ن ۔ مؤل: ٹانڈ < پنجابی: ٹانڈھا] مکابر، گنہارک یا بٕییہ کُنہ گلٕینگ موٚٹ نَل یا کاٹھ ۔

**ٹانسل** ۔ ن ۔ مؤل: ٹانسل < انگ: ٹانسِل TONSIL] زیوٚہندِس مؤلس نِش یتھ کُن اَلا شِنز ماز چھل ۔ (اَکھ دادِس چھ انگریزی پاٹھی ٹانسِلا ٹِس وَنان)

**ٹانکہ** ۔ ن ۔ مؤل: ٹانک < ہ: ٹانکا < س: ٹنکہ، م: ٹنکہ بینتر] ۱۔ دانگ ۔ وانٹھ ۔ ۲۔ ٹیب ۔ تزوٚپ ۔

ٹانکہ دِیُن ۔ وانٹھ دِیُن ۔ وانٹھ کَرُن ۔ جوڑ کرُن ۔ ٹیب دِنی ۔

ٹانکہ مارُن ۔ بےشونکی پاٹھی کینہہ ہیتھ ژلُن ۔

**ٹانگ** ۔ م ۔ مؤل: ٹانگ < آوازِ بیچھ] ۱۔ گاوٕ ہنز یا کھرس بینترِ پیٚنز گرٕ گھ ۔ ۲۔ کوہ کرٕ گھ ۔ ۳۔ تھفدِ وَدنہچ آواز ۔

**ٹانگہ ٹانگ** ۔ (چاروَین ہِتھ) ٹانگہ رارے، یوٚنس یتھ ٹانگہ دِنہ ۔

**ٹانگہ رارے** ۔ ٹانگہ ٹانگ ۔ ٹانگن بیچھ ٹانگہ ۔ خاصکر تھٕ شور یُس گیٚن بینترِ کُنہ کھوٗژرِ تھ یا دادِ دٔگِہ سِتی لاگن ۔

**ٹانگہ** ۔ ن ۔ مؤل: ٹانگ < ہ: تانگہ] اکِہ قسمچ گُگی یتھ اَکے گُرلمان چھُ ۔

**ٹانگُن** [۱] ۔ ۱۔ ٹانگ دِنی ۔ ۲۔ تھفدِ ہٹہ کینہہ وَنُن یا آنو دِیُن ۔ ۳۔ دادِ دٔگِہ بینترِ سِتی چکہ دِنہ ۔

**ٹانگُن** [۲] ۔ ن ۔ مؤل: ٹانگن < س: ٹانکنہ ۔ م، ہ: ٹانگن ۔ مراٹھی: ٹانکن ۔ بنگالی: ٹنکن ۔ نیپالی: ٹانگن] لوکُٹ ٹوٚٹ ۔ لوکُٹ گُر ۔

**ٹاو** ۔ ن ۔ مؤل: ٹاو < آوازِ بیچھ] ۱۔ کاوٕ پیٚنز آواز ۔ ۲۔ (کانسہِ تُجر ہیش) ریشہ ۔

**ٹاوس ٹلُن** ۔ ریشتہٕ ٹلُن ۔ وٕدنس کھارُن ۔ بھود ٹلُن ۔

**ٹاوٹاو کرُن** ۔ کاپہٕ سُند بولُن ۔ (وَرگہٕ یا ٹھی) کَتھ یا ٔزر تنزاوٕ نی ۔ کنخفہٕ نَنبر کرُن ۔ ہوو ہوو کرُن ۔

**ٹاوَر** ۔ ن ۔ موٗل : ٹاور < انگ ٹاور TOWER گُنبہٕ ۔ مکانس ییٹھہٕ کَنہٕ بنگالہٕ ۔

**ٹاہ** ۔ ن ۔ موٗل : ٹاہ < آوازِ ییٹھ ] کاو ژُلراوٕنچ آواز ۔ کاوَس چھہٕ ژُلراوٕنہٕ باپتھ زیوٗ ستی "ٹاہ" کران ، ییتھ گنٛی کو کرِ ہشس کران چھہٕ ۔

**ٹُٹ لاگُنی** ۔ بیتہٕ گژھہ کرُن ۔ اَگادِ گژھُن ۔ کَنھچھِے پتہٕ ٹنٛی ۔

**ٹُٹی ، ٹُٹ** ۔ م ۔ موٗل : ٹٹی < ہ : ٹٹی ] ۱ ۔ ٹیج ۔ زَل مَل کَرنٕچ جاے ۔ اِدرار کرنٕچ جاے ۔ بیت الخلاء ۲ ۔ بوڈ اِدرار ۔ گس ۔

**ٹُٹی نعوے** ۔ کو بھیبچہٕ سیتھ ۔ ٹوڈاپہٕ نَس کُن آسُن ۔

**ٹیچ** ۔ زَل مَل کرنٕچ جاے ، سو جاے ییتہٕ نَس حاجتس پیہ بیٛہنہٕ ۔ جایہ ضرورٔری ۔ پاخانہٕ ۔

**ٹیچہٕ منیرُن** ۔ زَنس مَلس نیرُن ۔ حاجتس بیٛہنہٕ گژھُن ۔

**ٹکیشن** ۔ ٹوٗک ہُت گاسہٕ ۔

**ٹکرُن** ۔ ن ۔ موٗل : ٹکر < س : ٹکرا / < پراکرت : ٹکرَ ] ۱ ۔ اَگادِ گژھُن ۔ بےیزتی کَرہٕ نی ۔ دِوَتھ والہٕنی ۔ ۲ ۔ بُتھہِ لگُن ۔

**ٹکی ٹارِ وُچھُن** ۔ اُچھ بٕرن کُن شُتھو نخہٕ زدٕ یہٕ نظر دِنہٕ ۔

**ٹنگیٛو زہیرِ تُو وُنُن** ۔ اوُرک یوٗرک وَنُن ۔

**ٹنگی ٹلی نیرُن** ۔ ل ۔ م ۔ یَہ یَشدآسِتھ تہٕ ٹنگہٕ ٹلی کنِہ نیبَر نیرُن ۔ یَہ کھٕژ بیٛیہ کنِہ نیرُن ۔ (وَرگہٕ یا ٹھی) مُشری نیرُن ۔ مُشری نیچُن ۔ مُشری پنُن قابیہ

کُڈ تھ نیٛن ۔

**ٹہلی** ۔ وُچھو "ٹہل ، ٹہلی"

**ٹانچ** ۔ م ۔ موٗل ۔ ٹانچ : ] تلہٕ بیترِ چھاوِتھ اکھ قسمچ ٹاپہٕ گول ٹوٗپی ۔ یہ چھیٛہ ییتہٕ یا ٹھی کورِ وہ ڈِدوان ۔

**ٹائر** ۔ ن ۔ موٗل : ٹائر < انگ : ٹَیر ] موٹرس ، گاڈِ یا جہازَس بیترِ پیٛک سہٕ بیٛبر ہُم موٗٹ ربڑو نگرہٕ بیتہٕ منزٕ ییتہٕ یا ٹھی ٹیوٗب تھٔوان چھہٕ ۔

**ٹائل** ۔ م ۔ موٗل : ٹائل < انگ : ٹَیل ] ۔ اکِہ قسمچ ٹنٛی تہٕ کھیچ سپر ۔ کنترِ یا سیمنٹو (بیترِ) گرِتھ ژرِتھ یا ٹرہٕ ہشس یوسہٕ فرشس یا ٹیشس لاگان چھہٕ ۔

**ٹانپیٹھ** ۔ ن ۔ موٗل : ٹانپیٹ < س : تانتہٕ + پینٹرَ ] ٹوٹھ شُر ۔ م ۔ بالکری ٹانپٹس نوہہٕ متہٕ لاے ۔

**ٹانپیٹھ کُل** ۔ (ہنرِ لہٕ) ٹوٹھ شُر ۔ سہٕ شُر یَس یہٕ ڈِپی زِ تیہٕ کھو تہٕ کھو تہٕ کٔرِ زِ ۔ تحانہٕ موٗل ۔ م ، ٹانپیٹھ کُج ۔

**ٹانٹکھ** ۔ م ۔ موٗل : ٹانٹکھ < وُچھو "ٹانٹکھ" ] راتھس ہشس زَنانہٕ ۔

**ٹانٹکھ نور** ۔ سہٕ شُر یُس زیرِ ستی وُدن وان لاگہٕ تہٕ اَگادِ گژھہ ۔

**ٹانٹہٕ (تھٔوُن) روزُن** ۔ کُنہٕ کامہٕ بیترِ منزٕ چھانہٕ کچ روزٕنی ۔ کٔرِتھ کنزآدِ نخہٕ بیتھ کُن کاتھہٕ تیباے مُکاوٕ نے روزُن ۔

**ٹانٹکھ** ۔ ن ۔ موٗل : ٹانٹکھ < س : ڈنڈکہ ] ۔ نبوٗز ۔ بَدزبان ۔ لبکہٕ واتُل ۔

**ٹانٹھ ڈول** ۔ کوٗ نڈ ۔ کوٗ تھیجٕس ، ٹانٹھ ٹانٹھ ادِنہٕ وولُن ۔

ٹانٹھ (ٹانٹھ)۔ م۔ مؤل: ٹانٹ < س: تنتر]
۱۔ ترَل یا ماچھرِ لد چیزس کھتر پھلیں اچ
زادِچ دار۔ ۲۔ کنہِ ترَل چیزِ چ دارِ نتہ ھا۔
م۔ تیلہِ ٹانٹھا۔

ٹانٹھ کھسنی۔ بیس کھسنو۔ کنہِ مایہِ دار چیزس
رزہش کھسنی۔ ۲۔ (ورگہ یا کٹی) کنہِ کتھہِ
طوالتھ لگنی۔ زیچھرِ لگن۔ کنہِ کتھہِ رز کھسنو۔

ٹانٹھ کھارنی۔ ۱۔ کنہِ ترَل یا ماچھرِ لہ چیزس
بیس کھارنی۔ ۲۔ (ورگہ یا کٹی) کنہِ کتھہِ زیچھر دِین۔

ٹانشج، ٹانشج۔ م۔ مؤل: ٹانشج < ٹنگ تفظک ژھوٹہ
ٹنگ < س: ٹنکہ] اکھ بوکٹ ٹنگہ ذائقہ۔
ٹانشج گژھنی (ٹانشجہ نیرنہ) (کمزوری کنی)
ہوکھن۔ ژرمن۔

ٹانشچھ۔ م۔ مؤل۔ ٹانشچھ < س: ٹنکہ تفظک مادہ]
راہ، بار۔ لوٹ۔ عہ ٹس۔

ٹانشچھ کھارنی۔ ٹلی ٹس منٹہ کھارن، راہ لدن۔
لانشج منٹہ کھارن۔ م۔ مرژھ وانگن کھارن۔

ٹب۔ م۔ مؤل: ٹب < ع: طب] ژھوٹب۔
ژھلم۔ کانہہ خاص طریقہ، ڈھنگ۔

ٹب رٹنی۔ ٹب اکھہِ بینی۔ ژھوٹب رٹنی۔
ژھلم رٹنی۔

ٹبہ ع۱۔ ن۔ مؤل۔ ٹب < دِ س: سیتپ۔ ستپ √]
تنچ ہار۔ ہارِ پیٹھر۔

ٹبہ ع۲۔ ژھوٹ تہ موٹ گِگو، انسان بیتر۔

ٹِپن کیریر۔ ن۔ مؤل: ٹِپن کیریر < انگ:
ٹِفن کیریر۔ TIFFIN CARRIER
تِم بند ڈبہ یمن منز کھین چن سارتہ یوان چھُ۔

ٹِپاے۔ م۔ مؤل: ٹِپاے < انگ: ٹی پاے
< ہ: رتپاے < س: تر پاد]
رتپاے۔ لوکٹ میز۔

ٹِپُن ع۱، ٹِپُن۔ ن۔ مؤل: ٹِپ < م، ہ: ٹِپنا۔
ڈنڈر یا گِلس تام ترلمنا۔ ترِ ل دِتھ یرِ لنا۔
تالہِ تام یرِ کنا۔

ٹپنتھ۔ ڈنڈرِ تام یرِنتھ گِلس تام ٹِپر نتھ۔
ژبلینتھ، سُتینتھ [ٹپنتھ آسُن، ستھون]

ٹِپُن ع۲۔ ن۔ مؤل: ٹِپ < م، ہ: ٹِپنا]
کانہہ کیوم زوہ بیترِ تمس پیٹھ مایہِ فِد گاڈن بیترِ
ڈوب کڈن۔ یِڈ بچاپٹہ دِنی۔ (ورگہ یا کٹی)
کانسہ اندریم بینبر کرُن۔ آشنہِ وانتھ کڈن۔

ٹِپنر گاڑ۔ سیبہ گرُن۔ نکی نکی تہ پیٹھی گرُن، یم
ستھرِ دِنی تلتہ چھ یوان۔

ٹِٹہ وہار، ٹِٹہ وار۔ ن۔ مؤل: ٹِٹہ وہار] ٹارین ہند
پوتس یتھ حسرکتھ۔

ٹِٹرُ۔ ن۔ مؤل: ٹِٹر < س: ٹِٹبھہ۔] اکھ
جانا وارِ ستند ناو۔

ٹرِ و۔ ن۔ مؤل: ٹرِ و < آوازِ پیٹھ۔ م: چیرِ و]
۱۔ ژرین ہارین ہُند چیرِ و چیرِ و۔ ۲۔ کینہہ کرُنگ
سنچ چاو یا شوق۔ ٹِپنو۔ م، تس چھ گرِ وس
کھننک سنچ ٹرِ و۔

ٹرِ و ٹرِ و۔ چیرِ و چیرِ و۔ ژرین ہارین ہندِ بول یا شور

ہٚنز آواز۔ (وَرگہٕ پاٹھی) بکھ بکھ۔

ٹرٹو ۔ ن۔ مۆل: ٹرٹو] ۱۔ (ماڈ) بنگہٕ پوش، بنگہٕ ٹوٗر۔

ٹس، ٹہس ۔ ن۔ مۆل: ٹس < آوازہٕ بیٹھ] ۱۔ اسو آواز یوسہٕ اوٚنگجہِ گنڈن دبادنہٕ سیتی، لمنہٕ سیتی یا بیٚیہ کُنہِ آدٕی چیزِ گنڈس ورٕسہٕ لگنہٕ سیتی نیران چھےٚ۔ ۲۔ مۆر پھچ یا زورٕ و لیچھ نمو سیتی مار، پیچ آواز۔

ٹس ٹس ۔ بیچہ، ہۆکھ گاسہٕ یا تیل تہٕ اِستعمال ہیوٚو کانہہ ترٛوٚشن چیز دز، پیچ آواز۔

ٹسرارٕ ۔ ے ۔ ٹس ٹس ۔

ٹِکَٹھ ۔ م۔ مۆل: ٹِکٹ < انگ: ٹکٹ TICKET

۱۔ سُہ کاکَد یُس گاڈِ بیترِ منٛز سفر کرنہٕ باپتھ یا تماشہِ وُچھنہٕ بیترِ باپتھ پأنسہٕ دِتھ حاصِل کرنہٕ یِوان چھُ۔ ۲۔ سُہ کاکَد یُس چِٹھِ یا پارسلس مۆحصوٗلہٕ پٔترٕ ھِ لاگنہٕ یِوان چھُ۔ ۳۔ سُہ کاکَد یُس سرکارٕ کٕس اَدٲلتہٕ بیترِ بیٹھ مۆحصوٗلہٕ باپتھ لاگنہٕ یِوان چھُ۔ ۴۔ اِشتہامٕ ٹِکَٹھ۔ ۵۔ کُنہِ تنظیمہ یا اِدارٕچہِ مِمبری ہُند پَرٕ وانہٕ۔ ۶۔ ہسپتالس اَندر درج سپدنُک اِجازت نامہ۔

ٹِکَٹھ ژٕٹنی ۔ ۱۔ پَرٕ چہٕ ژٕٹُن۔ ۲۔ مرنہٕ سٕر آسُن۔

ٹِکَٹھ لگنی ۔ ۱۔ چِٹھِ، پارسلس یا کُنہِ رسیدس بیترِ مۆحصوٗل بَرنُک پَرٕچہ لگُن یا مرنہٕ یُن۔ ۲۔ یُس چیز یُنہٕ آسہِ تمہِ بیٹھ تٔرٕ ھ موہر لگِتھ چھا شِہ بیٚنی۔ ۳۔ کأنسہِ کینہٕ نالہِ گژھُن یا نگِتھ گژھُن۔ ۴۔ کانہہ چیز وُچھنہٕ یا ہینہٕ

باپتھ ٹِکَٹھ مُشخص سپدٕنۍ۔ مُفت نہٕ میلُن بأ وُچھنہٕ دیُن۔

ٹِکَٹھ نیرٕنۍ ۔ جأری گژھُن۔ رأیج گژھُن۔

ٹِکرٕ ۱ ۔ م۔ مۆل: ٹِکر < س: سنسک] اکہِ قسمُک لوکُٹ دٕ کرٕ۔

ٹِکرٕ ۲ ۔ م۔ مۆل: ٹِکرٕ < م، پنجأبی: ٹیکرا۔ ہ: ٹیکرا] زآری بیشٕڈ۔

ٹِکہٕ ۔ ن۔ مۆل: ٹِک < پراکرت: ٹِکہٕ] اکہِ قسمُک گہنہٕ یُس ڈیکس بیٹھ اَوٕنٛد چھُ تراونہٕ یِوان۔ بہ چھُ یترٕ پأٹھی سعہٕ سُنٛد آسان۔ م۔ ڈیکہٕ ٹِکہٕ۔ ۲۔ تجرُک نِشانہٕ۔ سُہ نِشانہٕ بیٚیمہ سیتی کُتیُک یا کأنسہِ ہُند بوٚڈ آسُن تَنہٕ (وَرگہٕ پأٹھی) یَس کلس بیٹھ جاے شوٗبہِ سیٹھا یترٕ تَس لایق۔

ٹِکہٕ تار، ٹِکہٕ تارٕ ۔ ن۔ مۆل: ٹِکہٕ تار < س: ٹِیک + تارٕ] ۱۔ اکھ کھیل یتھ منٛز کشِ گِنڈتھ کولہٕ پنٛدٕ اکِ بٔٹھِ بیٹھ بیٚیس بٔٹھس آیہٕ بیٚٹھی بیٚٹھی گٕنز یا پأترِ چھل بیترِ واتناوچ کوشِش چھےٚ یِوان کرنہٕ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی) لیکن تھوکن ہُند رٔ د۔ زِ کٹھن بیٹھ واتُن۔ م، بڈی بَبَس نام کوٚرنس لیکہٕ زآری زآری ٹِکہٕ تار۔

ٹِکہٕ تارس گِنڈُن ۔ ۱۔ آیہٕ بیٚٹھی کترِ بیترِ کشِ گِنڈتھ لایُن۔ ۲۔ کأنسہِ کھوٚنتھن گِنڈُن یا کانٛترھا اورٕ تہٕ یورٕ چھاوُن۔ ٹھُلن گِنڈُن۔ اکِس جایہٕ سۆکھ دیُن۔

**ٹِکہٕ تار کرُن** ۔ بےٚ وایہٕ یا ٹھۆپو ثسہٕ خرچہٕ نےٚ اَبس دیار چھکٕنۍ ۔ وُچھو "ٹِکہٕ تار"

**ٹِکہٕ تار، ٹِکہٕ تارہ** ۔ زنگہٕ پٮ۪تھٕ رِگہ یہٕ سٟتۍ یکھٕ یادوٚتھ بیکان چھِ ۔ گرٕ ءِ زَن ہشدۍ تارٕ ۔

**(ٹِکہٕ تارہ) ٹِکہٕ تارہ دِنۍ** ۔ ل۔م۔ ٹِکہٕ تارن پیٹھ ناس لاینہٕ ۔ زنگن یا ٹلہٕ پیٚدن تیوٚت لاین یُتھ نہٕ یکس لایق روزِ ۔

**ٹِکہٕ واوج** ۔ م۔ مؤل: ٹِکہٕ واوج < س: ٹیک + ویجنہٕ ] ۱۔ پیٹھٕ قلمس یا شُبس کانہہ بیٚتر نال پیٹھ ہا ثسہٕ کانہہ منتر پھسو مُت اَکھ کاکُدُو تماشہ یُس ٹکہٕ ٹلنہٕ وزنہٕ ہُتھہ ہوا بپہٕ سٟتۍ نٮ۪تران چھُ ۔ ۲۔ کٔھزتہٕ نو لبصورکھ تکرل زناپہٕ ۔ ژہر ژہر کرِہۍ زناپہٕ ۔

**ٹِکیٚل ۱** ۔ ن۔ مؤل: ٹکلو < ٹِک + س: کپلہ ] چار دوٚے بیٚتر گنڈہٕ بابتھ یچھو سٕنۍ یا لوکٹ چل، وُب ۔

**ٹِکیٚل ۲** ۔ ژکُٹ (دوہ ہو بیٚتر) ۔

**ٹِکۍ** ۔ م۔ مؤل: ٹِک < ہ: ٹِکیا ] چاٹی ۔

**ٹِک ٹِک** ۔ ن۔ مؤل: ٹِک ٹِک < آوازِ بیٚٹھ ۔ م، انگ: ٹِک ٹِک ] TICK TICK ] گرِہٕ پٮ۪تھٕ آواز ۔ گرِ ہِکنیج آواز ۔

**ٹِکٹِکی** ۔ م۔ مؤل: < ہ: ٹِکٹِکی < س: ترکہ (دوٚگناوٕتھ) ] اَکھ قسمک ہیچھ کھرنیچھ سٟتۍ مُجرِمَس کیٚنہہ سٟتۍ چوب دِنہٕ بابتھ گنڈ چھ کران ۔

**ٹِکھ** ۔ وُچھو "ٹِکھ" نہٕ ۔ دٕو ۔ دٕدر ۔

**ٹِنہٕ گر** ۔ ۱۔ شہ گرُیس ٹِنۍ ٹِنۍ کران پکہٕ ۔ ۲۔ (دٕرگو) پکہٕ وُن ٹِکہٕ وُن جاکھ بہٕ ۔

**ٹِنہٕ ہہا** ۔ ۱۔ گرٕ وٕ ٹِنۍ ٹِنۍ کران پکسنا وِتھ تھیٚنک لُطف تُلن یا لُطف تُلتھ "ٹِنہٕ ہہا" آواز کڈٕنۍ ۔ ۲۔ گاٹُن شِشہ نارۍ کھٕنجہٕ دارنہٕ دِنہٕ وِزِ ناد دِنیچ آواز ۔

**ٹِنیٚل** ۔ وُچھو "ٹُنیٚل" ۔

**ٹِنۍ** ۔ < آوازِ بیٚٹھ ] شوق ۔ چاو (گرِیس کھسنک) ۔ م: تَس چھُ گرِ یہ سواری کرنُک سٕخ ٹِنۍ ۔

**ٹِنڈ ۱** ۔ ن۔ مؤل: ٹِنڈ ۔ < م۔ لہنڈا: ٹپنڈ ] ۱۔ کلیج نال ۔ ۲۔ (کھوٚرِ یہ سٟتۍ مَس کاسیتھ) کلہٕ ۔

**ٹِنڈ ۲** ۔ اَکھ قسمیچ سبزی ۔

**ٹِنڈ ۳** ۔ ن۔ مؤل: ٹِنڈ < انگ : ٹِن ] سگہٕ وور ۔ تولہٕ وور ۔ کٕہ بیٚر منتر آب کھارنک بابہٕ ۔

**ٹِنڈ ۴** ۔ لوکٹ ژوڈ (بُہری شُنڈ) وآنۍ سٟتۍ لوکچہ لٮ۪بچ ۔ م: ٹِنڈس پیٹھ ٹِنڈ ۔

**ٹِنڈ ۵** ۔ گگر ژہل ۔

**ٹِنڈ گہ** ۔ نہ زانن وول ۔ شرل کرن وول ۔

**ٹِنکچر آئیوڈین** ۔ ن۔ مؤل: ٹِنکچر آیوڈین < انگ TINCTURE-IODINE ۔ اَکھ قسمک دوائی یُس چھو کھ بیٚتر لگنیچ جایہ لاگان چھِ ۔

**ٹِنو** ۔ ن۔ مؤل: ٹِنو ] کِینہٕ کرنُک سٕخ چاو ۔ شوق ۔

**ٹِہور، ٹِہور** ۔ م۔ مؤل: ٹِور < س : تپوَر ] تیز تہٕ ژہر ژہر کرن واجنۍ ۔

**ٹیٖر گیس** ۔ ن۔ مؤل: ٹیٖر گیس < انگ: ٹیٖر گیس ] شہ گیس یُمہ سٟتۍ اَچھن اوٚش بوان تہٕ

اَتھ گوٚٹ ہیوٚہ گنٛزھان چھُ۔

ٹی اے۔ ن۔ موٗل: ٹی اے > انگ: ٹی اے۔ ٹریولنگ الاونس لفظُک ژھوٚٹ] سفر خرچ۔

ٹی بی۔ ن۔ موٗل: ٹی بی > انگ: ٹی بی - T.B]۔ کاژھہ۔ سِل۔ دِق۔ کھسے۔

ٹی پارٹی۔ م۔ موٗل: ٹی پارٹی > انگ: ٹی پارٹی] چایہِ سال۔

ٹیپہٕ۔ ن۔ موٗل: ٹیپ > ہ: ٹیپ]۔ لَبن پیٚٹھ رَنگ ٹیٚپر ہیٚن سیرٕ ہِن کَنیٚن جوٚڑِ تلہٕ ڈرِ بَرنچ کام۔
ٹیپہٕ دار۔ یتھ ٹیپہٕ کوٚرمُت آسہِ۔

ٹیپھ۔ ن۔ موٗل: ٹیپھ] ہٕڈُن۔ گیلُن۔ ٹُسنہٕ۔ ٹانٛہٕ۔
ٹیپھ ژُٹھنی / ٹیپھ کڈٕنی۔ ہٕڈُن۔ گیلُن۔ ٹانٛہٕ ژُٹھنی۔ ٹانٛہٕ کرٕنی۔ ٹُسنہٕ کرٕنی۔

ٹیچر۔ ن۔ موٗل: ٹیچر > انگ: ٹیچر] ماسٹر۔ وہ ستاد۔ یُس کانٛہ اِلم یا کام کار ہیٚنِر ہیٚچھناوَن وول۔

ٹیچھم۔ ن۔ موٗل: ٹیچھم > ٹیٚنچ + اَم، ٹیٚنچ = ٹیٚوک لفظُک مادٕ۔ ٹیٚوک > پراکرت: ٹِلکہٕ > س: تِلکہٕ] ۱۔ (ہیٚرٕ) زاوِیٕل ٹیٚوک۔ ۲۔ (وَرگٕ) سانہٕ سِنگار۔

ٹیپڈی۔ م۔ موٗل: ٹیپڈ] دستارُک طورٕ۔

ٹیپر۔ م۔ موٗل: ٹیپر] بَتیچ، ڈِگہٕ نچ یا واٹیچ لوکھر۔

ٹیپس۔ ڈیچھو "ٹِس"۔
ٹیپسہٕ بوٚک۔ پکہٕ وٹہٕ گڈی ہنٛز سیٹھا ٹیپس۔
ٹیپسہٕ راے / ٹیپسہٕ رارے۔ ٹیپَن بیہٕ ٹیپس۔

پَکہٕ وٹہٕ سیٹھا ٹیپس۔ ٹیپس تہٕ ٹیپس۔

ٹیپس کڈُن۔ اَڈِ جہٕ گنٛڈٕ ڈن دُرسہٕ دِینہٕ ستہٕ یا دَباونہٕ ستہٕ آواز کڈٕنی۔

ٹی سیٹ۔ ن۔ موٗل: ٹی سیٹ۔ > انگ: ٹی سیٹ -TEA SET۔ رَلہٕ وِنہٕ نقشِکی ہوی چایہِ بانہٕ۔ اَتھ منٛز چھ چایہِ، دودھ تہٕ مُدریر دانہٕ علاوٕ ہوی پیشالہٕ، رِکابہٕ تہٕ کاشُو آسان۔

ٹیکا۔ م۔ موٗل: ٹیکا > س: ٹیکا] ژھوٚٹ تشرِح۔ (ہیٚرٕ پاٹھی) نوٚ گنتھ پیٚنی۔ چیٚینی کتھ ہنٛز زارٕ بنچ کام۔
ٹیکاکرٕنی۔ دَکھنے کرٕنی۔ وِہژھ ناوِ نہٕ وُنُن۔ تکلہٕ تارُن۔ (ہیٚرٕ پاٹھی) نوٚ گتھ پیٚنی کرٕنی۔ چھیٚنی کتھ ہنٛز زارٕ نی۔

ٹیم ٹام۔ ن۔ موٗل: ٹیم ٹام] ہاوٕ باوٕ۔ ٹھاٹھ باٹھ۔

ٹین۔ ن۔ موٗل: ٹین > انگ: ٹِن TIN۔
۱۔ اَکھ سفید نرٕم دھات، اَتھ چھ ژادرِ بناوان۔
۲۔ ٹینُو بوڈ ڈبہٕ۔ کنٹینر۔ ۳۔ سوٚ شیشُر ژادرِ یوسہٕ پٔتِس بیترِ دوان چھ۔
[ٹینہٕ پیٚتر، پوٚٹ، ژادرٕ۔ کھنٛڈٕ۔]

ٹینہٕ کھنٛڈٕ۔ ۱۔ نوٚکٹ ٹینہٕ چھل۔ ۲۔ (وَرگٕ) نہٕ تکہٕ ہار چیز باگرٕ۔ م، بہٕ چھا روو بہٕ چھسے ٹینہٕ کھنٛڈٕ۔ ۳۔ موٗنڈ تیغ۔ م، بہٕ چھا ستراکہٕ ٹیچ بہٕ چھسے ٹینہٕ کھنٛڈ۔

ٹین ساز۔ ٹینکی چیز بناوَن وول۔

ٹہن کرُن۔ کڈِتھ ژھ‍ٹُن۔ جواب کرُن۔

ٹہن وٕہنی۔ ٹرلایہز۔ راد وٕہنی۔

ٹہن وائن۔ شنگرٕ کرٕنی۔ پھودِ ٹُلُن۔

ٹینٹرکون، ٹینٹرم کول۔ ن۔ مۆل: ٹینٹر کان [؟]۔ سہ یُس ٹارِ گوہنہٕ رُکنی اُچھ کانیٹر آسن۔ یُس اُچھ کانہٕ راوِ نتھ وُچھان آسہِ۔ (ربّژھ یا ٹھی) سہ یُس چیز بیترِ بہرونہٕ کنِ آسِتھ نہٕ لبنہٕ ین یہٕ۔

ٹینٹھ۔ م۔ مۆل: ٹینٹ] زِیچھ۔ ٹارِس بیٹھ ٹور۔ اُچھ بیٹھ اُچھ۔

ٹینشکہٕ۔ ن۔ مۆل: ٹینٹک > پراکرِت: ٹھکرِ آ]۔ گِنڈِ نہٕ یا یُتھ کنِہٕ ٹھُلی، کنترِ ٹھُلی بیترِ۔

ٹہر۔ ن۔ مۆل: ٹہر > آوازِ بیٹھ] ا۔ بوڈ ادرار بکہٕ ہیچ آواز۔ حاجتس بہن وِزِ بوٕنی کنز ہوا بکہٕ ینک بڈ صدا۔ ۲۔ (وَرگہٕ) کھر۔ راد۔ ٹرٕ۔

ٹہر ٹہر لاگُن۔ بکواس لاگُن۔ بکھ بکھ کرُن بکواس لاگِتھ بٹیس ہبنگہٕ دگ ٹُلنی۔

ٹہسُن۔ ن۔ مۆل: ٹہسن۔ > (م، ہ۔ ٹھیسنا] ا۔ ستُن۔ ژہلُن۔ زور سان کیٹھہٕ کُنِہ اندر ژانُن، ژھنُن یا بیرُن۔ ۲۔ بے حساب کھیوُن۔

ٹکھ۔ م۔ مۆل: ٹِک، ٹِک > س: ٹہک] دَو۔ دور۔ ٹِکان (ٹہکان) ۔ ا۔ ٹہکہٕ، دَوان۔ دوران۔ دور ٹُلِتھ۔ ۲۔ (وَرگہٕ) ڈُلِ ڈُلِ، کَل کَل، دوان دوان۔ یکدم۔

ٹِکان ٹِکان۔ ا۔ دَو۔ دَو ٹُلِتھ۔ دوِ۔ دوران دوران۔ ۲۔ (وَرگہٕ) سِیٹھا جلد۔ ڈُلِ ڈُلِ، ژُلان تہٕ دگر۔

ٹکہٕ، ٹکہٕ۔ > س: ٹہک] دَوِ۔ دور نِتھ۔ کُنی دوِ۔ دَوان دَوان۔ چَل چَل۔

ٹکہٕ آنُن، ٹکہٕ آنُن۔ (کینژہٕ یا کانشہٕ) دوان دوان آنُن۔ کُنی دوِ آنُن۔ جلد آنُن۔

ٹکہٕ ٹکھ، ٹکہٕ ٹکھ۔ دَوِ دَو۔ دوِ دور۔ لاہ لار۔ یا میرٕ۔

ٹکھ آنہٕنی، ٹکھ آنہٕنی۔ دَو آنہٕنی۔ دَوان یُن۔ لاران یُن۔ کُنی ٹکہٕ یُن۔ ٹِکان یُن۔ ڈُلی یُن۔

ٹکھ کڈِنی۔ ٹکھ کڈِنی۔ ژَلُن۔ ٹکھ ترٲونی۔ دَو کڈِنی۔ لٹاونی۔ ژُلِ ژَلُن۔ ژھیچھ ہینی۔

ٹکہٕ پھیرُن۔ کوٹھیو بیٹُور ژھوٹ پھیرُن یُس دَونس کُٹُت وارٕل آسہِ۔

ٹکناوُن۔ دوناوُن۔ دَوناوُن۔ (وَرگہٕ) ٹکہٕ ٹکھ کرٕ ناوُن۔ پریشان کرُن۔

ٹکُن (ٹکُن)۔ دَوُن۔ دورُن۔ ٹکھ تہٕ ہنی۔ دور ٹُلنی۔ دَو ترٲونی۔

ٹہس۔ ن > آوازِ بیٹھ] ا۔ ہانژھ۔ (ٹیلی) راہ۔ ۲۔ ربّژھ ٹُلنہٕ خاطر تہٕ استعمال کران۔ م، جُما ٹہس۔

ٹہس کرُن۔ ا۔ پھودِ ٹُلُن۔ ربّژھ ٹُلُن۔ ۲۔ پیھو کھ بیرُن۔ اُبنہٕ شاباشس کرُن۔ بھر کرُن۔

ٹہس کھسُن۔ ا۔ ہانژھ لگنی۔ ٹیلی کانشہٕ قوصو۔

ٹہس کھسُن۔ ۲۔ ٹیلی کانشہٕ کامُن بیترِ منٹِ رونی۔

ٹہس کھارُن، کھالُن۔ ہانژھ لاگنی۔ کانسہِ کانشہٕ اُبنہٕ راہ لدُن۔ لوٹ کھارُن۔ (کانسہِ

کاٹھہ اُتھر) مَتہِ کھارُن۔

**ٹٹنگو۔** ٹوٹھک لفظُک جمع۔ تہِ ڈیچھ گو، دِیار۔ دولتھ بارِ

**ٹٹِنگ تال وِتھنی۔** ڈیکھن دلاًزی کرِ ژ۔ وناوِ ژ کرِ ژ۔

**ٹُب ۱۔** ن۔ مؤل: ٹُب < پراکرت: ٹبّ (پھیر تھر کرِ تھ) < س: وٹرڈ۔ م، ہ: ڈُب] سٹِکس۔ پھشِر کون۔ سنخ تناہی (ٹیپہِ تہِ ٹُنجلہِ بینز ستی)۔ رم، پٹنبم ٹُب۔

**ٹُب یُن۔** پھشِر کون یُن۔ ہٹشگ تہِ مَنشگ سنخ تناہی گژھنی (نامکرِ تھ یُپہِ تہِ ٹُنجلہِ بینز ستی۔ بلابہ بینزِ ستی وُجارِ گژھُن۔

**ٹُب ۲۔** ن۔ مؤل: ٹُب < آوازِ بیٹھ] بانڈِ ڈُلی جِ ہُشہ صدا۔ بانڈن ہشدِ ڈولک صدا۔ ڈُب، ڈُبہ ڈُبہ۔

**ٹُبہ رائے۔** ڈُبہ ڈُبہ۔ ڈُبج نوٹ بینزِ وائِنچ آواز۔

**ٹُچ۔** ۱۔ لوکُٹ پہَن پھوٗل دَخھ یا ٹُل بینزِ۔ ٹُل لفظُک ژھوٗٹُر یا ماد۔ ۲۔ (وَرگہ) پڑانہِ ٹُمرکری نُوسرِ وُتش دِنہِ واجنہ کنھ، کام یا زُرِکھ بینزِ۔ داد۔

**ٹُچ دِژ۔** ہس دِیُن۔ زُرکہِ دِنہِ۔ داد ٹلُن۔ لڑابہِ بینزِ یا پتہ کانسہِ وُتش دِیُن یا کانسہِ ٹلُن۔

**ٹُچہ۔** مؤل: ٹُچ۔ < س: تُچ چھ۔ م: ہ: ٹُچا]
۱۔ ٹُھچہ۔ کائیُر۔ آلشہ کر۔ کامہ کائن وول۔
۲۔ ناگہ ہار۔ کُنہِ کامہِ ہُشہ نہ۔

**ٹُچر۔** م: ٹُچر] چاٹہ کنھ۔ ٹُکھ۔ کھر۔ راد۔

**ٹُڈر۔** م۔ مؤل: ٹُڈر] ٹُر۔ افواہ۔ گپ۔

ژُھلراوِتہ یا پتہ اپنہ شاوے۔

**ٹُڑ گوٗر۔** ٹُڑ پھا لاوُن وول۔ ٹُربانہ۔ افواہ ترٛاوُن وول۔

**ٹُرن ۱۔** ن۔ مؤل: ٹُرن] کھلنہ آمژ وِیُھ پوٗکھ گلی لُشٹہ۔

**ٹُرُن ۲۔** ن۔ مؤل: ٹُرن۔ < س: توُرُک ترُم۔ ترُتر۔ م، پنجابی: ٹُرنا] ژلُن (تہِ ڈیچھ گو مرُن۔

**ٹُکُل دٗہو۔** نوٗن تہِ وُٹکُرِ دٗہو۔ سیٹھا کُڈُرِ دٗہو۔ دٗہو یُس نہ برداشش گژھہ۔

**ٹُکُن۔** دَندو ستی ژُٹُن۔ ٹُکھ دِیُن۔ ژدی کرِ ژ (پتہ داو یا پلوس بینزِ)۔

**ٹُکراوُن۔** ن۔ مؤل: ٹُکراو < وُچھو "ٹُکہ"] ٹکراوُن۔ نیٹھ نیٹھ کرُن۔

**ٹُکرِ۔** ن۔ مؤل: ٹُکر < ہ: ٹُکڑا] (کُنیٹھ) کانسہِ لوکُٹ حِصہِ۔ ٹوٹہِ، کھشٹُر۔ چھل۔ پُمہِ۔

**ٹُکرِ باگے۔** کانسہِ چیزِ چھلہِ چھلہِ کرِتھ باگرُن، حِصہِ باگے۔ کھنجہِ باگے۔

**ٹُکرِ کرِ ژ۔** کُنہِ چھلہِ کرِنہ۔ حِصہِ کرِ ژ۔ ژرن کرُن۔ کُنہِ چیزس پھٹرِتھ یا ژٹِتھ لوکٹی لوکٹی ٹوٹہِ کرِ ژ۔ (وَرگہ یا کٹی) سنخ چوب دِژ۔ لاًے اُڈی جِ پھٹراونہِ۔

**ٹُکھ۔** ن۔ مؤل۔ ٹُک < م، ہ: ٹوٗک < س: ستوکہ] ۱۔ پلوس بینزِ کُنہِ جایہِ گومُت یا کوٗرمُت نیٹھ نوٗد۔ ۲۔ نیٹش یا رنہِ بینزِ

لوٗگمُت یا دُبیٖمت ژھیٖن ۔۳۔ نوٗنک نابُدک
بیترِ لوکُٹ ٹُل یا پھوٗل ۔۴۔ کانہہ لوکٹ تہٕ
مزٕدار کتھ ۔ چاٹھ ۔ ۵۔ ژٕ بایہ کھوتہٕ بڈ بجرک
ژون میعرن ہُند بَند۔

**ٹکہٕ ٹکہٕ گرٹھُن** ۔۱۔ (کپرٕ بیترِ) ژٕنُن ۔ بیوٗن بیوٗن
گرٹھُن ۔ ۲۔ (ٹکہٕ بیترِ) بچہ بچہ کھنجہ گنڈ جھڑِ۔

**ٹکھ لگُن** ۔۱۔ ژھیٖنُن ۔ مشترَس کُنہِ جایہِ ژھیٖنتھ
ٹھیجا (پَن بیترِ) ۔۲۔ ٹیکہٕ زوٗد گرٹھُن (ریکوٗس
بیترِ اتھر یا بیٖیہِ کُنہِ سیٖتی۔

**ٹُل** ۔ ن ۔ سوٗل: ٹُل [؟ کُنہِ چیٖزُک کانہہ بوٗڈ پہَن پھوٗل
یا پھٹُل ، ہٕنڈ پہَن ٹنج ۔ رم: نابد ٹُل ، مِنیٖترِ ٹُل ۔
نوٗنہٕ ٹُل

**ٹُنٹُل** ۔ ن ۔ سوٗل: ٹُنٹُل < س: ٹُنٹا؟ کُنہِ چیٖزس ہاداٹھ
پھوٗل یا ٹوٗنگ خاصکر ٹھ ڈیکس کھوٗتمُت
ٹوٗنگ ۔ کُنہِ جایہِ کھوٗتمُت ٹھُکُٹ۔

**ٹُنڈاکھ** ۔ ٹُڈی۔

**ٹُنڈٕ** ۔ سوٗل: ٹُنڈ < پراکرت: ٹُنڈ؟ ] یَس کُنہِ
نوٗ قصرِ کنہِ ٹر یا اتھہٕ بیٖ کار آسہِ ۔ پَرِ ژوٹ،
اتھہٕ ژوٹ۔

**ٹُنگ ، ٹوٗنگ** ۔ م ۔ سوٗل: ٹُنگ < ٹوں ٹوں
آوازِ سیٖٹھ؟ (شالہِ سپتر یا ہوٗنہِ سپتر) وَدنچ
زیٖٹھ آواز ۔ (ہنزلہٕ) زیٖٹھ باکھ ۔ (شُری شُند)
ووٗں ووٗں۔

**ٹُنگن اژُن** ۔ ٹُنگہٕ رادے لاگُنی ۔ ٹُنگہٕ دیٖنہِ ۔
بڈرِ بڈ ودُن ۔ باکہٕ ژھٹُن۔

**ٹُنگہٕ** ۔ "ٹُنگ" لفظُک جمع ۔ سیٖٹھا ٹُنگہٕ ۔
تہٕ ڈیٖنھ گوٗدن کرکہ ۔ باکہٕ باکھ ۔ بڈرِ بڈ ودنچ آواز ۔

**ٹُنگہٕ ٹُنگ ، ٹوٗنگہٕ ٹوٗنگ** ۔۱۔ (شالن یا
ہوٗنین ہُنز) سیٖٹھا ٹوٗنگہٕ رادے ۔ ۔۲۔
(ہنزلہٕ) باکہٕ باکھ۔

**ٹُنگہٕ رادے** ۔ وُچھو "ٹُنگہٕ ٹُنگ"

**ٹوٗدٕ** ۔ م ۔ سوٗل: ٹوٗدٕ ۔۱۔ ٹوٗدنچ عمل ۔۲۔ سنترِ چیر
جایہِ وو کہٕ دو کھ (خاصکر ٹھ چار دابن) ۔

**ٹوٗدٕ بیٖنی** ۔۱۔ سنترِ چہ جایہِ ووکُن ہیوٗلن ۔۲۔
(ورگہٕ یا ٹھی) اتھہٕ وَٹُن ۔ ووژم دِتُن بند کرُن ۔

**ٹوٗن** ۔ ن ۔ سوٗل: ٹوٗ ] وٹُن ۔ بند کرُن ۔ تنزٕ دیٖرُن ۔
(خاصکر ٹھ بیٖسک سِہ حصہٕ یُس وٹنہٕ وابراوتہٕ
پیٖر ، اس ، اچھ ، اتھہٕ بیترِ) ۔ (ورگہٕ یا ٹھی)
کُنہِ کامہِ پتہِ پوٗت ہٹیوٗن ۔

**ٹوٗناوُن** ۔ (اچھ یا اس) وٹہٕ ناوُن ۔ بند
کرناوُن ۔ تنزٕ دیٖرہتھ ٹھوٗناوُن ۔ (ورگہٕ یا ٹھی)
بھیکھ کھیناوُن ۔ دیوول کڈناوُن ۔ پھاتہٕ ناوُن ۔

**ٹوٗپ ع۱** ۔ ن ۔ سوٗل: ٹوٗپ < س: ستوٗپہ؟
۔۱۔ بُٹُن ۔۲۔ بنگہٕ یا سوبیہِ ہُند تیٖہر ٹمک
پھوٗٹنگ ۔ رم: بنگہٕ ٹوٗپ ، سوبیہِ ٹوٗپ ۔
۔۳۔ کوہہ نیٖتول ۔ بالہٕ ٹھوٗنگ ۔ تال ۔ رم:
سُلیمان ٹوٗپ ۔ ۔۴۔ گوشہٕ ہشرِ تالہِ ہیٖشر
ڈلیٖژن۔

**ٹوٗپ ع۲** ۔ ن ۔ سوٗل: ٹاپ < م، ہ : ٹاپی؟
سہ زیٖنہِ ژکُل ییٖنھ ژوپا سے آب

آسِہ۔ ژُو، لاٹنگ۔

**ٹۄپۍ** ۔ م ۔ مۄل: ٹۄپ > م، ہ: ٹوپی] سُوتھ کپرس بنٲوِمُت کلہٕ وٗلِنہٕ۔ اَتھ چھِ سیٹھا قِسم مثلن فُنزلہٕ ٹۄپۍ، ہٕراجہٕ ٹۄپۍ، باکِرٕ ٹۄپۍ۔ ← ٹوپہِ گوٗر۔ ٹوپہِ کھونٹھ، ٹوپہِ سَلے، ٹوپہِ ژٹ، ٹوپہِ شکر]

**ٹوپہِ دَب دِیُن** ۔ ۱۔ اَستانس بیٚنہٕ بیٚٹھ گژھتھ ٹۄپۍ واَلِتھ دُشمنس بدکا گژھُن۔ مُتافِقہ شٔنزِ بٲہِی کاچھنی۔ ۲۔ بےعزتی سۄ ہُسُس کرٕنۍ۔

**ٹوپہِ سَلے** ۔ سہ سَلے یَتھ ستی ٹوپہِ مَنزس پھمبکی فُنزلہٕ بَران چھِ۔

**ٹوپہِ ژٹ** ۔ ٹوپہِ سُوَن ووَل۔ ٹوپہِ گوٗر۔

**ٹوپہِ گوٗر** ۔ ۱۔ ٹوپہِ ژٹ۔ ٹوپہِ سُوَن ووَل۔ یُس ٹوپہِ بَناوان آسہِ۔ ۲۔ ٹوپہِ کُنَن ووَل۔

**ٹوپہِ وار** ۔ ٹوپہِ سوٚتِھ کپرٕ۔ ٹوپہِ برابر کپرٕ۔ تیوٚت کپرٕ ییٚتس ٹۄپۍ بنِہ۔

**ٹوپہِ ووَل** ۔ ۱۔ یَس کَس ٹۄپۍ آسہِ۔ ۲۔ یُس ٹوپہِ کُنان آسہِ۔

**ٹۄپۍ کھیٚنۍ** ۔ کانسہِ ہٕنزِ ٹۄپۍ ہیتھ ژلُن۔ (وِرگہٕ یا ٹھٹھی) ژکھر کڈنۍ۔ شَرارتھ یِکھیٚشانٹُن۔ بدلہٕ ہیوٚن۔

**ٹۄپۍ والِنۍ** ۔ (وِرگہٕ) بےآبرو کرٕنۍ۔ ایرہٕ بیرہٕ والِنۍ۔ م۔ دستار والُن۔

**ٹۄپۍ پھوٚل** ۔ پیٚنہٕ داوَن یا دِجہٕ بیٚنہٕ بٔہوِمُت سپنُن (یہ چھ ڈُوم آسان)۔

**ٹۄپۍ واٚج** ۔ کرُتنہٕ یا کوٚٹُس بیٚنہٕ کورمُت سہ گوٚد یَتھ مَنز بٕٹُن چھِ پھساوِنہٕ تھوٚو یِوان۔ کاج۔

**ٹۄپ کَڈُن** ۔ سَخ یَتسہٕ کَڈُن۔ تَستہٕ کَڈُن۔ تالہٕ کَڈُن۔

**ٹۄٹھ** ۔ ن۔ مۄل: ٹۄٹ > پراکرت: ٹُٹہٕ > س: ترُٹہٕ] ٹُب۔ تَباہی۔ مُصیبَتھ۔ بَدبختی۔ چھیلہٕ چھا ٹگہٕ۔ شِکَس۔

**ٹۄٹھہٕ اَتُن** ۔ مُصیبَتھ اَتُن۔ شِکَس اَتُن۔ کُرِ ہتس کٔڑ آدۍ ہتس یُو ڈٕژھُن۔ نُقصان کرِ لِتھ یھیشہٕ کیٚھرُن۔

**ٹۄٹھہٕ پیُن** ۔ شِکَس پیُن۔ کُرِ نہٕ کینہٕ خراب گژھُن۔ کوٚرمُت کٔرِ ووِمُت کولہٕ گژھُن۔ تِہِ سَپدُن یَتھ ستی نُقصان واتہِ۔ ٹُب پیُن۔ تَباہی گژھنۍ۔

**ٹۄرٕ^[۱]** ۔ ن۔ مۄل: ٹۄرٕ > س: کٹۄرٕ] چھوٚنہٕ پوشس۔ سہ پوشس یُس وٕنہٕ ژٹتھ آسہِ تہٕ پھوٚلمُت آسہِ نہٕ۔

**ٹۄرٕ^[۲]** ۔ ن۔ مۄل: ٹۄرٕ > س: کٹۄرٕ] ۱۔ اَکھ سوٚن تہٕ ڈُوم یُس گھیٚنہٕ یا یَہٕ۔ ۲۔ یَتہٕ کھَنک یُوڈ کھوسس (خاص کٔرِتھ ترٛاٹھ)۔ ۳۔ کٹۄرٕ (خاص کٔرِتھ تاوِ کٹۄرٕ)۔

**ٹۄرٕ^[۳]** ۔ ن۔ مۄل: ٹۄرٕ] ٹیشدر، ٹلیٚک یَتھ اَنٛدٕ آمہٕ یَتہٕ چھِ ٹیشدرٕ تِل کٔنِزِ مَنز بَند روزان۔

**ٹۄرِ سیٚنۍ** ۔ اَکھ کیٚمی داتھ یوسہ پوشہٕ ٹۄرن اَکل وٕنِس مَنزٕ سہ یوان چھِ۔

**ٹۄس** ۔ ن۔ مۄل: ٹۄس] دوٚگ، مشُ ہکھاگی بیوک۔

ٹپھرِس لیکھِہ ناوُن ۔ (وَرگہٕ پاٹھی) کانٛسہٕ زنانہٕ
سٕنٛز بوٗ آری کرٕنۍ ۔
ٹپیٛرلہٕ ۔ بچُن تھوٗن وول ۔
ٹپیٛرلہٕ ٹپٕیٛل (کرٕنۍ) ۔ اکھ اکِس ٹوٗپ کڈُن
(لڑابہٕ بیترِ وِزِ) ۔
ٹپیٛشِل ۔ یَس جٕچھ ؤکہٕ آسہِ ۔ جوٗٹ ، یَس وۆسرِ
کھۆسرِ مَس آسہِ ۔
ٹوٗپ ۲ ۔ ن ۔ موٗل : ٹپ ۔ ۱ ۔ ژرژٕ ، نیٛشِنہٕ ناس
بُتھہٕ پیٛٹھ ژرژٕ کھیٛنِہ ۔ ۲ ۔ سُہ یانہٕ ییٛمہِ
ژرژٕ یا ٹپہٕ آسہِ کھیوٗمُت ۔ م ۔ ڈُٹوٗپ ، ترٕٹوٗپ ۔
ٹوٗٹ ۱ (ٹٹ) ۔ ن ۔ موٗل : ٹٹ ۔ ۱ ۔ کیٛسہِ بیاکھ
کھوٗل ، کیٛسہِ کوڈ ۔ ۲ ۔ کُنہِ چیٖزِ رٛچ رژھا پیٛنٛزرا ۔
م ، کَنَنہِ ٹوٗٹ ۔
ٹوٗٹۍ تیٖل ۔ کیٛسہِ بیالیٛن ہُنٛد تیٖل ۔
ٹوٗٹۍ جَرکھ ۔ ٹوٗٹۍ بیٖنٛدرٕ ، ٹاڈۍ بیٖنٛدرٕ ۔
ٹوٗٹۍ بیٖنٛدرٕ ۔ وُچھِو "ٹوٗٹۍ جَرکھ" ۔
ٹوٗٹ ۲ ۔ ن ۔ موٗل : ٹٹ < پراکرت : تَرٹ ٹٛراو ۔
۱ ۔ بارٕگرٕ ۔ ۲ ۔ توٗرٕٹ گرٕ ۔ ۳ ۔ (وَرگہٕ پاٹھی) یَس
ٹٹۍ سیٛنٛدۍ پاٹھۍ کام ہیٛکہِ ۔ سُہ یُس کانٛسہِ ہُنٛد
بارٕگرٕ ہیوٗ آسہِ ۔ ٹیٛلوٗ ۔
ٹٹۍ وول ۔ بارٕگرٕ وول ۔ سُہ یُس ہیٛشہٕ
ٹٹیٛن کیٛنہہ مال اور یور سارُن آسہِ ۔
ٹوٗٹۍ ۔ "ٹوٗٹ" لفظُک جمع ۔ کیٛسہِ بیاکھ بٕکلی ۔
کیٛسہِ کاڈۍ ۔ (وَرگہٕ پاٹھی) کیٛتر یتھ خوشکیٛتھ
سیٛتھ ۔

ٹوٗٹۍ آنیٛنۍ ۔ بیتر یتھ آنیٛنۍ ۔ خوشکیٛتھ کھارٕنۍ ۔
ٹوٗٹۍ آنٛچار ۔ (وَرگہٕ) یُس نہٕ کُنہِ کیٛنہہ آٹنۍ واٹنۍ
ییٛمہِ ۔ یُس خوشکیٛتھ کھارِ ۔ یُس آری کرٕژ تہٕ تارۍ
کٕژ انہِ ۔ یُس نہٕ ڈیٛشِہ ٹلۍ تہٕ ڈٕ ، بیٛنٛدِہ ییٛتھۍ آسہِ ۔
ٹوٗٹۍ لَد ۔ سیٛژرٕل ، کھوکھی لَد ۔ سیٛبتہٕ لَد ۔
ٹوٗٹۍ بیٛنۍ ۔ اُلۍ تہٕ گلۍ بیٛنۍ ۔ سٕنٛز سیٛتھ بیٛنۍ ۔
خوشکیٛتھ کھسنۍ ۔
ٹوٗٹۍ ہوٗ ٹنڈ ہیٛوٗہ ۔ یُس کُٹھ ہیٛوٗہ ۔ نرٛم مزازٕ ۔
یُس لیکن تھوکن نٔم وارِ تہٕ کھیٛنۍ وَنہٕ ہٕ ۔
ٹوٗٹرٕن ۔ ۱ ۔ وہٕ ترٛھے ۔ ۲ ۔ (لرٕ گنٛبر آسہِ کیٛنۍ)
جابہٕ کوٗن ۔
ٹوٗٹراوُن ، ٹوٗٹرُن ۔ ۱ ۔ جابہٕ کوٗن کرُن ۔ ۲ ۔
زیٛبنہٕ نَس کماونَس نہٕ وَنہٕ دِنۍ ۔
ٹوٗٹھ ۔ (تیٛوٗت توٗمل بیترِ) یوٗت ٹھٹھلِس وانہٕ ۔
وَنہٕ کیٛنۍ ڈاے ترٛکھ ۔ بیٛنٛداہ سیر ۔
ٹوٗک ۔ ن ۔ موٗل : ٹک < م ، ہ : ٹک ]
ویٛدِ دوٗر ۔ جُرتی ۔ وُچکہِ ۔ چالاکھ ۔ یَس
کیٛنٛچہِ کٕنٛژھِ نہٕ ۔ یَس نہٕ وٹس ریٛشرۍ گٕنٛژھن ۔
م ، ٹھیٖچ ۔
ٹوٗل ۱ ۔ ن ۔ موٗل : ٹوٗل ] ۱ ۔ اَچھ گوٗل ۔ ۲ ۔
بیٛنہِ طور ویٛتھ اَچھ ۔
ٹوٗلۍ ویٛوٗٹھ ۔ یَس بچہٕ تہٕ وٕنٛچہِ اَچھ آسَن ۔
یَس بچہِ ٹوٗچہِ آسَن (ریٛژھہِ پاٹھی) ۔
ٹوٗل ۲ ۔ ن ۔ موٗل : ٹل < پراکرت : ٹلہٕ ]
وانہٕ گگک ، ڈاکھہ بیتھ بیٛٹھہ بانہٕ تھوٗد چھہٕ روزان

عدالتُک سۄ افسر یُس مُقدمس پُوز ینہٕ فاصلہٕ چُھ دِوان۔

**جَد** ۔ [ن ۔ مۆل: جَد > ع: جَدّ] ۱۔ مٲلِس سٕنٛد بُڈِ بَب یا ماجہِ ہُنٛد بُڈِ بَب ۔ بُڈ بُڈِ بَب ۔ ۲۔ کُنہِ سیٹھا پرانہِ پیٖرِ ہُنٛد بُزرگ ۔

**جَدِ اجداد** ۔ جَد بیٚنہِ ۔ کُنہِ گرٕ کی پرانہِ وَقتکی زِٹھی بیٚنہِ

**جَدِ بُڈِ بَب** ۔ بُڈِ بَبہِ سٕنٛد بُڈِ بَب ۔

**جَدی** ۔ [> ع: جَدی] ۱۔ جَدَن ہُنٛد ۔ مورُوثی ۔ مٲلی میراثہٕ ۔ مٲلی زائیٚن ۔ ۲۔ پیٚتہٕ وَقتُک ۔ ۳۔ سیٹھا پرُون ۔

**جَدی لۆدی** ۔ مٲلی میراثہٕ ۔ مٲلی زائیٚن ۔ پُشتینی ۔

**جَدَن ہُنٛد وَقتُک** ۔ پیٚتہٕ وُنُک ۔ سیٹھا پرُون ۔

**جَدَل، جَدوَل** ۔ > ع: جَدوَل ۔ جَدَل √ ۱۔ کاکدس پیٹھ کھَنٛنہٕ آمٕژ سیٖدٕ رٕکھ ۔ ۲۔ گوشوارٕ ۔

**جَدَل ئیٹ** ۔ کاکدس جَدوَل رٕکھ دِنہٕ باپتھ پیٚنہٕ داوٕ لانہٕ گٕنٛڈِتھ اکھ ئیٹ ۔

**جَدَل، جَدوَل قلَم** ۔ اکہِ قِسمُک قلم یَمہِ سٕتۍ کاکدس پیٹھ کھَنٛنہٕ رٕکھ چھِپٕ تراوَنہٕ یِوان ۔

**جَدال** ۔ مۆل: جَدال > ع: جَدال ۔ جَدَل √ ۱۔ بیچھ ۔ یَس سورُے کانٛہہ آسہِ ۔ نادار ۔ شِکٕس لَد ۔ حَوٚ دٕوٚدٕ ۔ ۲۔ واد والوکُرن وول ۔ یُس نہٕ تَقصیٖہ تُلہِ ۔

**جَدال کَتھ** ۔ جَدالہِ سٕنٛد نیٚچُو ۔ فُقیٖر کَتھ ۔ بیچھ ۔

**جَدال گی** ۔ بیچھہِ گی ۔ فُقیٖرِ گی ۔ کُنہِ چیٖزس تَقصیٖہ کَرٕنۍ ۔ بیچھِو نِ سٕنٛدی ہیٚوی اطوارٕ طریقہٕ ۔

**جَد جَہد** ۔ م ۔ مۆل: جَدٕ جَہد > ع: جَد + ف: و + ع: جَہد] پیاپے کوشش ۔ جیٚستہٕ نارٕ ۔

جَکھُن، کانٛہہ چیٖز حٲصِل کَرنہٕ باپتھ لَڑُن ۔

**جُدُر** ۔ تَرہ کارِ زازٕ رُن ۔ تَم کَل، مۆل بیٚنہِ یِم ترکارِ یا سبزی بیٚنہِ رَنٛنہٕ برٛونٛہہ کَڑان چھِ ۔

**جَذب** ۔ [مۆل: جَذب > ع: جذب] ۱۔ شٕرُن ۔ ژہُن ۔ اَژُن (کانٛہہ ترٕل چیٖز، میل آب بیٚنہِ) ۔ ۲۔ دِوَر گریاگٹھی) وہُن ۔

**جَذب کَرُن** ۔ شٕترٕ ویراوُن ۔ ژہِتھ نِیُن ۔

**جَذب گَژھُن** ۔ شٕترُن ۔ ژہُن ، اَژُن (کانٛہہ ترٕل چیٖز میل آب بیٚنہِ) ۔

**جَذبہٕ** ۔ ن ۔ مۆل: جَذب > ع: جَذبَہ ۔ ۱۔ اَندرِیُم وَلوَلہٕ، جوش، احساس ۔ ۲۔ تاوِ پرُن یا جود کَرٕنُک اثر ۔ ۳۔ کشِش ۔

**جَذباتھ** ۔ > ع: جَذبات] اَندرِمی وَلوَلہٕ، جوش ۔ دِلُک لَگُن بیٚنہِ ۔ "جَذبہ" لفظُک جمع ۔

**جَذباتَن مَنٛز یُن** ۔ جوشَس لاینہٕ یُن ۔ گَرٕسَس کُن گژھُن ۔

**جَذباتی** ۔ یُس کَتھہِ کَتھہِ پیٹھ جوشَس لاینہٕ آسہِ یِوان ۔

**جَسر** ۔ کَتھ نہٕ مٲنٛنِہ کَنٛتھ کھُولہٕ کھُول کرٕناوُنک آوُر ۔

**جَرَح** ۔ ن ۔ مۆل: جَرَح > ع: جرح] تِم سوال یِم عدالتَس مَنٛز مُخالِف وُکیٖل کانٛسہِ گواہس پرٛژھہِ ۔

**جَرَح کَرٕنۍ** ۔ ۱۔ مُخالِف وُکیٖلہٕ سٕنٛدی عدالتَس مَنٛز گواہس سوالَن پیٹھ سوال پرٛژھٕنۍ ۔ ۲۔ دُٹھی وُٹھی نہٕ دولہٕ دولہٕ کَتھہِ پرٛژھٕنۍ ۔ ۳۔ کاکی گی کَرٕنۍ ۔

**جَرِاثیم** ۔ > ع: جَرثومہ] سیٹھا لکٕٹۍ زٕ آولی کیٖمہ

کٔژل یم یہٕ خورد بینہٕ روٚس دٕ ہیٚنہٕ چھ گژھان۔ یم چھ زاوِج سیٚپے ہٕش آسان، یِموٚ سیٚتی چھےٚ بیمارٕ پیدا گژھان۔

**جراثیم کُش**۔ جراثیم گالن وول (دوا بیترِ)۔

**جبر**۔ [مؤل: جبر < س: جھر]۔ ہکہٕ تہٕ زورٕ۔ یلہٕ یا کٹھی جھوٚلہٕ جھوٚلہٕ لیو آیک بیترِ دٕسُن۔

**جرُن**۔ [مؤل: جر < س: جٹ]۔ لاگُن بیٚہناوُن۔ (کنہِ بیٚٹھ کانٛہہ چیز، خاص کٔرِتھ زیورس بیٚٹھ کنہ انکھ یا نگ، جواہر، چیٚتہِ بیترِ)۔

**جروگہٕ**۔ ن۔ مؤل: جروگ < ہ: جھرو کھا < س: جالہ + اکشہ] سو ڈٔب یتھ پادشاہ لوٗکن اوٚس نُنہٕ ہاوان۔

**جرجر**۔ [ن۔ مؤل: جرجر < آوازِ بیٚٹھ]۔ یوٗ تیز وسنک شور۔

**جرسی، جرسی ع۲**۔ اکہٕ قسمِچ بیترِ بنیان۔

**جرنال**۔ ن۔ مؤل: جرنال < انگ: جنرل GENERAL۔ کُنہٕ فوجک سارِ وٕے کھوٚتہٕ افسر۔ فوجس منٛز بوڈ عہدٕ۔ کرنلس کھسِتھ تہٕ فیلڈ مارشلس وٕسِتھ فوجی افسر۔

**جرنیلی سڑک**۔ پوٚختہ سڑک یتھ ملکچن بیٚتھن سٔڑکن سیٚتی واٹھ آسہِ۔

**جزا**۔ [ن۔ مؤل: جزا < ع: جزا]۔ ۱۔ کنہٕ ہٕژ کامہِ ہُند رُت پھل۔ ۲۔ گُنٛہک بدلہٕ، سزا۔

**جزاک اللہ**۔ [< ع: جزاک اللہ] ۱۔ نعم دا دِیتہٕ نے یہٕ زہ موٚز دٕرِ (آسی یا ٹھووُنان) ۲۔ شاباش۔

**جزع تہٕ فزع**۔ وُدُن رِدُن۔ لسلہٕ کرِتھ (وٕدگہٕ یا کٹھی) سیٚخ زارٕ پارٕ کرُن۔

**جست**۔ [ن۔ مؤل: جست < س: دستا]۔ زِسدٕ ناگ۔

**جستہ خانہٕ**۔ ن۔ مؤل: جستہ خانہ < ف: جست وجینا۔ سیٚخ کوشش۔ دوہتھ تھاہ تھٹھ۔

**جسر**۔ [ن۔ مؤل: جسر < ؟ ع: جسر] بیپرٕ، لوکہٕ ترٛبہٕ ننہ پچھ۔ تھلہٕ تھل۔ لوکہٕ ارسا کھنہٕ۔

**جغرافی**۔ م۔ مؤل: جغرافی < انگ: جیوگرفی GEOGRAPHY۔ زمینہٕ ہنٛدِ سطحُک تہٕ موسمن بیترِ ہنٛدِ عِلم۔ یتھرٛ اٹھ زان۔

**جفا**۔ [ن۔ مؤل: جفا < ع: جفا۔ جفو√]۔ ۱۔ ظلم۔ جبر۔ سختی۔ زور زبردستی۔ ۲۔ بے وفائی۔

**جفاکار**۔ مؤل: جفاکار < ع: جفا + ف: کار] ظالم۔ بے رحم۔ بے عار۔ ستم گار۔

**جفاکاری**۔ ظلم۔ ستم۔ سختی۔

**جفاکش**۔ [< ع: جفا + ف: کش]۔ حکھن وول۔ میٚحنتہٕ کش۔ سختی تُلن وول۔

**جفاکشی**۔ میٚحنتہ مشقتہ۔ زوجان ترٛٹن۔ نم زرم گاہیو۔

**جکھ ع۱**۔ [ن۔ مؤل: جکھ < ہ: جھک]۔ ژکھ۔ شرارتھ۔ نوٗ۔

**جکھ کھسُن**۔ شرارتھ کھسُن۔ ژکھہ کھسُن۔ توٚہہ۔

**جکھ ع۲**۔ ن۔ مؤل: جک < انگ: جیک JACK۔ اکھ شتر دالہٕ یُس لاری بیترِ سشیرن وٕزِ بیٚٹھ ... [illegible]

٣۔ (دورگہ یا کٹھی) ہیوٗ شینہٕ سینٛزٕ اَندری دزُن۔
حسد کِنۍ زٕ ریٚتھ گژھٕنۍ۔

**جلاو لگُن**۔ چِکہ کھسنۍ۔ سوٗلہٕ ماپہٕ سیدُن۔

**جلاو ہیوٗن**۔ ریٚتھ گژھنۍ۔ زوٗنگ لگُن۔ نارٕ زیادٕ بڑادُن۔ م: پھمبہٕ توٗ مبس تنمبر پیٚئیم
اوچھنہٕ گوناہ جلاو ہیئیم
(پرٕکاش رام)

**جلایہٕ وطن**۔ پننہٕ ملکہٕ منٛزٕ کوڈنٕہ ملک بدر کرنٕہ۔

**جلایہٕ وطن کرُن**۔ پننہِ وطنہٕ نیبر کڈُن زُھن ملک بدر کرُن۔

**جلایہٕ وطن گژھُن**۔ پننہٕ وطنہٕ منٛزٕ نیبر کڈنہ زُھنہٕ یُن۔ ملک بدر کرنہٕ یُن۔

**جلس**۔ [ن۔ سوٗل: جلس] ۔ اَکھ قسیم زج یوس بچہ کالہٕ نتہٕ گاسہ ہیوان آسی یوت کانہہ فرینگی چکہٕ رس گژھ ھیہ ہے۔

**جل ترنگ**۔ ن۔ سوٗل۔ جل ترنگ < س: جلہ+ ترنگہ] ہیوٗن ہیوٗن میٚنژ آبہٕ برٕکھ چیٖنی پیالہٕ تتھ کانٛسہٕ ستی وایِنگ اَکھ ساز۔

**جلد**۔ اُڈی ڈلی۔ فورن۔ تیز۔ ژھسان۔

**جلد باز**۔ اُوناڈلی۔ باشری۔ پرٕنہٕ ہیٚتھ جلدی کرُن دول۔

**جلد بازی**۔ تیزی۔ اُوناڈلی۔ چھار۔ لایہ لار۔ (دکھنہٕ کامہٕ منٛز) تیزی، باشیرٕ ژوتربر۔ اُڈ ڈلی۔

**جلدی**۔ **جلدی آسٕنۍ**۔ فرصت نہٕ آسٕنۍ۔ باشرٕ آسٕنۍ۔

**جلسہٕ**۔ ن۔ سوٗل: جلس < ع: جلسۃ۔ جلس۔ کانٛہہ خاص کتھ منا ونہٕ یا پتھ یا کنٛہہ ہیٚتھ سوچ کرنہٕ یا پتھ لوٗکن ہشد سمت۔

**جلسہٕ بلاوُن**۔ کنٛہہ خاص موقس ہیٚتھ کنٛہہ خاص کامہٕ یا پتھ لوٗکھ سوٗمبراوُن۔

**جلسہٕ کرُن**۔ کنٛہہ خاص موقس ہیٚتھ لوٗکن ہشد یکہٕ وٹہٕ آسُن۔

**جلغوزٕ**۔ [ن۔ سوٗل: جلغوز < ف: چلغوزہ] ۔ اَکھ قسمک ہوٗکھ میوٕ، اکہ چھٹے ہیٚتھ سرٕ ژلی کڈ نہٕ اندرٕ گوج آسان۔

**جل اُوتر**۔ [م۔ سوٗل: جل اُوتر < س: جول+ اُتر] ۔ سہ ہوکھ پھل یُس ہونس لگان چھ۔

**جلوٕ**۔ [ن۔ سوٗل: جلوٕ < ع: جلوۃ] ۔ ظوٗہوٗر۔ گاش۔ نوٗر۔ دیدار۔ درشن۔

**جلوٕ دیُن**۔ ظوٗہور ہاوُن۔ دیدار دیُن۔ درشن دیُن۔

**جلوٕ گر**۔ ١۔ جلوٕ ہاوُن دول۔ دیدار ہاوُن دول۔ درشن دِنہٕ دول۔ ٢۔ توٗن۔ ٹاٹھ۔

**جلوٕ ہاوُن**۔ ١۔ دیدار دیُن۔ سُبتہ ہاوُن۔ پان ہاوُن۔ درشن دیُن۔ ٢۔ پنُن بجر ہاوُن۔

**جمع**۔ [< ع: جمع] ۔ ١۔ سوٗمبرُن۔ سمنیٖج حالتھ۔ ٢۔ رقمن ہشد میزان۔ ٹوٹل۔ ٣۔ دِ جمالُس منٛز گرٕند سوٗمبرنک طریقہٕ۔ ٤۔ بچنتھ۔ پتھ بلہٕ تھوٗومُت یا کنٛسہٕ نُو تھک بیترٕ۔ دِ تھتھ۔

**جمع اَنُن**۔ دُتھ کھارُن۔ اَند واتناوُن۔ فیصلس کھل کرُن۔

**جمع روزُن**۔ اُتھٕ روزُن۔ یتھ کُن روزُن۔ سمُن۔

جمع کرُن ۔ ۱۔ ژھکرتہ آہنی چیزٕ بیترٕ سوٚمبراوُن ۔ ڈیکہٕ وٹہ ٹھوُن ۔ ۲۔ پأنسہٕ ٹوٚنگ بیترٕ بیچھ پلہٕ تھوُن ۔ بچھتہ کرُن : سوٚمبرُن ۔ أتی تھوُن ۔ بیچھ کُن تھاوُن ۔ ۳۔ کُنہٕ رقمس بیترٕ لیشہٕ ترٛاوُن ۔ بیٚیہ ہین ہُررٛاوُن ۔ ۴۔ میزان کرُن ۔ رقم بیترٕ گنُنٕ رنتھ وچھُن کُل کوتاہ وأتہٕ ۔ ۵۔ دوٚصوٗل ژھُنُن ۔ کھأتس ترٛاوُن ۔

جمع گژھُن ، جمع سپدُن ۔ ۱۔ سمُن ۔ سوٚمبراونہٕ یُن ۔ امبر لگُن ۔ ڈیر کھسُن ۔ ۲۔ واریاہن لوٗکن ہُنٛد اکہٕ اکہٕ کُنہٕ جایہ سمُن یا ژھسنہٕ یُن ۔ ۳۔ پأنسہٕ ٹوٚنگ بیترٕ بیچھ پلہٕ روزُن ۔ بچُن ۔ بچھتہ سپدُن ۔ ۴۔ کھأتس منٛزٕ لیکھنہٕ یُن ۔ دوٚصوٗل سپدُن ۔

جمع یُن ۔ ۱۔ جیابس منٛزٕ مُجراہ میلُن ۔ ۲۔ (خواہش) پوٗرٕ سپدٕنۍ ۔ م، طرح جمع یُن ۔ ۳۔ وٗ ٹھتہ یُن ۔

جمع بٔندی ۔ سُہ کھاتہٕ یُس پٹھوآرس نِش آسان چھُ تہٕ یتھ منٛزٕ پرٛتھ کاشتکارسٕنٛد ناو ، کھاتہٕ رقبہٕ ، نمبرتہٕ مالیک تفصیل بیترٕ درج آسان چھُ ۔ اُتھ چھِ "جمعبٔندی رجسٹر" تہٕ وَنان ۔

جمن پیٚترٕ ۔ م ۔ مؤل : جمن پیترٕ > پراکرت : جمہٕ > س : جنمہٕ + پترٕ ] زنمہٕ پیٚترٕ ۔ زاتک ، ٹیکی ۔

جماعتھ ۔ م ۔ مؤل : جماعتھ > ع : جماعتہ ] ۔ ۱۔ کھیٚج ٹولی ۔ ۲۔ ٹولہٕ ۔ دوٚر ۔ فرقہٕ ۔ پارٹی ۔ ۳۔ مجلس ۔ سبھا ۔ اوٚنجمن ۔ ۴۔ کلاس ۔ درجہ ۔ ۵۔ واریاہن لوٗکن ہُنٛد سمُت ۔ اِمامس پیٚتہٕ پرنہٕ یِوٕنۍ نماز ۔

جماعتھ پرٕنۍ ۔ واریاہن لوٗکن ہتٛیرٕ کٕرِتھ وٹہٕ نماز پرٕنۍ ۔

جماعتھ تیار آسٕنۍ ۔ فرض نمازٕ باپتھ لوٗکھ صفہٕ گنٛڈِتھ آسٕنۍ ۔

جماعتھ کرٕنۍ ۔ سوٗ ٹھ کرٕنۍ ۔ واریاہن زنٛن ہُنٛد شمُتہ کُنہٕ کامہٕ نکھہ ڈیُن ۔ یکہٕ وٹہٕ شمِتھ کام کرٕنۍ ، باج بٹھ کرٕنۍ ۔

جماعتھ گیٚے کراماتھ ۔ سیٹھا لوٗکھ شمِتھ چھِ بجہٕ بجہٕ کامہٕ ہیکان انٛد واتناوِتھ ۔ م ۔ اکھ تہٕ اکھ گوٚ کاہ ۔

جمأژ کھسُن ۔ مدرسہٕ کِس بیمہ درجہٕ پیٚٹھہٕ ہیٚرِمس درجس واتُن ۔ بٔڈِس کلاسس کھسُن ۔

جمأژوول ۔ ۱۔ سُہ شخص یُس واریاہ نفرٕ ڈکھس تہٕ مدتس آسن ۔ تُرِ وول ۔ ۲۔ بیٚیمی سُنٛد گرٕ یا ژمیٚنس پیٚٹھ جماعتھ کام آسہٕ کران ۔

جمادار ۔ ن ۔ مؤل : جمادار > ع : جمع + ف : دار ] ۔ ۱۔ میونسپل کمیٹی منٛزٕ ملازِمتک اکھ عوٚہدہٕ ۔ داروغہٕ ۔ ۲۔ فوٗجک اکھ عوٚہدٕ دار ۔ ۳۔ ژٕنیٚٹھ چپرآسی ۔ اردلی ۔ ۴۔ بیٚٹھ دوٗل ۔ م ، جمادار چھُم بیٚنوُمُت ۔

جمادأری ۔ جمادارسٕنٛد عوٚہدٕ ۔ ۲۔ (ورگہٕ) سوٗ قدمی ۔ ٹلی زِ چھِہ ۔

جمادأری لاگٕنۍ ، ہاوٕنۍ ۔ بیٚٹھوُلی لاگٕنۍ ۔ ٹلہٕ کُنہٕ چیزس زیٚٹھ لاگُن ۔

جمال ۔ ن ۔ مؤل : جمال > ع : جمال ۔ جمل √ ] ۔ خوبصورتی ۔ جان شکل آسٕنۍ ۔ سوٗنٛدرأ آسُن ۔

جمال گوٹھ ۔ ن ۔ مؤل : جمال گوٹ > س : جنبہ + پالہ

+ گٹکہ - م، ہ : جمال گوٹا ] پیستہ مغزس ہیو اکھ جنگلی میوٕ یُس کھینہٕ ستی میاد مُسل چھُ گژھان ۔

**جمُن** - ن - مؤل : جم < پراکرت : جمہ - س : جنمہ [ ۱ - ٹکنھ گژھُن - لگُن - ستھُن - ۲ - کھور درُن - مول دِیُن - ۳ - رنگ کھسُن - کامیاب گژھُن ( جلسہٕ بیتر )

**جموتھ** - جموتھ کرُن - < ع - جماعت ماکہٕ مذہبی کامہِ باپتھ مُسلمانَن ہُند یکہِ وٕ پاسُن تہٕ امہِ باپتھ اکھ اکس ناد دِیُن ۔

**جمبر** - م - مؤل : جمبر < تہمبر لفظی بگرن [ تہمبر ، تیو نکل - تھ تہمبر نان یوسہٕ رلوائتھ مو جوب وندس منز بمہٕ سیتہ کاشر دوہ ژہیتر ہوان چھے تہٕ بیتہٕ ستی وندکی گرمی چھے بیرِ نہ ہوان ۔

جمبر پیٹنی - ل - م : تہمبر پیٹنی - ( ورگہٕ ) ژبیتہ وشنیر بھیرُن - وندِ ج نیتہٕ سور ۔

**جمپ** - م - مؤل : جمپ < انگ : جمپ JUMP وٹھ - ژھال ۔

**جمپر** - ن - مؤل : جمپر < انگ : جمپر JUMPER - اکہِ خاص کُٹایہ ہُند ژھوٹ فراک - پلوز ۔

**جم جم** - ن - مؤل : جم جم < پراکرت : جھام + جھام - م، آسامی : زم زم ] نارٕ تریتہٕ - ژھیٹہٕ مارِ وِنی ریتہٕ ۔

جم جم بالے شالہٕ کُٹھ ولے ۔ یہ سُری باپتھ چھ سُری تمہٕ وِنہٕ دنان سیلہِ تہٕ جم الاو نالنس گیشدان چھ ۔

جم جم نار اژ بتھ وارہ سُرین ہُند الاو

زالنگ گیشدُن یا کتھ ۔

**جم جم ہیوٗن** - زونگ لگُن - کنہِ چیز سس وُچھان وُچھان ہیوٗن یار یتہٕ وہ پھشیہٕ - کانہہ یا کینہہ یکدم دزُن ۔

**جمسوز** - [ ن - مؤل : جمسوز ] اکہِ قسمُک گلہٹھ یا روغن یُس سوہ مزن لگان چھُ ۔

**جمشید** - ایرانک اکھ پژون مشہور بادشاہ ۔

**جمکہٕ جمکہٕ** - وُہہ وُن نار - نارٕ ژھٹ - جم جم نژون نار ۔

**جمکہٕ جمکہٕ ہیٹھوٗن** - سخ نار ہیوٗن - الاو ٹیلاو گندُن - ہرہر گران دزُن ۔

**جمگٹھ** - ن - مؤل : جمگٹھ < ک : جمگھٹا < س : جنہ + گھٹک ] بیر بارُسے - ژلیہ ژلی - لوکہٕ اژساکتھ -

جنگھٹہ کرُن ، لاگُن - بیر بارُسے کرُنی - اکے جایہِ ژُستہٕ یُن ۔

**جمنا** - ہندوستانک اکھ مشہوٗر دری یا ولک نادیتھ کس بٹھس پیٹھ دلی ، آگرہ تہٕ متھرا ہشہ مشہوٗر جایہ آباد چھے ۔

**جنتھ** - [ ن - مؤل : جنت < ع : جنتہ ] ۱ - سورگ - بہشت - ۲ - سورگس ہشش جایہ یتہ جلے بیتہٕ آرامہ آرام آسہِ - ۳ - سترٕ لنگہٕ کہِ اکِہ نانکُن ناو -

جنتھ گار - وُچھو " جنتی "

جنتس گژھُن - سورگس واتُن - آسائیشس پراوُنی - پژرس وہ سیدار ستیدُن -

عائشس کرُنی ۔

**جنتی** - ل - م - جنتس منز روزن وول - ۱ -

جنتہٕ گار۔ سوٗ ریوگواُسی ۔ یہِ جیٚہ کانٛسہِ مومنہٕ سُنٛد ناو یز تہٕ سان ہیمنہٕ وِزِ وَنان ۔۲۔ نیک ۔ رُت ۔ جان (رٕنِس موہنوٗسس مَرنہٕ پتہٕ وَنان)۔

جنتکی دَروازٕ یلہٕ گژھنہٕ ۔ سیٚٹھا شادی تہٕ راحتھ واتٕن ۔ خاصکر گٕرمی منٛز سوٗت سوٗت تہٕ سرد ہوا یِن۔

جنتک مازوٗ گُل ۔۱۔ سیدٕ بوٗڈ ۔ سیوٗد ساد اِنسان ۔۲۔ سُہ اِنسان یُس نہٕ کانٛسہِ ہُنٛد آزردٕن بیتر آسہِ۔

جنتُل فِردوٗس ۔ اکہِ جنتک ناو۔

جنتُل ماوا ۔ سُہ جنتہٕ بیٚینہِ روٗحس پناہ میلہِ۔ تھَد تھوٗد جنتہٕ۔

جنم اشٹٔمی ۔ م ۔ موٗل : جنم اشٹمی < س : جنماشٹمی ] زٕنمہِ اشٹمی ۔ (بادرہٕ بیٚنہٕ گٹہٕ پچھہِ اٹھم ) بگوان کرشنہٕ سُنٛد زادوٗہ۔

جنتا ۔ م ۔ موٗل : جنتا < س : جنتا ] عام لوٗکھ ۔ عوام۔

جنتٔری ۔ م ۔ موٗل : جنتر < س : ینتر کا ] سوٗ (لوکٹ) کِتاب ، لکوٹہٕ یا جُزوٗ بیتر یتھ منٛز سِتارٕن ہُنٛد گردِش ، حال ، دوٗری ، تارِ یخ تہٕ دوٗہ درج آسان چھِ ۔ نیٛچھ پتر۔

جنٛجال ۔ ن ۔ موٗل : جنجال < س : جنجالہ ] ٹبر عیال بارِ بوٗس تہٕ ویٚتر اوٚنہٕ ہیٚکی زِ۔

جنٛجال ناوٕ گژھنہٕ ۔۱۔ بوٚڈ عیال اَگادِ گژھُن۔ ۲۔ (دورگہٕ) کُنہِ کھرِس منٛز ہیٚنہٕ یُن۔

جنٛجالی ۔ کھُراٗنہٕ دول ۔ پریشان کرنہٕ دول۔

گبھٕر تُلنہٕ دول ۔ لڑایہٕ گوٗر۔

جنٛجوٗٹی ۔ م ۔ موٗل : جنجوٹی < ہ : جھنجھوٹی ] موسیقی منٛز اکہِ راگہٕ ہُنٛد ناو۔

جنٛجوٗری ۔ م ۔ موٗل : جنجور < ف : زنجیر ] بٔرپٔڈی ہانکل ۔ زنٛجیر۔

جنٛجوٗر ۔ کُنہِ تھَقرِ ہشٕر تمہٕ لنجہِ یمن نہٕ واریاہس کالس ترٛاش آسہِ ہیٚنہٕ آمٕت۔

جنٛد ۔ ن ۔ موٗل : جند ] ژٕٹ ۔ بٔرٕون تہٕ پھٕٹمٕت پلو ۔ دَجہِ لاگوٗ لاگی پلو۔

جنٛدٕ پشر ۔ پرانہٕ جنٛدٕ شیرٕن دول ۔ جنٛدٕ گوٗر۔ جنٛد شوٗن دول۔

جنٛدٕ گرٕی بابا ۔ زٕچن پرانہٕ وارٕن ہُنٛد کُنن دِنن ۔ سوٗ کام بیٚیمہِ سِتۍ ژھوٚ کھٔٹ آسہِ ییوان۔ (دورگہٕ یا ٹھی) فقیر نظر ۔ شکِس جوےٚ۔

جنٛدٕ گرٕی موٗل ۔۱۔ پرانہٕ وادِ تہٕ کھوٚ تہٕ تھوٚد قیمتھ ۔۲۔ تیوٗت تھوٚد موٗل یُس نہٕ دیٚنہٕ یاسٕتہٕ پیہِ۔

جنٛدٕ گوٗر ۔۱۔ یُس پرانہِ پلوٚ کِنان ہیوان آسہِ۔ ۲۔ یُس پرانین پلوٚن لیفہٕ گنٛڈہٕ بیترِ بناوان آسہِ۔ ۳۔ (دورگہٕ یا کھٔٹی) شکِس لٔد۔

جنٛدٕ لگٕنی ۔ زٕچہِ لگنہٕ ۔ غریبی نال وَلنہٕ ۔ شکِس یُن۔

جنٛدٕ موٗت ۔ زٕچل ۔ جوٚ تھُر۔

جنٛدٕ وٗر ۔ ن ۔ موٗل : جنٛدٕ وٗر < جنٛدٕ لفظک ژھوٚتُر ] ۱۔ زٕچہِ پلو ۔ پلوٚ ژٕٹ ۔ پنٕنۍ ہنٛز دَجہِ لاگتھ پلو ۔۲۔ زٕچہِ لیف یا وُرُن۔

جَنٛڈٕ ۔ ن۔ مؤل: جَنٛڈ۔ < س: جَینتہٕ ] عَلَم ۔

جَنٛڈٕ بَردار ۔ جَنٛڈٕ رٹن وول۔ عَلَم ہیتھ پَکن وول۔
(دَرگہٕ پاٹھی) اسپلڈر، کُنہِ کتھہِ ہٕژ وشہٕ ہٕژ وشہٕ پَکن وول۔

جَنٛڈٕ تُلُن ۔ (دَرگہٕ) کُنہ کامہِ ہتھہ ہیرُن ۔

جَنٛڈٕ دِتھ بِہُن ۔ وُچھو "جَنٛڈٕ دِیُن"۔

جَنٛڈٕ دِیُن ۔ ۱۔ (دَرگہٕ پاٹھی) کُنہِ جایہ مَطلَب ہیرنس
تام تِتھہٕ پاٹھی روزُن تہٕ ژھِنہ تہٕ کھفنہِ تُلی نہٕ ۔ ۲۔
بوڈ ڈلنہ دراٗے پتہٕ روزُن یو کانٛہہ مُلک فتح کرُن ۔

جَنٛگ ۔ ن۔ مؤل: جَنٛگ < ف: جنگ ] لڑاے، بود۔
جَنٛگس نیرُن ۔ جَنٛگ کرنہٕ نیرُن ۔ ژُونہٕ نیرُن ۔
ہٕریتھ کرِ گَشرُن ۔

جَنٛگہٕ جَدَل ۔ لڑاے ۔ ہٕر ۔ جَنٛگ ۔ مارٕ مار ۔ خوٗن ریزی ۔

جَنٛگہٕ جَنٛگ ۔ ۱۔ لڑائی بیٹھ لڑایہ ۔ ژہ و اپاری
لڑایہ ۔ ۲۔ فساد ۔ ہٕرہٕ ہٕر ۔

جَنٛگباز ۔ لڑاے کاچھن وول ۔ جَنٛگس لور روزوُن ۔
یَس جَنٛگ وو ٹھنہٕ سیتی پَنُن فایدٕ باسہِ ۔ یَس
جَنٛگہٕ مَنٛزرے نیرِ ۔

جَنٛگجو ۔ مؤل: جَنٛگجو < ف: جنگجو ] لڑایہ گوژ ہٕرل ۔

جَنٛگ کرُن ۔ لڑاے کرِ ژ ۔ یو دکرُن ۔

جَنٛگنامہ ۔ (یٕمَن مَنٛزر) جَنٛگچ ڈیل ۔ جَنٛگ
(منظوم) قصہ ۔

جُنٛگی ۔ ۱۔ فوجی، سپاہ ۔ ۲۔ جَنٛگلک، یَتھ جَنٛگس
سیتی واٹھ آسہِ ۔ م، جُنٛگی ساماں ۔

جُنٛگی جہاز ۔ سمندری جہاز یُس لڑایہ مَنٛزر چھُ
استعمال یوان کرنہٕ ۔

جُنٛگی پَلٹھی پار ۔ سُہ ساماں یُس لڑایہ مَنٛزر چھُ لگان ۔

جَنٛگل ۔ ن۔ مؤل: جَنٛگل < س: جَنٛگلہٕ ] وَن ۔ سوٗ
جاے بیٹھ کُلی کُلی آسن ۔ سوٗ جاے یتھ رَنٛڈ
یا کُچھ بیٹھ نٕے گَرڈ یا کھٹی کھوٗ ہمتُت آسہِ ۔

جَنٛگلی ۔ وَنہٕ وو ہُمت یا وَنہٕ دولت، جَنٛگلی،
یاغی ۔ بےہوش ۔ یَس یہ تہذیب آسہِ ۔ جَنٛگلس
سیتی توٗلُق تھَفووُن ۔

جَنٛگلی ۔ ۱۔ جَنٛگلک، یُس یا یہ جَنٛگلس مَنٛزر
آسان آسہِ ۔ ۲۔ ووکھر، وحشی، بےہوش ۔

جَنٛگُن ۔ یَکھُن، کوشش کرِ ژ ۔ مُقابلہ کرُن ۔
جِد و جَہد کرِ ژ ۔

جَنٛگلا ۔ م ۔ مؤل: جَنٛگلا < س: جانگلہ ] صوفیانہ
موسیقی ہُنٛد اکھ مُقام ۔

جَنٛگلہٕ ۔ بچہٕ بَرن ۔ کا کھکر ۔

جَنٛوری ۔ ن ۔ مؤل: جنوری ۔ < انگ: جنوری ۔
JANUARY ] عیسوی سنٛنک گوڈنیک
ریتھ ۔ (دیسی پاٹھی) لگ بگ اڈڈا پوہ ۵ تہٕ
اڈ ماگہٕ ریتھ ۔

جَو ۔ ن۔ مؤل: جَو < ف: جو، پراکرت: جو < س:
یَو ] (ل۔م) وُشکہٕ پھولٕ ۔ (دَرگہٕ) رَژھا،
سو یا ۔ م: کھَفنہٕ جَوا دی تو ۔

جَواب ۔ ۱۔ پرژھنس اوِ وو ہُمت ۔ ۲۔ سوالک
حل ۔ ۳۔ رد خصوصی، توٗلُق ژٹُن ۔ ۔ ۴۔ نَکار ۔
۵۔ جوڑ، ہیوہ (دوٗیم) ۔

جَوابٕس جَواب دِیُن ۔ واپس جَواب دیُن ۔

وادَس داد کَرُن ۔ گُستاخی کَرٕنۍ ۔

**جَوابہِ داوا** ۔ (جوابِ دعویٰ) ۔ مُدالیہٕ سُند طرفہٕ عرضی داوا ہُک جواب ۔

**جَواب دِہی** ۔ (کُنہِ مالِس مَنٛز) ذِمہٕ واری یا بیٚنہٕ باز خاص ۔

**جَواب دِیُن** ۔ ۱۔ کارِ کَرنہٕ تہٕ تِتھ ذِمہٕ وار آسُن ۔ اَتھ کَرٕنک کاںٛہہ مُناسِب وَجہ وَنُن ۔ یِم ، خود اَتھ نِش کِیا جواب دِتھ ۔ ۲۔ سیٚٹھے کار گَژھُن ۔ ۳۔ مَرُن ۔ زُو نیٚرُن ۔

**جَواب دیٚنہٕ** ۔ ذِمہٕ دار ۔

**جَواب رُٹُن** ۔ ۱۔ کاںٛہہ کَتھ بیٚترِ پیٚژ رِحت ہیٚہ کیٚنٛژھا اَوِد وَنِنہٕ بیہِ تہٕ بوزُن ۔ ۲۔ کُنہِ اعتراضک یا بازِ خاصک کاںٛہہ تَسَلی نہٕ دِتھ بوزُن ۔ ۳۔ بیہِ تہٕ دوہ میٚد آسہِ تہٕ بوزُن ۔ بیوُن ۔ یِم اَرٛکُھنہٕ وہٕنۍ جواب ۔

**جَواب طَلَب** ۔ ۱۔ یَتھ جواب دیُن آسہِ یا پٔتیہِ ۔ یَتھ جَواب مَنٛگنہٕ آسہِ آمُت ۔ ۲۔ باز خاص ۔ پیٚژ ژھہٕ گارہٕ ۔

**جَواب طَلَبی** ۔ باز خاس ۔ پیٚژ ژھہٕ گارہٕ ۔

**جَواب کَرُن** ۔ ۱۔ نکار کَرُن ۔ ۲۔ نوکری بیٚترِ مَنٛز کَڈُن ۔ ۳۔ یُس کیٚنٛہہ مَنٛگنہٕ یا پیٚژ ژھنہٕ آسہِ آمُت سُہ چھوٚنے واپَس کَڈُن ۔

**جَواب نہٕ آسُن** ۔ سادی نیہِ گَژھنہٕ آسُن ۔ یَتھ کاںٛہہ یا کیٚنٛہہ آسہِ نَنٛگِتھ نہٕ بیٚاکھ یا بیٚیہِ کیٚنٛہہ آسُن ۔ سیٚٹھا صوٚل آسُن ۔ بے مِثال آسُن

**جَواب نہٕ پھیُورُن** ۔ جواب نہٕ دِتھ ہیٚکُن ۔ گیٚھ

گوجہٕ گَژھ ہیٚہ ۔

**جَوآنی تار** ۔ سُہ تار یٔیمہِ کِنہٕ جوابہٕ بابَتھ تار دِنہٕ یِوان گوڈے پونسہٕ بَرِ ۔

**جَوآنی کاڈ** ۔ سُہ دوگُن کاڈ یَتھ اَکھ حِصہٕ جوابہٕ بابَتھ آسہِ ۔

**جَوازُن** ۔ ن ۔ موٚل : جَواز ح ع : جواز ۔ جیوز √ جایِز آسُن ۔ کاںٛہہ کَتھ بیٚترِ ٹھیکھ تہٕ جایِز آسنُک دَجہ یا ثوبوٗ کَتھ ۔

**جَوان** ۔ موٚل : جوان ح ف : جوان ، پراکرت : جُوان ح س : یُوَن ۔] لوکچارِ پیٚتہٕ تہٕ اُڈٕ وَر وانِنہٕ ترٛونٛہہ وٲنٛسہٕ ہُند انسان ۔ یُس یاوُن آسہِ جیٚوٹھ ۔ وُژہٕ ول ۔ جَوانَس کِیا کَرِ دَرٕ یَٹھ پانٛژک ۔ جوانَس چھیٚنہٕ خَطرٕ ٹالہٕ کھَسان ۔ بُہُودرَس چھیٚنہٕ بَلاے پوشان ۔

**جَوانہٕ بِیہر** ۔ پھیٚٹہِ پھیٚٹہِ کَرٕ وِنۍ جَوان زَنانہٕ ۔

**جَوانہٕ بُہُودُر** ۔ جان زُو زیٚنہٕ دول تہٕ جِگر کَتھ ہُند (اِنسان) ۔

**جَوانہٕ جاہِل** ۔ سُہ جوان یُس تہٕ یَتھ ترٛو نَٹھ دُچھیہِ ۔ دُچاپہِ ۔

**جَوانہٕ رانا** ۔ یوٚہ کَٹھ جوان یُس پھیٚٹہِ پھیٚٹہِ کَرٕ وِنۍ جوآنی آسہِ ۔

**جَوان جاہِلی کَرٕنۍ** ۔ یَتھ ترٛوٚ نہٕ دُچھنے خطرَس مَنٛز یان ژھُنُن ۔ زُوٚس گِنٛدِ کَتھ کیٚنٛہہ کَرُن ۔

**جَوان مَرد** ۔ بوٚہدُر ۔ دِلیر ۔

**جَوان مَردی** ۔ م ۔ موٚل ۔ جوان مردی ح ف : جوان مردی ] دلیری ، بوٚہدری ۔ جِگرٕ کَتھ ہُندی ۔

جوانی - ۱- بہ کچار یِتھ نہ اُڈور آسنہٕ ہٕند شُژھ حالتھ۔
۲- یاوٕن - یاونکی دَوہ - ۳- بہار نہ جہار۔

جواہر - ن - مٔول: جواہر < ع: جواہر ] - لال - کانہہ قیمتی کنی یو سہ زیورس یا زیبایِش نہ لگہ۔

جوہر۱ - ن - مٔول: جوہر < ف: جوہر ] - ۱- کُنہ چیزُک ستھ، عطر - ۲- قصبُک کمال۔

جوہر۲ - ٹاٹھر۔

جوہری - مٔول: جوہر < ع: جوہری ] - منتر، لال جواہر کِنن وول - لال شناس۔

جہل - ن - مٔول: جہل < ع: جہل ] - ۱- نہ زانُن - مُڈ گی - ۲- کُنہ کتھہِ بیتر پیٹھ ثُجھنہ (گرہٕ ن) - یوزُک نہ یوزُن - ٹلہ واد واد - ۳- دُکھ، کرِ ڈ دیکھو رشتی۔

جہل کھسُن - سیٔح شرارتھ کھسُن - ژُکھر کھسُن - ژُکھہ کھسُن - بتر کھسُن۔

جہلو - یَس جہل آسہِ کھسان - یُس نہ یوزُک بوزُنہ نہ اوزسے جانگہ کرہ - یَس نہ بوزُن آسہ۔

جہاد - ن - مٔول: جہاد < ع: جہاد - جہد ] - اِسلامہٕ مُوجوب کینژن حالتن منز کافرن خلاف مُسلمانن ہُند جنگ - ۲- (کُنہ پزِ نہ مقصدہ باپتھ) جُہد جُہد - ۳- نفس فوبو کرنہ نہ نا ظہِ بیاپہ کوشش۔

جہار - ن - مٔول: < ? ] ۱- یاوٕن، کاڈ کَش (زنانہ ہُند) - ۲- بجوولنہ آسُن - برجستہ آسُن (فصلُک بیتر)۔

جہاز - ن - مٔول: جہاز < ع: جہاز ...

کرنہ باپتھ اکہ قیسچ سیٹھا بڈ سمندری ناو۔
۲- اسمانی جہاز - ہوائی جہاز۔

جہاز ران - سمندری جہاز چلاوَن وول۔

جہان - ن - مٔول: جہان < ف: جہان ] - زگتھ - دُنیا - سنسار - سور عالم۔

جہان پناہ - ل - م - سُہ - بیتھی سندس پناہس تل دُنیا آسہ - (نہ ڈیٹھہ گو) بادشاہ (بزنہ کیو ونان)۔

جہالتھ (جہالتھ) - م - مٔول: جہالت < ع: جہالت ] - ۱- ازآنل - ۲- (یوزک) نہ وہیمُن - کج بحثی - دُچھاپہٕ گی۔

جہالتھ کرُنی - جانگر لاگُن - کج بحثی کرُنی۔

جہنم - ن - مٔول: جہنم < ع: جہنم - عبرانی: گیہنم ] - ۱- دوزخ - نرک - ۲- (ورگہ پاٹھی) (سوہ جاے) بیتر دِس موافق ماحول آسہ نہ - ژھپیچ جاے۔

جہنمی ناو - گزرشمہ کراے - تاپہٕ ژٹنڈ۔

جہنمُن ژوک - سہ زوٕکھ سیٔح ذلالتک مقام - وائل - ۲- سیٔخ عذاب۔

جہنم گار - ۱- جہنمی - ۲- سیٹھا بد کار نہ بچھ انسان۔

جہنم پن - (اکھ وڈ ہو و) دوزخس گژھُن - نرکس گژھُن - م، تیتھہ بین تس جہنم ثیٹھ آسہ ستھو دوٕن۔

جہنمی - ۱- جہنم گار - دوزخی - ۲- (ورگہ پاٹھی) بدکار - کھوڈ ہیچل - شیطانی کارٕکرن وول۔

جحی - ن - مٔول: جحی < عبرانی ] نرے - یہ لفظا چھ

اَہی پاٹھۍ، خاژ پاٹھۍ پاٹھۍ وَرتاوَنہٕ یوان۔

**جےٚ جےٚ کار** ۔ یہ چھُ اکھ قسمُک اَہی پاٹھ ۔ جیت کیہ ٹنگ، زینہٕ ٹنگ نار۔

**جابجا** ۔ جایہٕ جایہٕ، شایہٕ شایہٕ، پرٛتھ جایہٕ ۔ ہتہٕ ییٚتہٕ۔

**جاداد** ۔ ن ۔ موٗل: جاداد < ف: جائیداد ] ۔ مال دَولتھ۔ دیار ۔ زمیٖن، مکانہٕ بیتر یُس کیٛنژھا اگر نسبہٕ پننہٕ ناوٕ آسہِ ۔ وِژیزہٕ پوٗرٕ

**جادٕ** ۔ موٗل: جاد < ف: زیادہ ] زیادٕ ۔ ژوٗر ۔ ہتر ۔ علاوٕ ۔ ہُر بیمانہٕ ۔ سیٹھا ۔

**جادٕ ے** ۔ ہناہ تُہٕ جادٕ پیٚہن ۔ پیٚر پیٚٹھۍ ۔

**جاڈَن** ۔ م ۔ موٗل: جاڈن < ہ: جھاڑن ] ۔ ہتھ پکو ۔ ہتھ سٕ پکو بیتیہٕ عتی کاشہٕ چیز صاف ییہ کرنہٕ ۔

**جار** ۔ ن ۔ موٗل: جار < س: جھاڑ ] قندیلہٕ ۔ اکھ قسمُک شمع دانہٕ یتھ سیٹھا لنگ لگیتھ آسان چھےٚ ییمن ناوس مَنز تراوَنہٕ یوان چھُ ۔

**جارٕ دِین** ۔ ن ۔ موٗل: جار < ؟ پراکرت: جھاڑ ] تُجل کرُن ۔ رُسوا کرُن ۔ اُڈٕ اُڈٕ کڈُن ۔

**جارٕ لگُن** ۔ تُجل گژھُن ۔ اُڈٕ اُڈٕ سنرُن ۔

**جارجیٹھ** ۔ < انگ: جارجٹ GEORGETTE ] ۔ اکھ سیٹھا زاوُل موٗلُل ریشمی کپَر ۔

**جافُر، جاپھُر** ۔ ن ۔ موٗل: جافر < ف: جعفری ] ۔ اکھ پوشہٕ ۔ جافری زٕ ژھندہ پوشہٕ ۔

**جافری رَنگ گژھُن** ۔ ا ۔ ییٚدرُن ۔ زردی پھیرنۍ ۔ ۲ ۔ ( وَرگہٕ پاٹھۍ ) ژھ ہرنہٕ عتی بُتھس رنگ ڈلُن ۔ لبسہٕ لگُن ۔

**جافری کام** ۔ ؟ < ع: ذخیرہ ] اکھ قسمچ پنجر کاری ۔

**جاکٹ، جاکیٹھ** ۔ ن ۔ موٗل: جاکٹ < انگ: جیکٹ JACKET ۔ اکھ قسمچ صدری ۔

**جاگاتھ** ۔ ( جایہٕ ہتھن ) گنجایش ۔ ہکاٹھیتھ ۔

**جاگاہ** ۔ وُچھو ، جاگاتھ ۔

**جاگر، جانگر** ۔ ن ۔ موٗل: جانگر < پراکرت: جھگٹ ] ا ۔ کُنہ کتھہِ ییٚتھ بیٚتھن کچل باہ موٗن کرُن تہٕ بڈٕ بڈٕ کرُکھ دِنہٕ ۔ چیر ۔ ۲ ۔ آلُک پاٹھُک کرُتھ بیب ہیوٗن ۔ ۳ ۔ جانگر کرُن وول ۔ بیٚتن کچل باہ مَن کرُن وول ۔

**جاگر کرُن** ۔ کرُکھ لاگیتھ یژھ رس تہون کل دِنچ کوشش کرُن ۔ کرُکو عتی جوٗٹ کرُن ۔

**جالرٕ** ۔ اَنزُل ۔ زاٗلۍ لٕتھ دستہٕ ۔

**جالکھدوٗزٕ** ۔ برہہ کام کرُن وول ۔ ٹوٗ بیہ کام کرُن وول ۔

**جالکھدوٗزی** ۔ برہہ کام ۔ ( وٹیٹھ ) ٹوٗ بیہ کام ۔ نُمدن گبن بیتر بیہر یا پوٹ جھاوٕ بنچ کام یا کیب ۔

**جالارٕ** ۔ ن ۔ موٗل: جالار < س: جھل لری ۔ ئم ۔ ہ : جھالرا ] جالہٕ کام کرِتھ کُنہ پلوٗک حاشیہ ۔

**جالسازٕ** ۔ موٗل: جالساز < ع: جعل + ف: ساز ] ۔ ا ۔ یُس اَپزی دستاویز بناوِ ۔ ۲ ۔ ٹھگ ۔ دوکھہ بازٕ ۔ ژھلہٕ گوٗر فندہ بازٕ ۔ دُیٖن دلازٕ ۔ دُپھین دلازٕ ۔

**جالسازی** ۔ ٹھگل ۔ دوکھہ بازی ۔ دُیٖن دلازی کے دُپھین دلازی ۔ فندہ بازی ۔

**جال کرُن** ۔ ا ۔ دستاویزس قلم ژانُن ۔ اپزٕ دستاویز ہناوُن ۔ ۲ ۔ ( وَرگہٕ پاٹھۍ ) فندہ کرُن ۔ دوکھہٕ

وَرناوُن - ژھل کرُن -

جام ع۱ - ن - مؤل: جام > ف: جام ] شراب چینُک پیالہ، کھوسں یُس شیٖشہ گلاسہٕ بیترِ یتھ سیٖتی شراب چیٚنہٕ یِیہِ -

جامِ جم - جمشید بادشاہ سُند شراب چینُک پیالہ یتھ منٛز تس ریوایژ مطابق سارِ دُنیاہُک حال لبنہٕ اوس یوان -

جامِ جمشید - وُچھِو ، جامِ جم"-

جامِ صحت - سُہ شرابہٕ ہیٚ پیالہ یُس کانٛسہِ ہُندِ اَرزو کانٛچھہِ بابتھ چینہٕ یا چاونہٕ یِیہِ -

جامہٕ کھوس - ن - مؤل: جامہٕ کھاس > ف: جام + کاسہٕ ] بوٚڈ کھوس - بوٚڈ پیالہ -

جام ع۲ - ن - مؤل: جام > انگ: جام ] - موو ریہ -

جامع مسجد (مُشید) - م - مؤل: جامع مسجد > ع: جامع مسجد ] - (گرنہٕ علاؤ فیچ) بڈ مُشید - سِری نگرس منٛز نوٚہٹس نکھہٕ کُشیرِ ہنٛز سارِوٕے کھوتہٕ بڈ مُشید اکھ بیٚیہ بڈ مُشید نہٕ وَنان -

جامن - کاہ وُچھہِ رنگہٕ اکھ میوٕ، یہِ چھُ منٛز کنہِ زورِ شش آسان - اکھ چھےٚ اکہ بنیرِ کِہ یا ٹھوٚٹ آنٹھ تہٕ آسان -

جامہٕ - ن - مؤل: جام > ف: جامہٕ ] ۱ - ناٹی لاگنُک پلو - ۲ - گوڈنی تام اکہ قسمُک پٔلو یُس بچہِ کُنٛتھ تہٕ نٔشرن واجنہِ نٔشرن وزِ ناٹی لاگان چھےٚ - یہِ چھُ کمبرس نِشہِ چُست تہٕ تَمِہ بونہٕ دارِ یاہ کھوٚل تہٕ بُھچ کٔرتھ آسان - اکھ چھےٚ گوڈہٕ کناریٕ بینزرِ نہٕ لاگتھ آسان -

جامن منٛزٕ روزُن - ہوش ڈلُن - یُدحواس گژھُن -

جامہٕ شخصتہ - اکہ قسمُک کھٔسِتھ کامہِ دار شال -

جامہٕ تحانہ - ۱ - یکوٚ بدلاونُک کُٹھ - ۲ - لوکٹ سجاوِتھ کُچھ کُٹھ یتھ منٛز بڈی موٚہنوی خاص سیٖتی بہان چھِ -

جامہٕ ژٹُن - پلون چاکھ دِین (ورگہٕ) جیبرِ یُن - ہٹِس بیٹھ واتُن -

جامہٕ گٔنڈِ ڈیٚ - ۱ - دٔ نٔشرن وٲلی سُند یا حٲنوٕ ظِہ بیترِ تُھند) نٔشرہٕ بابتھ خاص پلو لاگنہِ - ۲ - (ورگہٕ یا اٹھی) کُنہِ کنہِ شکل گٔنڈِ ڈی کُنہِ کن باوُن -

جامہٕ منٛزٕ تہٕ بہُن - کانٛہہ کام موکلنہٕ سو کھیٚہ سان بہُن - نکہِ ذکرِ روسں بہُن - بیٚتہٕ غم یا کٹھی روزُن - کوٚنڈ ڈاکا ساٹھہ کرِتھ بہُن -

جامہٕبر - زٔنی، ٹیٚشرِ یا کنہِ بیترِ سارہٕ بابتھ دوہن گٹڈن منٛز باگ یوومت تُل -

جامٹری - م - مؤل: جامٹری > انگ: جیو میٹری GEOMETRY کاٹ علمِ حساب اکھ شاخ - بیوٚن بیوٚن آکارن ہُند آدُھ باڈو کرِہ میٹرک عِلم -

جامدانی - م - مؤل: جامدانی > ف: جامدانی ] اکہ کِرمُک ناوٕ یتھ بوٹہِ وِتہ یتھ چھےٚ آسان -

جاموار - ن - مؤل: جاموار > ف: جاموار ] کاشُرِ شالک اکھ کھٔسِتھ قسم -

جان ع۱ - مؤل: جان > ف: جان ] ۱ - زُو، زندگی - روٗح، پران - ۲ - طاقتھ، زور، ہیکتھ - زوٗزِ یٚتہٕ - ۳ - لوٚٹھ - دلبر، ماشوق - ۴ - جوہر - لُبہٕ لُباب -

جانَس پیٹھ وانُن ۔ سیٹھا سَختی وانِنی۔

جانِس تن ڈِرُس ۔ پھِر پھِر آہی پاٹھو دنان ۔ م، گژدہ ژِ سے جانِس تن ڈِرُس۔

جانہِ عزیز ۔ ۱۔ تُوٹھ زُو ۔ تُوٹھ جان ۔ پَنُن یان ۔ ۲۔ (دُرگہِ پاٹھی) (ماشوق) یُس زُو کھوتہ تُوٹھ آسہِ۔

جانہِ عزیزس لمہِ لم آسنی ۔ ۱۔ سخ بیمار آسُن ۔ ۲۔ (دُرگہِ پاٹھی) پیرِ سقہ طرفہ سختین اَندر آسُن ۔

جانِس منس پیٹھ واتُن ۔ جانِس پیٹھ وانُن ۔ پانس نام تہ روزُن ۔ سخ سشرارتھ کھسُن ۔

جان بخشی ۔ ۱۔ زِندگی دِنی۔ ۲۔ مرنہ نِشہِ بچاوُن ۔ سونتک سزا معاف کرُن ۔ بلایہ نِشہِ موکلاوُن ۔

جان دِیُن ۔ ۱۔ زُو دِیُن ۔ مرُن ۔ ۲۔ (کانسہِ پیٹھ) زُو دَ نفراوُن ۔

جان فِشانی ۔ ۱۔ زُو زُٹُن ۔ سخ مینچنتھ کرِنی۔ ۲۔ (کانسہِ پیٹھ) زُو دِیُن ۔ زُو دَ نفراوُن ۔

جان کڈُن ۔ ۱۔ زُو کڈُن ۔ مارُن ۔ ۲۔ سخ چوب دِنی ۔ دَگُن ۔ سخ سشلکھ کرُن ۔ لایُن ۔

جان کنی ۔ زُوس لمہِ لم ۔ زُو نیرُن ہیوّن ۔

جان نیرُن ۔ ۱۔ زُو نیرُن ۔ مرُن۔ ۲۔ کانہہ چیز دِیُن گڈنہ گژھُن ۔

جانی دُشمَن ۔ زُوس راگن وول ۔ سخ دُشمن ۔

جانی دوست ۔ جگری دوست ۔ جانی یار۔

جانی یار ۔ یارِ جانی ۔ زُو کھوتہ تُوٹھ یار، دوست۔ م: جانی یار ۔

جان ۲ ۔ مؤل: جان > ہراکرت: جانۂ ۱۔ زُت،

زَیر ۔ ٹھیکھ ۔ ۲۔ خوش بوُن ۔ ۳۔ پیٹھ نِنچہِ ٹھیکھ ییرِ، پھرُوژ ۔ م، جان سانہ ییری زگیہ۔ ۴۔ سیٹھا کانی ۔ م، سہ زُو دجان وُفتس حوکو مینتھ کران ۔ ۵۔ مُناسب ۔ م، یہ جان مشورہ راتکھ نہِ کرِ زِ ۔

جانیر ۔ رُژر ۔ نیکی ۔ جانی ۔

جان پاٹھی ۔ رُتی پاٹھی ۔ ٹھیکھ پاٹھو ۔ پیٹھہ پاٹھو نشو بہِ ننہِ پاٹھی۔

جان ہیوّن ۔ پھرُوژ ہیوّن ۔ رُت ہیوّن ۔ ۲۔ اَرژِھن ہیوّن ۔ سیٹھا ہیوّن (رُود یا شین)

جان چھے پان یَنُن ۔ بیلہِ اِنسان پانہ رُت آسہِ تیلہِ چھِ ساری رِتی باسان ۔

جانانہ ۔ مؤل: جانان > ف: جانان ] سیٹھا تُوٹھ ۔ خوش کرُن ۔ شُہد بون ۔ ماشوق ۔

جاناوار ۔ ن ۔ مؤل: جاناوار > ف: جانور ] پنز کرِنہ دُپھہِ دِنی زُو وانُن ۔ نہ دُپھہ گو تژ ہارِ نہ پچھِ بیتر۔

جانِ آدم ۔ اکھ کُچھہِ دانُن، یہ چھِ آبی زمینس منز آسان ۔ یہ کُچھہِ قسم چھُ دوہس تہ لگان ۔ اتھ کُچھس چھِ دُپھر تیچھری دو زِ جارِ سان تہ اَندر کِ سبتر آسان ۔

جانہِ جان ۔ ل ۔ م : زُوک زُو ۔ (اشارِ پاٹھی) ماشوق ۔ مدُن ، یار ۔

جانہِ جانان ۔ زُو کھوتہ تُوٹھ ۔ (اشارِ پاٹھی) ماشوق ۔ مدُن ۔ یار ۔

جانشین ۔ مؤل: جانشین > ف: جانشین ] ۔ کانسہِ پیٹھ تمی سِنز جایہ رُٹن وول، کام

ستھانَن ووِل ۔ وارِث ۔ وارِث دَر ۔

جانہٕ مرگ ۔ اَڈٕ زۆوٹ یُس تُیس بوٚ کچھ وانٛسہِ اَنٛدر مرِ ۔ یُس جوانی اَنٛدر مرِ ۔

جانہٕ مرگی ہشدی کیبرن آسُن ۔ ۱۔ اَڈٕ زۆوٹ گژھنس لایق آسُن ۔ (نتہٕ ڈیٛنٹھ گو) سۆن کھوٗ ڈبھ بیچھ آسُن ۔ ۲۔ تس شُرِس نتہٕ چھُ ٹاٹھنیارٕ کنی چشم بد گالنہٕ باپتھ وَنان یُس لۆکی سے بڈ ہشدی کیبرن آسنہٕ ۔

جانہٕ مرگ شاتہٕ موٚران گژھُن ۔ یہ چھُ تس جوانس متعلق وَنان یُس یا دُس ستھر جِٹھ نتہٕ کھنٛدرُک گژھِتھ مرِ ۔

جانہٕ مرگ گژھنُن لایق ۔ وُچھو "جانہٕ مرگی ہشدی کیبرن آسُن" ۔

جانہٕ مِیر ۔ ۱۔ زُو کھو نتہٕ ٹوٹھ ۔ ٹوٹھ نتہٕ باوُن باوُن لایق شُرکۆٹ بیتر رم، دانہٕ مِیر کھیوان کم کم جانہٕ مِیر ۔ ۲۔ یہ چھُ کُنہِ کُنہِ "جانہٕ مرگ" بدلہٕ نتہٕ وَنِتہٕ یوان ۔

جانشیاتر ۔ زُوس گیشُدن ووِل ۔ ستہٕ یُس نتہٕ کاشہٕ واسے بَر ۔ کلہٕ زۆوٹ ۔ دِلیر ۔

جانبازی ۔ زُوس گیشدُن ۔ جُرئتھ ۔ بۆہودری ۔

جانٛچھ ۔ ن ۔ موٗل : جانٛچ < ہ : جانٛچ ] ٹنگُن ۔ ٹنگنیار ۔ کَیب ۔ کُنہِ کاسہِ ہنزِ وانٛ قِیمتھ زانُن ۔ کاشہٕ کام کرُن تک باشُن ۔

جانٛچھ آسُن ۔ وَرتاو آسُن ۔ خبر آسٕنی ۔ اَنٛدازٕ آسُن ۔ ہوش آسُن ۔

جانٛچھ پیٛن ۔ کرُن ٹنگُن ۔ وَکھ ہیٛن ۔

جاندار ۔ موٗل : جاندار < ف ۔ ... یِن زُو

آسیر ۔ ۲۔ زُو دار ۔

جانگیہ ۔ ن ۔ موٗل : جانٛگیٛ < ہ : جانگھیا < س : جنگھا ] وُچھہٕ ۔ کو ٹھو ہیٛور پاجامہٕ کٹہٕ (خاص کرُ شری شُد)

جانگر ۔ وُچھو "جاگر" ۔

جان نِثار ۔ (کانٛسہِ بپتھ) زُو جان و تن دِن ووِل ۔ فِدا سپدن ووِل ۔ زُو دِنہٕ ووِل ۔

جان نِثاری ۔ زُو جان و تن دِنُن ۔ فِدا گژھُن ۔

جانور ۔ ن ۔ موٗل : جانور < ف : جانور ] ۔ پۆش بِچار ووے چار پا ۔ حیوان ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) زُدٕ موٚ تہٕ بیٖقل احمق ۔

جاو ۔ ن ۔ موٗل : جاو < س : جھاو کھہٕ ۔ م ۔ ہ : جھاو ] ۔ اَکہِ زَنٛڈُک ناو ۔

جاوِ کھُر ۔ سہٕ زَنڈ یا دہ پہ یَتھ جاوِ لَٹہٕ ھیچ ہیتران چھیٛ ۔

جاوِ لَٹہٕ ھیچ ۔ م ۔ موٗل : جاوِ لَٹہٕ ھیچ ] تُچُر لَٹہٕ ھیچ ۔

جاوید ۔ پوشہٕ ووٗن ۔ اَ نتہٕ وَ تن ۔

جاوہشد ۔ ن ۔ موٗل : جاوہشد < س : یُوانی ۔ م ۔ ہ : جوانیٖ ، اَ جوانیٖ ] اَکہِ یۆیہٕ شُد ناو ۔ یہ چھیٛ مُشکدار نتہٕ میٹھ آسان نتہٕ مِیاہٕ وادِس لگان ۔

جاہ ۔ ن ۔ موٗل : جاہ < ف : جاہ ] ۔ گاہ ۔ رُتبہٕ ۔ بزرگی ۔ کفر ۔ بجر ۔ کھوٚد عوٚہدٕ ۔ کھر جاے ۔ کھوٚد مقام ۔

جاہ جلال ۔ ن ۔ موٗل : جاہ جلال < ف : جاہ + ع : جلال ] شانہٕ شوکتھ ۔ حشمت ۔ دِیدبہٕ ۔ عظمت ۔ کفر بجر ۔

جاے ۔ م ۔ موٗل : جاے < ف : جا ] ۔ ۱۔ شاے ۔ بیٛہنہٕ چھ پھیر آسہ ۔ ۲۔ مقام ۔ ہُد ۔ عوٚہدٕ ۔

اَسامی۔ ۳۔ ٹر۔ مکانہٕ ۔ ۴۔ گُنجائیش۔

جایہِ پتھ جایہ، جایہِ جایہ۔ یژ کتہ جایہ۔ یژ کنہ شایہ۔

جایہ پاوُر۔ روزنہٕ باپتھ لوکٹ ٹر۔ روزن جاے۔

جایہ پھیُر۔ ۱۔ جایہ بدلی۔ جایہ ہنز تبدیلی۔ ۲۔ وتہ بدِ جاے۔

جایہ دارُن۔ جایہ ہنز لب کھالنگ بیٹھ دِر۔ اتھ چھُ دوہ سہ دار نو کھوہ تہٕ ژوِ رٹیتھاہ آسان۔

جاے تراوٕنی۔ ۱۔ کانسہِ ہندِ بیٹھنہٕ پاپتھ بیاے خالی کرٕنی۔ ۲۔ وَتھ دِنی۔ وَتھ تراوٕنی۔ ۳۔ وآری دِنی۔

جاے دِنی۔ ۱۔ کانسہِ ہندِ بیٹھنہٕ باپتھ جاے مو کچ کرٕنی۔ ۲۔ روزنہٕ یا بسنہٕ باپتھ کانسہِ ٹر جاے تراوٕنی۔ بیناہ وِتُن۔ ۳۔ وآری دِنی۔

جاے شاے۔ ٹر جاے۔ بیٹھنس ٹھکانہٕ۔

جاے شیرٕنی۔ ۱۔ ٹرِ جایہ مرمتھ کرُن۔ ۲۔ بیٹھ کُن جاے تراوٕنی۔ یزَ کتھ تہٕ آدر ہاوُن۔

جاے کھیٚنی۔ ۱۔ کانسہِ ہنزِ جایہ بیٹھ ناجایزہ قبضہٕ کرُن۔ ۲۔ (دَرگہٕ پاٹھی) ناجایز طریقہٕ کانسہِ عوٚہدٕ کھیوٚن۔

جاے لدٕنی۔ (بسنہٕ باپتھ) مکانہٕ بناوُن۔

جایہِ نِماز۔ نِماز رادسہٕ راد یا فرد بیترِ یتھ بیٹھ نِماز چھپے پرہ نہٕ یوان۔ نِمازہٕ پتیج۔

جائیُن۔ ن۔ مؤل: جائن < ف: جاے گاہ سہٕ پٹھا ٹرِ جایہ۔ جاگاہتہ۔

جٔبین۔ ن۔ مؤل: جٔبین < ع: جبین۔ ڈیکہٕ۔

جٔبیھ جٔبیھ ... : جیمیٹ ] ٹرٹایہ وزِ ناس تھپ۔

جٔپھا جٔپھی۔ پانہٕ وٕنی جٔپھی ملناوٕنی۔ جٔپھرِ جٔپھی۔ ہُم، دٕ پھا دٕپھ۔

جٔپھرِ جٔپھی۔ پانہٕ واَنی جٔپھی ملہٕ ناوٕنی۔ اکھ اکس ستی جٔپھی کرٕنی۔

جٔپھی ژٕھنی۔ ٹرآے کرن وِزِ کانسہِ کُنہِ ناس یا پلوَن بینزِ تھپ دِنی۔

جٔپھی کرٕنی۔ لایہِ لایہِ منز کانسہِ ناس یا کُنہِ ناس تھپ ژٕھنی۔

جٔپھی ملناوٕنی۔ اکھ اکس تھپہ ژٕھ ستہ لایی ہیوُن۔ ٹرآے شوٚر ڈکرٕنی۔

جٔپھی ملوٕنی۔ ٹرآے ژلیتھ۔ دِبہٕ وب لاگنی شراتس منز اکھ اکس ناس تھپ ژٕھنی۔

جُٹنی[1]۔ م۔ مؤل: جُٹنی < س: جٹا ]۔ بیلہ ہری ژٹ۔

جُٹنی[2]۔ سوہ ژناہٕ بیس مستس ژٹھ آسہِ۔

جُجیر۔ م۔ مؤل: جُجیر < ہ: جھجھر ] حوٚقک شُر حصہ یتھ منز آب روزان چھُ۔ ترُ پتھ گو حوٚ قہٕ گُرگُری۔

جُجیر گرٹھ۔ ٹلپک سہٕ حصہ یتھ دَبہٕ گٹشدٕ تھ چھپے آسان تہٕ یُس جُجیرِ ہندِس گلس بیٹھ روزان چھُ۔

جُجیر ووٕنی۔ جُجیرِ ہُند آب یتھ تماکہِ کڈ کٹھ چھپے آسان۔

جُجیرِ ٹنگ۔ اکھ ٹشگہِ ذاتھ۔ اکہِ قسمک ٹنگ۔

جُدید۔ < ع: جدید۔ جد ✓ ] نوٚو۔ حالک۔ از کالک۔

جُدیدیت۔ نوٚہر۔ نوٚ چالہ ہُند یا نوِ طرزک

آسُن ـ (ادبس منز) نوٚتراے ـ

جٕڈی ـ تمہِ پوشہِ کُلۍ یم مۆلہٕ پۍسے (وُری پیٚتھ ڈُری) کھسان چھ ـ

جٕڈی بوٗٹی ـ م ـ مۆل: ٹڈی بوٗٹی > ہ: جٕڈی بوٗٹی] جُنگلی گاسہٕ یا تمیُک مۆل ییمِ کُس دَواہس لگان چھ ـ

جٕڈرٕ ـ مۆل یُس دوٚہس لگان چھُ ـ

جٕبر ییب ـ زمین ییمہٕ نِک اکھ میٖٹر ـ یہ چھُ ٥٥ گز زیوٚٹھ آسان ـ

جٕبرکہٕ > س: جھَجَر] رۄد راٹھ ـ رۄدہٕ شٕراکھ رۄدہٕ ژادرٕ ـ اژھین رۄد ـ

جٕرسی ۱ ـ مۆل: جٕرسی > انگ: جٕرزی JERSEY] جٕرسی یا جٕرزی ژوٚجہٕ نسلچ گاو ـ

جٕرسی ۲ ـ وُچھو "جٕرسی" ـ

جٕرم ـ ن ـ مۆل: جٕرم > انگ: جٕرم GERM] ـ وُچھو "جَراثیم" ـ

جٕزیر ـ ن ـ مۆل: جٕزیر > ع: جزیرۃ] ـ زوٚلانگ ـ سُہ زمینہٕ ژکُل ییٚتھ اندۍ اندۍ آب آسہِ، ییٚتھ ژوٚپارۍ آب آسہِ ـ

جٕزیہ ـ ن ـ مۆل: جزیہ > ع: جزیۃ] ن ج ـ سُہ ٹیکس یُس مُسلمان حُکمران غار مُسلمن فوٗجی خدمَتہٕ بدلہٕ ہیوان آسی ـ

جٕتزل ـ وُچھو "جَنتھ" لفظس تل ـ

جٕتزروٚس ہوٗن ـ وُچھو "جَنتھ" لفظس تل ـ

جٕسیم ـ > ع: جَسیم] ۱ ـ ویوٚٹھ بوٚٹھ ـ زوٗرٕ پیٚتہٕ وول ـ

جٕشنہٕ ـ ۱ ـ داریاہن لوٗکن ہُند یکہ وَٹہ (باندن ہُند) پا عشرت ـ ۲ ـ (باندن ہُند) پاکھفر (لاگُن) ـ

جٕشنہٕ باند ـ یم باند پاکھفر لاگُن آسن زانان ـ

جٕشنہٕ لاگُن ـ ۱ ـ جٕشنہٕ کرُن ـ شادی یا بۄہ مناوُن ـ ۲ ـ (ورگرٕ پاکٹھی) شور لاگُن ـ کٕرٕکہ تُلنۍ ـ ہنگامہٕ لاگُن ـ

جٕمپل ـ زین یا سیبر سارہٕ خاطرٕ پیٚچِن ہُند تختہٕ ییٚتھ تُلنہٕ خاطرٕ ژورٕ ڈنڈ چھِ آسان ـ

جٕشدرٕ ـ ن ـ مۆل: جٕشدر > س: یَجنہٕ ہِم ہینجابرٕ ـ جَیشدرا] داتہٕ مُنہٕ یا ییٚتھ آہہ گرٕ ٹِک ژھل ـ

جٕنگی ـ وُچھو "جَنگ" لفظس تل ـ

جابِر ـ مۆل: جابِر > ع: جابِر، جبر √] ۱ ـ جبر کرَن وول ـ ظالِم ـ ظُلمگار ـ ۲ ـ غاصِب ـ غصب کرَن وول ـ

جابِر بیوٗن ـ کاشہٕ تیٚتھ پیٹھ بیوٗن یُس نہٕ پوٚشِتھ ہیٚکہِ زِ ـ غاصِب بنُن ـ

جاڑِل ـ > س: جھاڑ ـ م، ک: جھاڑنا ـ] ژھوکٹھ تہٕ لرٕ بینرٕ ـ

جارِس پیٹھ آنُن ـ مزٕ تُلُن ـ جیبرانُن ـ پانہٕ سوٗرٕ تراوتس واتناوُن

جارِس پیٹھ یُن (واتُن) ـ مزٕ روٗدکھُن ـ ہٹس پیٹھ واتُن ـ سیٹھا سختی ییُن ـ

جاری ـ > ف: جاری > ع: جَری] ۱ ـ پکوٗن ـ چلوٗن ـ ۲ ـ تھکرٕ ورآسے ـ لگانار ـ مُسلسل ـ ۳ ـ مُروج ـ چالوٗ ـ عام ـ ییمیُک وُنہِ تہٕ چلے جاو آسہِ ـ

جاری آسُن ـ چلہ وُن آسُن ـ پکوٗن آسُن ـ مُروج آسُن ـ

جاری کرُن ـ کڈُن (رسالہ، اخبار، اعلان، بیان بیترِ)

عام کرُن ۔ مرُوج کرُن ۔

جاری گرٛٹھُن ۔ ۱۔ رِواج لَبُن ۔ عام گرٛٹھُن یِپھُون روزُن ۔ مرُوج سَپدُن ۔ ۲۔ نیرُن ( اخبار، رِسالہٕ، اعلان بیان بینز ) ۔

جاگیر ۔ ن ۔ موٗل : جاگیر < ف : جاگیر، جا+گیر ۔ ] سہ زمین یوس سرکارکہ طرفہٕ بخشہٕ ۔ مالیہ ماف کٔرِتھ کانٛسہِ دِنہٕ آمٕژ زمین ۔

جاگیر دار ۔ جاگیر وول ۔ یَس جاگیر بخشنہٕ آسہٕ آمٕژ ۔

جاگیر داری ۔ ۱۔ جاگیر دار آسُن ۔ جاگیر وول آسُن ۔ ۲۔ سُہ نِظام یتھ اَندر جاگیر دار بارسَس آسن ۔

جاگیر دِنۍ ۔ کِرایہٕ یا مالیہٕ ماف کٔرِتھ کانٛسہِ زمین بخشنۍ ۔

جاگیر رٹُن ( نیٛڑُن ) ۔ ( رہزلہٕ یا ٹھی ) کانٛسہِ کینٛشہٕ کرِتھ ہیکُن ۔ کانٛسہِ ژکھ واتناوِتھ ہیکُن ۔ م، تِژ کیا جاگیر رٹھہٕ آمہٕ ۔

جالی ۔ موٗل : جالی < ع : جعل ] ۔ نقلی ۔ بناوٹی ۔ اپُز ۔

جالینوس ۔ < ع : جالینوس < یونانی : گیلین ۔ GALEN ] ۱۔ پرانہِ زمانہٕ کِس اَکِس مشہور یونانی حکیمہٕ سُند ناو ۔ یہ اوس ۱۹۳ وٕری قبل مسیح تہٕ نمتنہٕ وُہر موٗد ۔ ۲۔ بوڈ حکیم ۔ ۳۔ زیرکھ ۔ کاکی ۔

جالی ۔ م ۔ موٗل : جال < س : جالہ ] وۄنِتھ کپٕر بینز یتھ منٛزٕ منٛزٕ ( اَنٛدہٕ وَنٛد ) نِکۍ نِکۍ ژٕل آسن ۔ کاٹھہٕ چیز یتھ ( ہوی ) سُروٗ آسن ۔ کاٹھہٕ خانہٕ وول چیز یتھ ہوا نا گژھ اپار یپور تَرِ ۔

جالہِ دار ۔ ژالۍ دار ۔ یتھ جالہِ کام کٔرِتھ آسہٕ ۔ یتھ جالی لاگِتھ آسہٕ ۔

جانبدار ۔ کانٛسہِ ہُنٛد پاسس کرن وول ۔ طرفداری کرن وول ۔ یکھ رچھن وول ۔ سُہ یُس کُنہِ ماملس منٛز راے کرِ ۔

جانبداری ۔ راے ۔ طرفداری ۔ پاسس کرُن ۔ یکھ رچھنۍ ۔

جانی ۔ پژر ۔ نیکی ۔

جانی آسنۍ ۔ فائدٕ آسُن ۔ موافق آسُن ۔

جانی کرٕنۍ ۔ ( کانٛسہِ ) پژر کرن ۔ رُت کرُن ۔ نیکی کرٕنۍ ۔

جانی بار ۔ وُچھو " جان ع ۱ " نقطس تل ۔ ۱ ۔

جاہِل ۔ ۱۔ جہل کرن وول ۔ یُس نہٕ بیٚہِ سٕتۍ کُنہِ صبرٕ سان بوزِ تہٕ یِنہٕ گُھل باہ من کرٕنچ کوشش کرِ ۔ ۲۔ اَن پٔر ۔ وُوٗمی ۔

جاہِلہِ مُطلق ۔ ۱۔ حدٕ نیرِتھ جاہِل ، مُڈٕ ۔ ۲۔ سخ شرارتی ۔ وُچایہٕ ۔

جائیز ۔ موٗل : جائیز < ع : جائیز ۔ جوز √ ] یہ پیٚزٕ ۔ بہٕ شوٗبہٕ ۔ یہ کینٛژھا وہنک یا کرٕنُک مذہبن ، قونٛنن بینز اِجازت آسہٕ ۔ مُناسب ۔ کرُن لایق ۔ ٹھیکھ ۔ یہ روا آسہٕ ۔

جائیزٕ ۔ ن ۔ موٗل : جائزٕ < ع : جائزۃ ] ۔ سام ۔

جائزٕ ہیٚوُن ۔ سام ہیٚنۍ ۔

جبریل ۔ ن ۔ موٗل : جبریل < ع : جبرائیل ] سُہ فرِشتہٕ یُس پیغمبرن دَے اَنان اوس ۔

جٔتنہٕ کرٕنۍ - ۱۔ کُنہِ چیز باپتھ سعی کوشش کرٕنۍ۔ پننہِ کِنہِ تہِ کینہہ پرٕ تھوٚن۔ ۲۔ کانٛسہِ سعی زاو پاو کرُن۔ کوٚشگنہٕ کرٕنہٕ۔ ۳۔ (پان بچاونہٕ باپتھ) سعی تھ ہرتہٕ تھ ہٲرکھ کرٕنۍ۔

جِدت - م۔ موٗل: جدت < ع: جدۃ۔ جدی ]
نوٚہر۔ نوٚو خیال۔ نوٚکتھ۔

جِدت پسند۔ نوٚوٕ نوٚو خیالاہ یا کتھا بینہِ وَنن وول یا تھ ہارن وول۔

جِدہ - ن۔ موٗل: جدہ < ع: جدہ ] سعودی عربُک اَکھ شہر یُس بندرگاہ تہِ چھُ۔

جِسم - بدن۔ موٗر۔ کاسہ۔ پان۔ شرٕیر۔

جِسمٲنۍ - جِسمُک۔ بدنُک۔ جِسمہٕ رنٛگی۔

جِشنٛگہٕ - ن۔ موٗل: جشنگ ] شور۔ گزٕ پھناد۔ ہنگامہٕ۔ ہوٗل ہاے۔

جِغہٕ (جیغہٕ) - ن۔ موٗل: جیغ < ف: جیغہ ]۔ ۱۔ اَکھ گہنہٕ یُس برٕونٛہہ کالہٕ دستارس پیٚٹھ آرایِشہِ باپتھ گنٛڈان آسہِ۔ دستارُک ٹِکہٕ۔ ۲۔ زنانن ہُنٛد اَکھ زیوَر۔

جِغہٕ گنٛڈُن۔ بزرگی بخشُن۔

جِگر - ن۔ موٗل: جگر < ف: جگر ] ۱۔ کٔرٛیہِ ہِنٛز ماز۔ ۲۔ (دِرگہٕ پاٹھۍ) اولاد۔ شُر کوٚٹ۔ ستانہِ۔ ٹوٚٹھ۔ عزیز۔

جِگر پاو - وُچھِو "جِگر پارچہ"

جِگر پارچہ - ل۔ م۔ کٔرٛیہِ ہِنٛز ماز کھنٛڈ۔ (دِرگہٕ پاٹھۍ) سیٹھا ٹوٚٹھ۔ واریاہ کھوٚشہ۔

جِگر پھوٚٹُن - دِل خوشی گژھُن۔ شادمٲنی سپدٕنۍ۔

جِگر دَرُن - ہِمتھ پیٚنۍ۔ کانٛہہ کام کرنس جُرأت سپدُن۔

جِگر دزُن - کٔرٛیہہ ماز دزُن۔ تہٕ کھوٚرٕ سینہٕ اَندرۍ رٕنیہ گنٛڈٕنۍ۔ تیتر کھسُن۔

جِگر داد - ۱۔ حوصلہٕ وول۔ ۲۔ دِیہ دُرہ۔ واریاہ دوٚر۔

جِگر زالُن - ۱۔ توقع آسنہٕ سعی ناوُو سپد کرُن۔ ۲۔ کانٛسہِ ہُنٛدس ہشگہٕ ہشگہٕ بیٚنہ روزنس تہٕ کرٕونٛ کرٕونٛ کرنس پیٚٹھ وناں یا رُت کرٕنہٕ اور کڑت کرنس پیٚٹھ تہٕ وَنان۔

جِگر ژھینُن - (یوٚ چھیہٕ سینی، دگرسینی یا کانٛسہِ ہُنٛد دِکھ دُچھنہٕ) تکلیف ہوٚ ہوسس سپدُن۔ سخ پیٚہرُن۔ زہر زہر گژھُن۔

جِگر شیٚہلُن - ۱۔ کانٛہہ ٹھنٛڈ چیز چیتھ اَندرۍ شیٚہجار پیٚہرُن۔ ۲۔ کانٛہہ جان کتھ بوزنہٕ یا زٕکتھ یا دُچھنہٕ دِل پھوٚٹُن۔ ۳۔ کانٛہہ دُشمن یا ظالِم مُصیبتس منز دُچھنہٕ وارِیاہ شیٚہلُن۔

جِگر کھوٚنٹ - وُچھِو "جِگر پارچہ"

جِگر گالُن - (کانٛسہِ) نوٚو دِہ کھرُن۔ دِلہٕ جانہٕ کانٛسہِ خدمتھ کرٕنۍ۔ کُنہِ کامہِ پیٚٹھ نوٚو ژُٹُن۔

جِگر گوشہٕ (جِگر گوشہ) ۱۔ جگرُک کانٛہہ حصہٕ۔ (دِرگہٕ پاٹھۍ) بچُن کانٛہہ ٹوٚٹھ، عزیز۔ بیٚنُد سیٹھا وَسہِ آسہِ۔ بیٚہنز مایہِ آسہِ ہوٚ جیتھ آسہِ۔ ۳۔ ماشوق۔

جِگر مارُن - مَن قوبو کرُن۔

جِگرس چاکھ دِیُن - (جِگرس پیٚٹھ واتھ تیتھ)

پان مارُن۔ زَجہ ژٹنہ۔

جگرس شتراکہ وسنہ۔ وُچھو "جگر ژھٹن"۔

جگرس کبابہ گژھنہ۔ وُچھو "جگرس شتراکہ وسنہ"۔

جگرس کھشجہ گژھنہ۔ وُچھو "جگر ژھٹن"۔

جگری۔ ل۔م: جِگرٕک۔ تہِ ڈیکھ گوٚ دِلی، جانی، یَس سیتھہ زَژھ تہِ بہن آسہِ۔ سخ ٹوٹھ۔

جگری دوست۔ جانی یار۔ سخ دوست یُس یار یُس سخ ٹوٹھ آسہِ۔

جگر۔ ن۔مۆل: جِگر < فُ: ہ: جگر ا] (ورگہ) ہِمتھ۔ حوصلہ۔ طاقت۔ ضُبرکتھ۔

جگر آسُن۔ ١۔ جوٗرتھ آسُن۔ دِل آسُن۔ ہِمتھ آسنی۔ ٢۔ ہیکتھ آسنی۔

جگر کرُن۔ جوٗرتھ کرُن۔ دِل کرُن۔ ہِمتھ کرٕنی۔

جگر وول۔ ضُبرتی۔ جوٗرتھ مند۔ نِڈر۔ ہِمژ وول۔ ژالن وول۔

جِلو۔ ں۔مۆل: جلو < ع: جلو] لاکم۔ راس۔

جِلو پھِرُن۔ ١۔ گرٕ ڈیچھن یا کھوٗرکن پھِرناوُن۔ ٢۔ (ورگہ پاٹھی) کانسہِ ہشر لے تژاے بدلاونی۔ وفاداری بدلاونی۔

جِلو تژاوُن۔ لاکم ڈیج ٹھوونی۔ ڈیچر تژاوُن۔

جِلو چارُن۔ ١۔ لاکم چارِتھ رٹنی۔ ٢۔ (ورگہ پاٹھی) سختی کرٕنی۔ کابو کرُن۔

جِلو دِیُن۔ ١۔ لاکم چارٕنی۔ لاکم زور رٹنی۔ ٢۔ (ورگہ پاٹھی) کانسہِ وگرٕ رٹُن۔ قوبوس اَندر تھوُن۔

جِلو رٹُن۔ ١۔ گرِس لاکمہِ ٹھٕنیہ کرٕنی۔ ٢۔ (ورگہ پاٹھی) بلو ژاوُن۔ گنڈِس تھوُن۔ وگرٕ رٹُن۔

جلیبی۔ م۔ مۆل: جلیبی < ہ: جلیبی۔ مُ، ع: زلابیہ۔ ف: زلیبیہ] اکھ میٹھایہ ہُند ناو۔

جلی، جُلی۔ م۔ مۆل: جلی، جُلی < ع: جُل] گرِس ہُنسی تس بیٚترِ نالی ژھننک پلو۔

جِلد۔ ن۔ مۆل: جلد < ع: جلد] کتابہِ ہُند سُہ کانہہ حِصہِ یُس اَلگ چھپیہ۔

جِلد۔ کتابہ کاپی بینزِ ہُند پل وۆتھ، یہِ چھ گنڈ، سوٹہِ کا کُنڈک بینزِ آسان۔

جِلد گر۔ کتابن، کاپین بینزِ جِلد کرن وول۔

جمنش (زرِمش)۔ وُچھو "جُنبش"۔

جِن ١۔ ن۔ مۆل: جِن < ع: جِن] دیو۔ یوٗتھ۔ بچھ۔ (ورگہ) زوراور یُس یُس ہیچھ پیٚیہِ۔ سیٹھا ہیکہ وول یُس یُس کوٚ خصلتھ آسہِ۔

جِنس کۆ جِن ییوٚن۔ وُلٹہِ یا زوراوار انسانس کانسہِ ہیٚٹھہِ ییوٚن۔

جِنہ پیٹھہِ۔ جِنن ہُند ماٹھ۔ یتینتر یوٗتھ بیٚترِ تھ آسان آسُن۔

جِنہ پژاہ۔ ١۔ تصرُف۔ تھپچھ۔ ٢۔ (ورگہ پاٹھی) ہشگہِ تہِ مشگج ٹھونٹھ۔

جِنہ پھِروت۔ ١۔ جِنہ گی کرن وول جِنن ہِنز ہیٚشہِ حرکژ کرن وول۔ ٢۔ ڈِچنی۔ ووکھہ۔ وُلٹہِ۔ ڈُنگر۔ سخ چور۔

جِنہ گاہ۔ جِنہ خاہِش۔ جِنہ یَژھے تہِ ڈیٚھتھ گوٚ جِنہ سِندی پاٹھی سوٗرے کھیتھ نیچ خاہِش۔

جِنۍ گی۔ جِنۍ سُند ہیوٚہ وَرتاو۔ جِنۍ باپار۔ بوتۍ شوتۍ وَراَے جِنۍ سِندی پاٹھۍ سَتن یا وِدکھۍ گی۔

جِنۍ ماتھۍ۔ جن یا بوتھ بیٚشرتھ قوبوٚ کرُنک مَنتھۍ۔

جِن اَژُن ۱۔ جِنۍ سُند انسانس پٮ۪ٹھ کنۍ اَژُن۔ اِنسانۍ سُند جِنۍ سِندِس قوبوٚ ہس مَنز گژھُن۔ بۍراہ گژھُن۔ تصرُف گژھُن۔ ۲۔ کُنۍ کُنۍ شکل گَنڈِنی۔ کُنۍ کُن ہاوُن۔

جِن ژاتُن۔ ل۔م۔ جن پٮ۪ٹھ کنۍ ژاتُن۔ ۱۔ (وَرگۍ) گارۍ گژھنی۔ ۲۔ (وَرگۍ پاٹھۍ) اَندری کنۍ تنۍ حالتھ گژھنی یتھ اَندر کانہہ اَتھۍ گرنس مجبور گژھہِ۔

جِن کڈُن۔ تصرُف کڈُن۔ یٚمۍ سٕتۍ کرتھ پٮ۪ٹھ کنۍ اَندر ژامت جِن ژُلراوُن۔

جِن گَنڈِنی۔ گَنڈۍ روٗس کھیوٚن چوٚن۔ کھیٚنۍ تۍ کھیٚنۍ لگُن۔

جن ع ۲۔ ن۔ مٔول: جِن > س: جِنہ ] جینَن یا بودَن ہُند کانہہ بوٚڈ اَو لِیا۔

جِناب۔ مٔول: جِناب > ع: جَناب ] بزرگ یا بٔڈس موٚہتۍس وَنۍ یوان۔ اکھ قسمُک خطاب

م: حضور، حضرت۔

جِنازۍ۔ ن۔ مٔول: جِناز > ع: جنازۃ ] ۱۔ نِمازِ ہُند اَکھ قسم یُس مٔردۍ روٗسس (ووٚہ دِنی رۆزِتھ) پٔران چھِ۔ ۲۔ تولیوٚد۔ ٹیٹ۔ ۳۔ ماتمی جُلوٗسۍ۔ اُرتھی

جِنازۍ پٔرُن۔ سۍ نِماز یوٚس مَیِت شروٗنہ کنۍ تھاوِتھ ووٚہ دِنۍ یَمۍ تۍ پتھۍ یوان۔

جِنازۍ کڈُن، جِنازۍ نیرُن۔ مٔردو تولیوٚد یٚمۍ سٕتۍ

مقبرس بیٚنٹھ وانۍ ناوُن۔ تولیوٚد کڈُن۔ ٹیٹ کڈِنی۔ یہ چھُ اکھ ووٚد ہیوٚ تۍ۔

جِنازۍ گاہ۔ سۍ جاے یٚتۍ نٔس مۄردس جِنازۍ پٔرنہ یِیہ۔

جِنس۔ ن۔ مٔول: جِنس > ع: جِنس ] ۱۔ قسم۔ ذاتھ۔ ۲۔ اَناج۔ ۳۔ نقدۍ وَراَے بیٚیہ کُنۍ (چیز) ژٕگی۔

جِنس وار۔ قسم وار۔ قسمۍ قسمۍ اَلگ اَلگ ژاٮ۪تھ۔ بیوٚن بیوٚن زاژَن ہُند (کانہہ فصل بیتر)۔

جِنجر۔ ن۔ مٔول: جنجر > انگ: جِنجریڈ GINGERADE ] اَدرک چیٚٹھ تراوِتھ اکھ قسمُک سوڈا واٹر۔

جِنسی۔ مٔول: جِنسی > ع: جِنس۔ ] یتھ نَرۍ آسنس یا مادۍ آسنس سٕتۍ تعلُق آسہِ۔ یا تۍ یتھ تعلُق۔

جوٚر مکانے۔ مکانۍ ہُند اکھ تۍ یوٚچھ قسم۔

جی۔ مٔول: جا > س: جیوٗ ] جُو۔ صاحب۔ م، شِوجی، باباجی۔ یہ چھِ کانٛسہِ ہُندِس ناوَس پتۍ یزتۍ باپتھ وَنان۔

جیپ۔ م۔ مٔول: جیپ > انگ: جیپ JEEP ] اکھ قسمُک موٹر کار یُس رَکھۍ رُکاوٹۍ وراَے چلِتھ ہیکان چھُ۔

جیتھ۔ م۔ مٔول: جیت > پراکرت: جتّا > س: جِت۔ زیٚن۔ فتح۔ کامیابی۔

جی حضوری۔ ۱۔ خوشامد۔ ٹیلو گری۔ ۲۔ خوشامدی۔ رٕنگُن گوٗر۔ ٹیلو۔

جی حضوری کرِنی۔ خوشامد کرُن۔ رٕنگُن۔ ٹیلو گری کرِنی۔

جیلُن۔ قسمُک اکھ گُلن ہُند گنۍ مارن آسُن۔ سِیلُن۔

سَر سبز آسُن۔ بَر جستہٕ پھولِتھ یُن۔ (وَرگہٕ پاٹھی
نَوِن نتہٕ پھولُن۔

**جُتھ** ۔ ن۔ مؤل: جُت < س: جِتَ] ۱۔ دورِ ہشر مان
ماتی نہ ہشرِ ھن بیئین کھیلن اندر زیینہٕ بجہ جایہ واتُن۔
۲۔ سو جاے یوٚتتھ دورِ ہشر مان ماتی کرن والین
واتُن آسہِ۔ ۳۔ واتہٕ تنک نِشانہٕ۔

**جُتھ کرُن** ۔ دورِ ہشر مان ماتی اندر نِشانس بیٹھ
وأتتھ تتھ اکھ لاگُن۔

**جُتھ کرِ نتھ یُن** ۔ ۱۔ واتہٕ وُنے واپس پھیرُن۔ ۲۔
کیٚنہہ کرِ نے پھیرِ نتھ یُن۔ زِدٕ نکھ وألِتھ یُن۔

**جُدا** ۔ < ف: جُدا] بیوٚن۔ الگ۔ علاحِدٕ۔ وَکھر۔
[ جُدا کرُن، گژھُن ]۔

**جُدائی** ۔ دوٗر پر۔ بیتھر۔ اکھ اَکِس نِش بیوٚن بیوٚن
یا دوٗر روزنچ حالتھ۔ فِراق۔

**جُدائی کرِتھ دِنی** ۔ دوٚن ژھین کرُن۔ اکھ اَکِس
نِشہٕ ژٹُن۔ دوٚن زٕ وَنتہٕ کرِ نہٕ۔

**جُدائی گژھنی** ۔ اکھ اَکِس نِشہٕ ژھینہٕ گژھُن۔
الگ گژھُن۔ دوٗر پر بیوٚن۔ (خاص کرِتھ
دوٚن یا ژٕن)۔

**جُذام** ۔ ن۔ مؤل: جُذام < ع: جُذام۔ جذم √ ]
میوٚ ند۔

**جُر تھ، جِوٗرتھ** ۔ جِگر۔ دِل۔ ہِمتھ۔

**جُر تی** ۔ جُرتھ متہٕ جِگرٕ وول۔ نِڈر۔ دِلبر۔ کَس
گِنِدن وول۔

**جُرُم** ۔ ن۔ مؤل: جُرم < ع: جُرم] نتھ کانہہ راہ
یتھ قونونہٕ موجب سزا کھسہِ۔

**جُرُم کھسُن** ۔ جُرم ثابِت گژھُن۔

**جُرُن، جُوٚرُن** ۔ مؤل: جُرن < س: جُت] سارُن۔
بپھ کُن بجُن۔ وُتھ آسُن۔ سپدُن۔ اَکھس مَنز
یُن۔ یُن۔ حاصِل سپدُن۔

**جُرمانہٕ** ۔ ن۔ مؤل: جُرمان < ع: جرم + ف: آنہ]۔
جُرم کرنس پیٹھ یُس پونسہٕ بیترِ سزا پاٹھی ہیتہٕ
یِیہِ۔ نقد ڈنٕڈ۔

**جُزء۱** ۔ ن۔ مؤل: جُز < ع: جُز ] ۱۔ حِصہٕ۔ پُرزٕ۔
اَنگ۔ کُنینک کانہہ اکھ حِصہٕ۔ ۲۔ کِتابہٕ ہُند
اکھ حِصہٕ یُس پتھ نے بیئین حِصَن سٕتی گنڈنہٕ یوان چھُ۔

**جُزء۲** ۔ < ع: جُز ] رِدٕس۔

**جُزوُ** ۔ ن۔ مؤل: جزو < ع: جزو] جُز۔ انگ۔
حِصہٕ۔ وُچھو "جُزء" نہٕ۔

**جُزدانہٕ** ۔ ن۔ مؤل: جُزدان < ف: جُز + دان] کِتابہٕ
یا بہی کھاتہٕ بیترِ تھاونک ٹھیلہٕ۔ بستنی یتھ
اندر کِتابہٕ بیترِ تھاوان چھِ۔

**جُزوٕ** ۔ ۱۔ بَنُد یا ندو۔ آشناو۔ ۲۔ لوکٹ کِتاب۔

**جُستجو** ۔ ۱۔ تلاش۔ ژھانڈو۔ ژھانڈ۔ ۲۔
سَخ کوشِش۔

**جُس وار** ۔ مؤل: جُسوار < ع: جُثّة + ف: وار]
جان ژٕو زیٹھ وول۔ وُژھ دار۔ ہَیٹھ کُتھ۔

**جُف، جُفت** ۔ ن۔ مؤل: جُف < ف: جُفت]
یتھ دوٚیہ سِتی پوٚرٕ باگے گژھِ، سو گژھ ند
یتھ پوٚرٕ جورِ ہکن بٕنتھ۔ م: طاق۔

مَنٛز ہیٚنٛین باٴژَن کا تَھرٕ تہٕ پَینٛز کَڈ بَرہٕ ۔

**جُنٛگہٕ** ۔ بیٛھِٹھ وُلی کرَن وول ۔ نِھہ دراے ۔ یُس ہنگِس آسہِ کھوٚ تَمُت ۔

**جُنٛگہٕ گی** ۔ بیٛھِٹھ وُلی ۔ زبرٕ دستی جُنٛگہٕ آسُن ۔ نِھہ درا سے آسُن ۔

**جُنٛگہٕ مبر** ۔ بیٛھِٹھ وُل ۔ نِیس ئِلی سہ قدمی کرِہ ۔ مُہلی بیگ ۔

**جوٗ** ۔ ن ۔ مؤل : جُو < س : جیو ۔ مُ ، ہرج : جُو ] جی ، صاب ۔ یہ لفظ چھُہ بڑَن تہٕ یا بَنٛتھ ناوَس ستی بتہٕ لاگنہٕ یوان ۔ م : گونَد جُو ۔ اَسہٕ جُو ۔

**جوٗر** ۔ ن ۔ مؤل : جُور ] اَکہٕ اَبی کَچھہِ زاژ ہُشہِ تہٕ یُس ہیوٚہ ہیوٚہ ۔

**جوٗل بَکہٕ** ۔ < ع : جُوع البقر ] اَکھ بیمارِی یتھ مَنٛز بوہ چھہِ تہٕ بوہ چھہِ چھیےٚ لَگان ۔

**جوٗنہٕ** ۔ ن ۔ مؤل : جوٗنت < ہ : جونا ] یاژار ۔

**جوٗنہٕ پیٚنٛز** ۔ ل ۔ م : یاژار پیٚنٛز ۔ ( نورگہ ) بیٚرتی پیٚنٛز ۔ بےٚ واری سپدُن ۔

**جوٗنہٕ دِنی** ۔ یاژار دِنی ۔ بیٛتوآری کَرِنی ۔ آڈ زاڈ کَرِنی ۔

**جوٗنہٕ کھیٚنٛز** ۔ یاژار کھیٚنٛز ۔ بیٚرتی کھیٚنٛز ۔ بیٛوآری پیٚنٛز ۔

**جوٗنہٕ وَسُنی** ۔ وُچھو " جوٗنہٕ پیٚنٛز " ۔

**جوٗنٛڈ** ۔ م ۔ مؤل : جوٗنٛڈ < س : جیونتہ ] ریٖٹھ ریٖٹھ ۔

**جوٗڈ** ۔ ن ۔ مؤل : جوٗڈ < س : جوٚنٛگم ] زنانن ہُنٛد کلس پیٹھ کُن یا بیٛنٛھ کُن سوٚ مبر یتھ تہٕ اَرکَرِ ترٛتھ نکھوٚ ومُت چھُس ۔

**جوٗر** ۔ لُنٛچن گومُت ترٛہ ٹنگ ۔ جنٛجوٗر ۔

**جوٗرتھ** ۔ ن ۔ مؤل : جوٗرت ۔ ] جُرتھ ۔ جگر ۔ ہیٚمتھ ۔

**جوٗرتھ آسُن** ۔ جگرٕ آسُن ۔ دِلہٕ آسُن ۔ ہیٚمتھ آسُنی ۔

**جوٗرتھ کرُن** ۔ جگرٕ کرُن ۔ دِل کرُن ۔ ہیٚمتھ کَرِنی ۔ کھوژُن نہٕ ۔

**جوٗرتھ مَنٛد** ۔ جُرتہٕ وول ۔ جگرٕ وول ۔ نِڈَر ۔ جُسرتی ۔ دِلیر ۔ بوٚ ہوٚ دُر ۔

**جوٗرتھ ہاوُن** ۔ بوٚدرِی ہاوِنی ۔ ہیٚمتھ ہاوِنی ۔ کھوژِ نہٕ کَرِ تہٕ وَرَاےٚ کانٛہہ کام کَرِنی ۔

**جوٗرُن** ۔ وُچھو " جُرُن " ۔

**جوٗرِ** ۔ م ۔ مؤل : جور < س : جوٹ ۔ جُٹ √ ] اجوٗرِ ۔ بنٛگی تہٕ ۔ ہؤر ۔ ۲ ۔ باٴژرٕ ۔ زوٚن تہٕ زُنی ۔ نَرتہٕ مادٕ ۔

**جورِ جُدا آسے** ۔ دوٚن ( یا نہٕ واٴنی ) سترٕ تِہہ آسنتھ نہٕ نِزِھِن ۔

**جورِ جُدا آسے کَرِنی** ۔ دوٚن باٴژرٕ مَنٛز پھاس تراوُن ۔ باٴژن دوٚن زِوٗنہٕ کَرِ تہٕ ۔

**جوٗگ** ۔ ن ۔ مؤل : جوٗگ < سنٛسکرِت : جوگی ] سنٛیاسی ۔ ریوٗشش ۔ ساد ۔ سَنٛت ۔ گوساٴنی ۔

**جوٗگ پادشاہ** ۔ ( ل ۔ م ) سنٛیاسیَن ہُنٛد پادشاہ ۔ زِنٛدٕ تھُڈ ۔ اَکھ کُنٛڈی دار رانٛٹھ یَمہِ چھیےٚ دیم ، ہنٛیلُن ، دَرُن ، وِہُن بیٚنٛز زٕلراوِنی لگان ۔

**جوٗگ یاوُر** ۔ رَچہِ کھراو ۔ جوٗگ سٕنٛز کھراو ۔

**جوٗگ یا تَھچھا** ۔ اَکھ جَنٛگلی بوٗٹی یہ چھیےٚ ہیٚرِن کھسان ، اَمنٛیک کُل چھُہ ترٛے فُٹہٕ تام تھوٚد آسان تہٕ بیٛنٛھ چھُس تراآری کلس ہیوٚہ پوٚشس آسان ۔

**جوٗلہٕ** ۔ ن ۔ مؤل : جوٗل < ہ : جھولا ] سواری بیٚترِ کھیٚنٛزِ یا پیٛتھ کَلِس یا کوٗنس بیٚنٛز تراوِتھ اَنٛز رِزٕ یا رَزِ گنٛڈِتھ تیٚٹ ۔ گگوٗس ، آلہٕ گگوٗس ۔

جوٗلی - م - مؤل: جول ح س: جھولِکہٕ - مؐ : ک : جھولی ]
جولنہٕ ہٹیلہٕ، ہَستہٕ یتھ ناٗد یا پھیبکہٕ بیٹھ
ترا وہٕ خاطرٕ رز بیترٕ گنڈتھ آسہٕ - خاص کٔرتھ
سٕہ ہٹیلہٕ یا جولنہٕ یتھ منٛز بچھۍ وٕ سوم مُبرمت
پھل پھوٚل بیترٕ تھوان چھِ -

جوٗلی ژھنُنی - (دٕ گہ پاٹھی) بیچھنہٕ نیرُن -
گداگری کرِتھ نیرُن -

جوٗن - ن - مؤل: جوٗن ح انگ: جوٗن
[JUNE] عیسوی سنک شیٛیمٕ رٕتھ (دیسی پاٹھی) لگ بگ
اوڈا زیٹھ تہٕ اوڈا ہارٕ رٕتھ -

جوٗنٹھ - (بے شوٗنگی پاٹھی) کھنپہ -

جوٗٹ ع۱ - ن - مؤل: جُٹ ح س: جُٹہ ] - ۱-
(گگرٕ بٔڈس منٛز) لوٚٹھ - کھپل گی - کھنپہ کھنپہ - ۲-
افراتفری - گڈ بڈ - ۳ - جانگر -

جوٗٹ کرُن - ۱ - گڈ بڈ کٔرتھ لوٚٹھ مچاون کھپل
ہوٚس کرُن - ۲ - جانگر کرُن -

جوٗٹ ع۲ - ن - مؤل: جٹ ح س: جٹا ] جٔرہ تھوون
وول - خاص کٔرتھ فقیر یا گوسوٚنی -

جوٗچھ - جوٗچھ - ن - مؤل: جُچھ ح ہ ک: یوٚچھ ح
س: یُکشہ - مؐ، پراکرت: جَکھو ] ۱ - جوٗ تھٕ -
یُس مٲلہٕ تہٕ بیڈول پُلو لاگتھ آسن ۲ - بے رونق -
بے سلیقہ پھٹہ پھیار - بیند ونہ -

جوٗدِ دٕ پہٕ (جدون) - جدال - کوٚنجوٗس یِشکس لدٕ -

جوٗش - شورٕ گرٕ کہ نادٕ -

جوٗگ - آلشری - کاہِل - لیوٗز -

جوٗلوٗسہٕ - ن - مؤل: جوٗلوٗس ح ع: جُلس ] کُنہِ خاص
مُظاہرٕ باپتھ واریاہن لوکن ہُند یکہِ وٹہٕ وتہٕ
وتہٕ نیرُن -

جوٗلوٗنہٕ - ۱ - اُندری دَم - اُندری نارٕ ہیوٚہ - ۲ - مٔزرٕ -
دیوانگی - جوٗنوٗن - ۳ - جیبرٕ -

جوٗم - ۱ - ریاست جموں کشمیر کِہ دٕ یو صوٗبو منٛز اکھ
صوٗبہٕ - ۲ - جوٗمِ صوٗبک اکھ شہر یُس جموں
کشمیر ریاستُک وَنٛدٕ راز دٲنی چھُ -

جوٗمہوٗرِیتھ، (جمہوٗریت) - م - مؤل: جوٗمہوٗریت -
ح ع: جمہورِیتہ ] نُمایندٕن ہندِ
ذٔرِیعہ لوکہ راج -

جوٗمہوٗری - جوٗمہوٗرِیتُک -

جوٗنوٗب - ن - مؤل: جوٗنوٗب - ح ع: جنوب ]
دٔچھن (ربوٗر)، دَکھِن - ژھینُک دٔچھن طرف - ٹ شمال

جوٗنوٗبی - جوٗنوٗبہٕ طرفُک -

جوٗنوٗن - ن - مؤل: جوٗنوٗن ح ع: جنون ] مٔزرٕ -
دیوانگی - جیبرٕ -

جوٗنوٗنہٕ - دُچھو "جوٗنوٗن" تہٕ - ۱ - اُندری دَم - اُندری
نارٕ ہیوٚہ - ۲ - مٔزرٕ - دیوانگی - پاگل پن - ۳ - جیبرٕ -

جوٗنوٗنہٕ اَتُن - مٔزرٕ اَتُن - جیبرٕ اَتُن - تنگ اَتُن -
پریشان کرُن -

جوٗنوٗنہٕ گنڈُن (وتھُن) - اُندری نارٕ ہیوٚہ
گنڈُن - دَم ہیوٚہ گژھُن -

جوٗتر - م - مؤل: جوٗتر ح پراکرت: جوٗتت ]
والہٕ رٔنٛدک یُس ٹانگہٕ گرِس بند تھوٚہ باپتھ

بَس! اندری ماتگس سِتی گاوِس منتر یند چھ بوان کرنہ۔

جوتِش ـ ن ـ مول: جوتش ﹤ س: جیوتِش ] ا۔ تارکن ہُند علم ـ علمِ نجوم ۔ ۲۔ جوتش شاسترِ زانَن وول ـ علمِ نجوم زانَن وول۔

جوتلِہ جُم ـ ن ـ مول: جوتلِہ جُم ﹤ س: جیوتِ تہ+ پراکرت: جھام ] نوٗ موٗنیا ـ کانہِ ذود۔

جود ـ ن ـ مول: جادُ ﹤ ف: جادوٗ، س: یاتہ ] سیٖحر ـ ماتھُر ـ تاوِیز ـ

جادی کو عَجیج ـ تاوِیزن ہِنز پُھٹیج ـ وارِیاہ تاوِیز ـ

جادی مَوکھ ـ ا۔ منتر، سیٖکر یا تاوِیزن ہِنز موکھ یوسہِ ماتھرِ پرِتھ کانسہِ چھکنہِ ییِہ ۔ ۲۔ جادن بیٹھ جادی ـ سپٹھا جادی ـ سُخ جود ۔ [ کہ فی ، لا یخ ] ۔

جادی ہاتکَل ـ ل ـ م ـ اکھ اکس ینتھ کرِ ی یتھ واریاہ جادی ـ تہِ ڈینتھ گو سُخ جود یا تیُتھ جود ینتھ منتر کانسہ گنڈنہ ییِہ یا ہینہ ییِہ ـ کانسہِ ہِنز سُفیتھ، آوکھ ـ کانسہِ سِتی سُخ لگاو۔

جودوٗ گار، جودگر، جادی گرٕ ـ جودکرن وول ـ ماتھُر گوٗر ـ ساحر ـ

جودوٗ گری، جودوٗ گاری ـ ا۔ جودکرنُک کار ـ ۲۔ طلسم ـ

جود پورُن ـ جادیٖک یا ماتھرِ ہُند اثر گژھُن ـ

جود سَنُن ـ سیٖحرُک اثر گژھُن ـ تاوِیزن ہُند سایہ پیوٗن موٗ جننک تیٖر لگنُ ـ

جودکرُن ـ سیٖحر کرُن ـ سیٖحر یا ...

کانہہ توٗنہ گرُن، زہر کرُن یا بیمار پاوُن ـ (روگ پاٹھی) کُنہِ کامہِ منتر کانسہِ کھوٗنٹھ انِنی ـ

جودگر، جودوٗ گار ـ ا۔ جود کرن وول ـ جود زانَن وول ـ جادی پیر ـ ۲۔ یا زی گرٕ ـ

جودگرٕ س جودگرٕ س ـ ل ـ م سیٖحر کرن وا لِس چھ پوٗنُس پیٖنہ نِسے گرٕ س جود پھران ـ (تہٕ ڈینتھ گو) یُس کانسہ یَد کانچھ تس پیہ یا نَس ترٕ و نِتھ ـ

جودگژھُن ـ ا۔ جود پوٗرُن ـ جادیٖک اثر گژھُن ـ ۲۔ کانسہ کُن کَفنچھ گژھُن ـ

جودتھ ـ ن ـ مول: جودت ﹤ ع: جودۃ ] ا۔ ہیمتھ ـ جیبر و سھ ۲۔ ہونر ـ

جوڈ ـ ن ـ مول: جوڈ ﹤ پراکرت: جوڈ ـ س: جوٹ ] ـ ا۔ واکھ ـ ۲۔ اڈِ ی جن ہُند گنڈ ـ

جوڈُن ـ جوڈ دیُن ـ واٹُن ـ واٹھ کرُن ـ

جوڈ دیُن ـ واٹھ دیُن ـ واٹُن ـ جوڑُن ـ

جوڈ کھیوٗن ـ واٹھ لگُن ـ

جور ـ ن ـ مول: جور ﹤ س: جوٹ ـ جُبٹ √ ] ا۔ پھیرن تہٕ پوٗرٕ تھ ـ ۲۔ جمع، میزان ـ

جورہ سوٗے کرٕنی ـ نوٗی پلوٗ سوٗنی ـ نوٗ نوٗ پوشاکھ تیار کرٕ ناوُن (خاصکر تھ کھاندرس بیٖترِ سیٹھ) ـ

جور دیُن ـ میزان کرُن ـ

جوراہ ـ ﹤ پراکرت: جوڑ ﹤ س: جوٹ ـ جُبٹ √ ]
زٕہوی ـ زٕمُر، دُمر ـ

جورِ ـ دارِ دٕرواز ـ

جورٕ ٹٹی ـ دار پٹی ـ خاصکرِ تھ دلپہِ دار یا شیٖشہِ دار ـ

جوٗرِ پوٹ ـ ( سٲر دار ) دارِ پوٹ ـ

جوٗرِ رٔنۍ ـ اَکھ لوکٕٹ زٔنۍ یُس زٲو ی جن پٔچن صفٲیی کرنس چھےٚ لگان ـ

جوٗرِ مسالہٕ ـ دارین دروازن کرٕ لگہٕ ـ

جوٗرِ خداٸے ـ وِچھو " جوٗری " لفظس تَل ـ

جوٗرِ مارُن ـ ۱ـ ( اَکھ اَکِس سٟتی ) پھیرُن کھنورُن ۔ عٲشِس کرٕ نی ـ ۲ ـ ( کٲنسہِ سٟتی ) ژھٹہِ مارٕنۍ ۔ شُتھرٕ کرُی کرُی کٔرُن ـ

جوٗرٕ ـ ۱ ـ جوٗری ـ بٲژٕ ـ ۲ ـ زٕ ـ ہٕژٕ ـ ۳ ـ جوٗرٕ اٛندرٕ اَکھ ـ دۄ بوٚبٲژٕ وٕ اٛندرٕ اَکھ ـ ۴ ـ رنٛگٕ یا پشمینو شال بینٛز ـ کانٛہہ مولُل کپر نقان ( کمخاب ، زرِبافٕ بینٛز )

جوٗرِ شالہٕ ـ اُتھ تانٛٹس پوتُر پٹ ـ دُنوشس شال ـ ۲ ـ مولُل شال ـ

جوٗرِ پٹ ـ فرد ـ پوتُر ـ دۄ گٕنہ زادَر بینٛز ـ

جوٗرِ کرُن ـ ۱ ـ واٛنہٕ واٛندس دوٚیُم بوج زارُن ـ یہی زٕ پَکھر یا واٛندواٛنہٕ یا پنٛٹھ زارِ نۍ ـ ۲ ـ زٕ زٕ لٲوِ نگکرٕ کرِتھ ہیوٗ کھٕناوِ نۍ ـ

جوٗرِ وان ، جوٗرِ وان ـ زادرِ وونٛگ سٕ دان ہٕنٛدِ ہیٚٹھ کھٕجہِ پٔنہٕنِ زادرِ یا جوٗرِ پَچہِ دوٚنہٕ پھیٚٹہِ یوان ـ

جوٗرِ بردار ـ کھورِ یا پٕرد ـ کٲنٛسہِ بردار ـ

جوٗسوٗس ـ مۄل : جوٗسوٗس ح ع : جاسوس ـ یس [ کانٛہہ ] ژوٗرِ نۍ ( ژوٗرِ یا ہٕٹی ) سٕ پنٛچ خبرو اناوَن دۄل ـ مُخبر ـ

جوٗسوٗسی ـ جوٗسوٗس سٕنٛز کام ـ

جوٗشن ـ ن ـ مۄل : جوٗشن ح ف : جوٗشن ] ۱ ـ گٕرٕ کھ ـ ۲ ـ ناو ـ ترٕژر ـ ۳ ـ دۄوٕشُن ـ ولوٗلہٕ ـ چھدہٕ ہر ـ جوٗنوٗن ـ

جوٗشیلہٕ ـ جوٗشہٕ دۄل ـ

جوٗشہِ خروٗشس ـ تیٚز گرمی ـ دۄسہِ دژوسہٕ ـ

جوٗشس اَنُن ـ ۱ ـ گرٕ کھ اَنُن ـ قوام اَنُن ـ ۲ ـ ( وَرگہٕ یا کٹھی ) دۄلسنٛس اَنُن ـ دۄسٕٹہٕ اَنُن ـ ولوٗلہٕ پٲدٕ کرُن ـ

جوٗشس دِیُن ـ ناوٕ اَنُن ـ گرٕ کھ دِنۍ ـ پھکہٕ دِیُن ( وَرگہٕ یا کٹھی ) تَلُن ـ

جوٗشس گَژھُن ـ ناوٕ تاوٕ واتُن ـ

جوٗشس یُن ـ ۱ ـ ناوٕ ناوٕ یُن ـ ناریک ترٕژر واتُن ـ ۲ ـ جوٗنس گرٕ کھ لگنۍ ـ جدبا تن دٕتشُن لگُن ـ ۳ ـ نتُن ـ ژٕ کھ کھِسٕنی ـ

جوٗکر ـ ن ـ مۄل : جوٗکر ح انگ : جوٗکر ـ JOKER ـ

۱ ـ شٕہ یُس سٕنٛز خرگٕژ دُچھنہٕ یا کٔنہٕ بینٛزِ یوٗنہ یتھ اُسُن نیرتھ ژٕلہٕ ـ چاٹی انسان ـ ( انگریزی یا کٕتھ چھِ جوٗکر چاٹہٕ گرِس مسخرٕ بینٛزو نان ) ـ ۲ ـ تٕرٕ ونٛز اٲہیم تاسہٕ پتہٕ ـ ۳ ـ کانٛہہ تاسہٕ پٔنہٕ ہیٚتھہٕ مۄل صوٗرٕ وَرنہٕ موجوب گنڈٕنہٕ یوان چھہٕ ـ

جولہٕ ـ ن ـ مۄل : جول ح س : جوالا ـ ] نٟرٕ سٟتی لٕھوٗتمت تٔھ ، اَکھ مٔنٛز چھہٕ اٛندری جوٗتوٗنہٕ ہیوٗ گنٛڈان نہٕ بیٚہری نیرٕ کھسان ـ خاص کرِتھ چھہٕ ہیٚتھ تٔھ گرٕ ہی کھسان ـ

جولہٕ گنڑھن ـ نیرٕسٟتی تٔھ کھسُن ـ اٛندری

جوٗنوٗ ، پہٕ گَنٕڈٕ ڈُن نہٕ ہٕیُپری ہٕنٕز کھسہٕ ۔

**جولِنہٕ** ۔ ن ۔ مؤل : جولِن < س : جھولِکا ] لوٗکٕٹ ٹھیلہٕ یُس تاٗلی تٕرِھنہٕ بیہِ ۔

**جوناتھَن** ۔ ن ۔ مؤل : جو ناتھَن < انگ : جوناتھَن JONATHAN ] ۔ اکہٕ قِسمُک امریکَن ژوٗنٹھ ۔

**جوٗنٕچھر** ۔ م ۔ مؤل : جونٕچھر < ہ : جھو تیٹڑی ] پُہرُ گاسہٕ پاٗد ۔ لوٗکُٹ کھوٗ پیر ۔ جایہ پاوُر بیٚنٕز ۔

ہٕنٕز رسان چھِ لٕرہٕ جایہٕ بیٚنٕزوٗ نالہٕ ۔

**جوٗنٕچھُر** ۔ نوین نہٕ ناژ ہٕرہٕ بن ہٕشٕد بوٗد ۔

**جوٗنٕچھر** ۔ ن ۔ مؤل : جونٕچھر < پڑاکرت : جھنٕپہٕ او ۔ مُ ، ہ : جھونپا ] ۱ ۔ زیٹھی لَنگ یُس زٕ کٕٹھ ہٕیشِ گاٗمٕژ آسہِ نہٕ گُلِس ہٕ ڈٕجھی کھوٗوری الاٗنٕدی آسَن ۔ ۲ ۔ (وَرگہٕ) مَس واٗنٕکی ۔

**جوٗشٕٹہٕ** ۔ ۱ ۔ شہ سَتِر بُمس سَرٕس بیٚٹھ داوٕسس لاگنہٕ بیہِ ۔ ۲ ۔ (زارٕس مَنٕز) شہ ہیوٗہ رٕقم یُس شرطہٕ کٕس رٕقمَس بیٚٹھ داوٕسس لاگنہٕ بیہِ ۔ ۳ ۔ سٕتھیو ۔

**جوٗشٕٹہٕ دیُن** ۔ (زارٕس مَنٕز) شرطَس لاگِتھ رٕقمَس برابر رٕقم ہاٗرِتھ یَرُن ۔

**جوٗشٕٹہٕ مارُن** ۔ ۱ ۔ دہ گٕہ یانہٕ زٕیسُن ۔ ۲ ۔ کٕھیچھ دِتھ نیشُن ۔

**جوٗنگہٕ** ۔ مہوٗ بیٚنٕز سادہٕ یا پٕتھ لوٗکُٹ گاڈی ۔

**جوٗتھٕرہٕ** ۔ ۱ ۔ زٕیچل ، یَس پَلو وارٕلی آسَن نہٕ ۔ یَس پَلوٗ تاٗلی ہیٚکہٕ آسِن گٕٹہٕ ہتی ۔ ۲ ۔ بےٗ ہوش ۔ بےٗ شور ۔

**جوٗرابہٕ** ۔ ن ۔ مؤل : جوٗراب < ف ، تُرکی : جُراب

< ع : جٕراب ] ۔ موزٕ (خاص کٕرِتھ بیرُو) ۔

جوٗرابہٕ سَلَے ۔ جوٗرابہٕ ووٗنٕنچ سَلَے یا کاٗنی ۔

جوٗرابہٕ گوٗر ۔ ۱ ۔ جوٗرابہٕ ووٗنَن وول ۔ جوٗرابہٕ بناوَن وول ۔ ۲ ۔ جوٗرابہٕ کِنَن وول ۔

جوٗراٗئی ۔ جوٗرابہٕ ووٗنَن وول ۔

**جوٗلابہٕ** ۔ ن ۔ مؤل : جوٗلاب < ع : جُلاب ] ۱ ۔ مُسِل دَوا ۔ قَبض دوٗر کَرَنُک دوا ۔ ۲ ۔ دَستہٕ ۔

جوٗلابہٕ یَکِنی ۔ ۱ ۔ جوٗلابہٕ گرٕتہٕ ھٕن ۔ ۲ ۔ (وَرگہٕ پاٗٹھی) وہسُرُن ۔ کوٗٹھی نہٕ دٕرٕہی ۔

جوٗلابہٕ پوٗرُن ۔ جوٗلابہٕ کارگرٕ سَپدُن ، اَثر کَرُن ۔

جوٗلابہٕ کٕرُن ۔ قَبض پھُٹراونُک دَوا کھیوٗن ۔

جوٗلابہٕ گرٕتہٕ ھٕنی ۔ مُسِل گرٕھن ۔ میٚدٕ خراب گرٕھُن ۔ بَدٕ زٕ یِنی ۔

جوٗلابہٕ لَگِنی ۔ وُچھیو " جوٗلابہٕ گرٕتہٕ ھٕنی " ۔

**جوٗلابہٕ پوٗٹ** ۔ پاو ڈوڈ پاو تامتھ وَزنہٕ کوٗ کٕرٕ پوٗٹ ۔

جوٗنٕجُر ، جوٗ نٕحُل ۔ کھوٗ تٕلکھُن (وَرگہٕ) دٕرٕہ لَدبُتھ ۔

جوٗ نٕجُر بوٗن کُن زٕھنُن ۔ کانٕہہ وُچھِتھ اَچھ زیٚنہٕ نَلہٕ ۔ یُتھ ژٕ کٕرِتھ کٕلہٕ بوٗن کُن ژٕھنُن ۔

**جوٗے** ۔ م ۔ مؤل : جوٗے < ف : جوٗے ] لوٗکُٹ کوٗل ۔ یَن ۔ پانٕچ ۔

جوٗ بیہِ آب یٕچیبرُن ۔ (وَرگہٕ) گُذارٕہ بَنُن ۔ سَبیل بَنٕنی ۔ اِنتظام سَپدُن ۔

جوٗ بیہِ سٔرِیہِ گرٕتہٕ ھٕن ۔ لوٗکچہِ کوٗلہٕ آبہٕ پٕکھارٕ کھا یَکِنی ۔ (وَرگہٕ پاٗٹھی) گُذارٕ یچ ووٗمید سَپدٕنی ۔

جینْجبر ۔ وُچھِو "جٕنْجبر"۔

جینْشِن ۔ وُچھِو "جٕشن"۔

جینْڈی ۔ م ۔ موٗل : جینْڈی > ہ : جھنڈی > س : جَنتی ] لوکُٹ جینْڈ ۔

جیہلم ۔ ویتھ ہُنْد یارِبَم ناو ۔

جیہلم ویلی روڈ ۔ سری نگرٕ پیٹھٕ راول پِنٛڈِ گژھن وٲجِنۍ سٔڑکھ ۔

جیب خرچ ۔ (دوہ وِشُک) چیٚنْد خرچ ۔

جیبر ۔ ن ۔ موٗل : جبر ] سینچہ، توس ۔ جوٗنۍ ۔

جیبراُنُن ۔ سینچہ اُنُن ۔ توس تُلُن ۔ جارِس پیٹھ وٲتُن ۔

جیبر تُلُن ۔ تنگ اُنُن ۔ نیرٕ اَنُن ۔ عاجِز کرُن ۔ بلو زٔٹنس واتناوُن ۔

جیبرِ ووٚتھُن ۔ سخ نیرٕ بُن ۔ تنگ یُن ۔ عاجِز یُن ۔

جیل ۔ ن ۔ موٗل : جیل > انگ : جیل [JAIL] ۔ بٲنْدی وان ۔ قٲد خانہٕ ۔ قٲد ۔

جیل خانہٕ ۔ وُچھِو "جیل"۔

جیل لَدُن ۔ قٲد کرُن ۔ قٲد ژھَونُن ۔ بٲنْدی وان لَدُن ۔

جیلَر ۔ جیلُک زٕیٹھ افسر یُس جیلُک سوٗرُے اِنتِظام چلاوان چھُ ۔ بٲنْدی وانُک زٕیٹھ حاکِم ۔

جین ۔ موٗل : جین > س : جَینہ ] ۔ جین مذہبُکی پارِو کار ۔ وردھمان مہاویر سٕنْدی پارِو کار ۔ جین مت سا کِہ مذہبُک ناو ییمیُک بٲنی وردھمان مہاویرٕ مانٕنہٕ یِوان چھُ ۔

# چ

کٲشُر زَبانۍ ہُنْد اَچھُر ۔

چَباچور ۔ موٗلِ چور ۔ چھیٚپُر ۔ سُہ یُس پَتہٕ اوگ یوگ آسہِ ۔

چَبارٕ ۔ ن ۔ موٗل : چَبار > پراکرت : چَو دارو = س : چٔتُر دارَ ۔ م، ہ : چوبارہ ] ۔ ۱ ۔ چھپَر ۔ ۲ ۔ اکِہ قسمُک بالاڈُر یا ڈُبُر ۔ ۳ ۔ بنگالہٕ ۔ ٹاوَر ۔

چَپاتھ ۔ م ۔ موٗل : چپات > ف : چپات ] تھاپر ۔ ژٕنْڈیا ٹاس یُس اتھٕ کِس تہٕ کٲشِر یتھِس پیٹھ تُراونہٕ ییہ ۔

چَپہٕ ۱ ۔ ن ۔ موٗل : چَپ > س : چَرپَٹ ۔ م : ہ : چَپا ] ۔ ۱ ۔ اَتھُک عکس یا ٹھَپہٕ یُس کُنہِ دستاویزس پیٹھ تُراونہٕ ییہ ۔ ۲ ۔ ژون اوٚنگجَن یوتا کھچر ۔ کھچرٕ ژون اوٚنگجَن ہُنْد مینر ۔ ژور اوٚنگُل ۔

چَپہٕ ۲ ۔ ن ۔ موٗل : چَپ > پراکرت : چَپٔ ۔ م : ہ : چپو > س : چَپ ] ۔ ناو چلاونُک کھوٚر ۔ ۲ ۔ ناو چلاونہٕ کِہ کھورُک سُہ کھوٚل حِصہٕ یَتھ ستی دَلُن تُشُنْد چھُ آسان ۔

چَپہٕ ۳ ۔ ن ۔ موٗل : چَپ > م، ہ : چَپا ] سزا دِنہٕ خٲطرٕ اَکھ ہتھی یار یُس پنٛجہِ شکلِ آسان چھُ ۔

چَپہٕ چَپہٕ ۔ پرٛتھ شایہ ۔ یَدِ یَتھ پَدِ ۔ اَنْد ہیتھ ۔ سوٗرُے ۔

چَپہٕ چارٕ ۔ سخ چارٕ، بانٛبرٕ، لاہٕ لار ۔ سخ جلدی ۔

چَپرٕ ۱ ۔ بانٛبرٕ ۔ چار ۔ جلدی ۔

چھپر گنڈٕنی۔ چار ژانُن۔ یا شیر لاگنی۔

چھپرع۲۔ چانٹھ۔ کنج یا لوٗر بیترِ یہٕ سہ اوٚ ننگجن منٛز تھوٗنہٕ وِ سزا دِنہٕ خاطرٕ چاران چھہِ۔

چھپر چارُنہٕ۔ چانٹھ چارُن، اوٚ ننگجن منٛز کنٛج بیترِ تھوٗنہٕ چھپر دِنۍ۔ (یہ چھُ اکھ سزا ییٚمہِ ژاٹہٕ ہال شُرین اوسُس دِنہٕ یوان)۔

چھپلی۔ م۔ مۄل: چپل، < ہ: چپل < س: چپر پلا] چھپنۍ۔ اکہِ قٕسمُک کھوٗ ربانہٕ ییٚمہٕ پاژس پیٹھ داپوی رٕ نٛدٕ کھ لاگنہٕ آسن۔ نالاگٕنۍ۔

چھپنۍ۔ م۔ مۄل: چپن < س: چپر پہٕ۔] داپہٕ پٕدس پیٹھ رٕنٛدٕ کھ لاگنہٕ کھوٗربانہٕ۔ کھلہور۔

چھپٹ۔ ن۔ مۄل: چپٹ < س: چپٹک] سوٚتُر۔ ہموار۔

چھپٹھل۔ < س: چپر پٹ + ستھلک] ہموار۔

چھپراس ع۱۔ ن۔ مۄل: چپراس < ف: چپراست]۔ سرکٲرِ ہُنٛد اکھ بیج یُس پٹہٕ کرِتھ چپرٲسی دستارس یا وردی پیٹھ لاگان چھہِ۔

چھپراس ع۲۔ ۱۔ چھپانہٕ سُنٛد ٹکرٕ۔ کٹھہِ داو چالہِ اکھ ٹھنٛی یار ییٚمہِ سٍتۍ بیٚترِ دٕنٛد سیٚیز راوان چھہِ۔ ۲۔ بیٚترِ ہُنٛدی یا آرٕکی دٕنٛدٕ چھپنۍ کھوٗرِ چھرتھ۔

چھپرٲسی۔ ن۔ مۄل: چپراس < ف: چپراست]۔ دفترک سادٕ وے کھوٗ نہٕ دِسنہٕ ملازم یُس کاکد بیترِ اورٕ یور پلہٕ ناوان چھُ۔

چھپکل۔ < ہ: چھپاکلی]۔ ہٹیک اکھ وس۔

چھپھ ع۱۔ ۴ چھپھ چھپھ۔ < آوازِ بیٹھ]۔ ژاپہٕ دِنہٕ آواز۔ جل جل کاشہٕ چھپنہٕ ژاپنہٕ آواز۔

چھپھ ع۲۔ دٕین دلازی۔ غٲبتھ، بدگوٗیی۔

چھپھ کھیٚنۍ۔ (کٲنسہِ ہٕنٛز) غٲبتھ کرٕنۍ۔ پوٚت ژٕٹُن۔

چھپھکلی۔ م۔ مۄل: چھپکل < ہ: چھپاکلی < س: چمپا + کلکا] اکہِ قٕسمُک ہار ییٚمہٕ چمپا پوشکہٕ شکلِ ٹھلی چھہِ ہُرتھ آسان۔ چمپاکلی۔ چھپکل۔

چھناو۔ اٚکِس بیٚیس نٕش کٲنسہِ ہُنٛدہٕ کٲم تاریف کرٕنۍ۔ رُت پھرُن۔ گوٗن گیوٚنۍ۔

چھناوُن۔ اٚکِس بیٚیس نٕش کٲنسہِ ہُنٛد بجر تھکُن۔ چھناوُن۔ نکھہٕ والُن۔ بیہٕ چلرتی چلراوُن۔

چھتُر۔ چر چر۔ بکواس۔

چھتر بکواسی ژتانہٕ۔ سو یُس پٕرتھ وِزِ چر چر کران آسہِ۔

چھتھ۔ ییٚمی حومت آسہِ۔ ییٚمی شراب حومت آسہِ۔ (ورگہٕ پاٹھی) مس، نشس منٛز۔

چھتھ کھاوُن۔ ۱۔ سورُے چوٚن۔ ساری ہے دام دِنۍ۔ ۲۔ سورُے یاد کھاوُن تہٕ سمجھُن۔

چھتھ ژھُن۔ ۱۔ کُنے دام کڈُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) بکدم سارِ تلِتھ نیُن یا فکرِ ترُن۔ (یہ چھہِ یتہٕ پاٹھو ہٕرِ لہٕ کینہٕ وۄنان)۔

چھتھ نیُن۔ سورُے فکرِ ترُن۔ یٕرِ تہٕ ین منٛز سمجھُن۔ یکدم پلہٕ بیوٚن۔ تلِتھ نیُن۔

چھٹ۔ ن۔ مۄل: چھٹ: چھتش + اٹ]۔ ہینٛہٕ بانہٕ چوٗرس شکلِ منٛز کنٛیج ہموار بنہٕ۔

چھٹو پٹھ۔ ن۔ مۄل: چٹوپٹ < ہ: چٹ پٹ]۔ جلد۔ جل جل۔ ڈٕلی۔

چھٹھ۔ مجبوٗری۔ چھٹۍ۔ (ورگہٕ) تلی بیگاری۔

چٹھ - ٹر، رادہ، کھر بیتر ییٹمہ ستی بوزن واًلس اَسن ییتہ -

چٹھ بازہ - ٹر باز -

چٹھ لائن - بلی ٹر دارِتھ دِن -

چٹھ تہٕ چیٹر کھ گژھن - خوفہ بیترِ کنہ ہشہ تہٕ متنگہ مرُن -

چٹھ کرُن - ا - ٹد کرُن - اپزُ کرُن - ۲ - کانسہ ٹد کرِتھ نقصان واتناوُن

چٹھ ہٕ گڈُن - زِہس منز کھستھ تھوُن -

چَر - ن - مؤل: چر > س: چرچہ ] ا - بکواس - ۲ - دَم (دِنی) - لاف - گڈہمی (ٹھکنی) -

چَرل - شہٕ یَس چر آسہِ - یَس چرکرنک مرضہ آسہِ -

چَرپری - چاپری، بکواسی -

چَرکرُن - ا - بکواس کرُن - ۲ - دَم دِنی - لاف دِنی -

چراغ - ن - مؤل: چراغ > ف: چراغ ] - زونگ -

چراغ بیگ - گیُتن منز اکھ بیماری یتھ منز تمن چھور چھ لگان -

چرایتا، چرایہ تتر - ن - مؤل: چرایتا > س: چرتکتہ ] - اکھ دوا بوٗٹی -

چَرب - ن - مؤل: چرب > ف: چرب ] ا - اکھ سفید مادٕ ییُس خوٗنس ستی ستی زِیُو زاتن ہندس جسمس اندر چھ بنان - ۲ - موہ چر -

چرب کمُن - (ورگہ پاٹھی) سخ کام کرنی پیٹھ سخ مبتحنتھ پیٹھ -

چرہ بَس تل وانٹھ گژھنہٕ - ا - (ورگہ) بکرہ یا خوفہ ستی اثر تہٕ نو گژھن، کچہ کیچہ تہٕ گژھن - ۲ - نتنہٕ موم ہیوہ تہٕ بیو قوف آسُن -

چربی - وچھو "چرب"۔

چربہ - ا - چرب - چربی، موہ چر - ۲ - یَس چرب اَلی اَلی کھوتمت آسہِ - ستر ندٕ -

چربہ داند - (ہزلہ) سیٹھا موٗٹ اِنسان -

چربہٕ ستر ندٕ - کھوتمت مانشہِ کوٹ - (ورگہ) موٗٹ وزوٹ اِنسان - سیٹھا دیوٗ کھ پوٗ کھ اِنسان -

چرخ - ن - مؤل: چرخ > ف: چرخ ] اسمان - تب -

چرس - ن - مؤل: چرس > ہ: چرس ] بنگہ وُھرن یا بنگہ پوشن موٗرتھ کڈتہٕ آمت اکھ نشہ دار جوہر -

چرس چاوُن - ا - چرسہ چلمہ دام دِیا وُن - ۲ - (ورگہ پاٹھی) کانسہ ہُند پونسہ ٹوٹھنک اپھرابہ تپھرابہ کرِتھ تس ییپ کرُن -

چرس چوُن - ا - چرسک نشہ کرُن - ۲ - (ورگہ پاٹھی) پونسہ ٹوٹھنک بیترِ اپھرابہ تپھرابہ کرُن -

چرس لگُن - چرس ستُن تہٕ حواس ڈنجہ تہٕ روزنی - اَشُد لگُن - (ورگہ) متر زین اورک یور وُنُن -

چرکھ - ن - مؤل: بجرکہ نہ چرخ > س: چکہ ] - ا - ہگہ - ژکھر - ۲ - مشینہ ہُند شہ ڈوم پُرزٕ ییٹمہ ستی ماتھ پیٹھ چھیران چھ -

۳۔ وَر۔ وُٹھَن (کُنہِ گول چیزِ سس ہیتھ)۔ ۴۔ سأرہ پھیرُن۔ گردِش۔ ۵۔ پیچ۔ ۶۔ سَنٛدٕ پٔہ آمتِس ہٕنٛٹِس پھُٹہٕ تہٕ گیٚنہٕ کڈنٕک ژھل۔ ۷۔ آلہٕ پھٔرِوٹ یُس اَلہٕ باتہٕ ہٕشِد اکہِ چَرکہٕ ستی گژھ ہیٚر۔ ۸۔ ہیٚرَن ڈیٚس اکِہ پھیر آتہِ وَند اکھ ہیٚتِہ تٕہی تراوُن۔ ہیٚرَن دلیلک اکھ پھیر یا چکر۔ ۹۔ کرالہٕ ژکھ۔ م،

کُمار لاگِتھ چَرکَس کھأرجِنس
ہَرکَس وُچھِم پَرماے (صمد میر)۔

چَرکھ دیُن۔ اَندی اَندی پھیرُن۔ گتھ دیُن۔ چکر دیُن۔ گردِش کرُن۔

چَرکھ کرُن۔ پھیرُن ہفورُن۔ گردِش کرُن۔ چکرَس ہیٚرُن۔

چَرکَس کھسُن۔ ۱۔ مشینہِ بیٚٹھ کھارنہٕ یُن (توہ رکہٕ چھاتہٕ سٕنٛدِس یا کھَہرنہٕ گٕرٕی سٕنٛدِس چَرکَس ہیٚتھ)۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) گیٚرگژھُن۔ وٕلتہٕ یُن۔ ہینہِ یُن۔ کُنہِ کامہِ یا پریشانی منٛز نتھہٕ پأٹھی آوُرگژھُن تھِکھنہٕ کلہٕ پھیرِنس وار روزُن۔

چَرکَس لَدُن۔ ۱۔ مَنٛڈہٕ پیتہٕ پوٚٹ لگہٕ ہٕنٛدِس ڈولَس وٕلُن تھٕنہ اکھ گیٚنہٕ ہیٚرُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) ہٕنٛگ اَنُن۔ مُشکلَس منٛز پھساوُن۔

چَرکہٕ پھیرُن۔ ۱۔ کُنہِ آرکو تنٛڈِس اَندی اَندی گرِس ہیٚتھ کھسُن پھیرُن۔ ۲۔ نیٚنٛدرِ منٛز کھوہرِ شانٛد گژھُن۔ ڈنجہٕ پٔہ شوہ نگُن۔

چَرکہٕ دُمالی۔ کٲشیر ہٕنٛدِ لکہٕ تَژہ نک اکھ رنگ یتھ منٛز دُمالی کرن وٲلی آرس منٛز روزِتھ دوہٕ

چھہ ٹلان۔

چَرکہٕ ہیُنٛدر۔ ہیُنٛدرِ سہٕ وسلہٕ یا آلہٕ یتھ بیٚٹھ بیرہٕ پھمب یا سپھر کُنہٕ چھُ یوان۔ م، پَچہٕ ہیُنٛدر۔

چَرکھا چَرکھا دیُن۔ یُن تہٕ یُن۔ لٹھا لٹھا کرٕنی۔

چَرکھ پھیرُن۔ ہیٚتہِ بارسَس یُن۔ ۲۔ کارہٕ باد چلُن یا تسہٕ ٹونٛگ نیکُن (کارِ بازس اندر)۔

چَرچَر۔ ن۔ مؤل: چَرچَر <س: چَرچَر] ۔ بکھ بکھ بکواس، بکھبھ۔

چَرچَر کرُن (لاگُن)۔ بکھ بکھ کرُن۔

چَرچَر۔ ن۔ مؤل: چَرچ <س: چَرچَر] ۔ ۱۔ کڑکھ چلکھ، ہوگ، کُنہِ کتھہٕ ہُنٛد ترٕتھ جایہ شور۔ لوکن منٛز کانٛسہٕ ہُنٛد یا کُنٛہِک ذِکر۔ ۲۔ چلن۔ رواج، روش۔

چَرچَر لگُن۔ رونق یدٕنی۔ چلے جاو لگُن۔

چَرکھٕری، چَرکھارٕی۔ م۔ مؤل: چَرکھٕر، چَرکھار <ف: "چرخ" لفظُک ژھوٹہٕ] ۱۔ اکہِ آتش بازِ ہُنٛد ناو۔ ۲۔ چَرکھ۔ ژکھر، ہگرہٕ۔ ۳۔ اکہِ اوزارُک ناو یمہِ ستی کاٹھہٕ ژکھر ہیٚتھ نژناوِنہٕ چھُ یوان۔ ۴۔ اکہِ قسمُک جوٗلہٕ۔

چَرنگ دِنی۔ کُنہِ داد دِگہِ ہیٚتھ ستی کَژہٕ کہٕ دِنہٕ۔ ژھرٹہٕ ژھرٹہٕ کرٕنی۔

چَڑآے۔ م۔ مؤل: چڑاے <پراکرت: چڈ ڈ]۔ ۱۔ گھسہٕ وُن۔ ہیوٗرٕ ہیوٗر کُن آسُن، وُتہٕ ہٕنٛد تھزرہٕ کھسہٕ وُن۔ موٗلس منٛز ہُرتہٕ یا وُن تیزی۔ دستہٕ بیٚنٛز۔ ۲۔ حملہ، یلغار۔ ۳۔

اُکھ ژِنۍ قسم یتھ واریاہ تیمبرِ چھٹے دوہ نغان (رشری چھِ ییمہ ڈگینۍ دجن منتر بران تۍ ژکھ دِنۍ اوپ یھو لنگا دان)۔

**چکھ چکی** ۔ م۔ مۆل: [چکھ چکی < ک: چک چکی آواز بیٹھ] حیپری ۔ سشراکھ۔

**چلن** ۔ ن۔ مۆل: [چلن < س: چلّہ: ک: چلن] روشش ۔ فاشن۔

**چلا دور** ۔ کتھِ سیتی کام اُتھنر راون وول۔

**چلاوُن** ۔ ۱۔ یکہ ناوُن۔ کانٛہہ مشین بیترِ کام کرناوٕنۍ۔ ۲۔ ینھ کتھِ بیٹھ سشکھ آسہِ سو یکہ ناونۍ۔ ۳۔ کانٛہہ چیز نشانس بیٹھ لایُن (تیپر، گولی یا کُنۍ بیترِ)۔ ۴۔ کانٛہہ چیز حرکتھ کرناوُن۔ بڑو شہ کُن یکہ ناوُن۔ رم: ٹانگہ چلاوُن۔ ۵۔ کھوٹ ووٹ سکہ والُن۔

م۔ چلاونۍ۔

**چلتی، چلنی** ۔ م۔ مۆل: [چلنۍ] مانینۍ یُن۔ حکم یکُن۔ دسگاہ۔

**چلُن** ۔ ن۔ مۆل: [چل < س: چلنم] ۱۔ کارگرہ سیدُن۔ پلُن۔ کُنہِ کامہِ کھُر یا اعتراض نۍ یُن۔ ۲۔ سکہ بیترِ نکُن۔ ۳۔ نکُن۔ رم: یہ گو یُن یُن چلُن۔ ۴۔ حکمُ یکُن۔ باعمل یُن۔ ۵۔ راسیج سیدُن۔

**چلہ وُن** ۔ ۱۔ یکہ وُن۔ حرکتس منتر۔ ۲۔ یتھ نۍ کینٛہہ اعتراض ییہِ۔ یہ روا مانۍ ییہِ۔ یۍ نکھ ڈسِنۍ ہیکہ۔

**چلے جاو** ۔ ن۔ مۆل: [چلے جاو < ہ: چلے جاو]۔ رِواج۔ روشش۔ چلن۔ فاشن۔

**چلنج** ۔ ن۔ مۆل: [چلنج < انگ: چلینج]۔

مقابلہ یا لڑِتھ کھینۍ باپتھ اعلانیہ اترِ غاب۔

**چمکھ** ۔ م۔ مۆل: [چمک < پراکرت: چمک، س: چمتکرِتۍ]۔ نیپہ نیپہ پژزنُن۔

**چمکہ لایہ** پژزلہ وُن۔ نیپہ نیپہ کرہ وُن۔ ینھ چمکھ وۄنغان آسہِ۔

**چمن** ۔ ن۔ مۆل: [چمن < ف: چمن] ۱۔ پوشہ ڈۆر۔ ۲۔ لوکُٹ پوشہ باغ۔

**چمن بنٛدی کرنۍ** ۔ زمین ڈۆرن اندر باگراونۍ۔ ڈۆری گنڈنۍ۔

**چمار** ۔ مۆل: [چمار < پراکرت: چمار، س: چرمہ کار]۔ (رہزلہ پاٹھی) نیوژ، ڈسی پایہ۔ کمِ ذاتھ۔

**چمہ خمہ** ۔ مۆل: [چمہ خم < ف: چم + خم] ۱۔ ٹھکہ ٹھکہ سان۔ حشمتہ سان۔ ۲۔ پوٗرہ تیاری کرِتھ۔ بالوٗنڈ نیس، یکھ پُٹھرتھ۔ ۳۔ دوہ مینز سان۔

**چموٗرا** ۔ اکھ ژوٗنٹھ ذاتھ۔

**چمچہ** ۔ ن۔ مۆل: [چمچ < ہ: چمچہ < س: چمسہ]۔ ۱۔ کاشو۔ ۲۔ (ورگہ پاٹھی) ٹیلو۔

**چمچہ گری** ۔ ٹیلوگی۔

**چمر** ۔ ن۔ مۆل: [چمر < س: چرمہ]۔ چاروآے مُسلہ دالہ۔ **چمر والُن** ۔ مُسلہ والُن۔ سخ لایُن۔ (ورگہ پاٹھی) سٹھا سختی واتناونۍ۔

**چمکُن** ۔ ن۔ مۆل: [چمک < پراکرت: چمک، س: چمتکرِتۍ] ۱۔ پژزنُن۔ چمکھ نژاوُن۔ ژژتۍ نژاوُن۔ تاپُن۔ ۲۔ قسمتھ بیترِ بیدار گژھُن۔ بخ بیدار گژھُن۔ ۳۔ تجارتھ بیترِ جان پاٹھی یکُن، کاہ بارس ہُرہ پرسیدُن۔ ۴۔ دگیہ بیترِ سنٛد)

تیز کُن۔ ۵۔ ناو ہیرُن۔

**چمکاوُن**۔ ییہ ییہ کرِ ناوُن۔ چمکھ ژاو ناوُن۔ ۲۔ (گرُ بیترِ) تیز کیناوُن۔ ۳۔ (خاندانک، قبیلک ناو بیترِ) ہیچھناوُن۔

**چَن**۔ ن۔ مول: چَن < س: چمنہٕ] یہ چون کیٚنٛتھ آسِہ۔ چنِہ باو۔ ترٛیش شرٛیخ بیترِ۔ یہ چھ پژٲپاٹھی کھین نفسس سیتی پوٚت لوٚگ یوان۔ م: کھین چن۔

**چنِہ باو**۔ چنس لایق چیز۔ یہ چنِہ باپتھ آسِہ۔

**چنِہ**۔ ن۔ مول: چَن < پراکرت: چنٛکہ، س: چنکہ]۔ اکہِ دالہِ ہنٛد ناو۔

**چنِہ چیپلہِ، چنِہ چمبیلہِ**۔ کرِ منٛڈ، چنِہ مشرِ تہٕ موٚنگ گھلی بیترِ ہوٚن ہوٚکھ کھلن ہنٛد اکھ کھینِہ بادٕ یُس ترٛکیہ یوان چھُ۔ اکھ ترٛ کینی۔

**چنتامن (چنتامٲنی)**۔ اکہِ جواہرُک یا رتنُک ناو، دپان یہ چھُ منٕ کامن پوٗرٕ کران۔

**چنٛدٕ ۱**۔ ن۔ مول: چنٛد < ف: چندا]۔ پلوٗک بغلہٕ، ناگی پلوٗس چیز تھوٚنہٕ باپتھ سوٗتھ لاگنہٕ آمُت گوٚڈ۔

**چنٛدس پُشرُن**۔ یہ چھ بٹن ہنٛد اکھ رسم بیٚمہِ موجوب نوِ نوشہِ سالس ہنٛز وٲلی تمس اتہٕ گنٛس پُشرِتھ پوٚنسہٕ چنٛدس چھِ ژاوان۔

**چنٛدس بیٚٹھ ہیوٚن**۔ ذاتس پیٚٹھ یا نسہٕ رگی زکھ داتُن۔ پننہِ چنٛدہِ خرچ کرُن ہیوٚن۔

**چنٛدس ہیوٚن**۔ ۱۔ چنٛدہٕ اَندرٕ پوٚنسہٕ ژوٗرِ نِنی۔ چنٛدس وسُن۔ چنٛدس کھیرُن۔ ۲۔ (دورگہ پاٹھی)

مُفتے کینٛژھاہ حاصیل سپدُن۔ رشوت ہیٚنُن۔

**چنٛدس کھیرُن**۔ چنٛدِ منٛز کینٛہہ ژوٗرِ نیٚنُن۔

**چنٛدس ژاوُن**۔ بٹن منٛز اکھ رسم ییٚمہِ موجوب مہرِ ییٚنہِ سالس ہنٛز وٲلی پوٚنسہٕ چنٛدس ژاوان چھِ، ییمہِ پاٹھی چھِ تس زنانہٕ تہٕ آشناو بیترِ پوٚنسہٕ چنٛدس ژاوان یُس کانٛہہ ٹوٚٹھ موٚد سُنت آسِہ۔ ۲۔ رشوت دِتھ پھساوُن۔

**چنٛدس ژہٕ ہیچُن**۔ (دورگہ پاٹھی) قوبو کرُن۔ پننہِ تس اَتھس تَل اَنُن۔ وَتہٕ تھوَوُن۔ پننہِ حابہٕ ژابہٕ تھوَوُن۔

**چنٛدس گوٚ ہیٚرآسُن**۔ جان پاٹھی وول آسُن۔

**چنٛدس وسُن**۔ چنٛدِ منٛز کینٛہہ ژوٗرِ نِیٚن۔ چنٛدس کھیرُن۔

**چنٛدِ ہیٚزُن**۔ پننہِ چنٛدِ دیٚن۔ گرٛیک دیٚن (گاٹہٕ پُرٕ وِتہٕ باپتھ)۔

**چنٛدِ پاٹدہٕ**۔ آسنکی یار۔ تیم یِم گُذارس منٛز انیاسیٚ نال ولن۔ تِم آشناو یِم گُذاہ وِزی یوت خبر اَتھر بیٚرژھن۔

**چنٛدِ چھیرُن**۔ چنٛدِ منٛز کینٛہہ تیٚر رٕتھ ژلُن ہیوٚن۔

**چنٛدِ ژوٗر**۔ ۱۔ یُس چنٛدس پھرِ۔ یُس کانٛسہِ چنٛدِ ژٹھتھ نیِہ۔ ۲۔ چنٛدس پھر ہنٛج کام۔

**چنٛدِ گنٛڈُن**۔ پننہِ چنٛدِ کینٛژھاہ دیُن۔ پیٚٹھ کینٛہہ دیُن۔ پننہِ گرٛیک دیُن۔

**چنٛدِ گرٛم آسُن**۔ چنٛدس منٛز واریاہ پوٚنسہٕ آسنی۔ خرچ کرنہٕ خاطرٕ چنٛدس منٛز پوٚنسہٕ آسنی۔

**چَنٛدٕ گَرماوُن** ۔ پانٛسہٕ تارُن، رٕشوٕ تارُن ۔ کوٗژھ دیُن ۔

**چَنٛدٕ گوٗل** ۔ سُہ طَرف یَپاَرؠ چَنٛدَس مَنٛز کیٛنٛہہ ترٛاوُن ییٚیہِ ۔ چَنٛدُک دٕہانہٕ ۔

**چَنٛدٕ گوٗژٕر** ۔ لوکُٹ دَجہِ ٹھٔیلہِ ہیوٗہ یُس چَنٛدٕ گٔس اَنٛدرؠ کنہٕ وٲتھ آسان چھُہ ۔

**چَنٛدٕ ع۲** ۔ ن ۔ مۄل : چند < ف : چندہ ۔] روٗپیہ سۄمبراونہٕ باپتھ کانٛسہِ ہُنٛد حِصہٕ ۔ سُہ رقم یُس کُنہِ عوٲمی کامہِ خٲطرٕ لوٗکَن نِشہٕ سۄمبرنہٕ ییٚیہِ ۔

**چَنٛدٕ کَرُن** ۔ اَکِس بیٚیِس نِشہٕ یا کانٛسہٕ سۄمبراوٕ دِنہٕ ۔ کُنہِ کامہِ باپتھ لوٗکَن نِشہٕ پانٛسہٕ سۄمبرٕنہٕ ۔

**چَنٛدرٕ باگا** ۔ ن ۔ مۄل : چندر باگ < س : چیندر بھاگا] ژٕندرٕ باگا ۔ چناب ۔

**چَینٛڈ ع۱** ۔ م ۔ مۄل : چَینٛڈ < س : چَپنٛڈا] ۔ ۱ ۔ دوٗج زَنانہٕ ۔ بَد مِزاج زنانہٕ ۔ کوٚدٕ ہِنٛز وَرہٕچ زنانہٕ ۔

۲ ۔ مالذاتھ ۔ بےٚ مَس شدٕ چھہٕ بَد ذاتھ زنانہٕ ۔

۳ ۔ بےٚ باشِش زَنانہٕ ۔

**چَنٛڈٕ بایار** ۔ ۱ ۔ دوٗ جَر، بَد مِزاجی ۔ ۲ ۔ کو زاتھ ۔ مالذاتھ ۔

**چَنٛڈٕ مُنٛز** ۔ بےٚ شرم زَنانہٕ ۔

**چَینٛڈ ع۲** ۔ ۱ ۔ ٹیٚنِس بینٛز بَجھٕ کَڈنہٕ باپتھ کُنٛتھک ٹاس ۔

۲ ۔ نٕھابیر ۔

**چَینٛڈٕ وانٛج** ۔ ۱ ۔ ٹیٚنِس بینٛز بَجھٕ کَڈنہٕ باپتھ کُنٛتھک ٹاس لایُن ۔ ۲ ۔ نٕھابیر کَڈٕنہٕ ۔

**چَینٛڈال** ۔ مۄل : چینٛڈال < س : چینٛڈال] ۔ ۱ ۔ نیوٗزٕ، کَم ذاتُژ ہُنٛد اِنسان ۔ ۲ ۔ ذٔلیل، بَد ذاتھ ۔ کو ذاتھ ۔

**چَینٛڈال چونٛگھر** ۔ بَد ذاتَن ہِنٛز بِرٛٹھ ۔ کھوٗرؠ جَماتھ ۔ بَد ماشَن ہِنٛز موٗنٛڈٕ ج ۔

**چَینٛڈال گوٗژٕر** ۔ بَد زَنانہٕ ۔

**چَینٛڈٲج** ۔ چَینٛڈالہٕ ہِنٛز زَنانہٕ ۔ ۲ ۔ (وَرگیٚ) سو زنانہٕ یوٗسہٕ نہٕ کٔتھ پٔژھ کَرِ ۔ لڑایہٕ گَرٕنہٕ ۔

**چَینٛگ، چَینٛگہٕ** ۔ ۱ ۔ پَنٛجہٕ ۔ ۲ ۔ اَکِہ قِسمُک ساز یُس دٔنٛدَن مَنٛز رٔٹِتھ اوٚنٛگجہِ سۭتۍ وایہٕ چھُ یوان ۔

**چَینٛگَس تَل لَگُن** ۔ کانٛسہِ ہٕنٛدِس کَانٛزَس تَل لگُن ۔ کانٛسہِ تَل پھَسُن ۔

**چَینٛگَس لَگُن** ۔ زانَس لَگُن ۔ پَنٛجَس تَل لَگُن ۔ مُصیبَتَس مَنٛز ہیٚنہٕ یُن ۔ نادِ یَس لَگُن ۔

**چَینٛگَس مَنٛز اَنُن** ۔ کابوٗ کَرُن ۔ اَتھَس مَنٛز اَنُن ۔ رَتھِس حالَتَس اَنٛدَر تھَوُن ۔ ییٚنٛزٕ نہٕ کیٛنٛہہ تگِس ۔ پیٚچَس مَنٛز اَنُن ۔ پریشان کَرُن ۔ پھَساوُن ۔

**چَینٛگَس مَنٛز یُن** ۔ ہیٚنہٕ یُن ۔ مُصیبَتَس مَنٛز پھَسُن ۔ ہُروَنہٕ یُن ۔ کانٛسہِ ہٕنٛدِس پَنٛجَس تَل لَگُن ۔

**چَینٛگہِ نٔلہٕ نیرُن** ۔ کٔشگی نٔلی نیرُن ۔ کُنہِ مُصیبَتہِ مَنٛزٕ آزاد گژھُن ۔ پَنٛجہِ نٔلہٕ موکلُن ۔

**چَینٛو چَینٛو** ۔ ہونہٕ بَچہٕ سٕنٛز وَدُن کَرٕکھ ۔

**چُوآے** ۔ سُہ یُس بےٚ مانہِ نسبتےٚ مقصدٕ کَتھ کَرِ ۔ یِیمہٕ سٕنٛزٕن کَتھَن نہٕ ہوٗٹ لوٗٹ آسہِ ۔ یُس پٔتہٕ اَنہٕ پٔتہٕ اَتھ کَرِتھ آسہِ ۔ چور ۔

**چُو چار وآے** ۔ ماَدان مال ۔ تیٚمبر نہٕ گیٚیُن، گاسہٕ کھینہٕ والی پٔشم ۔

چہَل ۔ م ۔ مۆل: چہَل > ہ: چہل ۔] سیٹھا (رُب) ۔ یہٕ لفظ چھُ ٹیٖتھ یا کٔھور رَبہٕ عَستی اِستیمال سپدان ۔

چہَل ژٕلُن ۔ کانٛہہ ترٛژھ حَمہ کتھ کہٕنٛ بیٖمہٕ عَستی یوٗنٛ مُلکٕت گژھہٕ، رَب ووٚتھہٕ یا آب گژھہٕ گرٛمٕٹ ۔

چہَل ووٚتھُن ۔ رۆد یا شیٖن پیٛنہٕ عَستی وَتَن ژٕلُن ووٚتھُن ۔ تِتھ رَب ووٚتھُن یتھ منٛز کھۄرِ دَرِ ژِ، کھۄلَن یا نالَن رَبہٕ دوٗنٛ دُسُن ۔ آڈرٕ وٕ عَستی ۔

چہیٖر، چیٛنہر ۔ ن ۔ مۆل: چہیٖر > ف: چہرہ] ۔ ۱ ۔ بُتھ ۔ صوٗرَت ۔ شکل ۔ ۲ ۔ پوٚنسہٕ عَشلکیک نانٛگ ۔

چہیٖر دار ۔ (زٕآری کتھ) سُہ تاس یتھ نِشانہٕ آسَن ہیٚگہ سیٹھا کَم لوکَن ترٕ فکرِ ژِ تاس چھُ نِشانہٕ دار ۔

چہیٖر دُنُن ۔ تاسَس تِمہ آیہ نِشانہٕ ترٛاوُن یتھ پَتہٕ سُہ پَرٕکھ کانٛسہِ فکرِ تر ۔

چاپَر ۔ چَر چَر، بکواس، بکھ بکھ، فضوٗل کَتھٕ کتھٕ جوٗٹ ۔ کچ بحثی ۔

چاپَری ۔ بکواسی، تُیں فضوٗل بکھ بکھ لاگِن ۔ تُیں عَملی چَر چَر کَرَن آسہِ ۔ کچ بحثی کَرَن ووٚل ۔

چاپلوٗس ۔ مۆل: چاپلوٗس > ف: چاپلوٗس] ۔ خوشامد کَرَن ووٚل ۔

چاپلوٗسی ۔ خوشامد ۔

چاٹھٕ ۔ ن ۔ مۆل: چاٹ > س: چاٹہٕ] سوٚ کتھ یتھ پیٹھ ژٕلِ اَسُن ییہ ۔ مذاق ۔ ہزل ۔ ٹھٹھہٕ ۔

چاٹہٕ گوٚر ۔ چاٹھ کَرَن ووٚل مسخرٕ ۔

چاٹھ ژٕٹُن ۔ کانٛسہِ تِتھ یا کٔھٹی ہیڈُن یتھ لوکھ اَسُن ترٛاوُن، ٹھَٹہٕ کَرٕنٛ ۔

چاٹی ۔ ۱ ۔ ٹھٹھہٕ گوٚر ۔ مسخرٕ ۔ ۲ ۔ اَسُن لایق ۔

چاٹھ عٕ۲ ۔ برٛٹشر ۔ سیٹھا کَم کال ۔ تیوٚتے کال یوٚت چاٹس مَنز تلکَس لگِہ ۔ ترٛشِہ ۔

چاٹھ کَڈُن ۔ تتھ چیٖزَس تُیں وار یا ہَس کاٚس پوشناوُن یتہٕ ہیٚ کُنٛی ٹاس کَڈُن ۔ اَکی ہیٚ برٛتنٛرَس منٛز ختم کَرُن ۔

چار ۔ ن ۔ مۆل: چار > س: چار] ۱ ۔ جلدی ۔ باتٔبر ۔ ۲ ۔ دباو، ژٕہل ۔ ۳ ۔ تاکیٖد ۔ باند باند ۔

چارٕ چار ۔ سَخ دباو ۔ سَخ باتٔبر ۔

چار اَژُن ۔ ۱ ۔ چیٖرہٕ ہیٚن، ژٕلہٕ ہیٚن ۔ دباو واتُن ۔ ۲ ۔ (وَرگہٕ یا کٔھٹی) باتٔبر پییٛن ۔

چار اَنُن ۔ ۱ ۔ باتٔبراوُن ۔ ۲ ۔ ژٕہلُن ۔ دباو ترٛاوُن ۔

چار آسُن ۔ (کآم موٚ کلاونَس) باتٔبر آسُن ۔ (دَ قتیٖچ نتیٖجگی آسہٕ کُنی) جلدی آسُن ۔

چار ژٕاٚنُن ۔ پَتہٕ لگُن ۔ مجبوٗر کَرُن ۔

چار کَرُن ۔ ۱ ۔ باتٔبر لاگُن ۔ ۲ ۔ تاکیٖد کَرُن ۔ باند باند کَرُن (کانٛہہ کآم خاص کَرِ کتھ قرضہٕ بینٛز حَل حَل نِکھہِ والیٖتہٕ یا پیٛتھ) ۔

چاٖر ۔ ن ۔ مۆل: چار > ف: چارہ] ۔ موٚکلَن پایہ ۔ وَتھ، تدبیٖر ۔

چاٖر جوٗیی ۔ ۱ ۔ پایہ ژھانٛڈُن ۔ چاٖر کَرُن ۔ وَتھ کَڈٕنٛ ۔ کُنہِ کھۄرِ یا مُصیبتہٕ منٛزٕ موٚکلَن پایہ وٕچھُن ۔ ۲ ۔ اِنصاف ژھارُن ۔ عدالتہٕ کھسُن ۔

چاٖر ساز ۔ چاٖر کَرَن ووٚل ۔ موٚکلَن پایہ

ژھانڈن وول ۔ مُشکِل دوٗر کرن وول ۔

چارٕ ساز ی ۔ یاوری ۔ یارٕی ۔ مدد ۔ ۲۔ علاج ۔

چارٕ کرُن ۔ پاسے کرُن ۔ بچاو کرُن کٔھرٕ مِنٛز سو کلاوُن ، دٔستھ اَنُن ۔ اَتھٕ رَوٹ کرُن ۔ بہ آسنس مِنٛز مدد کرُن ۔ یاوری کرٕنۍ ۔

چارٕ گر ۔ چارٕ کرن وول ۔ چارٕ ساز ۔ سو کلاون وول ۔ بچاون وول ۔ مددگار ۔ پاسے کرن وول ۔

چارٕ نا چارٕ ۔ مجبوری کنہ ۔ بیہہ تیتھ ۔

چارٕ پہ روزُن / آسُن ۔ مجبور گژھُن ۔ مرضی خلاف کرُن پیوُن ۔ ژلنس پہ دٔستھ روزٕنۍ ۔ کٔلہ پھِرنس وارہ پہ روزُن ۔

چارٕ پہ لگُن ۔ (کینہہ کرہ پہ یا پیٹھ) مجبور گژھُن ۔

چارج ۔ ن ۔ مۄل : چارج > انگ : چارج CHARGE] ۱۔ کُنہِ عوٗہدِ پیٹھ منظوٗر داری ، ذِمہ واری ۔ ۲۔ کُنہِ بیٹری بیترٕ سو کلیمِتس مسالس بجلی وانہٕ ناونٛچ پیٹھ بیٹری چالوٗ کرنٛچ کام ۔ ۳۔ جُرم ۔ الزام ۔

چارج دِیُن ۔ عوٗہدٕ پیٹھ منٛظوٗ داری کانٛسہِ حوالہٕ کرٕنۍ ۔ سُپیرد سٔ آسی پتہٕ عوٗہدٕ دارس حوالہٕ کرٕنۍ ۔

چارج ہیُن ۔ کُنہِ عوٗہدِ پیٹھ منٛظوٗ داری ہیٚنۍ پیٹھ بیترٕ سُپیرد سس ہیٚنۍ ۔

چارج شیٖٹ ۔ فرد جُرُم ۔ الزامن ہٕنٛز فہرِس ۔

چارج کرُن ۔ بجلی وانہٕ دِتھ کانٛسہ بیٹری بیترٕ چالوٗ کرٕنۍ ۔

چارُن ۔ ن ۔ مۄل : چار > س : چار] ۱۔ (کُنہِ رزِ بیترٕ) دریہ کرُن ۔ کسُن ۔ چارٕ رٹُن ۔ دٔرسہ کرُن ۔ ۲۔

چارٕ ژانُن ۔ چوپیراوُن ۔ تنگ کرُن ۔ ۳۔ کُنہِ لیہٕ بیترٕ سنتہ ژلُن ، ژلہِ دِیُن ۔ ۳۔ کاپلہِ پیچ بیترٕ کسُن ۔
۴۔ کانٛسہِ پسندس چھانس منٛز دریٚچ کرُن ۔ بٔہی منٛز بیکھن ۔ ۵۔ بیماری بیترٕ کھہلٕنۍ ۔

چارٕ پیُن ۔ داد چ سختی گژھنۍ ۔ چوپیراو پیٚن ۔

چار بند ۔ ن ۔ مۄل : چاربند > ف : چاربند] نٔر کہ اڈی جہ پیٹھ سو جاے پیٚتنیچھ بوٚنہ کرکانہہ زلان چھِے ۔

چارپا ۔ ن ۔ مۄل : چارپا > ف : چارپا] ۔ ۱۔ چار ووے گرگُپن بیترٕ ۔ ۲۔ ہزلہ مڈٕ انسان ۔

چارپاے ۔ م ۔ مۄل : چارپاے > س : چتوارپادا] شوٗنگنہٕ یا بیٹھہ بناونہ آمژ ژور کھوٗری دار کٔلہِ ہنٛز چوٗکی یتھ بیٹھہِ پاسہ نوار یا رزٕ بیترٕ ووٗنتھ چھِے آسان ۔ لوکُٹ پلنٛگ ۔

چار چناری ۔ ڈلس منٛز اکھ لوکُٹ سو کُٹ زٕو ۔ رٕ وہ پہ لانٛک ۔

چار خانہٕ ۔ اکہِ کپٹرُک ناو ۔

چار دیواری ۔ م ۔ مۄل : چاردیواری > ف : چار دیواری] ۱۔ ژٔر طرفہٕ دِوہ سیہ ژوک ۔ ۲۔ (ہزلہ) پُشٕرِ رٔژس جاے ۔ ۳۔ قاد خانہ یشس جلے بند جاے ، دٔرگہ یا گٹھ) گاز ۔ ۴۔ سیتے چھُنہٕ ییمہِ چار دیواری منٛز نیرنس وار ۔

چار زانو ۔ مۄل : چار زانو > ف : چار زانو] کوٚٹھ نوٚمراوِتھ تیتھ کٔنی بہُن یتھ پاٹھہٕ نماز پرن وِزِ بہان چھِہ ۔

چارسوبیس ۔ مؤل: چارسوبیس > ک: چارسوبیس ]۔
۱۔ تازِ ہراتہ ہندک اَکھ دفعہ یہ چھُ دغا
خُرمس بیٹھ ۔ ۲۔ (وَرگہِ پاٹھی) ٹھگ ۔ دغاباز ۔

چارسو ۔ > ف: چارسو ] ۱۔ پُژ تہ طرف، ژوشوے
طرفو، جایہ جایہ ۔ ۲۔ ژووَت ۔ سو جاے یتہِ نس
ژور وَتہ ژلان آسن ۔ چوک ۔

چار کھانٹی ۔ ژکھانٹہ ٹوپی ۔

چارگُزی ۔ اکِہ قسمچ ریشمی کپر ژادر ۔

چاروَوے ۔ ن ۔ مؤل: چاروا > ف: چارپائی
س: چَتس پادا ] ۱۔ گرُو گُپن بیتر ۔ ۲۔ (وَرگہِ پاٹھی)
چور ۔

چاش ۔ (وَرگہِ پاٹھی) اصلیتھ ۔ خوصوصیتھ ۔ بُنیہ یاد ۔
خاصیتھ ۔ جَمیر ۔

چاش وُچھنی ۔ (وَرگہِ پاٹھی) اصلیتھ سَر کَرِنی ۔
خوصوصیتھ وُچھنی ۔ بُنیہ یاد کھر کَرِنی ۔ خاصیتھ
زانِنی ۔

چاشت ۔ ن ۔ مؤل: چاشت > ف: چاشت ۔ م، س:
چاش ]۔ ۱۔ صُبحس تہ دُپہرس در میانک وق ۔
۲۔ کھین بیتر یُس بیٹشنہ ژرہ شبہ پہَن کھینہ ییہ ۔ ۳۔
سو نفل نماز یُس اکھ دَقنس پَرنہ ییہ ۔

چاق چوبند ۔ مؤل: چاق چوبند > تُرکی: چاغ +
ف: چوبند یہ ف: چاق + چوبشد ]۔ چُست
تہ چالاک ۔ اڈر دوڈر ۔ تیز ۔ ہُشار ۔

چاک ۔ ن ۔ مؤل: چاک > انگ: چاک CHALK ]۔
بِٹس بیتر بیٹھ لیکھنہ باپتھ گچھو یا چو، تو توکُٹ
گول ٹوٹہ ۔

چاک مِٹی ۔ اکِہ قسمچ سفیدی سان سیٹھ
یا ہری مِٹی ۔

چاکر ۔ ن ۔ مؤل: چاکر > ف: چاکر ]۔ نوکر ۔ خدمتگار ۔

چاکہ وُٹ ۔ سو کپر ٹھیل یوسہ پھیرنس بیتر کُژھ
طرفہ لاگنہ یوان چھیے ۔

چاکری ۔ م ۔ مؤل: چاکری > ف: چاکری ]۔ نوکرار ۔

چاکلیٹ ۔ ن ۔ مؤل: چاکلیٹ > انگ: چاکولیٹ
( CHOCOLATE ) ]۔ کوکو لگاوِتھ یا کوکوہس
بناوِتھ چاٹہ دار میٹھائے ۔

چاکھ ۱، چاک ۔ ن ۔ مؤل: چاک > ف: چاک ]۔
۱۔ تژ تھ ۔ کھش ۔ زُم ۔ پھیژ اٹھ ۔ ۲۔ کوٹھکہ ٹژیک
یا دامنک سُہ حِصہ یُس ٹیب دِنے چھ تژوان ۔

چاکھ دِیُن ۔ تژ تھ والُن ۔ کھش دِیُن ۔ ژٹُن ۔

چاکھ کرُن ۔ ژٹُن ۔ چیرُن ۔ کھش دِیُن ۔
تژ تھ والُن ۔

چاکھ گژھنی / چاک گژھنی ۔ کھش لگنی ۔ پھیژ اٹھ
گژھنہ ۔ زُمہ گژھنہ ۔ تژ تھ لگُن ۔

چال ۔ م ۔ مؤل: چال > ہ: چال یہ س: چَل ]۔ ۱۔ یکہ پنج،
کتھ بیتر کرنچ تژاے ۔ ۲۔ ژھل ۔ دوکھ ۔
ٹھگل ۔ ۳۔ شطرنج موہر اکِہ تھاؤ منزِ دوییمس
خانس اندر تارنک ژھل ۔ ۴۔ ٹہل ۔ بیٹھ ۔
م، چال بازی ۔

چال باز ۔ ژھلہ گوژ ۔ ژھ بیر گوژ ۔ دوکھہ باز ۔

چال بازی ۔ ژھل ژھدر ۔ دوکھہ بازی ۔ خغد فریب ۔

چال پکنی ۔ فلاشس، نو کھالہ یا بیتیہ کا شہ زار گیشدن وِزِ دوٚ یمہِ تر بیٚیمہ یا ژوٚری مہ پھیر پوٚتسہٕ تراوٕنی۔

چال ٹُلتی ۔ ٹب رٹنی سلیم ہیٚچھنہِ یا ٹُلیتھ نِنی۔

چال ڈال یم ہوٚل: چال ڈال < ہ: چال ڈھال]۔ کتھ متھ شِشہ باش ۔ پکنچ ترٲے ۔ شکل صوٗرت۔

چال رٹنی ۔ ۱۔ گرۍ سُشد گرٕ دن تھماوِ یا گھٹو رٹتھ پکنُن ۔ ۲۔ (ورگہِ یا ٹھی) دِماغ رٹُن۔ (پانس) کمام کھالُن ۔

چال کڈنی ۔ ۱۔ فلاشس یا نو کھاس بینہ گیشدن وِزِ گوڈ نکہ پھیر پوٚتسہٕ منٛزٕ س تراوٕنی۔ ۲۔ گرٕ رہوار تعطلہ کڈُن ۔

چال کرٕنی ۔ ژھل کرُن ۔ ژھسب کرٕنی۔ بازی تارٕنی۔

چال گیشدنی ۔ ژھل کرُن ۔ فریب دِنُن قتنہ کرُن۔

چالاکھ ۔ ہوٚل: چالاک < ف: چالاک] ۱۔ تیٖز ک ۔ ہُشار ۔ نیلنگ ۔ ۲۔ چالباز ۔

چالاکی ۔ ۱۔ وُژھہ جار ۔ پھرتی ۔ ۲۔ داناٸی ۔ عقلمندی ۔ ۳۔ زیرکی ۔ ٹیلہ گاٹہ جار ۔ ۴۔ دوکھہ بازی ۔ ژھل ژھِدر ۔

چالان ۔ چالانہ ۔ ن ۔ ہوٚل: چالان < ف، ہ: چالان = س: چالنم ۔] ۱۔ رٕہ ہیتہ سہ اجازتھ نامہ یُس کا تبہ مال بینٛزِ اکہ جایہ پیٚٹھہ بیٚیس جایہ نینہ یا ہیتھ دینہ چھُ یوان ۔ راہداری ہُشد پروانہ ۔ پرمٹ ۔ روانگی ہُشد کاکذ ۔ ۲۔ رُسید یا دوٚ چیٖز یتھ منٛزٕ کتہِ مالک فہرس تہٕ قیمتھ بینٛزِ درج آسہ ۔ ۳۔ بل، پیچکھ ۔ ۴۔ سہ پرچہ یتھ پیٚٹھ ملزمہ سُندناو تہٕ توٚ صوٗرہ بیتر لیکھتھ عدالتس پیہ سوزنہ ۔ مچلکہ ۔

چالانہ دِنُن ۔ مالک سوارِ ہند تفصیل حوالہ کرنکھ ۔

چالانہٕ گژھُن ۔ ملزم سُشد مقدمہ عدالتس منٛزٕ پیش سپدُن ۔

چال چلن ۔ دوہ تھر بیٹھ ۔ ورتاو ۔ سوٗ توٗک ۔ بانٛز ۔ کِردار ۔ اخلاق ۔ ادب ۔

چاٹیہ ۔ عذاب کرٕنک اکھ آلہ یتھ سیتی اتھ اڈنگجہ چاربنہٕ آسہ یوان ۔ ۲ ۔ (ورگہ یا گھٹی) لاٹیہ ۔ زیٹھ زیٹھ قدم ۔

چاٹیہ تراوٕنہ ۔ (ورگہ یا گھٹی) زیٹھو زیٹھ قدم تراوٕنی ۔ لاٹیہ ہینہ ۔ تیٖز تیٖز پکنُن ۔

چاٹہ چاربنہ ۔ کاٹسہ اڈ نگجن منٛزٕ کجہ یا قلم بینٛزِ ٹھیرتھ جیٖر دِنُن ۔

چانپھ ۔ اُڈج ہیتھ پھوٚہرہ تہٕ بھوٚل یُس ٹیٖزٕ یا ٹھی پشنک آسان چھُ ۔

چانٹہ ۔ یُس ہوٚل چھُ نٹھ آسہ ۔ چانٹی ہوٚل ۔

چال چامیا میا ۔ (چال میاں) < آواز پیٹھ] شُرمُر ۔

چال چال ۔ ن ۔ ہوٚل: چال چال < آواز پیٹھ] چوب پہنہٕ وِزِ ہوٚنی سِنٛزٕ چکہ ۔ ۲ ۔ دوہ دِشُنری سِنٛزٕ چکہ چکھ ۔ ۳ ۔ (ہزلہ) ہڈ ٲی سِنٛزٕ نوٚ ضوال کتھ کتھ ۔

چانچہ ۔ م ۔ ہوٚل: چانچ < س: چنچُ ۔] بھتی کھانکھر ۔

چانچہ ہیٖرنہ ۔ بھتی کھانکھر نُنی ہیٖرنی ۔ بچھس تُت گژھُن ۔ لونگُن ہیٖرنی ۔ تہٕ دیتھ گوشس گژھُن ۔ کمزور گژھُن ۔

چانچہ ہو کھنہ ۔ کمزور گژھنہٕ کنہ بچھس تُت ہیوٚہ گژھُن ۔

**چانچہ رارے** ۔ ۱۔ ہارِن تُرِن ہِشد سبٹھا زیادٕ شور۔ کُنہِ دادِ کہ وِز دِنہٕ آمُت چھچ یا کرُکہ ۔ اِشہہ رارے۔ ۲۔ سَخ وُسہرٕ دارے۔

**چانچہ میانچہ** ۔ پَراتھ واتھ۔

**چانچہ میانچہ ہوگھمہٕ** ۔ (صدمہ یا بیمارِ بیترِ سِتی) ہوکھن ۔ سَخ لاغر گژھُن۔

**چانچہ نور** ۔ ۱۔ ہوبہٕ بچَن بیترِ ہِشد سبٹھا چاوِ چِنو چِنو۔ ۲۔ دادِ بیترِ چِہِ سختی ستی کرُکہ دِنہٕ۔

**چانٛد** ۔ ن ۔ مۆل: چانٛد < پراکرت: چندو : س: چَندرَ] ۔ ۱۔ ہیرٕ پاوِن ہٕ بَرٕ ہنگس منٛز باگھ جاے۔ ۲۔ سُہ گول نقش یُس ڈیل یُمھرس بیترِ سیمنٹ کَرن وِز منٛز باگ چھُ بناوان ۔ ۳۔ ژندرٕ شکلِ گرنہٕ آمُت زیوُر یا کُنہِ سجاوٹک چیز بیترِ۔ ۴۔ سُہ نِشانہٕ یتھ بیٹھ گولہِ چلاونچ مشق کرنہٕ چھپے یِوان۔

**چاندماری** ۔ اَکس گنڈتھ نِشانس بیٹھ گولہِ چلاونچ مشق ۔ ۲۔ سوہ جاے ییتہٕ چاندماری کرنہٕ ییہ۔

**چانسلر** ۔ مۆل: چانسلر < اَنگ: چانسلر [CHANCELLOR] یونیورسٹی ہِشد سار وِسے کھوتہٕ بوڈ عہدٕ دار یا زُبٹھ۔

**چانگہ** ۔ ن ۔ مۆل: چانگ < ؟ تبتی یا چینی لفظ] ۔ سانگل، یُس سانگ لاگرہ ۔ مُچلہِ لاگن وول ۔ ڈامبل۔ ڈکھٕ تراوتھ پنُن مطلب پوٗرٕ کرن وول۔

**چانگلہ لاگُن** ۔ سانگ لاگُن ۔ ڈکھٕ تراوُن۔ ڈاسب لاگُن ۔ مُچلہِ لاگُن۔

**چاو ۱** ۔ ن ۔ مۆل: چاو < س: اِچھا ۔م، ہ: چاو ۔] ۱۔ (کانسہٕ کام بیترِ کرنک) سَخ شوق ۔ ٹوٹھ ۔ ۲۔ کِیام، بجائی، بوشس۔

**چاوٕ رٹُن** ۔ دماغ دار یا کٹھی بہُن ۔ کمانس منٛز بہُن ۔ نس تالہِ لِد تھٕ بہُن ۔ ٹیلی بِڈ بہی ہاوُن۔

**چاو ۲** ۔ اکھ قسمک چھپرن ہیوہ یتھ تانس ہٕ توٕ نس تل بٹن لاگتھ آسان چھہ۔

**چاوُن** ۔ ن ۔ مۆل: چاو < س: چمن ۔ چَم √] ۱۔ ترِپش یا بیٹھ کانسہٕ ترٛل چیز چینہٕ خاطرٕ دیُن، چون دیُن۔ ۲۔ تمُوک یا سگریٹ بیترِ کانسہ کُن پِلناوتھ دہ دیاوُ ناوُن ۔ ۳۔ زمین بیترِ سگہ ناوُن ۔ زمینس سگ دیُن ۔ ۴۔ کُنہِ چیزس ترٛل مادٕ سنترٕ وُبراوُن ۔ م: رنگ چاوُن ۔ ۵۔ گاوٕ دوده ہینہٕ برٕ وُنٹھ وُدُتھ نیراوُن ۔ پِینہٕ دُن۔

**(گاو) چاوٕنی** ۔ گاوٕ دوده دیہوُن ۔ دوه یُن۔

**چاہ** ۔ ن ۔ مۆل: چاہ < ف: چاہ ۔] ۱۔ سبٹھا سوٗن ہٕ بوڈ کرٕ ور ۔ ۲۔ آبہٕ دُب یا کھوڈ۔

**چاہس گژھُن** ۔ ۱۔ چاہس پیٹھُن ۔ دوه بُس پیٹھُن ۔ ۲۔ (درگہ یا کٹھی) رُسوا گژھُن خجل گژھُن۔

**چاہس وَسُن لایق گژھُن** ۔ یتھ دیُن لایق ہٕ روزُن ۔ سَخ خجل گژھُن۔

**چاہِ زنخدال** ۔ سُہ بوکُٹ دوب یُس کانسہِ ہوٕ ٹنگہ بیٹھ آسان چھہ ۔ یہ چھُ خوبصورتی ہِشد اکھ نِشانہٕ مانہٕ یِوان۔

**چاہ کُن راچاہ، درپیش** ۔ یُس بیٹھن کئیت چاہ کھنہٕ

شرچھ تَس یانہٕ ہے بَنِتھ یوان تہٕ ڈِچھ گو یَدَس چھپے یَدی یانہٕ گوٚلِتہٕ یوان۔

**چاہ گژھُن** ۔ (وَرگہٕ) تِتھی گژھُن یَتھ شرمِند گژھُن۔

**چاہتھ** ۔ م۔ موٗل: چاہت > ہ: چاہَت ۔] ١۔ یژھ۔ خاہِش۔ ٢۔ لول۔ ملے۔

**چاے** ۔ م۔ موٗل: چاے > چینی: ژا ۔] ١۔ اکھ خاص قسمکۍ ڈٔنٛجہِ ہِم گژھ کنا وِتھ چَینہٕ یوان چھہٕ۔ ٢۔ یِمہٕ ڈٔنٛجہِ کٔتھرَن گژھ کہٕ پَنِس آبَس مَنٛز گَڈِنہٕ آمُت رَس تُس دوٚد تہٕ نوٗن یا کھنٛڈ بیترٕ رلاوِتھ چوان چھہٕ۔ ٣۔ (وَرگہٕ پأٹھۍ) کوٗژھ۔ رِشوَتھ۔ مِٹھاے۔ بخشِش۔

**چایہٕ چوٚنچہٕ** ۔ چاے پھِرنک چوٚنچہٕ۔

**چایہٕ دانۍ** ۔ ١۔ چاے تھاوُنک بانہٕ ۔ ٹی سٹِک۔ اکھ نار ہیُوہ بانہٕ یَتھ مَنٛز چایہٕ آب چھہٕ کھوان۔ ٢۔ تیٚتھ چاے یَتھ اکھ دانۍ وزن آسہٕ۔

**چایہٕ دیوٗن** ۔ لوکٹ چھوٗپ۔

**چاے دِنۍ** ۔ ١۔ (ل۔م) چاے چاوُن۔ چایہٕ بانچھ ہاوِ دِنہٕ۔ ٢۔ موٗزور علاوٕ کینٛہہ دِیُن۔ بخشایِش دِنۍ۔ ٣۔ (وَرگہٕ پأٹھۍ) کوٗژھ دِیُن۔ رِشوَتھ دِیُن۔

**چاے کَڈنۍ** ۔ ١۔ چاے رَسہٕ کَڈنۍ۔ چاے پاکہٕ دِنۍ۔ یُتھ اَتھ رنٛگ بیٚرِ۔ ٢۔ بخشایِش یا کوٗژھ بیٚرِ ہیوٚن۔

**چاے بیٚرنۍ** ۔ چایہٕ رنٛگ بیٚرُن۔ شیری چاے دوٚد دِتھ تَراوِنس لایق سِنیار گژھِنۍ۔ ٢۔ (وَرگہٕ پأٹھۍ) پانَس کُیت کینٛژھا بیٚرُن، یَلہٕ ہیوٚن۔

**چیٚری ہاکھ** ۔ ن۔ موٗل: چیٚری ہاک ۔] اکھ قسمک ہاکھ تُس دٔزۍ فصلہِ مَنٛزۍ وُسِتھ کھان چھِ۔ چیٚرِم۔

**چیٚرہٕ باگر** ۔ ن۔ موٗل: چیٚرہٕ گر > ہ: چیٚڑ با گھر ۔]

---

سو چاے یَتھ مُختلِف زٕچہِ زاتہٕ جانور بیترِ لوکَن ہاوِنہٕ یا بچھ موٚ حفوٗظ پأٹھۍ بٕن تھاوِنہٕ۔

**چٕشِم** ١ ۔ م۔ موٗل: چٕشم > ف: چشم ۔] ١۔ أچھ۔ ٢۔ سِتُرنہٕ ہُنٛد سوراخ۔

**چٕشِم بَد گالُن** ۔ ١۔ تاوِیز بیترِ زالُن یُتھ نہٕ کأنٛسہِ ہُنٛز نظر پیوِ۔ ٢۔ تیٚتھ کانٛہہ پاے کَرُن یُتھ نہٕ کأنٛسہِ ہُنٛز أچھ لگہِ۔

**چٕشِم بَدی گژھُن** ۔ أچھ لگنہٕ سِتۍ خراب گژھُن۔ أچھ پٔتھ سِتُرِ نظر ہُنٛد اثر گژھُن۔ کمزور گژھُن۔ پِیَہٕ پِیَہٕ گژھُن۔ بَد نظرِ لگنۍ۔

**چٕشِم دید** ۔ ١۔ أچھو وُچھمُت۔ م، چٕشم دید واقعہٕ۔ ٢۔ تُس یَیٚمۍ أچھو وُچھمُت آسہِ۔ م، چٕشم دید گواہ۔ ٣۔ دٕرُ بیٚٹھمان، أچھَن ہٕرو شہِ کنہِ۔

**چٕشمَن بیٚٹھ** ۔ (وَرگہٕ) یَڈ خٔشی سان۔

**چٕشمَن مَنٛز جاے کَرِنۍ** ۔ سیٹھا لول بٔرُن۔

**چٕشمَن ہُنٛد گاش** ۔ أچھ گاش۔ (وَرگہٕ) سیٹھا ٹوٹھ۔

**چٕشمَن ہُنٛد گاش زالُن** ۔ سیٹھا میٚحنتہٕ سان کسب کٔرِتھ پأنٛسہٕ ٹوٹھ کماوُن۔

**چٕشمہٕ بَد** ۔ نظرِ بَد۔ سو أچھ یوسہٕ کأنٛسہِ لگہِ۔ ڈأنٹھ۔

**چٕشمہٕ بَد دوٗر** ۔ (آہی پُرژھی) نظرِ بَد نِشہٕ ژھیٚنۍ، کانٛہہ بلایہِ مہ پیٚیہِ تے۔

**چٕشمہٕ دو گھ** ۔ أچھ مَنٛز کیٚٹ۔ اندرُون۔ ناخوشایُن۔

**چٕشمہٕ ناپاکھ** ۔ یُس زنانَن بَد نظرِ وُچھہِ۔

**چٕشمہٕ لوٗسنہٕ** ۔ أچھ لوٗسنہٕ۔ أچھَن زوٗن لگنۍ۔ أچھ پھٕٹنۍ گژھنہٕ۔ وُنۍ دِوان دِوان أچھَن نِیل یِنۍ۔

اَچھ ٹھکنہٕ ۔
چشمہٕ وندنہٕ ۔۱۔ اَچھَن منٛھٕنُن ۔۲۔ بلایہ لگُن ۔
قوربان گژھُن ۔۳۔ (ورگٕم) شیٖرس بیٖٹھ جاے
کرٕنی ۔ تالہِ بیٖٹھ ہیوٚن ۔ (ٹاٹھنیٚبابہ یا رفاقن کنی)
سارٕوے کھونہٕ ٹوٹھ چیز آینہٕ ٹھاوُن ۔
چشم ۲ ۔۱۔ کلیچ یا اَمچہ کنیچہٕ ہنٛز سوٚ جاے یتیٚتھ اَکھ
ہیٖنہٕ وٕتھر چھ بیٖزان ۔ ٹوٗرِ پھٹیچ جاے ۔۲۔ پیوندُک
اَکھ قسم ۔
چشم پیوند ۔ اکہِ کلیچ چشم کورِتھ گنٛڈتھ دوٚیمِس کلس
کورُنٛ پیوند ۔ اکہِ کلیچ چشم دلہٕ سان نٕلنتھ دوٚیمِس
کُلس ژٕٹھ کٔڈتھ کرِتھ وُمِرانہٕ اندر لاگنی یِتھ زَن اَتھ
میٖوک بناکھ یا بِہتر قسم یِیہٕ ۔
چشماشاہی ۔ ڈَل ٹھِس بیٖٹھ کیٚکار طرفہٕ بالہٕ دامنس تَل اکہِ
ناگُک ناو یٚمیٚنہٕ موغل بادشاہو اکھ جان باغ ہوٚو سٕت چھ،
اَمہِ ناگُک آب چھ شرپینس کٔیتِ سیٚٹھا جان
مانہٕ یوان ۔
چشمہٕ بُلبُل ۔ لاچِھک یا چکہ پٔٹینک اَکھ قسم ۔ اکہِ قسمُک نقشہٕ ۔
چشمہٕ ۔ ن ۔ مؤل: چشم < ف: چشمہ [=] ۔ یٚیتہٕ نِس
آب وُزان آسہِ ۔ ناگ ، یوٚکھر ۔
چکش ، چینکش ۔ م ۔ مؤل: چکش < ف: چکش [=
۱۔ وُتھ، پشیمانآب ، زیٖٹھنک سٕتر بیہٕ ۔۲۔ زیٖہرچ لمہٕ ۔
چکی ۔ چشکہٕ شیٖرہٕ ۔ ژاپھ ۔
چکی اَژنی ۔ (کنہٕ چیزک) چشکہ اژُن ۔ تاپہ اژنی ۔
چلہِ راوُن ۔ وُچھو " چلاوُن "، مانے ۵
چنگیٖر ۔ م ۔ مؤل: چنگیٖر < ۵: چنگیر [=

اکہِ فصیح لوکٕٹ زان ۔
چاٲبی ۔ م ۔ مؤل: چابی < پرتگیزی: چھوے ۔ م ۵: چابی [=
۱۔ کوٗٹھرِ قُلف یا بٔبہٕ کاشہِ یتھ ژٕھل مُژراوِنہٕ یا
دِتھ بایتھ آلہٕ ۔ ۲۔ گرِ بیتٕرِ ہنٛز کمان چاڑنک آلہٕ ۔
۳۔ ڈبہٕ بیتٕرِ کسنک آلہٕ ۔
چاٲبی دِنی ۔ ۱۔ کاشہِ ژٕھل یا گرِ ہنٛز کمان ۔ بیتٕرِ
بھرنی ۔ ۲۔ کاشہِ گرٕس مشنٛراونی ۔
چاٲبی کسنی ۔ ۱۔ ڈبہِ بیتٕرِ ریٖنچہٕ سیتی چابہٕ دِنی ۔ ۲۔
گنٛڈِس مشنٛرِ دِنی ۔
چاٲبی لگنی ۔ (ورگٕم) گرِس مشنٛز یِنی ۔
چاٹی ۱ ۔ ٹکی ۔ صابنہٕ یا ٹھکنہٕ بیتٕرِ ہنٛد لوکُٹ ووڈ ۔
چاٹی ۲ ۔ گرٕس مشد پنچ کہے ۔
چاٹی ۳ ۔ لاگہِ مشنٛرِ سیمٹک اَکھ تختہٕ ۔
چادر ۔ م ۔ مؤل: چادر < پراکرت: چادر [=] ۔ اکھ وُتھر داد
گاسہٕ ژاتھ یوسہٕ چادہ وایٖن کھینس چھیٖپہٕ لگان ۔
چاک ۔ "چاک" لفظک جمع ۔ پھٹراٹہٕ ۔ زٔمہٕ ۔
چاک گژھنہٕ ہیٚمنہٕ ۔ زٔمہٕ گژھنہٕ ہیٚمنہٕ (خاصکر تھ پھٹنہٕ سیتی) ۔
چاٲلی ۔ م ۔ مؤل: چالی < س: چل [=] بوشن ۔ ٹھکر ۔ کمام ۔
یِنہٕ کھ ۔ پٔننہٕ بجرٕک نہٕ مرتبک سیٚٹھا جاد
گمان ۔
چاٲلی کھسنی ۔ بوش کھسُن ۔ ٹیٚنٹھ کھسنی ۔ کمام
کھسُن ۔ ہنگتہٕ ننگس پیٚٹھ پنٛنی پان ٹھوٚو دِتہٕ بوڈ
باسُن ۔ ۲۔ کانٛسہِ نِش پنٛنی تاریٖف بوٗزِتھ خوش
گژھُن ۔ پھیرِ گژھُن ۔
چاٲلی مشراونی ۔ ٹیٚنٹھ والنی ۔ پیٖرِ چاپیری والنی ۔

چانٛدی - م - مؤل : چاندی > ک : چاندی = پراکرت : چندیا > س : چندرکا] - ۱ - رۄپھ - اکھ سۄ لُل سفید دانتھ یتھ یُترٕ پاٹھۍ وُس چھ بناوان - ۲ - رۄپیہ - دیار - م : پیٚر گیٚیہ چانٛدی - ۳ - بوٚڑ فایدٕ -

چانٛدی چانٛدی - رۄ پیٚیے رۄپیہ - عاشی عاش -

چبُل (چبوٚل) - ن - مؤل : چبل > ف : چپ + پراکرت : بول -] - (شُرِس بینٛز) مہہ مہہ -

چبلہٕ چبلہٕ کرُن - شُرِس اُپٕز مہہ مہہ کرُن -

ستُرنکھن کھارُن - (ہزلہٕ پاٹھۍ وَنہٕ یوان) شُرِس پرٕ نہٕ بیٹھی مہہ مہہ کرُن -

چبلہٕ چبلہٕ گرٛژھن - (ہزلہٕ پاٹھۍ وَنہٕ یوان) شُرِس مہہ مہہ گرٛژھن - ستُرنکھس کھُن ستُر پٕرٕ دلدُن -

چپہٕ، چپہٕ کون - ن - مؤل : چپہٕ کان > م، ک : چپٹٕ = مراٹھی - چپٹا] - سُہ یُس اُچھ اڈٕ وَژھے ہشُرٕ روزان آسن - یُس لیگرٕ عسنٕ اُچھ بُرِنٕ آسن - سُہ یُس اُچھن چپرآسہٕ وَسان -

چپٕر - م - مؤل : چپر > مُ : ک : چپٹٕر] - اُچھن ہشُز لیگ - ہشُز لیگ -

چپُر - یُس اُچھن چپرآسہٕ وَسان -

چٹٕ - ن - مؤل : چٹ > ہ : چٹا] چھوت شین ہیوٕ، صاف تہٕ سفید -

چٹہٕ ہور - ۱ - ٹیٚچہٕ ہور - ۲ - شین ژھکرہٕ نہٕ کیٚنہٕ کیٚنہٕ جایہٕ جایہٕ آسُن - ہتُرِ بیٚنتہٕ شین ژھکرہٕ نہٕ آسُن -

چھٹہٕ - ن - مؤل : چھٹہٕ انگ : چٹ] کلیٚنہٕ ستُر لاسُن -

چھٹہٕ، چھٹہٕ ترٛاوُن - ن - مؤل : چٹ > س : چٹ] - کُنہٕ خاص ڈُلیرٕ موجوٗب بدٕ گدُن -

چِٹھی - م - مؤل : چِٹھ > ک : چِٹھی -] - ۱ - خط پٕتٕرٕ - سُہ کاکد یتھ پیٹھ کانٛہہ پاٹھۍ اغام یا خوشش خبر بیترٕ لیکھتھ کانٛسہٕ سوزنہٕ ییہ - ۲ - ڈاکٹرس بیترٕ سُنٛد نوسخہٕ یتھ پیٹھ بیمارٕ سُنٛد ناو تہٕ دوا بیترٕ درٕج آسہٕ -

چِٹھی رَسان - ڈاکہٕ وول - چِٹھ پاٹھۍ گرٕن وول -

چچہٕ - م - مؤل : چچ > س : چوٗچی] - نوٕ کیٚٹی نوٕ کیٚٹی بیٚہ ٹیٚنشڈی - پٕھٹٕ وٕنی سۄ یہٕ ٹیٚنشڈی - بیٚہ ٹوٗری - چچہٕ بنٛد - وَچھہٕ ڈلٕشن - باڈی -

چچرٕ ہارٕ، چچرارٕ، چیچرارٕ - ۱ - چیں چیں - چچہٕ چچ - ۲ - (زیٚکن شُرِن ہُنٛد) شرٕ شور، کرٕ کہٕ ناد -

چرُن - ۱ - آٹہٕ وانتھ یا اندرٕم یمن چرٕ بی بیترٕ عسنٕ آسہٕ - موچہٕ - ۲ - زٕ ہیرٕ چ لکہٕ - ۳ - بیچشس - ۴ - (دٕرگہٕ پاٹھۍ) سیتھ - ژھرٕ نہٕ ژھرٕ کٹھ -

چرآسے - م - مؤل : چراے > پراکرت : چپرٕ] ۱ - آری گُشی ہشُزٕ لاگتھ ڈلکٕ - چپرٕ نچ موٗزوری - ۲ - آری گُشی -

چرٕ وچرٕ و - > آوازٕ پیٹھ] ہارٕن نہٕ زرٕن ہُنٛد بول بوٗشس - ٹرٕو ٹرٕو -

چرٕ - ڈُچھو ''چپرٕ'' -

چرکھہٕ - پاکھ - پال -

چرٕی وٕ - م - مؤل : چرو > مُ، ک : چٹرٕوا] - ۱ - نوٕ ملس

یا بٕتس بناوٕ مژاکرٕ قسمچ تژرکی (توملس گژرکرٕ وٕ نہٕ آبہٕ بُسرِ سیتی نرم کرِتھ تہٕ ہیو کھناوِتھ یمہٕ ژرٕ نیچہ ہشہِ بناونہٕ یوان چھیٚ)۔

چِری وٕ گوٗر ۔ چِری وٕ بناوَن وول تہٕ کنَن وول۔

چِری وٕ پن کھسُن ۔ ۱۔ (وَرگہٕ) لبَن تہٕ مونبن کھسُن۔ دَرواز اسِتھ تہٕ دِہ سوتہٕ دیوارو پیٹھٕ کھسُن

۲۔ (وَرگہٕ) اَلاندین کھٕبہٕ دِنہٕ ۔

چِرہ چِرہ کرُن، لاگُن ۔ پرہ پرہ کرُن ۔ کھِہ کھِہ کرُن ۔ بِلی بگھر لاگنی۔

چِرہ گٔیٔش، چِری گیٔش ۔ ن ۔ مٔول : چِری گیٔش -]

۱۔ ہارین ژرین ہُنٛد شور۔ ۲۔ (وَرگہٕ) دِہ سہ دژہ سہ ۔ شور یا کژرکہٕ ناد بیتر یُس کُنہِ شادِ ہشر جایہِ دِہ کھٕرِ نکمن نکِس شرُین ہنٛدِ گِنٛدُنَک دِہ کنُک شور۔

چِرمہٕ ۔ اَکہِ قسمُک کچھہِ کُل ۔

چِتھ ۔ م ۔ مٔول : چِتھ > ترٛکی/ف : چِت -] باتسہٕ کانٛبن ہُنٛدو نمت پرِ دُس دارِ ین دَرواژَن تژاونہٕ یوان چھُ ۔

چِکَن ۔ ن ۔ مٔول : چِکن > ف : چِکَن -] ٹوٗ پہٕ کام ۔ سوزٕنہِ کام ۔ کپٔرس بیترِ پٔٹھ تہٕ سیتی نقش بیترِ بناونچ کام۔

چِکَن دوٗز ۔ ٹوٗ پہٕ گوٗر ۔ یُس کپٔرس ٹوٗ پہٕ کام آسہِ کران ۔

چِکَن کَڈٕنی ۔ ۱۔ ٹوٗ پہٕ کَڈٕنہِ ۔ پلوس بیترِ کلابتہٕ سیتی یا دِہ بیترِ چھاوِتھ پوشن بناونی ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) گٕنٛدٕ گری کرٕنی ۔ تاثہ کھارٕنی۔

چِکَن کار ۔ ۱۔ سُہ یُس یتھ ٹوٗ پہٕ کام کرنہٕ آسہِ آمٕژ۔ ۲۔ اکہِ قسمُک شال ۔ کامہِ دار شال ۔

چِکارَس پتہٕ ہیوُن ۔ چکار > ف : چہ کار] فکرِ ی تہٕ کھسُن (کاشُہ اکھاہ) ۔ کہنی پتہٕ مانُن ۔

چِکہٕ چاو ۔ ن ۔ مٔول : چِکہٕ چاو > ہ س : چِنکار + اِچھ]

۱۔ (جوٗانی ہُنٛد) مدیا جوش ۔ یاوَن نیٹھ ۔ ۲۔ دَگہٕ دَگہٕ۔

چِکُٹ ۔ ن ۔ مٔول : چِکٹ > ک : چِیٚ + کٔٹھ > س : چم + کٔنٹھ ۔ م : پِکُٹ > پو + کٔنٹھ -] دِہ وٕ دُشر ۔ دِہ وٕ چِھوٗن شُر ۔ ہزلہ سان تَس وَنان یُس لوٗڈٕ اسِتھ تہٕ شُری لاز کرِ یا ناتجربہٕ کاری ہاوِ ۔

چِکھ، چِکھ ۔ م ۔ مٔول : چِک > س : چِنکار، پراکرت : چِکار -] ۔ ۱۔ زاوِج تہٕ زیچھ کژ کھ یوسہٕ کُتَن ژرِتھ گژھہِ ۔ زاوِج تہٕ زیچھ کژکھ یوسہٕ دادِ وَگرِ یا خطرِ وِزِ نیرِتھ ژلان چھیٚ ۔ ۲۔ اِنجنیچ یا مشینہِ بیترِ شُرسیٹی ۔

چِکہٕ چِکھ ۔ چِکہٕ تہٕ چِکہٕ ۔ کژکہٕ ناد ۔ کژکہٕ کژکھ ۔ (ناصکرِتھ شُرین ہُنٛد) جوش ۔

چِکہٕ ناد ۔ یہٕ لفظ چھُ عٔو موٗمن کژکہٕ نادَس سیتی یوان ۔ م : کژکہٕ ناد چِکہٕ ناد ۔ کژکہٕ ناد ۔ کژکہٕ کژکھ ۔ چِکہٕ ہارسے ۔ کژکہٕ ناد ۔ شور (شُرین ہُنٛد یا ہارین ژرین ہُنٛد)

چِل ۔ ن ۔ مٔول : چِل > ہ س : کِپکہ -] ۱۔ ژمینس ٹھکنیچ کج ۔ کوٹ یا لوٗٹھ بیترِ یتھ ژمینس ٹھکنہٕ باپتھ اَکہِ طرفہٕ بیوٗت ہیوٗہ آسہِ کَڈٕنہٕ آمُت ۔ ۲۔ ٹیکُل ۔

**چلس گنڈُن** ۔ ۱۔ چار دوے گُدوم ناٹی ترٲوِتھ
ٹِکلِس سۭتۍ گٹ ڈِتھ تھاوُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ)
بَرٛنٛد کرُن۔ پھیرِنس تھوٗرنس بُنٛدِشُس کَرٕنۍ۔
کاڈٕ کرُن۔

**چلہِ چوٗر** ۔ کوٹھ یا کھمٕبس لالٹین بیتر تھوٗنہٕ باپتھ
سٹرکہ بیتر اکہِ طرفہٕ دِنہٕ آسہٕ آمٕت ۔ بجلی کوٹھ ۔

**چل والُن** ۔ ۱۔ ژھینس ٹِکٕلۍ والُن ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ)
ضرب دِیُن ۔ تَرٛم نارُن ۔ نوقصان وانہٕ ناوُن ۔

**چلم چی** ۔ م ۔ سۆل : چلمچی ح ترکی : چِلم چی ] اَتھہٕ چھلہٕ چھلیج
تِنگاری یا نِشٕیخ کُنہٕ داتک باپتہ ۔

**چلاسی تموک** ۔ تمٲکی کُلِکٕ اکھ قسم سۭتۍ پوشٕنہٕ دار
اکھ تمٲکی داتھ ۔ (وَرگہٕ) شہ تموک ییٚس سٹھا گوٚب آسہٕ۔

**چلکی** ۔ م ۔ سۆل : چلکی ح م : پنجابی : چِلکی ]۔ کنٛگنٛز
نیہ سیہ نا سۍ دوان چھہ ۔ تا سہ پٹھن ہینٛز
ترتیب ڈالیس کٲم ۔

**چلکھ** ۔ کانٛہہ کار بار یا پار بیتر ورتاونک طریقہٕ ۔
کارٕ بارک وَرتاو ۔ رِواج ۔ روش ۔

**چلکھ تیرُن** ۔ کارٕ بار بیتر ورتاوُنک کانٛہہ نوٚو
طریقہٕ اَزماوُن ۔ رِواج تیرُن ۔ روش تیرُن ۔
نوٚو طریقہٕ جٲری سپدُن ۔

**چلم** ۔ م ۔ سۆل : چلم ح ف : چِلم ] جینٛجیر ہُنٛد شہ
گڈی دار باپتھ یتھ منٛز تموک تہٕ نوٚ تِنٛگلۍ تھوان
چھہ تہٕ ییٚس پیٹھ آسان چھہٕ ۔

**چلم چینٛژ** ۔ جینٛجیرِ وراے چلمہِ سۭتۍ تموک یا
چرس چیوان ۔

**چِلم کَرٕنۍ** ۔ ۱۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) سوٗرے کھیوٗن۔
ساری ہے ژاس کَرٕنۍ ۔ کھانہٕ پھینہٕ کرُن ۔ ۲۔
موقوٗف کرُن ۔ ژِلہہ تھوٗن ۔ ۳۔ یب کرُن ۔

**چِلہٕ** ۔ ن ۔ سۆل : چِل ح ف : چِلہ ] ۱۔ ژتجہہ دوہ۔
۲۔ اعتکافکی ژتجہہ دوہ۔ ۳۔ اعتکاف۔ گوشہ نشینی ۔
خلوٚکہ بہِتھ (دُہَن یا ژتجہَن دوہَن) یادِ خدا
کرُن ۔ ۴۔ وَنٛد ۔

**چِلس اژُن** ۔ ۱۔ اعتکافس بِہُن ۔ ژتجہَن دوہَن
یا ماہِ رمضانس منٛز پٔتِم دَہن دوہَن مشید
بیتر منز خلوٚکہ بِہتھ یادِ خدا کرُن ۔ ۲۔ الگ
بِہُن ۔ لوٚب ہیتھ بِہُن ۔ ۳۔ (وَرگہٕ) دارِ بَرٛ تروپتھ
بِہُن ۔

**چلس بِہُن** ۔ وظیفہٕ بیتر کماونہٕ باپتھ گوشہ نشینی
کَرٕنۍ ۔ اعتکافس بِہُن ۔ کُنہِ خلوٚکہ جایہِ اَکِس
مُقرَر وقتس تام بِہُن تہٕ یادِ خدا کرُن ۔

**چِلےٚ خوٚرد** ۔ سردی ہُنٛد منٛزِمیوٗ دوہ۔
چِلے کلانہٕ پتہٕ دہ دوہ ۔ اَکہٕ تہٕ ہمہٕ جنوٗری
پیٹھہٕ کُنوٗ ہمہٕ فروری تام وَنٛدکی دوہ ۔

**چِلے کلان** ۔ بوٚڈ چِلہٕ ۔ سردی ہُنٛد گوڈنٛکۍ
ژتجہہ دوہ ۔ اژِونہٕ وَنٛدکی ژتجہہ دوہ۔
ژتوٗہمہٕ دسمبرٕ پیٹھہٕ تہٕ ہمہٕ جنوٗری تام
وَنٛدکی دوہ ۔

**چِلہٕ بچہ** ۔ سردی ہُنٛد پٔنٛژہ داہ دوہ ۔ وَنٛدکی
پٔنٛژہ داہ دوہ ۔ وُہمہٕ فروری پیٹھہٕ کُنٛترہمہٕ
فروری نا اول مارچ تام وَنٛدکی دوہ ۔

یَس پٔنہٕ مزازٕ کنہِ نرٔم شرٔ آسہِ ۔

**ٹلیمی** ۔ نرمی (مزازٕ کنہِ) ۔

**ٹلوٕ / ٹلو** ۔ ن ۔ مؤل : حلو < ع : حلوا = حلوٗ √] ۔ ۱ ۔ وُگرٕ چالہٕ اکہٕ قسمچ میٹھاے یوٚسہٕ سوٗجہِ، گاذرِ ین یا اٹس بیترِ گیوس سیتؠ مٔلِتھ چھہٕ بناوان ۔ ۲ ۔ (وُرگرٕ پاٹھی) ٹھیکھ پاٹھی سینؠوٗمُت ۔ یہنہ پھٕتہٕ پھٕتہٕ گوٗمُت آسہِ ۔ سیٹھاہ تلہٕ نرٔم ۔

**ٹلوٕ گژھُن** ۔ ڈلہٕ ڈلہٕ سپنُن ۔ گلِتھ گژھُن ۔ ترٕس گژھنہِ ۔

**حاج** ۔ ن ۔ مؤل : حاج < ع : حاج = حج √] ۔ یٔمی حج کوٗرمُت آسہِ ۔ یٔمیو خدا یہ کعبچ زیارتھ کٔرمٕژ آسہِ ۔ م : حاج باے ۔

**حادر / حیدر** ۔ ن ۔ مؤل : حادر < ع : حیدر ۔ حدر √] ۔ (ل ۔ م) بادرٕ سُہہ ۔ حضرتِ علیؓ سُنٛد لقب ۔

**حادرٕ ملک (حیدرٕ ملک)** ۔ کٔشیر ہُنٛد اکھ موٗرِخ یٔمی جہانگیرٕ سٕنہِ وقتہٕ کٔشیر ہُنٛد تواریخ فارسی پاٹھی لیوٗکھ ۔

**حادثہٕ** ۔ ن ۔ مؤل : حادث < ع : حادثہ = حدث √] ۔ بناد تھ ۔ وارٕ داتھ ۔ کانہہ مصیبتھ یا نوقصان ۔ یہ کینژھا ہنگہٕ تہٕ منگہٕ گژھتھ بیہہ ۔

**حادثہٕ ہیوٚن** ۔ بناد تھ یُن ۔ وارٕ داتھ گژھٕنۍ ۔

**حادثہٕ گژھُن** ۔ ۱ ۔ کانہہ مصیبتھ یُن ۔ کُنہِ مُشکلس منٛز آورنہٕ یُن ۔ ۲ ۔ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ کانہہ خطرٕ پادٕ سپدُن ۔

**حاذِق** ۔ ماہِر (خاصکرِ تھ حکمتس منٛز) ۔

**حارتھ** ۔ ن ۔ مؤل : حارت < ع : حیرۃ = حیر √] ۔ اِنسانہٕ سُنٛز سو دِماغی کیفیتھ یوٚسہٕ تس کانٛہہ نوٚو یا نامُمکِن کتھ وُچھتھ چھیے گژھان تہٕ یتھ اندرٕ سُہ وُچھنہٕ چھُ روزان تہٕ زیوٚ سنتی تہٕ کینژھ تہٕ ڈنتھ ہیکان چھُنہٕ ۔

**حارتھ کھیوٚن** ۔ حاران گژھُن، راوُن، رۄزِتھ ہیوٚہ گژھُن ۔

**حارتن پیوٚن** ۔ راوُن، ہے بُنگہٕ گژھُن ۔ کینٛہہ سوٗنچُن نہٕ ہیکُن ۔ سوٗ کلن پاے تہٕ لبنہٕ یُن ۔

**حاران** ۔ مؤل : حاران < ع : حیران ۔ حیر √] ۔ ۱ ۔ ہے بُنگ ۔ رووُمُت ہیوٚہ ۔ بد حواس ۔ ۲ ۔ پریشان ۔ پراگنٛدہ ۔

**حارانی** ۔ ۱ ۔ حاران گژھنچ حالتھ ۔ ہے بُنگ گژھُن ۔ راوُن، رۄزِتھ ہیوٚہ گژھُن ۔ ۲ ۔ پریشانی ۔ پراگندی ۔

**حاری ثاتھ** ۔ ن ۔ مؤل : حاری ثات < ع : حادِثات ۔] ۔ سیٹھا بنادتھ، مصیبتھ، دۄکھ ۔

**حاری ثاتن آسُن** ۔ سوٗچس منٛز سٔتھ ۔ پریشانی سبٕبہٕ راوُن ۔ اندری اندری کیٛا ہتام سوٗنچان روزُن تہٕ آرٕ کوٗت ہیوٚہ گژھُن ۔

**حاری ثاتھ تہٕ وارٕ داتھ** ۔ بتن تہٕ گدرُن ۔ دۄکھس پیٹھ دۄکھ ۔ دُبس پیٹھ دُڑس ۔

**حاری ثاتھ گژھنہِ** ۔ بنادتھ یُن، مصیبتھ ہیوٚن ۔ دۄکھ تہٕ دادٕ لگہٕ ناونہِ پینہٕ ۔ وکانہہ گژھُن ۔ پینہٕ یُن ۔

**حاری ناتھ وَنِتھ۔** یِنھ گُدرُن بیٚتھیَن وَنُن۔

**حاسِد۔** مؤل: حاسِد > ع: حاسِد = حَسَد [ا] ۔ بَدخاہ۔ اَزَر وِنی لد۔ یُس بِہ کانسہِ ہُند خوش نیِیہ۔

**حاشیہ۔** ن۔ مؤل: حاشی > ع: حاشِیہ = حشی [ل]۔ ۱۔ اَنٛزُل۔ ۲۔ ڈَشِ۔ کِنارِ (کُنٛز پَلوٚچ)۔ ۳۔ کاکَد وَرَقَس یا کِتابہِ بیٚترِ اَندَن ہُند سُہ حِصہ یُس لیکھن وِزِ خالی چھ تراونہٕ یِوان۔

**حاشیہ کَڈُن۔** اَنٛزُل کَڈُن۔ دوٚنتِہ یا بیٚیبِہ کُنٛز پَلوٚس اَندامَس پٮ۪ٹھ سَنٛتو ٹوٗپہ کَڈٕنہٕ۔ سوٚتی ٹوٗپہ داسنَس اَلِف دِتھ۔

**حاصِل۔** مؤل: حاصِل > ع: حاصِل = حصل [ل]۔ فایدٕ۔ کیٚنٛہہ اَتھَس اَندر یِیُن)۔ دوٚصوٗل سَپدُن۔ اَتھہِ آمُت۔ یہ پانس نِش داتھ۔ یہ بَروٚنٛہہ کُن واتھ۔ ووٚتمُت۔ ۲۔ باقے۔ پَتھ کُن دِژامُت (تقسیم کَرِتھ)۔ پَتھ کُن بَچومُت۔ ہُرِ بوٚمُت۔ ۳۔ پھَل۔ نَتیجہ۔ ثَمر۔

**حاصِلَس پِرارُن۔** ۱۔ کَمایے کَرِتھ کَمایہِ ہُنٛد پھَل اَتھہِ یِنَس کوٗس روزُن۔ ۲۔ کُنِہ کامہِ مُتعلِق اَنجامَس نَظرِ روزُن۔ نَتیجَس پِرارُن۔

**حاصِل کَرُن۔** اَتھہِ اَنُن۔ کانسہِ نِشہِ یا کُنِہ جایہِ پٮ۪ٹھٕ نِلیِتھ پانَس نِش تھَواوُن۔ زیٚنُن۔

**حاصِل یُن۔** ۱۔ پَتھ کُن نیبرُن۔ ہُرُن۔ ۲۔ اَتھہِ یُن۔ فایدٕ یُن۔

**حاصِلِ کَلام۔** تَرِ ژ (ڈِیُٹھ کَتھہِ ہُنٛد) مَطلَب۔

**حاصِلِ مَصدَر۔** گرامرس منٛز مصدرٕ نِشہِ دَرلیچ اَکھ صوٗرتھ۔

**حاصِلِ مُشاعِرٕ۔** غزَل یا اَکھ بیٚترِ یُس مُشاعِرس منٛز سَرَس نیِیہِ۔

**حایِض۔** ن۔ مؤل: حایِض > ع: حیض [آ]۔ ماہوارِی۔ زَنانہٕ رَنٛگ۔ زَنانہٕ دود (یَتھ اَندر گَژھنٛدی پاٹھو رَتہٕ پیٚتہٕ بچہِ دانہِ منٛزٕ خوٗن چھ نیبران)۔

**حاضِر۔** مؤل: حاضِر > ع: حاضِر = حضر [ل] ۱۔ یہ یا یُس بَروٚنٛہہ کُنِہ آسہِ۔ نظرِ تَل۔ دیدمان۔ بَروٚنٛہہ کُنِہ موجود۔ ۲۔ تَیار۔ کُنِہ اِستِعمالَس لایق یا کُنِہ کامہِ بیٚترِ یا یَتھ سَکھِر رَتھ۔

**حاضِرس بوگ تہٕ نہ حاضِرس چیاہ تھ۔** تہٕ ڈیٖٹھ گو یُس بَروٚنٛہہ کُنِہ آسہِ تَسی چھ سوروے بَتان، پَتہٕ کُنِہ چھ اِنسان مَشرِتھ سَنٛتی گَژھان۔

**حاضِرِ خِدمَتھ۔** حُکمَس تَلہٕ دارِتھ۔ کامہِ بیٚترِ یا یَتھ تَیار۔

**حاضِر تہٕ ناظِر۔** بَروٚنٛٹھہ کُنِہ تہٕ نہٕ وُچھوٗن تہٕ۔ یُس بَروٚنٛہہ کُنِہ وُچھان آسہِ۔ خُدایہِ تعالا سُنٛد صِفاتی ناو۔

**حاضِر جواب۔** ۱۔ یُس بہٕ جوابَس بَنٛد گَژھہِ۔ یُس کُنِہ کَتھِ بیٚترِ اَتھہِ بیٚٹھی جواب دِیہِ۔ یُس کُنِہ سوالَس یَکدَم جواب دِیہِ۔ ۲۔ (دَرگہٕ یا کھُٹی) تَرُک۔ چالاک۔ ذَہین۔ ہُشیار۔

**حاضِر روزُن۔** ۱۔ بَروٚنٛہہ کُنِہ روزُن (کُنِہ کامہِ باپتھ)۔ ۲۔ اور یور نہٕ روزُن۔ ۳۔ سَکھِر تھ روزُن۔ تَیار روزُن۔

**حاضِر ضامِن۔** سُہ شَخص یُس مَنٛزراژ (دَرگہٕ) ٹَلی بَہانہٕ خاطرِ ہاوُن کیٚتھ بیٚترِ۔

حاضِر کرُن ۔ بَروٗنہٕ کُن اَنُن ۔ وانناوُن ۔ پیش کرُن ۔

حاضِر گژھُن ۔ ۱۔ بَروٗنٹھ کُن وٲتِتھ ہیوٗن ۔ ۲۔ عَدالَژ مَنٛز مُقدمہٕ چہٕ پٲروی باپتھ موٗجوٗد روزُن ۔

حاضِری ۔ م ۔ موٗل : حاضِری > ع / ف : حاضری = حضر √ ۔ ۱۔ (کُنہِ جایہِ) حاضِر سپدُن یا آسُن ۔ ۲۔ (کُنہِ جایہِ) حاضِر آسنک یَقرار یا پٔرزٕ ہش ۔ مُلازِمہ بیترِ سٕند دفتَرس مَنٛز کامہِ بیٛٹھ آسنہٕ موکھہٕ رَجسٹری بیٛٹھ دَستخط یا اِندراج یِم ۔ ۳۔ کوٚچ ۔ صُبحک کانٛہہ ہَلکہٕ غذا ۔ ۴۔ قَہوٕ یا ٹُلِتھ کٔرِہنہٕ ماز یُس خَتم پَرَن وٲلِس خَتمَس دوران سوزنہٕ یِیہِ ۔ ۵۔ جِنسہٕ یا نَقدٕ رٕنٛگی کانٛہہ توحفہٕ یُس نِشانہٕ دوٕہہ تٕہکھانہٕ رَس بیٛٹھ سوٗنٛن سوزان چھِ یا بٔنیہِ کُنہِ دوٕہہ سوٗنٛن ہٕنٛدِ طرفہٕ یِنہٕ وٲلِس کانٛسہِ نفَرَس وٲلِس نیرَن وِزِ سِتھو دِنہٕ یِیہِ ۔

حاضِری تَحفوٗنی ۔ کانٛسہِ ہٕنٛد کُنہِ جایہِ کامہِ بیٛٹھ موٗجوٗد آسنک حِساب تھاوُن ۔ [ دِنۍ ۔ کَرٕنۍ ]

حاف ۔ ن ۔ موٗل : حاف > ع : حیف ] ۔ ۱۔ افسوٗس ۔ بی یٔزٕ یا (کُنہِ چیزَس بیٛٹھ افسوٗس کرَن وِزِ وَنان) وائے افسوٗس ۔ ۲۔ عٲب ۔ مَنٛدچھ ۔ خجالتھ ۔ کُنہِ چیزَس بیٛٹھ بے زار گژھِتھ وَنان ۔ م : گوڑٕ گوٚیہِ تَس کیٛتھ حاف ۔

حافِظ۱ ۔ ن ۔ موٗل : حافِظ > ع : حافظ = حفظ √ ] ۔ ۱۔ رٲچھ ۔ بَلایوٚ نِشہِ رٕچھن وول ۔ حِفاظَتھ کرَن وول ۔ رٲچھ راوٕ ٹھ کرَن وول ۔ خُدایہٕ سٕنٛد اَکھ صِفتی ناو ۔ ۲۔ یَس کلام اللہ زبٲنی یاد آسہِ ۔ ۳۔ (مرگو) ۱۔ وُن ۔ اعما ۔

حافِظا۲ ۔ پیٛشہِ دَرنَژن تہٕ گیوَن واجِنۍ ۔ گیٛنہٕ ریٛنۍ ۔

حافِظہٕ ۔ م ۔ موٗل : حافِظہٕ > ع : حافِظَة ] ۔ یاداش ۔ ژٔیتَس آسنک طاقتھ ۔

حاکِم ۔ ن ۔ موٗل : حاکِم > ع : حاکِم = حکم √ ] ۔ ۱۔ حُکُم منتھ کرَن وول ۔ مُلکُک زٕبیٛٹھ ۔ ۲۔ حُکُم دِنہٕ وول ۔ آغہٕ ۔ مٲلِکہ ۔ یَختیار وول ۔ اَفسَر ۔

حاکِمی ۔ ۱۔ حاکِمہ سٕنٛز کام ۔ حُکُمٕ منتھ ۔ ۲۔ یَختیار ۔

حاکِمہِ اعلا ۔ ۱۔ سارِوٕے کھوٚتہٕ تھوٚد حاکِم ، تہٕ یُس بیٛتھ گوٚ خُدا سے ۔ ۲۔ بوٚڈ حاکِم ۔ بوٚڈ افسَر ۔ گوَرنَر ۔

حاکِمہِ بالا ۔ بیٛٹھ کُنٛتھ حاکِم ۔ ہٮ۪بٕر تُم اَفسَر ۔

حاکِمہِ وَقت ۔ وَقتُک حاکِم ۔ وَقتُک یَختیار وول ۔ تٔمہِ وَقتُک حاکِم یَتھ منٛز ذِکرِ چلان آسہِ ۔

حامِلِ وَحے ۔ ن ۔ موٗل : حامِلِ وَحی > ع : حامِلِ وَحی ] ۔ وَحے وانناوَن وول ۔ حَضرتِ جبرایِل سٕنٛد لَقَب ۔

حاوی ۔ ن ۔ موٗل : حاوی > ع : حاوی : حوی √ ] ۔ ۱۔ غالِب ۔ کانٛسہِ یا کُنہِ بیٛٹھ آسُن ۔ سَترَس آسُن ۔ ۲۔ لاگو آسُن ۔

حایِل ۔ موٗل : حایِل > ع : حائل = حول √ ] ۔ رَٹھ ۔ روٚکھ ۔ کَھٹرِ ۔ تُنجہٕ ۔ یِیمُک روٚکھ آسہِ ۔

حِجاب ۔ ن ۔ موٗل : حِجاب > ع : حِجاب = حجب √ ] ۔ ۱۔ پَردٕ ۔ کھوٚر ۔ ۲۔ شرم ۔ حیا ۔

حِجاز ۔ ن ۔ موٗل : حِجاز > ع : حِجاز : حجز √ ۔ ۱۔

۱۔ کاشُر صوٗفیانہٕ موٗسیقی منٛز اَکھ مقام ۔ ۲۔ مُلکِ عرَبُک اَکھ صوٗبہٕ یتھ منٛز مکہٕ تہٕ مدینہٕ شریف آباد چھِ ۔

**حَدَتھ** م ۔ موٗل : حدت ﴾ ع : حدۃ = حدّ ﴿ ۔ ۱۔ تیزر ۔ گرمی ۔ ۲۔ تیزوشر ۔ تیزی ( خاصکرِتھ سرِچ یا شرا پچ بیتر ) ۔

**حِرا** ۔ ن ۔ موٗل : حِرا ﴾ ع : حِرا ﴿ ۔ مکہ شریفس نکھہٕ اَکھ بالہٕ گو یتہِ مُہشد ناو یتھ منٛز حضرت محمدؐ صاحبن ہنٛدِ کتھہ رٕتھہٕ ہٕندِ وتہٕ کیتھن دوہن عبادتھ کٕرٕ تہٕ یتیتہٕ قرآنِ شریف ہٕکھ گوڈنیکۍ آیہٕ نازل یٕیدی ۔

**حِراسَتھ** ۔ موٗل : حِراسَت ﴾ ع : حراسۃ = حرس ﴿ ۔ نظربندی ، جیل ۔ حفاظت ، نِگاہ داشت ، گاردس تَل ۔

**حِرص** ۔ ن ۔ موٗل : حرص ﴾ ع : حرص ﴿ لوب ۔ طمع ۔ لالچ ۔ ہَوس ۔

**حِرفَتھ** ۔ م ۔ موٗل : حرفت ﴾ ع : حرفۃ ﴿ ۔ کارکسب ۔ ہونَر ۔ اتھہٕ کام ۔

**حِساب** ۔ ن ۔ موٗل ۔ حِساب ﴾ ع : حِساب = حسب ﴿ ۔ ۱۔ گرٕ نٛدگُنٛنُک عٔلِم ۔ گژ یتہٕ مُہشد عٔلِم ۔ شُمار ۔ گنٛزرُن ۔ ۲۔ بوزشوز ۔ ۳۔ خرچ ۔ چک یا آمدنی ہُنٛد شُمار ۔ ۴۔ عملن ہُنٛد جزا یا سزا ۔ بوزنہ ہیوٗن ( کَرتوتن بیتر ) ۔ ۵۔ لین دین ۔ ہیوٗن دیُن ۔ ۶۔ قاعدٕ ۔ طریقہٕ ۔ ڈھنٛگ ۔ چال ۔ طور طرز ۔ ۷۔ ترتیب ۔ ۸۔ بل ۔ کامہ کارُک یا ٹلیٔ ہیتھیتہٕ ہتین چیزن بیتر ہُنٛد شُمار تہٕ نرخ ۔ داہ ہور ہُنٛد شُمار ۔ داہ ہور چھِ ۔

**حِسابس آسُن** ۔ گژُنر یا شُمارس آسُن ۔ مجراہ آسُن ۔

**حِسابس چارُن / کھارُن** ۔ وزم و وزُد بیتر تُہی بیتھ درج کرُن ۔

**حِسابس گنٛڈُن** ۔ ۱۔ کھاتس ترٛاوُن ۔ بِلہٕ منٛز شامِل کرُن ۔ ۲۔ کُنہِ تتھہ چیزس سوٗل کھارُن یُس نیٚنہٕ واجی مُفتے زد نمُت آسہِ ۔ ۳۔ شُمارس اَنُن ۔

**حِسابس منٛز آسُن** ۔ ۱۔ ( وارگہ ) ڈینٛجہ آسُن ۔ ۲۔ مست آسُن ۔

**حِسابس واتُن** ۔ ۱۔ سارِ چی خبر آسنہِ کُنہِ کتھہِ سنیٛوٗمُت آسُن ۔ ۲۔ خرچس برجیس سام ہیٚنٛزِ ۔ احتیاطہٕ سان خرچ کرُن ۔ فضوٗل نہٕ خرچ کرُن ۔ ۳۔ کُنہِ کتھہٕ ہُنٛدس مانہٕ مطلبس واتُن ۔

**حِسابہٕ حِسابہٕ** ۔ ۱۔ قاعدٕ موجوٗب ۔ طریقہٕ سان ۔ ترتیب وار ۔ نٔزی کھٔری یا اٹھی نہٕ ۔ ۲۔ وٕنتہٕ وٕنتہٕ ۔ بی یزر تہٕ تی ۔ وُچاپہٕ یا اٹھی نہٕ ۔

**حِسابہٕ سان** ۔ طریقہٕ سان ۔ ترتیب وار ۔ ہُش مُش یا اٹھی نہٕ ۔

**حِساب بوزُن** ۔ ۱۔ نرخ بیتر جوڈتھ چیزن بیتر ہُنٛد سوٗل گنٛڈُن ۔ خرچس یا نرخس بیتر شُمار کرُن ۔ گنٛزرُن ۔ ۲۔ بوزہٕ شوزہٕ کرِنۍ ۔

**حِساب بے باق کرُن** ۔ ۱۔ داہ ہور سوٗ کلاوِنۍ ۔ ۲۔ کتھ ژھٹنی ۔ جھگڑ مُکاوُن ۔

**حِساب تھٕوُن** ۔ آمدنی تہٕ خرچُک شُمار تھٕوُن ۔ داہ ہور ہُنٛد شُمار تھٕوُن ۔

**حِساب چُکاوُن** ۔ قَرض نکھہٕ والُن ۔ داس، دارُز خَتم کَرُن۔ دارٕ ہورٕ سو کلاوُن۔

**حِساب چھُہ ماٚیس تہٕ گوٚبرس** ۔ ہِنس دِنس یا دارٕ ہورِ مَنٛز چھِنہٕ لِحاظہٕ یا ماے محبتہٕ چلان۔

**حِساب چھُہ ہارِ تہٕ بخشاٚیش چھِپےٚ خروار** ۔ یہِ چھُہ تمہ وِزہٕ ونہٕ یوان ییلہِ زَن تہٕ زُٹی پانہٕ وانی ناٚلی نال یا نکھہٕ یِنیکو آسَن تہٕ اَتی یہِن خرچس پَرچس مُتعلق پانہٕ وانی حِساب کرنہٕ ۔ حِساب گژھہِ روزُن پیٚنتھ پیٚنتھ دوٚر۔ حِسابہٕ پتہٕ لوٚناہ بخشاوتہٕ ییہِ تَنہٕ چھاکھاکھ۔

**حِساب دان** ۔ یُس حِساب بوزنس ماہِر آسہِ۔ یَس حِساب بوزُن ٹھیکہ پاٹھۍ آسہِ زگان۔ عِلمہِ حِسابُک ماہِر۔

**حِساب دِیُن** ۔ ۱۔ پیٚژھن واٚلِس وُنُن زِ خرچ کیاہ کوٚر تہٕ بیٚیہِ کُن کیاہ سوٗزیو۔ ۲۔ کرنوٚٹ باوُن۔

**حِساب کَرُن** ۔ دارٕ ہورِ وُچھُن۔

**حِساب کِتاب** ۔ ۱۔ بہی ۔ دارٕ ہورِ ہُنٛد کھاتہٕ ۔ سو کِتاب یَتھ بیٚچھ گَنٛڈنیک حِساب دَرج آسہِ ۔ لین دینیُک کِتاب۔ ۲۔ لِکھہٕ۔

**حِساب گنٛڈُن** ۔ ۱۔ لین دینس سام ہیٚنٛز۔ ۲۔ (کاٚنٛسہِ ہُنٛدِس) نادِس دَرج کَرُن۔

**حِساب تِنگوٚر / ہیوٚن** ۔ ۱۔ خرچ تہٕ آمدنی ہُنٛد حِساب پیٚژھُن ۔ کاٚنٛسہِ پیٚژھن زِ کیاہ خرچ ووٚن تہٕ کیاہ بچوون یا زیوُن۔ ۲۔ بوٚز یَتھ ہیوٚن ۔ وُچھہٕ پیٚژھُن۔

(خاصکرِ یَتھ کرنوٚٹن ہُنٛد)۔

**حِساب پتہٕ یُن** ۔ بَرابٔری پیٚتھ ییُن ۔ فکِرِ تہٕ تَرُن ۔ وَنہٕ پتہٕ ییُن ۔ اوگ یوگ پتہٕ یُن۔

**حِصار** ۔ ن ۔ موٗل : حِصار < ع : حصار = حصر √ ]۔ قلاے ۔ بوٚڈ تہٕ تھوٚد دیوار۔

**حِصہٕ** ۔ ن ۔ موٗل : حِص < ع : حِصّة = حِص √ ]۔ ۱۔ (کُنہِ ساٚلِم چیزِ منٛز ژٚھ کاتہٕ) ہَن یا چھِل ۔ کھنٛڈ۔ ۲۔ یوگ ۔ یہِ کیٚنٛژھا اَگر یَتھ یا تقسیم کٔرِتھ چھلِ۔ یہِ کَمسہِ ۔ ۳۔ اَنٛگ ۔ تان ۔ یُنٛد ۔ جِسمُک کاتہٕ تان ۔ ۴۔ طرف ۔ پاس ۔ علاقہٕ ۔ ۵۔ (کِتابہِ ہُنٛد) جُز ۔ جِلد ۔ ۶۔ کُنہِ کامہِ بیٚترِ منٛز اژُن ۔ شامِل سپدُن ۔ شرکت۔

**حِصے کاشتکاری** ۔ فصلُک سُہ یوگ یُس کاشتکارس زمین کمناو تہٕ موٚزدور رنٛگہِ تَران چھُہ۔

**حِصہٕ بٹاے** ۔ تقسیم ۔ باگرُن ۔ باگی کٔرِتھ شریکن دِنیُک کام۔

**حِصہٕ باگے** ۔ باگرُن ۔ حِصہٕ کٔرِتھ باگر پیٚچ کام۔ حِصہٕ اَلگ کٔرِتھ دِنی۔

**حِصہٕ پاسہِ** ۔ جاداُک حِصہٕ یُس کاٚنٛسہِ نِش تَرُون آسہِ یا کاٚنٛسہِ نِشہِ تَرِ۔

**حِصہٕ دَر** ۔ یُس حِصہٕ کھسہِ ۔ یُس حِصہٕ دِیُن آسہِ ۔ شریکھ۔

**حِصہٕ داری** ۔ شٔرِکاتھ ۔ باگنے۔

**حِصہٕ رَسہٕ** ۔ یوگ بیتر ۔ مِلکیتہٕ یا میراثہٕ منٛزک حِصہٕ ۔ مِلکیتی جاداُک حِصہٕ ۔ تَرجابہٕ بینز منٛز حِصہٕ۔

**حِصہٕ زیٹن** - کانٛہہ طٔریقہٕ کٔرِتھ تٔمہِ وراثتہٕ مَنٛزٕ پَنُن بوگ حاصِل کَرُن یُس نہٕ بِذاتی حق آسہِ [عٲمۍ موسٕ چھ یہ لفظ گرِ بیچھٕ کس زامِتٕرِس یا مَنٛگتہٕ گٕمتِس مُتلِق وَنان]۔

**حِصہٕ ژھانٛڈُن** - پَنُن بوگ تلاشِش کَرُن ۔ کانٛہہ کٲم دۄ یمین سٕتۍ ژلِتھ کَرنہٕ پیتہٕ تَمیُک ماوِضہٕ مَنٛگُن ۔ غصب کۄرمُت حِصہٕ نۄ سَرینِس اَنٛکھس مَنٛزٕ انیٛنچ کوٗشِش کَرٕنۍ۔

**حِصہٕ کَرٕنۍ** - کُنہٕ چیٖزُس بیترِ داریاہ بٲگی کَرٕنۍ۔ اَلگ اَلگ ژھیلہٕ کَرنہٕ (بٲگرنہٕ باپتھ)۔

**حِصہٕ کھَسُن** - تَقسیم کٔرِتھ تھپلُن (جاداد بیترِ)۔ باگہٕ یُن۔

**حِصہٕ نیٛن** - ادکُنہٕ کامہِ بیترِ مَنٛز) شوٗمولیٖتھ کَرٕنۍ۔ شاٲمِل سَپدُن ۔ شٔریکھ سَپدُن۔ ۲- پَنُن بوگ نیُن ۔ بیہ تَقسیم کٔرِتھ واتنہٕ نیُن۔

**حِفظ** - ن - مۄل: حِفظ > ع: حِفظ] - یادٕ دۄتۍ ۔ زٕہنَس (آسُن)۔

**حِفظ کَرُن** - زبٲنی یاد کَرُن ۔ ڈرراوُن ۔

**حِنا** - م - مۄل: حِنا > ع: حِنا] - مٲنٛز۔

**حیٖلہٕ** - ن - مۄل: حیٖل > ع: حِیلۃ] - ہیٛتھ ۔ بہانہٕ ۔ کانٛہہ کٲم بیترِ نہٕ کَرنہٕ باپتھ یا نہٕ سَپدنہٕ موٗکھ یوٗزٕ یا اَپُز وَ جھہ ۔ پان موٗکلاونہٕ باپتھ یوٗز یا اَپُز وَنُن۔

**حیٖلہٕ کَرُن** - کانٛہہ کٲم نہٕ کَرنہٕ باپتھ بہانہٕ بناوُن ۔ ہیٛتھ ہیوٗن۔

**حیٖلہٕ گَر** - حیٖلہٕ کَرَن وول ۔ بہانہٕ بناوَن وول۔

**حیٖلہٕ گَرَس بہانہٕ بِسیار** - یُس نہٕ کَرُن گَرض آسہِ سُہ چھُ داریاہ ہیٛتھ ہیکان ہیٛتھ۔

**حیٖلہٕ گرو بہانہٕ بِسیار / حیٖلہٕ گَرَ را بہانہٕ بِسیار** - ہیٛتھ ہینہٕ باپتھ ہیٛکہِ انسان کٲنٛتیا بہانہٕ ژھانٛڈِتھ۔

**حیٖلہٕ گوٗر** - بہانہٕ کَرَن وول ۔ بہانہٕ بازٕ ۔ ہیٹل۔

**حُب** - ن - مۄل: حُب > ع: حُبّ] ۱- مایہ ۔ مَحبتھ ۔ لول ۔ ۲- توٗفیٖق - م، یَس یوٗت حُب آسہِ سُہ دِیہِ تیوٗت چَندہٕ ۔ ۳- شوق ۔ یژھ ۔ مَنٛزٕ کامَن۔

**حُبِ وَطَن** - وَطنُک لول، وَطنُک جوش۔

**حُباب ع ا** - ن - مۄل: حُباب > ع: حَباب] - ۱- دُلِک غُبار ۔ دُلک بار ۔ دُلک جوش ۔ ۲- اَرمان ۔ مَنٛزٕ کامَن ۔ اَمار ۔ ۳- بُبُر، آبہٕ بُبُر ۔ بھوکہِ ڈوٗن ہیوٗہ یُس آبَس بیترِ کھَسان چھُ۔

**حُباب اَسُن** - سَخ لول یُن۔

**حُباب نیٖرُن** - ۱- (وَرگہٕ یا ٹھی) دُلِک بار نیوٗن (بانٛس گُدرِ یوٗمُت کانٛسہِ بادنہٕ سٕتۍ) ۔ ۲- اَرمان نیٖرُن ۔ مَنٛزٕ کامَن پوٗرٕ سَپدٕنۍ۔

**حُباب یُن** - (لول ہینہٕ کینۍ) واٲنٛجہِ وٕہ کھُر ہیوٗہ لگُن۔

**حُب اُلاس** - ابٲسی پوٗشک بیٛول یُس دَو ہَس چھُ لگان۔

**حُجر** - ن - مۄل: حُجر > ع: حُجرۃ = حُجر [ ]۔

۱- پِھہر- جوٗشیر- جابہٕ پاٹھُ - ۲- خلوٗکھ کوٗ ٹھر یتھ اَندرٕ یادٕ خوٗ داچھ کران -

**حُسن** - ن - موٗل: حُسن < ع: حُسن - خوٗش پوٗوٕنی شکل - سوٗندر آسُن - خوٗبصوٗرتی -

**حُسنِ ظوٗن** - رُت گُمان - جان رائے -

**حُسنِ غم خار** - ئلی نوٗکرِ ہشدی غم ہینہٕ وول -

**حُسنِ غم خار لاگُن** - ئلی ہمدردی ہاوٕنی -

**حُسنِ غم خاری** - ئلی نوٗکرِ ہشدی غم ہینی -

**حُسنِ یوٗسف** - حضرت یوٗسفس ع ہیوٗہ رَشبہٕ وُن - حضرت یوٗسفس ع ہیوٗہ مٲری ہوٗند (وَرگی) سیٹھاہ خوٗبصوٗرتھ - سیٹھاہ رٔشبہٕ وُن - حضرتِ یوٗسف ع سُند ہیوٗہ مٲری مَشد شُتھ - مَردانہٕ خوٗبصوٗرتی ہشد اِنتہا -

**حُسین ع** - ن - موٗل: حُسین < ع: حُسین - حضرت علی رض سُند دوٗیُم فرزند یمی کربلاکس مٲدانس منز یزیدس سٟتی جنگ کوٚر -

**حُسینی** - موٗل: حسینی < ف: حُسینی - ۱- حضرتِ امام حُسین ع صابُس کُن منسوٗب - ۲- صوٗفیانہٕ موسیقی اَندر اکھ مقام -

**حُکُم** - ن - موٗل: حُکم < ع: حُکُم - ۱- عدالتُک فٲصلہٕ یا ڈِگری - شرعی ٹینک فٲصلہٕ یا فتوا - ۲- فرماوُن - اِرشاد - کانسہِ زِٹھی سُند وَنُن یا دوٗپ - فرمان - ۳- دَس گاہ - یختیار - اِقتدار - ۴- اِجازت - منظوٗری - ۵- ناسہٕ کرِ اکِ رنگک ناو یُس کرٕ ہن پان وٕنھر ہیوٗہ چھ آسان -

**حُکُم چلاوُن** - ۱- حوٗکوٗمت کرٕنی - ۲- (ہرلہٕ پاٹھی) ئلی یختیار ہاوُن -

**حُکُم دِیُن / کرُن** - فرماوُن - وَنُن - کانسہِ کٲم بیترِ یانس ڈیستھ کانسہِ کرنٕی کِتھ وَنُن -

**حُکُم عوٗدوٗلی (کرٕنی)** - فرمانس اَدلہٕ بَدل (کرُن) - آڈرس تامیل نہٕ کرُن -

**حُکُم کڈُن** - فرمان جٲری کرُن - اِرشاد دِیُن - کانسہِ کٲم اَندٕ وانتناوٕنہٕ موکھہٕ اَفسرٕ سُند نوٗکرِس مُلازمس آڈر دِیُن -

**حُکُم نامہٕ** - ۱- سُہ کاکد یتھ پیٹھ حُکُم لیکھِتھ آسہِ - ۲- ڈِگری -

**حُکمس تابع یا آسُن** - ۱- بہٕ وُنی زِ نہٕ کرٕنس تیار آسُن - حُکمہٕ مُطابِق کٲم اَندٕ وانتناوٕنی - ۲- فرمانبردٲری کرٕنی -

**حُکمس تامیل کرُن** - اَفسرٕ سُند وَنُن بجا اَنُن - کانسہِ زِٹھی سُند وَنُن مانُن -

**حُکمہٕ اِمتِناعی** - عدالتُک سُہ حُکُم یمہٕ موجوٗب کُنہ چیز یا کامہٕ بیترِ ٹھاکھ کرنہٕ ییہِ -

**حُکمہٕ حاکِم مرگِ مفاجات** - حاکمہٕ سُند حُکُم گوٚ ہشتہٕ مرگس سوتس برابر یتھ نہٕ اِنکارٕ ہیکِ زِ کرِتھ -

**حُکمہٕ کُفر** - فتوا یمہٕ موجوٗب کانسہِ کافِر مانِنہٕ ییہِ - خوٗ دا منکر مانِنہٕ ٹینک فتوا -

**حُکمران** - موٗل: حُکمران < ع: حُکم - حوٗکوٗمت

کرَن وول۔ حاکِم۔

**حُکمرٲنی** ۔ حۆکوٗمتھ۔ راجہٕ سی۔ بادشاہی۔

**حُلیہ** ۔ ن۔ مۆل: حُلیہ > ع: حُلیَتہ]۔ خولہٕ خط۔ شَکل۔ صوٗرتھ۔

**حوٗر** ۔ م۔ مۆل: حوٗر > ع: حوُر]۔ ۱۔ جَنتچ پٔری۔ اَپسرا۔ اژھہٕ رٔژھ۔ ۲۔ بجہ بادٕمی اَچھ کرٕتھ شکل زناںہٕ۔ سیٹھا شکل تہٕ خوبصوٗرتھ زنانہٕ۔

**حۆجُم** ۔ ن۔ مۆل: حۆجم > ع: حَجَم۔] آڈُو باڈُو۔ بجَر تہٕ کھجَر۔

**حۆدوٗد** ۔ ن۔ مۆل: حۆدوٗد > ع: حَدُود۔] "حَد" لَفظُک جمع۔ طَرَف۔ پاس۔ اَنَد۔

**حۆدوٗدِ اَربع** ۔ ۱۔ ژور اَند۔ ژور طرَف۔ بہٕ کینژھا ژورَو طرفو آسہٕ۔ کُنہٕ تہٕ چیزِکۍ ژور پاس۔ ۲۔ مَشرِق مَغرِب شُمال تہٕ جۆنوٗب یا پۆر، پَچھُم وُتُر تہٕ دَکھِن۔

**حۆروٗف** ۔ ن۔ مۆل: حۆروٗف > ع: حَرُوف]۔ "حَرف" لَفظُک جمع۔ اَچھر۔

**حۆروٗفِ تہجی** ۔ اَچھَر۔ اَلِف۔ بے۔ تے (ا۔ ب۔ ت) بیتر۔

**حۆضوٗر** ۔ ن۔ مۆل: حۆضوٗر > ع: حضُور۔ حضر√]۔ ۱۔ جِناب۔ حضرَت۔ بَزَن تہٕ بُزرگ ہاکِمَس کُن وَنہٕ یوان۔ ۲۔ (کُنہٕ وقتہٕ) آنحضوٗرن تہٕ وَنان۔

**حۆضوٗری نوکَر** ۔ ۱۔ ذاتی نوکَر۔ ذاتی خدمتگار۔

۲۔ (دَر گہ یا ٹھۆ) جی حۆضوٗری۔ آئی آئی کرَن وول۔

**حۆقوٗق** ۔ ن۔ مۆل: حۆقوٗق > ع: حَقوق۔ حَق√]۔ "حَق" لَفظُک جمع۔ ۱۔ فَرض۔ ذِمہٕ دٲری۔ ۲۔ تِم حَق ییم شہرٕ دارَن (لۆکَن) آیینہٕ مُطابِق آسنۍ گژھن۔

**حۆکوٗمتھ** ۔ م۔ مۆل: حۆکوٗمتھ > ع: حُکومۃ۔ حُکم√]۔ مُلکُک کارٕ بار چلاوُنک نِظام یا طرٕیقہٕ۔ تِم سارۍ اَدارٕ ییم مُلکی ماملاتَن پیٹھ سوچ سمج کرِتھ وَتہٕ کڈان یا بَناونہٕ آمتۍ قونوٗن عَملِہ مَنزٕ اَنہٕ ناوُن۔ سَرکار۔ گورمینٹ۔

**حۆنژور (حُنژر)** ۔ ن۔ مۆل: حۆنژر > ف۔ خَنجرہ > ع: حنجرہ۔]۔ ۱۔ اکہٕ ہٹہٕ وُستک ناو (یہ چھ ہٕرکۍ یا ٹھۆ نالۍ تراوہٕ یوان)۔ ۲۔ گُکرِ ہنز ہٹس اَندۍ اَندۍ سیاہ رٕکھ۔

**حوصلہٕ** ۔ ن۔ مۆل: حوصل > ع: حوصلۃ۔ حِصل√]۔ ۱۔ ہِمتھ۔ جوٗرتھ۔ کینژ کرَنس دل دُرُن۔ دِل۔ ۲۔ باشش۔ وُطیر۔ تَمیز۔ کینژ کرنک گاٹہٕ۔

**حوصلہٕ اَفزا** ۔ ییمہٕ ستۍ ہِمتھ بڑِ یا وآنچ بوٗٹھ کھسہِ۔

**حوصلہٕ اَفزٲیی** ۔ حوصلہٕ بڑاوُن۔ ہِمتھ دِنۍ۔ کانسہِ اَندر جوٗرتھ پادٕ کرُن۔ سَتھِ سَتھ کرِتھ کُنہٕ کامہِ کُن وُتش دِیُن۔

**حوصلہٕ آسُن** ۔ وُطیر آسُن۔ (کُنہٕ کٲم) گاٹہٕ آسُن۔ باشش آسُن۔

**حوصلہٕ بڑُن** ۔ ۱۔ ہِمتھ گژھنۍ۔ دِل دَرُن۔

جوٗرَتھ گژھُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ) ہِلُن۔ دڑاوُن ہینِی۔ نَکھس کھَسُن۔

**حوصلہ دِیُن۔** ۱۔ ہِمتھ بڑاوِنۍ۔ شاباش کرُن۔ اَتھہٕ بیٚٹھ تھاوُن۔ ۲۔ باش دِیُن۔ تُمبیز دِیُن۔

**حوصلہٕ شکَن۔** یێمہِ سٟتۍ حوصلہٕ پھٹُن۔ یێمہِ سٟتۍ کوٗٹھۍ وہسرن۔ یێمہِ سٟتۍ ہِمتھ پھُٹہِ۔

**حوصلہٕ کرُن۔** ۱۔ جوٗرَتھ کرُن۔ دوٗر روزُن۔ وہسرُن نہٕ۔ ہِمتھ کرٕنۍ۔ ۲۔ باش نہٕ وٕطیر یادہٕ کرُن (پانس اَندر) تُمبیز ہیٚچھُن۔

**حوصلہٕ مَنْد۔** ۱۔ جٕرأتی۔ یُس جوٗرَتھ آسہِ۔ ہِمتہٕ دول۔ یُس نہٕ کھوژِ۔ ۲۔ یُس باش آسہِ۔ تُمبیز دار۔

**حوض۔** ن۔ مؤل: حوض > ع: حَوض۔] ۱۔ یُس گنٛڈہٕ آسہِ آمُت۔ ۲۔ پوٚختہٕ سیرہٕ، یا کنِہن بیترِ ہِشہِ بناونہٕ آمژ سو جاے یتھ رٛوٚدِ ووُنۍ یا نٔلکَن بیترِ ہِشہِ ہُریا پہٕ آب جمع سپدان چھُ یا کرہٕ پہٕ یوان چھُ۔

**حوض کرُن۔** گرم پانہِ سٟتۍ بَشد کرِس منٛز سرٛان کرُن۔ حمام کرُن۔ (یہ چھُ حکیم لفظ)۔

**حوضِ کوثر۔** جنتُک اَکھ حوض یتھ منٛز تریشہِ ثواب گارِ ین جاوہٕ۔

**حوجت۔** م۔ مؤل: حوجت > ف > ع: حُجّۃ = حجّ √]۔ ۱۔ کنُہِ کامہِ بیٚٹھ ہٹھ۔ ہٹھ دَرمۍ۔ واد واد۔ ۲۔ اعتراض۔ عوٗذر۔ ۳۔ توٗر لوٗتھ۔

**حوقہٕ۔** ن۔ مؤل: حوقہ > ع: حُقّۃ = حق √]۔ (ہزلہٕ) جنبجپر۔ گرگرہٕ۔

**حوقہٕ بَردار۔** گکرۍ۔ یُس پتہٕ پتہٕ جنبجپر ہیتھ آسہِ۔ تموک بَرن دول۔

**حبس۔** ن۔ مؤل: حبس > ع: حبس] ۱۔ ہوٗش۔ سوٗر۔ زِندگی ہِشہٕ خبر کتھ۔ م: سوٗ رَدس چھُ حبس آسان۔ ۲۔ زوٗ زیتہٕ۔ جسمانی یا دیمانی قوت یتھ یێمہِ سٟتۍ اِنسان، جانوٗر یا باقے زوٗ ذاتہٕ پنُن پان تہٕ اوٚت یوٗکھ بیٚنہٕ دُ چھان، تہٕ بیان یا پچھانان چھِ۔ دُ چھنُک، بولنُک، بوزنُک، پچھاننُک تہٕ زِبنُک طاقتھ۔ ۳۔ خیال۔ کَل۔ فِکرٕ۔ ظوٗن۔ (کُنہِ کُن) دِیان۔ م: پَرَن وزِ گژھِ کِتابہِ کُن حبس تھاوُن۔ ۴۔ (کُنہِ کُن) نظر۔ خبر داری۔ م: مێیانِس دانس کُن تھاوِ کرِ حبس۔

**حبسس یِیُن۔** ہوشس منٛز یِیُن۔ ظوٗنس گژھُن۔

**حبسہٕ پھیرُن۔** ۱۔ بێ ہوش گومُت بێیہِ ٹھیکہ کرُن۔ ۲۔ خبردار کرُن۔ زیتہٕ ذٕنۍ دِنۍ (خطرٕچ بیتھ)۔ ظوٗن دِیُن۔

**حبسہٕ پھیپرُن۔** بێ خودگژھ سٟتھ بێیہِ ہوشس منٛز یُن۔ بێ ہوش گژھ سٟتھ بێیہِ ٹھیکہ گژھُن۔ ۲۔ خبردار گژھُن۔ ظوٗنس واتُن۔ وَتہِ یُن۔ سادٕسس یِیُن۔ غفلتہٕ نیشہِ ہُشیار روزُن۔

**حبسہٕ وہسرُن۔** ۱۔ آسرِ وہسر گژھنۍ۔ حبس

ہوش نہٕ روزٕنۍ۔ ۲۔ بےہُنگ گژھُن۔ ریوٚبوٚدٕ ہیوٚہ گژھُن۔

**حِس آسُن** ۔ ۱۔ زُو آسُن۔ حرکتھ بینٕز کرُنک قوٕوَتھ آسُن۔ ۲۔ (کُنہِ کُن) دِیان آسُن۔ ظوٗن آسُن۔ ۳۔ (کُنہِ شرٕ وشہٕ کالچہِ کیتھِ ہُشد) کم کاسہٕ یادٕشش آسُن۔ ژٕہنَس آسُن۔ یاد آسُن۔ دِیان آسُن۔

**حِس ہیوٚن** ۔ (کُنہِ چیزَس کُن) دِیان گژھُن۔ ژٕہنَس ہیوٚن۔ یادٕ ین۔ خیال ین۔

**حِس تھاوُن** ۔ ۱۔ (کُنہِ کُن) خیال تھاوُن۔ فکرِ تھاوٕنۍ۔ خیال یا نظرٕ اوٕرٕ یور ڈالنۍ۔ ۲۔ زاگِ روزُن۔ ژٕدژٕنس روزُن۔

**حِس دِیُن** ۔ ر ۱۔ (کُنہِ کُن) خیال پھِرُن۔ ژٕبینٕ وٕنۍ دِنۍ۔ اِشارٕ دِیُن۔ ۲۔ یاد پاوُن۔

**حِس راوُن** ۔ ۱۔ بےہوش گژھُن۔ حِس نہٕ روزُن۔ ہوشَو ڈلُن۔ ۲۔ خیال نہٕ روزُن۔ فکرِ نہٕ روزٕنۍ۔ اوٕرٕ یور خیال ڈٕلُن۔ غفلتھ گژھٕنۍ۔ ۳۔ وٕسرُن۔

**حِس کرُن** ۔ ۱۔ خبردار روزُن۔ ظوٗن نہٕ اوٕرٕ یور ڈالُن۔ ۲۔ اِحتیاط کرُن۔ وُچھتھ پکُن۔

**حِس گژھُن** ۔ کُنہِ بےحِس تانَس سورٕ گژھُن۔ زُو ہیوٚہ پھیرُن۔

**حِس ہوش** ۔ سور۔ حرکتھ۔ حرکتھ کرُنک یا خیال کرُنک طاقتھ۔

**حِفاظتھ** ۔ م۔ مۆل: حِفاظت حفظ۔ > ع: حِفظ [ل] ۔ راچھ راوٕ کھٕ۔ خبرگیری۔ صحی سلامتھ آسُن۔ وارٕ کارٕ آسُن۔

**حِکایتھ** ۔ م۔ مۆل: حِکایت > ع: حِکایۃ = حکی [ل] ۔ کتھ۔ ڈٕلیل۔ قِصہٕ۔

**حِکمتھ** ۔ م۔ مۆل: حِکمت > ع: حِکمۃ [۔] ۔ ۱۔ بیمارَس بینٕز سُند علاج۔ حکیمہٕ سٕنٕز کام۔ طبابتھ۔ ۲۔ ژھومب۔ چال۔ تدبیر۔ ۳۔ بوٚد۔ گاٹٕ۔ عقل۔

حِکمتِ عملی۔ چال۔ ژھومب۔ چالاکی۔ پالسی۔

**حِمایتھ** ۔ م۔ مۆل: حِمایت > ع: حِمایۃ = حمی [ل] ۔ ۱۔ مدد۔ اَتھٕ روٚٹ۔ ۲۔ پیٹھ۔ ڈکھ۔ پکھ۔ طرفداری۔

**حِمائیتی** ۔ ۱۔ مددگار۔ ۲۔ پیٹھٕ دد۔ طرفدار۔

# خ

عربی ہُک سٔتیٕمُ ۔ فارسی ہُک نُوٕیمُ تہٕ کاشرُک ژُوداہیٕمُ اَچھر۔ اَبجد حسابہٕ چھُ اَتھ شتھ ہتھ (۶۰۰) موٗل۔

**خَبَر** ۔ [م۔ مۆل: خبر > ع: خَبَر] ۔ ۱۔ پتاہ۔ واقفیتھ۔ کُنہِ یا کانٕسہِ ہنٕز زان۔ معلوٗم آسُن۔ عِلم۔ ۲۔ اَنداز۔ قیاس۔ بٔروٗنٹھے کُنہِ چیزٕک یقین۔ ۳۔ دِیان۔ حِس۔ ہوش۔ م: پننہِ پانٕچ نہٕ خبرے۔ ۴۔ پے۔ سُراغ۔ نیب۔ م: تُہنٕز چھنہٕ کانٹھہ خبر سٕہ کور لوگ۔

۵۔ شیٚچھ پٲغام۔ رِنوٗز۔ رم : ریڈیو پیٹھ بوٗز خبر۔ ۶۔ حال (کُنہِ واقفک یا کانٛسہِ مُتلق یُس بیٚیس باوُنہٕ یِیہِ)۔ رم : بیمارس کیا آس خبر۔ ۷۔ گرٛکھ۔ شاوٕ۔ تُرٕ۔ چُرچہ۔ رم : سارِی بٔےِ گیہِ خبر۔ ۸۔ نقد یا جنسہٕ زٕنگی کانٛہہ توجہ لُیس وقتہِ وقتہٕ مہارِی نہٕ مالنی دُرہِ وارِیُوچھ یوان۔ رم : مہارِی نہٕ واتٕر ازماسہِ خبر۔ ۹۔ بیرِچھہِ تہِ وزِ نہٕ وَنان یینلہِ کانٛسہِ کُنہِ واقس بیترِ مُتلق پوٗر پوٗر واقفیت یا یقین آسہِ نہٕ۔ رم : خبر گر، خبر کُس۔ ۱۰۔ آنچھ۔ قِصاص۔ رم : خبر ہیٚنزہ لس۔

خبر اتر۔ شیٚچھ خبر۔ حال۔

خبر تھوٕنی۔ (کُنہِ کُن یا کانٛسہِ کُن) عِلس تھاوُن۔ نظر تھاوٕنی۔ خبردار روزُن۔

خبر رسان۔ خبرِ وانناوَن وول۔ رم : خبر رسان اجنسی۔

خبر سوزٕنی۔ ۱۔ شیٚچھ سوزٕنی۔ کانٛسہِ اتھہٕ کانٛہہ پٲغام بیترِ سوزُن۔ ۲۔ مہارِی نہٕ توجہ بیترِ وارِیُو سوزُن۔

خبر کرٕنی۔ ۱۔ وَنُن۔ شیٚچھ کرٕنی۔ ۲۔ تُرٕ کرٕنی۔ شاوٕ تراوٕنی۔ رم : ملکس کرکھ خبر۔

خبر گژھنی۔ ۱۔ واقف سپدُن۔ پَےِ لگُن۔ معلوم سپدُن۔ ۲۔ عِلسہِ پھیرُن۔ ۳۔ کُنہِ فکر ترٕنی۔

خبر گیری۔ نظر تھاوٕنی۔ راچھ راوٕکھ۔

خبر ہیٚنز۔ ۱۔ خبر اَتر پرٛژھنی۔ ۲۔ بیمارس بیترِ خبرِ گژھُن۔ ۳۔ (وَرگہِ پاٹھی) آنچھ ہوژن۔ لوٗزِتھ ہیوٚن۔

خبرِ گژھُن۔ بیمارس حال پرٛژھُن۔ بیمارس بیترِ نظر دِنہِ گژھُن۔ بیمار پُرسی کرٕنی۔

خبیریُن۔ بیمار پُرسی۔ حال پرٛژھنہِ گژھُن۔

خبرِ وَنُن۔ تہِ وَنُن بہرِ نہٕ بُہن لایق آسہِ۔ (دٔہزلیہِ) ٹرلاہینی۔ بتولہِ وَنُن۔

خبردار۔ [ مؤل : خبردار دع : خبر + ف = دار ]۔ ۱۔ یُس خبر آسہِ۔ یُس پتاہ آسہِ۔ واقف۔ وٕیوٗد۔ ۲۔ ہُشیار۔ عِلسہِ۔ ۳۔ ہوش کر۔ عِلسہِ روز۔ غفلتہ کرِ زِنہٕ۔ (دیرِچھہِ کانٛسہِ کُنہِ بلایہِ بیترِ نِشہِ عِلس دِنہٕ وِز وَنان)

خبردار روزُن۔ عِلسہِ سان روزُن۔ عِلس تھاوُن۔ ہُشاری سان نظر گُذر تھاوٕنی۔

خبردار کرُن۔ ۱۔ کانٛہہ کُنہِ کتھہِ واقف کرُن۔ یُس نہٕ خبر آسہِ تس باوُن۔ ۲۔ عِلس دِیُن۔ ہُشار کرُن (کُنہِ بلایہِ بیترِ نِشہِ پان بچاونہٕ بایتھ)۔

خبرداری۔ ہُشاری۔ راچھ۔ عِلسہِ روزُن۔

خباثتھ۔ [ م۔ مؤل : خباثت دع : خباثة ]۔ شیطٲنی۔ بدکرداری۔ بد ضمیر آسُن۔ کمیتہِ گی۔

خبط [ ن۔ مؤل : خبط دع : خبط ]۔ ۱۔ کٔرٕ۔

دیوانہ گی۔ ۲۔ دِماغس پھِرسر۔ ۳۔ (پالس منلق)، اپُزے گمانہ۔ م اتَس چھُ خبط بہ چھِس گُتام۔

**خبط کھسُن** ۔ کِبر گژھُن ۔ شِکر کھسُن۔

**خبط گژھُن** ۔ پنُن پان افلاطوُن زانُن۔ بہ سوچُن زِ بہ بہ کیہہ بار انہ تہ پیکہ نہ کاتھہ کرِتھ یا زانِتھ۔ دِماغ نہ ڈنشیہ روزُن۔ اپُز گمانہ گژھُن۔

**خبطی**۔ ییمِس جنُون یا مرُز آسہ۔ (وُرگہ پاٹھو) نِشی۔ یُس کِبر آسہ۔

**ختن حال**۔ سوُنتھ۔ کوٹ بیٹھناوُن۔ رسمہ پاٹھو کُٹس پیشاب چرجایہ ہُند بروٹھہ کنیگ دِل ژٹُن۔

**ختن ہاج منڈل**۔ سُہ جاے ییتیتھ ختن ہاج ٹھہرازس تُھتس پیٹھ بیٹھناوِتھ ختن ہال چھ کران۔

**ختن ہاج ٹھہرانُن**۔ سُہ کوٹ یُس ختن ہال کرنہ آسِکھ۔ بیٹھنووُمت کوٹ۔

**ختم**۔ [ن۔ مؤل؛ ختم < ع : ختم۔] ۱۔ اَنہ ووتمُت۔ موکلیوُمُت۔ ۲۔ (وُرگہ پاٹھو) خَتَس ووتمُت۔ ۳۔ نوِ دایہ سُند یا کانسِہ اولیا سُند شکرانہ کرنہ باپتھ مذہبی رسم۔

**ختم پرُن**۔ شکرانہ بیترِ باپتھ قرآنِ شریف یا وظیفہ تہ دورود شریف پرُن۔

**ختم کرُن** ۔ ۱۔ اَنہ واتناوُن ۔ موکلاوُن ۔ ۲۔ (وُرگہ پاٹھو) مؤلہِ موہ نشیہ موکلاوُن۔ آرِتھ ژھسُن۔

**ختم بنار (تالو)** نقشہ دار یا کانژ گنڈِتھ پنچہ چھلُن ہُند ووتمُت تہ ووٹمت اکہ قِسمُک تالو۔

**ختمُ الانبیا**۔ وُچھو "خاتمُ الانبیا"۔

**ختمُ المرسلین**۔ وُچھو "خاتمُ المرسلین"۔

**خجالت** [م۔ مؤل؛ خجالت۔ < ع : خجالۃ = خجل کرُن]۔ بے عزتی۔ رُسوائی۔ بے وُقری۔

**خجالتہ کرُنی**۔ خدِ کھوتہ زیادِ بے عزتی کرنی۔ ڈقر والنی۔

**خچُر**۔ [ن۔ مؤل؛ خچر < ج س : کھیسر]۔ کانتُر۔ خرنسلُک گُر۔

**خچر**۔ کانتر (رہزلِہ) سو (ووٹنژ) زنانہ یوسہ سیٹھا پکان آسہ۔

**خدشہ** [ن۔ مؤل ؛ خدش < ع ؛ خدشۃ : خدشتن کرُن]۔ ۱۔ خوف۔ فِکر۔ اندیشہ۔ ۲۔ موہوُلی نوقصان۔ ضرر ۔ دُکھنہ امانتھ تھوومِتس چیزس بیترِ)۔

**خدشہ کرُن**۔ ۱۔ سیتھا انِنی۔ تھوتھ کرنی۔ ۲۔ ذِکھ واتناوُن (امانتس بیترِ)۔

**خدشہ گژھُن**۔ ۱۔ اندیشہ سپدُن۔ فکر ییٹنی شکھ گژھُن۔ ۲۔ کُنہ چیزس کانہہ ضرر واتُن۔ ذِکھ واتُن (امانتس بیترِ)۔

**خرہ کھرِ** [ن۔ مؤل : خر/کھر < ف ؛ خر = س: کھر]۔ ۱۔ زیٹھی کن کرِتھ گرِ ہندِ کھوتہ ژھوٹ

اَکھ چار ووے یُس بور بیترِ سارٕنس چھُ لگان۔ ۲۔ (دورگہِ پاٹھۍ)۔ بےوَقل۔ مُٹُر۔ چوٗر۔ یُس نہٕ سَہَل سَہَل کتھ فِکری تَرِ۔ ۳۔ (ہَزلہٕ پاٹھۍ) یُس سَخ پاٹھۍ جیٚکھہِ یُس سَخ میٚحنَتھ کَران آسہِ۔ یُس ٹلو پان زٕٹھِ۔

**خَرَس کھَسُن**۔ وَتہِ وَتہِ مَنڈ چھاونہٕ یُن۔ بَدنام گژھُن۔ نادنیرُن۔

**خَرَس کھارُن**۔ کُنہِ اَترِ باپتھ ساری ہِے بَدنام کرُن۔ اَڈٕ اِڈٕ کڈُن۔

**خَرَس گور اَہیُرن، خَرَس گور دیُن**۔ یَس نہٕ ییٚمِنگ بُتھ بانہٕ آسہِ تَس تہٕ دیُن یا باوُن۔ بیقلس کاٹہٕ جار یا زاوی جار وَنُن۔ م: کوٚکرِن موکھتہٕ چھکُن۔

**خَرِ بور تہٕ خَرِ بچَس آتہٕ گتھ**۔ تہٕ دٔپہٕنہٕ گوٗ اَکِس اوس حُقہٕ تہٕ بیٚیِس چھِنہٕ ییوان ٹلو دوٗدو کَرِتھ۔

**خَرِ دَجال**۔ دَجالہِ سُند خَر۔ دَجال چھُ سُہ بوڈ کافِریُس مُسلمانَن ہِندِ عقیدہٕ موٗجوب قیامَژ برونٛہہ کینٛہہ کال دونِتھ تہٕ لوٗکَن مَذہبہٕ نِشہِ ڈالہِ نہٕ آخرَس سَیدِ امامِ مہدی ہَشری دٕسی مارِ۔

**خَرِ بُزی کَرُن**۔ ضایہٕ کَرُن۔ ٹھکری کَرُن۔

**خَرِ بُزی گژھُن**۔ ضایہٕ گژھُن۔ ٹھکری گژھُن۔

**خَرِ سُند مَرُن چھِنہٕ ہوٗنی سِنٛز شادی**۔ اَکِس اَگر تکلیف واتہِ بیٚیِس چھِنہٕ تَمی ستیٚن

آسایش واتان۔ م: اَکِس ہِنٛز درد کھ بیٚیِ سُند غذا۔

**خَربچہ**۔ ۱۔ خَرِ سُند بچہٕ۔ ۲۔ (لیٚکہِ پاٹھۍ) بےشوٗر۔ رَذیل۔

**خَربور**۔ ۱۔ خَرَس لدنہٕ آمُت بور۔ ۲۔ (دورگہِ پاٹھۍ) ووہٕلہٕ بور۔ سَخ گوٗب بور یُس نہٕ اَکھ نفر کھٹیٚکھ پاٹھۍ اورٕ یور ہیٚکہِ پکناوِتھ۔

**خَرد ہماغ**۔ یَس عقل موٗٹ آسہِ۔ یَس نہٕ سَہَل سَہَل کتھ فِکرِ تَرِ۔ ڈٕڈٕ۔ زڈٕ موٗنڈٕ۔

**خَرژم**۔ ۱۔ خَرِ سُند مُسلہٕ۔ خَرِ سُند دالہٕ۔ ۲۔ (دورگہِ پاٹھۍ) سَخ دُرژم۔ مُسلہٕ یُس خَرِ دالکہ پاٹھۍ دوٗر آسہِ۔

**خَرژم آسنی**۔ کانٛسہِ ہُنٛد نہٕ وہیُن۔ کچہِ کچہ نہٕ گژھُن۔ ڈٕمٹس نہٕ ریشنِزی گژھنہٕ۔

**خَرکرا بہِ تہٕ اَشناوی کیا**۔ لبن دیٚنس مَنٛز گژھنہِ رِشتہٕ داری اَننی۔ یٚتھ پٔننی پاٹھۍ گڈی زِ نتھ کو سہِ مِتھیٚ۔

**خَرکُر**۔ خَربچہ۔ (دورگہِ پاٹھۍ) بےشوٗر۔ رٔذیلہٕ بشُر۔

**خَرکیا زانہِ زافرانٛچ قَدر**۔ تَس مُتلق وَنان یُس پانہٕ وُسی پایہِ تہٕ نالگہِ نار آسہِ تَس کھَسہٕ نہٕ بیٚیِ سُند کھٕکھٕ نہٕ مَرتبہٕ ٹارِ۔ م: اوٗن کیاہٕ زانہِ زَگ تہٕ پرٛوٗن۔

**خَرکھاو**۔ ۱۔ خَرکھینہٕ وول۔ یُس خَرِ سُند ماز کھیٚیہِ۔ ۲۔ (دورگہِ پاٹھۍ) بدنام نہٕ بدکار۔ مَنڈ چھاونہٕ

آمت ۔ اڈی اڈی دژامت ۔

**خر کھاو کرن** ۔ منڈ چھاون ۔ بدنام کرن ۔ اڈی اڈی کڈن ۔

**خر کھاو گژھن** ۔ اڈی اڈی نیرن ۔ منڈ چھاونہ یِن ۔ بدنام گژھن ۔

**خر کھینہ خر کھاو** ۔ اتھ کرنہ روستے بدنام ۔

**خر والیو خرا موڈے لوٹ ہار کوڈے**

**انفس گیتھ** ۔ تس متلق ونان یس سیٹھا جکھ تہ زوزٹہ اما پوز فایدہ ییس نہ کینہ ۔

**خر وول** ۔ یس خرس بور لدتھ اور یور سلارنچ کام آسہ کران ۔

**خرہنگ تہ ووٹہ ژن** ۔ تلی گرنہ ین ، کھرنہ کھسن ، ہوٹنگہ ہنہ ۔

**خرہنگہ (ہنہ)** ۔ ۱۔ خرسنز ٹانگ (دنی) ۲۔ خر سند کی پاٹھی نہ پنن عادتہ بدمشن ۔ ہوٹنگہ ہنہ ۔

**خرہونگہ (ہنہ)** ۔ وچھو "خرہنگہ" ۔

**خر کھر** ۲ ۔ ۱۔ ہچو ژز لگل پوویس کھوازس لگان چھ ۔ ۲۔ ہچو زیوٹھ پوویس چھانس زنڈ وزبکار یوان چھ ۔

**خراب** ۔ [ن ۔ مول : خراب [ع : خراب = خرب کد] ۔ ۱۔ (چیز یا پرز بیتر) بگر ژومت یا گھنڈی پھٹو گومت ۔ نالگہ ہار ۔ ۲ (کام کار یا عادتھ بیتر) بد ۔ ناواجب ، ناکار ، بیچھ ۔ پہ نہ پزہ ۔ ۳ (کھینہ چیز بیتر) ہیومت ، ہوتمت یا مزہ بیتر کینہ بگر ژومت ۔ ۴۔ پننہ اصلی مزہ ، حالتہ یا شکلہ نشہ ڈولمت ۔ کھرون ۔ ویکھمت ۔ ۵ (شرکوٹ بیتر) کہ کارن کن لوگمت ۔ بدکار ۔ آوارہ ، دربدری ۔ ۶۔ (پونسہ ٹوٹھک بیتر) بے اعتباری پاٹھی خرچ ومت ، ٹوٹھول چیزن پیٹھ راوومت ۔ ۷۔ بدحال ، پریشان ، گیر گومت ۔

**خراب حال** ۔ مصیبت زدہ ۔ بدحال ۔ تباہ حال ۔

**خرابات** ۔ [ن ۔ مول : خرابات < ع : خرابات] ۔ ۱۔ شراب خانہ ۔ شرابہ چنیچ جاے ۔ ۲۔ ویران جاے ۔

**خراباتی** ۔ ۱۔ پننہ گرہ وجالہ کرن وول ۔ رفتہ تباہ ۔ ۲۔ ناکار ، بدکار ۔ ۳۔ شرابی یا چرسی ۔ ۴۔ زاری ۔

**خرابہ** ۔ گرداوری پیٹھ فصلک سہ حصہ ییس نوقصان قرار دنہ پیہ ۔

**خراج** ۔ [ن ۔ مول ، خراج < ع : خراج = خرج کد] ۔ باج ۔ حاکمس کن نارنہ آمت پونسہ ٹوٹک ۔ ٹیکس ۔

**خراج گذار** ۔ باج دنہ وول ۔ یس باج تارہ ۔

**خراجہ تحسین** ۔ کانسہ ہند رت پھرن ۔

**خراجہ عقیدت** ۔ کانسہ بزرگس بیتر آدرنہ ییزت کرنہ پژھو تہنڈی تاریف کرنی یا تس پیٹھ پننی پژھ ظاہر کرنی ۔

**خراد** ۔ [ن ۔ مول : خراد < ف : خراد] ۔ ۱۔ کھرن دنگ چرخ ۔ شراکہ بیتر تیز کرنک چرخ ۔ ۲۔ گول

جرخ یتھ بیٹھ تھند یا تماشہ بیتر بناونہ باپتھ لگہ چھ زالان۔ نوٗر کرِ چھانہ تھند جرخ۔ ۳۔ شٹیٹرس چوٗر کھارنہ باپتھ یا ژوٗر کرنہ خاطرٕ اکھ مشین۔

**خراش۔** ن۔ مٗول: خراش (ف: خراش (ع: خرش]۔ ۱۔ کھِہہ۔ کھش۔ کنہٕ تیز یا پیٹھِ دار چیز سیتی لوگمُت زل۔ ۲۔ (نزلہ سیتی) ہٹہ ٹ زلنیوٗن۔

**خرافات۔** ن۔ مٗول: خرافات (ع: خرافات]۔ کتھ یمن نہ ہٹہ ٹوٹ آسہ۔ یمن کتھن نہ کانہہ سٗود یا ساد آسہ۔

**خرانٹھ۔** ن۔ مٗول: خرانٹ (ہ: خرانٹ/کھرانٹ]۔ ۱۔ کنہٕ ترٛکر۔ یُس رانڈ آیس مُتنز آسہ۔ بُتھو پھیٖر۔ ۲۔ ژوٗتُر۔ چالاکھ۔ یُس نش نہ ژھل ژھدرِ چلہِ۔ پےٗ پرِ دکار۔ شاطر۔ زٕنانہ

**خرابی۔** ۱۔ خامی۔ نوٗقص۔ ۲۔ ویرانی۔ تباہی۔ وُجبہ ارگی۔ ۳۔ بدی۔ ناکارگی۔ بدکاری۔

**خرچ۔** ن۔ مٗول: خرچ (ف: خرچ]۔ ۱۔ پونسہ ٹانک۔ بیترِ یتھ کانہہ چیز مٗولہ ہیٚنہٕ ییہ یا یُس کُنہٕ کامہ بیتر پیٹھ لاگنہٕ ییہ۔ ۲۔ لاگتھ۔ ۳۔ (ورگہ پاٹھی) نقدٕ ٹنگہ مٗوزٗورس بیترِ ہِنز اجرتھ۔ موٗزوٗری۔

**خرچ بردار۔** یُس خرچ کرنہ باپتھ پونسہ ٹانک خوالہ آسہ۔

**خرچاوُن/خرچُن۔** خرچ کرُن۔ کُنہٕ چیزس پیٹھ لاگُن (پونسہ ٹانک یا بیٚیہ کانہہ چیز بیتر)۔

**خرچہ بُرُن۔** شرعہ دنہ دِنہٕ والی تھند یا پیش کرنہ پنہ والی تھند یا پتھ کمابر پونسہ بیتر عدالتس منز داخل کرُن۔

**خرچہ پاوُن۔** عدالتک مُقدمہ ہارن والس وُرس زینن والہ دُربیک مُقدمس پیٹھ خرچ گومُت رقم منٛز کھارُن یا ادا کرنک حکُم دیُن۔

**خربادام۔** بادامن ہُند اکھ قسم، امہ ذاتُ ہیندی بادام چھ ٹیٹھی آسان۔

**خربُز۔** ن۔ مٗول۔ خربز (ف: خربوزہ]۔ پارہ الہِ ہیُوہ اکھ کٔکرِ دار لیوٗدُر تہٕ ہوٗدُر میوہ۔

**خرپدور (پڑوپہ)** یُس بے گنڈ پاٹھی فوضول بکان آسہ۔ یُس نہ ٹکی پکی تھکلتے آسہ۔ دُرہڈرک۔

**خرپُڈر۔** اکھ میہوٗک ناو۔ اکھ قسمک ٹنگ۔

**خرتزیل۔** اکھ قسمچ جنگلی تزیل۔

**خرٹانچ۔** اکھ میہوٗک ناو۔ اکھ قسمچ ٹانچ۔

**کھرکھر۔** ن۔ مٗول: خرخر (آوازِ پیٹھ]۔ گرُس بیترِ کٹھ نک اکھ آوزار۔

**خرخر کرُن۔** منٛجھ بدارِ کرُن۔ ٹیچھ میٹھہ کرُن۔ پھر کرُن۔ وو ٹھ اُتُن۔

**خرخشہ۔** ن۔ مٗول: خرخش (ف: خرخشہ]۔ ۱۔ شور۔ کٹھ کرہ ناد۔ جنگہ جوٗش۔ ۲۔ پھُٹھ پھرا ٹہ سامانہٕ یُس اوٗسرِ لگو سرِ پاٹھو ڈہر نہ آسہ۔

**خرِسہہ** ۔ ا۔ سہہ سیٚنٛز شکلِ اکھ پۆش۔ ۲۔ زیبرا۔

**خرگر گچ** ۔ ن ۔ مۆل : خر گچ ‹ ف : خرخش ۔ ]۔
ا۔ ریٚر بائے تہٕ گرٛز کرِ ناد۔ ۲۔ چھٕپٕ چھرٛاٹہ ساماںٕہ ۔ نری کھری پاٹھر تھۆنہٕ آمتی چیز۔ خرخش۔

**خرگاہ** ۔ ن ۔ مۆل : خرگاہ ‹ ف : خرگاہ ]۔ ا۔ ایٚژ پاٹھۍ چھِ "خیمہِ خرگاہ" وَنان۔ خیمہٕ تہٕ تتھ سیٚتۍ باقی ساماںٕ بیتر۔ ۲۔ ( دورس منٛز ) شاہی کمپ۔

**خرگوش** ۔ ن ۔ مۆل : خرگوش ‹ ف : خرگوش ]۔ زیٚٹھۍ کن گرِتھ بڑٕ آرس کھۆنہٕ لۆکٹ اکھ ژ زۆنگ پۆش۔ یہِ چھُ سیٹھا تیز دوان۔

**خرمینگ** ۔ اکھ گاٹسک ناو۔ دپان یہِ گاسہٕ کھینہٕ سیٚتۍ چھُ اِنسان اورکہ یور وَنان۔

**خرمینگہٕ** ۔ سیٹھا بکواس۔ خوشکبتھ۔ دناسپر۔

**خزان** ۔ ن ۔ مۆل : خزان ‹ ف : خِزان ]۔ وہرادٕ رپٕنک مۆسم ۔ ہرد۔

**خزانہٕ** ۔ ن ۔ مۆل : خزان ‹ ع : خزانة ]۔ ا۔ سۆ جاے یۆتہٕ دیار تہٕ موٗلی چیز (خاصکرِتھ سرکاری) تھفاوِنہٕ چھِ یوان ۔ ٹرہ بجری۔ ۲۔ گنجینہٕ ۔ مۆحفوٗظ جاے یۆت ژۆرِ شُند اتھہٕ سٕہل واتہٕ نہٕ ۔ ۳۔ ڈیر۔ راش۔ سۆ جاے یۆتہٕ کانہہ چیز ووٗفر آسہِ۔

**خزانَس ٹھاپہٕ وتھۍ تراوٕنۍ** ۔ لۆکہ ہنٛدِ باپتھ یلہٕ پاٹھۍ دیار تھۆنۍ۔

**خزانچی** ۔ اسمہ خزانہٕ دار اپسر۔ خزانک (راچھ دار) افسر۔ ۲۔ کُنہِ ادارک سُہ عۆہدٕ دار یُس اتھہٕ رقم تھفاوِنہٕ پیہ۔

**خسارٕ** ۔ ن ۔ مۆل : خسار ‹ ع : خسارة ]۔ گاٹہٕ۔ نوٗقصان ۔ چھٕنہٕ ۔

**خسارس منٛز روزُن** ۔ دکارِ بارس منٛز گاٹہٕ پیوٚن ۔ نوٗقصان تُلُن ۔

**خسارٕ پاوُن** ۔ ترژہ حرکتہٕ کرِنی یمہِ سیٚتۍ دۆیمس دَدار واتہِ ۔ نوٗقصان کرناوُن ۔ گاٹہٕ وانُناوُن۔

**خسارٕ دیُن** ۔ چیٹٕ دِنۍ۔ چیٹۍ برِنۍ۔

**خستہٕ** ۔ ن ۔ مۆل : خست ‹ ف : خستہ ]۔ ا۔ یُس حالہِ بدگومُت آسہِ۔ پریشان۔ ۲۔ (کلچہٕ بیتر) ترٛوٚش ۔ یُس زیرِ سیٚتۍ پھُٹتھ ہیکہِ۔ بُسرکھ ہیوٚہ ۔ ۳۔ آوٕسیوٗمُت ۔ بِگرِ یومُت (مکانہٕ بیتر) ۔

**خستہٕ جگر** ۔ یُس دِل ہنٛدٕ رۆومُت آسہِ۔

**خستہٕ حال** ۔ پریشان۔ حالہِ حاران ۔

**خستہٕ حالی** ۔ حالہِ حارانی ۔

**خستہٕ کرُن** ۔ ا۔ کانٛسہِ ہنٛد دِل ہنٛد راوُن۔ ۲۔ ترٛوٚش بناوُن۔ یُتھ زیری پھُٹہِ (کلچہٕ بیتر)۔

**خستہٕ گژھُن** ۔ کمزور سپدُن۔ رِنُن ۔ آوٕسُن۔

**خسر** ۔ پیٹھۍ آری شُند سُہ فہرس یتھ اندر زمینہٕ ہنٛد رقبہٕ تہٕ قبضہٕ کاش بیتر ٹیکہٕ تفصیل درج چھِ آسان۔

**خَشِم۔** ن۔ مؤل : خشم ‹ف : خشم]۔ سخ ژکھ۔ غوصہ، شرارتھ۔

**خَشِم ناک۔** ژکھ ہوّت۔ شرارتہٕ ہوّت۔

**خَشخاش۔** ن۔ مؤل : خشخاش ‹ف : خشخاش]۔ اکہٕ پھلگ ناو ییٚمہٕ کِس گولرس اَفیِن کڈان چھہٕ۔

**خَشخاش پھلِس سوٚمب۔** (ورگیہٕ) سیٹھا لوکُٹ۔ یُس نہٕ مُجرا اَس زِنتھ ہیکہٕ۔

**خَشخاش گولُر۔** خشخاش کُلیُک ٹوٗپ۔

**خَصلَتھ۔** م : مؤل : خصلت ‹ع : خصلت = خصل کہ]۔ طبعی یِنگ روحجان۔ خوٗے۔ عادتھ۔ خُمیر۔

**خَصلَتھ ہاوٕنۍ۔** نیٚشتھ کینہہٕ کرُن ییٚمہٕ سیتۍ بد ذٲتِل ثُنۍ نیرِ۔ بدسوٗلوٗک کرُن۔ کمیٖنہٕ گی کرٕنۍ۔ ذاتھ ہاوٕنۍ۔

**خَضاب۔** ن۔ مؤل : خضاب ‹ع : خضاب = خضب کہ]۔ یُسمہٕ سۄ رنگ یُس ہیٚشس بیتر دِنہٕ یِوان چھُہ۔

**خَط۔** ن۔ مؤل : خط ‹ع : خط]۔ ۱۔ چِٹھۍ۔ پٕتُر۔ ۲۔ دسخط۔ لیکھنیچ ترٲے۔ ۳۔ ریکھ۔ نِشانہٕ۔ ۴۔ ژھوٚٹ ریلش۔ ۵۔ دارِ ہنز سۄ ریکھ ییٚمہٕ اَپور دٲر چھیٚنۍ کاسنہٕ یِوان۔ ۶۔ مۄ کجارُک لیکھ۔

**خَطِ اِستِوا۔** سۄ خیٲلی ریکھ یۄسہٕ زمیٖنس ڈٕچھنۍ کھوٚورۍ دوٚن برابر حِصَن منٛز بٲگران چھےٚ (جغرٲفی ہُنٛد لفظ)۔

**خَطِ نَسخ۔** ن۔ مؤل : خط نسخ ‹ع : خط + نسخ]۔ عربی لیکھن ترٲے۔ ییٚمہٕ طریقہٕ عربی لیکھنہٕ چھُہ یِوان۔

**خَطِ نَستعلیق۔** ن۔ مؤل : خطِ نستعلیق ‹ع : خط + نسخ + تعلیق۔]۔ فارسی لیکھن ترٲے۔ فارسی زبٲنۍ ہُنٛد خط۔ ییٚمہٕ طریقہٕ فارسی زبان لیکھنہٕ یِوان چھےٚ۔

**خَطِ کِتابَت۔** اورٕ یور چِٹھِ لیکھنہٕ۔ اکھ اَکِس کاکدس پیٹھ لیکھتھ خوش خبر سوزٕنۍ۔

**خَط پٕتُر۔** نامہٕ پٲغام۔ اورٕ یور چِٹھِ لیکھنہٕ۔ خطِ کِتابَت۔

**خَط تھاوُن۔** اِصلاح کرِتھ ژھوٚٹ ریلش تھاوُنۍ

**خَط دیُن۔** مۄ کجار دیُن۔ خُلع دیُن (زنانہٕ)۔

**خَطلہٕ وِزِ اَکھ خَط دوٚپنکھ سانٛین چھہٕ بَروٚنتھ۔** کڈنہٕ یِتھ تہٕ وُنۍ زِ مٮ۪ے چھُہ وُنہٕ پانَس تام۔ تہٕ ڈیِتھ گوٚ بجرکۍ دوٗر لاگُن۔

**خَطَرناکھ۔** مؤل : خطرناک ‹ع : خطر + ف : ناک]۔ ۱۔ یَتھ منٛز خطر آسہٕ۔ ییٚمہٕ سیتۍ کھوژُن پیہٕ۔ نابَتھ ناکھ۔ ۲۔ تہٕ یا سُہ ییٚمہٕ سیتۍ کانٛہہ ژُنڈ پِنگ اَندیشہٕ آسہٕ۔

**خَطا۔** ن۔ مؤل : خطا ‹ع : خطا]۔ راہ۔ غلطی۔ بِھرٕنۍ۔ اَتُر۔

**خَطاب۔** ن۔ مٔول : خطاب ⟨ع : خطاب۔ ]۔ سُہ لقب یُس کانٛسہٕ شخصَس سرکار بیترٕ دِیہِ۔

**خَطائے۔** م۔ مٔول : خَطاے ⟨ف : خطائی = ع: خطا کہ (مُلکُک ناو)۔ ]۔ ۱۔ اکہٕ قِسمُک خُتنہٕ مٔوٗدُر ژوچہٕ وٗور۔ ۲۔ اَکھ پوشہٕ ذانٛتھ۔ ۳۔ اَکہٕ قِسمِچ سبز چاے۔

**خَطرٕ / کھتہٕ (کَڈُن)** ۱۔ بےٚ کھٕتک بچھیرٕ سوارٕ لایَق کَرُن۔ ۲۔ کامہٕ اَہل بناوُن ہیٚچھناوُن۔

**خَطرٕ (کھتہٕ) وٕژامُت۔** ۱۔ سُہ بچھیر یُس سوارِ لایَق آسہٕ گومُت۔ ۲۔ کارُک واقف۔ یُس پوٗرٕ کام ہیٚچھِتھ آسہٕ۔

**خَطرٕ۔** ن۔ مٔول : خَطر ⟨ع : خطرۃ۔ ]۔ ڈٔر۔ اَندیشہ۔ بےٚ۔ خوف۔

**خَفہٕ۔** ن۔ مٔول : خَف ⟨ف : خَفہٕ ]۔ ناراض۔ ہِتھے ہیوٚہ۔ اوزٕرد۔

**خَفگی۔** ناراضگی۔ ہِتھے ہیوٚہ۔ اوُزردِگی۔

**خَفتہ۔** ⟨ع : "خَبط" لفظُک بِگار ]۔ وُچھِو "خَبط"۔

**خَلعتہ۔** ن۔ مٔول : خَلعت ⟨ع : خلعۃ۔ ]۔ ۱۔ بادشاہ رَخت۔ ۲۔ پلَو پوشاکھ بیترٕ یُس بادشاہ یا اَمیر یِنامہٕ پٔژھی کانٛسہٕ بخشان آسی۔ ۳۔ کھراز پلَو۔

**خَلعتہ گنٛڈٕنی۔** یِنامہٕ دِیُن۔ پوشاکھ بیترٕ یِنامہٕ رٔنگ دِیُن۔ یِزَتھ اَفزٲیی کرٕنی۔

**خَلعتہٕ شاہی۔** وُچھِو خَلعتہ لفظُک مانے ۱، ۲۔

**خَلَل۔** ن۔ مٔول : خَلَل ⟨ع : خَلل = خَل کہ ]۔ ۱۔ (اَکِس کامہٕ بیترٕ) روٗکاوٹ۔ رُکاوٹھ۔ گانٛگل۔ ۲۔ نوقص۔ خرٲبی۔

**خَلَل کَرُن۔** تھوتھہ کرٕنی۔

**خَلا۔** ن۔ مٔول : خَلا ⟨ع : خَلا : خلو کہ ]۔ ۱۔ شُنیہ۔ زیٖٹھ زیوٚٹھ فِضا یَتھ اَندر آفتاب، زُمین تہٕ باقے سِتارٕ بیترٕ موٗقو چھِہ۔ ۲۔ یتھ اَندر نہٕ کہیں تہٕ آسہٕ۔ یہٕ بِلکُل خٲلی آسہٕ۔ ژھہر۔ وٕشے۔

**خَلاباز۔** شُنِس مَنٛز وُڈٕو کَرن وول۔ یُس خَلاٲیی جہازَس مَنٛز سفر کرِ۔ شُنی سوار۔

**خَلاٲیی جہاز۔** شُنِس اَندر وُڈن وول اکہٕ خاص قِسمُک جہاز۔

**خَلاص۔** ن۔ مٔول : خلاص ⟨ع : خُلاص = خلص کہ ]۔ ۱۔ (اَکِس کامہٕ یا تکلیفہٕ بیترٕ نِشہٕ) بَری، آزاد۔ یَلہٕ، موکُل۔ ۲۔ پیٚٹھ مُژ۔ ۳۔ تَمہٕ وِزِ وَنان یلہٕ نہٕ موکلن پاے باسہٕ۔

**خَلاص گَرٕڑھُن۔** ۱۔ (وُرگہٕ پاٹھی) پرٕژُن۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھی) دُنی یا کیو دوہ کھو نِشہٕ موکجار لبُن۔ مرُن۔

**خَلاص موہر۔** ۱۔ سُہ چیٖنٛو سیٚزٕ یُس پرٕسوٕنہٕ زَنانہٕ آسایِشہٕ باپَتھ اَتھَس مَنٛز رٹان چھِنہٕ۔ سُہ تٲویزٕ یُس پرٕسوٕنہٕ زَنانہٕ آسایِشہٕ باپَتھ چوٗن چھِہ دِوان۔

**خَلاص وور۔** ۱۔ تحریر یا لیکھہٕ یُس گُرٕگیُن بیترٕ

کنن وول ٹلی ہینہٕ دٲلس دِوان چھُ۔ کاتھہٕ
چار ووے بیتر کینہہ ٹنگ رُسپد۔ ۲۔
تٲ وینہٕ یا بیتہٕ کاتھہ تتھ تھے چھنہٕ یُس تکلیف
کم گژھنہٕ باپتھ خلاص گژھُن واجنہٕ کرٕنہٕ
گنڈان یا اُنفس کیتھ دِوان چھُ۔

**خلاف** ۔ ن۔ مؤل: خلاف <ع: خلاف: خلف کہ]۔
۱۔ مخالفت کرن وول۔ بیون رائے تھون
وول۔ برخلاف۔ مخالف ۲۔ وُلٹہٕ۔ پھِرنہٕ۔
برعکس۔ اُدلہٕ بدل۔ ۳۔ مقابلہٕ۔ بتھہٕ۔

**خلافِ توقع، خلافِ توقواہ** ۔ یُس نہٕ ووہمید
آسہِ تی۔ [ پتھے کُنہٕ: خلافِ دستور،
خلافِ شرع بیتر]۔

**خلاف ورزی** ۔ عوّدوٗل حکمی۔ کُنہٕ حکمس یا
قونونس برخلافی۔

**خلافت** ۔ م۔ مؤل: خلافت <ع: خلافة]۔
۱۔ خلیفہٕ سُند عوہدٕ یا رو تبہٕ۔ ۲۔ تاپیب
آسُن (بادشاہ سُند یا پیٖغمبر سُند)۔

**خلاصی (دِنی)** ۔ م۔ مؤل: خلاصی <ع: خلاص]۔
(کامہٕ بیتر رنِشہٕ) موکجار (دِیُن)۔

**خلاصہٕ** ۔ ن۔ مؤل: خلاصہٕ <ف: خلاصی <ع:
خلاص]۔ ۱۔ خیمہٕ گنڈُن وول۔ یُس خیمہٕ
یا سایبانہٕ بیتر گنڈنس کام کران آسہِ۔
۲۔ سُہ ملازِم یُس نلکن آب تراونس یا
بند کرنس پیٹھ آسہِ یا یُس اُورسیرس
پلزان آسہِ۔

**خلائق** ۔ ن۔ مؤل: خلائق <ع: خلائق]۔
خلق لفظک جمع۔ خلقت۔ لُکھ۔

**خلق** ۔ ن۔ مؤل: خلق <ع: خلق]۔ ۱۔ لُکھ۔
۲۔ یِہ کینژھا پاٹھ کرنہٕ آو۔ ساری زُوداریہ۔

**خلقِ خدا** ۔ خدایہ سُنز پاداِیش۔ لُکھ۔
خلقت۔

**خلقت** ۔ م۔ مؤل: خلقت <ع: خلقة]۔
لُکھ۔ سیٹھا لُکھ۔ سکیہ اُرساتھ۔

**خلوت** ۔ ن۔ مؤل: خلوت <ع: خلوة]۔ ۱۔ کُنہٕ
زُون آسُن۔ خلوکھ۔ ۲۔ سو جاے ییٚتہٕ
کانٛہہ کُنہٕ زُون آسہِ۔

**خلوکھ** ۔ ن۔ مؤل: خلوک <ع: خلوة = خلوکہ]۔
اُکس بیٚیس تِش، دُور تہٕ بِدُون۔ تنہا،
لُوب پاٹھ۔ اندکُن۔

**خم** ۔ ن۔ مؤل: خم <ف: خم]۔ ڈوکھ۔
ہنجر۔

**خم اٹُن** ۔ ڈوکھ اٹُن۔ ہوٗل گژھُن۔

**خم دار** ۔ یتھ ڈوکھ ژامُت آسہِ۔ ہوٗل۔

**خم کڈُن** ۔ ڈوکھ ژلراوُن۔

**خم کرُن** ۔ نوٚمراوُن۔

**خنجر** ۔ ن۔ مؤل: خنجر <ع: خنجر]۔ اَکہٕ
قسمُک چھُری یا تلوار۔

**خنجری** ۔ م۔ مؤل: خنجری <ف: خنجری]۔ ۱۔
ریشمس چھیٚتہٕ تراوُنک اَکھ طریقہٕ۔ ۲۔ اَکہٕ
قسمُک چھیٚتہٕ ریشم۔

**خنجرٕ پُشٕٹھ** - چھٹہِ رٕشمس بٹٲوِ تھ دکھراوِ باپتھ) پُشٕٹھ۔

**خنجرٕ وانکہِ** - وانکہِ پارنک اَکھ طریقہٕ۔ مَنتس وانکہ کرنچ اَکھ چال۔ (اَمہِ طریقہٕ آسہِ حافظہِ بیتر وانکہِ پاران)۔

**خندق** - ن۔ مُول: خندق (ع: خندق)۔ کھٕ زمینس کھننہٕ آمُت سٔرون تہٕ کھول دوٚب یتہٕ اَندر جنگہٕ وِزِ فوجی سپاہ گولیو نِشہِ بچنہٕ باپتھ یا ہوٲئی حملہٕ وِزِ چھ رٕہان۔ قلس یا شہرس چِر قلایہ آندٕ آندٕ بچاوِ باپتھ کھننہٕ آمُت کھج تہٕ مُستی کھے رٕہش۔

**خند** - ن۔ مُول: خند (ف: خنده)۔ ہیڈنہٕ گیسلنہٕ کنہ کانسہِ پیٹھ اَسُن، ٹیپھ تہٕ ٹانٹہٕ۔

**خند کرٕنی** - ۱۔ ہیڈٕنہٕ کنہ کانسہِ پیٹھ اَسُن ترٲوُن۔ ٹانٹہٕ کرٕنی۔ ٹیپھ ژٹنی۔ ۲۔ بیۓ سُند کورمُت کار فکرٕ نہٕ کھسُن۔

**خواز / کھوازٕ** - لدٲوِ باپتھ کھارنہٕ آمُت کرین تہٕ پچین ہُنڈ ڈانشہٕ یتھ پیٹھ رٔوزِتھ چھان یا ڈسل تھزرس تہٕ کام چھ کران۔

**خیال** - ن۔ مُول: خیال (ع: خیال بہٕ خیل کہٕ)۔ ۱۔ سوچ۔ مَنس اَندر کانہہ چیز بھرُن۔ ۲۔ کانسہِ ہنز فکر۔ پاس۔ ہٕشر۔ ۳۔ حس۔ دیان۔ ۴۔ راے۔ ۵۔ بزم۔ وہم: تم چھی خیال۔ ۶۔ نظر گُذر۔

**خیالات** - "خیال" لفظک جمع۔

**خیالِ خام** - بزاتھنی۔ اَپزٕ دایہٕ۔

**خیال تھاوُن** - ۱۔ (کانہہ کتھ) ژہ تس تھاونی۔ ۲۔ حس تھاوُن۔ ۳۔ نظر گُذر تھاونی

**خیال روزُن** - ۱۔ کل آسنی۔ پوٚت فکر روزٕنی ۲۔ (کانسہِ ہُند) دیان روزُن۔ (کُنہ کنہ) حس روزُن۔ ۳۔ پاس آسُن۔

**خیال کرُن** - اَنداز کرُن۔ پانہٕ جایہٕ سوچُن۔

**خیال ہُن** - (کانہہ کتھ یا واقہٕ) ژہنس پیوٚن۔ (کُنہ کِس) نظرن گژھُن۔ دیان پیوٚن۔

**خیانت** - م۔ مُول: خیانت (ع: خیانۃ)۔ ۱۔ اَمانتس ہیر پھیر کرُن ۲۔ بدنیتی۔ دغا۔

**خیٲلی** - بہٕ مُول: خیٲلی (ع: خیال)۔ یتھ نہٕ کانہہ مادی ہُنی یاد آسہِ۔

**خیٲلی پلاو** - نہٕ یژھن بہٕ نہٕ بنٕنی آسہِ۔

**خاب** - ن۔ مُول: خاب (ف: خواب)۔ ۱۔ یرکینٕژھا انسان نیندرِ منز وُچھہِ۔ سوپُن۔ ۲۔ یہٕ نہٕ سہل سہل بنتھ ہیکہِ۔ یہ محال آسہِ۔ ناممکن۔ ۳۔ نہ بنہٕ وُن۔ نایاب۔ ۴۔ نیندرِ

**خابس منز تہٕ نہٕ وُچھُن** - ۱۔ نایاب آسُن یُس سہل نہٕ دستیاب سپدِتھ ہیکُن۔ نہٕ بنٕنی آسُن۔ ۲۔ سیٹھا موٗل تہٕ قدر پایک آسُن۔ رم: یُتھ موہنیو وُچھ زین نہٕ خابس منز۔

**خابِ خرگوش** - ۱۔ غفلتچ نیندرٕ۔ ۲۔ سیٹھاہے لاپرواہی۔

**خابِ غفلتھ** - غفلتچ نیندر۔ بے خبری۔ نیندرِ رٔشکس۔

خابِ خیال - گُمان۔
خاب آسُن - نایاب آسُن ۔ کُنہِ کُنہِ نظرِ گژھن۔
م: ینتھ اِنسان چھ ووٚنی خاب۔
خاب ڈٲلِتھ، وُچھن۔ نێندرِ اَندر کێنہہ وُچھن ۔ سوٚپُن وُچھن۔
خاب گژھن - (دورگر) نایاب گژھن ۔ سہل سہل نہ دستیاب سپدِتھ ہیکُن۔ نابوٗد گژھن ۔
خابَن تہٕ آمت آسُن ۔ کانٛسہِ (زبد شخص) متعلق نہ بلکلیہ زان آسُن۔
خابٕ ہُن - خابس اَندرٕ ہُن۔ خابس اندر بوزنہ۔
خاتمُ الانبیا - (ع: خاتم الانبیا]۔
آخری نبی۔ حضرتِ محمد صلعم بُن لقب۔ آنحضرتؐ وَنان تہٕ کیا زِ تِمن پتہٕ یا پێنٹھو ہیکہِ نہ کانٛہہ نبی اَستھ۔
خاتمُ المرسلین ۔ ساری نے مرسلن پتہٕ آمُت۔
خلجِ خضر - (خواجہ خضر)۔ اَکس مشہور پیغمبر سُند ناو۔
خاجے زمان ۔ دَقتُک خوجہ۔ ناماوار۔ آسن وول۔
خاجہ سرا - ن - مؤل - خاجہ سرا (ف: خواجہ + سرا]۔
یِسہٕ گوٗری یا لاٹرٕھ بیتھر یم بادشاہ سندِس محلہٕ خانس اَندر گرٕ کام بیتھرِ کرنس پیٹھ آسان آسہ۔
خار ۱ - ن - مؤل: خار (ف: خوار] - ۱۔ ذٔلیل۔ رُسوا ۔ ۲- پریشان حال ۔ تباہ حال ۔

۳- آوار - دربدر۔
خار گژھن - ۱- تباہ گژھن (کانٛسہِ یا کُنہِ چیز) پریشان گژھن ۔ ۲- آوار گژھن ۔ دَر بدر گژھن ۔
خار ۲ - ن - مؤل : خار (ف : خار] - کونٛڈ۔
خارِ خس - ژھوٹھ بیتھر۔ خرخشہٕ ۔ کوٗڈ۔
خار زار - یتھ جایہِ وار یاہ کنڈی دوچھ آسن۔
خارِجہ - مُلکہٕ کین نێبرِمین اۆمورن مُتعلق (شوبہ)۔
خارٕ / خارٕ خارٕ - ن - مؤل : خار (ف :خار] ۔۱ کٹکھ ۔ تلخہٕ ۔ آرگور۔ ۲- کھژوو ۔ شر ۔ اَمار ۔ ۳- آزرُون - کانٛسہِ ہٕندِ اَندری دُزن ہ جند
خارِ بازی - (اور یور) کینہہ۔
خارِ تُلُن ۔ دُشمنُت کرُن۔
خارِ روٗزن ۔ کینہہ روزُن ۔ کانہِ تل روزُن۔
خاستگاری - زارِ پارٕ کرِتھ کینہہ منگُن۔
خاص ۔ ن - مؤل : خاص (ع : خاص ۔ خص کر]۔
۱- کُنہ اَلگ صفتہٕ کُنہ ساریٕ نے نِشہِ ہیوٚن۔ کُنہ بیوٚن خاصیت کُنہ زیادٕ توجہ دِنس لایق۔ یتھ اَندر کانٛہہ اَلگ خاصو صیتھ آسہِ۔
۲- کُنہ گنڈتھ کامہِ باپتھ ژارنہٕ یا بناونہٕ آمُت - ۳- کانٛسہِ سُند ذاتی، پننہٕ نو اَندرٕ - ۴ - ژ آرتھ کوڈمُت۔
خاصُل خاص - ساری نے سرس - ساری نے تھوٚد ۔ ساریو وۍ کھوتہٕ خاص۔
خاص خاص - لازِم دَر دیژھو بیتھرِ) کانٛہہ کانٛہہ ژھونٛڈ

**خاص گرِتھ** ۔ ۱۔ ژُرری پٲٹھۍ۔ یژٕ پٲٹھۍ۔ ۲۔ کُنہِ گَنٛڈِتھ خاصیٚژر کنو ۔ کُنہِ اَلگ صِفتہٕ مۆجوب۔

**خاصیہٕ ۱** ۔ ن ۔ مۆل : خاص > ع : خاصة ]۔۱۔ پُرٕ اَکھ زآدٕیُل سۆتی کیپُر۔ مُلمُلہِ کیپُر۔ ۲۔ خاصیہ کیپرِچ پوٗژ۔

**خاصیہٕ ۲** ۔ ن ۔ مۆل : خاص > ع : خاص = خص کہ ]۔ وُچھو "خاص"۔

**خاصیہٕ پٲٹھۍ** ۔ جان پٲٹھۍ شیرِتھ تہٕ ہیرِتھ ۔

**خاصیہٕ مۆہٕنیو** ۔ یُس پرٛتھ رٔنگہٕ شۆبہٕ دار آسہِ۔

**خاصیہٕ بَردار** ۔ ن ۔ مۆل : خاصیہ بَردار [ ف : خاص بَردار]۔ برٛونٛہہ وٲلۍ۔ پادشاہَس یا اُمیرَس بیٚنٛترِ سوارِ برٛونٛہہ بٔرونٛہہ پَکَن وٲلۍ۔

**خاقان** ۔ ن ۔ مۆل : خاقان > ترکی/ف : خاقان]۔ چیٖن تہٕ تُرکستان کیٚن پرٛانیٚن پادشاہَن ہُنٛد لَقب۔

**خاکہِ شِفا** ۔ ن ۔ مۆل ، خاکہِ شِفَ > ف : خاک + ع : شِفا]۔ کُنہِ اَستانہٕ بیٚترِچ میٚژٕ یوسہٕ بیمار بیٚترِ پانَس مَنفان چھہٕ زِ اَمہِ سیٚتۍ گژھن سٲری وادٕ دوٗر ۔

**خاکہٕ** ۔ ن ۔ مۆل ، خاک > ف : خاکہ ]۔ ۱۔ حَدبَنٛدی ہُنٛد نَقشہٕ ۲۔ ٹھَپہٕ۔ ڈِزاآن۔ آکار۔ ۳۔ کُنہِ کِتابہِ بیٚترِ ہُنٛد ژھوٚٹ۔

**خاکہِ ترٛاوُن** ۔ نَقشہٕ تَمام کَرنہٕ برٛونٛہہ یا تَلہٕ بیٚترِ چھاوتہٕ برٛونٛہہ پَلوس یا بیٚہہ کُنہِ چیٖزَس نِشانہٕ یا پیٚنہِ ٹھَپہٕ ترٛاوُن ۔ چھانچھہ ترٛاوُن ۔ ڈِزاآن کھارُن ۔ آکار بَناوُن ۔

**خاکروب** ۔ ن ۔ مۆل : خاکروب > ف : خاکروب ]۔ لَرٕہ ڈُوٗن وول ۔ صَفٲیی کَرن وول ۔ واتُل ۔

**خاکسار** ۔ مۆل : خاکسار > ف : خاک سار ]۔ حَقیٖر، یُس نہٕ کانٛہہ بَجر یا بَڑٕہمی آسہِ ۔ یہ چھہٕ ہَژَر ہاوَنہٕ خٲطرٕ پانَس وَنان ۔

**خاکسٲری** ۔ ہَژَر ۔ اِنکسٲری ۔ عٲجزی ۔

**خاکھ** ۔ م ۔ مۆل : خاک > ف : خاک ]۔ ۱۔ میٚژ ۔ گَرد ۔ لَرٕہ ۔ سۆر ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پٲٹھۍ) شِکَس ۔ ذِلَت ۔ تَبٲہی ۔

**خاکَس پیٹھ بِہُن** ۔ (مٲلی لِحاظہِ) تَباہ گَژھُن ۔ گُذارٕ نہٕ روزُن ۔ صۆرَتھ نہٕ روزٕنۍ ۔

**خاکَس پیٹھ بیٖہناوُن** ۔ تَباہ کَرُن ۔ کانٛہہ صۆرَتھ نہٕ تھَوٕنۍ ۔

**خاکَس پیوٚن** ۔ بِلکُل غَریب گَژھُن ۔ شَب کَدِ شام نہٕ روزُن ۔ گُذارٕچ کانٛہہ شَبیل نہٕ روزٕنۍ ۔ لَرٕہ گَژھُن ۔ میٚژِ سیٚتۍ میلُن ۔

**خاکَس سیٚتۍ رَلاوُن / مِلناوُن** ۔ پَتھر پاوُن ۔ کُنہِ لایق نہٕ تھَاوُن ۔

**خاکَس سیٚتۍ رَلُن ، میلُن** ۔ سیٚٹھا غَریب گَژھُن ۔ کُنہِ نہٕ کینٛہہ روزُن ۔ تَباہ تہٕ بَرباد گَژھُن ۔ ذَلیل گَژھُن ۔

**خاکہِ بِہُن** ۔ تَباہ گَژھُن ۔

**خاکہِ پا** ۔ کھورَن تَل (وَرگہٕ پٲٹھۍ) نوکر ۔ غُلام ۔ (یہ چھہٕ یژٕ پٲٹھۍ ہَژَر بیٚترِ ہاوَنہٕ پرٛژھی وَنان) ۔

**خاکہ سیاہ**۔ (اورگہ) کھینہ نہ۔ نوننہ۔

**خاکہ بسر / خاکہ بسر (گژھن)** ر (اورگہ) پریشان پراکندہ، حاران، دربدر (گژھن)۔

**خاکہ ترپیہ**۔ کھینہ نہ۔ رژھہ تہ نہ۔

**خاکہ دامٲنی**۔ ۱۔ میٹر مری تراونہ، ییمہ چھو تیلہ گران ییلہ ینسین پیٹھ ژور ہند شکھ آسہ نہ یتھ زن ہم ژور نبیوومت چیز میٹر سپتر کنہ کھنٹھ جایہ تراون یتھ نہ ژورس ننبر گژھہ۔ ۲۔ کاتسہ مکینہ سند بایتھ چندہ سومبراون۔

**خاکہ کرنی**۔ تباہ کرن۔

**خاکہ کڈنی**۔ کانہہ صورتھ نہ تھوونی۔

**خاکہ گژھنی**۔ ۱۔ ڈاکھ گژھن۔ تباہ گژھن۔ ۲۔ رسوایی گژھنی۔

**خاکہ نشین**۔ ہژرلد۔ شہ یس نہ تکبر آسہ۔

**خاکہ نشینی**۔ ہژر۔ عاجزی۔

**خاکہ نبرنی**۔ سپٹھا پریشان گژھن۔ تباہ گژھن۔

**خاکہ وڈنی**۔ کھیں نہ روزن۔ تباہ تہ بوربادگژھن۔

**خال ع۱**۔ ن۔ مؤل: خال (ع: خال = تمول / خیل کہ)۔ ۱۔ لکھیون۔ ۲۔ سورمہ تچہ بیتر سپتی بتھس پیٹھ تراونہ آمت لکھیون ہیوہ کرہن داغ۔ ٹکھ۔ ۳۔ نشانہ یس گپنن بیتر بلکہ کڈنہ موکھہ یہ تراوان۔

**خال تراون**۔ ۱۔ نشانہ تراون۔ آکھ تھوون یتھ پرزناونس منز سہولت سپدہ۔ ۲۔ بتھس سورمہ یا مپلہ بیتر سیتی نشانہ تراون۔

**خال دار**۔ ۱۔ نشانہ وول۔ یس کنہ چیزہ یا نشانہ کنی پرزناونہ پیہ۔ ۲۔ شہ گریٹیس گلوانہ سند خاص قسمک نشانہ تراوتھ آسہ۔

**خال ڈالن**۔ گلوانس یا ژورسند ژورانڈ بتس چار وایس پیٹھ ون نشانہ ڈالتھ نوو نشانہ تراون۔

**خال وچھن**۔ گرس گپنس بیتر تھوومت نشانہ وونہ کڈن۔

**خال ع۲**۔ مؤل: خال (ع: خال)۔ ۱۔ زانہہ کالی۔ شاذ۔ کنہ وقتہ۔ ۲۔ سپٹھا کم۔ کنہ کنہ۔ ۳۔ کانہہ کانہہ۔

**خال خالے**۔ ۱۔ منزرکنہ وزہ۔ باضے۔ کنہ ساتہ۔ پژنھ وزہ نہ۔ ۲۔ منزہ کانہہ۔ ساری نہ۔

**خام**۔ ن۔ مؤل: خام (ف: خام)۔ ۱۔ کوچ۔ اوم۔ ییمہ نہ پکیوومت آسہ۔ ییمہ تہ پوختہ آسہ۔ ۲۔ (دوہ بیتر) اکور یا ازوو۔ ۳۔ ییمہ نہ درنتھ ہینکہ۔ ییمہ نہ درییومت آسہ۔ ۴۔ ییمہ نے۔ پاکہ اتھ نے۔ ۵۔ اصل

میٖٹھر یا وَٹھ) اَصلہٕ کھوتہٕ کَم ۔ کاشُر وَٹھ یا میٖٹھر۔ ٦۔ (عیال بیتَرِ) واٗنٛسہِ کنو لوکٕٹ۔ لوکٕٹین لوکٕٹین شُرِن ہُند (عیال) ۔ ٧۔ (کام کار بیتَرِ) اَڈلیوٗک، پوٗرٕ نہٕ سپُدمُت ۔ نامکمل ۔ ٨۔ یُس لوٗتُر لاگہِ ۔ یُس ڈوٗسی پایہِ لاگہِ ۔ ٩۔ آچھُر ۔ ناتجربہٕ کار۔ یُس نہٕ پے پُرٕ دِکار آسہِ ۔ اَڈٕ ہیٚچھل ۔ ١٠۔ نیٖصف ۔ رَم : خام روٗپے ۔

**خامَس نَم دِیُن** ۔ (دوٗرگہٕ) تیار گژھنہٕ برٛونٛٹھے کُنہِ چیٖزَس سیٚتی سیٖنہٕ دِنہٕ ۔ بےٚ تاب لاگُن ۔

**خام پاٗنسہٕ** ۔ اَکھ پٔرٛون کاشُر ضرب ۔ (دوٗرگہٕ پاٹھی) سیٚٹھا کَم ۔

**خام نَب** ۔ پوٗرٕ پاٹھی نہٕ ووٚتھمُت تَب ۔

**خام تیٖپل** ۔ اَکوٗرنیپل ۔ وارٕ پاٹھی نہٕ کارنہٕ آمُت تیٖپل ۔

**خام خیال** ۔ تحقیق یِژھ ۔ تہٕ یِژھُن یِہ نہٕ سپار نتہٕ ہیٚکہٕ ۔ تہٕ یِہ نہٕ بنِتھ ہیٚکہِ ۔ پرٛوٗنت وٕہمہٕ ۔ گمانہٕ ۔

**خام روٗپے** ۔ پرٛانی کاشُر روٗپے ۔ یوسہٕ اَزٕکین اَٹھن آنن برابَر آس ۔ اَڈٕ روٗپے ۔

**خام سیر** ۔ پٔیٹھے سیر ۔ سیر یوسہٕ نہٕ (کونٛدرٕ مَنز) پٔیٹھ آسہِ آمُت ۔

**خام سیر** ۔ اَکھ کوٗشُر وَٹھ یُس اَنگریزی وَٹھ کھوتہٕ وزنہٕ کنہِ کَم چھُ آسان ۔ ساڈٕ ژٕ واہ چھٹانگ وَزَن ۔

**خام طَمع** ۔ یُس سخ طَمع آسہِ ۔ لالچی ۔

**خام طَمع تہٕ اَپٕزی یور** ۔ لالچی چھُ یِژ پاٹھی بدنیٖت آسان ۔

**خام عیال** ۔ تِم شُری مُری یِم وُنہٕ آسن ماجہِ پیٛٹھے آسن ۔ نابالغ تہٕ نہٕ زہینہٕ وٕنی شُری مُری ۔

**خامکار** ۔ یُس کام کار پوٗرٕ پاٹھی نگان آسہِ نہٕ ۔ یُس نہٕ کارِچ پوٗرٕ زان آسہِ ۔

**خام کونٛدٕ** ۔ ١۔ سُہ کونٛدٕ یوسہٕ کھٔرِ ہِژ آسہِ نہٕ ۔ ٢۔ (دوٗرگہٕ پاٹھی) خام عیال ۔

**خامہٕ** ن ۔ موٗل : خام <ف : خام ] ۔ سیٖمٹھ رسلیب بیترِ ژاونہٕ خاطرٕ بناونہٕ آمُت پچھن ہُند کوٚچ ساشچہٕ ہیوٗہ یُس مصالہٕ سیٚٹھا گژھنہٕ پتہٕ کڈنہٕ چھُ یِوان ۔

**خامخواہ** ۔ موٗل : خامخاہ <ف : خواہ مخواہ ] ۔ حقہٕ ناحقہٕ ۔ اَکھتہٕ ۔ بلی ۔ ہنگہٕ تہٕ منگس پیٹھ ۔ کُنہِ وجہ ورٲے ۔

**خاموش** ۔ موٗل : خاموش <ف ۔ خاموش ] ۔ ١۔ ژھوپہٕ ۔ ٢۔ ژھوپہٕ دَم کٔرِتھ ۔ یُس ژھوپہٕ کٔرِتھ آسہِ ۔

**خاموشی** ۔ ژھوپہٕ ۔ شور شَر نہٕ بلکُل آسُن کانٛہہ ہِیر گرٕ نہٕ آسُن ۔

**خان عا** ن ۔ موٗل : خان <ف : خان ] ۔ ١۔ اَکھ لقب ۔ ٢۔ اَکھ کرٛام یوسہٕ یِژ پاٹھی پٹھان تھاوان چھِ ۔ ٣۔ کاشری پاٹھی چھِ گُجرِس تہٕ ونان ۔

**خان ع۲ (خوان)** ۔ ن ۔ مؤل : خان <ف : خوان]۔
۱۔ مجمہ ۔ طبیٖخ ۔ بوٚڈ تھال ہیٚکہ ۔ ۲۔ تھوچنہٕ
دُرٕژ مٔژن ہِنیا فٔژن ہُنٛد یا ہیوٚ مِٹھاین
ہٕنٛدی)۔

**خانہٕ ژوچر** ۔ بجہِ فرمٲیشی ژوٚچہِ یِمہٕ کھانٛدرس
کھوٚنٛدرس یا کُنہِ خوشی بیتر پیٚٹھ سوٚزنہٕ
ساہٕنٛی اَکھ اَکِس چھ سوزان۔

**خان بڑا خان بڑا مٕنز باگ چھس ژوٚٹ** (ادا)۔
۱۔ تمہٕ وِزِ وَنان یێلِہ وٕہ سہٕ دٕژ وٕہ سہٕ آسہٕ
سٕہٕٹھا اَما پوز خرچا برچا موٚ حقیرے۔ ژھری پیٚٹھ
ٹلو وٕہ سہٕ دٕژ وٕہ سہٕ آسہٕ ۔ ژھوٚرُے ہاو باو۔
۲۔ تیٚلہِ تہٕ وَنان یێلہِ کانٛسہٕ ناو تھوٚد آسہٕ
تہٕ تلہٕ کُنہِ آسہٕ ژھوٚرُے ۔ مُ : ناو تھوٚد
تہٕ نٔسترِ زوٚد۔

**خان پوش** ۔ خانٛک سرپوش۔

**خانے خدا** ۔ ۱۔ خدایہٕ سُنٛد گرٕ ، تہٕ ڈیٚتھ گوٚ مکہِ
شریف یتہٕ خانے کعبہٕ چھُ ۔ ۲۔ مسجد ، استان بیتر۔

**خانہٕ** ۔ ن ۔ مؤل ۔ خان <ف ، خانہ]۔
۱۔ گرٕ تہٕ گرٕکی بٲژ بیتر ۔ ۲۔ ڈٕبس صوٚنٛدوٗقس
یا المارِ بیتر بیوٚن بیوٚن گنٛڈ تہٕ آہتی حصہٕ
یا طاق ۔ (میزک بیتر) دراز ۔ ۳۔ شطرنج
پٹیک ژُکوٚژُل نشانہٕ یتھ اَنٛدر موٚہرٕ چھِ
وٕہ دنی آسان ۔ ۴۔ [illegible] ، کیٚرِس ، ژھٔرِس
یا بیٚیہِ کُنہِ چیٖز [illegible] آمت
ژُکوٚژُل نشانہٕ ۔ ۵۔ کانٛہہ چیٖز تھوٚنہٕ باپتھ
یا کُنہِ خاص کامہِ خاطرٕ مُقرر کرنہٕ آمژ جاے ۔ م :
کتب خانہٕ ، شراب خانہٕ ۔ ۶۔ سو جاے یتہِ
کانٛہہ دفتر چلاونہٕ یِیہِ ۔ م : ڈاک خانہٕ۔

**خانہٕ بدوش** ۔ ۱۔ یُس گرٕ ٹیک ٹیرٕ ڈیٚگرٕ تہٕ لوٚہ
لشکر ہیتھ اَکہِ جایہِ پیٚٹھ بیٚیِس جایہِ پھیران
آسہِ ۔ یُس نہٕ کُنہِ جایہِ کانٛہہ مُستقِل ٹھکانہٕ
آسہِ ۔ یُس کلس پیٚٹھ ڈیرٕ ہیتھ پھیران آسہِ۔
۲۔ آوارہٕ ۔ دربدری ۔ وتہٕ وتہٕ پھیرن وول۔
وِنہٕ راوُل ۔ مُ : کلو فقیر۔

**خانہٕ جاداد** ۔ گرٕ ویٹھ۔

**خانہٕ جنگی** ۔ گرٕ لڑاے ۔ گرٕ فساد ۔ گرٕکین
باژن ہٕنٛز پانہٕ وٲنی ہرٕ برٕ نیایہٕ نیاے۔

**خانہٕ خراب** ۔ یُس گرٕ بار رووُمت آسہِ ۔ یُس
نہٕ کیہیں تہٕ آسہِ رووُمت ۔ دربدری لد۔

**خانہٕ دار** ۔ ۱۔ گرٕک مٲلِکھ ۔ گرٕ وول ۔ گرٕک
زیٹھ ۔ ۲۔ روٗن ۔ برحقا ۔ م : خانہٕ دارینی۔

**خانہٕ داماد** ۔ گرٕ زامترٕ ۔ گرٕ پیٚٹھ اوٚنمُت زامترٕ۔

**خانہٕ داری** ۔ گرٕک لوٚہ لشکر چلاوُن ۔ خانہٕ دارِ
ہٕنٛز کام ۔ گرٕ گرٕ ہستہٕ۔

**خانہٕ دو ختر** ۔ سو کوٗرٕ یُس گرٕ پیٚٹھ اوٚنمُت
آسِہ کہ ، یوس نہٕ اَنٛد آسہِ آمژ کڈنہٕ۔

**خانگی** ۔ گرٕکلی۔

**خانہٕ ماجر** ۔ کھا کھا ۔ ژوٚرٹا ٹھینیار (شُرِس بیترِ)۔
شُرِس ٹوٹھ آسنہٕ کِنی لوٚہ لہٕ مَتہٕ لاے ۔ ٹوٹھ
آسنہٕ کِنی سٕتھوی سٕتھر پزتھ کانٛہہ کتھ مانٛنی۔

شُر نکھَس کھالُن۔

**خانہٕ ماجَر کرُن** ۔ کھاکھا کرُن۔ ژۆرِ ٹاٹھنیار کرُن۔ خدکھو تہٕ زیادِ ماے برِنٛ۔ بیٛیمہِ سیٖتی شُر وَتہٕ ڈٲلِہ۔ (شُر) نکھَس کھارُن۔

**خانہٕ ماجَر گژھُن** ۔ زیادِ ٹاٹھنیار کیٛنٛز دکانہٕ شُر نکھَس کھسُن، خراب گژھُن۔

**خانہٕ ماجِن متانہٕ باگے** ۔ نہٕ دِیہِتھ گۆر کاتٛژا تہٕ خانہٕ ماج آسی تَن تَس چھُ جورِ پیٛنہٕ نی قِسمتہٕ یوان۔ خانہٕ ماجرِ نے چھِ بِہتھ تہٕ تِتھی خانہٕ دار باگہِ یوان۔

**خانہٕ مالِین چھِنے آنہٕ مانے گژھان** ۔ تمہِ وِزِ دَنہٕ یوان ییٚلہِ خوٚنہٕ سیٖتی ژٕچھہِ ہتین شُرین سگُنہٕ بیٚہتہٕ کیٛنٛزبے قدری چھِنے گژھان۔

**خانہٕ مالِین نہٕ کوج تہٕ پردین رِمُشر** ۔ نہٕ آسنَس منٛز پیٚنٛز مُشر آوِتھ بیٛین، ہُمار دود ہیٚون۔

**خانہٕ عاج** ۔ یُس ٹاٹھنیار سان رٕچھنہٕ ہیہ۔

**خانہٕ مول** ۔ (ل۔م)۔ گرٕ ٹیک زیٹھ۔ گرک مول۔ تہٕ دِیہِتھ گۆ نیٚیچوٚیس سارۍ بٲژ لوٚلہِ منٛہٕ لاے آسن کران۔ ٹوٹھ ہیوٚہ نیٚیچوٚ یا رِشتہٕ دار۔

**خانہٕ نِشین** ۔ کۆرِ یس گرِ بیٚہِتھ اوٚنمُت آسہِ۔ یَس کورِ خانہٕ دار گرِ بیٚہِتھی آسہِ۔

**خانہٕ واد** ۔ ۱۔ (ایکِ جُدی) واریاہ گرٕ۔ ۲۔ خاندان۔ ۳۔ (وۄرگہٕ پاٹھی) نَھوٚد خاندان۔

**خانہٕ وٲرٲنی** ۔ ۱۔ گرٕ وٲران گژھُن۔ وُجارِگی۔ ۲۔ (وۄرگہٕ پاٹھی) خانہٕ دارِ بیٚنی مرنہٕ کیٛنٛز گرِچ تباہی۔

**خانہٕ وُجاری گژھنی** ۔ گرٕ تباہ گژھُن (نارِ، مارِ یا ژۆرِ بیترِ سیٖتی)۔

**خانقاہ** ۔ ن/م۔ ہوٗا؛ خانقاہ <ف؛ خانہ + گاہ / ع: خانقاہ]۔ ۱۔ اَستان۔ کانٛسہِ بُزرگہٕ سٕنٛز جاے۔ زِیارتھ۔ ۲۔ سِرینگرس منٛز حضرتہٕ اَمیرِ کبیرٕ سٕنٛد آستان شریف۔ اَمیر سٕنٛد۔ شاہِ ہمدانٕ صابُن اَستان۔ ۳۔ سۄہ زِیارتھ یوٚس اعتکافچ تہٕ درس گاہِچ کام تہٕ اَسن دِوان۔

**خانقاہُک** ۔ خانقاہکی بابہ۔ اَستانکی مجاوِر۔ (ییٚژ پاٹھی شاہِ ہمدانٕ سٕنٛز زِیارژ ہٕنٛدی)۔

**خانچہ** ۔ ن۔ ہوٗل؛ خانچ <ف؛ خوانچہ]۔ ۱۔ نِگارِ بٕنتھ کِتھ یا کٲری رۆنمُت چیز کنان چھِر۔ ۲۔ ڈال دَل۔ دانیس دال شِہمنہٕ آندرِ دِنہٕ آمُت۔ گوڈنیک دَل ییٚیمہِ سیٖتی دانِس کیٚسبرے یا ژ چھِنے نیبران تہٕ تۆلہِ پھٕلی چھینہٕ پھُٹان۔ ۳۔ (وۄرگہٕ پاٹھی) کھیٚن خوٚردَن۔ کھیٚنی بیترِ۔

**خاندان** ۔ ن۔ ہوٗل؛ خاندان <ف؛ خاندان]۔ عیال۔ کژون۔ قبیلہ۔ کوٹمب۔ گرکی بٲژ۔

**خانٛدآنی** ۔ ۱۔ جان گرک۔ تھدِ قبیٖلُک۔ کوٚلیٖن۔ ۲۔ اَصل زاژ ہُنٛد۔ شریف تہٕ نیک۔

**خانٛدٕ۔** مۄل : خانٛد < ف : خوانٛدہ ]۔ یُس پٔرٕن لیکھٕن زٲنان آسہِ۔

**خانٛدٕگی۔** پٔرٕن لیکھٕن تٔگُن۔

**خان صاب۔** کٔشیرِ ہُنٛد اکھ بُزرگ۔ یِمہٕ سٕنٛز زیارتھ خان صابنہِ گامس مَنٛز چھےٚ۔ اُتھ چھُ پرٛتھ ؤری یِر ہرٛدس مَنٛز بوٚڈ مٲلہٕ لگان۔

**خاوٕنٛد۔** ن۔ مۄل : خاوند < ف : خاوند ]۔ رٕوٕن۔ خانٕہ دار۔ بَرتھا۔

**خاہ۔** مۄل : خاہ < ف : خواہ ]۔ ۱۔ یِوٚدوے۔ اگر۔ چاہے۔ ۲۔ یژھن وول۔ م : خاہ خاہ، بدخاہ۔

**خٔبیٖث۔** مۄل : خَبیٖث < ع : خبیث = خبث کہ ]۔ بدخصلت۔ بدکردار۔ کمیٖنہٕ۔ شیطان۔

**خٕجل۔** مۄل : خجل < ع : خجل ]۔ رُسوا۔ یُس نہٕ بٕتھ دِیُن لایق آسہِ رٕژ دُمتہٕ۔ یُس ڈُکرِ والنہٕ آسہِ آمُت۔

**خٕجل تہٕ خار۔** دربدر تہٕ رُسوا۔ ذلیل تہٕ تباہ حال سیٹھا بدنام۔

**خٕجل گَژھُن چھُ بَرابر ے۔** یِہ چھُ تَس شخصَس وَنان یُس ناکارٕ وَرتاوٕ کِنہٕ بدنام آسہِ گومُت تہٕ وۄتھی آسہِ نہٕ مَنٛد چھاوِنہٕ پننِس کھوژان۔ یِمہٕ بٔجرُ آسہِ یُس یِمُت تَس چھےٚ نیک نامی تہٕ بدنامی کُنی کِتھا باسان۔

**خدمتھ/خٔدمتھ۔** م۔ مۄل : خدمت < ع : خدمۃ = خدم کہ ]۔ نوکری۔ نوکرٕ سٕنٛز کام۔ ٹہلہِ ٹالس ماجہٕ ہٕنٛز یا کانٛسہٕ زِٹھہٕ سٕنٛز فرمان بَرداری۔

**خٔدمتھ گار۔** خدمتھ کَرن وول۔ نوکر۔ موٚہنیوٗ۔

**خٔدمتھ گیٚرِ عظمتھ۔** کانٛسہِ ہٕنٛز فرمانبرداری کرنس مَنٛز چھےٚ بجاے تہٕ کامیابی۔ کانٛسہِ ہٕنٛز خدمتھ کرنہٕ سٟتی چھُ انسان تھزر لبان۔

**خٔدمتھ گُذار۔** فرمانبردار۔

**خٔدمتھ واتٕنی۔** خاطر وۄتھُن۔ پیٚیالہٕ برداری سپدٕنی۔ کُنہِ رٕنگہٕ نہٕ تکلیف واتُن یا وٕژھےٚ روزٕنی۔

**خٔدمتھ ووتھٕنی۔** وُچھِو "خٔدمتھ واتٕنی"۔

**خَرٕنی۔** خَرٕ سٕنٛز مادٕ۔

**خَرٕ۔** خرٕنی۔ م : خرٕ زایہِ باہ بارٕ ژولُس نہٕ زاہ۔

**خرٛید۔** مۄل : خرٛید < ف : خرید ]۔ مُلہِ ہیٚوتمُت۔

**خرٛید کَرُن۔** مُلہِ ہیوٚن۔

**خرٛیدار۔** م/ن۔ مۄل : خرٛیدار ( ف : خریدار ]۔ ۱۔ خرٛید کَرن وول۔ یُس پونٛسہٕ دِتھ کانٛہہ چیٖز مُلہِ ہیٚیہِ۔ گرٛاکھ۔ ۲۔ یُس کانٛہہ چیٖز ژھانٛڈان آسہِ۔ طلب گار۔

**خرٛیداری۔** ۱۔ مُلہِ ہیوٚن۔ مُلہِ ہیٚنٕچ کام۔ ۲۔ گرٛاکے۔ ( بازرس بیٚترٕ اَنٛدر ) کُنہِ چیٖزٕچ مَنٛگ۔

**خرٛیف۔** ن۔ مۄل : خرٛیف < ع : خریف = خرف کہ ]۔ سُہ فَصل یُس سونٛتہٕ وونہٕ تہٕ ہَرُد لونٛنہٕ یِیہِ تہٕ ڈیٚنٛژ گوداہِ، مکاے بیٚترٕ۔

**خرقہ** ۔ <ع : خوفة ] ۔ ژٔوپلہ، سیٹرل۔ وَنہ راوُل۔

**خصی** ۔ ن۔ مؤل : خصی <ع : خصی ] ۔ آختہ کورمُت ۔ شوٗنژر رووُمت ۔ داند یا کوہ کرُ بیترِ یس نسل کٔشی ہُند قوٕ وَتہ ختم کرنہ آسہِ آمُت۔

**خصی کرُن** ۔ آختہ کرُن ۔ شوٗنژر راوُن۔

**خفیف** ۔ مؤل : خفیف <ع : خفیف = خفّ کِہ ]
۱۔ رُسوا۔ ذلیل۔ خجل تہٕ خار۔ بے عِزتھ۔ شرمندہ۔ کیُتھ تام ہیُوٗ۔ ۲۔ قلیل۔ سیٹھا کم۔ موٗمولی۔ رم : ضربِ خفیف۔

**خلش** ۔ م۔ مؤل : خلِش (ف : خلش ] ۔ ۱۔ ریشرِ تہٕ رِسیح اِہش دگ ۔ ۲۔ اکھ اکِس نِشہِ رنجش۔ مُژکری۔ ۳۔ (وَرگہِ پاٹھی) ارمان۔ حسرتھ۔

**خلیفہ** ۔ ن۔ مؤل : خلیف <ع : خلیفة ] ۔ ۱۔ نأیب۔ قأیم مقام۔ جانشین (خاصکر تتھ حضرتِ محمد صأبُس پتہ عربس تہٕ شامس اندر حکومت کرن وألی) ۲۔ بادشاہ۔ حکومت کرن وول۔

**خلیل اللہ** ۔ ن۔ مؤل : خلیل اللہ <ع : خلیل + اللہ ]۔
خدا یہ سُند دوس۔ حضرتِ ابراہیمؑ سُند لقب۔

**خمیازہ** ۔ ن۔ مؤل : خمیاز <ف : خمیازہ ] ۔ نتیجہ ۔ یہ کورمُت یا ورتوومُت آسہِ تمیُک پھل۔ بدلہ۔ جزا۔

**خمیرٕ، خمیر** ۔ م۔ مؤل : خمیر <ع : خمیر = خمر کِہ ] ۔

۱۔ آڈرُن ۔ ۱۔ خصلتھ۔ ذاتھ بنُی یاد۔ ۳۔ بنفشہ بیترِ پوشن بناونہ آمُت موربہ چالہِ دوا۔ رم : خمیرِ بنفشہ۔ خمیرٕ ہی۔ خمیرِ کھز بان۔ ۴۔ آڈراوِتھ اوٹ یُتھ ژوکہ آسہِ کھوتمُت۔

**خنزیر** ۔ ن۔ مؤل : خنزیر <ع : خنزیر ] ۔ ۱۔ سور۔ دَن ہوٗن۔ ۲۔ (وَرگہِ پاٹھی) موٗکر تہٕ بدذاتھ انسان۔ بے ایمان۔

**خاتمہ** ۔ ن۔ مؤل : خاتِم <ع : خاتم ] ۔ ۱۔ اَند۔ انجام۔ کُنہِ چیزُک پتیُم حصہ۔ ۲۔ سُہ عبارتھ یُس کُنہِ کتابہِ پتہٕ لاگن لیکھنہٕ چھِنے یِوان۔ ۳۔ (وَرگہِ پاٹھی)۔ ناش۔ موتھ۔ کھاتہٕ پیچھتہٕ۔

**خادم** ۔ ن۔ مؤل : خادِم <ع : خادم = خدم کِہ ] ۔
۱۔ نوکر۔ ٹہلی۔ خدمتھ گار۔ موہ ہنیُو۔ ۲۔ (وَرگہِ پاٹھی) استانہ بینژ ٹیک خدمتھ گار۔ ۳۔ مُرید۔ یُس پیرس مأنگے آسہِ دِوان۔

**خأر** ۔ ن۔ مؤل : خأر <ع : خیر ] ۔ ۱۔ پارٕ جأیی۔ بجأیی۔ ۲۔ اوٗرزُو۔ تندرستی۔ ۳۔ رِژر۔ جأنی۔ نیکی۔ ۴۔ اَچھا۔ اَدِکیا۔ جان۔ تتھ موقس پیٹھ تہٕ دَنان ییلہ پتھ تتھ کأنہہ کتھ مانتی پیٔیہ۔

**خأرس شر کرُن** ۔ نیکی کرنس، ماوضہ اوٕ بدی کرنی۔ رتس کرُت کرُن۔

**خأرس شرس بکارین** ۔ شادِ تہٕ غمس پلزُن۔ برتہٕ کرتہٕ وزِ بکارین۔ خوٗرُورتہٕ وزِ

اَتھ بَنٛدُت کرُن ۔

**خآر پاٹھ** ۔ پٕژر پاٹھ ۔ خوشی خبر ۔ یہ کانٛسہِ ہمکھتہٕ وِز پرٛژھنہٕ یِیہ ۔

**خآر پاٹھ کرُن** ۔ آلی واکھ کرُن ۔ پٕژر پاٹھ کرُن ۔ اَہی پاٹھ پرٛژھُن ۔

**خآر خبر** ۔ خبر اَنٕز ۔

**خآر سلا** ۔ اَچھا ، جان گو ۔ پَتہ کُن یِہ گو تہٕ تژاوٕنہٕ یِرچھ کانٛہہ کتھ یا مامِلہ بیتر اَندرٕ وانٛس پیٹھ تہٕ پانٛس تسلا دِنہٕ وِزِ وَنان ۔

**خآر شُر ژُنٛس آمتہٕ** ۔ دُنیاہس مَنٛز چھےٚ نیکی تہٕ بدی آمژٕ ، جانی نلکارٕگی چھےٚ بکوٗنی ۔

**خآراتھ** ۔ ن ۔ مؤل : خآرات < ع ، خیرات ۔ خیرۃ [کہ] ۔ نقد یا جِنسہٕ رٕنٛگی امداد یُس کانٛسہِ موٗحتاجس یا غریبس ہمدردی کنی خدایہٕ سٕنٛدِ طرفٕ دِنہٕ یِیہ ۔ سُہ مَدد یُس ثوابہٕ باپتھ کانٛسہِ دِنہٕ یِیہ ۔ دان ۔

**خآراتھ خانہٕ** ۔ سو جاے یِتہِ خآراتھ باگرنہٕ یِیہ ۔

**خآراتھ خور** ۔ خآراتھ رٹن وول ۔ بیچھ دُن ۔ ژھیٚنٛڈ خور ۔ یُس بیچھن ڈٔنٛڈ آسہِ ۔

**خآراتھ مَنٛگُن** ۔ ۱ ۔ بیچھُن ۔ اَتھ دارُن ۔ ۲ ۔ (کانٛہہ چیز) مُفتہٕ حاصل کرنٕچ کوشِش کرٕنی ۔

**خآرِج** ۔ مؤل : خآرِج < ع : خارج ۔ خرج [کہ] ۔ ۱ ۔ (مدرسہٕ بیترِ منٛز) کڈنہٕ آمُت ۔ کُنہ جماتہٕ منٛز کڈتھ ژھنمُت ۔ ۲ ۔ (عدالتہٕ منٛز مقدمہٕ بیترِ) ڈِگری یا سزا دِنہٕ ورأے ختم کورمُت ، موکلووُمت ۔

**خآرِج اَز بحث** ۔ سو کتھ یتھ بٕنٛمیک نہٕ سوالے آسہِ ۔ سو کتھ یا مامِلہ بیترِ یتھ پیٹھ کینٛہہ وَننس یا سوچنس باتھے آسہِ نہٕ ۔

**خآرِج گرٛژھُن** ۔ ۱ ۔ [ مدرسس بیترِ منٛز] ناو ژھیٚنُن ۔ ۲ ۔ [ مقدمہٕ بیترِ] ۔ ڈِگری یا سزا دِنہٕ ورأے موکلُن ۔

**خآرجی** ۔ ۱ ۔ نیٚببرِیُم ۔ ۲ ۔ مسلمانن اَندر اکِہ فرقُک ناو ۔

**خآرِش** ۔ م ۔ مؤل : خآرِش < ف ، خارِش ] ۔ تچھنہٕ ۔ سخ کشُن ۔ ژمہٕ ہنٛز اکھ بیمآری یتھ اَندر ژمہٕ دانہٕ ہی نیران چھہ تہٕ سخ کشُن چھہ یوان ۔

**خآری** ۔ م ؛ مؤل ؛ خآری < ف : خواری ۔ ] ۔ پریشانی ۔ تباہی ۔ ذلالتھ ۔

**خآری تُلٕنی** ۔ تکلیف تُلُن ۔ مصیبتھ ہیوٚن ۔

**خآرکر** ۔ دربدٕری لد ۔ آوارٕ ۔

**خآر خاہ** ۔ ۱ ۔ رُت کانٛچھن وول ۔ ۲ ۔ (ہزلہٕ) بدخاہ ۔ یُس بد ییژھ ۔ چوغلی کھیٚنہٕ دول ۔

**خآرخاہ نیٚرُن** ۔ (ہزلہٕ) بد کانٛچھنہٕ کنی کانٛسہِ برخلاف اِطلاع دِیُن ۔ منافقت کرُن ۔

**خآر مقدم (کرُن)** ۔ (کانٛسہِ پتہٕ واتِس) ۔ استقبال کرُن ۔ سوآگتھ کرُن ۔

**خاصیِیتھ** ۔ م۔ مؤل : خاصیِیتھ < ع : خاصیۃ ]۔ ۱۔ تاثیر (خاصکر یتھ بنی یاز یا قسمِ ہند)۔ ۲۔ فطرتھ۔

**خاطِر** ۔ ن۔ مؤل : خاطِر < ع : خاطِر ]۔ مازرتھ۔ یزتھ۔ وو نھائسن۔ میہمان داری۔ پرژھن گارُن۔ پُژھی لاز۔

**خاطِرداری** ۔ م۔ مؤل : خاطِردار < ع : خاطِر+ ف : دار ]۔ مازرتھ۔ میہمان داری۔

**خاطِر کرُن** ۔ پُژھی لاز کرِنی۔ پوژھ رنز ناوُن۔ یزتھ کرُن۔ میہمان داری کرِنی۔ وو نھائسن کرُن۔

**خاطِر واتُن** ۔ وو ھُن ۔ یزتھ کرنہ یُن، جان خدمتھ واتنی۔

**خاطِر جمع تھوُن** ۔ دِل ڈُنجِر تھوُن۔ پژھ کرِنی۔ اعتبار کرُن۔ گابرُن نہ۔

**خاطِر خاہ** ۔ مؤل : خاطِر خاہ < ع : خاطِر+ف : خواہ ]۔ یُتھ ییژھ زِ تیتھ۔ دِلس مُوافِق۔ ییمہ سیتی تسلی زیہ۔ منہ پوژ۔ منہ پُژی۔

**خاطِر** ۔ مؤل۔ خاطِر < ع : خاطِر ]۔ موکھ۔ باپتھ۔ پُژھی۔ بنی۔

**خاکستر** ۔ ڈزِتھ سوُر۔

**خاکی** ۔ میژیوُ۔ میژِ بنیو مُت، یا بنِو مُت۔ میژِ ہُند۔ م : آدم چھُ خاکی۔

**خاکی پھوکی گرِدِ آسمانی** ۔ یتھ کُن نہ کینہہ روزُن۔ سورُے کینہہ برباد گژھن، ختم گژھن۔

**خاگی** ۔ مؤل : خاگی < ف : خاکی ]۔ ہیژِ رنگہ۔ چھوت گرُٹ۔

**خالِص** ۔ مؤل : خالِص < ع : خالِص۔ خلاص کرِ ]۔ ۱۔ شوُد۔ صاف۔ یتھ نہ کُنہِ قسمک کھوچر یا رل آسہِ۔ پاسہِ۔ ۲۔ چھرا۔ فقط۔ محض۔

**خالِق** ۔ ن۔ مؤل : خالِق < ع : خالِق ]۔ ۱۔ پادِ کرُن وول۔ تخلیق کرُن وول۔ ۲۔ خُدایس اکھ صِفتی ناو۔ ۳۔ فنکار۔ اُدیب۔

**خالی** ۔ مؤل : خالی < ع : خالی = خلوکہ ]۔ ۱۔ ژھوٗرُے۔ یُس نہ بورُت آسہِ۔ ۲۔ صِرف۔ فقط۔ محض۔ چھرا۔ ۳۔ کُنہِ۔ کُن زوٗن۔ یُس نہ بییہِ کانہہ سیتی آسہِ۔ ۴۔ بے کار۔ غیر آباد۔

**خالی گژھُن** ۔ ۱۔ ژھوٗر سپدُن۔ کانہہ سار نہ روزُن۔ ۲۔ دگوٗل بیترِ، آثارِ گژھنی آبہِ نہِ بہُن۔

**خالو** ۔ 'خالی' لفظک ژھوٗٹ۔ ۱۔ ژھوٗر۔ ۲۔ باقی۔

**خالی اَزمانے نہ آسُن** ۔ کینہہ نتہ کینہہ مطلب آسُن، غرض آسُن۔

**خالِصہ** ۔ ن۔ مؤل : خالِصہ < ف۔ خالصہ < ع : خالِصَۃ ]۔ ۱۔ سرکاری زمین۔ زمین یُس سرکاری ملکیتس منز آسہِ۔ ۲۔ سِکھ۔ سِکہ مذہبک پیرو کار۔

**خالِصے سرکار** ۔ سرکاری زمین یتھ پیٹھ نہ بییہِ کانسہِ ہُند داوا چلِہ۔

**خٲمی۔** م ۔ مۆل : خٲمی < ف : خامی ۔ ]۔ کُنہہ چیٖزس منٛز کمی یا نوقص ۔ کانٛسہ اندر کانٛہہ عآب ۔ کُنہہ چیٖزُچ کسر ۔

**خٲمی کرٕنۍ۔** اپہر کرُن ۔ شُرِل کرٕنۍ ۔ م :
کرِم خٲمی وُہر منلیے وَقت گو ۔
مُدٕ تھ کوٗت واتہ یپٕہ لوہ کچار پکھنا
(نواز)

**خانٕہ سامانہٕ۔** ن ۔ مۆل : خانٕہ سامان < ف : خان سامان ] انگریزن کھاتہٕ بیتر شیٖرَن وول ۔ میزس پیٹھ کھانہٕ کھینہٕ باپتھ رکابہ چمچہ تہ باقے چیٖزٕ شیٖرتھ تھاوُن وول ۔

**خانٕہ ساماٗنۍ (انگریزی)** وہ راٹھ پوراٹھ (انگریزی) یُس غلط آسِتھ تہٕ بوٗلن وول بولان چھُ ۔

**خٲہش۔** م ۔ مۆل : خٲہش < ف : خواہش ]۔ یژھ گزٲرِش ۔ تمنا ۔ آرزوٗ ۔

**خٲہشمَنٛد۔** یُس یژھرہ ۔ یُس کینٛہہ خٲہش آسہ ۔ یُس گزٲرِشان آسہ ۔

**خٲہی کرٕتھ۔** ٹھوٗکتھ ۔ یِتھ نہٕ چارٕہ آسہ ۔ بِہرحٲل ۔

**خِلال۔** ن ۔ مۆل : خِلال < ع : خِلال ۔ رخن ]۔ دٕنۍ تیٖج ۔ دَنٛد برٕ پو منٛزٕ کل بیترِ کڈنٕچ سِلے یا تیٖج ۔ دَنٛدِ خِلال ۔

**خرقہٕ۔** ن ۔ مۆل : خرق < ع : خرقة ]۔ ا۔ جنٛدٕ (یُس یتر پاٹھۍ سٕتی بیترِ ناٹلی چھُ آسان)۔ زیوٗٹھ جامہٕ یتھ وار یاہ دَجہ لٲگتھ آسن ۔ ۲۔ خاص پاٹھۍ سا وُیس مورشد مُریدَس بَخشان چھُ ۔

**خرقہٕ پوشی۔** یُس جنٛدٕ لٲگتھ آسہ (تیٚ دٕپتھ گو) دَرویش ، مۆت ، صوٗفی ۔

**خرقہٕ پولاس۔** دَرویشہٕ سُنٛد ہیوٗہ پوشاکہ ۔ دٕرج ترٛوپ کٔرِتھ جنٛدٕ بیترِ یُس دَرویش لاگان چھُ ۔

**خِفَّت۔** م ۔ مۆل : خِفَّت < ع : خِفة ]۔ بےٚ یزتی یوسہ کانٛہہ اَتھٕ بیترِ کرنہٕ سیٚتی کانٛسہ گژھہ ۔ ژٕٹ ۔ خجالت ۔

**خِفتی۔** یُس ریٚہبر آسہ ۔

**خۄشی۔** م ۔ مۆل : خۄشو < ف : خویشی ۔]۔ آشناوی ۔ نینتھر دِتھ یا ہیتھ بنٛدٕت ۔

**خیمہٕ۔** ن ۔ مۆل : خیم < ع : خیمة ]۔ توٚمب ۔ کپڑک یا ترٛپالہٕ بیترِ ٹیک ژھیدُن یُس ٹکلیٚن سیٚتی رز کٔرِتھ ڈنٛڈٕن پیٹھ گنٛڈنہٕ پھٕ یوان ۔

**خیمہ ترگاہ۔** (پادشاہ بیترِ سُنٛد) ڈیرٕ ڈَگرٕ ۔ سَفرٕک ، شاہی سامانہٕ ۔ (قافلہٕ بیترِ خاطرٕ) ڈیرٕ دِنہٕ باپتھ خیمہ ژھیدُن سامانہٕ جاے بیترِ ۔

**خیمہٕ دوز۔** خیمہ سُوٚن وول ۔ یُسٕنٛد کار خیمہ سُوٚتھ کُنن آسہ ۔

**خیمہٕ دِیُن۔** ا۔ خیمہٕ گنٛڈُن ۔ ۲۔ (دورگہ پاٹھۍ) ڈیرٕ دِیُن ۔ پڑاو دِیُن ۔

**خُتنہٕ۔** ن ۔ مۆل : خُتن < ع : ختنة ۔]۔ سوٗنتھ ۔ خُتن ہال ۔ بیٚہناوُن ۔

خُدا تعالیٰ (خۄدا تعالا)۔ خۄدایس سارِ وِے تھوٚد چھُ۔ اللہ تعالیٰ۔

خُلع / خُلاہ۔ ن۔ مۄل : خُلع <ع : خُلع ]۔ موٚکجار (بیٛنہٕ مَنٛز دوشوٕے بٲژ رضامَنٛدٲسٕن) طلاق۔

خُلاصہٕ۔ ن۔ مۄل : خُلاص <ع : خُلاصَۃ ]۔ ۱۔ کَتھِ ہُنٛد اَصل مطلب۔ لُبِ لُباب۔ ژھوٚٹراوِتھ کتھ۔ ۲۔ کِتابہِ بیترِ ہُنٛد ژھوٚٹ۔ خاکہٕ۔ سکیٖچ۔

خُلاصہٕ پٲٹھۍ۔ ژھوٚٹۍ پٲٹھۍ۔ موٚختصر۔

خُلفاے راشدین۔ ن۔ مۄل : خُلفاے راشدین <ع : خُلفاے راشدین ]۔ حضرت محمدؐ صابنۍ ژور یار۔ حضرت ابو بکرؓ، حضرت عثمانؓ، حضرت عمرؓ تہٕ حضرت علیؓ۔

خُم (خُمب)۔ ن۔ مۄل : خُم <ف : خُم ]۔ لاو۔ ہوٚژر۔ ژوٚہ کِہ۔ وُچھو "خُمب" تہٕ۔

خُم خانہٕ۔ مَے خانہٕ۔ شراب خانہٕ۔

خُمار۔ ن۔ مۄل : خُمار <ع : خُمار : خمرہ ]۔ مَد۔ اَچھَن ہُنٛد گوبہِر ہیوٚہ یُس نَشہٕ چَتھ یا زِیادٕ نیٖنٛدِر کَرنہٕ سیٖتۍ چھُ گژھان۔

خُمب۔ ن۔ مۄل : خُمب <ع : خُم ]۔ ۱۔ ژوٚہ کِہ۔ کُنہِ اَدرِس چیٖزِس بانَس مَنٛز دَم کَرِتھ کھور مُت ژوٚہ کِہ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پٲٹھۍ) کَلہٕ بیترِ سیٖتۍ بانَس یا پَلوٚن، وۄتھرُت پھَکہ ہیوٚہ۔

خُمب کھارُن۔ ۱۔ ژوٚہ کِہ کھارُن (آنٛچارَس یا خُمبہِ بیترِ)۔ ۲۔ (وَرگہٕ پٲٹھۍ) کَلہٕ سیٖتۍ بانَس یا پَلوٚن بیترِ ہیل تُلُن۔ واریاہس کالَس نہٕ سران کَرُن یا پَلو چھَلُن۔

خۄب۔ مۄل : خۄب <ف : خۄب ]۔ ۱۔ ٹھیٖک جان۔ مُناسب۔ ۲۔ سیٹھا۔ یِڈ بَرِتھ۔ یۄت مُمکِن اوس۔ یۄت ہیٚکِو زِ ییوٚت۔ رم : خۄب شُلکھ کَرہَس۔

خۄبان۔ ۱۔ خۄش شَکل۔ مَنٛزِبون۔ ناز۔ ۲۔ ماشوق۔

خۄبٲنۍ ژیر۔ م۔ مۄل : خۄبٲنۍ ژیر <ف : خوبانی ]۔ بوٚڈٕ ژیر۔ ژیرِ ہُنٛد اَکھ بوٚڈ قِسم۔

خۄبی۔ م۔ مۄل : خۄبی <ف : خوبی ]۔ ۱۔ رٕژر۔ جٲنی۔ نیکی۔ جانیر۔ ۲۔ شرف۔ جان صِفتھ۔ گوٚن۔ وَصف۔

خۄبصوٗرتھ۔ مۄل : خۄبصوٗرت <ف خوب+ع صورت]۔ سوٗنٛدر۔ شکیل۔ مارٕ موٚنٛدٕ۔ حَسین۔

خۄبصوٗرتی۔ جان شَکل تہٕ صوٗرتھ۔ حُسن۔

خۄدی۔ م : مۄل : خودی <ف : خود ]۔ شیٛشترو ٹوٗپۍ۔ لوٚہ سپاہ بیترِ لڑایہٕ وِزِ کَلَس دِوان چھِ۔

خۄن۔ ن۔ مۄل : خۄن <ف : خۄن ]۔ ۱۔ رَتھ۔ رَگَن تہٕ نارَن اَنٛدر دورِوُن وۄزُل نَرٕل مادٕ۔ ۲۔ قتل۔ مار۔ ۳۔ (وَرگہٕ پٲٹھۍ) نِزدیکہ اَشناو، اولاد یا بیٚنہٕ بۄے بیترِ۔ رم : خۄنُس چھےٚ رِتے۔

**خوٗنس چھپے رہبے** ۔ پنہ پنیے چھ ڈُک آسان۔

**خوٗنس گنڈ کھ لگنی** ۔ اولادس بیتر بندۍ ونۍ جوش یُن ۔ ولہ ذگہ مزۍ دینہ ینہ ۔ (کاٗنسہ ہُند) ڈُک آسُن۔

**خوٗنہِ باران** ۔ اُچھن ہُند اوٗش ییس رٔدۍ کی پاٹھۍ وسہ۔ بے وایہ اوٗش ہارُن۔

**خوٗنہِ جگر، خوٗنہِ دِل** ۔ ۱۔ جگرُک خوٗن۔ واٗنی جہ ہُند رٔتھ۔ ۲۔ (دوٗرگہ پاٹھۍ) سخ اوٗش۔ دوٗکھک اوٗش۔ ۳۔ (دوٗرگہ پاٹھۍ) فکر۔ تشویش۔

**خوٗنہِ جگر کھیوٗن** ۔ کاٗم کرۍ کرۍ رٔتھ وٗسُن۔ کُنہِ کامہ باپتھ زُو گالُن ۔ سخ میٛہنتھ کرِنۍ ۔ سخ میٛہنتھ کرِتھ اوزُق کماوُن۔

**خوٗنہِ دِل ہارُن** ۔ سخ وٗدُن ۔ سخ پاٹھۍ اوٗش ہارُن ۔

**خوٗنہِ ناحق** ۔ بے گوناہ، بے تقصیر کانٛہہ مارِتھ ژھٕنُن ۔ ہنگہ تہٕ منگہ کانٛہہ قتل کرُن ۔

**خوٗنی** ۔ ۱۔ خوٗنُر۔ ۲۔ (دوٗرگہ پاٹھۍ) خوٗن نار۔ وٗل۔ وُچاپہٕ۔

**خوٗنی اُچھ کرِتھ** ۔ ۱۔ شرارتہٕ ہوٗت ۔ ۲۔ کھوژہٕ وُن۔ یٛس وُچھتھ وُحشتھ گژھہِ۔

**خوٗنہٕ خوٗن** ۔ کُنہِ لڑایہ بیتر منز کرنہٕ آمتُت وارِیاہ قتل۔ وارِیاہن ہند مار۔

**خوٗنہٕ خوٗن کرِنۍ** ۔ پانہٕ واٗنی سخ لڑاے کرِنۍ۔

اکھ اکس رٔتھ والُن ۔

**خوٗنہِ مجنوٗن** ۔ شدٕت نص یلیٚمی کُنہِ کامہِ مقصدٕ یا تحریکہِ خاطرٕ ، ربانی آسہِ دِژمِژ۔

**خوٗنُر** ۔ یُس کاٗنسہِ ہُند خوٗن کرِ۔ مارکرُن دوٚل۔ قاتِل۔

**خوٗن بارو دِیُن** ۔ ژوٗرِ پاٹھۍ کرنہٕ آمُت قتل نوٗن نیرُن ۔ قتلس بوٗج وو پتھٕن۔

**خوٗن سپھاٹوٗن** ۔ تیتھۍ چوب دِنۍ یتھ رٔن مار پھینہٕ وااُلس رٔتھ وسہِ ۔ (دوٗرگہ پاٹھۍ) ژورِس کالس کامہِ لاگُن۔ ہریمانہٕ کاٗم ہینۍ ۔ کاٗنسہِ (سبٹھا کاٗم ہینۍ)۔

**خوٗن خار** ۔ ظالِم۔ وُحشی ۔ یُس سخ شرارتھ آسہِ ۔ یُس ژُکھ ہوٗت پتہٕ لار۔ یُس رٔتھ چھنس پیٹھ آسہِ۔

**خوٗن خوشکھ گژھُن** ۔ سخ کھوژُن۔ ترٛہرُن۔ دوٚکھ ہیوٗن۔ غم ہیوٗن۔ کاٗنسہِ ہُنٛد ہیوٗن۔

**خوٗن دِیُن** ۔ ۱۔ کُنہِ زخمہِ بیتر کِنۍ خوٗن نیرُن۔ ۲۔ بیمارس بیترِ خوٗن بٔرُن۔ ۳۔ (دوٗرگہ پاٹھۍ) کاٗنسہِ پتھ زُو فِدا کرُن ۔ پان وٗندُن۔

**خوٗن ریزی** ۔ مار ۔ خوٗنہٕ خوٗن ۔ غارتھ گری ۔ وارِیاہ قتل۔

**خوٗن کرُن** ۔ قتل کرُن ۔ مارِتھ ژھٕنُن ۔

**خوٗن کھسُن** ۔ ۱۔ سخ شرارتھ کھسُن۔ ژکھ کھسُن ۔ ۲۔ مارمُتہِ کھسُن۔

**خوَن مٕنہٕ کھسُن** ۔ مار مٕنہٕ کھسُن ۔ تیل کرُنک
الزام کھالنہٕ یِن۔

**خوٚدی** ۔ م ۔ مۆل : خوٚدی <ف : خودی]۔ پننہٕ
پانٕسٕنٛز زان ۔ بہٕ تا۔

**خوٚرِش** ۔ م ۔ مۆل : خوٚرِش <ف : خورش]۔ کھینہٕ
چَنہٕ کو چیز ۔ کھین چَن ۔ اوزقہٕ ۔ غذا۔

**خوٚشی** ۔ م ۔ مۆل : خوٚش <ف : خوشی]۔ ۱۔ خوش
آسنٕچ حالتھ ۔ دِل پھولنٕچ حالتھ ۔
شادمانی ۔ ۲۔ (وَرگہ پاٹھی) صوحبتھ ۔

**خوٚشی سال** ۔ مانٛش کٕرِتھ ، کُنہٕ رُکاوٹہٕ ورٲے
یُتھ کانہہ ٹھوٗر آسہِ نہٕ ۔

**خوٚصوٗصَن** ۔ مۆل : خوٚصوٗصَن <ع : خصوصاً]۔
خاص کٔرِتھ ۔

**خوٚصوٗصیتھ** ۔ م ۔ مۆل : خوٚصوٗصیتھ <ع : خصوصیة =
خصص کہ]۔ خاصیتھ ۔ خاص صفتھ ۔

**خوٚلوٗص** ۔ ن ۔ مۆل : خوٚلوٗص <ع : خلوص =
خلص کہ]۔ مَن شۆد آسُن ۔ دِل صاف
آسُن ۔ کھوٹھ نیُتھ نہٕ آسنی ۔ یخلاص ۔
دوستی یا یارٕز یُتھ اَندر نہٕ کانہہ کھوچر
آسہِ ۔ پُنرماے ۔

**خوتوٗن ۔ خوتَن** ۔ م ۔ مۆل : خوتوٗن <ف <ترکی :
خاتون] ۔ زنانہٕ ۔ خاصکٔرِتھ بُزتہٕ
واجِنۍ زنانہٕ ۔

**خوتَن واتٕ آیہِ پلَن پنٕنۍ گلن مٔشِس نٕہ** ۔
یہٕ چھہ تَس شخصَس مُتلق وَنان یُس

اَنٛدری اَنٛدری کوٚت تام ووتمُت آسہِ
مگر نیٚبری آسہِ نہٕ ٹیٚنٛٹھ تراوان ۔

**خوف** ۔ ن ۔ مۆل : خوف <ع : خوف = خافَ کہ]۔
۱۔ بیہ ۔ ڈر ۔ کھوژُن ۔ تراس ۔ ۲۔ فکر ۔
اَندیشہٕ ۔ وٕہم ۔

**خوف دِہی گٔرنی** ۔ کانٛسہِ اَہر بیٚہناوُن ۔
دَبار کرُن ۔ روب داب کرُن ۔

**خوفزدہ** ۔ کھوژمُت ۔ ترہرٕیومُت ۔

**خوف کھیوٗن** ۔ کھوژُن ۔ لرزُن ۔ کانٛسہِ ہُنٛد
اَہر ہیوٗن ۔

**خوفناکھ** ۔ یُس یا یہ وُچھِتھ کھوژُن ییہ ،
وَحشتھ گژھہِ ۔

**خوگر** ۔ مۆل : خوگر <ف : خوگر]۔ دَریومُت ۔
ہیلیومُت ، یَس وُلٹہٕ ٹال کٔاہنر آسہِ ۔

**خوگر گژھُن** ۔ کانہہ وُلٹہٕ ٹال گژھنی ۔ ہِلُن ۔

**خول** ۔ ن ۔ مۆل : خول <ک : خول]۔ بادم یا
ژیر بیتر میوٕچ گوٗژ ۔

**خولہٕ خط** ۔ اَن ہار ۔ آکار (ڈیٚتھفیک) ۔ چال ڈال ۔
اِنسانہٕ سٕنٛز نیٚبرِم بناوٹھ ۔

**خوجہ** ۔ ن ۔ مۆل : خوج <ف : خواجہ]۔ ۱۔ یزتہٕ
پٔژھی کانٛسہِ آسُن وٲلِس تہٕ دُنیادار
اِنسانَس وَنان ۔ ۲۔ بوڈ بیوپاری ۔ ۳۔
تلہٕ ووٚنی ۔ تیل کٔنَن وول ۔ ۴ (وَرگہ پاٹھی)
آغہٕ ۔ مالکھ ۔

**خوجن دۆیتم پھٹکھے** ۔ یہ چھہ تَس مُتلق وَنان

یُس بڈس موٗ ہنوی ہشنز ژھر کتھ
بوزِتھ کُنہِ ویژ نہ۔

خوجہ ہیوٗٹھ وان دِیگچپوسان۔ یہ چھِ
تِس شخصس ہزلہ وَنان یُس نہ مُول
مُژ کھنو آسہ، اما پوز بڈی کار بار کرنس
آسہ کرِیشان۔

خوجہ تہ ہوٗد ژاس تہ بوٗ تیپہ۔ مرینہ سینٛز
چھِ ساری مُصیبتہ پانٔنی دوٗر گژھان۔ (ہزلہ)
کانہہ تیُتھ بدتھ دوٗر گژھنہ وِز وَنان
یُس برداشت کرنس نہ چارہ کانہہ آسہ۔

خوجہ ٹھوٗل۔ (دِگہ) آہڈی۔ بے کار ہُن
دوٗل۔ یُس نہ کانہہ کار کرِتھ ہیکہِ۔

خوجہ زاد۔ ۱۔ خوجہ سُند نیچُو۔ ۲۔ (ہزلہ پاٹھی)
یُس کام کار کرنس کال آسہ گژھان۔

خوجہ زانہہ میلِہ نہ وانہ زانہہ سمکھِہ نہ۔
تہ ڈیتھ گوٚیس نہ ڈبار و چھینٛزن، یا یُس
زِش نہ کانہہ کام نیرِ دِی باسہ تس سیتھ
پانہ نیار ورتاوُن چھُ بے فائدہ۔

خوجہ صاب بداد، گوم نہ تہ ڈیتہ تھوٗوم۔
یہ چھِ تمہ وِز وَنان ییلہ کانہہ گاٹلہ گژھنہ
بز و نیٹھے بارد دِیہ۔ (ہزلہ) بلی باردِنی۔

خوجہ مانکھ نہ تہ مینٛژو دب کھیتھ۔ تہ
ڈیتھ گوٚیس پاژار نیتھ آسہ تُہ چھینہ
پاژار کھینہ رُس سپدان۔

خوجہ موٗ منز ٹھوٗل، ہینٛو کاہ کاہ تہ گینٛز

باہ باہ۔ تیُتھ کار بار کرُن ییتھ منٛز
گاٹِہ گاٹلہ آسہ۔

خود۔ مُول: خود (ف۔ خود) ۱۔ پانہ۔ پانٔی پانہ۔
پننہ ذاتھ۔ پنُن پان۔ ۲۔ پانٔنی۔

خود بہ خود۔ پانٔی پانٔنی۔ کانٛسہ ہنٛدِ مدتہ
یا ہاوتہ کرنہ ورائے۔

خود بہ ذاتھ۔ پانٔی پانہ۔ کانٛسہ اَتھ تارِ کانٛہ
کرنہ ورائے۔ کانہہ منٛز تراونہ ورائے۔

خود پرستی۔ زِھوکھ۔ رکبر۔ تکبر۔ کم۔
وُچھو "خود پسندی" تہ۔

خود پسند۔ یُس پانس متعلق بلی گمانہ آسہ۔

خود پسندی۔ پانس متعلق بلی گمانہ آسُن۔
پانس برابر نہ کانہہ ویژن۔

خود دار۔ یُس پننہ یزتک پاس آسہ تہ
وہ پرِس زِش سہل سہل نمہِ۔

خود داری۔ پننہ یزتک پاس آسُن سہل
سہل نہ کانٛسہ زِش نمُن۔

خود رنگ۔ ۱۔ ییتھ قدرتی رنگ آسہ۔
۲۔ (دیژ پاٹھی) کمنکہ رنگہ۔

خود رو۔ ۱۔ (کلُ بیترِ) پانٔنی کھوتمُت۔
ڈُسنہ آمُت) ۲۔ تُہ گرِیس رہدار
پکان آسہ۔

خود راہ گژھُن۔ نہ بوزُن اَڈن۔ بنے بیم
گژھُن۔ کانٛسہ ہُنٛد نہ ویژن۔

خود رائے۔ یُس پننی رایہ تہ ابر پکہ۔

یُس نہٕ کانٛسہِ ہُنٛد مانہٕ۔

**خوٗدسر۔** سرکش۔ روگردان۔

**خوٗدسری۔** سرکشی۔ روگردانی۔

**خوٗدغرض۔** یُس پنُنۍ پزٕ ہے کُن پکان آسہِ۔ مطلبی۔ یُس نہٕ بیٚیَن ہُنٛد خیال تھاوِ۔

**خوٗدغرضی۔** پانہٕ ہے کُن پو (آسُن)۔ مطلبی (آسُن)۔

**خوٗدکار۔** یہ پانٛی پانے چلان آسہِ (ارشینہ بینی)۔

**خوٗدکاشت۔** سُہ زمین یوسہ نہٕ بیٚین لاگنہٕ کِتھ دِنہٕ آسہِ تہٕ یتھ ذمیندار (مالکھ) پانے لاگان آسہِ۔

**خوٗدکُشی۔** پانہٕ مور۔ پنُن پان مارُن۔

**خوٗدمختار۔** یُس پانس تام آسہِ۔ یُس نہٕ بیٚین آویز آسہِ۔ آزاد۔ پانہٕ اختیاری۔

**خوٗدمختاری۔** کانٛسہِ نہٕ آویز آسُن۔ پانس تام آسُن۔ آزادی۔

**خوٗدا/خوٗداے۔** ن۔ مول: خودا (ف: خُدا)۔ اللہ۔ ایشور۔ دَے۔

**خوٗداتعالا۔** وُچھو "خُداتعالےٰ"۔

**خوٗداحافظ۔** خوٗداے رٔچھنے۔ یہ چھُ اکھ اَکِس رۆخصتھ ہینہٕ وِزِ وَنان۔

**خوٗدا خوٗدا کران۔** مُشکلی سان۔ کھُر تام۔ دَے دَے کران۔

**خوٗدا داد۔** ۱۔ یہ خوٗداین دِیتمُت آسہِ۔ خوٗداین سوزمُت۔ یہ نہٕ کانٛسہِ انسانہٕ بیترِ ہُنٛد دِسُہ بنیومُت آسہِ۔ قُدرتی۔ فطری۔ یہ ہیچھنہٕ پروومُت یا میۄلمُت آسہِ۔

**خوٗدارا۔** خوٗدایہ پسنٛدِ خاطر۔ براے خُدا۔

**خوٗدازانان۔** یہ چھُ تمہ وِزِ وَنان ییلہِ کُنہِ مُتعلق پننہِ لاعلمی باوٕنۍ آسہِ۔ دَے زانہٕ۔ مےٚ چھنہٕ خبر۔

**خوٗداگواہ۔** یہ چھُ اکھ قسم۔ خوٗدا چھُ شاہد۔ خوٗدایس تھی۔

**خوٗدانہٕ خاستہٕ۔** خوٗدایہ پیٚژِ حق تہٕ۔ خوٗدایہ کرِن۔

**خوٗداونٛدتعالا۔** وُچھو "خوٗداتعالا"۔

**خوٗداونٛدی۔** ۱۔ وُچھو "خوٗداے بتھ" خوٗداے آسُن۔ خوٗدایہ سنٛز قُدرتھ تہٕ طاقتھ۔ خوٗداے کامہِ۔ ۲۔ (ورکہ) ترُزنہٕ کانٛہہ کتھ یا کام بیترِ بتھ پیٹھ حیران گژھو نہٕ۔ نٕنۍ قُدرتھ۔ ۳۔ (دورگہ) سیٹھا نایاب، تہٕ نہٕ بَنہٕ وُن کانٛہہ چیز۔

**خوٗدایس پتھ۔** خوٗدا حاضر ناظر زانتھ۔

**خوٗدایس حوالہٕ۔** (آہی) دٔلیس حوالہ۔ دَے گرُ نہٕ رٔٹیتھ، یہ چھُ جھتے آہی کُنہِ بیٚیس پیٹھ رۆخصتھ گرنہٕ یتھ یا شُرِس کُنہِ دیب دِتھ نِکہٕ وزِ وَنان۔

**خوٗدایس لۆر ہیتھ گژھُن۔** خوٗدایہ ہنٛدِس گرِنس بارُ دِ دِنہٕ۔ رٕبنہٕ گژھنہٕ کُنہِ لاچار گژھتھ دِنہٕ پوان۔ م: یہ گیا خوٗدایس کھسا لۆر ہیتھ۔

**خۄدایا** ۔ ۱۔ ہی دَیہ ۔ (مِثالہٕ) خۄدایہ ۔ ۲۔ یہ چھُ تَمہِ وِزِ وَنان ییٚلِ کُنہِ پیٚٹھ تاجُب ظاہر کرُن آسہِ ۔ اَللّٰہ ۔

**خۄدایہ خۄدایہ کرُن** ۔ ۱۔ عِبادَتھ گُذارِی کرٕنۍ ۔ خۄدایہ سٟنٛز عِبادَتھ کرٕنۍ ۔ خۄدایہ سٕنٛد ناو ہیٚنُن ۔ ۲۔ سوٗرے ترٲوِتھ خۄدا رٹُن ۔ (یہ چھُ ناوہ میدی وِزِ تہٕ وَنان)

**خۄدایہ خۄدایہ گرِتھ** ۔ کھُرٕ تام ۔ لُمہ لُمہ ۔ زور زار ۔ اَتھن پھیوٚکھ دِوان ۔

**خۄدایہ سٕنٛدِ خاطرٕ** ۔ دَیہ سٕنٛدِ پاسہٕ ۔ طرٕفہٕ خۄدا ۔

**خۄدایہ سٟنٛز دِیہ** ۔ قَسَم خۄدایہ سُنٛد ۔

**خۄدایہ سٟنٛز کھُرٕ** تہٕ نایار سٟنٛز ژھیچھ ۔ یہ چھُ تَمہِ وِزِ ہُرلہِ وَنان ییٚلِ کانٛسہِ گاٹیلس پیٚٹھ گاٹیلہ پیہ ۔

**خۄدایہ سُنٛد دیُن** ۔ دَیہ سُنٛد دیُن ۔ یُتھ اَندرٕ نہٕ کانٛسہِ ہٕنٛز مِنَتھ آسہِ ۔

**خۄدایہ سُنٛد گرُن** ۔ تہٕ پٲدٕن یُتھ مَنٛز اِنسانَس کانٛہہ دَخل آسہِ نہٕ ۔

**خۄدایہ سُنٛد گرٕ** ۔ ۱۔ خانہٕ کعبہ ۔ ۲۔ (وَرگہٕ) تَشپید ییٚتہٕ خۄدایہ سٟنٛز عِبادَتھ کرنہٕ یِوان چھےٚ ۔ عِبادَتھ خانہٕ ۔

**خۄدٲے کٔتھ کرٕنۍ** ۔ سۄ کٔتھ کرٕنۍ یَتھ مَنٛز طرفدٲری ہٕنٛز لۄے آسہِ نہٕ یوان ۔ غار جانبدار پاٹھۍ کانٛہہ فاصلہٕ دیُن ۔

روے رِعایَتی نہٕ کرٕنۍ ۔

**خۄدٲے کھیٚشوٗمٕت** ۔ (ہزلہٕ پاٹھۍ) سیٹھا کمزور ۔ لاغر ، رُے گوٗمٕت ۔

**خۄدٲے یِتھ / خۄدٲے ہِتھ** ۔ ۱۔ خۄدایہ سٕنٛز شان ۔ خۄداوَنٛدی ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) سیٹھا موٗلُل چیز ، یُس نہٕ سہَل سہَل بنِتھ ہیٚکہِ ۔ م : اُدٕ ژٕنیٚ کۄسہ خۄدٲے یِتھ بۄزٕنہٕ یہِ ۔

**خۄر** ۔ ن ۔ موٗل : خۄر (ف : خور ۔) ۔ چٕنہٕ وول ۔ کھینہٕ وول ۔ یہ چھُ اَکھ پوٚت لۄگ ۔ م : شراب خۄر = شراب چٕنہٕ وول ۔ گوشت خۄر = ماز کھینہٕ وول بیتر ۔

**خۄراک** ۔ ن ۔ موٗل : خۄراک (ف : خوراک) ۔ ۱۔ کھین چین ۔ غذا ۔ کھین خۄردنی کھینہٕ چینٕکۍ چیز ۔ روٗزی ۔ اوزقہٕ ۔ آب دانہٕ ۔ رِزق ۔ ۲۔ (اَکہِ وَقتہٕ کھینہٕ چینہٕ وول مینِتھ) دَوا ڈَنٛگ ۔

**خۄرد** ۔ موٗل : خۄرد (ف : خورد) ۔ لۄکُٹ (رٕوانٛسہِ کنۍ یا باڈوِ بیترِ کنۍ) ۔

**خۄرد سال** ۔ (ف : خورد + سال) ۔ لۄکُٹ تہٕ مٲصوم ۔

**خۄرد سٲلی** ۔ لۄکچار ۔ لٲڈ واٲنٛس ۔

**خۄرد کلان** ۔ (ف : خورد و کلان) لۄکٕٹۍ تہٕ بٔڈۍ (نِنہٕ وِپنِتھ گوٚ) سٲری ۔

**خۄرد بٖین** ۔ م : موٗل : خۄرد بٖین (ف ۔ خورد بین) ۔ اَکھ آلہٕ یَتھ سٟتۍ سیٹھا نِکۍ

تہٕ ژھٕرِن اچھن نہٕ لبنہٕ ینہٕ والہِ چیز
وُچھنہٕ ہیکان چھہِ۔ مایکروسکوپ۔

**خوٕردبوٕرد۔** ن۔ مؤل: خوٕرد بوٕرد (ف: خورد برد)
[حوالہٕ تھوٚوِ متس چیزس بیترِ] ئلم۔ کھس پھیٚر۔ خیانتھ۔ اُلم گلم۔

**خوٕرٕنی۔** م۔ مؤل: خوٕرنی (ف: خوردنی)۔
کھین چین۔

**خوٕرٕنوش۔** ن۔ مؤل: خوٕرنوش (ف: خورد+نوش)۔
کھین تہٕ چُن۔

**خوٕرشید۔** ن۔ مؤل: خوٕرشید (ف: خورشید)۔
آفتاب۔ سِرِ یہِ۔

**خوٕرشید روے۔** شکیل۔ حسین۔ ماری مونٛد۔

**خوسرو۔** ن۔ مؤل: خوسرو (ف: خسرو)۔ خوسرو پرویز۔ ایرانُک اکھ بادشاہ یُس شیرینہِ ہُند عاشق اوس تہٕ یمی ژھل کرِتھ فرہاد پانہٕ مور کرٕنوو۔

**خوش۔** ن۔ مؤل: خوش (ف: خوش)۔ ۱۔ شاد۔ یُس دِل تھوٚلمت آسہِ۔ یُس دِلس بشاشت آسہِ۔ ۲۔ اُسہِ وِنہٕ بنتھ، دِ پیرٕ ون نہٕ۔ ۳۔ اکٕ زوٕ۔ بیمار نہٕ۔ دادِ دگہِ رٔوس وارٕ وٕتہِ۔ ۴۔ مطمئن۔ سیر گومُت۔ ۵۔ راضی۔ رضامند۔ پننہِ مرضی سان۔

**خوش اسلوٗبی (سان)۔** جان پاٹھی۔ کامیأبی سان۔ ہونرمند پاٹھو۔

**خوش اندام۔** یُس جان قد تہٕ خولہِ خط آسہِ۔

(وُرگہٕ پاٹھی) ماشوق۔

**خوش پاٹھی۔** واہ کارٕ۔ جان حالتس اندر۔ کنہٕ دوہ کیہہ دادِ ورأے۔ اکٕ زوٕ۔

**خوشحال۔** فکرو تہٕ غموٗ نشہٕ آزاد۔ یُس ہکس بکس جان صورتھ آسہِ۔ پاپرجا۔ بجا۔ وارٕ وٕتہٕ۔

**خوش حال خانس زٕو آژُن۔** بٔے موقہٕ یا خامخاہ ژھینگُن۔

**خوشحالی۔** پاپرجأیی۔ بجأیی۔ آبادی۔

**خوش خبر۔** یرٛ شینٛچھ۔ رُت پاٹغام۔

**خوش خبری۔** خوشی ہنٛز شینٛچھ۔ یرٛ شینٛچھ۔

**خوش خط۔** جان دسخط۔ یرٛ لیکھأے۔ لیکھنس جان اتھ۔

**خوش خلق۔** یُس کتھ یاتھ کرٕنک رُت سلیقہٕ آسہِ۔ رلہٕ ون میلہٕ ون۔ یُس اُسہِ وِنہٕ بُتھ پیش ییہِ۔

**خوش دِل۔** یُس دِل خوش آسہِ۔ تہٕ ڈیکھ گو راٹھی تہٕ سیر۔

**خوش ڈول۔** وُچھو "خوش لوٗٹھ"۔

**خوش فہمی۔** تہٕ ذانُن ییٚنہٕ کانٛہہ ہُنز یاد آسہِ نہٕ۔ بڑانتی۔

**خوش قسمتھ۔** نصیبہٕ وول۔ ہاگہٕ وان۔ ڈیکہٕ بوڈ۔ بختاوار۔

**خوش کرُن۔** ۱۔ پسندین۔ پرٛبین۔ منس بہن۔ ۲۔ ٹوٹھ گژھن۔ ۳۔ یہ پننِ دِل ونہٕ تی کرُن۔ پننہِ مرضی ہیٹھ بکُن۔ دِل یژھن۔

**خوش گژھن** ۔ ا۔ کانٛہہ جان چیز وُچھتھ یا بُوزِتھ دِل شادٕ سپدُن ۔ دِل پھولُن ۔ ۲۔ پانٛنہِ مرضی آسنہٕ ۔ یژھن ۔ م : ییٚہ خوش گژھی تہٕ کر۔

**خوش گوار** ۔ ییٚہ راس ییہِ ۔ ییٚہ طبیٚعتس تہٕ مزازس مۄجوٗب ۔

**خوش لوٚٹھ** ۔ سُہ کوٚٹ یُس بُتھہٕ کنہِ جان آسہِ ۔

**خوش مزازٕ** ۔ ا۔ اسہ وُن ، یُس نہٕ درٕہ لٔدِتھ روزان آسہِ ۔ یُس جان سۄلوٗک یا وُرتاو آسہِ کران ۔ ۲۔ نوٗزک طبیٚعتہٕ ہنٛد ۔ سُہ یُس گنٛدگی سیٚتی دہشتہٕ آسہِ ۔ ۳۔ سُہ یُس نہٕ اگاں مکاں کھینس وار آسہِ یوان ۔ ۴۔ تمیز دار ۔

**خوش نصیب** ۔ بختاوار ۔ یُس تقدیر رُت آسہِ ۔ باگہِ وان ۔

**خوش نویس** ۔ یُس گرِتھ تہٕ ژٔرِتھ لیکھان آسہِ ۔ یُس جان دسخط آسہِ ، رُت کاتب ۔

**خوش نٕہ ئن** ۔ آژُرُوُن ئن ۔ زِر دِتھ نہٕ ہیکُن ۔

**خوش یوٗوُن ، یوٗن** ۔ یُس یا ییٚہ وُچھِتھ دِل خوش گژھہ ۔ پژٔیِہ وُن ۔ ییٚہ منٛس بیٚیِہ ۔ (وُرگہِ پاٹھی) شوٗبہِ وُن ۔ سوٗندر ۔

**خوشابہٕ** ۔ نیٚندٕ ۔ دانیس نیٚندٕ کرنی ۔

**خوشامد** ۔ م ۔ مۄل : خوشامد ⟨ف : خوش آمد] ۔ ا۔ مسٹھ مدار ۔ ٹیٹھہ میٹھہ ۔ زار پار ۔ ۲۔ (ابزٕلہ) اپزٕ تارِیف (مطلبہٕ خاطرٕ) ۔ چاپلوٗسی ۔

**خوشک** ۔ ن ۔ مۄل : خوشک ⟨ف : خشک] ۔ ہوٚکھ یُتھ نہٕ سرینہٕ تہٕ آسہِ ۔ یُتھ نہٕ ترٛی آسہِ ۔

**خوشک دماغ** ۔ یُس نہٕ کانٛسہِ ہُنٛد ویژ ۔ مزاز کنہِ ترٛوش ۔ یُس یتھے شُرارتھ کھسہِ ۔

**خوشک سالی** ۔ ا۔ ہوکھے ۔ رۄد نہٕ پیٚنہٕ کنہِ فصل کم بوٚوُن ۔ ۲۔ (وُرگہِ پاٹھی) دُراگ ۔ کال ۔ قحط ۔

**خوشک فصل** ۔ سُہ اناج یُس وُڈر یا خوشک زمینس بوٚوان آسہِ ۔ (یتھو فصل چھہِ کنکھ مکاے تہٕ دال بیترٕ) ۔

**خوشک گژھن** ۔ ا۔ ہوکھُن ۔ سرٕیہ یا اُدریر ژلُن ۔ ۲۔ (وُرگہِ پاٹھی) غمہٕ سیٚتی ہوکھُن ، سخ فکر لگنہٕ ۔

**خوشک میوٕ** ۔ ڈوٗن بادام بیترٕ ہیوٗہ میوٕ ۔

**خوش آمدید** ۔ مۄل : خوش آمدید ⟨ف : خوش + آمدید] ۔ ووٚلہِ ووٚلہِ ۔ تُہنٛزٕ ئیرُن ۔ برٛونٛٹھہ ئن ۔ جان پاٹھی پانس نِش واتناوُن ۔

**خوشبوٗ / خوشبوے** ۔ م ۔ مۄل : خوشبوٗ ⟨ف : خوشبوٗ] ۔ جان مشک ۔

**خوشبوٗ دار** ۔ یتھ خوشبوٗ آسہِ ۔ مُشکہٕ دار ۔

**خوش خرید** ۔ ا۔ فصل یُس حوکومتھ بیترٕ ظُلمہٕ زبردستی وَرتھے کاشکارن یا زمیندارن نِشہِ مُلی ہیٚیِہ ۔

**خوشکی** ۔ م ۔ مۄل : خوشکر ⟨ف : خُشکی] ۔ ا۔ ہوکھر ۔ ۲۔ مزازک ووجر یا ہجر ۔ بحثی آسُن ۔

۳۔ ژَمہِ دزاہتو دانہٕ یا گرمی بیتر۔ ۴۔ ہوکہہ ہوہس اَندرتری نہٕ آسنو (واریاہس کالس رٗود بیتر نہٕ پیٖنہٕ کنی) م: اَز چھے خوشکی بیمارٕی عام۔ ۵۔ مُستس یا سُلس تیل دِنٕک منوٗ روٗزتھ (ہوکھیتہ کنی)۔ ۶۔ خوشکیچ سو زُو فاتحہ یوسہِ زمیٖنہٕ پیٹھ روزان آسہِ تہٕ آبس اَندر آسہِ نہٕ۔ ۷۔ سو زمین یتھ نہٕ چلہٕ وُن نسگ آسہِ۔ ۸۔ سُرٕکرِ سُرکہِ۔ وہٕھلو۔ ناوِ بیٚتر کیٚتھ تہٕ۔ ۹۔ ووٗل۔ ژکھیٚل۔ کیٚج بکش۔ ٹاکی۔

**خوشکیتھ**۔ ۱۔ مُژر۔ ۲۔ سیٚتھ۔

**خوشکیتھ اَنٕتی**۔ تُنگ کرٕن۔ سیٚتھ اَنٕنی۔

**خوشکیتھ آسنی**۔ ۱۔ مُژر آسُن۔ ۲۔ ہَجر آسُن۔ سیٚتھ آسنی۔

**خوشکیتھ دِنٕنی**۔ (چیزن سیٚتی) سیٚتھ دِنٕنی۔

**خوشکیتھ کھارٕنی**۔ بَتنگ اَنُن۔ سیٚتھ تلُن۔ گیوٗر لارٕوُن۔ فترتھ اَنٕنی۔

**خوشکیتھ لارٕنی**۔ اوگ بوگ نہٕ روزُن۔ سیٚتھ وہٕتھن۔ فترتھ ییٚنی۔

**خوشکیتھ ییٚنی**۔ ۱۔ مُژر ییٚن۔ ۲۔ فترتھ ییٚنی۔ اَتھ وَتھ نہٕ ییٚنی۔

**خوش گیٚژلد**۔ ۱۔ سپَژ لد۔ اَدِ سُرلد۔ ۲۔ ہگوٗ آسُن۔

**خوطبہِ**۔ ن۔ مٗول: خوطب (ع: خُطبَة)۔

الہ نیٚماز برٕونٹھ یا پتہٕ یہٕ امام پیسہِ پیٹھ کٔمِتھ وَنہِ۔ مذہبی لیکچر۔ ۲۔ یہِ لوٗکن کُن وَننہٕ ییہِ۔

**خوفتَن**۔ ن۔ مٗول: خوفتَن (ف: خُفتہ)۔ ۱۔ شونگَن وَقت۔ شامہ پتہٕ۔ ۲۔ پٔنژِم نیٚماز یوسہٕ شام نیٚمازِ پتہٕ چھےٚ پرنہٕ یِوان۔

**خوفتَن بانگ**۔ شونگَن وِز۔ ترِ ڈیٚڈھ گَو شامہ پتہٕ۔

**خوفتَن فقیر**۔ ۱۔ رَتھ ہیٚچھ وِنٕی بم راتھ کیٚتھ بیچھنہٕ بایٚتھ بھیٖران آسُن۔ ۲۔ (دورگِہ) رکرایہ غُنٹُھ۔

**خوفتَن نیٚماز**۔ پٔنژِم نیٚماز یوسہٕ شونگنہٕ برٕونٹھ پرنہٕ یِوان چھےٚ۔

**خوفتہٕ** (پیٚتھ مُت آسُن)۔ مٗول: خوفت (ف: خُفتہ)۔ مُس نیٚندرِ آسُن۔

**خولق**۔ ن۔ مٗول: خولق (ع: خُلق)۔ ۱۔ رُت سٗو لوکہ، رُت وَرتاو (کانٕسہِ سیٚتی)۔ ۲۔ ملے میچھر۔

**خولفہٕ**۔ ن۔ مٗول: خولف (ف: خُرفہ / ع: خُرفَة)۔ نُنمہٕ ہیٚول۔

**خوے**۔ ن۔ مٗول: خوے (ف: خو)۔ ۱۔ فطرَتھ۔ ذاتی صفتھ۔ مزاز۔ ٹم ڈرن۔ ۲۔ صوٗحبتھ۔ ووٗتھ بیٹھ۔ ۳۔ لگاو۔ رجحان۔ عادتھ۔ ہال۔ م: اَمِس چھ ژھوٗٹس سیٚتی خوے۔

# د

**د۔** فارسی ہُک دٕہیُم، اُردوُک کہیُم، تہٕ کأشرِیُک پَنداہیُم اَچھر۔ اَبجد حِسابہٕ چھُ اَتھ ژور موُل۔

**دَب۔** ن۔ موُل: دَب <س؛ دَبہٕ]۔ ۱۔ ٹاس۔ ژُنڈ پٔرتھ (لور یا کیٚنہہ بیترٕ نیٚک) ۲۔ پَتھر لایِنہٕ یِن لکھوٗنٹ یا ٹھوٗکرِ بیترِ لگنہٕ سیٚتی) وُسی پیٚون (اکھ بیترِ گژھنہٕ سیٚتی) ۳۔ پاوُن۔ تیمہٕ حرکژِ ہِموٗ سیٚتی بیاکھ پاونہٕ یِیہ۔ گُشتی۔ ۴۔ (وَرگہٕ پأٹھۍ) کَتھہٕ جنگ۔ وادِواد۔ ۵[ کارِ بارس بیترِ مَنٛزٕ]۔ گاٹہٕ۔ پَتھر پیٚون۔ ضَرَر۔ رم: پَنٕنِس دَبَس خبردار۔ ۶۔ ٹھہراو۔ قرار۔ ژھیٚن۔ وَقفہٕ (کُنہِ پکہٕ وُنِس سِلسِلس) رم: گوڈٕ زاے بوٚتہٕ ماج، اَدٕ زاو بب۔ دوہ پوٚنٛژِ دَب گوٚ زاو بُڈی بب۔ ۷۔ (وَرگہٕ پأٹھۍ) دَکہٕ۔ ننکار۔ رم: رَوٗزِیَس لگہٕ نہٕ دَب دِیُن۔ ۸۔ (وَرگہٕ پأٹھۍ) کاف۔ گوٚب نیٚشدٕر۔ رم: بَتہٕ دٕ بیچ نیٚشدٕر۔

**دَبَس پیٚٹھ وٕٹھس۔** ۱۔ (ل۔م) اکھ دَب تہٕ پیٚٹھ زَبہٕ کھوڈُس پھٹُن۔ (وَرگہٕ) مُصیبتس پیٚٹھ مُصیبتھ یُن۔ کھرِس پیٚٹھ کھر۔ ۲۔ باثمر۔

**دَبہٕ۔** <س۔ دَبہٕ]۔ ژرٛٹہٕ۔ پَتھرِس لأریتھ۔ (کُنہِ) شُتھہٕ۔ سِپہٕ۔

**دَبہٕ زہُن۔** ۱۔ ژرٛٹہٕ زہُن۔ لگتھ گژھُن۔ پَتھرِس لارُن۔ تِتھٕ کُنہِ زہتھ گژھُن یُتھ نہٕ تھوٚد ہیٚکہِ وٕتھِتھ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھۍ) بےٚکار گژھُن۔ نَرمِ ٹوٗٹھہٕ زہُن۔ ۳۔ (زمین) بیوٚسٹھ گژھُن۔

**دَبہٕ تَرٛڈوٗن۔** پَتھر پیٚٹھ چھوکہٕ لَدٕ۔ زَبہٕ مَنٛزٕ یا پَتھرِ پیٚٹھ پیٚنہٕ سیٚتی کوٗ پھس۔

**دَبہٕ تَرٛڈوٗن کَرُن۔** نرِ کَرُن یِیمہٕ سیٚتی دَبہٕ تَرٛڈوٗن گژھہٕ۔

**دَبہٕ تَرٛڈوٗن گژھُن۔** کھور ڈلنہٕ سیٚتی وُسی پیٚٹھ دَبہٕ دِنہٕ یُن، تہٕ زَبہٕ گژھُن ہیٚوٗہ گژھُن۔

**دَبہٕ دَب۔** گُشتی۔ حَملہٕ دٔل۔ لمہٕ لم۔ [خاص کٔرتھ کأشرِ چیٚترٕ بیترٕ بینہٕ کرنہٕ وِزِ] (وَرگہٕ پأٹھۍ) کشمکش۔

**دَبہٕ دَب کَرٕنۍ۔** ۱۔ اکھ اَکِس پادٕ منٛچ کوشش کَرٕنۍ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھۍ) کشمکش کَرٕنۍ۔

**دَبہٕ داشہٕ۔** ۱۔ سُہ دانہٕ یُس اَکی لوٗننہٕ گِنٛڈنہٕ تہٕ چھو مبتہٕ پیہ۔ دانہٕ یتھ دَبہٕ بیٚہنہٕ سیٚتی ژرٛ نیچہٕ ہشہٕ گاہ مژٕ آسن۔ ۲۔ ٹاس ٹاس دِتھ سوٗر کَرُن۔ ۳۔ مرگِ مفاجات۔

**دَبہٕ سوٗر۔** ۱۔ کرٛ پھس، بَند بَند پھٹُن، ژُن گژھُن۔ ۲۔ اکھ دَوا یُس توٗت لہٕ بَرہٕ سوٗر تھَمنہٕ یا تیٚلس سیٚتی رَلاوِتھ تیار کَرنہٕ چھُ یوان۔

**دَبہٕ لَرِ پیٚون۔** ۱۔ ژھیٚنتھ پیٚنہٕ کُنہِ اَکی لَرِ

شۆنگیتہٕ روزُن۔ ۲۔ (بیمارِ کِنی) وَتھرِنس لاَرِتھ گژھُن۔

**دَبہٕ لاَر (گژھُن)۔** (ل۔م) دَبہٕ سیتی لاَرُس کھَنجہٕ (گژھنہٕ)۔ (وَرگہٕ پاٹھی) وُسی پیٛنہٕ سیتی یا تیٛز تھکنہٕ سیتی کژپُس (گژھُن)۔ بَند بَند چھُٹنی۔

**دَبہٕ لوٚر (گژھنی)۔** (وَرگہٕ) ژَرٹہٕ (بہتھ گژھُن)۔ پتھرِس سیتی (لاَرُن) خاصکر یتھ لَرِ جابہٕ ہُنٛد بنیٛلہٕ بیترِ سیتی۔

**دَب پیٛون۔** ۱۔ ژَنٛڈ پیٛنی۔ ٹاس وُسُن۔ ۲۔ نوقصان واتُن۔ ٹاس یُن۔ ۳۔ (وَرگہٕ پاٹھی) چال یا ژَھل بیترِ سیٛود گژھُن۔ کانٛہہ ژَھل کامیاب سپدُن۔ ۴۔ (وَرگہٕ پاٹھی) گرُن۔ پَتھ گژھُن۔ کارِ بارَس مَنٛگ وِنہٕ روزنی۔

**دَب دِیُن۔** ۱۔ تَرِتھ دیُن۔ داَرِتھ دیُن۔ پَتھر وُکراوُن۔ پتھرِس پیٹھ زورِ داَرِتھ دیُن۔ ۲۔ ژَنٛڈ لاینۍ۔ ٹاس لایُن (لورِ یا کنجہٕ بیترِ کِ کنھَن دَل دیُن۔ م:

دَب ییٚلہِ دِیُتم فِکرُن تہٕ اَنٛدریشَن

(لل دید)

**دَب کھیٛون۔** ۱۔ وُسی پیٛون۔ پَتھر پیٛون۔ ۲۔ ٹاس کھیٛون۔ چوٚٹ کھیٛون۔ نوقصان تُلُن۔ گرُن۔ ۳۔ بَتھ اَژُن۔ ڈٕدہ کہ اَژنی (وُسی پیٹھ یا ٹھوکرِ بیترِ لگنہٕ سیتی)۔

۴۔ کاربارَس بیترِ مَچھر آسُن۔ سودا بیترِ وِنہٕ پکُن۔

**دَب گژھُن۔** ۱۔ ٹھہراو گژھُن، ژِھین گژھُن۔ مَنٛزِ وَقفہٕ پیٛون ۲۔ رکی سپدنی۔ ہمُن۔

**دَب لگُن۔** ۱۔ (کھۄنت بیترِ لگیتھ) وُسی پیٛون۔ پَتھر لاینہٕ یُن۔ (وَرگہٕ پاٹھی) گرُن، پیٛون۔ (کُنہِ تھَدِ درجہٕ پیٹھٕ) تنزُل گژھُن۔ بڑتھ وَسُن۔

**دَب وَسُن۔** ۱۔ ٹاس پیٛون۔ بڑکہ پیٛون۔ ۲۔ چال بیترِ کارگر گژھنی۔ بازی ترٕنی۔ ۳۔ دژوگس موٗلس پیٹھ کانٛہہ چیٖز موٗلی پیٛون ہیٛون۔ ترٕنی۔

**دَب وااُلُن۔** ۱۔ (لورِ بیترِ سیتی) ٹاس لایُن۔ ژَنٛڈ تژاونی۔ ۲۔ تھدِس موٗلس پیٹھ کِنُن۔ تارٕنی۔

**دَب ہا لوگے پھبرن پھٹے، اَچھ ہا ژوے پھلہٲرِ کھوٗر۔** (تہٕ ڈِچھتہ گو) مصیبتہٕ منٛز وُزٕ چھُ اَکھ بیاکہ رَفاقتہ کرنہٕ بدَل ٹامنے وُٹان۔

**دَب ۲۔** ن۔ موٗل: دَب < پراکرت۔ دَبَو ]۔ ہلہٕ ہُنٛد اَکھ قسم یُس ناڈِ بن منٛز آسان چھُ۔

**دَبَردَنی۔** حملہٕ دَل۔ دُم۔ چار [کرُن۔ گژھُن۔ ہلہٕ وُن]۔

**دَبنگہٕ۔** ن۔ موٗل: دَبنگ < ہ۔ دَبنگ تہٕ دَب + اَنگ ]۔ جلبہٕ ہوشہٕ رَوس، یُس نہٕ

سوٗر ستھ کرٕ ۔ سخ نیندرِ مٔنز ۔

**دُبنگہٕ روزُن** ۔ خُمارس اَندر روزُن ۔ سوٗر ستھ کرِتھ رۄس روزُن ۔

**دُبنگہٕ سپدُن، پیوٚن، گژھُن** ۔ سخ کاف کٔھبرٕ ۔ ستھ وِتھ نہٕ کرِتھ ہیکُن ۔

**دٕباوب / دٕبو دٕب** ۔ < دٕب + دٕب، وچھو دٕب]
۱۔ پرارنہٕ ورٲے ۔ تھکہٕ رۄس ۔ ڈلٕ ڈلی ۔ جلد ۔ فورن ۔ ۲۔ پوٗتُس پتہ ۔ پیاپے ۔

**دٕبارٕ** ۔ (ورگہٕ) لانہٕ طانہٕ کرنہٕ باپتھ دِنہٕ وُن، ہیبت رووبہٕ داب ۔

**دٕبارٕ کرُن** ۔ کھوژرناوُن ۔ دِنہٕ وُن ۔ ہیبت کرُن ۔ سخ رووبہٕ داب کرُن ۔

**دٕباغت** ۔ <ع: دباغت] منڈُن (دالہٕ بپترٕ) ۔

**دٕباوُن** ۔ ۱۔ دٕبہٕ بیہناوُن ۔ ۲۔ زورِ سان ژھلُن ۔ ژیلتھ برُن ۔ ۳۔ ژھمنس تل تھوُن ۔ وڈراوُن ۔ ۴۔ رووبہٕ داب کرُن ۔ کھوژرناوُن ۔ ۵۔ (ورگہٕ پاٹھی) کھٹِتھ تھوُن ۔ کتھ تل کُن دِنی ۔

**دٕباوِتھ تھوُن** ۔ ۱۔ تل ژھلُن ۔ ۲۔ تل کُن پھٹراوِتھ تھوُن [ پلوٗک کنارٕ بپترٕ] ۔ ۳۔ ژورٕ تھوُن ۔ ۴۔ بازرہ ہنٛز غایب کرُن ۔ ۵۔ رووبس تل تھوُن ۔ کاتھہٕ تل تھوُن ۔

**دٕبٲے** ۔ دٕباونچ کام (میٹشر بپترٕ) ۔

**دٕبہٕ رازٕے** ۔ ۱۔ طاسہٕ رازٕے ۔ ۲۔ شُرٕ ہن بپترٕ ہنٛز دٲلی ۔

**دٕبہٕ رازٕے ہلہٕ وٕنی** ۔ ۱۔ طاسہٕ رازٕے تلُنی ۔
۲۔ دٲلی لاگُنی ۔

**دٕبرائے** ۔ دکنہٕ مکانس، ہیرٕ زورٕ زورٕ کھنیچ وسنیچ آواز ۔

**دٕبُن** ۔ ۱۔ (ورگہٕ پاٹھی) دکانسہٕ ہنٛدرس) رووبس تل یُن ۔ ۲۔ ژھلنہٕ یُن (تل گژھِتھ) ۔ ۳۔ کھٹِتھ روزُن ۔

**دٕبٕ دٕبی تھوُن** ۔ ژھل دِتھ تھوُن ۔ ڈسہٕ ڈسہ تھوُن ۔

**دٕبدبہٕ** ۔ ۱۔ دابہٕ ۔ رووبہٕ داب ۔ آہرٕ دحاکہٕ بپترٕ مُسند) ۔ ۲۔ بڈٕ بھی ۔ ۳۔ شوہرتھ ۔ م: تُسند دٕبدبہٕ اوس دُورتام ۔

**دُپُن** ۔ ن ۔ مُول: دپ] ۔ ۱۔ وَنُن ۔ ۲۔ پانٛی پانس وَون دِپُن، سوچُن، ژھِتھ دِنی ۔ خیال کرُن ۔ م: دپان چھس سوٗے ییٚر تہٕ یہ کیا وَنس ۔ ۳۔ سالس ہٕنٛنک رٔہم ۔ کھاندرِچ شیپچھ ونہٕ باپتھ مہرِ ینٛز فہرازس یا یِنٛز مٲنس سال کرُن ۔

**دُپُن بتہٕ** ۔ سُہ سال یُس کھاندر دالپن اَستاو رُشناوکران چھ ۔

**دٕپہٕ وٕنی** ۔ تم پُرسہٕ یم دِپنہٕ بپترٕ والپن (ورتاوِ پُرژھی) دِنہٕ یوان چھ ۔

**دُپُن تہٕ ماثرِ راتھ گٔنی کرِ فی** ۔ ۱۔ اَتھی گژھِتھ ونے کھاندر کرتھ نیٚن ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) کاتھہٕ کاریگدم کرتھ نیٚن ۔

**دُپُن تہٕ ماثرِ راتھ گٔنی گژھنی** ۔ ۱۔

کھانٛدر کرُن پیوٚن ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھۍ) کانٛہہ کار جلدی مَنٛز کرنہٕ یُن۔

**دَپنہٕ گژھن** ۔ کھانٛدرٕچ شیٖپٹھ ہیتھ گژھن یا سالُس وَننہٕ گژھن۔

**دَپنہٕ نیٖرُن** ۔ اَنگَن اَشناوَن بیترِ کھانٛدرس پیٹھ سالُس وَننہٕ گژھن۔

**دَپھتم تہٕ پکہٕ** ۔ ۱۔ تَس اِنسانَس وَنان یُس پَننہٕ کٔنٛہہ کام کران آسہِ نہٕ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھۍ) بیٖہوال۔ گوٚش۔ آلژھو۔

**دٔپۍ دٔپۍ سودا** ۔ دوٚن دَرِن ہِنٛز سٔر گٔھر کرِتھ کانٛہہ کام (کرٕنۍ)۔ پۆرٕ بوزٕ شوژِ سان گورُمنٹ کار۔

**دٔپۍ کام** ۔ سۆ کام یوسہٕ اِنسان پَننہٕ کٔنٛہہ کرنہٕ یوسہٕ بێیہ بینٛدرٕ وَننہٕ کرٕنۍ پیٚیہ۔

**دَپھادَپھ** ۔ < آوازِ پیٹھ ] ۔سۆ ہَر یتھ جێپھ لگہٕ۔

**دَتَل** ۔ ژُھکل ۔ یتھ دَتہٕ وۆتھان آسن (زمیٖن)۔ ٹونٛڈ زمیٖن۔

**دَتہٕ دوٚگل** تھکنہٕ یا فِکرٕ کنۍ ژُھپان وُچھان گوٚب نیٖنٛدرٕ پیٚنۍ۔

**دَتُر** ۔ ن ۔ مۆل ؛ دَتر < س : دھتوٗر ]۔ اَکھ زہریلہٕ بوٗٹۍ یا تمِتھ دژامُت گولُر۔

**دَتُر دیُن** ۔ ۱۔ زہر دیُن ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھۍ) رُت سۆلوٗک نہٕ کرُن ۔ تیٖرٕ ژانُن۔

**دَتُر شگرُن** ۔ (ورگہٕ) کُنہِ تمِتھ چیٖزَس پَلالہٕ کرُن یُس پَتہٕ پانَسے دَوارٕ وَاتناوِ۔ ناکارٕ اِنسانَس ووٚتہٕ بوٗ دیُن۔

**دَتُر لگُن** ۔ ۱۔ دَتُر کھیتھ نَشہٕ کھسُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھۍ) کانٛسہِ رُت کرِتھ تَس نہٕ یاد روزُن۔ ۳۔ جانٛی کرِتھ تہٕ کانٛسہِ ناکارٕ باسُن۔ ۴۔ جانٛی تہٕ ژُہتَس روزُن۔ ۵۔ (ورگہٕ) ساد نہٕ یُن۔ ۶۔ (اَہرٕلہٕ پاٹھۍ) جان کھینہٕ باوَس کانٛسہِ مزٕ نہٕ لگنَس پیٹھ وَنان۔ کانٛہہ جان چیٖز دِتھ کانٛسہِ ظُلُم باسُن یا آپرُن گژھن۔

**دَتُر وَتھرُن** ۔ (ورگہٕ) سختی کرٕنۍ۔ تکلیف واتناوُن۔ م : کُنٛڈٕ وَبھراوٕنۍ۔

**دَترِس سَگ دیُن** ۔ وُچھو "دَتُر شگرُن"۔

**دَتھ** ۔ م ؛ مۆل ؛ دَت ] شُہ بوٗڈ چھوٚل یتھ لَختہٕ آسہِ گومُت۔ ژٕوَل ۔ ٹُکرٕ ٹُکرٕ۔

**دَتَن بَتہٕ تہٕ گونُن فاقہٕ** ۔ تہٕ دَیتھ گو فصل چھوٚ میٖتھ چھ بَتہٕ وۆفۆر آسان مگر یلہِ وِز فصل تیار آسہِ تمہٕ ساتہٕ چھُ بَتہٕ دژاگ آسان۔

**دَتہٕ قیٖر کرٕنۍ** ۔ لٔے لٔے پَتھرِ پادُن۔

**دَتہٕ وۆترُ** ۔ ۱۔ سُہ زمیٖن یتھ سٔنٛح دَتہٕ آسن ووٚتھان۔ ٹونٛڈ زمیٖن ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھۍ) اَڈٕ زاڈ۔ سیٹھا لبکہٕ ٹھوکہٕ۔

**دَتہٕ وۆترٕ کرُن** ۔ (ورگہٕ) سٔنٛح اَڈٕ زاڈ کرٕنۍ یَڈٕ بَرِتھ بوٗ آری کرٕنۍ۔

**دَتہٕ وۆترٕ گژھن** ۔ سٔنٛح اَڈٕ زاڈ پیٚنۍ۔ خُجل زٔدی گژھنۍ۔ سٔنٛح بوٗ آری پیٚنۍ۔

دٕتہِ وووپرٕنہٕ۔ اُتھی زمیٖنس آب لُدِتھ کھووُد یا مٔتی الہٕ بیتر سیتی دِتہِ شستراونہٕ۔ اُتھی زمیٖن بیوٗل وونُس یا تھَل کرنس لایق بناوُن۔

دٕتہِ ووتھنہٕ۔ کینٛہہ زمیٖنس داند وایِنہٕ سیتی تزلہٕ روزنہٕ۔

دٕتھ گرٛھنہٕ۔ ۱۔ لخٕتہٕ گرٛھن۔ درُن۔ تانٛٹھُن۔ ۲۔ وٕتھ گرٛھن۔ گوہبر گرٛھن (اسیاوُس ہیتر)۔ ۳۔ دَم گرٛھن۔ کنٛڈ اوٚری شٲر ہینہٕ۔ (اکیٖن کاتھہِ نہٕ آسنہٕ موکھہ) شاہ نہٕ ہیکُن کڈِتھ۔

دٕتھہٕ۔ ن۔ مۄل؛ دتھ < ف: ؟ دستہٕ]۔ ۱۔ موٚٹ بُرزٕ وَتھ۔ ۲۔ وارِیاہ کاکد یا کِتابہٕ گیتوڈ۔

دٕجر۔ ن۔ مۄل: دجر]۔ زٲنِتھ مٲنِتھ کٔلِس ڈوٗل لاگُن۔ بوٗزِتھ زوٗر لاگُن۔ لاگِتھ چھ اُرگی۔

دجال۔ ن۔ مۄل؛ دجال < ع: دجال]۔ ۱۔ فساد کرن وول۔ ۲۔ اِسلامی عقیدٕ موجُب سُہ شخص یا قوم یُس آخر زمانس منٛز بے ایمٲنی پھٲلاوِ۔

دٔچھ۔ م۔ مۄل۔ دچھ < س: دراکشا]۔ اکھ راٹھہِ ہُنٛد آنٛچہِ رِدِ ستٕے رَس دار میوٕ۔ اکھ میوٕ داتھ۔

دٔچھ ترٛوٗنگ۔ تم دٔچھ گرن یمن کٕنے گیوڈ رسہِ آسہِ گومٕت۔

دٔچھ ڈٕکھ۔ دٔچھ راٹھ ہُنٛد ڈکھ۔ سُہ زٲگدار ڈوٗنگ ہیوٗ یتھ پیٹھ راٹھ چھینتے کھسان۔

دٔچھ ڈوٗنگ۔ سُہ پُہراہش یتھ پیٹھ دٔچھ راٹھ کھاران چھہٕ۔

دٔچھ رَس۔ دٔچھ کوٗ ڈٕمٕت رَس۔ (دودگہِ پٲٹھی) مَس، شراب۔ مے۔

دٔچھ راٹھ / راٹھ۔ سُہ کانٛجہِ دار تھَر ہش یتھ دٔچھ چھیتے پیوان۔

دٔچھ راٹھ ہُنٛد ؤر۔ سبز ہجر۔

دٔچھ رہپور۔ دٔچھ ہُنٛد اکھ خاص قِسِم۔ رہپور گامہِ وہ پیدٕ وُنی دٔچھ۔

دٔچھ قٔلم۔ سُہ لاو دٔچھ موریہ رُونہٕ چھیتے پوان یا بیوندس چھیتے لگان۔

دٔچھ گُرہ۔ تروٗک دٔچھ۔ (یتھ بسرکہ تہِ کڈان چھ)۔

دٔچھ گوڈر۔ دٔچھ پھلیک بیوٗل۔

دٔچھ گرٛٹھ تہِ ڈونہٕ گرٛٹھ کرُن۔ کانٛہہ مجبوٗری پینہٕ کنہِ گرا اور تہِ گرا یور کرُن۔ زِموٗبہٕ ژھرٹھ کرُن۔

دٔچھ گرُن۔ دٔچھ ترٛوٗنگ۔ تم وارِیاہ دٔچھ پھلی یم یکہِ وٕٹہ اوٛیزان چھ آسان۔

دٔچھ گرُن ہیوٗ (الونٛد) اوٛیزان۔ ۱۔ (دودگہِ) تار گومٕت۔ ۲۔ اکاد گرٛھن۔

دٔچھ کموٗ کھیٖیہ پرٛدلو مٔتے دٔوپ پنٛنیو ما۔ تہِ دِپنتھ گو پنٛنی تزاوتھ وو پرُبز کرُن۔

**دَچھ۔** ﴿وُچھو : دۆچھ]۔ ا۔ کرٛیہنیار۔ گکٹہ۔ ۲۔ (وَرگہ پاٹھی) وٲنجہ ہُند کرٛیہنیار۔ ظالم۔

**دَچھ پوٚنپُر۔** اکھ قسمک سۆری رَنگہ پوٚنپُر ہیوٚہ یُس کٔلِس پیٹھ اَژِھین بولان چھُ۔

**دَخل۔** ن۔ مۆل اَدخل ﴿ع : دَخل]۔ [کُنہِ کتھہِ یا مامَلس بیتھر] مَنٛز اَژُن۔ اَکُنہِ کتھہِ بیتھر مَنٛز) زَنگ ژھِنُن۔ خامخاہ پَنُن راے دِنی۔

**دَخل دَر موقولاتھ۔** بلہٕ پرٛتھ مامَلس اَنٛدر پَنٕنی راے دِنی۔ زور زَنگ ژھانُن۔ پرٛژھنے کرنے پرٛتھ کُنہِ تُھس مامَلس مَنٛز اَژُن یَتھ لایق نہٕ آسی تہٕ۔

**دَخل دیُن۔** مَنٛز اَژُن (کُنہِ کتھہِ یا نیشایس بیتھر)۔

**دَدارٕ۔** ن۔ مۆل؛ دَدار ﴿س : دَردَر]۔ ا۔ دُکھ یا نوقصان۔ ۲۔ (زُوس بیتھرا خرابی۔ واراَنی۔

**دَدارٕ کرُن۔** زانِتھ مانِتھ نوقصان کرُن۔ کانٛہہ چیز یا جاداد بیتھر واران کرُن۔

**دَدارٕ گژھُن۔** نوقصان واتُن (خاصکرِتھ ناگہانی پاٹھی)۔

**دَدارٕ واتُن۔** سَخ نوقصان گژھُن۔

**دَدارٕ واتناوُن۔** نوقصان کرُن۔ جاداد بیتھر تباہ نہٕ برباد کرُن۔ ترکینٛہ کرُن

یتیمہٕ کِنہ دۆییمس نوقصان واتہٕ۔

**دَدِ رٔوس۔** ﴿ف۔ ددِ + رُوس]۔ ل۔ م۔ رٔوشک ہاپُت۔ (وَرگہٕ) بے وُقوف۔ وُچاپہٕ۔

**دَدٕ۔** مۆل؛ دَد ﴿س : ویدِک۔ دَبدَہ —]۔ گنٛڈٕ دار۔ گنٛڈٕل۔ یَتھ شترٕکی آسن۔ (برزٕ وتُن بیتھر)۔

**دَدٕپَد۔** اَکھ شار یا کتھ بیتھر یوس کانٛسہِ مشہور شاعرس یا عالمس بیتھر لاگِتھ تھاوِنہٕ ییہِ۔

**دَدِ پھیل** (وَرگہٕ) سوہ کوٚر یا گوٚبرِ یُس مارِس ماجہ سیتۍ ہیوٚہ لۄلہٕ وُن ہیٚیہِ۔ مُ: معگنک تدوُرک۔

**دَدٕلالہ۔** چھٹلٕ لار۔

**دَدَر۔** م۔ مۆل؛ دَدر ﴿س : دَردَر]۔ ا۔ کٔلیک بیتھرِ اَنٛدرِیُم کھوکھر حصہٕ۔ ۲۔ اَکِس جانا وارٕ سُنٛد ناویُس کٔلِس کوٚران چھُ۔ ۳۔ دِژا تنٛھیومُت رہ۔ (وَرگہٕ) مۆٹہ تہٕ دژوٹ لوکٕٹ کوٚر۔ دہ بجہ ہش کوٚر۔

**دَدٕرارٕ۔** ا۔ گرٛٹزس پیٹھ گرٛتُز۔ کھڑنگ۔ زورٕ زورٕ بہوآری۔ ۲۔ تیٚپے یا دِرگنی (رامرِشس بیتھر)۔

**دَدٕوُن۔** گنٛڈٕکاوٕ ہنٛج دگ۔ رہے۔

**دَرعا۔** ﴿ف؛ دَر]۔ ا۔ مَنٛز، اَنٛدر۔ م: دَرِدَست۔ ۲۔ اَکھ اَکِس پیٹھ۔ م: فوج

دَر فوج۔ دَہ دَر دَہ۔

دَراَصل۔ بُنیادی۔ بِنائی۔ پٔزِ کِنی۔

دَرانداز۔ ژوٗرِ ژھیٖپہٕ مُلکس مَنٛز (فساد تُلنہٕ) اَژن وول۔

دَرپَردٕ۱۔ ا۔ ژوٗرِ ژوٗرِ، ٹَھکٕتھ، ژوٗرِ پاٹھی۔ ۲۔ سُہ پلو بیترِ یُس کُنہٕ اَستانس مُرادِ پُرٕھی گنڈان چھہٕ۔

(دَرپَردٕ۲ وُچھو، دَر۲ لفظَس تَل)

دَرپے۔ پَتہٕ۔ کوٗس۔ ژَر ژرِنس۔

دَرپیش۔ بُتھہٕ بٔروٗنٛہہ کُن۔

دَرجواب۔ یہ کینٛژھا کُنہٕ کتھہِ جوابہ پٔژھی پھیرِتھ وَننہٕ یِیہ۔

دَرجوش۔ ا۔ زَبَردَس جَذبہٕ سان۔ وَلوٗلہٕ سان۔ ۲۔ بیٖتٛرہٕ سان۔ ۳۔ جَبرَن۔ ڈیکہٕ ژُکرِتھ۔

دَرحقیقتھ۔ پٔزی کِنہٕ۔ پٔزی پاٹھی۔ دَراَصل۔

دَر دُنیا۔ ا۔ یَتھ عالمَس۔ ۲۔ دُنٛیس دُنی بیٛس۔ سارسی بےٛ عالمَس۔

دَرکنار۔ اَوٕک طرَف۔ اَکیتھ کُن تراوِتھ۔

دَرگُذر (کرُن)۔ ماف (کرُن)۔ مٲنی (دِنی)۔ زیادٕ بازخاص نہٕ تُلُن۔ اَچھ ٹوٗنی (کُنہٕ ما مٕلس)۔

دَر۲۔ [ف: دَر؛ س: دٕوار]۔ ا۔ مکانَس مَنٛز اَژنہٕ نیرنٕچ وَتھ۔ دَروازٕ۔ ۲۔ شطرَنٛجہٕ بُچہٕ ہُنٛد اَکھ خانہٕ۔

دَرپَردٕ۲۔ پَردٕ (دَروازن ہُنٛدی)

دَردیوار۔ پَیٚنٛڈ پٔرن۔ روزَن جاے۔ بِہَن جاے۔

دَر۳۔ ن۔ مٔول: دَر۔ دُم۔ ہ: دَر]۔ ا۔ تیوٗت وَزَن یہ تٔرکرِ پاٹرِس کھَسہِ۔ ۲۔ باو مول۔

دَرس ہیٚٹھ کھَسُن۔ ا۔ تٔرکرِ کھَسُن۔ تولنہٕ خاطرِ تٔرکرِ مَنٛز تھَونہٕ یُن۔ ۲۔ لُکہٕ کتھَن لگُن۔

دَرس کھَسُن۔ ا۔ تولنہٕ یُن، سَرِ کرنہٕ یُن۔ ۲۔ جُہلَس لاینہٕ یُن۔

دَرس کھوٚتمُت۔ ا۔ تولنہٕ آمُت۔ ۲۔ بَدنام گومُت۔ لُکہٕ کتھَن لوٚگمُت۔

دَردیُن۔ تولُن۔ وَزَن وُچھُن۔

دَرکرُن۔ تولُن۔ وَزَن وُچھُن۔ تٔرکرِ مَنٛز تولُن۔ وَزَن کرنہٕ باپَتھ کُنہٕ چیٖزِس پیٚٹھ کھارُن۔

دَرلاگُن۔ وَزَن کرُن۔ اَکُن۔

دَرخَنہٕ ہیوٚہ پیٚون۔ دَہ بہ لَگرِ پیٚون۔ کُل ہیوٚہ پیٚون۔ پَسار پیٚون۔

دراز۱۔ [ف: دَراز] زیوٚٹھ، دوٗر، تھوٚد۔ ہیوٚر تام۔

درازِ ناساز۔ ا۔ سُہ شخص یُس پَزنہٕ پیٚٹھی تھوٚد آسہِ۔ ۲۔ قَدٕ زیوٚٹھ مگر عقلہٕ رٕوُس اِنسان۔

دراز دیُن۔ ا۔ نَرِن زَنگَن واشِس گَنٛڈِتھ شوٚنگُن۔ لَمباسہٕ تراوُن۔ ۲۔ پان پیٚٹھ

ٹھاسُن ۔ ڈامب لاگُن ۔ ۲۔ مَرنہٕ وٕشہ
پانٕ پانٕے تَرِ زَنگہٕ وُہرِتھ شوٗنگُن۔ پُتم
گژ داتھ۔

**دَراز تَسپدُن** ۔ کاڈ دِیُن۔ (تَرِ زَنگہٕ
وُہرِتھ) پان تژاوُن ۔

**دَراز کَرُن** ۔ ۱۔ پُتھر پاوُن ۔ پُتھر پاوُن۔ ۲۔
پُتژ مس۔ بژونٹھ مس حِساب ہیوٗن،
بوزِتھ ہیوٗن۔

**دَراز ۲** ۔ ن ۔ مؤل : دَراز < انگ ؛ ۔ ڈرائز
DRAWERS ] بیزس مٔنز کِنہٕ چیز
بیترِ تھاونہٕ باپتھ ڈُبہٕ چالِ خانہٕ۔

**دَراز ۳** ۔ < انگ ۔ ڈژائز ۔ DRAWERS].
(موژکی پاٹھی دونہٕ آمُت) تَنگ
اَنٛدرٕکی بیزار۔

**دَرآمد** ۔ مال یا چیز بیترِ یُس بٔیِو مُلکو پیٹھٕ
مَنگناونہٕ پیِہ ۔ مُ : برآمد۔

**دَرٛنگی** ۔ م۔ مؤل : درنگی < ف : درنگی ۔] ژیر
روٗٹ۔ اٹکاو۔ ہیٹھ۔ سوٗژُر۔ سوٗہیر۔

**دَرٛنگی کَرٕنی** ۔ ژیر لاگُن۔ کٔنہہ زیچھر دِیُن۔
ہیٹھ لاگٕنی۔ روٗٹ کَرُن۔

**دَرٛنگی گژھٕنی** ۔ ژیر گژھُن۔

**دَرٛنگی لاگٕنی** ۔ وَق لاگُن ۔ ہیٹھ لاگٕنی۔ (اٹہٕ میٹھا)
ژیر لاگُن ۔

**دَرٕ ۱** ۔ ن ۔ مؤل ، دَر < س : دھر ] ۱۔ لمُن۔
دژسہٕ ۔ ۲۔ روزِتھ گژھنٕچ حالتھ۔ ۳۔

لمہٕ ۔ ۴۔ کوہلِ ہیوٗ تمُت گنڈ۔ ۵۔ بوٹ
آبہٕ جوے ۔ وارِن بیترِ سگ تژاونٕچ
لوکٹ کول۔ کھوٗ مٔنزٕ لوکٹ کول ۔
۶۔ (ورگہٕ پاٹھی) اَے ۔ اُلفت ۔

**دَرٕس لگُن** ۔ ۱۔ تحقیق حالَس اَندر آسُن
یتھ اَندر نہٕ ہور یا یور ڈلُن بنہٕ ۔ ۲۔ زوٗس
کھسہٕ وَس لگٕنی۔ ۳۔ کانسہٕ پژاران پژاران
اَچھ نوسنہٕ۔

**دَرٕ دَرٕ** ۔ ۱۔ لمہٕ لَم۔ کشمکش ۲۔ ہیٹھ۔ ۳۔
مازرتھ۔ ۴۔ مول کھارنس یا والنس
پیٹھ تکرار۔ ۵۔ سیدٕ نچ وومیدہش ۔

**دَرٕ دَرٕ کَرٕنی** ۔ ۱۔ لمہٕ لَم کَرٕنی۔ ۲۔ کھہنس چِنس
سَنٛخ زور کَرُن۔ پُژھس بیترِ سَنٛخ مازرتھ
کَرٕنی۔ ۳۔ سودٕ ہکس چکاوس مُکاوس پیٹھ
دُکانٛدارس سیتی کتھ کتھ کَرٕنی۔

**دَرٕ دَر لاگٕنی** ۔ ۱۔ اَکھ اَکِس طرفس کُن دژسہٕ
دِیُن تہٕ بیاکھ بٔیِس طَرفَس کُن لمہٕ لَم۔ ۲۔ کانٛسہٕ
ہُنٛد گَرٕ اژنس پیٹھ اور یورلہٕ لَم۔ ۳۔ اَکھ
نہٕ ہور بوزان تہٕ بیاکھ نہٕ یور۔ ۴۔ سودٕ ہس
مول کھارنس والنس پیٹھ گگھرلاگٕنی۔

**دَرٕ دِیُن** ۔ ۱۔ لمُن۔ زورٕ سان دژسہٕ کَرُن۔ ۲۔
کُنہِ مالس مٔنز دژسہٕ دِیُن۔ یُس نہٕ یتھ
لایق آسہٕ تُہُنٛد تمہ مٔنز اَتھٕ ژھنُن۔
۳۔ (دَرگہٕ پاٹھی) مول کھارُن۔ قیمتھ ہراوُن۔
۴۔ آب بیترِ کَڈنہٕ باپتھ زمینہٕ مٔنزکی

لوکٕٹ جمے گنڈٕنۍ - ۵ - گکھر لاگنی -
دٕر کرُن - ۱ - دٕرسہٕ دِیُن - لمُن -
دٕر گنڈُن - کوٚلہِ گنڈٕ ہیٚون -
دٕرٕ لگُن - ۱ - دٕرسہٕ لگُن - ۲ - آنتہٕ گرٛزھُن -
زٕہتہٕ گرٛزھُن - اکھ بےٚ کُن وُچھان روزُن -
۳ - زوٗکھسہٕ وُن روزُن - ۴ - آب ڈورِ
بیترِ منٛزٕ نیبر نتہٕ ژلُن - ۵ - (اکانٛسہٕ کُن)
تمٕلے گرٛزھنی - (اکانٛسہٕ ہنٛد) طرف کرُن -

دٕرٕ۲ - ن - مۄل ؛ در (ف : دٕرہ) - کنہٕ بالٕس
یا کوہس منٛزٕ وَتھ - کوہہ کھون یا گول
ییٚارٕ وکھ اپارِ ییٚور تران چھ - دوٚیوٚ
بالوٚ یا کوہو منٛزٕ اپارِ ییٚور ترٕنچ وَتھ -

دٕرب - م ؛ مۄل : دٕرب (س : دربھ) -
اکھ وُسنی گاسہٕ قسیم -
دٕربہٕ ڈینٹھُن - دٕربہٕ ہنٛزٕ وُٹھر رزیوٚ سہ
سیکھلہ عہرازٕ کرُس گنڈان چھ -

دٕرج - ن - مۄل : درج (ع : درج) - ۱ -
لکھس منٛزٕ شامِل - یُہی کھاتس بیترِ کھارنہٕ
یا تارٕ آمت - ۲ - کھتاوِ وتھ -

دٕرچاے - ۱ - دٕرِ ہنٛزٕ چاے - (اورگہ) سوچاے
ییتہٕ پٕژران پژان اُچھ لوٚسن - ہاے
یوسہٕ - اریاہس کالس پٕژان تہٕ بٕنہٕ یہِ -

دٕرد۱ - ن - مۄل : درد (ف : درد) ۱ - ملے
موٗجبتھ - ۲ - ژُک - دٕگ -
دٕردمنٛد - ژٕکی دار - پٕڑن - دردی -

دٕردِ سَر - میٚنگہٕ دٕگ - کلہٕ دود -
دٕرد سان - ہایہٕ سان - ژُکہٕ سان - پٕزِن
ذانتھ - کُنہٕ ہاوٕ باوٕ ورائے -
دٕردِ ہوٚت - وُچھو "دردمند" -

دٕرد۲ - دٕردی - ن - مۄل : درد (س : دارد) -
گلگت ، چلاس ، بوٚنجی یا گریسک
روزن وول - دٕرد علاقک روزن وول -

دٕرس - ن - مۄل - دٕرس (ع : درس) - سبق -
خاص کرِتھ مذہبی تالیم - مکتبس منٛز
پوٚرمُت - ووستادس نِش ہیٚوچھمُت -

دٕرم - ن - مۄل : دٕرم (س : دھرمہ) ۱ - مذہب
متھ - ۲ - یہِ کینٛہ کانٛسہٕ پٔزِ - فرض - ۳ - سوباو -
فضلتھ - مِزاج - ۴ - ثواب - جانٛی -
نیکی - پُنۍ -
دٕرم بوٚے - ۱ - ییٚزہ پاٹھکی چھ گُرس پاتھلکہ
لُکھ دٕرم بوے ونان - ۲ - یُس پٔزِن بوے
نہٕ آسِتھ بوے ییہٕ بناونہٕ -
دٕرم بیٚنہٕ - سوٚ زُنانہٕ یوسہٕ زٕہنہٕ بیٚنہٕ یا
ہم مذہب نہٕ آسِتھ تہِ بیٚنہٕ وٕنٛدنہٕ ییہٕ -
دٕرم دان - ۱ - یہِ کینٛہ دٕیہٕ سٕنٛزٕ دَتہٕ دیہٕ
سٕنٛدٕ ناوٕ دِنہٕ ییہٕ - ۲ - پُنۍ - ثواب -
دٕرم سال - م - مۄل : دٕرم سال (س :
دھرمہ شالا) - دٕرمہٕ پٕژھ بناونہٕ آمژ
سرائے ییتہٕ منٛزٕ دٔتہٕ گژھتہٕ ضرورتھ مٕنٛد
روزتھ ہیکن -

درٕم کرٕم ۔ ۱۔ مذہبی فرض تہٕ رۄسوٗم ۔ ۲۔ تِم
مختلیف رۄسوٗمات، یِم ہِندی کأنسہٕ ہِندِس
مرنَس پتہٕ انجام چھہٕ انان ۔

درٕم کرٕن ۔ ثواب زیٚنُن ۔ پوٗنِ زیٚنُن ۔ دَیہ
ہِندی ناوِ کانہہ ہُنر کٲم کرٕنۍ ۔

درٕم مأنج ۔ بُڈ دید ۔

درمس دیُن ۔ ۱۔ دَیہ ناوِ دیُن ۔ خٲرات کرٕن ۔
۲۔ ہیتے دیُن ۔ مُفت دیُن ۔ ۳۔ پوٗنِ یا
ثواب زیٚننہٕ باپتھ کأنسہٕ کینژہ دیُن ۔
منسأوُن ۔

درمی ۔ ہٕنزٕ کامہٕ کرٕن وول ۔ نیک سپرتھ تہٕ
مذہبس پیٚٹھ پکَن وول ۔

درمہٕ پیٚوُن ۔ مذہبہٕ نِشہٕ ڈٕلُن ۔ گُمراہ گژھُن ۔

درمہٕ وانٛد ۔ ۱۔ سُہ وانٛدیُس درمکی ناوِ
وانہٕ لاگنہٕ نِشہٕ چھُہ آسہٕ تراونہٕ آمُت ۔
۲۔ سُہ یلہٕ وانٛدیُس جایہٕ جایہٕ پھیران
آسہٕ ۔ ۳۔ دورگہ پأٹھۍ ستر تٔھ انسان یُس
کینژہٕ کرنہٕ رۄستُے لاہیٛ لاہیٛ پھیران
آسہٕ ۔

درمہٕ راژٕ ۔ ۱۔ انصافُک دیوتا سُہ یُس
کرمن ہُند پھل آسہٕ دِوان ۔ ۲۔ پانڈوَن
ہِندِس زِٹھِس بأیِس یُدشٹرِس تہٕ
وَنان ۔ ۳۔ کانہہ راژٕ یا بادشاہ یُس
پٔرزِس پیٚٹھ آسہٕ ۔

درمہٕ شاستر ۔ سُہ شاستر یتھ منز ہِندین
ہِندین فرضَن تہٕ حقَن ہُنز وضاحت آسہٕ ۔
ہِندین ہُند قانوٗنہٕ شرع ۔

درمہٕ وان ۔ سُہ شخص یُس نیک تہٕ رُت آسہٕ ۔
مذہبُک پابند شخص ۔

درمہٕ ہان گژھنۍ ۔ ۱۔ درم پھٕٹراونُک
دوش یا راہ منٛڈ گژھُن ۔ ۲۔ (ہزلہٕ پأٹھۍ)
زنِس گُزرُن گژھُن ۔ ثواب اُٹھس
گژھُن ۔

درمہٕ ہان پنٛنۍ ۔ وُچھو "درمہٕ ہان گژھنۍ" ۔

دٔرُن ۔ ن ۔ مۆل : در (س : دٔرڈھ) ۱۔ دور
رووُن ۔ ۲۔ پننہٕ جایہٕ رووُن ۔ ژلُن تہٕ
م ؛ یہ نوکر دَرِیا ۔ ۳۔ دور گژھُن ۔ ڈٕلُن
تہٕ ۔ فاقہٕ بیترِ تھوُن ۔ ۴۔ ردوٚشپن بند
گژھُن ۔ دور کرُن ۔ ۵۔ کینژہٕ کتھ پیٚٹھ
ہلُن ۔ ہُتھی پھیشر گژھُن ۔ ۶۔ مرنہٕ نِشہٕ بچُن
تہٕ زوٗکرُن ۔ ۷۔ یاد رووُن ۔ م ؛ سبق
دٔرُن ۔ ۸۔ رنہٕ تلہٕ دور گژھُن ۔ سیٚنُن تہٕ
۹۔ سیدُن ۔ پور پیٚٹھِن ۔

دٔرناوُن ۔ ۱۔ (روز بیترِ) تھاوناوُن ۔ ۲۔
ڈنجہٕ بیٚہناوُن ۔

دَروغ ۔ ۱۔ اَپُز ۔ بے بُنیاد ۔ ۲۔ بُہتان ۔

دَرئیدر / دَلیٚدر ۔ ن ۔ مۆل : درئیدر (س: دردٕر)
شِکس لدنہٕ وسہٕ پایہٕ ۔ یُس کانہہ بُروٚنہہ
کنہٕ بیٚہنہٕ تہٕ دِیہ نہٕ ۔

درٖپ ۔ ن ۔ مۆل : درپ (س : درٖڈھتا) ۔

۱- مضبوطی ، پوچھر ۲- ڈکھ - ۳- ہمتھ -

**دربہ کرن** - ہمتھ کرنی - جبر وتھ کرن - ورغلاونہ نہ ین -

**دَربار** - ۱- مؤل: دربار (ف : دربار) ۱- سوجاے یتہِ کانہہ رسم پورہ کرنہ باپتھ لوکھ سمن یا سمے ہتی آسن - ۲- (ہزلہ) سو مجلس یتھ منز بادشاہ سندی خاص خاص سمن -

**دربار وأری** - ۱- (ہزلہ) چاپلوسی کنی مجلس لاگنی - ۲- ہٹھ - ۳- غرضہ موکھ ین گژھن -

**دربار دأری کرنہ یہن** - فضول کتھن دل دنہ یہن -

**دربار دأری لاگنی** - ۱- ٹلی ہٹھ لاگنی - پانس ستی بیہہ وار یاہ لکھ بیٹھہ کرنی - ۲- (ہزلہ) خامخاہ ین گژھن لاگن -

**دربار گژھن** - نوکری پیٹھ گژھن - بوڈ دفتر گژھن -

**دربار لاگن** - ۱- ہٹھ لاگنی - ۲- سیٹھاہ کتھ کرنہ -

**درباُرُ** - ۱- دربار وول - ۲- دربارس گژھن وول -

**دَرہدر** - (ف : درہدر) ۱- گرِ گرِ وتہ وتہ پھیرن وول ، یُس نہ ٹھور ٹھکانہ آسہ - ۲- کامہ کار روس - بیکار -

**درہدر پھیرن** - ٹلی جایہ جایہ پھیرن - آوارہ آسن -

**درہدر تہ خاک بسر** - (دوہ ہو پرتھ وتنہ وان) آوارہ - وُجارہ -

**درہدر کرن** - ۱- وتہ وتہ پھرناون - بے مقصد اور یور پھرناون - ۲- وتہ ڈالن - کنہ لائق نہ تھون - آوارہ کرن -

**درہدر گژھن** - ٹھور ٹھکانہ نہ روزن - آوارہ گژھن - تباہ گژھن - بال بچہ نہ لگن -

**درہدری** - ۱- آوارگی - ۲- تباہی -

**درہدری کرنی** - وق راوزن - کانہہ کام نہ کرنی - وق ضایہ کرن - ژھرِ ژھہ دنی - اِدہ سِدہ کرنی -

**درہدری گژھنی** - تباہی گژھنی - اتھ نہ کینہہ ین - بال بچہ نہ روزن - (یہ چھہ وہ ہوتہ) -

**درہدری ہندی گیُرن آسنی** - خراب گژھنکی علامتھ آسنی - رقہ تباہی کنیبیتک انسان - یُس نہ بچأنی ہند کانہہ خیال آسہ -

**درہدری** - وُنہ راوُل - آوارہ -

**دَرتِن** - زاوی جیہ ململہ ہند موٹل پوشاکھ -

**درتھی (دھرتی)** - (س : دھرتری) - زمین - بتراتھ -

**دَرجَن** - مؤل: درجن (انگ - ڈزن : DOZEN) - (اگرنز کنی) یکوٹہ باہ (چیز بیتر) -

**دَرجاتھ** - ن - مؤل : درجات (ع : درجات) - پوفی - ثواب - ہژر -

**دَیا کرِنۍ۔** مہربانی کرِنۍ۔ رحم کرُن۔

**دَیا وان۔** مہربان۔

**دَیا ہینی۔** رحم ہیُن۔ انصاف ہیُن۔

**دَیہ بتہٕ۔** ہٕندِس ہٕندرِ رہٕم ہیٚنمہٕ مۆجوب تِگن کرِتھ مہربٲنی تہٕ مہرازس دانس پلیٹھ بیٚہناوتھ ییٚلہ دِلہٕ بتہٕ چھ آپراوان۔

**دَیہ لون۔** قسمتھ۔ نصیبہ۔

**دَیہ مُژِ ستی چھا دٕے مُژ گژھان۔** تہٕ ڈیپتھ گوٚ فقیرن تہٕ حاجتھ مندن کانٛہٕ ستی چھِنہٕ کانٛسہِ پزان۔

**دَیو۔** ن۔ مۆل: دَیو < س: دَیو]۔ ا۔ خوداین سٕنز قوۂ درتھ۔ ۲۔ نصیبہ۔ قسمتھ۔

**دَیو پھیرُن۔** قسمتھ پھیرتھ گژھُن۔ مُصیبتھ ییُن۔ واویلا ییُن۔

**دَیت۔** ن۔ مۆل: دَیت < س: دَیتہٕ]۔ گرس راچھ کرن وول۔

**دَیت راز۔** گردِوتا۔

**داب۔** ن۔ مۆل: داب۔ م۔ ہ: داب]۔ چھاپک ٹھپہٕ۔ چھاپک دَب۔

**دابہٕ۔** ن۔ مۆل: داب < ف۔ داب]۔ ا۔ ارشاد، بجر، دَبدبہٕ۔ ۲۔ روبہٕ داب۔ ہٲبتھ۔ آہرد کانٛسہِ ھاکی میٚہ شد)۔

**دالبس تل تھوُن۔** بیٚیس تل تھاوُن۔ کھوژناوتھ تھوُن۔ کانٛسہِ پیٹھ روبہٕ داب چلاوُن۔ آہر تھوُن۔ کانٛسہ تھوُن۔ لتہٕ تل تھاوُن۔

**دابہٕ تراوُن۔** آہر تھوُن۔ تژہر ناوُن۔

**دابہٕ تھوُن۔** دَباوُس تل تھوُن۔ سِکہ بیٚہناوُن۔ روٚبس تل اَنُن۔

**داپر۔** ن۔ مۆل: داپر < س: دواپر]۔ پژانہٕ حسابہٕ ژورِ یوگو (زمانو) منٛز ترٛیمیُم یوگ۔

**داتہٕ۔** ن۔ مۆل: دات < س: داتا]۔ دِنہٕ وول۔ سخی۔ یُس یژھ پاٹھو دان آسہِ کران۔ داتی۔

**داتہٕ گرٕ۔** یٚیتہٕ پوٚنسہٕ ٹوٚنک تران آسہِ۔

**داتہٕ گی۔** فیاضی۔

**داتر شکتی۔** م: مۆل: داتر شکتی < س: داترٕ + شکتہٕ]۔ دِنک۔ توفیق۔ حاجتھ مندس حاجتھ کڈنک حوصلہٕ۔

**داتھ۔** ن۔ مۆل: دات < س: دھاتہٕ]۔ ا۔ یہٕ کانہٕ اندرٕ نیبر تہٕ ییتھ کاشہ چیز بناونہٕ ییہ۔ ۲۔ مٔنی۔ کام۔

**داتھ پکُن / ژلُن۔** سالان آسُن۔

**داتھُر۔** مۆل: داتھر]۔ ا۔ کاریگر سامانہٕ۔ تم ساری سامانہٕ یم کاریگرہ استیمال چھِہ کران۔ سامانہٕ سوکاٹھ۔ ۲۔ (ورگم) سورُے سامانہٕ۔ ژھوٹھ بیترٕ۔

**داتھُر وہراوُن۔** ا۔ کامہٕ کارگی چیز پانس برٕونٛہہ کُن اَنُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھۍ) ژھوٹھ

ترٲوُن۔ چیز بیتر بے ترتیب پٲٹھو
ژھکرٕنی۔

داج۔ ن۔ مؤل؛ داج (س: دابہٕ + سہ
گُہنہٕ پلَو بیتریُس کھانادرٕ وِزِ کور
مالِنہٕ سِتی چھِ دِوان۔ وُس تہٕ وردن
بیتریُس مالِنہٕ مہرینہٕ دِوان چھِ۔

داجہٕ لونگُن۔ وُچھو "داج" لفظس تل۔

داچھل۔ ن۔ مؤل؛ داچھل (س: دھانیہٕ +
چھلیہ)۔ توہتہ دانہٕ یُس پیٹا ول گاو
دِوان چھِ۔

داد۔ ن۔ مؤل۔ داد (ف۔ داد)۔ ۱۔ انصاف،
۲۔ مزٕ۔ لُطُف۔ ۳۔ فرٕیاد۔ نالہٕ۔
آہ و زاری۔ ۴۔ تارِیف۔ کانہہ جان
کتھ وُچھتھ یا بوزِتھ تمہِ باپتھ تارِیف
کرٕنی۔ ۵۔ (مُشاعرس بیترِ اندر)
جان شار بوزِتھ واہ واہ کرُن۔ ۶۔
قصاص۔ بدلہٕ۔

دادس بے داد گرُھن۔ انصافہٕ بدل
ظُلُم واتُن۔ فایدٕ واتنہٕ بدل نقصان
واتُن۔

دادس واتُن۔ فرٕیادن کن تھاوُن۔
مالہٕ سمجھُن۔ انصاف کرُن۔

داد بیداد۔ فرٕیاد۔ بارو۔

داد بیداد ونُنی۔ پننہِ گٲرُن باوُن۔
پننہِ سِتم ونُنی۔

دادخاہ۔ (ل۔ م) انصاف مَنگن وول۔
۲۔ (ہزلیہ) ظالُم۔ داہ گار۔

داد دِین۔ ۱۔ مزٕ ہیوٚن۔ لُطُف تُلُن۔
۲۔ قدٕر بوزُن۔ ۳۔ مرحبا کرُن۔
شابُش کرُن۔

دادرسی۔ دادس واتُن۔ کتھ یا مالہٕ سمجھتھ
تتھ علاج کرُن۔

داد فرٕیاد۔ انصافہٕ باپتھ واویلا۔

دادگر۔ انصاف کرُن وول۔ سُہ یُس کانسہِ
دادس واتہٕ۔

داد ہیوٚن۔ ۱۔ مزٕ تُلُن۔ لطف تُلُن۔
۲۔ قدٕر زانُن (ضِیافتہٕ بیترِ)۔

دادو۔ ن۔ مؤل؛ دادو (س: دھانیہٕ۔ دھاکہ
+ بوگر)۔ اکھ کیمی ذاتھ یمیٚہ سیٚتہ دال
زمینس منٛز آسان چھیٚنے۔

دادٕ۔ ن۔ مؤل؛ داد (ہ؛ دادا (س: تاتہ کہ)۔
غُنڈٕ۔ زیٹھ ہیوٚہ بدماش۔ بوڈ
راٹھنڈی۔

دادٕ مالہٕ۔ لین دین۔ وُچھو "دادٕ ہور" تہٕ۔

دادرا۔ ن۔ مؤل؛ دادرا (ہ: دادرا (پراکرت:
دڈُر (س: دردُر)۔ ہندوستانی
گیوٚنک اکھ خاص طریقہٕ۔

دادنی۔ (ف: دادنی)۔ ۱۔ پیشگی۔ سے۔
(کانسہِ کارگرس یا زمینداراس بیترِ)۔
۲۔ قرضہٕ۔ وہ زم زخم۔

دار ۱ ۔ م ۔ مؤل : دار <س : دھارا] دِگنی ۔ چھوٗل، دگنہ تٕرٕل چینہٕ ج (یتیٕ ۔ ٹاٹھ ۔

دارِ دارِ وُسُن ۔ (۱) (رکود شپن) رٕزٕو رٕزٕو پیٚتھٕنۍ ۔ ۲۔ آب بیتر پٔت طرفہٕ لُرِ جایہ پیٚڑٕن ۔ ۳۔ دِگنہٕ یا ٹھیٚپہٕ وُسُن (اوٚش بیتر) ۔

دار لگنی ۔ دِگنی لگنی ۔ ٹھیٚپہٕ وُسُن ۔ جنٛیرٕ لگنی ۔

دار ۲ ۔ <س : دار ڈھیٚنہ] کٔپرٕک یا پلوٗک پھلنگ وٕق ۔

دارِ دوٚر ۔ کانٛی مضبوٗط ۔ یُس نہٕ سٔہل سٔہل ژھیٚنہٕ ۔ سُہ پلوٗ یتہٕ تیٛز کال نیرِ ۔ پایدار ۔

دار نیرُن ۔ ژٕرِس کالس کام دیُن ۔

وارِیاہ وٕق نیرُن ۔ ڈٕپلوٗس، کھور بانٛس پیتر

دار ۳ ۔ <ف : دار/س : دارُ ۔] تامہٕ رٕچ ٹُکر ۔ م : دارِ کون ۔ دارِ کانٛی ۔

دارا گمیٚتھو پھاٹوٗ کھہ، دوٚپنس پٔنٕنی ہٕنٛز نہٕ ڈٕیتھ گوٗلس پٔنٕنیو مٔنٛز دُشمن آسہٕ تٔس نہٕ پوٚرِشتہٕ ہیٚکُن ۔

دارک پوٗن ۔ ۱۔ یوسہٕ ٹُکر پھاپوٗنی آسہٕ تمہٕ ٹُکرٕ ہُنٛد ٹِکٕٹھل ۔ ۲۔ (وٕرگہٕ پاٹھی) پننیو اَندٕرٕ ی دُشمنو مٔنٛزے کانٛہہ شخص یُس نوقصان یا آزار واتناوِ، یِنٛن کانٛہہ سُہ شخص یُس رازس نیٚبر کرِ ۔

ڈٔبی پھل ۔

دارُو ۔ ٹُکرٕ ہُنٛد ۔ ٹُکرٕ ہُنٛد بنیومُت ۔

دار ۴ ۔ ن ۔ مؤل : دار <س : دوٗارُ] ۔ بر ۔ دروازٕ ۔

دارِ پوٗز ۔ بٔٹٕن ہُنٛد رسم ۔ دروازس پوٗزا ییٚمہٕ وِزِ لگٕنہٕ بڑٕ وٕنہٕ مہرازٕ مہرٕنٛی برس اَژان چھہٕ ۔

دار ۵ ۔ ن ۔ مؤل : دار <ف : دار] پھہہ کوٗٹھ ۔

دارس کھسُن ۔ پھہہ کوٗٹس کھسُن، شاٹھس کھسُن ۔

دارس کھارُن ۔ پھہہ دیُن ۔ پھانسہٕ دیُن ۔

دار ۶ ۔ م ۔ مؤل : دار <س : دھارا] ۔ ہٕتھیارٕچ ہیٚن ۔ (تیز) ڈُنٛدر ۔

دار ۷ ۔ ن ۔ مؤل : دار <ف : دار ۔س : دھرٕا دکٔنہٕ چیزٕا] تھوٗن وول ۔ م : مالدار ۔

دارَن ۔ <س : دھارنہٕ] ہیٚن ۔ دار ۔

دارَن پھیرِنۍ / دار پھیرِنۍ ۔ ۱۔ ہٕتھیارٕک بیتر موٗنٛڈ گرٕژھن ۔ ۲۔ پھش دار پاس اَکِس کُن گرٕژھن ۔ برٕیشہٕ ہُنٛد پھل ہوٗل گرٕژھن ۔

دارَن دِنۍ / دار دِنۍ ۔ کھٔرن دِنۍ تیز راوُن ۔ ہیٚن دِنۍ ۔

دارو ۔ ن ۔ مؤل : دارو <س : دارُو] موٚٹ کوٗٹ یُس وِرامہٕ ٹُکہ واتنہٕ خاطرٕ

مَکانَس اَرِ وَرِ تڑاوان چھ۔ تُری کوٹ۔
وِرام۔

**دارِ ڈج۔** تمہِ دَجہِ یَمِن اُچھ دار بناوان چھ۔ شُرِ ہن ہنزِ گِندُن تماشہِ۔

**دارِ دجہِ پاچھر۔** ۱۔ کور ہن ہنز گُڈ کرنہِ گِندُن۔ ۲۔ (رہزلہِ) شُری بار۔ کُنہِ سنجیدِ کامہِ مساوی بوزُن۔

**دارِکا۔** م۔ مؤل: دارِکا <س، دوارِکا–]۔ (وِرگرِ) سیٹھا بُڈ جاے۔ مندور۔

**دارِ سیچھ۔** اکہ قِسمُک گَھہ یُس کنہِ علاقن منز یِژ پاٹھی بدس چھ۔

**دارِ مدار۔** <ف: دار مدار] خَسر، برُوسہِ، وَسا۔ ڈوٗکھ۔

**دارِنی دارِنی۔** <س: دھرنی] ۱۔ پاتھلی پاتھلی۔ ۲۔ بانبرِ رؤس۔ رَسہِ رَسہِ۔ م:

ٹُکوی دارِنی دارِنی
آے بارِنی برابر (اکھ باتھ)

**دارِوَن۔** ن۔ مؤل: دارِوَن <س: دارُ+ وَنہ] سُہ گوٗن جنگل یتھ تامہرِ باپتھ سیٹھا کُلِر نیپرِتھ ہیکہِ۔

**دارُت۔** ن۔ مؤل: دارت <س: دھار+تو۔ تہِ یہ کانُسہِ دِتھ آسہِ۔ ووزُم۔ قرضہِ۔

**دارُت ووتُر۔** ہونڈ۔ پرونوٹ۔ بہی کھاتہِ۔ دُکاندار سِنز سو رجسٹری یتھ پیٹھ سُہ ووزُم نیٖنہِ والین ہُند حساب

لیکھتھ چھ تھوان۔

**دارُل خِلافہِ، دارُل حکومتھ۔** <ع: دارُالخلافۃ] راج داٗنی۔

**دارُن ¹۔** ن۔ مؤل: دار <س: دھارن]۔ ۱۔ دِکینہِ رٹنہِ (پاٹھی) بڑو ٹھہر کنہِ یا تلہِ کنہِ تھوٗن۔ م: اَتھ دارُن، ہلم دارُن۔ کن دارُن۔ ۲۔ (منس منز) رٹھُن۔ ۳۔ حوالہِ آسُن، اتھِ آسُن۔ لِقا یا آسُن۔ قرضہِ آسُن۔ ۴۔ لاگُن۔ یختیار کرُن۔ م: رِیچھ دارُن۔

**دارِ ہور۔** ۱۔ قرضُک ہیوٗن دیُن۔ ۲۔ داس دارُن۔

**دارُن ²۔** ۱۔ کھُٹ پھراٹھ تامبری کُلِر۔ ۲۔ دوسہِ یُش رُک اکھ کوٗن یا گرِتھ لُٹ۔ ۳۔ اتھِ گرِ ٹیچ نفیچھ۔

**دارو۔** <ف، دارو] دوا۔ علاج۔ بچاو۔ یہ لفظ چھنہِ الگ یوان بولنہِ پورہ کاشُر لفظ چھ دوا دارو۔

**داروغہ۔** ن۔ مؤل: داروغ <ف: داروغہ]۔ راچھ دَر۔ حوالِدَر۔ پلسک یا جیلک بینترِ افسر۔ تھانہ دار۔

**دارنا۔** م۔ مؤل: دارنا <س: دھارنا] کنہِ پیٹھ مَن ٹھہکراوُن۔ کنہِ پیٹھ کل ڈرراوِنی۔ استقلال۔

**دارنا دارِنی۔** (کُنہِ پیٹھ) مَن ٹھہکراوِتھ کل

گٹنہ راوٕنی ۔ ڈرڈ کرٕنی ۔

**داس ۱** ۔ داسہٕ ۔ ن ۔ مۄل : داس ۔م ۔ہ : داسا] ۔
۱۔ گٹنس پیٹھ تہٕ لکرٕتان یمن پیٹھ لبہٕ کھارنہٕ یوان چھےٚ ۔ ۲۔ دَرازٕ ۔ چار چوبر ہُند بۄنیُم کرٕتان ۔

**داس ۲** ۔ ن ۔ مۄل : داس (س : داسہ] ۔
نوکر ۔ غلام ۔ (وَرگہٕ پاٹھی) ۔ بَکھتی ۔ عقیدَت مَنٛد ۔

**داسہٕ باو** ۔ ۱۔ خدمتہٕ گارٕی ۔ نوکرارٕی ۔ ۲۔ حلیمی ۔ نرمی ۔

**داس آسُن** ۔ (حلیمی پرٛژھی) نوکر آسُن ۔ خدمتہٕ گذار آسُن ۔

**داسُت** ۔ مۄل : داستہ (س : داستو] ۔
غلامی ۔ ماتحتی ۔ خدمتہٕ گذارٕی ۔

**داسُت ہیوٚن** ۔ لاچارٕی کِنہ کانٛسہٕ ہُنٛز ٹہل کرٕنی پیٚنی ۔

**داستان** ۔ م : مۄل : داستان (ف ۔ داستان] ۔
۱۔ زیٹھ ڈلیل ۔ ۲۔ زیٹھ زاپٹھ ۔

**داس دارز** ۔ لین دین ۔ ہیوٚن دیُن ۔ م : حوالی تہٕ داس دارز ۔

**داش** ۔ ن ۔ مۄل : داش (ف : داشت] ۔
۱۔ وُتیژ ۔ ۲۔ گُذار ۔

**داش نداش** ۔ سورُے مال تہٕ جاداد ۔ سورُے سۄمبرٕمُت سودمُت سَنٛزٕ بتھ ۔

**داشتہٕ** ۔ م ۔ مۄل : داشت (ف : داشت] ۔
پرٛژنی ۔ سو زنانہٕ یوسہٕ کولیہٕ بدل تھونہٕ پیہ ۔ زنانہٕ یس سٕتی نیتھر روٚستے کولیہٕ ہُنٛد ہیوٚہ ورتاو کرِو زٕ ۔

**داغ** ۔ ن ۔ مۄل : داغ (ف : داغ] ۱۔ بدنما نشانہٕ ۔ بڑوٹ ۔ ۲۔ (چھوکھ بلنہٕ پتہٕ یا تژراوتھ دزاتی بیترٕ لاگنہٕ پتہٕ رودمُت) آکھ ۔ ۳۔ بدنس پیٹھ کانٛہہ قودرتی نشانہٕ یا خال بیترٕ ۔ ۴۔ میوٚس بیترٕ وسی پینہٕ سٕتی لوٚگمُت ہُرُنک نشانہٕ ۔ ڈگ ۔ ٹیٚپچ ۔ ۵۔ کانٛہہ ٹوٹھ مرُنک غم ۔ کانٛسہٕ ہُنٛز جدٲیی بیترٕ ہُنٛد غم ۔ چھوکھ ۔ ۶۔ ناوس وٕٹہٕ ۔ بدنامی ۔ تیٚتھ کیٚنہہ ییمہٕ سٕتی بتھ دیُن لایق روزِ نہٕ ۔

**داغل** ۔ وُچھو " داغدار " ۔

**داغ لانٛتھ** ۔ بدنامی ہُنٛد داغ ۔

**داغہٕ وُن** ۔ ۱۔ زخم یا چھوکھ دیُن ۔ تیٚتھ دزاتی یا سیٚخ لاگُن ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) حسابس چارُن ۔ لیکھُن ۔ درج کرُن ۔

**داغ اَژُن** ۔ ۱۔ ٹیٚپچ لگٕنی ۔ نشانہٕ پیٚیوٚن ۔ چھوکھ لگُن ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) میوٚس وۄزجار کھسُن ہیوٚن ۔

**داغ تھوُن** ۔ (وَرگہٕ) تیٚتھ کیٚنہہ کرُن یتھ نہٕ مسہ بتھ دیُن لایق روزِ ۔

**داغدار** ۔ مۄل : داغدار (ف : داغدار] ۔ ۱۔ یتھ داغ پیمتی آسن ۔ یتھ چھیٹھ کھٕژر

آسِہ (مہوس بیتر) ۲۔ بدنام تہٕ بزگار۔

**داغ دِتھ گژھُن** ۔ کانٛہہ پھتہ کُن تژاوِتھ مُرُن ۔ تژاوِتھ ژٔلُن ۔

**داغ دیُن** ۔ ۱۔ ٹینچہ تژاونہٕ۔ بژاٹی والِنۍ چھٹل بناوُن ۔ ۲۔ (مہوس بیتر) چھوکھ دیُن ۔ ۳۔ چار والِس کُنہ نالس تستی دژاٹی لاگنۍ ۔ ۴۔ نِشانہٕ تھاوُن ۔

**داغ روزُن** ۔ ۱۔ چھلنہٕ پتہٕ تہٕ نِشانہٕ روزُن ۔ ۲۔ کانٛسہِ ٹاٹھی سٕند مَرنہٕ دِلس وٕٹھ گژھُن ۔ ۳۔ بدنامی نہٕ ژٔلنۍ ۔

**داغ زو** ۔ ۱۔ یَس داغ لوگمُت آسِہ ۔ بدنام تہٕ بزگار ۔ ۲۔ داغی ۔

**داغ کرُن** ۔ ۱۔ داتو کانٛہہ چیز تژراوِتھ آلِس بیتر منز تژاوُن یا تمہِ سیتی ژھنی کرُن ۔ ۲۔ تژراوِتھ دژوت یا سیخ لاگُن ۔ (پرزناونہٕ بیتر باپتھ)۔

**داغ لگُن** ۔ ۱۔ بژوٹ بیتر پھنہٕ کِنی بدنما نِشانہٕ لگُن ۔ ۲۔ مہوس بیتر وٕسی پھنہٕ کِنی زگ ہگنۍ، ہوژنگ، نِشانہٕ لگُن ۔ ۳۔ بدنام گژھُن ۔ ۴۔ مرگہ بیتر کِنی افسوس روزُن ۔

**داغ لٲوُن** ۔ بدنامی ہُند کُنہ سیچھ پیتراوُن

**داغونہٕ آمُت** ۔ ۱۔ یتھ مہوہر آسہ پیپرُن ۔ ۲۔ تہٕ پہ کانٛسہِ ہندِس ناوس تژاونہٕ آسہِ آمُت ۔ دٔرج کورمُت ۔ ۳۔ دژاونہٕ سیتی داغ بیتر کورمُت ۔

**داغ ہیوُن** ۔ ۱۔ کانٛہہ کتھ اَندری رٹنۍ، دود یا غم پھتراوُن ۔ کانٛسہِ ہُند ماتم ہیوُن ۔ ۲۔ کُنہ پلوس پیومُت داغ صاف کرنہٕ باپتھ لونُٹھ ہینۍ ۔ داغ چھلُن یا تلُن ۔

**داغی** ۔ ۱۔ یتھ داغ آسن لگی متی ۔ یہ بژاٹی بیتر پھنہٕ کِنی بدنما آسہِ گومُت ۔ ۲۔ مہو بیتر یتھ ہوژنگی نِشانہٕ آسن ۔

**دال** ۔ م ۔ موٗل ؛ دال (س : دالہٕ) ۱۔ مونٛگ ، مُشر ، رازماہہ بیتر ہمن ہُندی پھلی یم ژٔنیتھ سیتہٕ پژھو کھیوان چھ ۔ ۲۔ ژٔنیتھ، تُوتھ یا ٹلیتھ دالہٕ پھلی ۔ ۳۔ (وُرگہ پاٹھی) کُنہ کھینہٕ چیزس زیاد پاکھ یا گَس لگنہٕ کِنی (گومُت) ڈُگہٕ ہیوہ ۔ کُنہ پھلس زری دٔگ لگنہٕ سیتی گومُت چوٗر ۔

**دالہٕ دٔگُن** ۔ داہ باہ گرہا تام زیوٹھ ژھوٹہ ییمہِ سیتی دال گشان یا دٔگان چھ ۔

**دالہٕ ڈس** ۔ ۱۔ دالہٕ گَس ڈنگ ژھوٹہ ۔ ۲۔ (وُرگہ پاٹھی) سُہ شخص یُس کھینہٕ وراے کُنہٕ لگہ نہٕ ۔ یُس شخص زیتھ کھیہ ۔

**دال پکنۍ** ۔ (وُرگہ) وہسرُن ۔ ہمنہ نیرِنۍ ۔ کوٹھو پھٹیو ۔

**دال تژاونۍ** ۔ تژ نگہ پکنہٕ ۔ لہٹُن ۔ ہمنہٕ نہٕ روزنۍ ۔ وہسرُن ۔ کھوژُن ۔

**دال پھنس گٔھسنۍ** ۔ سبزر گژھُن ۔ باکل یُن ۔

پَچلُن ۔ پکُن ۔ بول بجااُنُن ۔

**دال گرٕھنی ۔** ۱۔ سپُنُن ۔ رَلُن ۔ وُگرگرٕھن ۔ ۲۔ ریزٕ ریزٕ گرٕھن ۔ سیٹھ ہیوٚہ گرٕھن ۔

**دال گلنی ۔** (دوٚرگ) کانسہِ نِشہِ مطلب نیرُن ۔ پکَن پلے آسُن ۔

**دال وہسرٕنی ۔** (خوفہٕ یا ژُہمہٕ سیتی) گابرُن ۔ بانبرُن ۔

**والوٗر ۔** گالوٗ ۔ ناوِ ہُند ڈمب ۔

**دالہِ ۔** ن ۔ موٗل : دال (س : دار) ۔ ۱۔ پنشُن ہنٛز ژٕم یا مُسلہِ ۔ کھَل ۔ ۲۔ چمرٕ ، شہ چمرٕ یُس کھورِ باتھَن بیتر لگان چھُ ۔

**دالہِ ڈوٗکراوُن ۔** (دوٚرگ) کامہِ ہُند سیٚخ بار تراوُن ۔ پنٕنہِ پیٚٹھٕ کام کرناوُن ۔ کامہِ سیتی کرُس ڈوہ کھراونی ۔

**دالہِ وُسُن ۔** (دوٚرگ پاٹھی) سیٚخ میٚحنتھ پیٚنہِ ۔

**دالہِ دالُن ۔** ۱۔ مُسلہِ والُن ۔ ژٕم مازٕ نِشہِ علاوِہ کرٕنی ۔ ۲۔ (دوٚرگ پاٹھی) عذاب کرُن ۔ کام کرناوِتھ کانٛہہ حال ہوش نہٕ تھوُن ۔

**وال باچھ ۔** (ع : دال + س : بھاشا) پُھٹواٹرِ سُنٛد سُہ کاکد فرٕدٕ یُتھ پیٚٹھ اسامہِ وار مالہِ یک تفصیل درٕج چھُ آسان ۔

**دال چیٖن ۔** م ۔ موٗل : دال چیٖن (س : دارُ + چیٖنی یا ۔ ف : ۵ ۔ دال چیٖنی) ۔ اکہِ کُلہٕ کِس دِل یَتھ اکھ خاص خوشبو چھے آسان ،

یہ چھُ مصالہِ بدل لگان ۔

**دام ۱ ۔** ن ۔ موٗل : دام (س : دھے) ۔ ۱۔ یوٚت گِلس وانہِ (ترٛیش یا دوُد بیتر) کیٚنہٕ پھِٹنک گوٚل ۔ ۲۔ بیہ بیتر ژٕہہ (دوُد چینہِ باپتھ) ۔ ۳۔ شاہہِ سیتی ترٛل چیٖز اَتھس منٛز کھارِتھ ہٹہِ والُن ۔ ۴۔ (تماکس یا سگریٹس بیتر دِنہ آمُت) کشس ، سوکھ ۔

**دامہِ چوٚن ۔** وُٹھن سیتی بینٛہِ لاگِتھ چوٚن ۔ (دوُد یا آب بیتر) دام دِتھ چوٚن ۔ تھَلہِ نہٕ چوٚن ۔

**دامہِ دامہِ ۔** گلہِ گلہِ ۔ گوٚل گوٚل کرِتھ ۔ اکہِ اکہِ دامہِ ۔

**دام چوٚن ۔** گنٛیٛک گوٚل چوٚن (خاص کرِتھ دوشترٕ اَکھ) ۔

**دام دیُن ۔** ۱۔ ژٕہہ دیُن ۔ ۲۔ گرٕدہٕ ٹھگرٕدہٕ ٹھ کران چوٚن ۔ اکی شاہہِ چوٚن ۔ ۳۔ کیٚنہٕ چیٖزٕ شاہہِ سیتی پانس کُن لمُن ۔ ۴۔ تماکس بیتر کشس ہیوٚن ۔ ۵۔ یَن بینٛہِ پانس کُن پھِرُن ۔

**دام گنٛڈُن ۔** تھکہِ روٚس چوٚن ۔ گرٕدہٕ ٹھ گرٕدہٕ ٹھ کران چوٚن ۔ ہِکہٕ سان چوٚن (ترٛیش یا بیٚیہ کانٛہہ ترٛل مادٕ بیتر) ۔

**دام لگُن ۔** ۱۔ کیٚنہٕ ترٛل مادس وسونس یا لمہٕ ونس کُن وَقت لگُن ۔ ژٕہہ لگُن ۔ ۲۔ تیتھہ پاٹھی خرٕج گرٕھن یُتھ موکلنس

پیٹھ داتہٕ۔

**دام ہیوٗن۔** سِگریٹھ یا ٹموک چٮ۪ن۔ سِگریٹَس یا جٮ۪نجیرِ بیترِ کَش ہیوٗن۔

**دام۲۔** ن۔ مؤل <ف : دام/س : دامَن] زال۔ دالہِ واٗش۔ رٕٹنگ ژھل۔

**دام ترٛاوُن۔** زال دٕ ہراوُن۔ دالہِ واٗش لاگٕنی۔

**دام۳۔** ن۔ مؤل: دام <س : دھامَہ] ۱۔ روزَن جاے۔ مَکانہٕ۔ ۲۔ سوٕرگ۔ م : پرمہٕ دام۔

**دامَن۔** ن۔ مؤل : دامن <ف : دامَن]۔ دامنہٕ۔ داما نہٕ۔

**دامَن گدآیی کَرٕنی۔** کاٗنسہِ ہٕنز ویرٕ ہٮ۪چھ بٮ۪چھ اَنُن۔

**دامَن گیر۔** یُس داما نہٕ رَٹہِ۔ یُس کُنہٕ ظُلمَس خلاف آواز تُلہِ۔ فرٕیاد کَرَن وول۔ زارٕ پارٕ کَرَن وول۔

**داماد** ن۔ مؤل : داماد <ف : داماد] زامترٕ

**دا مِنی۔** اَکِہ قِسمُک وَس یُس ڈٕکَس ترٛاوان چھِ یا پلوَن بیترِ دامنَس تَل لاگان چھِ۔ م : ڈٕکہِ دامِنی۔

**دامِنی دامِنی۔** <ف : دامن]۔ ۱۔ بالَس بیترِ بوٗنی بوٗنی۔ لامِنی لامِنی۔ ۲۔ دکھنَس بیترِ یَپارِ یَپارِ بیرٕ آسہِ۔ زُمینہِ ہٕنزِ نیابہِ طرفہٕ۔

**دامبُر۔** ن۔ مؤل : دامبر <س : دھانہ + دوٗاک] ۱۔ دان۔ ۲۔ گجہٕ بڑو ٹھٕ کنہٕ دُپتھ سوٕ جاے یٮ۪تھ پیٹھ ہُر دِنہٕ یوان چھے۔

**دامنہٕ، داما نہٕ۔** ن۔ مؤل : دامَن، دامان <ف : دامن/ دامان]۔ ۱۔ ناٗلی پلوٗک ٹھہر آوٕ تھ اَندیُس یوٗن کُن اَلوند چھُ روزان۔ ۲۔ پانگ، یا وُڈر بیترِ ہُند بوٗنیُم حِصہٕ۔ بانگ دامِنی دار حِصہٕ۔ ۳۔ ہَلَم۔ ۴۔ (ڈوٗر بیترِ چ) بیرٕ۔

**داما نہٕ بوٕ ڈُن۔** ہانژھ اَگِنی۔ توہمَتھ کھسٕنی۔

**داما نہٕ چھلُن۔** (وَرگہٕ) ہانژھ لاگٕنی۔ غاٮ۪بتھ کَرٕنی۔

**داما نہٕ داٗری، دامَن داٗری۔** ۱۔ داما نَس تھفٕ کَرٕنی۔ زارٕ پارٕ کَرُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) نیٮ۪تھر مَنگُن۔ کورِ ہانگیہٕ گرٕژھن۔

**داما نہٕ رٹُن۔** ۱۔ داما نَس تھفٕ کَرٕنی۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) زارٕ پارٕ کَرُن۔ مِنَتھ کَرٕنہٕ۔ ماٗفی مَنگٕنی۔ ۳۔ کاٗنسہِ ہُنٛد ڈوٗکھ ژھانڈُن۔

**داما نہٕ وٹُن۔** ۱۔ مُرہیوٗر کُن پھِرِتھ تھوٗنی یُتھ نہٕ بَرنہٕ ییہٕ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) کُنہٕ نشہِ لوٗب ہیوٗن (یُتھ نہٕ پھسہِ)۔

**دامنَس پیٹھ نِماز پٔرنی۔** تہٕ ڈٕپتھ گوٗ پاکھ آسُن۔ بےگوناہ آسُن۔

**دامنَس تھفٕ ژٕھنٕنی۔** فرٕیاد کَرُن۔

**دامنَس میٹھو دِنی۔** عَقیدتھ آسنہٕ کِنہٕ سیٹھا

یرٕ نتھ کرُن ۔

**وامنہ پھیٖرُ کرُن** ۔ وٕچھو "دستار بدلاوُن"۔

**وامنہ دار** ۔ نالی پاوٕک بسترنہ کام کرِتھ ماتانہ ۔ سُہ نالی پلو بیتھ مُرِ ، بوٕنہ کنہ ماتیشہِ آسہ ۔ یتھ دامنہ ځرِتھ آسہ ۔

**وان ع۱** ۔ ن ۔ مؤل ؛ دان <س ؛ دھانہ ] بیرنہ یا ٹھیشہ بیترِ ہُمشد بنوومُت چِوٕلہ یتھ اکہ کھوتہ زیادٕ ژرٲری آسن ۔

**وانس پٮ۪ٹھ کرُن ، پانس کھیٚتن** ۔ تہ ڈیٚتھ گمہ پانہ ہما ہ آسرِتن ، بجا اسہ کیُٹ ۔ آسرِتن ہٹیوٚت یا متہ آسرِتن (یہ چھِپے آہی)

**دانہٕ بُٹھ** ۔ ۱ ۔ دانس بژو تھہ کنہِ لوکٹ پینٹھ ہش ۔ ۲ ۔ دانہٕ کرِ کلیک پیٹھیُم حصہٕ ۔

**دانہٕ بیوٚن تہ پانہٕ بیوٚن** ۔ تہ ڈیٚتھ گوٚیس کھیٚنس یچھِنس الگ دژاو نس چھنہٕ پتہٕ باتھے گرِ باژن ہنز ژر ہمدردی روزان ۔ م ؛ بنتھ بلیوٚن گوٚرتہ بیوٚن ۔

**دانہٕ ڈاکھ** ۔ دانہٕ کرِ جوشہٕ سیٚتی ووزلیمژ مٹیژ ۔

**دانہٕ زنگ** ۔ نوٕ دانک شُوگوٚن یُس دان بناوُن وٲلس یا گوڈٕ پیوٚن وٲلس دِوان چھُ ۔

**دانہٕ ژور** ۔ دانک گگ یتھ پیٹھ بانہٕ بِھ لاگان تہ یلیمہِ کنہِ ریتھہ کھسان چھِنے ۔

**دانہٕ گچھ** ۔ دانک گوٚل ییٚپاری زٕتِن بیترِ لاگان چھِ ۔ دانس نار ہیٚبر کڈ نیچ وتھ ۔

**دانہٕ گوٚل** ۔ وٕچھو "دانہٕ گژ" ۔

**دانہٕ میر** ۔ (ہزلِہ) ، بوڈ دان ۔ (یہ پچھ کھینس پیٚٹھ زیادٕ خرچ گژھنہ کنہ دژن داوِ وننہ یوان) م ؛ دانہٕ میرِن کھیٚیہ کاتیاہ جانہٕ میر ۔

**دانہٕ میرِن کھیٚنے کم جانہٕ میر** ۔ (ہزلہ) لنگر ردٕ چلاوان چلاوان چھ کاتیاہ بھاگہ لگرِ گژھان ۔

**دان کرُن** ۔ دان بناوُن ۔

**دان ع۲** ۔ ن ۔ مؤل ؛ دان <س ؛ داش ] خٲرات ۔ بخشایش (یہ بیٚنچھِ وِنس بیترِ چھِ دِوان) ۔ دِیہ سندی ناوی دیٚتمُت کینژھا ۔ تہٕ یہ بخشنہٕ ییہ ۔ دِرُمس دیُن ۔

**دان دیُن** ۔ خٲرات دیُن ۔ موحتاجن تہ ضوٚرورتھ مندن اتھ روٹ کرُن ۔

**دان کرُن** ۔ ۱ ۔ وٕچھو دان دیُن ۔ ۲ ۔ دان بناوُن ۔

**داوٕ** ۔ ن ۔ مؤل ؛ داو <س ؛ داوٕ ] دیتن ہنز اکھ ذات ۔

**دانے** ۔ م ۔ مؤل ؛ دانے <س ؛ دانہ ] ۔ نیبرِن ہُنند ٹاکھیہ ۔

**دانا** ۔ <ف ؛ دانا ] ۔ گاٹُل ۔ عقلمند ۔

**دانا پہ دہر** ۔ دُنی پیٚھک گاٹُل ۔ تیوٚت عقلمند زِ جور آسِس نہٕ ۔

**دانائی** ۔ گاٹہِ جار ۔ عقل مندی ۔ بوزِ شوژ ۔

**دانہٕ** ۔ ن ۔ مؤل ؛ دانی <س ؛ دھانیہ ] ۔ اکہٕ قسمک اناج یتھ توٚمل نیران چھُ ۔

**دانہِ پانہِ ترُن** ۔ وآتُر دانہِ آبہٕ پیٹھ پیٚون۔

**دال چھِٹچ** ۔ چھعہٕ مبہٕ منتہِ دانیٚک لوکُٹ آمبار۔ دال ڈیر۔

**دال دَل** ۔ دانیٚ سو گوڈ ژنج دوگہٕ اکھوار بیٚتھہٕ ستی کھانچہِ نیٚران چھ۔

**دال ڈکھ** ۔ دال روٚب ۔ ہم دال کلو ہم اکھ اَکِس ستی سیتی اکہٕ بیٚ جایہٕ آسن۔

**دال ڈُل** ۔ ۱۔ بوڈ زمینہٕ ژُکل یَتھ اَندہٕ وَند دانہٕ آسہٕ ووِنہٕ آمُت۔ زمینہٕ پُٹ یُتھ اکہِ اَند پیٹھ بیٚیس اَندَس تام دال فصل آسہٕ۔ ۲۔ دال فصل یُس جیپلان آسہٕ ۔ ۳۔ بڑی بُری دال کھاہ۔

**دال زمین** ۔ سو زمین یَتھ منز دانہٕ ووان چھ۔ آبی زمین۔

**دال کھوٚر** ۔ ۱۔ دانِس باہ لاٚدی۔ ۲۔ تیوٚت زمین یَتھ اکھ کھوٚر دانہٕ ووِتھ۔

**دال گوٚنی** ۔ دال لاوِن ہٕنٛز بٕنٛٔ وٕژ گول بنہٕ یَتھ ژٕنڈک کھوٚل تہٕ ٹوٚپ وُٹھتھ چھ آسان۔ دال لاوِن ہٕنٛز بٕنٛٔ اوژ قَنثارہٕ چالہٕ بنہٕ۔

**دال گیٖڈ** ۔ گنڈِتھ دال لاوِن ہٕنٛنہ اکھ بور۔

**دال لاے ۱** ۔ سو ترلاے یُس کُن دال ہیٚوٚل آسہٕ نمیتو مُت۔

**دال لاے ۲** ۔ ورناوی مِتِس دانِس توٗنہٕ ستی کھوٚلمُت توٗل۔

**دال لیڈر / دانہٕ لیٚڈر** ۔ گگرٕ کنٛڈی زٕنٛڈ ڈک مٕول یُس لبوٗ دُر آسان چھُ۔ اکھ وُدا ذاتھ۔

**دال مشین** ۔ دانہِ منفنٕ مشین۔

**دال وُشِس** ۔ دال ووٚشُس۔ اکہٕ ژبہٕ ہنٛثارٕ کھچر لوٗنی لوٗنی ترووُمت دانہٕ۔

**دال ہیٚوٚل** ۔ سُہ پوشِس یُس دال کلِس چھُ نیٚران تہٕ یَتھ پتہٕ چھر کھتہٕ پھلی چھر بنان۔

**دانہٕ دانہٕ** ۔ مٕوٗل: دان (ف: دانہ س: دھلنا)۔ ۱۔ رٕژ رٕژ۔ پیٚنثرٕ پیٚنثرٕ ۔ پُتھ کُن کیٚنہہ ترٛاوِنہٕ روٗس۔

**دانہٕ وَل** ۔ ن ۔ مٕوٗل: دانہٕ دَل (دھانیہ + وَلہٕ)۔ اکھ بوٗٹی یتھ مُیک بیٛول سِنٛس مصالہٕ کِنہٕ لگان چھُ۔ اَتھ چھ اکھ خاص خوشبوٗ آسان۔

**دانہٕ** ۔ ن ۔ مٕوٗل: دان (ف: دانہ/س: دھانہ)۔ ۱۔ پھوٚل ۔ رٕژھ ۔ پیوٚنٹ ۔ ذرٕ ۔ ۲۔ بیٛول ۔ ۳۔ اَناج ۔ کھیٚن خور ڈنی ۔ پھل۔ ۴۔ گرٛی سٕنٛز ہہاری۔ اَردا پہ بیٛترہٕ۔ ۵۔ نٕنیک پھیپھرٕ ۔ گرمی دانہٕ ۔ ۶۔ مالہٕ پھوٚل ۔ (۷) کنہٕ لوکٹہِ چیٖزک اکھ (عدد)۔

**دانہٕ ترٛاوُن** ۔ جانا وارَن کو کرُن بیٛترہٕ پھل ترٛاوُن۔

**دانہٕ دار** ۔ یَتھ دانہٕ آسن ۔ پھلی دار ۔ سُہ فصل

یُتھ وِیٹھۍ پھلو آسن۔

**دانہٕ دانہٕ۔** اَکھ اَکھ پھول۔ سوٗیے۔ پھلہٕ پھلہٕ۔ یَتھ نہٕ کُنہ رَنٛگ کینہٕ تراوِنہٕ ییہٕ۔

**دانہٕ دِیُن۔** گرُس بیتر ہہارِ دِنُن۔

**دانہٕ سورٕنی / موکلِنہٕ۔** (وُرگہ) مُرُن۔ پَننہٕ وَنہٕ گرُٹھن۔

**دان پَن۔** ن۔ مؤل: دان پۆن۔ م۔ ہ: دان پُن۔ <س: دانہٕ + پَنیہٕ] خاراتھ۔ شدقہٕ۔

**دانٛد۔** ن۔ مؤل: دانٛد <س: دانتہٕ]۔ گاو ہُنٛد نرٕ جورٕ۔

**دانٛدٕ باٹھٕ۔** دانٛدٕ گاڈِ وول۔ یُس دانٛدٕس لَدِتھ بورسارٕ۔

**دانٛدٕ باٹھٕ۔** دانٛدٕ براٹھ، دانٛدٕ براٹھ۔ سٕرٛنٛڈ ہیوٚہ مٔٹ اِنسان۔

**دانٛدٕ پہُن۔** ۱۔ دانٛدٕ پٔڑرن تَل کاٹھہٕ فصل بیتر چھو مبرٕ وُن، گہٕ دِیُن۔ ۲۔ بیٹھوال دانٛدٕس وانہٕ پکنا وَنہٕ باپتھ روٗنکھن بیتر رکلہٕ دِنہٕ۔ ۳۔ (وُرگہ پاٹھۍ) کاٹھہٕ بیٹھوال زیر دی دی ٹلُن۔ (کامہٕ باپتھ) ترٛنٛگ ترٛنٛگ دِیُن۔

**دانٛدٕ پھراٹھ / دانٛدٕ پھرُوٹ۔** آتک ووے مُتے اَکھ چکرٕ۔ اَلہٕ بانہٕ سٕتۍ لُمٕژ اَکھ رکھ۔ دانٛد وانِنہٕ باپتھ زٕمینس اَکہٕ اَنٛدٕ پیٹھٕ بیٹس اَنٛدٕس نام اَلہٕ بانہٕ سٕتۍ نشانہٕ بنٕنہٕ باپتھ گوڈٕ نیج رکھ۔

**دانٛدٕ ہتھٕ۔** نہٕ بنہٕ وُن چیز۔ م: دانٛدٕ ہتھٕ گرُس۔

**دانٛدٕ جوٗری۔** زٕ دانٛد۔ دانٛدٕ ہور۔ قد تہٕ وہستارٕ کنی برابر زٕ دانٛد ییم یکہٕ وَٹہٕ وانہٕ لاگنہٕ آسن آمتۍ۔

**دانٛدٕ کلہٕ۔** سُہ شخص یُس سیٹھ کنھ نہٕ فکرٕ ترٕنہٕ۔ بٔے وُقوف۔ اَحمق۔ مُٹھ۔

**دانٛدٕ کھڑاو۔** اَڈٕ گرٕ ڈٕ گرٕ تھز کھڑاو۔

**دانٛدٕ گرُس۔** سُہ چیز یُس بنہٕ وُن آسہٕ۔

**دانٛدٕ لیۆٹھ / لیۆنٹھ۔** اَکھ قسمٕک جنٛگلی گُل یَمہٕ دٕیتھ بٔڈی آسان چھ تہٕ یُس دانٛدن تراوان چھہٕ۔

**دانٛدٕ مور۔** سوہ نیچ لور، کرٛل بیتر ییمہٕ سٕتۍ وانہٕ دانٛدن ہُکھو کران چھہٕ۔

**دانٛدٕ ہور، ہور، ہوور، ہور۔** ۱۔ زٕ دانٛد ییم یکہٕ وَٹہٕ وانہٕ آسن پکان۔ دانٛدٕ جوٗری۔ ۲۔ (وُرگہ پاٹھۍ) زُور تہٕ زٕہن (یہٕ ملنے چھ کنٛجہٕ علاقن منٛز مروج)۔

**دانٛدٕ ہاکھ۔** اَکھ وُہسنۍ سبزی، ییمکہٕ وَتھر ووپل ہاکس ہیو آسان چھہٕ۔

**دانٛدٕ تراوٕنی۔** ۱۔ وانہٕ تَلہٕ دانٛدٕ ہور یلہٕ تراوٕنی۔ دانٛد وانِنۍ بنٛد کرُن۔ ۲۔ برٛیشہٕ آمرٕ گاو دانٛد لاگنۍ۔ ۳۔ دانٛدکاٹشہٕ ہنٛدٕس زٕمینس یا دٕجہٕ بیتر کھینہٕ باپتھ تراوٕنی۔

**دانٛدٕ کٕڑنی۔** زٕہن وانِنہٕ باپتھ دانٛد نہٕ

اَلہٕ بانٛی ہیتھ کھٕہس پیٹھ نیرُن۔ (وَرگہٕ پاٹھی) زٕمیندارٕی شوٗرٕ گژھٕنی۔

**داندواپنی۔** ۱۔ اَلبانہٕ سیتی زمین پھرُن۔ زمین اَلہٕ کڈُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) تباہ کرُن۔ بیخ کالٕنی۔ لُر پار کرُن۔

**داندوآیتھ تراوُن۔** تُہِتھ تہٕ چھُتھ تراوُن۔ سورُے نیُن۔ کَشِتھ نم تہٕ تھوٗنی۔

**داندوآیتھ تھوٗن۔** ہیٚتھ وُپراوِتھ تھوٗنی۔ زمینہٕ تلہٕ سورُے نوٗن کڈُن۔ (ڈبوومُت کانہہ چیز بیتر) ہُلہٕ دِتھ کڈُن۔

**داندہیوٚہ۔** نکہٕ نکہٕ پوٚکھٕ پوٗز عقلہٕ موٗٹھ۔ بڑ بیٹھ۔

**دانٛدی کھیٚیہ پتیج پٕلنی کھیٚیِن منٛدِج۔**

ل۔م : دانٛدس چھےٚ کُنہٕ کُنہٕ واپنہٕ وِزِ بچاو باپتھ پتیج یوان پیٹھ تراونہٕ، تہٕ اگر سوے کھیٚیہ پانَس واتیس پیدا تہٕ ڈیٚتھ گو ترٛژہ کانٛہہ حرکتھ کرٕنی ییٚمہٕ سیٚتی تمہٕ نِشہٕ گژھہ ییتھ پیٹھ تس دار مدار آسہٕ۔

**دانٛدُر۔** ن۔ مؤل : دانٛدرٕ ا۔ سبزٕ یر وۄہ پیداوُن وول۔ آرٕم۔ ۲۔ میوٕ تہٕ سبزی بیتر کِنن وول۔ سبزی فروش۔

**دانٛدرٕ ژھُج۔** مُجرٕ ہُند اکھ قسم۔

**دانٛدرٕ ہاکھ۔** آرِم ہاکھ۔ ہاکھ یُس نوشکس کھسان چھُ۔ مُ : ڈُل ہاکھ۔

**دانٛدرٕ ہیٚنی۔** دانٛدرٕ سنٛز زنانہٕ۔ سوٕ زنانہٕ یوٚسہٕ دانٛدرٕ کار کران آسہٕ۔ آرمیٚنی یوٚس سبزی آسہٕ کِنان۔

**داو[۱]۔** م۔ مؤل : داو] تیوٚت پن یوٚت ہیٚرِنہٕ اَکہٕ پھیرِ ناری زِ۔ نارٕ، نارِج، دگہٕ، اُنٛدرِمہٕ تارٕ۔

**داوِداو۔** پنہٕ پنہٕ کرُن دپلو بیتر ہیٚژہٕ پار کرِتھ تراوُن (کٔنِتھ پھمبس بیرٕس بیترٕ)

**داوِگلنہٕ۔** (وَرگہٕ) کمزور گژھُن۔ ہنہٕ ہنہٕ گلُن۔ پنہٕ پنہٕ گژھُن۔

**داو[۲]۔** ن۔ مؤل : داو (ف : داو) ۱۔ گِندنٕچ پنٛژِ واری۔ وِڈ۔ بانٛز۔ ۲۔ (زارُس بیترِ منٛز) اکھ چال۔ شرط۔ بےٚ۔ ۳۔ کُنہٕ بیترِ واتناوُنس موقہٕ۔

**داوس بہُن۔** ۱۔ بےٚ بہُن۔ شرط لگاوُن۔ ۲۔ تِتھِس شرطس بہُن ییٚتہٕ سورُے راوُنک خطر آسہٕ۔

**داوس لگُن۔** (وَرگہٕ) تِتھہٕ پاٹھی کُنہٕ منٛز ہیٚنہٕ یُن ییٚتھ موکلن پلے آسہٕ تہٕ۔ رٕکھ پیٹھ لگُن۔

**داوس لاگُن۔** کُنہٕ تِتھہٕ مالس منٛز پھساوُن ییٚمہٕ منٛز ییٚتھ ہیٚنس دار آسہٕ تہٕ۔ تِژھہ حالتھ کرٕنی ییٚتھ نہٕ کَلہٕ پھرِنس وار تھوٚوِز۔ رٕکھ پیٹھ لاگُن۔

**داوس لوگمُت۔** (وَرگہٕ پاٹھی) ہیٚنہٕ آمُت۔

شہِ یُس مُشکِلس مَنٛز پھسیوٚمُت آسہِ۔ پیٚچِس اَنٛدر آمُت۔

**داوِہُر۔** وریوٚر ہاژ ہاژھ لاگٕنۍ۔

داوِ پیٚھ کَتھ تہٕ چھاو پیٚھ ہٕتہِ۔ تہٕ ڈیٚتھ گو یُتھ کانٛہہ کَتھ یا کام چھےٚ پَنٕنِس موقس پیٚٹھے شوٗبان۔

**داوِن۔** ۱۔ دوٚقہٕ واتُن (کَتھ بیٚترِ واتناونُس)۔ ۲۔ داَرِ ہیٚنۍ۔ وٕنِ واتٕنۍ۔

**داوُتھ۔** م۔ مۄل؛ داوت <ع؛ دعوت> سال۔ پُژھی لاٗر۔ کُنہِ کامہِ مَنٛز حِصہٕ نیٚنہٕ باپتھ وَنُن۔

**داوتھ نامہٕ۔** دوقہٕ۔ سالہٕ کاڑ۔ سالہٕ چِٹھۍ۔

**داوا۔** ن۔ مۄل؛ داوا <ع؛ دعویٰ>۔ ۱۔ حق۔ یِختِیار۔ توقعٕ۔ ۲۔ (عدالتہٕ مَنٛز) مُقدمہٕ۔

**داوا آسُن۔** حق آسُن۔ یِختِیار آسُن۔ توقعٕ آسُن۔

**داوا بوٗزُن۔** ۱۔ کانٛسہِ ہُنٛز کَتھ کَن تھاوُن۔ ۲۔ مُقدمہٕ بوٗزُن۔ ۳۔ کانٛسہِ یا کُنہِ پیٚٹھ یِختِیار زانُن۔ م؛ مےٚ بوٗز داوا تہٕ آس یوٗت روزنہٕ۔

**داوا تھوٗن۔** یِختِیار آسُن (کُنہِ چیزَس پیٚٹھ)۔

**داوادار۔** ۱۔ شہِ یُس کُنہِ پیٚٹھ حق آسہِ۔ ۲۔ شہِ یُس حق کانٛسہِ پیٚٹھ جاۓ آسہِ۔ یِختِیارِ ووٚل۔ م؛ روشُن گژھہ داوادار ہوروزِ' پوشہِ مَتہٕ جانانو

داوا دارَن ہم ناوُن کرناوُن سالُل۔ ۳۔ شہِ یُس بٲرِ آسُن (دوٚیمِس دُنیاہس مَنٛز)۔ م؛

**داوا کرُن۔** پَنُن حق مَنٛگُن۔ پَنُن حق ہاسِل کرنہٕ خٲطرٕ عدالتَس گژھُن۔ مُقدمہٕ کرُن۔

**داواگیرِ۔** پژھ گار کرناوُن ووٚل۔ بٲرِ مَنٛزٕ تھوٗن ووٚل (خاص کرِتھ) دوٚیمِس دُنیاہس پیٚٹھ۔

**داوُک۔** ن۔ مۄل؛ داوک <س؛ داوک>۔ داویُس کھٕہُن آب تہٕ ہتھ نوان چھُ، یٕمہٕ کٕنۍ نہٕ لوٗن گژھان چھُ۔

**داوُن۔** دٕوناوُن۔ م؛ داوِنۍ۔

**داو پیچ۔** ن۔ مۄل؛ داو پیچ <ف؛ داو پیچ>۔ دٔبہٕ برہُنٛد ژھل۔ بازِ چال۔

**داہ، دَہ۔** مۄل؛ داہ <س؛ دشہ۔ پراکرت؛ دٔہہ۔ ف؛ دہ>۔ نَو تہٕ اَکھ۔ وٕچھِو "دَہ" تہٕ۔

**دٲہَن تھاوان سےٚ، اَکِس نہٕ تراوان وےٚ۔** تَس مُتلق وَنان یُس واریاہَن کاہَن اَتھہٕ ژھنہِ تہٕ اَنٛد ہیکہِ نہٕ اَکھ تہٕ واتناوِتھ۔

**دٲہَن داہ مَن چھوٚن نہٕ کُنِس مَنٛٹ پوشہٕ تہٕ۔** تہٕ ڈیٚتھ گو یِکہ وٕٹھ روٗزِتھ اگر دٲہَن زٕمین کینٛہہ کانٛہہ چیز زوٗ تمہِ مَنٛز ہیکن پٲنٛٹہ

زِ ژُنی تہِ ہیرتھ پۆز اگر اَکِ ژُنی پَنُنے یوت
حِصہٕ رۆزمُت آسہِ تَس ہیہِ نہٕ کُنِس
پانَس تہِ براٹری۔
دَہرِ وِہرِ دَشہِ ہار۔ ژترھ کاہہٕ کتھ یوسہٕ
خال بَنہِ یا سُپد۔
داہ چھہِ دوس تہٕ داہ چھہِ دُشمَن۔ نہِ دِپتھ گَو
زِ پرٛتھ مالَس مَنٛز چھِپے خبَردار روزُن چھ
ضوٚر رُوٚرتھ نہِ کیاز سارِی لُکھ چھنہِ
ہَمدَرد آسان۔
داہ دَر داہ۔ ۱۔ سۭتی۔ ژۆر۔ وارِیاہ سیٹھا۔
پَنٛزِ کھوتہٕ ژۆر۔ ۲۔ داہَن گۆن داہ۔
۳۔ تیوٚت آب، یوٚت تمہ نَلادَس واتہِ
یِتھ زیٹھر، کھُجر نہٕ سَنٛہر داہ داہ گز آسہِ۔
داہ دَر دُنی یا ہَزار دَر آخرتھ۔ اگر کانٛہہ
اَکھ حِصہٕ یِتہٕ دان دِیہ یا خَیرات کرِ
تَمِس تہِ دوٚہِس دُنی یا ہَس مَنٛز
ساسہٕ گُن۔ دایہٕ خَیر پرٛژھ وَنہٕ
یِوان۔ اکھ گُنہٕ خَیراتَس چھُ ساس
گُنہٕ ماوضہٕ دوٚہِس دُنی یا ہَس مَنٛز
تران۔
داہ گز شُنٛز کیا، داہ گز وۄگنِ کیا۔ یا
داہ گز تاہ کیا، داہ گز بالا کیا۔
تہِ دِپتھ گَو ہیلہِ کینٛہہ ناکارٕ گژھتی
آسہِ نیلہِ چھُ بَرابرے زِ ژُر گژھی تَن
یا کَم۔

ڈہٹُل۔ ڈہلہِ (ناشُک اَکھ پتہٕ)۔
ڈہیشُم۔ نوَپتھ کُنی نژآدِتھ یُس بُتھ رِہیہٕ
نوَو پتہٕ۔
ڈہٹُن۔ دَہَن ہُنٛد۔ ہم: ڈہٹُن نوٹ۔
ڈہی۔ ڈہہ گۆن گرِتھ۔ دَہہ سیتی ضرب
دِتھ۔ دَہہ لٹہِ۔
داہ ۲۔ ن۔ مُول: داہ <س: داہَہ] ۱۔ موردِ
زالنِچ کام۔ ۲۔ (کانٛسہِ ہُنٛدِ) دگُن۔
دُکھ۔ اَندرُون۔ تیٚتوٚل۔
داہ دِیُن۔ آورینہٕ پیٹھ زالُن۔ ژینتایہِ
زِکھ دِیُن۔
داہ سَنسکار۔ موردِ ژینتایہِ پیٹھ
زالنک رسم۔
داہ کرُن۔ (وَرگہٕ) سَخ نوقصان واتناوُن۔
ڈاسہِ کرُن۔
داہ گژھن۔ (وَرگہٕ) اَندری نار ہیٚوٚن۔
تکلیف واتُن۔ دِلی ووگنُن۔ ڈاس گژھن۔
داہ گار۔ تکلیف واتناوَن وول۔ سۆلیس
وَدِناوِ نہٕ تنٛترٕ تلِہ۔ نوقصان واتناوَن
وول۔ جأنی دُشمَن۔
داہ لوٚب تہِ باہ لَب۔ تہٕ دِپتھ گَو زِ گُنڈرِس
وَقتَس مَنٛز ہرگاہ موردَس سیٚدِ بُتھہِ
داہ دِنہٕ ییہِ، شہ چھُ تَس باہ کرنَس برابر۔
دأہِج دگ۔ داہ پھرُن۔ کانٛسہِ پَننی شُنٛد
مرگ پھرُن۔

**واہ مُشتی۔** اکہ قِسمُک، پڑون کاشُر کاکُنہ۔

**دالے ۱۔** ن۔ مؤل: دالے]۔ مشورٕ۔ صلاح۔ راے۔

**دالے پرٛژھُن۔** مشورٕ ہیوٚن۔

**دالے دیُن۔** مشورٕ ووٚنُن۔ صلاح ووٚنُن۔ راے ووٚنِنۍ۔

**دالے ووٚنُن۔** وُچھو "دالے دیُن"

**دالے ہیوٚن۔** مشورٕ حاصِل کرُن۔ صلاح ہیوٚن۔

**دالے ۲۔** م۔ مؤل: دالے (ہ: دایہ (س: دھاتری]۔ ۱۔ نوکرانی۔ شُرِ مٕہ گِذارؠ کرن واجنۍ زنانہ۔ ۲۔ وارینۍ ژُرِس۔

**دایہ پون/ دایہ تون۔** دایہ کار۔ نوکرآزی۔

**دایہ نُون۔** دایہ پاٹھۍ۔ دایہ ہُند ہیوٚہ ووٚتاو۔ نوکرانہ باپار۔

**دایک۔** ن۔ مؤل: دایک]۔ مشورٕ دِنہٕ وول۔ صلاح دِنہٕ وول۔

**ڈُبہٕ ژُر۔** وُچھو "ڈوٚبنۍ"۔

**ڈُبٕر۔** م۔ مؤل: ڈبر]۔ اکھ ٹوٚپل تٕلرٕ قسم یُس نہٕ مانچھ تہٕ داوان چھ۔ گانٹھر۔

**ڈُترِ اول۔** ۱۔ لوکٕٹ ڈُترِگُن۔ ۲۔ (ووٚرگہ پاٹھۍ) سو ہلے ییٚنہٕ کُن گژھنس منز خطر آسہ۔ رم:

ییٚنہٕ نو گژھہ ہم ڈُترے آلِس
گوڈٕ پژٕھ مالِس کیا لیکھنے

**ڈُترِ پٔیِنہٕ۔** ۱۔ ڈُترِ ہُندِ ذٕسی بُجھنہٕ یُن۔ ڈُترن ہُند ٹہپہ دِنہٕ سیتی ہٕنہ بر کھسُن تہٕ ڈگ کرٛنۍ۔ ۲۔ (ووٚرگہ پاٹھۍ) کٕنہ بُوزِتھ تلواس گژھُن۔ کتھ پیٹھ دزان دزان ژلُن۔

**ڈُترِگن۔** ۱۔ ڈُترٕ جم گھٹا۔ ۲۔ ڈُترِ اول۔

**ڈُترِگنس کُنہ دِنۍ۔** ڈُترن ہُندِس آلِس کُنی چلاونۍ یتھ تمہٕ بُجھنہٕ دوٚرن، تہٕ ڈپتھ گو بلاہہ یتھ نیرُن۔ مُصیبتس آلو کرُن۔

**ڈُترِ لگنہٕ۔** (ووٚرگہ) (کُنہٕ جایہ) قرار نہٕ یُن۔ سوکھ نہٕ لگُن۔ لگُن نہٕ۔ م: پِش پیٚنۍ۔

**ڈُترِ ووتھنہٕ۔** (ووٚرگہ) سخ ڈگ ووتھنۍ۔ سخ پھٹُن۔ زبردس تیلُن۔

**ڈُتی لیکھہ۔** غلط انداز۔ غلط حساب۔ حساب یُس دُرُس آسہ نہٕ۔

**ڈُتھر۔** م۔ مؤل: ڈتھر]۔ ۱۔ اکہ قسمُک ٹوٚپل کیوم۔ گانٹھر۔ ۲۔ ہرِ نہٕ گرٕ دُنانہٕ)۔

**ڈُتھرِ ناش۔** ۱۔ نوقسان۔ ۲۔ پھش پھرن وول۔

**ڈُج۔** م۔ مؤل: دُرج (س: دھوجا۔ م: ہ۔ دھجی]۔ ۱۔ کپرٕ پھٹل یا ٹُکرٕ۔ رُمال بیتر۔ ۲۔ زمینۍ ہتس پیٚ وٕتہٕ گرنہٕ بابتھ ٹُکرٕ۔ ۳۔ زمینہٕ ڈٔر یا زمینہٕ ہُند کانہہ لوکُٹ ٹُکرٕ، خاص کرِتھ خوشکہ زمینہٕ ہُند۔

۴۔ بَتہٕ کھینہٕ بیتر باپتھ کانٛہہ بوٗنتھ دٕکیٛٹ جاے۔

**ڈَجہِ باگے۔** بوڈ زمیٖنہٕ ڈوٗر راڈن یا ریلَن منٛنٛز باگرُن۔

**ڈَجہِ ریٚشٹُن۔** ڈَجہِ تر۔

**ڈَجہِ کھیٚتھ ڈَج۔** ۱۔ تیٚزٕت لوٗت زَن گلو گنٛڈ ڈَجہِ واتہٕ۔ ۲۔ وارِیاہ۔ ژوٗر۔ اَچھِ تلو پوٗن (ساماٖنہٕ بیتر)۔

**ڈَجہِ ہُر۔** واہرمُر کرِتھ یا سوٚمبرِتھ ژَچر۔

**ڈُج ڈُج تُلنی۔** ۱۔ زمیٖنہٕ ہُنٛد پرتھ کانٛہہ ٹُکر اَکہِ اَکہِ وایُن۔ ۲۔ رٔژہِ رٔژہ زٕتھ موکلاوُن۔ نیٚتہ نیٚتھ ہیٚنی۔

**ڈَج دِتھ وَدُن۔** ماتَم پیٚٹھوٗن۔

**ڈَج دِنی۔** ۱۔ جاے شُترٕ وٕژراونہٕ باپتھ پتھرِس لوٗن پھش دِیُن، خاصکرِتھ بتہٕ وَتہٕ کھینہٕ باپتھ۔ ۲۔ آسہِ تھوٗپ دِیُن۔ (ماتمہِ وِزِ وَدُن روکنہٕ باپتھ)

**ڈَج لاگنی۔** ۱۔ ژھینۍ متِس پلوٗس ڈُج ترٛوپ گرُن۔ پلوٗس کِنہِ گَدرِ چھِ جاہہ کیٚپِر نٔلم لاگنی۔ ۲۔ بیٚیِہ سٕنٛز غلط کَتھ تَل کرنہٕ باپتھ شیٖرِتھ سَنٛباٗلِتھ دِیُن۔ عاٗبس وُڈن ژھٔنُن۔

**ڈُجی دیواٗری۔** سیرِ لَپ بیترِ یتھ منٛزمنٛز کرِ ڈوٗٹہِ بیتر ترٛہِ بَرنہٕ آسَن آمتۍ۔ ژیٚنبو روٗسٕتۍ کھارنہٕ آمٕتۍ۔

**ڈُچھُن۔** (ن)۔ موٗل: ڈُچھُن (س؛ دَکشِنا)
۱۔ سُہ طرَف یُس کھوورِس مُقابلہٕ آسہِ۔ جوٗنوٗب۔ ۲۔ ڈُچھنہِ طرَفُک۔ جوٗنوٗبُک۔ ۳۔ سُہ طرَف یَپاٗرۍ ناپہ آسہِ پھیٖران۔ ۴۔ یَس تگہِ۔ تگَن گوٚر۔ م: اَتھ ڈُچھُن۔ ۵۔ کوٗلہِ ہُنٛد سُہ بوٚٹھ یُس وَسہٕ وٕنِس کُن بُتھ کرِتھ اِنسانَس ڈُچھنہِ آسہِ۔

**ڈُچھنی۔** ۱۔ یَپاٗرۍ ڈُچھُن چھُ۔ ڈُچھنہِ طرفہٕ۔ ۲۔ جوٗنوٗبہِ کُنی۔ ۳۔ دَکھِناٗتمہٕ ہار رٕیمہ کاٗنٛسہِ بڑ ہمُس پوٗزابہِ بیترِ باپتھ دِنہٕ پیٚن۔ ۴۔ بُڈ دوٗہِ بیچ بخشاٗیِش یوسہٕ بٔڑ کاٗنٛسہِ دِوان چھِ۔

**ڈُچھنی پاٗرۍ۔** وُچھو "ڈُچھنی کُنی"۔

**ڈُچھنی وُچھنی۔** ڈُچھنہِ اَتھہٕ کِس طرفہٕ۔ ڈُچھنہِ ترٛایہِ۔

**ڈُچھنی کُنی۔** جوٗنوٗبہِ طرفہٕ۔ دَکھنَس کُن۔

**ڈُچھنی نٕر۔** سوٚ نٕر یتھ مَنٛز اَتھ یٚژ پاٗٹھۍ بتہٕ چھِ کھیوان۔ سوٚ نٕر یُس یٚژ پاٗٹھۍ کامہٕ کاٗرِس لاگنہٕ یوان چھِ۔ ۲۔ (دوٚرگہِ پاٗٹھۍ) سُہ یُس پیٚٹھ پوٚرہ پٔژھ آسہِ۔ سُہ یُس پٔژھ وِزِ اَکار بکار پیہِ۔ سُہ اِنسان یَس پیٚٹھ کامہِ کاٗرُک دار مدار آسہِ۔

**ڈُچھنی بٕن۔** مُشوٗرِتھ دِیُن۔ کوٗژہ اَنُن۔

**ڈُچھُن اَتھ چھُ کھوورِس اَتھس چھلان۔**
نہٕ ڈیٚشِتھ گوٚ یُس پلنہٕ کرِ سُہ چھُ اوٚرِ ترٛہِ پلزان۔

ڈچھُن پوُر۔ ۱۔ سہ عَلاقہٕ یتھ ڈرس کالس تاپھ پوشہِ۔ ۲۔ کٔشیرِ مَنٛز کیٖنٛژَن علاقن ہُنٛد ناو۔

ڈچھُن کھوُر۔ ۱۔ اوٚند پوٚکھ۔ ۲۔ اورُک یورُک، ترائمک (مال)۔

ڈچھُن کھوُر ڈچھُن۔ اورِ یور نظر دِنۍ۔ وِچھنہٕ یکُن۔ سوٚ چھُہ قدم تژاوُن۔

ڈچھنہٕ اتھہٕ کھیٖوٚن تہٕ کھوورِ اتھہٕ ووٚگُن۔ یہِ چھُ تس اِنسانس متعلق وَنان یُس اتی کھیتہِ چھیہِ تہٕ اتی گرِ مُخالفت۔ م: ییٚتھو بالس کھیٖوٚن تِتھی بالس چھرُن۔

ڈچھنٛیار۔ ڈچھنِس کُن تژاے (خاص کرِتھ ہوٗہس یا ناپس)۔

ڈٔخل۔ ن۔ مۆل: ڈخل <ع: دخل] (اجنہٕ بیٚترِ سٕنٛز) آوُٹھ۔ پژاہ۔ رُٹٕھنہٕ یُن۔ تقسیٖم۔ تصرُف۔ ژھاے۔

ڈخل کرُن۔ پژاہ کرُن۔ لارنہِ کرناوُنہٕ۔ لٹھ اَنٛنی۔

ڈخل کاسُن۔ جن کڈُن۔ مانٛجھہر پٮ۪رِتھ تصرُف دوٗر کرُن۔

ڈخل گژھُن۔ جن اژُن۔ تقسیٖم گژھنۍ۔

ڈدِر۔ م۔ مۆل: ڈدر <س: ڈُڈر] ژٔمہِ ہٕنٛز اکھ بیٚماری، یہِ چھُ اکِہ قسمُک لاو ہیٚوٗہ یُس پھٔہلان گژھان چھُ۔ اتھ چھٮ۪تہٕ چھنہٕ آسان۔

ڈدِر ہیٚوٗہ کھٔرُن۔ مُلے نہٕ خوش کرُن۔ سٔخ کھٔرُن۔

ڈدوٗنہٕ۔ ن۔ مۆل: ڈدوٗن <س: دگدھ + وَنہٕ] ۱۔ دوٚدمُت جنٛگل۔ سُہ جنٛگل یتھ نار سٕتی وُہتھ وار آسہِ گوٚمُت۔ ۲۔ ویٖرانہٕ۔ بٕشنۍ یا۔

ڈدوٗنس دَرُشُن۔ (وَرگہٕ) تباہی گژھتھ یِہ کینٛژھا یِتہٕ کُن موٚژِ تتھ نظر دِنس نہٕ وۄتھ دِیُن۔ نقصان گژھنہٕ کِنۍ ویٖراگ (وۄتھن)۔

ڈدوٗنس نیوٗرُن۔ (وَرگہٕ) نار یا مارِ پٮ۪تہٕ نوٚ سٕر گرِ بنادٕ یُن۔

ڈدوٗنہٕ کرُن۔ (وَرگہٕ) تباہی کرٕنۍ۔

ڈدوٗنہٕ گژھُن۔ تژھے باش گژھنۍ یِتھ باش ڈدٕمتس جنٛگلس چھٮ۪تہٕ آسان گاہِژ۔ تباہی سپدٕنۍ۔ بوٗریادی گژھنۍ۔

ڈرٕیچہٕ۔ ن۔ مۆل: ڈریچ <ف: دریچہ] دار۔

ڈرِزٕ¹۔ م۔ مۆل: ڈرز <ف: درز] دیوارس بیٚترِ مَنٛز ڈرَن یِپارِ گاش اپارِ یپور ژران آسہِ۔ لے۔ ژٕڈ۔ ژھوے۔

ڈرِزٕ²۔ <س: دارُد] درد بلے۔

ڈرِزٕ پاٹھر۔ بانٛڈٕ پاٹھرس مَنٛز ڈرِزَن ہُنٛد نقل۔

ڈریزٕ۲ ۔ م ۔ مؤل ؛ ڈرزِ] یَتھ کھوڈ کینہہ ہیوٗہ اَکھ کیٖوٗم یُس لاوِس فصلَس تہٕ لاوِ سبزی ٹکان چھُ۔

ڈریزٕ لگٕنۍ ۔ ۱۔ سبزی مَنٛز ڈریزٕ نِنۍ گژھنۍ ۔ ۲۔ فصلن تہٕ سبزی تَھٕ ڈرزِ ہُنٛد نکھ لگُن ۔ ۳۔ ڈرزِ ہُنٛد سبزِ یِہ لوٗ نقصان کَرُن ۔

ڈرزِ واپھ ۔ ڈرزن ہُنٛدِ بپا ٹپھلنک وٗق ۔

ڈرراوُنۍ ۔ ماہ گرگیمن وآل دِتھۍ تھاوناوُن ۔

ڈرراوُن ۔ <س ؛ درِڈھ] ۔ ۱۔ ٹھیکہ آرتھ تھوُن ۔ ڈٔکھر اوِتھ تھوُن ۔ ۲۔ یاد کَرُن ۔ تاٲلیم تاٲلیم کَرٕنۍ ۔ ۳۔ ناقہٕ تھوناوُن ۔ روز در تھوناوُن ۴۔ ہلہٕ راوُن ۔ بتھی پھیر کَرُن ۔

ڈری ۔ <پراکرت ، دِرآ] سَطرنٛڈ ۔ وُتھرٕ پلوٗ ۔

ڈریا / ڈریاو ۔ ن ۔ <ف ۔ دریا] بٔڈ کوٗل ۔

ڈریا بوٗرد ۔ کولِ گژھُن ۔ کولِ بُزی ۔

دری یا دِل ۔ ۱۔ یَس دِل سٹھا بوٚڈ آسہِ ۔ وُسیع دِل اِنسان ۔ ۲۔ یُس یَس وِہِتھ باہٕ آسہِ ۔ زوٗک ، مؤدر برداش کَرُن وول ۔ ۳۔ یُس اَتھٕ وُوتھ آسہِ ۔ سخی ۔ فیاض ۔

ڈریاوَس ژھنُن ۔ ۱۔ کولِ دآرِتھ دِیُن ۔ ۲۔ دوٗرگہ پاٹھۍ ضایہ کَرُن ۔ وآران کَرُن ۔ تباہ کَرُن ۔

ڈریاوَس گژھُن ۔ ۱۔ کولِ پھُٹُن ۔ ۲۔ دوٗرگہ پاٹھۍ ضایہ گژھُن ۔ کُنہ وَتہٕ نہٕ لگُن ۔ کانٛہہ نتیجہٕ نہٕ نیرُن ۔ کیٚنٛہہ حاصِل نہٕ یُن ۔ کَرٕ ڈٔلِتھ گژھُن ۔ یم ہُیہِ وٕوٚنتھ تہٕ گژھُن ڈریاوَس ۔

ڈریاوٕ بُزی گژھُن ۔ ۱۔ ڈریاوَس مَنٛز پھٹُن ۔ ۲۔ ناگہانی بلایہِ ہُنٛد شِکار گژھُن ۔ ۳۔ تہٕ گژھُن یتھیٚ دوٚ میدے آسہِ ہانہٕ ۔ (دوٗرگہ پاٹھۍ) ضایہ گژھُن ۔ کولِ گژھُن ۔

ڈریاوٕ نِوان کانٛہہ آب ، لوٗتی مار دِوان بُتھِ بُتھ ۔ تہٕ ڈیٚتھ گوٗ اَکھا چھُ عاش کَران تہٕ بِیس چھُ بَلی تَنٛترٕ وہ نقان ۔ آزروٗن یِن ۔

ڈری بابِہ رَحمَتھ ۔ (دوٗرگہ) آنحضرتؐ ۔

ڈریاف ۔ ن ۔ مؤل ، ڈریاف <ف ؛ دریافت] ۔ وَنہٕ کَرُن ۔ یِیُن ۔ معلوٗم کَرُن یا سپدُن ) ۔

ڈریاے ۔ <ہ ؛ دریایی <ف ؛ دارائی] ۔ رَنگدار پاٹہٕ کپرُک اَکھ موٗل قیٖم ۔

ڈسِل ۔ مؤل ؛ ڈسِل] ۔ کٕرۍ تہٕ سیتی لبہٕ ژیٖنۍ بیترِ کھارَن وول کآری گر ۔

ڈسیلاز ۔ ڈسِلہِ سٕنٛد کار ۔

ڈستی ۔ وِچھِو " دَس " لفظَس تَل ۔

ڈسلابہٕ ۔ ن ۔ مؤل : ڈسلاب <ف ؛ دستی + اس ؛ شوٗرُو ۔ لابَہ ۔] ۔ بوٗنی ۔ گوڈ ۔ ابتدا ۔

ڈش ۔ م ۔ مؤل ؛ دٔش <س ؛ دشا] ۔ ۱۔ یمہٕ زٔنی یہ آلاُنٛدرٕ کُنہِ بلوٗس سٕتۍ یا داوِ پھیٖتی بیترِ یم آسَن ۔ ۲۔ سرٕ پُن یا دجہٕ تریٖوٕ ...

کُنہِ تہِ یارَس یا اَشنانَس بیترِ پیٹھ کاتھہِ
مُراد پوٗر گژھنہِ باپتھ گنڈٕنہٕ یِیِہ۔ ۳۔
ڈوٗرا۔ برگا۔ م ؛ ہاکہِ ڈش۔ ۴۔ ییٚنہٕ
ہُندِ سُہ حِصہِ یُس کُنہِ اَتھ گوڈٕ ووٗنہٕ نے
تراونہٕ یِیِہ یا مُژراونہٕ یِیِہ تہِ پَتہٕ یییَس
وُٹھُن دِنہٕ۔ ۵۔ اَنزِلِس الاتھ داو۔
م ؛ اَنزِلِ دَشہِ۔

**دَشَل۔** وُچھو "دَشہِ دار"۔

**دَشہِ ٹھوٗی ٹھوٗی۔** مَنگہِ مَنگ کرِتھ۔ کھوٗ تام
کھوٗ تام۔ سیٹھا ییٚژھتھ کانٛچھتھ۔

**دَشہِ دار۔** یتھ دَشہِ آسن۔ شہ پلو یتھ ییٚنہٕ
ہندی اَند وُٹھنہٕ آسن آمتی۔

**دَشہِ ڈیٚنٛگھُن۔** اَنزِلِ دامہ ہلہِ گنڈُن۔ شہ
ہلہِ گنڈُن یتھ پتہٕ ہنز دَشہِ وُٹھنہٕ
آسن آمژ۔

**دَشہِ گنڈٕنہٕ۔** کُنہِ اَستانَس بیترِ پیٹھ پنُن مُراد
حاصل کرنہٕ باپتھ پَن بیترِ گنڈِنہٕ تھاوٕنی۔

**دَشہِ مُژرِنہٕ۔** مُراد حاصل سپدنہٕ پتہٕ اَستانَس
ڈش مُژراونک رَسم پوٗرٕ کرُن۔

**ڈشرُن۔** م۔ موٗل ؛ ڈشرن (س ؛ دوشمن)۔
راہ۔ تومُور۔

**ڈقیانوٗسی۔** ۱۔ پرانی نارترُون۔ سیٹھاہ ہے پرانہٕ
خیالک۔ ۲۔ گومُت۔ گُذرِیومُت۔

**ڈگلہٕ۔** ن۔ موٗل ؛ ڈگل (ہ ؛ ڈگلا) ۱۔ پھمبہٕ
سدری۔ ۲۔ لوکُٹ گبہٕ یتھ کانی پھمب

برنہٕ آسہِ آمُت۔ گدیلہٕ۔

**ڈل۔** م۔ موٗل ؛ دل (ع ؛ دلالہ) ۱۔ دزال۔
۲۔ بدذاتھ زنانہٕ۔ بدچلن زنانہٕ۔ مُلُژم
کم ذاتھ زنانہٕ۔ "ڈلہِ" لفظک مادہ۔

**ڈلیل۔** م۔ موٗل ؛ ڈلیل (ع ؛ دلیل = دل کہ)
۱۔ کتھ۔ ٹیژ پاٹھی پادشاہ کتھ۔ کہانی۔
۲۔ گذرُن۔ پانس پیٹھ گذرِیومُت یُس
کانسہِ نش باونہٕ یِیِہ۔ دَشا۔ حالتھ۔ ۳۔
کُنہِ مامُلِچ یا کتھِ ہنز وِشرِھنے۔ توٗبوتھ۔
۴۔ سبب۔ وجہ۔

**ڈلیلہِ بڈ۔** (ہزلہٕ) یُس کتھ بوزناوتھ اَپرانز۔

**ڈلیل وِنٛنی۔** ۱۔ کتھ وِننی۔ کہانی پھرنی۔
۲۔ (ورگہِ پاٹھی) زیوٗٹھ ہیتھ یا بہانہٕ وَنُن۔
پننہٕ بچاوٕ باپتھ اَپزٕ کتھ کرٕنی۔

**ڈلیٚن۔** ن۔ موٗل ؛ ڈلن (س ؛ دَلنہٕ)
۱۔ گوڈٕنیک دل۔ (مُننہٕ سیتی) اَلگ
کڈنہٕ آمُت توہ بیترِ۔ ۲۔ گوڈٕنکہِ دُگ
توہ۔ ۳۔ چھچھہٕ۔ زرَن۔

**ڈلیچھ۔** پراہ۔ تصرف۔

**ڈلیچھ پییٚنہٕ۔** ۱۔ پراہ گژھُن۔ تصرف گژھُن۔
آمہ سیتی چھ راتھ کیُت (خاص کرِتھ ہرِدس
منزٕ) پکنہٕ سیتی پرتھ کیٚنہہ دزان بوزنہٕ
یوان۔ ۲۔ (ورگہِ پاٹھی) اَر سَر لگنی۔
ژھنزٕ بٹھ دِنی۔

**ڈہنی۔** موٗل ؛ ڈہنز (ف ؛ وُچھو۔ دمہ)۔

۱۔ شانُتھ ۔ پھرکھ ۔ شُہُس لُمُہ۔ ۲۔
تپھرن ہنز اکھ بیماری یوسہ تمن ونڈس
منز گران چھےٚ۔ ۳۔ زیٹھ ژاس ۔ زیکھ۔

ڈمیٚ شہ لد / ڈمنہ لد۔ تمہ لد۔ یُس تم آسہ
شُہُس شانُتھ روٹمت آسہ۔ (ڈزن
دادِ کانُسہ ونان)۔

ڈمی۔ وُچھو "دَم ما" لفظس تل۔

ڈمیٚ دِ۔ ن ۔ مُول: ڈموِ <ف: دمیده]۔
۱۔ شونُٹھ بتاسہ۔ شونُٹھ تراوِتھ کھنڈ
بتاسہ۔ ۲۔ شونُٹھ تراوِتھ بُزِتھ ماز۔

ڈنیٚ ژ۔ وُچھو "دند" لفظس تل۔

ڈنڈر۔ م ۔ مُول: ڈنڈرِس؛ دَنتہ + دھارا]۔
۱۔ بانہ کلینک اند۔ دار۔ کنارِ۔ ۲۔ (ورگہ)
زیٹھ زاپٹھ۔ فاضل کلامہ۔

ڈنڈرِ تُلنی۔ زیٹھ زاپٹھ وننی لاگنی۔ ترٛتھ
کانہہ کتھ تُلنی یتھ کنہ اند گوڑ آسہ
نہٕ۔ راد۔

ڈنڈر لاگنی۔ زیٹھ زاپٹھ لاگنی۔ فونٛتُول
کلامہ لاگُن۔

ڈنڈرِ وننی۔ زیٹھ زاپٹھ وننی۔ رادون۔

ڈنڈی شپر اڈُن۔ شُرس دَند پننہ پتہ ترٛ موٚمہ
چنٛیج ژاپھ روزنی۔ بُڈِتھ تہٕ شُرِس
ماجہ موٚمہ چنٛیج کُل روزنی۔

ڈنڈی یُن۔ ۱۔ ژاپنہٕ یُن۔ دَنٛد وسِتی ژاپھ ہکُن۔
۲۔ (ورگہ یاکھٹ) اَتھس منٛز یُن۔ قوبو

سپدُن۔ پھٹُن۔

ڈنز۔ م ۔ مُول: ڈنز ]۔ ۱۔ نیٚنگ سیٚز ۔ پوٚپہ
ژال۔ ۲۔ دوٚر کنہ چہر یا جمکہ چہر اویزان
تلہٕ، سوتہٕ یا ریوہ پہ داوِ۔ ۳۔ پلوس
بیتر اندرن تُل تلہٕ لاگنیج اکھ چال۔

ڈنزدار۔ ۱۔ یتھ سیٚز آسہ۔ ۲۔ (زوج) یتھ
تلہٕ آسہ چھاوِتھ۔

ڈنز کلہٕ۔ ہسترٕ پیٚتس سوٚمب نکو نکو
ہسری دانہٕ۔ پھٹہٕ متہٕ تو ملکو ہسری پیٚنتی۔

ڈنز موکھتہٕ۔ نیٚنگ موکھتہٕ یُس تلہٕ داوو
سیتی چھاونہٕ چھُ یوان۔ موکھتہٕ یُس
ڈنز ٹوپن منٛز وُرتہٕ چھُ یوان۔

ڈنز ہیٚنی۔ توملس ژھُھٹ کڈِتھ تمہ منٛز
سیٚز کڈُن۔

ڈنگلہٕ۔ ن ۔ مول: ڈنگل <ف؛ دنگ ۔ م ۔ ہ؛
دنگا ]۔ نیٚاے ۔ جگر۔ دَندوزُن۔
ہرہر ۔ ژُوژُو۔

ڈنگلہٕ لاگُن۔ نیٚاے لاگُن۔ ٹچھلہٕ لاگُن۔
تھپھہٕ تہٕ تُلنی۔

ڈہ۔ وُچھو "داہ" لفظس تل۔

ڈہر۔ م ۔ مُول: دہر <س: دھرتر ۔ م: ہ:
دھرٹا ]۔ جماتھ، دوٚر دگوون والین
بیتر ہُنٛد)۔

ڈہر بوج۔ واین وول ۔ سیتی بوج۔ جماژ
بوے ۔ ساتھی ۔ ہم جماتھ۔

ڈٔہرِہ پوٚ ڈٔہرِہ لو۔ کھیٚنجو کھیٚنجو۔

**ڈٔہم۔** م۔ مۄل: ڈٔہم [س: دٔشمی]۔ زۄنہِ پَچھک یا گٔرِ پَچھک ڈٔہیُم دۄہ۔

**ڈٔہم کاہ۔** بٹَن مَنٛز فاقہِ ڈِنُک اَکھ رٕسم۔ یہِ فاقہِ چھِ ترٛٲن دۄہَن دِوان۔ گوڈنِکہِ دۄہہٕ چھِ اَکھ ڈٔنگ، دوٚییمہِ دۄہہٕ بِلکُل فاقہِ تہٕ ترٛییمہِ دۄہہٕ ڈُپہر برٛونٛہہ اَکھ ڈٔنگ کھیوان۔

**ڈٔہم کاہ دَرٕنۍ۔** نییمہِ پٲٹھۍ زۄنہِ پَچھِ ڈٔہم تہٕ کاٚش دۄہہٕ فاقہِ دِیُن۔

**ڈٔہم کاہ کَرٕنۍ۔** توبہٕ یا پرٛایشچت کَرنہٕ باپتھ ڈٔہم تہٕ کاٚش دۄہہٕ پَنُن پان شُروٗتھ دِنہٕ پُژھی فاقہِ دِیُن۔

**ڈٔہُن۔** ۱۔ سۄ مُشِک یۄسہٕ کانٛجہِ گامتِس دۄدس بیٚترِ یوان چھےٚ۔ ۲۔ گنٛدٕ رۄہَن بیٚترٕ نیک تیز مُشِک۔

**ڈٔہیُک۔** ن۔ مۄل: ڈٔہل [س، دایہ + اُل]۔ ویدٕ اَکھ۔ لیلہٕ وٲنۍ کَرُنٛک ہےٚ۔

**ڈٔہیُل پوٚن۔** ٹاٹھۍ دَگ۔ کاٚنٛسہِ خاص پَنٛنِس سَنٛدِ مَرُنٛک افسوٗسَس لایق ناوُن۔

**ڈٔہیر۔** ن۔ مۄل: ڈٔہر]۔ شہ کٔرۍ دار شیٖتٕرو سیٖخ یُس لٔڑی شاہ چھُ وایان۔

**ڈٔہلہٕ۔** ن۔ مۄل: ڈٔہل [س: دٔشہ + اُل]۔ ناٹکُک شہ پٔترٕ یَتھ موٗل ڈہ آسہٕ، یُس تٔہلہٕ کھٔسِتھ تہٕ غولامہٕ وُستھ آسہٕ۔

**ڈٔیے ۱۔** [س: دٔیو]۔ ڈٔیُن۔ خۄدایُن۔ م: ڈٔیے دیتُمُت۔

**ڈٔیے ۲۔** [س: دٔیا]۔ دیایہٕ۔ مِہربٲنی کَرنَس پیٚٹھ۔

**ڈٔیے گرٕژھُن۔** مِہربان سپدُن۔ مِہربٲنی کَرنَس پیٚٹھ یُن۔ بخشایِشہِ سیٖتی مالامال کَرُن۔

**داٚتھ۔** ن۔ مۄل: داتِ [س: دیتیہ]۔ مۄل۔ "ڈٔیت" تہٕ۔ "اَکھ رٕپوٚ بیٚتی دِلو۔ ۲۔ (وَرگہٕ پٲٹھۍ) ظالِم، یُس کُنہ وُچھِتھ کھوژُن آسہٕ یوان۔

**دٲج ۱۔** [س: دایہ]۔ کانہہ ہُنٛز ڈٔر یۄسہٕ کَرٕ نٛجلی بناونَس اِستیمال سپدان چھےٚ۔

**داجِہ کوٚر۔** شوٗبہٕ یا پتھ پھوٚتس، کانٛگرِ بیٚترِ دۄنٛنٕ مَرٕ کَرۍ چالہٕ ڈٔر۔

**داجہِ ٹوٚنگُن۔** سامانہٕ تھَونہٕ باپتھ کانٛیوٗ پٹارٕ، یَتھ اَکھ چیز یَتھ کوٗر گنٛدان چھےٚ۔

**دٲج ۲۔** ۱۔ کٔہرٕ چالہِ ٹوٚنگرٕ۔ زٔمین کھَنٛنہٕ باپتھ اَکِہ سامانُک ناو۔ ۲۔ چوٚکاٹھَس پیٚٹھ بَناوتھ پَنہٕ داوُن ہُنٛد ہنٛجہٕ ہیوٗہ یییمہِ مَنٛزٕ وۄڈُر ییٚنۍ ناران چھُ۔

**داجہِ ٹوٚنگرٕ۔** کٔہی چالہِ ٹوٚنگرٕ۔ کدال۔

**داخل۔** مۄل: داخل [ع: داخل ۔ دَخل کہ]۔ ۱۔ شامِل۔ دَرٕج۔ سیٖتی۔ ۲۔ اَندر۔

**داخلِ دفتر کرُن۔** سانٛہہ نہٕ کاروٲیی کَرنہٕ روٚس

کاگز پیٹھ کنہِ ترآوُن منساوُن۔
بازخاس تہٕ ٹُلُن۔

**دادِر کانگر۔** وُچھو "دود" لفظس تل۔

**دادِر واو۔** وُچھو "دود" لفظس تل۔

**داڑ۱۔** م۔ موٗل؛ دار (پراکرت؛ داڑھ آ۔ (س؛ داڑھ کا]۔ ۱۔ ریش۔ ۲۔ مکایہ وُچھ ہُنٛز زِر۔

**دارِ چھوٗت۔** یُس ریش چھتیومُت آسہِ۔ یُزتھ مند بُڈ۔ سُہ شخص ینِس بسنز وُمر ہُند پاس سارٕ نے آسہِ۔ مُری دیادُم۔

**دارِ کوٗنڈ لور آسُن۔** ۱۔ کُنہِ نِشانہِ یا علامژ کنہِ کُنہِ کمتھ تنبر گژھن۔ م: پھر ژوٗرس دارِ کوٗنڈ۔ ۲۔ پننہِ جایہِ پننی اترینگ شک آسُن۔

**دارِ کوس۔** ۱۔ ینِس ریش کوسمت آسہِ۔ ۲۔ (اورگہِ پاٹھی) بے شرم۔ یُس کانسہِ ہُند پاس آسہِ نہٕ۔

**دارِ گونژہِ روٗس۔** لوکٹ یُس دار پھُٹنے آسہِ۔ نابالغ۔ (ہزلہ) بڑیٹھومُت بالغ۔

**دارِ پل۔** ۱۔ سُہ شخص یُس ریش زیوٚٹھ آسہِ۔ ریشل۔ ۲۔ اکھ گرام۔

**دار دزنی۔** شرمند گژھن۔ بتھس بڑونٹھ کُنہِ کیٚنہہ تیتھ سپدُن ینِمہِ سیتی شرمندگی گژھہ۔

**دارٕ۲۔** م۔ موٗل؛ دار (س، دوار]۔ ۱۔ لُرِ ہنزٕن لیٚن ہُندسُہ ووٚنہ حصہ یتھ ژکاژ تہٕ پٹی ہوہہ تہٕ گاشہِ بیٚنٛنز خاطرچھ آسان۔ ۲۔ دارِ پوٹ۔ م: دار تہٕ پنجر۔

**دارِ بر۔** دارِ تہٕ بر۔

**دارِ بر تژٕ وُپرِتھ بہن۔** ۱۔ (ورگہِ) لوٚب ہیوٚن۔ ۲۔ روٗشتھ اٹھار کُن بہن۔ تولُق ژٕٹُن۔

**دارِ بر تژٕ وُپرِنی۔** (ورگہِ) ناراضگی ہُند باس دِیُن۔ روٗشتھ بہُن۔

**دارِ پوٹ۔** دار بنار کرنگ تہٕ مژراونگ پوٹ۔

**دارِ دَرِ لگُن۔** نکار بوزِتھ تہٕ منگہِ منگ کرُنی۔ اگاد گژھن۔

**دارِ کِنہ اُژن۔** میٚہنتھ کرنہِ ورأے فایدٕ تہٕ کیٚنہہ سپدُن یینچ وُمید آسہِ نہٕ۔

**دارِ کِنی نبرٕن تہٕ برٕ (اَبری) کِنہ اَژُن۔** یِہ چھ تمہِ پھرِ وَنان ییلِہ کانسہِ ہینہ دژنہِ تہٕ کرٕی زٕ تونہٕ ییہِ الله وَلنہٕ۔

**داڑ۳۔** م۔ موٗل؛ دار (س؛ دار]۔ ۱۔ اچھ دار۔

**داڑ۴۔** ن۔ موٗل؛ داڑ (س؛ دھیریہ]۔ ۱۔ (مُصیبتس منٛز) ہمتھ۔ ۲۔ ڈٹھتھ روزُن۔

**داڑ گرُن۔** مُصیبتہِ وِزِ دِل کرُن۔ درِ بہِ گرُن۔ ہمتھ ہارنہ ورأے کامہِ پیٹھ ڈٹھتھ روزُن۔

دأرِتھ دِیُن / ژھنُن ۔ ۱۔ بَرِتھ دِیُن ۔ ۲۔ دَکہٕ دِتھ پَتھر ترٛاوُن۔

دأسی ۔ م ۔ مٔول : دأسی > س : داسی ]۔ نوکرأنی ۔ دایے ۔ خدمتھ کرن واجینی۔

دأمٕرزٕ ۔ م ۔ مٔول : دأمٕ رزٕ > س : دامن + رزٕ ] گیٛون بیتر گنٛڈنہٕ تھاو ینٛچ رزٕ ۔ گدوم ۔

دأن ۔ ن ۔ مٔول : دأن > س : داڑِمہ ]۔ اکہٕ تھر ہنٛد میوٕ یتھ گنٛجہٕ اَنٛدر رس دار پھٕلی آسان چھہٕ۔

دأن پوش ۔ ۱۔ دأن تھرِ ہنٛدی پوش ۔ ۲۔ (درگہٕ پاٹھی) پھٹہٕ وِنہٕ بٔہرٕ۔

دأن قلم ۔ دأن مۆرٕ یوٚس روٗنس لکان چھِنہِ۔

دأن ہٕٹ ۔ ہوکھہٕ نٲو یٔرِ دأن گنٛڈ۔

دأنستہ ۔ > ف : دانستہ ]۔ زأنِتھ مأنِتھ۔ اَکھتھ۔

دأنی ۔ اکھ وَزن ۔ توٗنگ شرٛأ ہیٚم چھہٕ۔

دأنی کرُن ۔ پانہٕ پانس منٛزی سوٚچُن ۔ ژھیتھ دِنی۔ اندازٕ کرُن۔

دأنٹھ ۔ ن ۔ مٔول : دأنٹھ > پراکرت : دَنتہٕ وَنہٕ > س : دَنتہٕ پَونہٕ ]۔ لوٚوٕ مۆرٕ ٹُکرٕ یمہٕ سیٚتی دَنٛد صاف ین کرنہٕ مسواکھ۔

دأنٹھ مۆرٕ ۔ لاوٕ مۆرٕ ۔ سو وِرٕ مۆرٕ یتھ دأنٹھ نیران چھہٕ۔

دأنٹھ کرُن ۔ مسواکھ کرُن۔

دأنٹھ ۔ ن ۔ مٔول : دأنٹ > س : دانتہٕ > س ؛ دَنتہ ]۔ ہُسی دَنٛدگ سہ سخت چیز یتھ کانٛہہ خوبصورتھ چیز بنان وِنہٕ یا نقشہٕ بیتر کرنہٕ ین۔

دأنتوٗر ۔ ن ۔ مٔول : دأنتوٗر > س : دانتہٕ کرٕ ]۔ ۱۔ ہُسی دَنٛدگ بنیومُت (چیز) ۔ ۲۔ پلاٹَھکھ ۔ م : دأنتوٗر گنگوٗ۔

دأیراوُن، دأیرُن ۔ ۱۔ پانی پانس سیٚتی کانٛہہ کتھ طے کرٕنی ۔ ۲۔ وَعدٕ تہٕ وَچُن تاکید کرُن۔

دأیرٕ ۔ ۱۔ آیرٕ ۔ گول ۔ ۲۔ کزینکہٕ روٚس واج۔

دأیرٕ بناوُن ۔ آیرٕ کرُن۔

دِپتہٕ مان ۔ مٔول ۔ دِپتہٕ مان > س : دیپتِمان ] چمکہٕ وُن ۔ زوتہٕ وُن ۔ پرٕزلہٕ وُن ۔ شاندار۔

دِہر / دِہیر ۔ بلہٕ سنٛز ماد ۔ اکہ مۆرٕ بوٗد کرُن دول ، جمانا وار۔

دِش ۔ م ۔ مٔول : دِش > س : دِش ]۔ طرفہٕ تہٕ ڈیتھ گو مشرق، مغرب، شمال، جنوب بیتر۔

دِشٹھ ۔ م ۔ مٔول : دِشٹھ > س : ایرشیا + سٹھ ] لاگہٕ دار ۔ سو یہ ہارٕی یعہ یِس لار۔

دِقتھ ۔ م ۔ مٔول : دِقت > ع : دِقۃ ]۔ ۱۔ رُکاوٹھ ۔ روٗکٹ ۔ ۲۔ تریمہٕ سیٚتی کانٛہہ تنٛگ ییہ ۔ مشکل۔

دِقتھ گرٛھنی ۔ تنٛگ یُن۔

**دِقتھ ییٚنی۔** رُکاوُٹ گژھنی۔ مُشکِل بَنتھ یُن۔ سیٚتھ ییٚنی۔ تھوٚنتھ گژھنی۔

**دِگ۔** م۔ مۄل : دِگ]۔ توٗنتیرِ ہنٛدِ پیٚٹھ سٟتی ژہچھ، ژوٚپ۔

**دِگل۔** ۱۔ یُس دِگہٕ دِوان آسہِ۔ ٹوٗپل۔ ۲۔ (اَورِگہٕ پاٹھی) سُہ اِنسان یُس زُرکہٕ دِنک عادتھ آسہِ۔

**دِگہٕ دِگہٕ کھیوٚن۔** ۱۔ اَکِس جانا وارِ ہُنٛد بیاکھ جانا وار دِگو سٟتی چھوکہٕ لَدِ گژھن۔ ۲۔ (اَورِگہٕ پاٹھی) پانوٚتہٕ زُرکو سٟتی سَخ پریشان گژھن۔ ہَنہٕ ہَنہٕ گالُن۔

**دِگہٕ دِگ۔** ۱۔ (جانا وارَن ہنٛز) توٗنتو سٟتی لڑٲے۔ ۲۔ (اَورِگہٕ پاٹھی) واد واد۔ دوٚنکھ دوٚنکھ۔ ژوٗنی۔

**دِگہٕ دِگ گَرٕنی۔** دوٚن کوکُرن ہنٛز پانہٕ وٲنی تیٚز لڑٲے کَرٕنی یُتھ دوشوٕنی زَخم وَسہِ۔ ژوٗنی۔ لوٚنہٕ لوٚنہٕ اَکھ اَکِس ژُمچہٕ ہیٚنہٕ۔ دوٚنکھ دوٚنکھ کَرٕنی۔

**دِگ آسٕنی۔** ۱۔ پھاہہٕ ٹھوٗلِس یوٗتی سَنٛزِ توٗنتہٕ سیٚود نیٚک گوٚد نَظرِ گژھن۔ ۲۔ بِسلایہٕ گاٹِہ ہنٛز لمہٕ آسٕنی۔ بِسلایہٕ ہنٛدِس واٲلِس گاٹِہ ہُنٛد دَرِ لگُن۔

**دِگ تھوٗنی۔** زَکھ واتنٲوِتھ تھوُن۔

**دِگ دِنی۔** ۱۔ توٗنتہٕ سٟتی ژوٚپ ہیوٚن۔ ۲۔ (اَورِگہٕ پاٹھی) زُرکہٕ دِنہٕ۔ زَکھ واتناوُن۔ اِذا واتناوُن۔

**دِگ لگٕنی۔** تیٚتھ کیٚنہٕ گُدرُن ییٚمہٕ نِشہٕ نہٕ سَند آرِتھ ہیٚکو زٕ۔

**دِگَر۔** ن۔ مۄل ؛ دِگر (ف : دِگَر] ۱۔ پیٚٹھن تہٕ شامَس دَرمیان وَق۔ ۲۔ دُہَچ ژٕنیِم نِماز یوسہ ژور بجے دوہلِہ ہیوٚہ پَرنہٕ یِوان چھےٚ۔

**دِگَر نِماز۔** پیٚٹھنہٕ پٔتیُم نِماز۔

**دِگَرس بٲگ۔ دِگَرن بٲگ۔** دِگَر وَقتہٕ۔

**دِگمبَر۔** ن۔ مۄل ؛ دِگمبَر (س ؛ دِگمبر]. ۱۔ نوٚن تہٕ ننگہٕ سٟنی یاسر۔ شِوہِ ہُنٛد اَکھ ناد۔ ۲۔ جین مَذہبہٕ کین سادَن ہُنٛد اَکھ فِرقہٕ؛ تِم چھِہ ننگے پھیران۔

**دِگنی، دِگن۔** م۔ مۄل؛ دِگنی (س؛ دِیرگھکا / دیرگھ گامنی]۔ دار۔ ٹھیٚنچ۔ دِگ (آہر بیترِ ج) رُسہِ یِنُن تھَزرِ پیٚٹھ یَہِ آسہِ وَسان۔ کُنہٕ ترِل چیٖزِ ہنٛز دار۔

**دِگنی لگٕنی۔** ۱۔ دار لگٕنی۔ کانہہ ترِل چیٖز دار نِگِتھ راوُن۔ پانیٚل چیٖز جَرسان پَتھر ہِکہٕ چھپکرنہٕ یُن۔ ۲۔ ٹھیٚنچہِ اوٚش وَسُن۔ زٕتھ تیہٕ وَسُن۔

**دِگنہٕ وَسُن۔** بَبرِ وَسُن۔ ٹھیٚنچہِ وَسُن۔ کُنہٕ پانٕلس چیٖزَس بیترِ دار لگٕنی۔

**دِل ۱۔** م۔ مۄل ؛ دِل (ہ ؛ دہلی ] دِلِہ ہُنٛد شہر۔ ہِندوستانٕچ راز دانی۔ دہلی۔

دِلہٕ ہٕنٛز تھٔپہٕ ۔ ( ہزلہٕ پاٹھۍ ) کانٛہہ تھٔپکُن لایق موٗلُک چیٖز ۔

دِل ۲ ۔ ن ۔ مُول ؛ دِل ( ف : دِل ] ۔ ۱ ۔ زُوِ نہٕ آژ مُرس اَنٛدر اَکھ تان ۔ اَمِچ کٲم چھےٚ گنٛدٕ خوٗن صاف کرنہٕ باپتھ شُوٗشہٕ ناڑس سوزُن تہٕ شُوٗد خوٗن جسمس اَنٛدر بٲگرُن ۔ ۲ ۔ وونٛدٕ ، ژیٚتھ ۔ ۳ ۔ جذبہٕ ۔ ۴ ۔ ( دوٚرگہٕ پاٹھۍ ) ہِمَت ۔ جُرٲتھ ، دٕرٕڑ ، جِگر ۔

دِلس پٮ۪ٹھ پٮ۪یہٕ وٗن ۔ خوش کرُن ۔ روژُن ۔

دِلس تَسلا دِیُن ۔ ۱ ۔ پرٕ تیچ آنٛچھ تھوٗنٕ ۔ دِلس سَتہ کرنٕ ۔ ۲ ۔ غم یا وٗہمہٕ ہٹوٚمراوُن ۔

دِلس تَسلا گژھُن ۔ باسُن زِ وونٛدٕ اَنٛدرٕ نہٕ کیٚنٛہہ ۔ کانٛہہ وومید نہٕ روزٕنۍ ۔ سَتھ سورٕنۍ ۔ بَرانٛتھ تراوٕنۍ ۔

دِلس لَگُن ۔ ( دوٚرگہٕ ) پتھےٚ ہیوٗہ گژھُن ۔ کُڈٕر گژھُن ۔ مَلالہٕ گژھُن ۔ وومیٖدٕ خِلاف سپدُن ۔

دِلس پتھےٚ ہیوٗہ گژھُن ۔ کانٛسہٕ ہِشار دُستہٕ نہٕ سپدُن یا توقُعس خِلاف آسہٕ ۔ دِل ہٕنٛدرُن ۔ دِلس لگُن ۔

دِلارام ۔ ۱ ۔ دِلس آرام دِنہٕ وول ۔ ۲ ۔ ( دوٚرگہٕ پاٹھۍ ) معشوق ۔ دِلبَر ۔ دِلدار ۔

دِلہٕ جانہٕ ۔ ( ف : دِل وجان ] ۔ تَن دِتھ ۔ پوٗرٕ توجُہہ سان ۔ پوٗرٕ پٮ۪ٹھرِ سان ۔

ژُکرٕ سان ۔ دٕژہہ واٚلنٛجہٕ ۔

دِلچ پھلےٚ گژھہ آسنۍ ، گلچ پھلےٚ گیہ پٮ۪یہٕ لکار ۔ تہٕ ڈیٖتھ گوٚیلی کانٛہہ پانہٕ سوکھ سوو آسہٕ تیٖلی باسِس اوٚنٛدٕ پٔکھ تہٕ خوش ۔

دِلہٕ کھوٗٹ ۔ شہٕ شخص یُس نیتھ صاف آسہٕ نہٕ ۔ یُس اَکھ کَتھ اَنٛدر تہٕ بیاکھ کَتھ نیبر آسہٕ ۔

دِلہٕ نٮ۪تہٕ کلہٕ دی دی ۔ پننہٕ مرضی نہٕ کیٚنٛہہ بَلکہٕ جبرٕن ۔

دِلہٕ وول ۔ ۱ ۔ ہِمتھ وول ۔ یُس جِیرٕ وٕتھ آسہٕ ۔ یُس بڈ نظر آسہٕ ۔ ۲ ۔ یُس اَتھٕ ووٚتھ آسہٕ ۔

دِل بدل ۔ پانہٕ واٚنۍ اَنٛدرۍ اَنٛدرۍ کرٕ ۔

دِل بدل آیلیشہٕ ۔ ( تہٕ ڈیٖتھ گوٚ ) یُس یٮ۪تھ کرٕی زِنہٕ کرٕ تیٖتھےٚ ۔

دِل پھٹُن ۔ ۱ ۔ کیٚنٛہہ تیٖتھ سپدُن یٮ۪مہٕ سیٖتۍ دِلس دَکہٕ لگہٕ ۔ ۲ ۔ ( دوٚرگہٕ ) نا وومید گژھُن ۔ مٲیوس سپدُن ۔

دِل پھٹرُن ۔ توقُعس خِلاف کیٚنٛہہ مٲیوٗسی پادٕ کرٕنۍ ۔ تِژھہٕ کَتھ کرنہٕ یمہٕ سیٖتۍ دِلس لگہٕ ۔

دِل چھ شیشہٕ یٮ۪تھ وچھس تیٖتھ وُچھی ۔ تہٕ ڈیٖتھ گوٚ یٮ۪تھ کانٛہہ اوٚرٕ کرٕ تیٖتھ چھ یوٚرٕ کرٕنس تہٕ مَن پرٕژان یٮ۪تھ یوٚرٕ کرٕ کرٕنس تیٖتھ کری اوٚرٕ تہٕ ۔

**دِل خستہٕ** ۔ یُس دِل پھٹمُت آسہٕ ۔ پریشان ۔ رووُمُت ۔ دُکہٕ زرد ۔

**دِل خاہ** ۔ ۱ ۔ مَنہٕ مۆجوٗب ۔ پَسَنٛد کونٛچھمُت ۔ ۲ ۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) یار ۔ دِلبر ۔ مَدٕن ۔ مَدٕنوار ۔

**دِل خوش** ۔ خوش ۔ پرٕسن ۔ آرامس مَنٛز ۔ آسایشہٕ مَنٛز ۔

**دِل دیُن** ۔ ۱ ۔ ژُکہٕ سان کُنہٕ کامہٕ لگُن ۔ توجُہہ دیُن ۔ ۲ ۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) سَخ لول بَرُن ۔

**دِل رٹچھن** ۔ (وَرگہٕ) ژہیتھ رٹچھنۍ ۔ پتھے ہیوٚہ گژھنہٕ نہٕ دیُن ۔ خلاف نوٚقھ نہٕ کرُن ۔ سَتہ موجوٗد تھوٗنۍ ۔

**دِل فریب** ۔ یہٕ وُچھتھ دِل مَترِ ۔ یَتھ سٟتۍ دِل برٕژھیہٕ ۔ رٕژہٕ وُن ۔

**دِل کرُن** ۔ ۱ ۔ ہِمَتھ کرٕنۍ ۔ دَرٕ بَرٕ رٹُن ۔ جُبر وُتھ ناوُن ۔ ۲ ۔ دِل کاتھہٕ تژہ کام اُتھس مَنٛز رٹنس پیٹھ آمادٕ کرُن یوٚسہٕ کام مُشکِل آسہٕ ۔ گوٗب بور مَنٛز ہیوٚن ۔ جِگرٕ کرُن ۔

**دِلکش** ۔ یُس دِلس پانس کُن لمہٕ ۔ یُس دِلس مَنٛز جاے کرِ ۔ یُس دِل رٕنیہٕ ۔ مارٕ مۆنٛد ۔

**دِلگیر** ۔ آرٕ کوٚت ۔ غمگین ۔ یُس دِل پھٹمُت آسہٕ ۔ ہتہٕ پاوٕ وُستہ گومُت ۔

**دِل لگُن** ۔ ۱ ۔ رَس لگُن ۔ مزٕ یُن ۔ کُنہٕ کامہٕ جاےہٕ بیترِ سادٕ لگُن ۔ وارٕ یُن ۔ ۲ ۔ کانٛسہٕ عاشق گژھن ۔

**دِل لگی** ۔ ۱ ۔ کانٛسہٕ پَتھ دِل گژھن ۔ عشق ۔ ۲ ۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) ٹھٹھٕ مَسخری ۔

**دِل لوٚگ ہلہٕ پیٹھ دَب لوٚگ رٕبہٕ پیٹھ** ۔ یہٕ چھہٕ تمہٕ بپرٕ وَنان یِیلہٕ کانٛہہ تژہ یا تھجھس اکِس پیٹھ عاشق گژھہ یُس یا یوٚسہٕ تمہٕ یا تس لایق آسہٕ نہٕ ۔ عاشق گژھن چھہٕ کُنہٕ قایدس ، رسمس رواجس بیترِ پابند ۔

**دِل مژٕرُن** ۔ (وَرگہٕ) کانٛہہ کتھ نہٕ کھٹُنۍ ۔ سارے اَنٛدرِم کتھ ننۍ پاٹھۍ وَننۍ ییٛنۍ گدرُن بیٛنیس باوُن ۔ اَنٛدٕ پیٹھ اَنٛدس تام سارے سے دَل دیُن ۔ وہٕ نٕد باوُن ۔

**دِل نواز** ۔ ۱ ۔ یتھ سٟتۍ دِل خوش گژھہ ۔ یتھ سٟتۍ دِل بجا یِیہٕ ۔ ۲ ۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) عاشق ۔

**دِل ہیٛش رُن** ۔ (وَرگہٕ) نو قوٕہس خلاف سپدٕنہٕ کِتۍ شوق ہمُن ۔

**دِلاسہٕ** ۔ [ن ۔ مۆل ؛ دِلاس حف ؛ دِلاسا] ۱ ۔ دِلس تسلی ۔ (دوہکھ زدس بیترِ) سٟتۍ ۔ ۲ ۔ (کانٛسہٕ دِیتمُت) بوزٕنتھ ۔ ہِمَنہٕ ہوصلہٕ ۔

**دِلاسہٕ دیُن** ۔ (کانٛسہٕ دوہکھ زدس بیترِ) تسلی دیُن ۔ دِل بڈراوُن ۔ ہِمَتھ دِنۍ ۔ سَتہ کرٕنۍ ۔

**دِلاسہٕ کرُن** ۔ تسلی دیُن ۔ ہِمَتھ بڈراونۍ ۔

حوصلہٕ بخشُن۔ سَتھ کرُنی۔ مَدار کرُن۔
سوٗٹھ ڈر راوُنی۔

دِلاوَر۔ [ف : دِلاوَر]۔ بُہوُدُر۔ طاقتوَر۔ پہلوان۔
بے خوف۔ وِیر۔ جِگرُتہ وول۔ ہِمتھ
وول۔ یُس کانسہِ کھوژِ نہ۔

دِلاوٲری۔ بُہوُدُری، پہلوانی، کانٛہہ
ہاوُنی باوُنی لایق کام۔

دِلہٕ سَنٛدُل۔ بے غم۔ بے پرواہ۔ سوہ کھ موٗت۔

دِلیر۔ مؤل : دِلیر [ف : دِلیر] دِلہٕ دوٗر۔ یُس
نہ وہسر۔ یُس نہ کھوژِ۔ جُرٲتی۔ جوٗرتھ
مَنٛد، جِگرُتہ وول۔

دِلبَر۔ مٲرُن۔ مَدتوار۔ ماشوق۔ ہِنگار۔ دِلارام۔
دِلبَنٛد۔

دِلبَری۔ ۱۔ ماشوقانہ وَرتاو۔ ۲۔ وہ ثار رٔچھُن۔
خاطر داری۔ لول باگرُن۔ ماے تہٕ
موحبتھ ہاوُن۔

دِلبَری کرُنی۔ لول بُرُن۔ مایہ سان پیش یُن۔
لولہٕ مَتہٕ لاے کرُن۔ راحتھ واتہٕ ناوُن۔

دِلبَشٛد۔ ۱۔ خوش یوٗن۔ پژبیہِ وُن۔ مٲری موٗنٛد۔
۲۔ (ورگہِ پاٹھی) ماشوق۔

دِلچسپ۔ دِلس پژبیہِ وُن۔ یتھ کُن دِل لگہٕ۔
یتھ کُن کٔل گژھہٕ۔

دِلچسپی۔ رَغبتھ۔ ٹال۔ یژھ۔ پژے۔ روٗژ۔

دِلدار۔ ۱۔ جِگرِ وول۔ یُس جُبرُوت آسہٕ ہِمتھ
وول۔ ۲۔ دِلس مَنٛز جاے کرُن وول۔

دِل زیٖنَن وول۔ خوش یوٗن تہٕ
مٲری موٗنٛد۔ ۲۔ (ورگہِ پاٹھی) ماشوق۔

دِلداری۔ دِل رٔچھُن۔ مَدَد تہٕ اَتھہٕ روٗٹ
کرُن۔ وَقتہٕ وِز حوصلہٕ دِیُن۔

دِلسوز۔ دِل زالہٕ وُن (ماشوقس وَنان)۔

دِمب۔ م۔ مؤل : دِمب] اکہ سبزی ہُنٛد ناو۔

دِو۔ ن۔ مؤل : دِو [س : دِوَ] دِوتا۔

دِوٕ باگو۔ [س : دِو + بھاگَہ]۔ دِوتہَن
ہِنٛدِ ناوی۔

دُوتھ ۱۔ م۔ مؤل : دِوُت [س : دِوُیتا]۔
شوٗب۔ ڈٕطبیر۔ حوصلہٕ۔

دُوتھ ژٕلنی۔ کانسہِ بیزتھ دار اِنسانس
بے یزتی کرُنی۔

دُوتھ نِنی۔ شوٗب نہ روزُنی۔ عقل نہ روزُنی۔

دُوتھ وَسنی۔ وُچھو "دُوتھ ووتھنی"۔

دُوتھ والنی۔ وُچھو "دُوتھ ژٕلنی"

دُوتھ ووتھنی۔ ۱۔ کانٛہہ شوٗب نہ روزُنی۔ بے
شوٗبی گژھنی ۲۔ (ورگہِ پاٹھی) عقلِ نشر
گژھُن۔ تہٕ کرُن یہ نہ پیز۔

دُوتھ ییٖنی۔ شوٗب ییٖنی۔ کنھہِ ہُنٛد تٔلہٕ تراو
ہیٚچھُن۔ عقل تیز رُنی۔

دُوژ بَنٛد۔ شوٗبہِ دار۔ اعتبار وول۔ یُس
قوہ وَرتن عقل وِژمژ آسہٕ۔ گاٹل۔

دُوتھ ۲۔ م۔ مؤل : دِوُت [ویدک س : دِیوُتا]
دِپوی۔ (جمع : دِوژ)۔

دِوتہٕ تھاج۔ دیوٚتَن ہندِ ناوِ تھوٚوُمٕت
کھیٚنہٕ باوہیتھ تھال۔
دِوتہٕ کھر / دِوتہٕ کھر۔ دِوتَن ہندی ناوی
بُتھوٚمٕت کھر (بیرچھ بُٹہٕ رُسم)۔
دِوتہٕ گوٚل۔ سۄ بُتہٕ میٹھ بتیرِ یُس ہیوٚنس،
دِوگوٚنس پیٹھ تراوان چھِ تہٕ پتہٕ
چھِ پانس باوان۔
دِوتہٕ وار۔ پوٚزاہہ باپتھ دِوتَن ہندِ ناوی
ٹرہیٹھ وار۔
دِوتہٕ طبیج۔ دِوتہٕ پوٚزاہہ ہنٛز طبیج۔
دِوے۔ م۔ مۄل: دِوے (س: دِوکہ دیراکرت:
دِیَو یہ/ دِیُوکی] کنہٕ بڑِ استانک
یا تیٖہُر تھک ماٲلِ۔
دِوے لگنی۔ ماٲلِ لگنۍ (کنہٕ استھاپنس بتیرِ
پیٹھ)۔
دِوہہٕ رنگ۔ ترِشے ووسہٕ دِروس پترہ
مالس پیٹھ آسان چھنے۔
دِوہہٕ گرٛزھن۔ بڑس دوٚہس پیٹھ زیارِتہٕ
گرٛزھن۔ مالس گرٛزھن۔
دِوپیٚتر۔ ن۔ مۄل: دِوپیٚتر (س: دیو+پتر]
مورُدن ترِلیش دِنک رسم۔ ترپن۔
دِوکاو۔ ن۔ مۄل: دِوکاو (س: دِویہ+کاکہ]۔
کاوَن ہنٛز اکھ ذاتھ۔
دۄر۔ م۔ مۄل: دۄر (س: دیو+پُر]۔
مندر۔ استھاپن۔

دِوِرِکنی۔ گرٛہہ کنی۔ ترشہٕ کنی یوسہٕ مندرن
لگان اٲس۔
دِوتا۔ ن۔ مۄل: دِوتا۔ (س: دیو]۔ ۱۔
پزٕروٗن وجوٗد۔ نوٗرانی ذاتھ۔ ۲۔ ملایکہ
۳۔ (ورگہٕ پاٹھی) تس اِنسانس تہٕ
ونان یُس فرِشتہٕ صِفتھ آسہِ۔
دِوتہٕ موٗن۔ سُہ موٗن یا سوٚلب یتھ کلپہٕ کُلیک
آکار کھارنہٕ آسہِ آمت۔
دِووار۔ ن۔ مۄل: دِووار (س: دیو دارُ]۔
جنگلی کُلین ہنٛز اکھ قسم یُس پیٚٹھ
تامیرس لگان چھُ۔
دِووار تیل۔ دِووارہچہ کُڈ نہٕ آمت ژلم جالہٕ
تیل یُس واریاہن دواہن لگان چھُ۔
دِہات۔ (ف: دیہات]۔ گام۔
دیٖد۔ ن۔ مۄل: دیٖد (ف: دید]۔ ۱۔ اچھ۔
۲۔ نظر۔
دیٖدہٕ دانستہٕ۔ زانِتھ مانِتھ۔ وچھتھ دِچھتھ۔
بوزِتھ شوزِتھ۔ معلوم آسِتھ (خاص کرِتھ
انتزکرنس پیٹھ ونان)۔
دیٖدہٕ دوٗر۔ بےٚ بہیم۔ بےٚ حیا۔
دیٖدہٕ ور۔ نظر وول، زانُن وول۔ سُہ ییمس
شُنز نظر آسہِ۔
دیٖدمان۔ اچھن برٛونٹھہٕ کنہٕ۔ دریٚنٹھمان۔
(دگانسہٕ) برٛونٹھہٕ کنہٕ۔ کھٔلی۔
دیٖدار۔ ن۔ مۄل: دیٖدار (ف: دیدار]۔ ۱۔

۱۔ زیارتھ۔ درشن (یژ پاٹھی کنہ متبرک چیزک)۔ ۲۔ کانسہ سیتی ملاقاتھ رکانسہ سمکھن۔ ۳۔ تژاے گژاے۔ خوبہ خط۔ بجال۔ رم : خوش دیدار۔

**دیدارس گژھن۔** ۱۔ کانسہ ہندِ ملاقاتہ باپتھ گژھن۔ ۲۔ زیارتھ کرنہ باپتھ گژھن۔

**دیدار دِیُن۔** ۱۔ درشن ہاوُن۔ ۲۔ سمکھن۔ بُتھ ہاوُن۔

**دیدار کرُن۔** ۱۔ کنہ مقدس چیزچ زیارتھ کرنی۔ درشن وچھن۔ ۲۔ بُتھ وُچھن (کانسہ ہُند)۔

**دیدار ہاوُن۔** ۱۔ کانہہ مقدس چیز لوکن ہاوُن۔ لوکھ کنہ مقدس چیزک درشن کرناونی۔ ۲۔ بُتھ ہاوُن۔ سمکھن۔

**دیش۔** ن۔ مؤل : دیش (س : دیشہ]۔ ۱۔ ملکھ۔ علاقہ۔ ۲۔ دَن گِندنس منز سہ ٹیلی یوسہ یا کچ سندِ ناو تراونہ یوان چھیٚ۔ رم : دیشو یانبو۔

**دیشہِ ساوُے۔** سارنے لوکن ہُند وارِ وُنہ آسن۔ ملکچ بجاَلی۔

**دیشہِ شوُبے۔** (ہزلہ) نجالتھ۔

**دیشہِ کوٗڑمُت۔** (درگہ)، بدنام گومُت۔ کوٗڈمُت۔

**دیشہِ ویٚہوٗژ۔** لوکن نِش بُتھ دِیُن لایق روزنہ باپتھ۔ لوکہ ویٚہوٗژ۔

**دیش کال۔** ن۔ مؤل : دیش کال (س : دیشہ + کالہ] ۱۔ زمان ومکان۔ ۲۔ ماحول (پرمانند)۔ ۳۔ وار وہِستار۔

**دیگر۔** مؤل : دیگر (ف : دیگر]۔ وُکھر۔ بدٔون۔ رم : سوال دیگر۔

**دیگچہ۔** ن۔ مؤل : دیگچ (ف : دیگچہ]۔ دیگ۔ سرتلِ یا تژامُو رنہونک اکھ بوٗڈ بانہ، اتھ چھِ گوٗل تنگ تہ ژوٗک کھوٗل آسان تہ بیٚنہِ چھس ڈب آسان۔ لوکٹ دیگ۔ بتہ رنہونک لوکُٹ ڈبہِ دار داتہ بانہ۔

**دیگچہ وار۔** لوکٹ دیگ۔ لوکٹ دیگ یتھ منز وازِ وُرِ بتہِ پیٹھ سیٚتھ چھِ رنان۔

**دین<sup></sup>۱۔** اورست۔ ہیکُن۔ دُکھی۔

**دین۲۔** ن۔ مؤل : دین (ع : دین] ۱۔ جزا تہ سزا دِیُن۔ مذہب۔ ۲۔ (درگہ پاٹھی) اصوٗل۔

**دینہِ بورج۔** پننہِ مذہبک۔ یس ستی مذہب رلان آسہِ۔

**دیندار۔** ۱۔ یس مذہبس پیٹھ پٔژھ آسہِ۔ مذہب مانن وول۔ ۲۔ مسلمان۔ ۳۔ پرہیزگار۔ نماز گذار تہ پٔزی یور۔ پارسا۔

**دین دیال۔** ن۔ مؤل : دین دیال (س : دینہ +

دَیالہٗ ]- اُداکہ تلین یا ہیمتین پیٹھ رَحم کَرُن دول. تہِ ڈیچھ گو دَے۔

**دِیو۔** ن. مول- دیو <س- دیو ]- دِوتا. دِوتا صِفَتھ اِنسان۔

**دیواد دیو۔** تھَدِ تھوٗد دِوتا۔

**دیولوٗگ۔** دِوتہَن ہِنٛدِ روزُنک عالَم۔

**دِیوی** - [م- مۄل ؛ دیوی <س ؛ دیوی ]

۱- دِوتا لفظُک مادٕ- ۲- دۄرگہِ پاٹھی) شِلہِ مان ، رِژ زنانہٕ۔

**دیوی بَل۔** یَتھ جایہِ دیوی ہُنٛز تھاپنا آسہِ، دیوی ہُنٛد اَستھان آسہِ- دیوی دار۔

**دیہہ۔** ن. مۄل : دیہہ <س ؛ دیہہ ]- رجِسم- مۄر- پان- کاے۔

**دیہہ اِبمان۔** - ن- مۄل : دیہہ اَبمان <س ، دیہہ + اُبھانہ ]- پَننِس پانَس پیٹھ ناز- گمنٛڈ۔

**دیہہ اَنارکار۔** ن- مۄل : دیہہ اَنارکار <س: دیہہ + اَنٛدھہ کار ]- شَریرُک مد- پَننہِ پانُک نشہٕ۔

**دِدٕ۔** پھسراے- لوٗنہِ کَتھ- سِرصدا۔

**دِدِنہٕ پھوٗرُن۔** شاہ نہٕ کھاڑِتھ ہیکُن- دَم پھٹی گژھُن- رِہینہِ نہٕ وُنِتھ ہیکُن- ژھعہ پیہٕ گژھنی- کوٗل گژھُن۔

**دِدٕ۔** ۱. ہۄن ژلراونہٕ باپتھ آواز- ۲. (دۄرگہِ پاٹھی) کُڈِتھ ژھنُن- پانہٕ ناوُن نہٕ- ۳. بےقدری کَرُنی

**دِدٕ دِدٕ کَرُن۔** ہینہٕ دِژنہٕ کَرُنی- دولہِ دولہِ نہٕ کَرُن- نَکھہِ نہٕ ہینہٕ دیُن- پانہٕ ناوُن نہٕ۔

**دِرکھ** - وُچھو " دِرکہ ". جمع- دِرکہ۔

**دِرکاکِنی۔** <س : دیوَر+ک : کاکنی- م- ہ :کاکی]- دِژے ہِنٛز زنانہٕ۔

**دِرکاکِنہٕ بوٗد۔** زنانَن ہُنٛد اَکھ اَکِس کھہنَس پیٹھ آسُن- دِرکاکِنہِ باپار- ہِتر وَنت- دوٗنکہہ دوٗنکھ۔

**دِرکاکِنہٕ توٗن۔** ہِتر وَنت- وُچھو " دِرکاکِنہٕ بوٗد "

**دِش۔** م- مۄل ، دِشں <س ؛ دۄیشہ ]

دِسے- نفرَتھ- دُشمنی- رِشس۔

**دِشَن۔** م- مۄل : دِشَن <س : دۄشنہ ] ہانژھ- تۄہمت۔

**دِشَن کھارِنی۔** ہانژھ لاگنی- اِلزام دیُن- تۄہمتھ کھارِنی۔

**دِشَن گژھنی۔** بَناوَتھ یُن۔

**دِنَن۔** م- مۄل : دِنَن <س : دھونہ ]-

۱- اَلہِ اَلہِ- ۱- مۄلہِ پیٹھ تھرِس نام کَنے اَلہِ- ۳- ژھٹھ کَڈُنیچ کام- زورِ ادرِ پور چھاونہٕ سیتی بلوس ہینٛزِ گرِد کَڈُنچ کام- ۴- تھرتھرِ ، خوف- ۵- (دۄرگہِ پاٹھی) چھانُن (کلُن) ۶- لارُن۔

**دِنَن دِنی۔** ۱- اَلہِ اَلہِ ژانُن- اَلہِ راوُن- ۲- ژھٹھ کَڈُنی (گردِ بینٛز کَڈنہٕ باپتھ) ۳- زُگل بینٛزِ) چھانُن- ۴- (دۄرگہِ پاٹھی) دِہ کَرُنی۔

شٔکل بَدلاوُنی (پانَس نٔمہٕ نٔمہٕ ژاٹھنہٕ)۔

**دِنُن کَرُنی**۔ ۱۔ اَلہٕ راوُن۔ ہیٛر بوٗنہٕ اَلہٕ اَلہٕ ژاٹھُن (دُکلِس بیٚتر)۔ ۲۔ (دُورگہٕ پاٹھی) روب داب کَرُن۔ تیٖوٗت روب کَرُن یُتھ زَن بوزَن وٲلِس تھَر تھَر اَژِ — بےٚ وٲری کَرُنی۔

**دِنُن گژھُنی**۔ ۱۔ (سارٕی پانَس) اَلہٕ اَلہٕ گژھُن۔ نٔمہٕ نٔمہٕ اَژُنی۔ ۲۔ تھَر تھَر کٔنڈی پھٹیٛنی۔ ۳۔ کانٛسہِ ہٕنٛز خراب حالتھ وُچھتھ لارُنہٕ گژھُنہٕ۔

**دِنُن لَگُنی**۔ ۱۔ (دُکلِس پٔتھ) پُرنہٕ پیوٗن۔ چھانٛی لَگُنی۔ ۲۔ کمزور گژھُن۔ ہُرتہٕ پیوٗن۔ پَٹہٕ پَٹہٕ گژھُن۔ بیمار بیٚتر سٕتی اوٚزِتھ گژھُن۔

**دِنُن۔ دِنہٕ ناوُن، دِنہٕ وُن**۔ ۱۔ ژھٕٹھ کَڈُنی۔ اَدٕریور چھاٛو دِتھ گرٕ دُگکاڑُنی۔ ۲۔ دُکلِس بیٚتر چھانٛی دِنی۔ ۳۔ پَتھر چھاوِنہٕ اُمت شخص زٔمیٖن پیٹھ تُلیتھ چھوٚکہٕ دُن یُتھ تُس گِھس پھیٛر دِیاوِنہٕ آمتِس شرِس بیٚتر چھس پھیرِنہٕ باپتھ جِسم اَلہٕ راوُن۔ ۴۔ (دُورگہٕ پاٹھی) سَخ روب داب کَرُن۔ ہٕنٛزِ پاوِ وٲلِتھ ژھٕلُن۔

**دٕہ**۔ ن۔ سُول: دٕہ ‹ پراکرت: دھوٗوَم ‹ س: دھوٗمَہ / دھوٗمَشہ] ۱۔ دَزِوٕنِس چیٖزَس یُس کٔٹھ باہِ ہیوٗہ دوٗہ تھان چھُہ۔ ۲۔ (دُورگہٕ پاٹھی) سگریٹہٕ۔ تموک بیٚتر۔ م: دٕہ دیُن (تموک چوٚن) ۳۔ ژھوکھ۔ م: دٕہ چھکُن۔ ۴۔ دُم۔ سختی۔ ۵۔ شرارتھ۔

**دٕہی بُتھانٛگ**۔ دٕہی گَرٕٹ کار۔ دٕہی لمبکھ۔ تیٖوٗت دٕہ دوٗہتھُن یُتھ کیٛنہٕ تہٕ بوزنہٕ یِہِ نہٕ۔

**دٕہی رٔنگ**۔ کِیِ کِیِ دٕہ۔ دٕہی معیا۔

**دٕہی ژھیٚتے / ژھیٚوے**۔ ماتم۔ پھٕنی پھوٚکھ، مَرگ ادٕرِچ ہٕش ژھوٕ بیٚہہ۔

**دٕہی گمژھُن**۔ ۱۔ (کُنہِ چیٖزَس) دٕہی رٔنگ کھسُن۔ رٔنگ بِگرُن۔ ہاہر گژھُن۔ دٕہمہِ سٕتی کرٕشیہُن۔ ۲۔ دٕہیچ آمُن گژھُنی۔ (رسِنس دوٗہ دَس بیٚتر) ۳۔ (دُورگہٕ پاٹھی) مشتھے گژھُن۔ استعمالہٕ رٔڈ سٕتی ضایہٕ گژھُن۔

**دٕہی لدگر ہیوٗہ ژلُن**۔ تیٚتھے پاٹھی ژلُن یِتھہٕ پاٹھی گگُر دٕہیٚک تیٚنچھر لگنہٕ سٕتی ژلان چھُہ۔ شوٗدوٗزِ گژھِتھ دوٗ ژاوُنی۔ ہارِتھ ژلُن۔ نِجل گژھِتھ ژلُن۔

**دٕہی لمنبکھ**۔ دٕہی گَرٕٹکار۔ واریاہ دٕہہ۔ ہوٗشس سٕتی دٕراُمت سِٹھا دٕہہ۔

**دٕہ ٹلُن**۔ واریاہ دٕہ نیوٗراوُن۔ (دُورگہٕ) گَرٕٹ کار رٔلہِ ناوُن۔ تیٖرٕی کَرُنی۔ روب داب کَرُن۔ دُم ٹلُن۔

**دٕہ تراوُن**۔ دَزِ بُزِ آسُن۔ کانٛہہ پانَس برابر نہٕ ہیوٗن۔

**دٕہ چھکُن**۔ ۱۔ دَزِ بُزَس مَنٛز یکُن ۲۔ سَخ

شُرارتَس مَنٛز آسُن ۔ شُرارتہٕ بۆرُتھ
آسُن ۔ ۳۔ کُنہ نہٕ وٕژُن ۔

ڈہ ڈِتھ کڈُن ۔ (وُرگہٕ پاٹھۍ) رٔسنیچہٕ تُلتھ کانٛہہ
ژٕلنَس پیٹھ مجبوٗر کرُن ۔ ژٕلنَس واتناوُن ۔

ڈہ دیُن ۔ ۱۔ (کُنہ دَزِ وٕنہ چیزُک) ڈہ ڈِتھ
ژٕلراوُن (دگہٕ کٔبیتر) ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھۍ) ہموک
یا سگرِیٹھ چوٚن ۔ ۳۔ (وُرگہٕ پاٹھۍ) گانٛس ۔
مۆلہٕ موٗنچھ ختم کرُن ۔ بینچ گالُن ۔

ڈہ کڈُن ۱۔ ڈہ نیرنَس دِتھ دِنۍ ۔ ۲۔ بَتنگ
اُٹُن ۔ لَسترٕ کِنۍ کڈُن ۔ جیبرِ تُلُن ۔

ڈہ لگُن ۔ ۱۔ دٕہینٛک ٹینٛچھر لگُن ۔ ۲۔ تنگ یُن ۔
قرار نہٕ یُن ۔ کنڈٕ لگنۍ ۔

ڈہ ووتھُن ۔ ۱۔ ڈہ نیرُن ۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھۍ) سَنٛخ
پٕژٕہ گاُر لگنۍ ۔ دُم ووتھُن ۔ ۳۔ (کُنہ)
سَنٛخ خرچہٕ پدآری لگنۍ ۔ تھپہٕ تھپہٕ لگنۍ ۔

ڈہرٕ ۔ م ۔ مۆل : ڈہر < س : دھٹہٕ ۔ م ۔ ۵ :
دھڑی ] ۔ اَکھ وزن ۔ خام تژ ٹے سیر ۔
پژانہٕ ساڑ داہ پاو ۔ تگ بگ ڈاے کلوٗ ۔

ڈہل ۔ [ن ۔ مۆل : ڈہل < س : داجھ + ال ] ۔
شِشتر ۔ دُشمَن ۔

ڈے ۔ کھُر ۔ نفرَتھ ۔

ڈے بوزنۍ ۔ ووہراُزی بوزنۍ ۔ ہشی
نظر نہٕ تھَونۍ ۔

ڈے کرنۍ ۔ نفرَتھ کرنۍ ۔ کانٛسہِ ہنٛز
کھُر کرنۍ ۔

ڈے کرِتھ دِنۍ ۔ دوہن زٔمین یا دَرِین مَنٛز
پھاس تژاوُن ۔ کَن بُرِتھ نفرتَس وٕتش
دیُن ۔ اَکھ اکس زِنشہٕ بدظوٗنی پادٕہ
کرِتھ دِنۍ ۔

ڈے گژھنۍ ۔ نفرَتھ گژھنۍ ۔ کھُر گژھنۍ ۔

ڈیُن ۔ ن ۔ مۆل : ڈیہ < س : دیوَنہٕ ۔ دِوَنہ]
۱۔ پشتاوُن ۔ افسوس کرُن ۲۔ ماتم
کرُن ۔ غم ہیوٚن ۔

ڈیُن ہیوٚن ۔ ۱۔ ماتم پیوٚن ۔ ہڈٕ ہڈٕ غم
پیوٚن ۔ ۲۔ بدخبر بوزنۍ ۔

ڈپ ۱ ۔ ژور ۔ لآنگ ۔

ڈپ ۲ ۔ ن ۔ مۆل : ڈپ < س : دیپہٕ ] ژونگ
یا سوہ جوٚتی یۆہ سہ پڑنایر اَندر تھَونہٕ
چھے یوان ۔

ڈپ مالا ۔ م ۔ مۆل : ڈپ مالا < س : دیپہ مالا ] ۔
۱۔ نَژوٗل ۔ ۲۔ دیوالی ۔ اَکھ بوٚڈ دوہ
یُس کارتکہٕ ماوسہِ چھُ آسان ۔ اَمہِ دوہ
چھُ شامَن ژوٗل یوان کرنہٕ ۔

ڈِتھ ۔ ن ۔ مۆل : ڈِت < س : دوٗتہٕ ] ۔ قاصد ۔
م : یَمہٕ ڈِتھ ۔

ڈِل دَکھ ۔ وُچھو " دوٗنۍ ۱ " لفظس تل ۔

ڈُ ۔ < ف ۔ دُو لفظُک ژھوٚٹ /س ۔ دوٗ]
نۍ ۔ اَکھ یژُو ٹہہ لوگ ۔ ۔ م :
ڈُ ژیوت ۔ ڈُ پاسے ۔

ڈُبرِ ژونگ ۔ ڈُبج ۔ ڈُ گالنگر ۔

**ڈبرِشاہ۔** ڈطرفہٕ ہس ۔ ڈگانگل۔
**ڈبرِشاہ روزُن۔** (دورگہ) ڈگانگلہِ گرٕژھن۔
**ڈبرِشاہ گرٕژھن۔** وِچھو " ڈبرِشاہ روزُن"۔
**ڈباثبرِ۔** دوٚ یرٕ اَنٛدٕ۔ کُنہِ فاصلس پیٹھ نہٕ واتنچ حالتھ۔ اورٕ یا ترٕغاٮ۪ب۔ ہتھ ترٕ تھکِچھ ییٚتھ تہٕ تھکِچھ۔
**ڈبُری۔** دوٚن پنٕہٕ ہنٛزٕ اکھ ژادر۔ ڈپچل ژادر۔
**ڈبُری گرٕژھن۔** دوٚن نہٕ نژَن گرٕژھن۔ اوگ بوگ نہٕ یُن۔ ڈکج گرٕژھن۔
**ڈبوٚر۔** ییٚتھ زٕ بر آسَن۔
**ڈپچَل۔** ڈپاٹھ (ژادر بینٛزِ)۔ دوٚن پچَن واٹھتھ بناوٕمژ کُنٛی (ژادر)۔
**ڈپاسے۔** <س : دوٚ + پارشوے ]۔ اکہِ اَنٛدٕ تہٕ تہٕ بییٚہِ اَنٛدٕ ترٕ۔ اور تہٕ تہٕ یور ترٕ۔ ڈطرفہٕ۔
**ڈپُتٕر۔** ن۔ مؤل : ڈپتر <س : دوٚ + پُترٕ ] ییٚتھ زٕ ڈنٛہر دژامتی آسَن۔ ییٚتھ تانہٕ تانہٕ تر آسہِ دژامُت (بتھول)۔
**ڈپیچھ۔** <س : دوٚ + پکشہٕ ]۔ تیٚتھٕ فصل یُس رہتَس کھنڈ سِے منٛزٕ نیار گرٕژھہ۔
**ڈپوٚر۔** <س : دوٚ + پُرٕ ]۔ دوٚن منٛزٕلَن ہُنٛد۔ سہ جاے بینٛزِ ییٚتھ زٕ پور آسَن۔
**ڈپوٚچھ۔** ن۔ مؤل : ڈپچھ <س : دوٚ + پکشہٕ ]۔ دوٚن پچھَن ہُنٛد۔ نہٕ یرِ اکھ

رہتھ بژٕ وٕنہٕ بناونہٕ آسہِ آمُت۔ مامیٚڈن۔
**ڈپوٚل۔** <س : دوٚ + پلہٕ ]۔ اکہِ قسمُک دستار ییٚتھ ڈوٚ ڈچھٹانگ۔ تامتھ وَزَن اوس آسان۔
**ڈبھوٚل۔** <س : دوٚ + پھلہٕ ]۔ سُہ زمین ییٚتھ وُری یُس منٛزٕ زٕ فصل آسَن دوٚ نھان۔
**ڈترٕژ۔** م۔ مؤل : ڈترٕژ <س : دوٚ + ترٕکہٕ ]۔ ۱۔ ییٚتھ زٕ ترٕکھ وَزَن آسہِ۔
۲۔ زٕ ترٕکھ حسابہٕ پرمانہٕ۔ م : آسہِ چھے ڈترٕژ برچھہِ وُنی۔
**ڈتوپھ۔** ن۔ مؤل : ڈتاپ <س : دوٚ + تاپہٕ ]۔ ییٚتھ زٕ تاپھ دِنہٕ آسَن آمتی۔ دوٚ یرٕ پھرِ تاپوٚمُت۔
**ڈتوش۔** مؤل : ڈناش <ف : دو + تاہ ]
ڈوور۔ ییٚتھ زٕ وار آسَن۔ دوٚگناونہٕ آمُت۔ ییٚتھ ژادرِ بینٛزِ زٕ تاہ آسَن۔
**ڈٹکھ۔** ن۔ مؤل : ڈٹکھ <س : دوٚ + ٹنک ]۔ زٕ حِصہٕ۔ زٕ چھلہٕ۔ زٕ ٹکرٕ۔
**ڈٹیپی سال۔** سُہ سال ییٚمہِ خاطرٕ کورِ مالیو رکھو گوٚبرِ مالیو پژٕ حمُت آسہِ۔
**ڈٹوٚپ۔** ۱۔ سُہ زوٚن یُس دوٚ شوٚنی پکھین سِنٛزی رِشتہٕ آسہِ (کورِ والین سِنٛزتہٕ تہٕ گوٚبرٕ والین سِنٛزی تہٕ)۔ یُس دوٚشوٚنی جاین سال آسہِ کھیوان۔ ۲۔ (روازٕ پاٹھی) دوٚ گناوِتھ سیٚتھٕ ژاوُن۔

**دُٹوک۔** یَتھ زِ تان وٲٹھ آسان۔

**دُدلال۔** اوری کتھ یور تہٕ یوری کتھ ہور وَنَن وول۔ مُنافق۔ دُپھَن دلاز۔

**دُدوٗل۔** ن۔ مٔول: دُول [س: دۄ+دَلہ]۔ دۄہ ییر پھِر مُنٛنہٕ آمُت۔ یَتھ دان دَل نہٕ تُلِتھ دَل دِتھ آسہِ آمُت۔

**دُدوٗند۔** دُدُہر چھِر کتھ۔

**دُڈوٗنگ۔** ن۔ مٔول: دُڈونگ]۔ دۄہس منٛز دۄہ ییر پھِر۔ دۄہ ییر کالپ۔ یَتھ زِ ڈَنگ گَڈِ آسَن۔ دۄن ڈنگن کیٛت۔

**دُروٗٹ۔** ن۔ مٔول: دُرٹ]۔ وَزنس وَزن تہٕ بیٛیہِ تیوٗت۔ اَگنس دۄہ گۄنہٕ۔

**دُروٗنگ۔** ن۔ مٔول: دُرنگ [ف: دُرنگ۔ م: س: دۄ+رَنگہ]۔ یَتھ زِ رَنگ آسَن۔ دۄن زاژن ہُنٛد۔ دُقسمی۔

**دُروٗیہ۔** دُناوُی کَرَن وول۔ مُنافق۔

**دُروٗخہٕمات۔** شطرنجس منٛز دۄہ بۄ دۄہ خو سیٛتی بازی ہارناوُن۔

**دُزوٗنگ۔** ن۔ مٔول: دُزنگ [س: دۄ+جنگھ]۔ ۱۔ زِ زنگہِ وول۔ یَتھ یا بیٛیس زِ زنگہٕ آسن۔ یُس دۄن زنگن پیٹھ اِستادٕ گژھہ۔ (دوٗگیہ پاٹھی) انسان۔ ۲۔ پرکار۔

**دُژور۔** ن۔ مٔول: دُژار [س: دۄ+چَر]۔ شہ دان یَتھ زِ ژٲرِ آسَن۔ دان یَتھ زِ ٹَنگ آسَن۔

**دُژٲیوٹ گَرُن۔** سوچہٕ پھیٛر گَرُن۔ غلط وتہ لاگُن۔

**دُژیوٹ گژھُن۔** اَکہ چیٖز بَدلہٕ بیٛیہ چیٖزِک بَرم گژھُن۔ برمہٕ کِنی اَکھ پوٗ بیٛیس ترٛاوٕتھ بیٛیس پیٹھ لَتھ تھوٗون۔ نظرِ دوکھہٕ لگُن۔

**دُسیر۔** م۔ مٔول: دُسیر [س: دۄ+سیٖکم]۔ دۄن سیرن ہُنٛد کُنہٕ پَرمانہٕ۔

**دُشَرطس پیٹھ۔** ن۔ مٔول: دُشرط [ف: دۄ+ع: شرط]۔ شیٛچہِ پاٹھی تہٕ دل ٹل۔

**دُکلہٕ۔** [ف: دُ+کلہ]۔ ۱۔ زِ کلہٕ کرِتھ تہٕ ڈیٛکھ گو شہ شخص یُس کلہٕ بوڈ آسہِ۔ ٹیٚکہٕ دار کلہٕ وول۔ ۲۔ ریٖچَن کامہِ اندر سُنی ٹیبہٕ گَڈہ مَنی زِ پھلو۔

**دُکانیل۔** ۱۔ دۄن ذاژن ہُنٛد۔ دوغلہٕ۔ ۲۔ (دوٗگیہ پاٹھی) ہوٗٹ دژوٹ۔ وُسوار ٹھکہ۔

**دُکاشلد۔** بیٛیمو زِ فافہِ آسَن کَرِہتی یا ذدری منی۔ یُس دۄن دوہَن وولیس آسہِ گومُت۔ دۄن دوہن ہُنٛد سَسکلے۔

**دُکالہٕ۔** ۱۔ زِ چھَلہٕ۔ ۲۔ ژھَل (کَرُن) یِیمہِ سیٛتی اَکہ بَدل زِ ہِن کھینہٕ (ناسہٕ پتہ بیٛیہ)۔

**دُکول۔** ن۔ مٔول: دُکال [س: دۄ+کالہ]۔ ۱۔ دۄن کالن؛ دۄن وقتن۔ دۄہ ییر پھِر۔

۲ - بیہ دوہن کالن پوشہٕ -

دُکون - ن - مؤل : دُکان <س : دوٕ+کانہ]۔
تٔس شخصس یُس دوہٕ دُچھان آسہِ۔ شور۔
دولہٕ۔ تٔس (شخصس) یُس اَکھ اچھ اَڈٕ وُٹھ
آسہِ روزان۔

دُکھرٕ وٗپ - ن - مؤل - دُکھرٕپ آ- یَتھ دوہن
جاین بھٹٕ آسہِ ژامُت۔

دُکھرٕوو - <ف : دُ+ک۔ کھرٕاو - م کھرٕاون]۔
۱- تٔس کُہِر یُس ووٕرِ دوہن کھرٕاوُن
پلیٹھ وُڈنمُت آسہِ۔ ۲- تٔس شخصس یُس
دوہن کانٹن پلیٹھ لٔتہ آسہِ۔ (وُرگہٕ پاٹھی)
ہور نہ تہ یور نہ۔

دُکھانٹھ - یَتھ مَنٛزٕ زٕ حصہ آسن گاٹھی۔ یَتھ
زٕ کھانٹٕہ آسن۔ اَڈٕ چھٹٕ تُل۔

دُکھمبٕل - دُشاخَل۔ تٔس لوٗٹھ بینٛہ یا تھنٛبہ
سکھانٛہ چیز یَتھ بڑو نٔٹہ زٕ لنجہٕ آسن۔

دُکھوٗر۱ - <س : دوٕ+کھار]- (اَچکلہٕ ہِنٛدِ
موجُب) تیٚشہ زمین یَتھ زٕ کھآر فصل نیرٕ۔

دُکھوٗر۲ - ن - مؤل : دُکھوٗر <س : دوٕ+کھرا]۔
تٔس کھوٗر بان جوُرٕ یَتھ دوہن ہنٛدٕ زٕ
کھور آسن۔

دُکانٛگُل - دُکٔنج آسٛنیچ حالَتھ۔

دُکانٛگلہ گرٛٹھن - راوُن زٕ کیا کرٕ۔ دوہیرٕ
طرفہٕ لیہ لمٕ آسنہٕ۔ یٚیمہٕ کتھہٕ ہنٛزٕ پریشانی
زٕ دوہو دُتو مَنٛزٕ کہ دٕتہ نیرِ زٕ۔ کنہ

پلیٹھ عمل نہٕ کرٕتھ ہیکُن۔

دُگوٗل - یَتھ زٕ گوجرٕ آسن۔

دُگوٗب - ۱- یَتھ زٕ خانہٕ آسن۔ ۲- یَتھ بٹہ لس
زٕ ترٕ آسن دراہٕتی۔ یَتھ زٕ اَلگ اَلگ
حصہٕ آسن - م : دُگوٗب ٹھول۔ ۳-
سپٹھا گوب۔

دُگوٗت - <س : دوٕ+ دیدک : گرٛتہ]-
یَتھ زٕ خانہٕ آسن (ٹھیلہ بیترٕ)۔ کھٹنہ نہٕ
دٕ ٹھتہ تھوُمٕرٕ سیتی سیٹی زٕ جایہ (اژادرٕ بیترٕ)۔

دُلوٗر - ن - مؤل : دُلراف : دُ+پراکرت : لٹ ٹرآ]-
یَتھ زٕ لرٕ آسن - دوہن پلَن ہُنٛد - دوگن
(رٕہٕتی وَس بیترٕ)۔

دُلوٗنٛگ - ن - مؤل : دُلنٛگ <ف : دُ+لنٛگ/
س : دوٕ+ لنٛگہ]- ۱- یَتھ زٕ لنجہٕ آسن۔
دُشاخَل - م : دُلوٗنٛگ کُل۔ آرُک
دُلوٗنٛگ - دُلوٗنٛگ کدٕل۔ ۲- وٗوٗنٛگ۔
یُس دوشوٕے زنگہٕ وٗنجہ آسن۔ ۳-
("کو لوٗنٛگ"، بٔرگ، بیترٕ) زیٚچھرٕ زنگہٕ
کرٕتھ جاناوار۔

دُموٗن - ن - مؤل : دُمَن <ف : دُ+ع : مَن]۔
سرٕ ٹنگس مَنٛزٕ دُ یُم خانہٕ۔

دُواپھ - <س : دوٕ+ داپہ]- دُفصلی۔

دُوؤر - ن - مؤل : دُور <س : دوٕ+پراکرت۔
دُوٕہٕڈوم - ہ- دوہرا]- ۱- یَتھ زٕ ناہ
آسن۔ دوہن نہٕن ہُنٛد بنیوُمت -

دُتوش ۔ ۲۔ دوٚن لرٕن ہُنٛد۔ دُپوٚن۔
۳۔ دوٚن سیٖرٕن ہُنٛد، موچِہ کھارنہٕ آمُت دیوار یا لَب بیٚترٕ۔

**دُووٚق۔** ن۔ مثل: دُوُق < ف: دو+ع: وقت]۔ ۱۔ دوٚہیر ڈٲنٛگ۔ کوٚج تہٕ کال۔ دوٚہس مَنٛز دوٚہ یِہ پھِر۔ ۲۔ شہ کھین یہ دوٚن وَقتَن (صُبحٕ شام) پوشیہ۔

**دُووِپھ۔** ن۔ مثل: دُواپ < س: دوٚ+واپر] بُتھ ٹُورکیَس زٕ فَصل آسن نیٖران۔ دُفصلی۔

**دُوور۔** وُچھو "دُتوش"

**دُووٚنی۔** سٔنگَم۔ دوٚن کوٚلن ہُنٛد میٖل۔

**دُوٚیزٕر۔** ن۔ مثل: دُویزر < س: دوٚ+وِد]۔ اَکِس تہٕ بیٚیِس سُنٛد قَدر اَلگ اَلگ زانُن۔

**دُب۔** ن۔ مثل: دُب < آواز پیٚٹھ]۔ ۱۔ ٹھکہ (بَرس بیٚترٕ)۔ ٹُھک ۲۔ کانٛہہ چیز پھٔٹِنٛچ آواز۔ ترٛٹھ بیٚترٕ پیٚنٛچ یا بَم پھٔٹِنٛچ آواز۔ م: نَبہٕ دُب۔

**دُبرائے۔** ۱۔ (بَرَس بیٚترٕ) پوٚتُس پَتھ ٹُھک ٹُھک۔ ۲۔ دِل تیز تیز دوٚہ تھپنٛچ آواز۔

**دُب دُب۔** ۱۔ (دَروازَس بیٚترٕ) ٹُھک ٹُھک کَرنٕچ آواز (بَرٕ مُترٕ راوِنہٕ با پَتھ)۔ ۲۔ دِل دوٚہ تھپنٛچ آواز۔ دُبرائے۔

**دُب دُج۔** دَروازَس ٹھکہٕ رائے۔

دُب گرٛٹھن (دُپ گرٛٹھن) ۱۔ کانٛہہ گوب چیز ڈٔسی پیٚنٛچ آواز پیٚنہٕ۔ ۲۔ ترٛٹھ پیٚنی۔ ۳۔ شورٕ گولہٕ یا بَم بیٚترٕ پھٔٹُن۔

**دُبارٕ۔** < ف: دُبار/س: دوٚ+وار]۔ دوٚیمہٕ لَٹہٕ۔ پھیٚرِتھ۔ نوٚ سَر۔ م: دُبارٕ آو زٕنٛمس۔

**دُبارٕ دُنی یہَس یُن۔** (وَرگَر) کُنہٕ مُصیبَتہٕ یا سَخ بیٚمارِ تَلہٕ نیٖرُن۔ بَڈ مُشکِلہٕ سان بچُن۔ مُرتھ مُرتھ نوٚو زنٛم لبُن۔

**دُبارٕ زٕنٛمس یُن۔** وُچھو "دُبارٕ دُنی یہَس یُن"۔

**دُبارٕ یُن۔** ۱۔ دوٚیمہٕ پھِریُن۔ دوٚیم لَٹہٕ کرٕنی۔ ۲۔ (وَرگٕہ پاٹھی) کُنہٕ سَخ بیٚمارٕ بیٚترٕ تَلہٕ نیٖرُن۔ مُرتھ مُرتھ بچُن۔

**دُبہٕ۔** < س: م اَدھ+بھوٚ]۔ وُکرٲوِتھ ہیٚرٕنٛہیم بوٚن۔ گوٚل یا بُتھ تَل کُن کرِتھ۔

**دُبہٕ پیوٚن۔** ۱۔ گوٚل تَل کُن گژھُن۔ بُتھی کُنی پیوٚن۔ کَلہٕ کُنی لاینہٕ یُن۔ ۲۔ چونٛٹھ زُمینہٕ دِتھ پھیٖرُن۔ یَڈ بُتھرس کُن دِتھ پھیٖرُن (نیٚنٛدرٕ مَنٛز)۔

**دُبہٕ پھِرُن۔** ۱۔ گوٚل یا کَلہٕ تَل کُن تہٕ ژوٚک ہیٚورکُن کرُن۔ ژوٚک پھِرُن۔ کانٛہہ بانہٕ بیٚترٕ خٲلی کرنہٕ با پَتھ بوٚن کُن پھِرُن۔ ۲۔ بُتھ تَل کُن کرِتھ ساوُن یا تھوُن۔ بُتھی کُنی ساوُن۔ یَڈ بوٚن کُن کرِتھ تھوُن۔ ۳۔ (وَرگٕہ پاٹھی)۔

ٹھُک پیٹھ کرُن ۔ تباہی کرٕنی ۔

**ڈُبہٕ پھیرُن ۔** بُتھ یا گوٗل بیترِ پیٹھ کُن اَتھ تَل کُن کرِتھ روزُن ۔ بُتھ زمینہٕ دیُن ۔ ۲۔ (بانٛس بیترِ) گوٗل تَل کُن گژھتھ سورُے کیٛنہہ نیرِتھ ژَلُن ۔ ۳۔ ہیٛریُم بوٗن گژھُن ۔ ۴۔ چلیہٕ بُٲس وَتھُن ۔

رم : واٗلِنج چھم ڈُبہٕ پھیران ۔

**ڈُبہٕ کَلہٕ ہیر ۔** (وُرگہٕ پٲٹھی) ہیچہٕ کَلہٕ ۔ یَس نہٕ سَنٛہل سَنٛہل کیٛہنی فِکرِ تَرِ ۔

**ڈُبج ۔** سُہ جاے یێتِنیتھ دوٚن بیرٕ طرفہٕ آب آسہِ پکان ۔

**ڈُبہٕ ڈُج ۔** ٹُنلیُشم پیٹھ ۔ تھَر ہیٛورکُن کرِتھ ۔

**ڈُپَن دَلاز ۔** وُچھو " ڈُپھَن دَلاز" ۔

**ڈُپہَر ۔** ن ۔ مۄل : ڈُپہَر < س : دوٗ + پَرٛہَر / ف : دوپہر ] ۔ سُہ وَق یێلہِ دۄہَس زٕ پہَر وُتھی ہتی آسَن ۔ ڈُہچہِ باہ بجے ۔ اَڈ دۄہ ۔ مَدیان ۔

**ڈُپہٕ ۔** ن ۔ مۄل : ڈُپہٕ < س : دھوٗپہٕ ] ۔ اَکھ جَنٛگلی بوٗٹی ۔ اَمِچ گنڈٕر چھے خوشبویہٕ باپتھ زالنہٕ یوان ۔

**ڈُپہٕ زۄر ۔** ۱۔ ڈابہٕ شکلِ اَکھ کَنٛترِ ٹُو چیز یَتھ پیٹھ ڈُپہٕ بیترِ زٲلِتھ تھَوَنہٕ یوان چھُہ ۔ ۲۔ (وُرگہٕ پٲٹھی) آلِژھی ، دَم بوٗبُس ہیوٚہ اِنسان ۔

**ڈُپیازٕ ۔** مازَس تیار کرنہٕ یِنہٕ واجینی اَکھ ضِیافَتھ ۔

اَکرٕ قِسمُک زُنیتھ ماز یَتھ سیٛٹھا گنڈٕر ژٲونہٕ یوان چھِہ تہٕ رَس موٗژراونہٕ یوان چھُہ ۔

**ڈُپھ ۔** ن ۔ مۄل : ڈُپ < آوازِ پیٹھ ، دُم : تیلگو ۔ ڈُپ ] ۔ ۱۔ کانٛہہ چیز ٹھپ کرِتھ پیدٕ آواز ۔ ۲۔ شُرِ پیٹھہٕ پینَس پیٹھ وَدٲنان ۔

**ڈُپھ تہٕ دوٚہ گُل گژھُن ۔** نیٛنٛدرٕ رگوبنہٕ کِنہٕ اور تہٕ یور لاینہٕ یُن ۔

**ڈُپھ کرِتھ ۔** ۱۔ صَدہٕ سان (پینِوٚن بیترِ) ۲۔ اَچانک ۔ یَکدَم ۔

**ڈُپھ گژھُن ۔** وُسی پینُن ۔ تھَزِ پیٹھ پینُن ۔ دَب لَگُن ۔

**ڈُپھَن دَلاز ۔** ڈُپَن دَلاز ۔ مۄل : ڈُپھَندَلاز < ڈُفنَدَل + باز < ف ۔ دو + فنٛد + باز ] ۔ اورِچ کتھ یور تہٕ یورِچ کتھ اور وَنن وول ۔ مُنافِق ۔ یَس مُنافقَت کرُن عادَتھ آسہِ ۔ فاسِق ۔ فَسادٕ چھٹُل ۔ مُژکری پٲدٕ کرَن وول ۔

**ڈُپھَن دَلاز ۔** مُنافِقَت ۔ اورِچ کتھ یور تہٕ یورِچ کتھ اور وَننٕک عادَتھ ۔

**ڈُپھُل وَق / ڈُپھلی وَق / ڈُپھلی وَق (اَکَڈُن) (نیرُن) ۔** ۱۔ مِسکینی ہِنٛدی دوٚہ کَڈٕنی ، نیرٕنی ۔ کَشالہِ کَشالہِ گُذارٕ کرُن) ۔ ۲۔ زَڈ نکہٕ والِنی ۔

**ڈُتے ۔** م ۔ مۄل : ڈُتے < ف : دو + تَہہ ] ۔

اَکھ قِسمُک پھیرَن یَتھ اَندرِ رُکھ اَستر دِنہٕ چھُ آسان۔ کَم پھَمب تہٕ اوتھ پھَمب پھیرَن۔

**دُتارِ۔** ن۔ مۄل؛ دُتار ﴿ف: دو + تار﴾۔ ۱۔ سُہ کپُر یُس اَبہتھ پَنہٕ سیتی وونِتھ آسہِ آمُت۔ کپُرُک اَکھ قِسم۔ ۲۔ گانٹہٕ بۄرار ہُند رتم زِ یَن یم ہِلہ ناوتھ ڈورِ گنڈنہٕ چھُ یوان۔

**دُجان۔** ﴿ف: دُ + جان۔ م، ہ؛ دُجیا﴾ ۱۔ بُرتھ۔ بیٚنہ زُو۔ گوبر کھور۔ ۲۔ واٹھلِوِنی۔

**دُچ۔** م۔ مۄل؛ دُچ ﴿س: دوکہٕ﴾۔ ۱۔ ییکہٕ وٕٹھ زِ۔ ۲۔ سو گَب بیتریس پزتھ پَننہٕ زِ ژھو آسن زیوان۔ ۳۔ تامُک سُہ پَتہٕ یینیٚک مول زِ چھُ۔

**دُچہِ نیاے۔** نابرابر باگیہ ہُند تناز۔

**دُچہِ ہُند۔** ۱۔ گبہِ ہُند سُہ ژھوٗ یُس دُکہِ دیرِ زامُت آسہِ۔ م: دُچہِ ہٕنز۔ ۲۔ دُکہِ دیرِ زامُت شُر۔

**دُخال۔** ﴿ف: دُ + ع: خال﴾۔ ۱۔ نرد پھلیٚک سُہ طرف یَتھ دُچ آسہِ کرِتھ۔ ۲۔ نرد س مَنز دُچ پینک باز۔

**دُدَرِ۔** ن۔ مۄل؛ دُدَر ﴿ویدک س: دُردھر﴾۔ ۱۔ (دو یَو اَتھو) زور سان۔ ۲۔ وَزنہٕ پۄر۔ پۄرِ پۄر۔

**دُ دَرِ والِنی۔** (وَرگہ) اَبسی اَبسی دِنی۔ لور پزِتھ والِنی۔ سَخ مار دِین۔

**دُ دَرِ والُن۔** زور لاگتھ اَکھ دُرس والُن۔ کانہہ پۄٹھ تہٕ مضبوط چیز زور لاگتھ پَتھر ژھاٹُن۔

**دُر۔** ن۔ دُر ﴿ع: دُر﴾۔ موکھتہٕ۔

**دُرداہ۔** ۱۔ موکھتہٕ پھلی یا پھول۔ ۲۔ (وَرگہ) سیٹھا ماری موٗنُد۔ (ماشوقس وَنان)۔

**دُرس/دُرٕوس۔** ﴿س: دؤ + رَسہ﴾۔ ییکہٕ موٗدر۔ یَتھ زِ مزٕ آسن۔

**دُرعا۔** ن۔ مۄل؛ دُر ﴿ع: دِرعہ﴾۔ ۱۔ دُٹھنہٕ دالہٕ کَہر ہُند کُلہٕ ییمہِ سیتی چوب چھہ دِوان۔ کُرِ۔ کوڑُر۔ ۲۔ (وَرگہ) پاٹھو) چوب۔ سَخ مار۔

**دُرِ تہٕ کُرِ وَزِنی۔** چوبن پیٹھ چوب دِنی۔

**دُرِ دِنی۔** سَخ چوب دِنی۔

**دُرِ وَزِوِنی۔** (دُرِ سیتی) کُش کڈِتھ کڈِتھ چوب دِنی۔

**دُرِ والِنی۔** سَخ چوب دِنی۔

**دُرع ۲۔** ن۔ مۄل؛ دُر ﴿س: دُھر﴾۔ ٹانگُک بیتر سُہ شیشتر و ڈنڈ یَتھ مَنز پیرِ بَند چھہٕ روزان۔

**دُرُس، دُرُست۔** مۄل؛ دُرس ﴿ف: دُرست﴾۔ ٹھیکھ۔ صحی۔ بجا۔

**دُرُستی۔** سِہزر۔ سیٹھر رُن۔ ٹھیکھ کرُن۔ شیرُن ادِہ۔

**دُرۄٗدٕ۔** [ ن۔ مۆل ؛ دُرۄٗد <ف ؛ درۄٗد ]۔
۱۔ صلوات ۔ ۲۔ رَحمَت۔ ۳۔ دُعا۔

**دُرۄٗدِ خوٚنوٗر۔** سُہ خاص دُرۄٗدٕ یَتھ اَندر آنحَضرَت ص کُن خطاب کرِتھ خدایس رَحمَتھ مَنگنہٕ چھِپے یِوان۔

**دُرۄٗدنجاتھ۔** سُہ خاص دُرۄٗدٕ یُس بَلایَو نِشہِ مۄکجار لَبنہٕ خاطرٕ پَرنہٕ چھُ یِوان۔

**دُرۄٗدٕ پَرُن۔** صَلوات پَرنی۔ دُعا مَنگُن۔

**دُرۄٗدٕ سوزُن۔** پٲغمبرِ اِسلام تہٕ تٔہندِس عَیالَس سَلام تہٕ رَحمَتھ سوزٕنی۔

**دُری بَتہٕ۔** ن۔ مۆل ؛ دُری بَت < پراکرت۔ دَھٹہٕ+ بَھتَہ <س ؛ دھرتر+ بَھکتَہ ]۔ کھانٛدرس پیٹھ مالِنی پَکھٕ رِشتہٕ دارَن ہُنٛد گُلہٕ میوٗٹھ بیترِ ہیتھ یُن تہٕ سال کھیٚنوٚن۔

**دُری بَتہٕ ژانُن۔** مالِنی دَرٛیک سالہٕ وِزِ پلوٚ دَلوٗ گُلہٕ میوٗٹھ بیترِ ہیتھ یُن۔

**دُری بَتہٕ کھارُن۔** مالِنی پَکھٕ رِشتہٕ دارَن ہُنٛد گُلہٕ میوٗٹھ بیترِ ہیتھ یُن۔

**دُری بَتہٕ واٗلی۔** تِم ساٗری یِم دُری بَتہٕ کھیٚنہٕ آمتی آسَن۔ مالِنی پَکھکۍ سالَر۔

**دُرمٕٹھ۔** ن۔ مۆل ؛ دُرمَٹ <ہ ؛ دُرمُٹ ]۔ دَن کرِتھ اَکھ ہیٚچھ یا شیٖٹیٚترٕ گوٚب چیز یَمہٕ سٟتی رۄڑی بیترِ دَباوان چھِ۔

**دُرمِہ۔** مۄٹ تہٕ گوٚب یِیرٕ ژادَر یوسہٕ وَنٛدس مَنٛزٕ وُرنَس چھِپے لگان۔

**دُزول۔** زالیکَ یا دُکھٕمبو ٹکَ سُہ حِصہٕ یَتیٚتھ نٕہ شاخ نیرَن۔

**دُزدِ عَرب۔** مۆل ؛ دُزدِ عرب <ف۔ دُزد+ عرب ]۔ دیٚژ پاٹھو پادشاہ کَتھَن ہُنٛد کِردار سُہ یُس کاروانَن لوٗٹھ کرِ۔

**دُستَنھ۔** مۆل ؛ دُستَنھ <س ؛ دۄاسپتَنہٕ ]۔ دۄ ییرٕ پیٚٹھٕ سَتَنھ۔ سَنھ ڈٲہی تہٕ زٕ۔

**دُسر۔** دُگاڈٕ۔ دوٚر زٕمین کھَنٛنہٕ باپتھ یا کَنہٕ کَڈنہٕ باپتھ اَکھ وَسلہٕ۔

**دُسہٕ۔** ن۔ مۆل ؛ دُس <ہ ؛ دُھسا <س ؛ دۄرشہٕ+ کَمَ ]۔ پَشمینہٕچ یا رَفلٕچ دُپَچَل ژادر۔

**دُسوٗتہٕ / دُسوٗتی۔** مۆل ؛ دُسوٗتی <س ؛ دۄٕ+ سوٗترٕ ]۔ کَپرُک سُہ قِسم یَتھ دُوآر یِترٕ بینی چھِپے آسان۔

**دُسوڈ۔** دُل مُل۔ نہٕ اور نہٕ یور۔ اوم زوم۔ کُنہٕ ڈٲنجہٕ پیٚٹھ تہٕ۔ دۄن ہٕنجَن۔

**دُشالہٕ۔** ن۔ مۆل ؛ دُشال <ف ؛ دو+ شال/ س ؛ دۄٕ+ شالا۔ ] دُپَچَل فِرد۔

**دُشیٖٹھ / دۄ یہٕ شیٖٹھ۔** <س ؛ دۄٕ+ اَشیٖٹنہٕ ؛ دۄٕشیٖٹنہٕ ]۔ دۄ ییرٕ پیٚٹھٕ شیٖٹھ۔ اَٹھ ڈٲہی تہٕ زٕ۔

**دُشمَن۔** ن۔ مۆل ؛ دُشمَن۔ <ف ؛ دُشمَن ]۔
۱۔ شَتھر۔ نٕ آنتھ ماٗنِتھ نۄقصان واتناوَن وول۔ ۲۔ جنٛگَس مَنٛزٕ مُخالِف فریق۔

دُشمنہٕ ہِنٛدٕ لگہٕ نہٕ کُنٛشٕڈٕ ژٕ شجرٕ،
دوستہٕ ہِنٛدٕ لگہٕ پوشہٕ ژٕ شجرٕ۔
تہٕ ڈیپھ گو وو پَرہے بَد رُد تہٕ وَنہٕ تمیٛک
چھُنہٕ پَروا ے مگر ہرگاہ پَنہٕ نیو مَنٛز کانٛہہ
بَڈٕ پَہن تہٕ کَتھ کَرِ تَمہٕ سٟتی چھُ دِلس
لگان تہٕ کیاژٕ تَس نِش چھُنہٕ "تنیُتھ
تو قواہ آسان۔
دُشمنُت۔ شٟتۍ رٕوُت۔ دُشمنی۔ عداوتھ۔
دُشمنُت کرُن۔ مُخالفت کَرٕنی۔ زَکھ وانناوُن۔
دُشمن داری۔ وُچھو "دُشمنی"۔
دُشمن نُے تہٕ شٟینگُن کیا۔ تہٕ ڈیپھ گو زِ ژٕرزنہٕ
روزُن چھِنے دُشمن داری ہِنٛز عَلامتھ۔
دُشمنی۔ شٟترٕوُت۔
دُشمنی کَرٕنی۔ وُچھو "دُشمنُت کرُن"۔

دُعا۔ ن۔ مٔوٗل : دُعا <ع : دُعا۔ دعوکہ]۔
۱۔ آہی۔ رٕژٕر کانٛچھُن۔ دوہ یہٕ خاٗرٕ۔
۲۔ (خہوالیس) رٕژٕر مَنٛگُن۔ ۳۔ شُر
آیہٕ سوٗرٕ یا مناجات یتھ اَنٛدر خہوالیس
کینٛہہ مَنٛگنہٕ ییٚرٕ۔ م : دُعاے گنج العرش۔
دُعایہٕ بَد۔ وہ ہو۔ کانٛسہٕ ناکارٕ پَرٕژھن۔
(کانٛسہٕ) بدی کانٛچھنی۔
دُعایہٕ خاٗرٕ۔ آہی۔ رٕژٕر کانٛچھُن۔ کانٛسہٕ ہِنٛز
جاٗنی پَرٕژھنی۔ کانٛسہٕ ہِنٛدِ باپتھ رُت
مَنٛگُن۔ کانٛسہٕ ہِنٛزِ بجاۓ باپتھ مَنٛگُن۔
(خہوالیس)۔

دُکان۔ ن۔ مٔوٗل۔ دُکان <ف : دُکان]۔ بھالوٗدر
کمرٕ یا جاے یتھ مَنٛز چیز کِنٛنہٕ یا تیار
کَرنہٕ ییٚن۔ وان۔ کارخانہٕ۔ ژٕ اَٹہٕ ہال۔
دُکاندار۔ ن۔ مٔوٗل : دُکاندار <ف : دُکان+دار]۔
ووُنی۔ وانہٕ وول۔
دُکانداری۔ وانَس بہُن۔ دُکان چلاوُن۔
(ہزلہٕ) باژٕری گی۔ وانہٕ واٗلی گی۔
دُکار/ دُکاری۔ م۔ مٔوٗل : دُکار <س : دوٕ+کرتری]۔
کاٗژ۔ میقراض۔ کپُر بیترِ کَپٹاونہٕ باپتھ
اَکھ ہتھی یار۔ واٗتک بَنیوُمُت دون
چھلَن ہُنٛد اَکھ ہتھی یار یُس اوٚنٛگجَن تہٕ
نیٚتھُس مَنٛز کاوی آسنہٕ کِنی بَنٛد چھُ روزان
نہٕ ژٕٹہ کَپَٹھ کَرٕنس چھُ لگان۔
دُکاری وایِنی۔ ۱۔ میقراضہٕ سٟتی کَپٹُن یا
ژٕٹُن۔ ۲ (وَرگہٕ پاٹھی) دون ژٕ وَتہٕ کَرنہٕ۔
پھاس تژاوُن۔ مُژکری تُلنی۔ کانٛہہ نہٕ
کانٛسہٕ ہُنٛد تھوُن۔

دُکہٕ۔ ن۔ مٔوٗل : دُک <س : دوٕکَر]۔ ۱۔ اَسنہٕ
لُنٛگِس مَنٛز دوٚیُم خانہٕ۔ دُموٚن تہٕ چھہٕ
اَکھ وَنان۔ ۲۔ زٕمینَس اَنٛدر ٹھُکھ
تمہٕ ژٕ کیچہٕ بمَن پیٚٹھ یینٛی چھہٕ ییران۔
۳۔ ٹُکھ۔ ژٕدی (کپرس بیترِ)۔ دوہ تہٕ۔
۴۔ دُچ۔
دُکہٕ پٹینہٕ۔ ٹُکھ لَگنی۔ کُنہٕ پلوس ژٕدی
گژھنی۔

**ڈکہٕ گژھنہٕ** ۔ ٹھکہ لگنہٕ ۔ پرٚتھن گژھن (اکیٚرس ہیتھ)۔

**ڈکہٕ لگنہٕ** ۔ وچھو " ڈکہٕ پیٚنہٕ "۔

**ڈکہٕ نیاے** ۔ ۱۔ شرٚ جگرٕ یُس کانٛہہ چیز دون نابرابر حصن منٛز بٲگرنس پیٚٹھ دِوہ تھہ۔ ۲۔ طرفداری ۔ پوٚکھ کرُن ۔ دوٚیو منٛز اکس طرفس کرُن۔ ۳۔ ڈکہٕ ویرٕ زامتیٚن ہنٛز رٲش۔

**ڈکر** ۔ م۔ مؤل ؛ ڈکر < پراکرت ؛ ڈ اکر (ڈاٚیا)۔ ڈکہٕ ویرٕ پکہٕ وٕٹہٕ زامتہ زٕ شرٕی۔

**ڈکہٕ ویرٕ** ۔ دون ہنٛد پکہٕ وٕٹہٕ اکی سے ماجہ زٲون۔

**ڈکہٕ ویرٕ ہنٛدی** ۔ ڈکہٕ ہنٛدی ۔ تم زٕ شرٕی یم اکی ییٚنہٕ زیٚون ۔ اکی پیٚنہٕ زامتہ۔

**ڈکرٕ** ۔ ن ۔ مؤل ؛ ڈکر < س ؛ دوٕ + کٹک ]۔ ۱۔ اکھ ساز ۔ گرٕتھ ہیچہ منٛز بنٛد کرٕتھ کرٕی یم دوٚیو اتھو وایہ چھہ یوان۔ ۲۔ اکہٕ قٕسمک طبلہٕ۔

**ڈکرُن / ڈکہٕ کرُن** ۔ ن ۔ مؤل ؛ ڈکرُن < س ؛ م ہتہٕ + کرنہٕ ]۔ نارس وِتش ڈِنک سیٚتہ یاٹرُن۔ لور ییٚتہٕ سیٚتی بٹھس زیرٕ زبرٕ چھہ دِوان۔

**ڈکھ** ۔ < س ؛ دوٕکر ]۔ ۱۔ پکہٕ وٕٹہٕ زٕ ۔ ۲۔ پیٚتس اتھ تٕلکن ہنٛز تھپہ ہیہ ۔ رٕژھا پیٚوُتا۔

**ڈکہٕ ڈکہٕ** ۔ رٕژھہ رٕژھہ ۔ پیٚنٛتہ پیٚنٛتہ۔

**ڈکہٕ ہنٛدی** ۔ ڈکہٕ ویرٕ ہنٛدی۔

**ڈگاڑ** ۔ زٔمین بیترٕ کھنٛنہٕ ٹک اکھ اتھو یار ۔ اکہٕ قٕسمک ٹُوٚنگر ہیوٚہ یتھ زٕ تیٚنتی چھہ آسان، امیک اکھ تیوٚنت چھہ توٚنتل تہٕ بیاکھ پانٛتر آسان۔

**ڈگالہٕ** ۔ وچھو " ڈگاڑ "۔

**ڈگوٗش** ۔ وٕچھنس منٛز بڑم گژھن ۔ اکس بیاکھ ییٚن بوزنہٕ۔

**ڈگوٗش گژھن** ۔ تیز گاشہٕ کنہٕ ٹھکہ لگنہٕ سیٚتی صاف نہٕ بوزنہٕ ییٚن ۔ نظر ہنٛد برم گژھن ۔ اورک یور بوزنہٕ ییٚن ۔ اچھن ڈژیوت گژھن۔

**ڈلتہٕ** ۔ ن۔ مؤل ؛ ڈلت < ف ؛ ڈ (دو) + لت ]۔ ۱۔ ڈگرٕس بیترٕ (سنٛد) پتہٕ مہو دوٚ شبہ لتو سیٚتی (ڈیتمت) ٹھپہ ۔ پچھیرٕ ٹھپہ۔ ۲۔ (وٕرگہٕ پاٹھو) کاربارس منٛز ٹاس لگن یا ییٚن ۔ ڈلتہٕ پاٹھی پتہٕ گژھنی ۔ پیوٚن۔

**ڈلتہٕ انُن** ۔ صدمہٕ واتناوُن۔ (وٕرگہٕ) کاربارس بیترٕ سیٚتی ٹھوکہٕ ٹھٕ اٹنی۔

**ڈلتہٕ ٹلُن** ۔ ٹھپہ دِنہٕ یا پتہٕ ڈگرٕس بیترٕ سنٛزٕ) پتہٕ مہ لتہٕ ٹلنہٕ۔

**ڈلتہٕ دِیُن** ۔ (وٕرگہٕ) تنٛگہٕ سیٚتی ٹاس ترٛاوُن۔ یتھ کانٛہہ کنہٕ کامہٕ بروٚنٛہہ پکہٕ نس بنٛد گژھہ۔

**ڈلتہٕ ییٚن** ۔ صدمہٕ واتُن۔ (وٕرگہٕ) کاربارس بیترٕ منٛز سیٚتی ٹاس پیوٚن ۔ تنٛگہٕ ٹھپہ ییٚن یتھ سمبلُن مُشکل گژھہ۔

**ڈلِہ۔** <س : دوِ+لَہ] زِ۔ جوٗری۔

**ڈلڈُل۔** ن۔ مؤل : ڈلڈُل <ع : دُلدُل ]۔ حضرتِ علیؓ سُنٛد سوارِ کاتُر۔

**ڈُل مُل۔** <س ، دُل + پوٗنت صداہ ۔ مُل ]۔ (ودگر) مُشکس سپدنے۔ طے گژھنے۔ یتھ مُتلق نہٕ کینہہٕ وَنی تھٕے ہیکو۔ نہٕ اور نہٕ نہٕ یور۔ یتھ مُتلق شکھ آسُن۔ اَلاَندرس پیٹھ۔

**ڈُل مُل تھوٗن۔** دُساٹِس پیٹھ تراوُن۔ اَلونٛد تھوٗن۔ اوم زوم تھوٗن۔ صاف صاف نہٕ وَنُن۔

**ڈُم۔** ن۔ مؤل ، ڈُم <س ، دُھوٗ/ دھومہ]۔ ۱۔ سَخ بُوٗج ۔ سَخ پُرسان۔ سَخ پرٛژھ گار۔ ۲۔ شورٕ شر۔

**ڈُم تُلُن۔** شورتُلُن۔ کُنہہٕ کتھہِ پیٹھ سَخ بازخاس لاگُن۔ سَخ پرٛژھ گار لاگنۍ۔ حِساب ہیٚوٗن۔

**ڈُم ووتھُن۔** ۱۔ سَخ بُوٗج ووتھُن۔ سَخ پرٛژھ گار لگنۍ۔ سَخ بازخاص لگُن۔ ۲۔ شورٕ شر ووتھُن۔

**ڈُمٹھ۔** ۱۔ گُنبد۔ ۲۔ بوٗڈ پل۔ ۳۔ بودھ وِہارک پیٹھِمیم گول مینار۔

**ڈُمٹُس رینٛزی گرٛژھنۍ۔** نہٕ ڈیٚتھ گو کٕچھ کٕچھ نہٕ گرٛژھن، کانٛہہ اَثر نہٕ گرٛژھن۔ کتھ نہٕ وَہینۍ یا وَہرٛنۍ۔

**ڈُمبہٕ۔** ن۔ مؤل : ڈُم۔ ڈُمب <ف ، ڈُم/س : ڈُمبکہ ]۔ ۱۔ گرٛی ہٕنٛدِ لٔنٛکہِ وال۔ ۲۔ اَکہِ قسمک کٔٹھ یَس بٔڈ ڈُلام لٔٹ چھِنے آسان۔

**ڈُمبیج/ ڈُمبیج / ڈُمبیج ،** م۔ مؤل : ڈُمبیج <ف ، ڈُم + ؟ چی]۔ آرِ چالہِ رٔنٛدُکھ یُس گرِٛس بیترِ لٔٹہ تَلو پھروِتھ زین یا پلنٛہ بنٛد چھُ لوان کرنہٕ۔

**ڈُمبر/ دوٗمبر۔** م۔ مؤل ، دوٗمبر۔ ڈُمبر < پراکرت : دَمہ ڈِا ]۔ اَکھ پرٛوٗن ہیکہٕ۔ اَڈِ پاٹ نِشان اوٚڈ۔ رہ پیہٕ ہُنٛد ۱/۲۵۶ ہِسُم حِصہٕ۔

**ڈُمبہِ کٔٹھ۔** وُچھو" ڈُمبہٕ" مانے ۲۔

**ڈُم دوال۔** ن۔ مؤل : ڈُم دوال <س ، دُھا+؟ مُ ، ہ : دھوٗم ]۔ ۱۔ دُکھانٛدِ بیترِ ووسہٕ دروٚس۔

**ڈُم دام۔** ن۔ مؤل : ڈُم دام ]۔ اَکنہِ شادِ بیترِ روزٛ سَخ ووسہٕ دژوس۔

**ڈُنمُتھ۔** <س : دوِ نَوَ تِہ ]۔ دوہیہِ پیٹھی نمُتھ۔ نوٚڈہی تِرِ ز۔

**ڈُنال۔** اَکہِ قِسمِچ پوٗٹھ رَزِ یوسہٕ گرٛی ڈُمبہٕ یا سِنٛخر وُٹِھتھ بناونہٕ یوان چھِنے۔

**ڈُنلی۔** م۔ مؤل : ڈُنلی <ہ ، دونالی <س : دوِ+ نالی ]۔ اَکہِ قِسمُک چھر بوٗنہٕ تُھک یٚمتھ زٕ نالہِ چھِنے آسان۔

**ڈُنِیا۔** ن۔ مؤل : ڈُنِیا <ع : دُنیا ]۔ ۱۔ ساری زمین۔ زُگُتھ۔ ۲۔ سَمسار۔ عالمٕ۔ زُوِ ناژ۔

م : ڈُنی یا چھ اَتھ پیٹھ منٛیوٗمُت - ۳-
لوٗکَن ہُنٛد طور طرٕز - م : ڈُنہٕ ما چھُن
ڈُنی یا وُچھمُت -

ڈُنی یا اَڑَن - طمعٕ ہاٹُن -

ڈُنی یا دار - ۱- آسَن بَسَن وول - دیاہ وول -
۲- رِشتہٕ دارَن ہُنٛد خیال تھاوَن وول -
خرچ دار - ۳- بَڈٕ قبیلُک نوٗیُٹھ -

ڈُنی یا داری - ۱- دولت مٔنٛدی - ۲- بَڈٕ قبیلہٕ
داری - ۳- رِشتہٕ داری یا بَنٛدُرت قایِم
تھاونہٕ باپتھ پانہٕ واٲنی ہینوت دیُن -

ڈُنی یا دیُن - (وَرگِر) دَیے ٹوٗٹھُن - م : اَمِس
چھُ خوداے ڈُنی یا دِتھمُت -

ڈُنی یا وُچھُن - تجربہٕ حٲصِل کرُن -

ڈُنی ہیس ییُن - پادِ گوٗڈُھن - زُنم ہیوٚن -

ڈُنبالہٕ - < ف : دُمبال ] - اَکِس مطلبہٕ
باپتھ ) پتے لگُن - اَگاد -

ڈوٗنزاہ - س ، دوٗا پنچاشت ] - دہ یہ پینٛٹھ
پنزاہ - پانٛژہ ڈٲہی تہٕ نہٕ -

ڈوالہٕ - موٚٹ پھاڑ یا کرُیتھ نہٕ جان پھاہ نیرَن -

ڈُہاٹھ - ن - مول ، ڈُہاٹھ < س : دوٗاشٔشٹِ ] -
شٔشٹہٕ ڈٲہی تہٕ نہٕ رِشیٹھ تہٕ نہٕ -

ڈُہل - مول : ڈُہل < س ، دِوَس + وٚیلہٕ ] ڈُہک
وَق - گاشُل -

ڈُہلہِ ٹھگ - ۱- یُس ڈُہلہِ گاشس مَنٛز دوکھ
دِتھ کینٛہہ ہیتھ نٕرِ - ٹھپُل - مَنٛز نٕٹھگ -

۲- یُس بڑو نٹھ کَنہٕ اَچھن کچھ تُرھنتھ
سوٗہن فریب دِیہ -

ڈُہلی خاب / ۱- دوٗہَس مَنٛز سوٗپُن - ۲- تہٕ سوٗپنُن
ینتیجہٕ یہ کانٛہہ وُہ سید آسہِ - ہوا اُپی قِلعہٕ
بناوُن - تریہ نہٕ بُنی تھے ہیکرِ ، یہ سیٹھا
مُشکل آسہِ - م : خیالی پُلاو -

ڈُہلی کھاو - یُس نہٕ روزٕ دٔرِ - شہ (مُسلمان)
یُس رمضانِ مُبارکس مَنٛز دوہلہٕ کھین چِن کرِ -

ڈُہلی گاشہٕ - دوہ لوسنہٕ بڑو ٹہہ - گاشس مَنٛز ؛
اَڑ گٹھ گُرھنہٕ بُڑو ٹیٹھے -

ڈُہلی لگِن - شہ بٔڈ کھاندر یتھ دوٗہلی ساتھ
آسہِ - م ، روت لگِن -

ڈُبی - م - مول ، ڈُبی - < س : دوٗپینا /
دوِرشتا ] - زٕ بیٚون بیٚون گنٛزر رٕنی -
وہ پر زاٹُن -

دوٗتی - م ، مول ، دوت < ہ ، دھوتی ] - ۱- رٔشمُک
یا کھدرِ بیتر ہُنٛد شونہٕ زنانہٕ وولت -
ساٹاک - ۲- شہ کپر یُس مرد پاجامہٕ بدل
زٔنگن ناگان چھِ -

دوٗج - م - مول - دوٗج [ مَشک پُٹ - لوٗٹ
کرِتھ زنانہٕ دار پُٹ یتھ پیٹھ ژاپہٕ شٔرٕ
سینہٕ بیتر سِنٛزی لیکھان چھِ -

دوٗجہ پُٹ - مَشک پُٹ -

دوٗجہ مانٛچھر - گوڈ بنکہ پھر دوجہ شاردایا ٹھو
لیکھنُک وَرُن - اوم سو ہقہٕ سِدھم ،

یِہ چھُ ناوان زِ شاردا اُچھر چھِ بڈا ہمی،
اَپسی ہنٛدِ سِد دَھم شاخہٕ مَنٛزٕ۔

**دۄرٕ۱۔** <ف : دۄر : س ؛ دۄرَ]۔ ۱۔ سیٹھا فاصلس پیٹھ۔ یوٗتۍ واتنس وَق لگہِ۔ ۲۔ ژھینہٕ گومُت۔

**دۄرِ دۄرٕ۔** ۱۔ (ل۔م) سیٹھا زیٛٹھ فاصلہٕ پیٹھٕ۔ نکھہٕ نکھہٕ نہٕ۔ ۲۔ لوٗب لوٗب۔ اَندٕ کنہِ۔

**دۄرِ دۄرٕ چھُ مَرِژ میبھٹان۔ نکھہٕ نکھہٕ چھُ نا بدٕ ٹھٹھان۔** تہٕ ڈیٛنٹھ گوٚ خُدس اَنٛدر بلہٕ ژار ستھاونہٕ سیٛتۍ چھُ لول پٕٹان تہٕ پَزٕ نہٕ پیٛنٹھی پینہٕ گژھنہٕ سیٛتۍ چھینے کھَر گژھان۔

**دۄرٕ بِن گژھُن۔** سیٹھا دۄر جاے بوٗتۍ نہٕ کانٛہہ سۄہل پاٹھۍ واتنہٕ ہیٚیہ۔

**دۄر دَراز۔** ۱۔ داریاہ دۄر۔ سیٹھا دۄر۔ ۲۔ دَگرٕ ہنٛد نہٕ۔

**دۄرٕ۲۔** م۔ مٔول ؛ دۄر <س : دُر ، دُرَ]۔ کوچہٕ۔

**دۄرٕ۳۔** ن۔ مٔول ؛ دۄر <ع : دُر]۔ جھمکہٕ۔ گنٛگ اکھ زیوٗر۔

**دۄرٕکُن۔** ۱۔ (دۄرٕ ہِرٕ مَنٛزٕ) اَکھ ۔ ۲۔ (دۄرگہٕ پاٹھۍ) خاص پَنُن۔ یُس سیٹھا نکھہٕ آسہِ۔ یُس پیٹھ بروسہٕ آسہِ۔

**دۄرٕ ہوٗر۔** دور چور۔ کمُن ہنٛدس۔

**دۄرُن۔** <س : دۄرَ/ف : دور ۔ ]۔

۱۔ نظرٕ نِشہِ تَل نہٕ روزُن۔ (کُنہِ یا کانٛسہِ نِشہِ) دۄر گژھُن۔ ۲۔ (دۄرگہٕ پاٹھۍ) دۄرٕ پیوٚن۔ ژھیٚنۍ لگُن۔ ۳۔ شُر پَتہٕ نہٕ روزٕنۍ۔ ماے موٚحبتھ نہٕ روزُن۔

**دۄرٕ پہٕ۔** ن۔ مٔول ؛ دۄرٕ پہٕ <س : دۄرَ/ف ؛ دور]۔ ۱۔ زیٛوٹھ فاصلہٕ ۔ ۲۔ نزدیکۍ رِشتہٕ نہٕ آسُن۔ مایہِ سۄرُ یِہس کمی (گژھنۍ)۔ ۳۔ جُدٕ آسی۔

**دۄرٕ پہٕ پاوُن۔** پانہٕ واٚنۍ مَن ہنٛد ناوناوُن۔ بپھاس تژاوُن۔ (اکھ اَکِس نِشہِ) بیزار کرُن۔

**دۄرٕ پہٕ پیوٚن۔** اکھ اَکِس نِشہِ دۄرُن۔ اَدٕ یور شُر پَتہٕ نہٕ روزٕنۍ۔ دِے گژھنۍ۔ بپھاس پیوٚن۔

**دۄرٕ پہٕ لگُن۔** ۱۔ اکھ اَکِس نِشہِ دۄر گژھُن۔ ۲۔ دۄر دۄر لبنہٕ سیٛتۍ رِشتہٕ دارن پانہٕ واٚنۍ توٗلُق کم گژھُن۔ ۳۔ دوہن ژھین گژھُن یا ماے ہنٛدرٕنۍ۔

**دۄر اَندیش۔** <ف : دور اندیش] یِہ وُنہِ پتہٕ نے آسہِ تمیُک خیال تھۄوُن دول۔ بڈٕ وٕنٹھے ژیٛنتھ دول۔ پَتہ بڈٕ وٕنٹھہٕ وُچھن دول۔

**دۄر اَندیشی۔** بڈٕ وٕنٹھہٕ کال سوٚرُن۔ پَتہٕ دول سِحے نَظرِ تَل تھاوُن۔

**دۄرٕ بین۔** م۔ مٔول ؛ دۄربین <ف : دوربین]۔ شُر شیٛشہٕ یمیٚہ مَنٛزٕ دۄرِکۍ چیٖز ٹاکار

درینٛٹھ پوان چھہٕ۔

**دۄزٕ ١۔** <ف : دوز ]۔ سُوٗن وول۔ ییٚر چھ اَکھ پوٚت لوٗگ۔ م : چکھن دۄز۔

**دۄزٕ ٢۔** مۆل : دۄز <ف : دُزد ]۔ یُس چالٲکی کرِتھ چھر۔ تارُن گۄر۔

**دۄزۍ گولہٕ۔** یُس ہیٚچھہِ کٔنٛہ کرِتھ تارِ۔ تارُن گۄر۔

**دۄستی۔** م۔ مۆل : دوستی <ف : دوستی ]۔ یارز۔ ہیٚتِر بُتھ۔ ماے موحبّت۔ رُت ورتاو۔

**دۄستی کھۄتہٕ چھےٚ راستی جان۔** تہٕ ڈیٚتھ گۄ لحاظ رٔچھنہٕ کھۄتہٕ چھ پوٚز پوٚز وَنُن جان۔

**دۄستی لاگٕنۍ۔** ١۔ یارانہٕ لاگُن۔ ٢۔ مطلب کڈنہٕ باپتھ یارز لاگٕنۍ۔

**دۄش ١۔** ن۔ مۆل : دۄش <س : دوشہٕ]۔ اَتھ۔ گوناہ۔ پاپھ۔ غلطی۔ راہ۔ اِلزام۔

**دۄشہٕ رۆس۔** بێنے قۆصوٗر۔

**دۄشہٕ لد۔** قۆصوٗر وار۔

**دۄشہٕ ہۆت۔** وُچھو "دۄشہٕ لد"۔

**دۄش دِیُن۔** راہ لدُن۔ کانٛہہ غلطی مَنٛزِ کھارٕنۍ۔

**دۄش کاسُن۔** نوقص ژلراوُن۔ بێنٛدِش دۄر کرٕنۍ۔ رٔژِ نِشہٕ معہ کلاوُن۔ م : اُلگنہٕ دۄش کاسُن۔

**دۄش کھارُن۔** وُچھو "دۄش دِیُن"۔

**دۄش لدُن۔** راہ کھارُن۔ اِلزام دِیُن۔

**دۄش ٢۔** آبہٕ تہٕ دوا آبہٕ اوٚستی صفاٲی کرٕنۍ۔

(خاص کرِتھ شکمس)۔

**دۄن ١۔** ن۔ مۆل : دۄن <س : دھنو]۔ پھمب دونُن وول (کاریگر)۔

**دۄنا آیوو دونان دونان، تژِکس تژٕ یےٚ مَن چھوٚنان چھس پیچھِونان تمہٕ وَقتہٕ یێلہِ کانٛہہ ہُنٛد دُسی فٲیدٕ بدلہٕ نوقصان ییٚ واتہٕ۔**

**دۄن ٢۔** <س : پا دۄنہٕ ]۔ کُنہٕ چیٖزِس کرِتھ برابر ژورو حِصو مَنٛزٕ تژنیے حِصہٕ۔

**دۄن ساد۔** ل۔م۔ کانٛہہ چیٖز پاو پێنٛٹھ یا پاوٕ کم۔ (دورکہٕ پاٹھی) اوگ بوگ۔ کٔنٛہ ہُنٛد باشِش۔ زاوی جارُن سَنہٕ نک گاٹہٕ۔

**دۄن ساد آسُن۔** بوزٕ شوژ آسنہٕ۔ اوگ بوگ آسُن۔ خرچہٕ برچک اَنداز آسُن۔ پزِتھ کانٛہہ پہلو نظرٕ تل آسُن۔

**دۄن ساد بوزُن۔** بوزٕ شوژ کرُن۔ نفع نوقصان وُچھُن۔

**دۄن ساد نہٕ بوزُن۔** (دورکہٕ) پُتھ پژ دۄنٹھ نہٕ وُچھُن۔ دۄر اندیشی نہٕ بوزٕنۍ۔

**دۄنۍ ١۔** م۔ مۆل : دۄنۍ <س : دھنہٕ]۔ دۄنۍ شُنٛد ساماتہٕ۔

**دۄنۍ دَکھ / دِل دَکھ۔** تِنتی کوٗر دَستہٕ سیتی وانیچ آواز۔

**دۄنۍ دِنۍ۔** (دورکہٕ) چھکرِتھ ژھلُن۔ کانٛہہ چیٖز نہٕ پٔننہِ جایہِ ٹھوٗن۔ پکوینتز تھہٕ رۆس

ترٛاوٕنۍ ۔ ۲ ۔ دۆنژھ دِنۍ ۔ ژرٕ ژٕنۍ رٕکِنۍ
ژھاٚنڈ دِنۍ ۔

**دۆنۍ ۲** ۔ م : مٔول ؛ دونۍ <س ؛ دھوپنہ ] ۔
کٔنگ یٚس سادبیترٕ پالٕس بژرونٹھ کِنہٕ
دزٕ وُن چھہ تھٔوان ۔

**دۆنۍ زالِنۍ** ۔ (دورگِہ) دوہاہ مارٕس پیٹھ روزٕن ۔

**دۆنژھ ۱** ۔ م ۔ مٔول : دونژھ <س : دھوَنہ ] ۔
رٕژہ رٕژہ ژھاٚنڈ سار ۔

**دۆنژھر** ۔ ژاُر (بیرٕس بیترٕ) نمہ دِیُن ۔

**دۆنژھراوُن** ۔ دۆنۍ دِنۍ ۔ نمہ دِتھ ظلاجہ
ظلاجہ کڈُن (بیرٕس بیترٕ) ۔ چیزَن
بےترتیب پاٹھ بچیُر دِیُن ۔

**دۆنژھرُن** ۔ بیوٚن بیوٚن کرِتھ ترٛاوُن ۔

**دۆنژھہ کڈُنہٕ** ۔ ۱ ۔ ترژہ کڈُنہٕ ۔ چھپلہٕ کرُنہٕ ۔
۲ ۔ (دورگِہ پاٹھو) کتاب بیترٕ حرفہٕ حرفہٕ
پٔری پٔری ترٛاوٕنۍ ۔

**دۆنژھ دِنۍ** ۔ ۱ ۔ پژنتھ کانٛہہ چیز نیتھ پاٹھو
پھٹرُن تہٕ چھرُن یُتھ نہٕ پننہ تھیر سکینہٕ
روزٕ ۔ ۲ ۔ رٕژٕ رٕژٕ ژھاٚنڈ دِنۍ ۔

**دۆنژھ ۲** ۔ مٔول : دونژھ <س : دلنشہ ] ۔ ڈبرٕ
چھالہٕ اکھ وُڈوُن کیوٚم یُس لٹہ بیہ
چھہ دِوان ۔

**دۆنژھ ہیوٚہ اگادِ گژھُن** ۔ (دورگِہ) ترٛیتھ
پاٹھو پتہٕ لگُن تہٕ سٕتی سٕتی روزُن یتھ
انسان تنگ چھ ۔ پتہٕ لگتھ بچھو کنۍ اُن ۔

م : بیترٕ چھہ ہیوٚہ اگادِ گژھُن ۔

**دۆنژھی گولہٕ** ۔ ۱ ۔ (دورگِہ) اُلٕ اُلٕ کھوٚتمٕت ۔
۲ ۔ (دورگِہ پاٹھو) ٹرٕ راد ۔

**دۆب ۱** ۔ ن ۔ مٔول : دوب <س ۔ دھاو ] ۔
یُس پلو چھلنک کارکران آسہِ ۔

**دۆبۍ بارے** ۔ ۱ ۔ دۆبۍ بیترٕ کولے ۔ ۲ ۔
اکھ چھٹہٕ ہور جاناوار ۔

**دۆبۍ بایہٕ دۆب** ۔ ہانکلہٕ بار ۔ کورِین ہُند
اکھ گنڈُن یتھ منز کورِ آیہٕ چھےٚ کران
تہٕ وادٕ دارِ چھےٚ پژنتھ کانٛسہٕ ہنٛدٕ گژھ
ٹلو نیران ۔

**دۆبۍ کھاٚن** ۔ سہ کپر ژادر بیترٕ یتھ منز
دۆب پلو یہ قچس ٹلنہٕ خاطرٕ گنڈان چھہ ۔

**دۆبۍ داتھُر** ۔ ۱ ۔ دۆبۍ شُند سُہ ساماہٕ یُس تس
پلو چھلنس لکار چھہ یوان ۔ ۲ ۔ سُہ
جاے یتیتین دۆب پلو ہہ کھٹاوِتھ
چھہ ترٛاوان ۔

**دۆبۍ شُند چھلُن تہٕ ہیبر دۆہ** ۔ تہٕ
دُپھتھ گو وقتہٕ وِزِ چھہ پانے نٔنان زِکُس
کیا چھہ کران ، کمۍ شُند عاٚقبتھ کیا چھہ ۔

**دۆبۍ کنۍ** ۔ سہ کنۍ یتھ پیٹھ دۆب (چھلنہٕ وِزِ)
پلو چھہ چھاوان ۔

**دۆبۍ وان** ۔ دۆبۍ شُند کارخانہٕ یا کام کرنچ
جاے ۔ م : دۆبۍ داتھُر ۔

**دۆبۍ وُسلہٕ** ۔ تمہ پلو دُلو یم دۆبۍ چھلنہٕ بایتھ

سۆمبرٲوی ہِتو آسن۔

**دۆبِ ہارٕ۱۔** دۆبِ ہِنٛز ژٕہن۔ سو جاے ییٚتِن دۆب پلو بیٚترِ ہیوٚ کھناوان چھُ۔

**دۆبِ ہارٕ۲۔** سو ہار ییٚمہِ سٟتی دۆب ترٛنگن بیٚترِ موہر کران چھُ۔

**دۆب دیُن۔** دۆبِس اَتھِ پلو چھلٕناوُنی۔ رم: دۆب دیُو دسنارس۔

**دۆبہٕ دژاو۔** دۆبِ سٟنٛدِ اَتھٕ چھلنہٕ آمٕت (پلو)۔

**دۆبہٕ کڈُن۔** پلو بیٚنٛز دۆبِس اَتھٕ چھلناوُن۔

**دۆب ۱۔** ن۔ مۆل: دَب < س: دھبٕرٕ]۔ ڈٕنٛدٕرِ لوٚن پٔہن تام بُرِتھ۔ پۆرٕ ہٕنٛہ بُرِتھ۔

**دۆبٕہٕنٛز، دۆبٕنٛز۔** م۔ مۆل: دۆبٕہ < س: دھاوٕ + ران + ای]۔ پلو چھلنک لوٚٹھ۔

**دۆبٕہٕنٛز دِنی۔** ۱۔ دۆبِنہٕ سٟتی پلوس ٹاس ٹاس دِتھ کَل کڈُن۔ ۲۔ (دورگہٕ پاٹھۍ) سَتاوٕنُن۔ پٔژ تھٕ طرفہٕ پٔنٛدی کڈُن۔

**دۆبٕہٕنٛز لگٕنی۔** ۱۔ پلوَن دۆبِنہٕ سٟتی کَل نیرُن۔ ۲۔ فِکرو سٟتی غوطن گرٛژھن۔ دوٚکھن پھیشُر لگُن۔ غمَن تہٕ فِکرَن ہِنٛزِ بڑانہٕ کِنۍ سوٗرِ سۆری تلواس ووتھن۔

**دۆبِنہٕ لوٚٹھ ۱۔** ل۔ م: سُہ موٚٹ لٔٹ ییٚمہِ سٟتی پلوَن ٹاس ٹاس دِتھ کَل چھِ کڈان۔ ۲۔ (دورکہٕ) ژھوٚٹ تہٕ موٚٹ۔

**دۆبُس۔** ن۔ مۆل: دۆبُس < ف: دبوس]۔ سُہ نیلہٕ یا لوٚہٕ لیُس تالہِ اَنٛدٕ ویُوٚٹھ چھُ آسان۔

**دۆبسہٕ وألُن۔** پُوتُس پٔتھ ٹاس یا ٹوسی لایِنۍ۔ موٚٹھو لٔٹھو سٟتی مارُن۔

**دۆبُرُن۔** ۱۔ میٚژِ تَل وألُن۔ ژٕڈراوُن۔ دَفن کرُن۔ ۲۔ زمیٖنہٕ تَل ژوٗر تھوُن۔ دَباوُن۔ ۳۔ (دورگہٕ) کھٔٹِتھ تھوُن۔ تَل کُن دیُن۔

**دۆبراوُن۔** ۱۔ ژٕڈراوُن۔ دۆبرُن۔ دولیُس تراوُن۔ ۲۔ (دورگہٕ پاٹھۍ) ژوٗر تھوُن۔

**دۆبرِتھ تھوُن / ژٕھٹُن۔** میٚژِ تَل تھوُن۔ دَفن کرُن۔ ژٕڈرِتھ تھوُن۔ سَن بیٚترِ دۆبراوٕنی یا بییہِ کُنہِ طریقہٕ کھٔٹِتھ تھوُنی۔

**دۆپ۔** ن۔ مۆل: دُپ]۔ ۱۔ کانٛسہِ ہُنٛد کینٛہہ ووٚنمُت۔ ۲۔ (دورگہٕ پاٹھۍ) ارشاد۔ حکم۔ ۳۔ کانٛسہِ ہُنٛد اِشارٕ یا اَنٛدرِ شیٚچھ۔ م: اُمیس آسہٕ بڑٕ لٕشِنٛک دۆپ۔ ۴۔ (دورگہٕ پاٹھۍ) تہٕ یِہِ دٕراہِ کٕنِتھ۔ رم: مَتہٕن ہُنٛد دۆپ چھُے بلایی تھوٚپ۔

**دۆپ آسُن۔** ارشاد آسُن۔ شیٚچھ آسٕنۍ۔ سِکمٕتھ آسٕنۍ۔

**دۆج۔** ن۔ مۆل: دَج]۔ ۱۔ چور۔ ۲۔ اَکھِتھ ٹٕرٛ یا چور لاگَن وول۔ کُلس، ڈٔول لاگَن وول۔

**دۆج بازٕنٛد۔** اَکھِتھ چور لاگَن وول۔ چور لاگَن وول۔ کُلس ڈٔول لاگَن وول۔

دۄچھ ۔ ن ۔ مؤل : دُچھ < س : دُھکش ]۔ ۱۔ کرٕہن ۔ کالہٕ ۔ ۲۔ دۄرگرٕ پاٹھی بَد باٹھن ۔

دۄدسہٕ ۔ < س : دُگدھ + ترشا ]۔ سخ ترٛیش ۔ پپباس ۔ وُہن ۔ توس ۔

دۄدسہٕ پینٛون ۔ ۱ یر چھ وۄہونہٕ ۔ دُچھو " دۄدسہٕ وۄتھُن " ۔

دۄدسہٕ گنڈُن ۔ سخ ترٛیش کرٕنی ۔ پپباس سَرٕن ۔ ترٛیش چھپے چھپے بیٛنہٕ ترٛیش لگنہٕ ۔ ترٛیش نہٕ ہمنی ۔

دۄدسہٕ وۄتھُن ۔ سخ ترٛیش لگنی ترٛیشہٕ باپتھ زیٛوہ کھنی ۔ ترٛیشہٕ وُہن وۄتھُن ۔

دۄرٕ ۱ ۔ ن ۔ مؤل ۔ در < س : دڑڈھ ]۔ ۱۔ مضبوط ۔ پایدار ، پوشہٕ وُن ۔ ۲۔ یُس نہٕ ڈیلہٕ ۔ یُس نہٕ کنہہ ڈلہٕ ، پچُسٹہٕ ۔ رم : گواہ چھُ دۄر ۔ لیپڈر چھُ دۄر ۔

دۄرٕ ۲ ۔ ن ۔ مؤل : دَر < پراکرت : دَھڈہ اُم ]۔ ۱۔ وُنٹہٕ ۔ پوٚکھ ۔ ٹولہٕ ۔ قبیلہٕ ۔ ۲۔ رۄوِ کرن واجنین ہُنٛد پوٚکھ ۔

دۄرٕ گنڈنی ۔ ۱۔ رۄو کرنہٕ باپتھ اَلگ اَلگ زٕ ٹیکھی بناونی ۔ ۲۔ جماژ منٛز کانٛسہٕ سوا اکَت کرنہٕ باپتھ بُہتہٕ نیرُن ۔

دۄر کرُن ۔ ۱۔ جماعتہٕ بناونی ۔ ۲۔ ترشنہٕ یا وَتنہٕ بیترٕ خاطرٕ ) پوٚکھ بناوُن ۔

دۄرٕ ۳ ۔ رۄدشین نہٕ آسُن ۔ رۄدُک شینک بنٛد گژھُن ۔ رم : نبہٕ دۄر ۔

دۄر کرُن ۔ رۄدشین بیترٕ بنٛد سپدُن ۔

دۄستوٗر ۔ ن ۔ مؤل : دۄستوٗر ۔ ف : دستور ]۔ ۱۔ طریقہٕ ۔ رِواج ۔ رِوایتھ ۔ گنٛڈنی ۔ عادتھ ۔ ۲۔ آیین ۔ ۳۔ شایان ۔ ضابطہٕ ۔

دۄستوٗری ۔ ۱۔ تمہ دیناریم کانٛسہٕ سودا پٔرٕ کرناونہٕ باپتھ ( کانٛسہٕ ) دِنہٕ یِوان ۔

دۄستوٗری ۔ شُرٕ آلہٕ پیٛنہٕ سیتی قبض پھٹراونہٕ خاطرٕ آبہٕ پھکی بیترٕ اندرٕ برٛنہٕ یِوان چھہٕ ۔

دۄش ۔ ن ۔ مؤل : دُش < س : دُشا ]۔ ۱۔ اکانٛسہٕ خاص کام کرنٕس ) ٹھونٛٹھ یا رٕکاوٹ ۔ گژھ بٔد ۔ ۲۔ آلرٛ ، کام کرنٕس نہٕ وۄتلُن ۔

دۄش ہیُن ۔ ۱۔ ( کامہٕ ) دُس نہٕ وۄتھُن ۔ ( کار ) رۄزنہٕ گژھُن ۔ کامہٕ رُکاوٹہٕ گژھنی ۔ ۲۔ مکانٛسہٕ پانسانٕس کام کرنٕس ہیٛتھ لگنی ۔ کامہٕ سکُن اَنتھ وُتھ نہٕ ییٛنی ۔

دۄش لگُن ۔ ناکارٕ گژھ ہُد لگُن ۔ خراب دۄہ ییٛنی ۔ رُکاوٹہٕ پادٕ سپدٕنی ۔ آلرٛ نال وَلُن ۔

دۄش وۄتھُن ۔ واریاہ کال گژھتھ کامہٕ دُس وۄتھُن ۔ آلرٛ تہٕ کہالتھ ژٕلنی ۔ رُکاوٹہٕ ژٕلنی ، اَٹھکاوٕ دۄر گژھُن ۔

دۄکھی ، دُکھی ۔ ۱۔ دۄکھہٕ زدٕ ۔ دۄہ کھ لَدٕ ۔ ۲۔ مُصیبتہٕ زدٕ ۔ پریشان ۔

دۄگ ۔ ن ۔ مؤل : دُگ ، < س : دُگھ ]۔ موٹھ ڈٕٹھہٕ ماوِ ہُنٛد دَبا ۔

دوگ دوگ دیُن۔ موٚٹھ ڈٔٹھ ٹاس ٹاس دِنہٕ
ٹھکُن ٹُلراوُن۔

دوگ ہیتھ تہٕ بارُو تہٕ دوگ دِتھ تہٕ بارُو۔
تہٕ ڈیٚپھ گو پرٛنہٕ کُنہٕ حالس مَنٛز ناشُکر
گذاری یا بے ترٛٲری۔

دوگہٕ تہٕ بارُو دوگہٕ ہیتھ تہٕ بارُو۔ تہٕ ڈیٚپھ
گو اکہٕ غلطی باپتھ تہٕ سزا تہٕ ہتھ
غلطی کرنس پیٚٹھ تہٕ سزا۔

دوٚگُن۔ ن۔ مؤل: دوگُن ‹س: دوٗگنہٕ]۔
۱۔ یُتھ زٕ ناہ یا ٲسن۔ ڈُوور۔ یُتھ
زٕ وار ٲسن۔ م: دوٚگُن پَن۔ ۲۔ یُتھ دوہیہ
وٕ نہٕ کُنہٕ سینتی واٹھ یا توٗلُت آسہٕ۔ م:
دوٚگُن رِشتہٕ۔ ۳۔ (ورگہٕ پاٹھی) وردار
یُتھ ڈوکھ ترامُت آسہٕ۔ م: کمبر
دوٚگُن گرُھن۔ ۴۔ دوہیہ حِصہٕ۔

دوٚگناوُن۔ ۱۔ دوٚگُن کرُن۔ دوٚن زیٛٹن
سیٚتھے کرُن۔ زٕ لرِ پیٚچھ وٹرِ کرٛنہٕ۔ ۲۔
اصلس بیٚیہِ تیٚوٗتاہ پُشرُن (ہیوٗت
دیُت بیترِ)۔

دوٚگوٗنہٕ، دُگوٗنہٕ۔ سیٚٹھا بڑٕ بُہری۔

دوٚل۔ ن۔ مؤل: دوٚل ‹ج]۔ نالی ملُوک
بڑو نیٚچھ کھیٚنیک دامنہٕ۔

دُلس تل ہیوٚن۔ ۱۔ بیٚنہٕ ہیٚنیوٚن۔ بیٚنہٕ
مَنٛز ساوُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) رفاقتھ
کرٛنی۔ اتھہٕ روٚٹ کرُن۔ ضِرورتہٕ

دِنہٕ اکار لگارین۔

ڈُلی ترٛاوُن۔ ۱۔ (ورگہٕ پاٹھی) یُس اکھ چیز
اکس جایہ تہٕ بیاکھ چیز بییس جایہ
بنے رُبط پاٹھی ترٛاوان آسہٕ۔ یُس نہٕ چیزن
یا پاٹھن رٲچھ آسہٕ کران۔ لاپرواہ
پاٹھی چیز بیترِ ترٛاوُن دول۔ یُس پرٛتھ
کُنہٕ کامہِ مَنٛز ڈیٚنجر بیترِ ترٛاوُنک
عادتھ آسہٕ۔ ۲۔ یُس نہٕ پننِس جایہِ
واتہٕ۔

ڈُلی چیرٕنی۔ ۱۔ اُدرس پلوس چیر تھ سرٕیہ
کڈُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) کُنہٕ بلایہ مَنٛز
مُشکلہِ سان کڈُن۔

ڈُلی چیرٕنس نہٕ پوشُن۔ (ورگہٕ پاٹھی) کُنہٕ
بلایہ اندر گرفتار گژھتھ تمہٕ نِشہِ نہٕ
سہل سہل موکلُن۔ الزام لگنہٕ
تمِچ صفٲیی کران کران زِوٚ پھلنہٕ رٕٹنہٕ
نِشہِ موکلنہٕ خاطرٕ قسم تاوکہ آدی صفٲیی
تارٕنی۔

ڈُلی ژٹنی۔ (ورگہٕ) سیٚخ ما ذرتھ کرٕنی۔
(اُپزِھس بیترِ) کھیٚیاونہٕ چاونہٕ روٗس
نہٕ پزُن۔ لو سنجُن لم لم کرٕنی۔

ڈُلی سار۔ ۱۔ مُرس یا ہلمس کیٚتھ پکناوُن۔
۲۔ ژوٚرِ ژھیٚنیہ گرٕ پھل دٕل نیٚیُن۔ گرٕ
والین ورٲے گرٕ پھل نیٚیُن نہٕ کیٚنُن۔
۳۔ پھینکہٕ پھینکہٕ تہٕ موٚچہٕ پوچہٕ نیٚتھ موکلاوُن۔

**دۆل پیٹھ تڑاوُن** ۔ (وَرگہ) پَردہ پوشی کَرِنی ۔ عاٗبَس وُرن کرُن ۔ پَننِہ نٔس سایَس تَل رَٹُن ۔ رَچھُن ۔

**دۆل چھلُن** ۔ پوٗت پٔت نعاٗبتہ کَرِنی ۔ ہانژتھ لاگُنی ۔

**دۆل دٕج** ۔ ہَلَم ۔ بڑوُنھی پَلو ۔

**دۆل دِنِتھ تڑاوُن** ۔ ۱۔ پَلوَس دِنَن دِنی تِہ نیرُن ۔ ۲۔ (وَرگہ پاٹھی) کانٛہہ کام اَنٛد ہیتھ تڑاوِنی تہٕ پتہٕ زِیو پیٹھ تِہ نہٕ ہیٖنی ۔ باز خاص نہٕ کرُن ۔ اَگر کَنہٕ بوزُن تِہ بیٚیہ کُنہٕ تڑاوُن ۔ مُشراوُن ۔

**دۆل دِنِتھ ژلُن** ۔ ذِمہ واری نِشہِ پوٚت ہٹیوٚن ۔ کام اَڈٕ لیٚیچ تڑاوِتھ پانَس نیرُن ۔

**دۆل دِنِتھ ژھنُن** ۔ پَروا نہٕ کرُن ۔ کَنِتھ ژھٕنُنی ۔ توٗلِتھ ژٕنُن ۔

**دۆل دِنِتھ وۆہوُن** ۔ سَخ وۆہووکَرِنی ۔ سَخ اَڈٕ تہٕ اَڈٕ کَرِنی ۔

**دۆل دِنُن** ۔ ۱۔ دامانَس گَرد کَڈٕنی ۔ ٹاس دِتھ دامانہٕ صاف کرُن ۔ ۲۔ (وَرگہ پاٹھی) مُشرُن ۔ کانٛہہ اَہمیَتھ نہٕ دِنی ۔ توَجُہہ نہٕ دیُن ۔ اَگر کَنہٕ بوزِتھ بیٚیہ کَنہٕ تڑاوُن ۔ دِلَس پیٹھ نہٕ ہیٚیوٚن ۔ اَنٛدرِ نہٕ ہیٚیوٚن ۔

**دۆل دٔہرُن** ۔ ۱۔ ہَلَم دارُن ۔ (کیٚنہہ رَٹنہٕ باپتھ) ۔ ۲۔ (وَرگہ پاٹھی) بیچھُن ۔ گداگَری کَرِنی ۔ آویزہٕ روزُن ۔

**دۆنٛد۱** ن ۔ مۆل : وَنٛد دس ؛ دَنتکَ] ۔ اَنٛد ۔ بوٚٹھ ۔ کِنارٕ ۔ وُڈٕر تالہِ ہُنٛد اَنٛد ۔ وُڈٕر لاد ۔ سَرحَد ۔ بَنہٕ ۔

**دۆنٛد۲** ۔ بَس دَنٛد آسُن ۔

**دۆنٛد دیُن** ۔ چار وایَن ہُنٛد بلی مینٛژ پھش پھش دیُن ۔

**دۆوَس** ۔ ن ۔ مۆل : دۆوَس < ع ؛ دیُوث] ۔ کوٗلِہ ۔ دَلِہ ۔ بَد ذاتھ ۔ کَمینہٕ ۔

**دۆہ۱** ن ۔ مۆل : دٔہ < س ؛ ویدِک ؛ دیہہ/دشا] ۔ دۆنٛد ۔ بوٚٹھ ۔ کِنارٕ ۔ رم ؛ ڈۆل دۆہ ۔

**دٔہس پیٹھ** ۔ (سَر بینَر کَس) ہٹھس پیٹھ ۔ بیٚیتِھن سورٕ سے نظارٕ بوزنہٕ ییہہ ۔

**دۆہ۲** ۔ وُچھو "دہہ" ۔

**دۆہ۳** ۔ بَتھ مَنٛز داہ آسُن ۔ یکوٚٹ داہ ۔

**دود۱** ۔ ن ۔ مۆل : داد < پراکرت ۔ دودھ < س ؛ دُگدھ] ۔ ۱۔ بیمآری ۔ زُونہٕ اوٚر آسُن ۔ ۲۔ دَگ ۔ ۳۔ دوکھ ۔ غم ۔ بنا وَنِتھ بیتریُس کانٛسہِ باوِنی ۔ ۴۔ لوسہِ ہٕنٛز بڑسپنہِ وزِ سَختی ۔ آزار ۔ ۵۔ ژرک ۔ یکانٛسہِ ہُنٛد سَخ سٕتی یہہ یا ماۓ ۔ ۶۔ کانٛہہ ژوٚٹھ بیتری داوِنک یا مَرُنک غم ۔

**دادی باوِنی** ۔ پَنُن کانٛہہ یار بیترِ پننہٕ تکلیفہِ نِشہِ واقف کرُن ۔ پَننہِ گُذرِنک حال دوٚیمس کانٛسہِ وَنُن ۔

دٲدی کاٹھگرٕ وٕنٛنی۔ پَننہٕ بَنہٕ سٕنٛج کَتھ بٕہمِن پاوٕنۍ۔ پَننہٕ نَس گُزرٕ ہِمتس۔ بیٚیس نَس پھیٛرٕ دِیُن۔

دٲدی وٕنٛنی۔ پَننہٕ تکلیفٕچ پاوٕتھ کَرٕنۍ عادی ناتھ وٕنٛنی۔ نوٗرٕ دِنۍ۔

دٲدی وأد تُلنی۔ وأنٛج زالِتھ حَسدہٕ نارٕ زالُن۔ اَزرُون پأدٕ کَرُن۔

دٲدی وأد ووتھنی۔ بیٚیس سٕندٕ دَزُن۔ بیٚیس سٕندٕ بَدیَن، تیٚسٕنٛزٕ جانی سیٚنٛز تَتٕر ووتھُن۔ اَزرُون یُن۔

دود بُرٲنی۔ کُنہٕ بَڈٕ دوہہٕ یا جان کامہٕ وِزِ لُوٹھ یاد پیٚیوُن۔

دود باوُن۔ بیٚیس نِشہٕ بَناوٕتھ پھِرُن۔

دود تُلُن۔ ۱۔ اَزرُون اَنُن۔ ۲۔ مُمٹھِر دَگ ژھیٚنِس پاوٕنۍ۔

دود لَلہٕ وُن۔ ۱۔ تکلیف تُلُن۔ دَگ بَرداش کَرٕنۍ۔ وِہُن ژالُن۔ ۲۔ وُچھو "دَگ للہٕ وٕنۍ" تہٕ۔

دود ووتھُن۔ بیٚیس سٕندٕ بَجرٕ نہٕ خوش یُن۔ اَزرُون یُن۔ تتُر ووتھُن۔

دود ہیٚیوُن۔ بیٚیس سٕندٕ بار مَٹہٕ ہیٚیوُن بیٚیس سٕندٕ بَدَل تکلیف تُلُن۔

دورٕ۱۔ م۔ مؤل، دور ح بِزاکرت ؛ دَوٗڈ۔ مُ ۔ ۵ : دوڑ ]۔ دَو۔ ٹھُکہ۔

دورٕ دور۔ دَوٕ دَو۔ ٹھُکہٕ ٹھُکہ۔

دورٕ دور کَرٕنۍ۔ ۱۔ ٹھُکہٕ ٹھُکہ کَرٕنۍ۔ ۲۔ باتھِرٕ ہوت ہوت تہٕ پور دَوُن۔

دورٕ ترٛاوٕنۍ۔ ۱۔ ہِکہٕ گژھن ٹھُکہ تُلنی۔ ۲۔ جَل جَل (اَکِینہٕ) اَنٛد واتناوُن۔

دورٕ ژھٕنٛنی۔ ٹھُکہ ترٛاوٕنۍ۔ جَل گژھُن۔

دورٕ۲۔ م۔ مؤل، دور ]۔ دوورِ وان۔

دورٕ پیٚٹھ۔ ۱۔ دوورِ وانس کھأرِتھ ایٚنٛزی بیٚترٕ) ۲۔ (دَورگہٕ پاٹھی) کامہٕ تَل۔

دورٕ کھیٚپٕر۔ دوورِ سٕنٛز کَنٛگنی دوٗنان دوٗنان پَتھ بَرٕ وُنٹھ رٕنٛنی۔

دورٕ کھارُن۔ دوورِ وانس پیٚٹھ کامہٕ لاگُن (کیٚپٕر بیٚترٕ)۔ دوورِ وانس پیٚٹھ بیٚنٛزٕ وُہراوٕنۍ۔

دورٕ کھورمُت۔ دوورِ وانس پیٚٹھ کامہٕ لوٚگمُت (کیٚپٕر بیٚترٕ)۔

دورٕ وُوٛتھ۔ دوورِ وانہٕ پیٚٹھ وولمُت کیٚپٕر نوو کیٚپٕر۔ کیٚپٕر یُس وُنہٕ آسہٕ نہٕ لاگنہٕ آمُت۔

دورٕ۳، دَور۔ ۱۔ چَکَر۔ پھیٚرُن۔ ۲۔ وَقت، زمانہٕ۔

دورٕ زمانہٕ۔ وَقتُک اِنقلاب۔ تبدیلی یوٚس زمانَس یِوان چھےٚ۔ وَقتُک پھیٚرٕ۔

دورٕ فلک۔ زمانُک پھیٚرٕ۔ آسمانُک گَردِش حالاتَن ہُنٛد بَدلُن۔

دورآسُن۔ کانٛسہٕ ہُنٛد زمانہٕ آسُن۔ کانٛسہٕ

ہشد بجرٕک سۭے آسُن۔

**دور کرٕنی** ۔ بجہ بجہ جایہ اَفسری بہ پرٛاوِتھ زھوہ دِنی۔ م: تمۍ چھ پننہ وقتہ کم دور کرٕی ہتی۔

**دورٕ** ۔ ۱۔ کانٛہہ اَفسرس بیترٕ سُند کُنہ جایہ نظر گُذر دِنہٕ گژھن۔ ۲۔ چکر (خونٛگ)۔
۳۔ بیمار ہُند وقتہ وقتہ کلہٕ کڈُن تہٕ کینٛژرس کالس روزُن۔

**دورس گژھُن** ۔ ماتحت جایَن مُلاحظس گژھُن۔ (کُنہ مطلبہ) کُنہ علاقس پھیرُن۔

**دورٕ کرُن** ۔ ۱۔ چکر کرُن۔ پھیرُن تھوورُن۔ ۲۔ تیلو۔ پیڈُن (رٔنگ بیترٕ)۔ اکہ جایہ پیٹھ بێیس تہٕ بێیس جایہ گژھُن۔ ۳۔ ماتحت جایَن مُلاحظہ کرنہٕ گژھن۔

**دورُن** ۔ ⟨ پراکرت: دَوڈ۔ م۔ ہ: دوڑنا ]۔ دَوُتلنو۔ ٹلکہ پکُن۔

**دورٕ بُن** ۔ ۱۔ (کانٛہہ ڈلیشتہ) تس بڑو وُنہ کنٛن دوگژھن، وٗلی وٗلی تس نش یُن۔ (اشوقہٕ کنی)۔ ۲۔ کانٛہہ کام موکلاوِتھ ٹلکہ واپس واتُن۔

**دورٕ ناوُن** ۔ ۱۔ ٹکھہ تلکہ ناوُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) جَل جَل سوزُن۔

**دور دورٕ** ۔ ن۔ مۆل: دور دور ⟨ع: دور، (دوگناوِتھ) م۔ ہ: دور دورا]۔ دبدبہ شاہی۔ م:

کتہٕ روٗد راولنس سۭتے دورٕ دورٕ
کتہٕ روٗد لنکایہ کاہ شتہ پور

**دوزخ** ۔ ن۔ مۆل: دوزخ ⟨ف: دوزخ]۔ ۱۔ نرک، جہنم۔ ۲۔ سخ تنگس منز اُکھ خانہ۔ ۳۔ تژھ جاے یێتہٕ تکلیف واتہٕ۔ ۴۔ (ورگہٕ پاٹھی) سوہ جاے ییٚتہٕ سیٹھا گند آسہٕ۔

**دوزخچہ نارٕ دزُن** ۔ ۱۔ (ورگہٕ) اندری دٕزِتھ تلہٕ وُن۔ ۲۔ واڈ مرٕ کورِ متعلق وَنان یُس نہ کھانٛدر سپدان آسہٕ۔

**دوزخُن نار۔ دوزخک نار۔ سخ توت** نار۔ نارِ جہنم۔

**دوست / دوس** ۔ ن۔ مۆل: دوس ⟨ف: دوست]۔ یار۔ رفیق۔ ہمدرد۔ یُس اَتھہ روٹ کرِ پنُن۔

**دوستنا دغا زانٛکھا دوہنس الحمداللہ**
تہٕ ڈیٚکھتہ گۆیس کانٛہہ پنُن سمنہٕ رٕزِن سۭہ تہٕ چھُ کُنہ ساتہٕ دوکھہ کران۔

**دوستانہٕ** ۔ یارٕز۔ یارانہٕ۔

**دوسدٲری** ۔ یارٕز۔ دوستی۔

**دوسدٲری لاگنی** ۔ یارانہٕ لاگُن۔

**دوگلہٕ** ۔ ⟨س: دوٕ + گولہ]۔ زرقیم رلاوِتھ تیار کرنہٕ آمُت۔ دون زاژن یا دون نسلن ہنزٕ مٕنی یاز پیٹھ بنیو مُت۔ گولہٕ پازٕیم۔

**دول** ۔ ن۔ مۆل: دول ⟨س: ڈل]۔ (ورگہٕ)

ٹالُن ۔ گوٗشس دِیُن ۔

**دول دِیُن** ۔ ۱۔ کُنہِ کامہِ اَند بوٗر دِنُس مَنٛز اُٹھکاو اَنُن ۔ ہیٚنٛھ اَنٛنہٕ ۔ زیچھر دِیُن ۔ کام کرنہٕ نہٕ دِنٕی ۔ ٹھونٛٹھ اَنٛنہٕ ۔ ۲۔ گوٗشس دِیُن ۔ تَن نہٕ دِنٕی ۔ دِیان نہٕ دِیُن ۔

**دول لگُن** ۔ ٹھونٛٹھ ییٚنہٕ ۔ زیچھر لگُن ۔ ہیٚنٛھ لگنہٕ ۔ کَتھِ ژیٖٹھ یا ژیر لگُن ۔

**دولہٕ** ۔ مۆل ؛ دول <س ؛ ڈُل ] ۔ ۱۔ سیدِ آبہٕ نہٕ ۔ ہَجرس مَنٛز ۔ ۲۔ ٹھُرِ ، ہُتھ ۔ ۳۔ یَس نہٕ اَچھ سپنٛزرس مَنٛز آسَن ۔ ہَجہِ اَچھ گرِتھ ۔

**دولہٕ ہُن** ۔ ۱۔ ہُتھ روزُن ۔ رۆٹ کرُن ۔ ۲۔ ڈولہٕ باسُن ۔ وِہُن نہٕ ۔

**دولہٕ ڈکون** ۔ بلکُل شور ۔ یَس اَچھن ہِندِس ترتیبس مَنٛز ہِشر آسہِ نہٕ ۔ تُس شخص یَس اَکھ اَچھ بَڈ نہٕ بیاکھ لوکٕٹ آسہِ یا اَکھ اَچھ ہیوٗر نہٕ بیاکھ بوٗن آسہِ ۔

**دولہٕ دولہٕ** ۔ ہوٗل ہوٗل ۔ تیٚارِی یپارِی نہٕ وَنتھ آسہِ ۔ سینٛز وَنہٕ نہٕ ۔ وَسہٕ وِلُس مُخالِف ۔ لاہنہٕ لاہنہٕ ۔

**دولہٕ روزُن** ۔ ۱۔ ہُتھ روزُن ۔ ٹھُر روزُن ۔ ۲۔ (وَرگہِ پاٹھی) رۆٹ کرُن ۔ اُٹھکاو اَنُن ۔ کام کرنہٕ نہٕ دِنٕی ۔

**دولہٕ لگُن** ۔ ہُتھ لگُن ۔ ٹھُر لگُن ۔ مَنٛز ییُن ۔ رُکاوَٹھ پادٕ کرٕنی ۔ وَنہٕ مَنٛز کانٛہہ چیز

تتھ پاٹھی یُن ہُتھ وَن بینہِ کینٛہہ بڑونٛہہ ہکیتھ ہینکہِ نہٕ ۔

**دولہٕ وُچھُن** ۔ ۱۔ اَچھن ہِندِ ہوٗ کہٕ نوٗ کنہِ وُچھُن ۔ سیدِ آبہٕ نہٕ نظر ترٛاونٕی ۔ ۲۔ (وَرگہِ پاٹھی) کانٛسہِ کُن حسدٕ سان نظر ترٛاونٕی ۔ کانٛسہِ سیٖتی ضِد وَرتاوُن ۔

**دولہٕ یُن** ۔ (وَرگہِ) کام موکلان موکلان تتھ مَنٛز کانٛہہ رۆٹ یا اُٹھکاو پادٕ گژھُن ۔

**دولہٕ وُنی** ۔ لوکٕٹ وَن ، یُس بنٛے ڈب آسہِ ۔

**دون ، دیٚون** ۔ ن ۔ مۆل ؛ دون <س ؛ منتھانہٕ / دَنڈٕ ] ۔ گرُس مَنٛز نک بوٗڑ چھونٛیہ ۔

**دونٛہِنیٚ** ۔ پرٛانہِ حسابہِ مُوجوب رۆ پیہ ہُنٛد اٹھیُم حِصہٕ ۔

**دونہٕ[1]** ۔ ن ۔ مۆل ؛ دون <س ؛ ویدک ، دھنہٕ ] ۔ بالکل تونتل پل یُس نِمبر کُن دِژامت آسہِ ۔

**دونہٕ[2]** ۔ دونہٕ نک اوزار ۔

**دوٗنُن** ۔ ن ۔ مۆل ؛ دون <س ؛ دھوٗننہٕ ] ۔ ۱۔ پچھمب یا بیٚیر بیٚنٛز (دونہٕ سیٖتی) مُشٹھ کرُن ، رُم رُم عَلاحدٕ کرُن ، دونُن کَتنُن لایق بَناوُن ۔ بَرَنس یا کتنُس لایق پچھمب بَناوُن ۔ ۲۔ (وَرگہِ پاٹھی) سَخ بنٛے وارِی کرٕنی ۔ ۳۔ ژھنٛڈِتھ ترٛاوُن ۔ ژٕ وِیارِی وُچھُن ۔ رم ؛ شہر دوٗنِتھ ترٛاوُن ۔

**دوٗنِتھ تراوُن** ۔ ۱۔ رُم رُم علاجہٕ کٔرِتھ تراوُن (اپھُمب بیتر)۔ بیوٗن بیوٗن کڈِتھ تھوٗن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) کانسہِ سُتیٖ بنے یُژتی کرٕنی۔ زِبرِ دُس لان ٹانہٕ کرُن۔ ۳۔ ژہ پارٕ ؤن دِنہٕ پھیرُن۔

**دوٗنہٕ وٗنی** ۔ (اپھُمب بیتر)۔ دوٗنہٕنچ مُزدوٗری۔

**دوٗنُتُر ، دَنُونتُر** ۔ (دُن وَن تر) ن ۔ مُول: دَوٗنتُر <س ؛ دھن ونتر]۔ ۱۔ ہِتھ کالک اکھ مشہوٗر حکیم (وید)۔ ۲۔ (اکثر) پانس کالی وَنَن دول۔ زیر کھ۔

**دوٗنِپھ** ۔ م ۔ مُول ؛ دوٗنپ]۔ گُپھتی۔

**دوٗنکہ** ۔ م ۔ مُول ؛ دوٗنکہ <س ؛ دُنشہ]۔ ڈگ۔

**دوٗنکہٕ دوٗنکہ** ۔ ۱۔ ڈگہٕ ڈگ (جاناوارن بیتر ہنز)۔ ۲۔ پامہٕ پام ۔ پامہٕ ووٗتر۔ اکھ اکس لٹایہٕ بیترٕ منز کمتھ دِنہٕ۔ ۳۔ شُرِن بیترٕ ہنز زورٕ اکھ اکس سُتیٖ زِکھ ژِتلنہٕ یا پتھ زورٕ اکھ اکس زیرٕ زیرٕ۔ ۴۔ واوس واد۔

**دوو** ۔ ن ۔ مُول ؛ داو]۔ موٗٹ پِن یُس پلوٗن بیترٕ چھاوان چھ۔

**داوی دار** ۔ (سُہ پلو) یتھ دوو چھاونہٕ آسہِ آمُت ۔ دوو چھاوِتھ پلو۔

**داوی کرتر** ۔ تیُوٗت دوو یُت ژن اکس پلوٗس چھاوُنس لگہِ۔

**داوی کوٗٹ** ۔ اکھ داوی دار۔ تیُوٗت دوو

ییٚمہٕ سیٖتی ہیٚرِ سیٖتی اکھ پوشکھ یا اکھ نقشہٕ بنہٕ۔

**دوولاگُن / دووچھاوُن** ۔ نالس ژِرس بیترٕ دوو ہیرٕ پٹو سیٖتی ٹُرن۔

**دوٗب** ۔ ن ۔ مُول ؛ دوٗب ]۔ ۱۔ کھوٗڑ۔ ۲۔ پانس کھوٗڑ۔ ۳۔ جسمہٕ کُرکُنہٕ تہٕ تانگ رٕوب یا لوکٹ کھوٗڑ ہیوٗ ۔ م: تالہٕ ہُند دوٗب ۔ ہوٗنگنہٕ ہُند دوٗب ۔ ۴۔ گُرِ بالس بیترٕ ژامُت بُتھ یا کھرٕوپ۔ ۵۔ (وَرگہٕ پاٹھی) سُنیر ۔ پاتھل ۔ سُنزِرک عَلاقہٕ ۔ پایین ۔

**دوٗبس ژھنُن** ۔ ۱۔ کھوٗڑس منز تراوُن۔ دوٗبراوُن۔ دوٗبرُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) تباہ کرُن۔ وٲران کرُن۔ ۳۔ تَل کرُن۔ بُرِتھ دِیُن (کانہہ مالہٕ بیتر)۔

**دوٗبس گرٕژھن** ۔ ۱۔ کھوٗڑس گرٕژھن۔ زیرس گرٕژھن۔ ژِبہٕ پھسُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) کُنہٕ ناکارٕ سارس ژُن دِنی۔

**دوٗبہٕ پاہ** ۔ سُہ پاہ یُوسہٕ پانس کھوٗڑس منز تیار چھپے کرنہٕ یوان۔

**دوٗبہٕ کوٗن** ۔ سُہ شخص یُس اکھ اچھ ڈُستھ گرٕژھنہٕ کِتھ یا کوٗرنہٕ ہیٚر کُنی اچھ ہنز جایہٕ کھوٗڑ آسہٕ گومُت۔ کھوٗڑ کوٗن۔

**دوٗب دِیُن** ۔ کھوٗڑ بناوُن۔ گُر رُونہٕ یا پتھ زمینس سَنہٕ دِیُن ۔

**دوٗبٕل ۔** ۱۔ یُتھ دوب آسِن ۔ یُتھ کھوڑ آسِن گاٹ یتی ۔ بےسوٗم (زمین بیتر) ۲۔ (وٲرِکہ پاٹھی) خراب ۔ کھڑٕ دار ۔

**دوٗپچھ ہا ۔** ن ۔ مؤل : دوٗپچھ [ گوتن زنٹل ۔ تھر ۔ سپالہٕ کُل یُتھ کانی لنجہِ نیران چھِنہٕ مگر زیادٕ تعداد چھُنہٕ ۔

**دوٗپچھہٕ خور ۔** تہٕ پیار دوے یُس زندن ہُند پَن تہٕ اَنجہٕ تنہٕ کیتھ ژوان آسہِ ۔

**دوٗپچھہٕ راز ہا ۔** راز ہَنس ہُند اکھ قسم، اَتھ چھِنہٕ ژرکا نجہ نیران ۔

**دوٗپچھہٕ کھاو ۔** پیار داین، اتھ سوٗ نانہ یوسہٕ زیادٕ تر باچھہٕ کھینہٕ چھِنہٕ پسند کران ۔

**دوٗپچھہٕ ہا ۔** دکانہٕ باڈٕو دار چیز) ڈسی پینک صدا ۔

**دوٗتہٕ دوٗتہٕ ۔** ن ۔ مؤل : دوت > س : دھوٗتہ ] ۔ پِنٹہٕ پار (کپرس بیتر)۔ توٗیٖن توٗیٖن ۔

**دوٗتہٕ دوٗتہٕ کرُن ۔** توٗیٖن کرُن ۔ پُھٹہٕ پھٹنہٕ کرُن ۔

**دوٗتہٕ دوٗتہٕ گرٛزُھن ۔** پِنٹہٕ پار گرٛزھن ۔ پرٛیُن گرٛزھن ۔

**دوٗختر ۔** م ۔ مؤل : دوختر > ف : دُختر ] ۔ (فارسی پاٹھی) کوٗر ۔

**دوٗد ۔** ن ۔ مؤل : دوٗد > پراکرت ۔ دُود > س : دُگدھ ] ۔ ۱۔ تھنہٕ چھوت تُرل چیز یُس کینژن مادٕ زوٗذاژن بچن پےٚ داتناوِنہٕ باپتھ بنن منز وہ پدان چھُ ۔ ۲۔ سفید مایہٕ ہیُوٗ یُس پیٚپنہٕ برٛونٹھہ دانَس کینژَن تکایہٕ بیتر ہنٛدِس گوڈَس منز آسان چھُ تہٕ پیٚتہٕ پوختہ دانہٕ چھُ بنان ۔ پھر ۔ ۳۔ گرٛیہٕ سوٗژلہٕ، دوٗدرجہِ بیتر گاسہٕ زاژن اَندر سفید رنٛگہٕ پانیُل مادٕ ۔ ۴۔ صاف ۔ شوٗد ۔ یُتھ تہٕ کانہہ کھوٗچر آسہِ ۔

**دوٗدرُج ۔** ۱۔ دوٗد دِنٕی گاو ۔ ۲۔ سوٗ گاو یوسہٕ زوٗر دوٗد آسہِ دِوان ۔ ۳۔ اکھ گاسہٕ قسم یُتھ اَندر : دوٗد ہیُوٗ رَس چھُ آسان ۔

**دوٗدکرِش ۔** دوٗدٕ رِش ۔

**دوٗدَس وزُر پیٚنی ۔** گوٗڈٕ گوٗڈے ۔ یا پوٗنے کُنہٕ چیزس کھُربُن ۔

**دوٗدَس سپٕنٛگر لگنی ۔** (وٲرِکہ) شروٗعچھہ مایہٕ مؤجبتس گرٛکتھ لگنی ۔ ماجہٕ ممتا پھیرنی ۔

**دوٗدَس گنٛڈٕژ ژارنی ۔** (وٲرِکہ) کُنہٕ چیزس تیٚتھ نوقص کڈُن یُس تتھ اَسی تھیکہٕ ہیکہٕ ۔

**دوٗدٕ ۔** ۱۔ دوٗدٕ دار ۔ دوٗدٕ رنٛگہٕ ۔ گُجرسان سفید ۔ ۲۔ لوٗتہٕ اوٗگُل ۔ م : دوٗدٕ ہیڈر ۔ دوٗدٕ اَمبر ۔

**دوٗدٕ اَل ۔** سوٗتہٕ اَل یُتھ زامُت دوٗد لاگنہٕ یوان چھُ ۔

دودٕ اُمبرِ۔ اُمبرِ کرٕ ونٹِھن ہُند اکھ
اوٚشِلۍ قسم۔
دودٕ اکھ۔ دودٕ سیٚتۍ اَڈرِ اونہٕ آمت گُچھ
یتھ پھمب تہٕ رلاونہٕ یوان چھُ۔
دودٕ بَب¹۔ دودٕ ماجہِ ہُند خانہٕ دار۔
دودٕ بَب²۔ ۱۔ موہرٕ بُس دودٕ سیٚتۍ بَرِتھ
آسہِ۔ ۲۔ دود چاوُنک اکھ شُرہن ہُند
بانہٕ۔ شیشہِ بوتل بیترِ یٚتھ سیٚتۍ شُرِ
دود چاوان چھِ۔
دودٕ بیٚہ برٕنہٕ پیٚنہٕ۔ ۱۔ (ل۔م) ماجہِ شُر
وِچھتھ دودٕ ناڑن سمسر لگنۍ۔ ۲۔
(وُرگرٕ پاٹھۍ)۔ ماے پھیرنۍ۔ سرِ یٚہ
پھیرُن۔ لول گژھُن۔ ۳۔ ہنگہِ منگہِ
طرٕ قدآرۍ کرٕنچ شکل گنڈنۍ۔
دودٕ بڑکھ (پھیُون، لگُن)۔ ۱۔ شُرس
وُتہتہٕ بڑوُنہٕ دود ژھبنۍ یا دود
ژٹنہٕ یُن لرماج نہٕ آسنہٕ یا بیٚنہٕ کِنہٕ
ہِنثھی وجہہ کِنی)۔ ۲۔ شُرِ پانہٕ دود
نہٕ پیٚنہٕ کِنی سیٚنچ کمزوری آسنۍ۔ ۳۔
(ہزلہ) جسمہٕ کِنی وِیوٚڈ یوٚڈ آرسۍ تہٕ
بیعقل آسُن۔
دودٕ بڑگ۔ بڑگن ہُند اکھ قسم۔ سفید
بڑگ۔
دودٕ بڑور۔ (وُرگرٕ) سُہ شُریس بلتہٕ چیزن
مُقابلہٕ دود زیادٕ پریان آسہِ۔ یس
دودس گوٚ نکل آسہِ روزان۔
دودٕ بہا۔ گنزرِ نہٕ دودک بہالیس گوٚندرس
ہوس کُنہٕ اوٚلس چیزس صاف کرِنہٕ
باپتھ دِنہٕ چھُ یوان۔
دودٕ بوے۔ دودٕ ماجہِ ہُند بیٚچو۔
دودٕ بیٚنہٕ۔ دودٕ ماجہِ ہنز کوٗر۔
دودٕ پراژن ٹلکھ لگن۔ لوکچارِ سے مَنز
مُقیبتھ پلیُون۔ لاوُرس منز ژھوکھ
لگُن۔ م۔ آلہِ نیبرنے تالہِ ژیل۔
دودٕ پراژ۔ ۱۔ شُرِ سنز دودٕ برِتھ پراژ۔
۲۔ (وُرگرٕ پاٹھۍ) لوکچار۔ ناتجربہ کآری۔
م: وُنہٕ چھس دودٕ پراژے۔
دودٕ پراہ۔ ۱۔ گوبرٕ کھورٕ ژنانہٕ، لوسہٕ یا
زا شُرِس لارنہٕ گژھنہٕ یا مُرژھایہٕ پیٚنہٕ۔
۲۔ شُرس دودس چنے تہٕ چھنے کرٕنچ
شکل گنڈنۍ۔
دودٕ پھٹہٕ۔ بہن دود کھسنہٕ کِنی کھوٚتمت ہنہرٕ۔
دودٕ تہٕ دانہٕ رچھُن۔ مایہٕ تہٕ موٚجبتہٕ سان
پلانہٕ کرُن۔ جان جان چیز کھینہٕ دِتھ
پرورش کرٕنۍ۔ یہ ڈیچ دٕ تہٕ خوٚنہٕ سیٚتۍ
رچھُن۔
دودٕ چاٹۍ۔ اکہِ قسمچ ٹلرٕ یتھ منز دود
تھاوان چھِ۔ دود منز نچ کے۔
دودٕ ڈنڈ۔ ڈنڈن ہُند گوڈ نیٚک پوٚر۔
دودٕ دام۔ تیٚوٚت دود یوٚت اکہِ پھر آنس وانہٕ۔

دۄدٕ دام دِیُن۔ شُر بَبہِ رٹُن۔

دۄدٕ ڈٔلی تہٕ نابد ٹلی چھنہٕ پوشان۔ نہٕ دیچھ گو سۄنی پٕژ بہ ہُند ہیوت دِیت چھنہٕ پوشان۔

دۄدٕ ڑٕسے گژھن۔ ۱۔ زیوٕ ڈنٕے ہوکھن تہٕ ہرُن۔ ۲۔ (کھین، چن نہٕ واتنہٕ کنی موضُم شُر) ہوکھن، کمزور گژھن۔

۳۔ شُتلین ہُند نیران نیرانے وُسن۔ ۴۔ پوشہٕ مَنزٕ رے کنہٕ میوک بیتر ڑٕسے گژھن۔

دۄدٕ رٕش۔ شہ فِدیس بأیہ بارٕنی آسنہ تہٕ کینثرٕ ن چھُ آسان۔

دۄدٕ زنگ۔ ٹرٕژِ کور دۄدِ ڈنک اکھ شوگون۔

دۄدٕ زٕل۔ سکارنہ دۄدس پیٹھٕ لوگمُت کوٚر ہیوٚہ۔ ملأے۔ ہَر۔

دۄدٕ ساتھ۔ شہ دۄہ ییٚلہِ کور مالِنٕ پوکھ گو بہ کھور آسنس دوران با شُر زیتھ

دۄد دِیٚنہ۔ دۄد دِنک ساتھ۔

دۄدٕ سنٔی چھلتھ۔ کمی بیٚنِہی ورأے تہٕ کھوچہ رُوس (بقایا اداکرنس منز ٹیقین دِنہ پرٕژھی ونہ پوان)۔

دۄدٕ سۄنٕ۔ ۱۔ نوشہٕ ہُند یا زاہتری شُند دۄدٕ مول۔ ۲۔ (ورگہ پأٹھی) تازٕ سۄنی۔

دۄدٕ سٔین۔ دۄد لأگتھ سیٚن۔ آب گوش۔

یٔتھنی۔

دۄدٕ شُر۔ ۱۔ دۄد چوٚن شُر۔ موضُم شُر۔ ۲۔ (ورگہ پأٹھی) وأنسہ کنی سیٹھا لوکُٹ۔ ۳۔ (ہزلہ) ناسمج تہٕ ناتجربہٕ کار۔ آچھر۔

دۄدٕ شُری باپار۔ ۱۔ دۄدٕ شُرِن ہُند ہیوٚہ ورتاو۔ ۲۔ (ورگہ) ناتجربہٕ کأری کنی تہٕ کرُن یہ نہٕ کرُن پزٕ۔

دۄدٕ شُری پأٹھُر۔ وُچھو "دۄدٕ شُری باپار"

دۄدٕ کُر۔ ہُنگارس پیٹھ روٚنمُت زامُت دۄد۔ اکھ سیٚن۔

دۄدٕ گزار۔ دۄد ژوٚمرأوتھ تہٕ ہوکھناوتھ بناونہ تِمچ ژوٚٹ۔

دۄدٕ گریڈ (گرٕڈ)۔ ۱۔ اکہ قِسمُک راٹھ دار کریڈ یتھ کُنی دۄد ہیوٚہ رَس چھُ آسان تہٕ سفید پوش پھولان چھہٕ۔ ۲۔ اکھ دال ذاتھ

دۄدٕ گرژُور۔ دانیُک اکھ قِسم۔

دۄدٕ گنٔڈرٕج۔ اکھ گاسہٕ ذاتھ یتھ گنڈری دار ہُند ہوی ڈُتھر چھہٕ آسان۔

دۄدٕ کونٔڈ۔ ۱۔ نیٚنگ تہٕ لوو کونٔڈیس وُنہ درٕ یومُت آسہٕ نہٕ۔ ۲۔ بوٚ یوسہٕ شُرِن بیتر نانس یا ہیٹس چھنٕے نیران۔

دۄدٕ کولہٕ ٹیکنہٕ۔ ۱۔ دۄد وأفر آسُن۔ ۲۔ (ورگہ پأٹھی) پاپرجأیی آسنٕ۔ بجأیی آسنٕ۔ بختاوأری آسنٕ۔

دۄدٕ کِ دیار دۄدس تہٕ آہکی دیار آسِس۔

تہٕ دٕہتھ گوٚ پتھٕ لاکَن چھِنہٕ اصلیچ کٲمہٕ پٔژ وُتہٕ لگان تہٕ حرامچ کٲمہٕ حرامچہٕ دِتہٕ لگان۔ غلط طریقہٕ کٲمہٕ دِنہٕ آمٕژ دولتھ چھِنہٕ پٔتس اپھرار تپھرار گژھان۔

**دۄدِ گَب۔** لوو تہٕ سادٕر وار سبزی وُنھر۔

**دۄدِ گگُر۔** (وٕرگہٕ) نوزُک دۄدٕ شُر (ماچھر کِنی وۄنہٕ پوان)۔

**دۄدِ گگرٕن لار ژاژنی۔** دۄد چُوٚن شُری نام کھوٚژہٕ ناوٕنی۔ زِکر شُری کانٛہہٕ ناوٕنی۔ سارِنی کانٛہہ تھۄوٚن۔

**دۄدِ گلِہن تہِر ژانُنہٕ۔** دۄد تہٕ ہِنہِ چھِنہٕ دِیُن۔ (وٕرگہٕ پاٹھی)۔ لوکٹی تاونس لاگُن۔ لوکچار یُندی کڈُن۔

**دۄدِ گُلی بَرِنہٕ ییٚنی۔** (وٕرگہٕ) مۄدُر لگُن۔ میوٚنھ لگُن۔ سادِیُن۔

**دۄدِ گوٚر۔** دۄد کِنَن وول۔ گاو رٔچھتھ دۄد کِننس پٔیٹھ گُذارٕ کرَن وول۔

**دۄدِ مُنھ ہیکوٚہ۔** پژٔوُن تہٕ پُوٹھ۔ خوٚش ہُوٚن۔

**دۄدِ مالےٚ۔** شُری ہینٛز تس زنانہٕ ہیٚتی لٔیس دۄد آسُن چوٚمُت۔

**دۄدِ مالیُن۔** زنانہٕ ہُنٛز دۄدِ ماجہٕ ہُنٛد گرٕ۔

**دۄد موج/ماج۔** ۱۔ ماجہٕ ورٲے سۄ زنانہٕ یمیٚ سِنٛز بَچہٕ دۄد آسہٕ چوٚمُت۔ ۲۔ سۄ ژٕنی یوسہٕ ٹھہر پنہٕ (گورا گوڈِ گوڈِ) وارٕ ہیٚتی چھِنہٕ گژھان۔

**دۄدِ موٚنُم۔** ۱۔ شُریس وُنہٕ دۄدٕ یے آسہٕ چھوان۔ ۲۔ (ہزلہٕ) چور۔ شُرُل کرَن وول۔

**دۄدِ مول۔** دۄدِ ماجہٕ ہُنٛد خانہٕ دار۔

**دۄدِ نٲرِن سِتسر لگنی۔** سَخ لول یُن۔

**دۄدِ وُٹ۔** لاو مکایہٕ وُنٛٹ۔ سۄ مکایہٕ وُٹ یتھ پھلہٕ دٕری آسَن نہٕ گامٕنی۔

**دۄدِ وُگُر۔** دۄدس پٔیٹھ روٚنمُت ترٛم بتہٕ۔ دۄدِ فولوٚدٕ۔

**دۄدِ وٲژہ۔** ۱۔ گاو ہُنٛد دۄد چوٚوُن نٕر وٲژہ۔ ۲۔ (وٕرگہٕ پاٹھی) چور۔ بژیٹھ۔

**دۄدِ ہَر۔** مَلایہٕ چالہٕ یُس مۄٹ کوٚر ہیوٚہ یُس دۄدس پٔیٹھ کُنہٕ بہان چھُ۔

**دۄدِ ہارٕ۔** (وٕرگہٕ) تم پوشہٕ یم پکھہٕ دار کوٚرٕ دۄد بنہٕ وِزِ دۄدس بدل یا دٕگُوٚد مٔلی ہینہٕ با پتھ سوزان چھِ۔

**دۄدِ ہال۔** اَکھ دال ذاتھ۔

**دۄدِ ہامہٕ۔** امہٕ گاسک اَکھ قسم۔

**دۄدِ ہیڈُر۔** ۱۔ ہیڈرن ہُنٛد اَکھ قسم یُس رنگہٕ سفید تہٕ آوٕل چھُ آسان۔ ۲۔ (وٕرگہٕ پاٹھی) لوکُٹ شُر۔ معصوم شُر۔

**دۄدِ ہیم۔** اَکھ ہیمہٕ ذاتھ۔

**دۄدِ ہیوٚل۔** یُس دال، کِنکہٕ یا وُشکہٕ ہیوٚل یتھ صرف چھر آسہٕ گامٕژ تہٕ وُنہٕ پِیپہٕ نےٚ آسہٕ۔

**دۄد بخشُن** ۔ (اَورگہِ) شُر کوٚٹ ماجہِ یا دۄدٕ ماجہِ خدمتہٕ کرنہٕ چھ دِنہٕ وأریو نشہٕ مُچھہِ ترأوُن ۔

**دۄد تہٕ کول آسُن** ۔ (اَورگہِ) تہٕ بٔلُن بیرنہٕ بٔننہٕ آسُن ۔ مُ : کرٕ ہِن شیرُن پیٚیوٚن ۔

**دۄد چیوٚن** ۔ (اَورگہِ) عاشُن کرُنۍ ۔ آرام کرُنۍ ۔

**دۄد دِیُن** ۔ ۱۔ دۄد چاوِناوُن ۔ شُر بہٕ تُل ہیوٚن ۔ ۲۔ دۄدٕ دِیُن آسُن (گاو بیترِ ہُنٛد) ۔ ۳۔ بٔہہ رٔچھُن ۔ ۴۔ پٔلالہٕ کرُن ۔ ۵۔ کُور وقتس آسنہٕ وِزِ تسند وأریو شُوگ تہٕ باپتھ زامتس دۄد سوزُن ۔

**دۄد لگُن** ۔ وأل وِنہٕ گاو وٕیس دۄد سُمُن ہیوٚن ۔ گاو پرسنُس تیار آسنہٕ ۔ (گاوٕ ہُنٛد) وُسے والُن ۔

**دۄد نکھہٕ والُن** ۔ ماجہِ یا دۄدٕ ماجہِ ہُنٛد دۄد چاوُنک احسان نکھہٕ والُن ۔ رٔچھُن حق نکھہٕ والُن ۔ فورا شیر دأری تہٕ خدمتہٕ کرُنۍ ۔

**دۄد وٕسُن** ۔ ۱۔ بٔنُن ستہٕ بٔہہ چھیُرن ۔ ۲۔ (اَورگہِ پأٹھۍ) پترسُنک وُفُن نزد یکھ وانُن ۔

**دۄد والُن** ۔ (اَورگہِ) خبر ہیٚنۍ ۔ (ناشائستہٕ کلامہِ مانہٕ پوان) ۔

**دۄد ہیتھ گژھُن** ۔ بٔٹہِ کورِ ہُنٛد گو بہ کھور رٔوزِتھ مالنہٕ پیٚٹھ دأریو زامتس دۄد نیُن ۔

**دۄد ہیٚنوٚہ** ۔ ۱۔ سفید ۔ ۲۔ گژھِ بلاو بڑ روٚس شُود ۔ گژھِ بلہِ مُشہٕ وُرأسے ۔ ۳۔ (اَورگہِ پأٹھۍ) یہ ٹاکار آسہٕ تہٕ سیٚوُدے بوٚز اُڈ ۔

**دۄدُر** ۔ ن ۔ مُول ۱ دۄدر (س ۱ کدر ) سوسُز وُمُت ۔ زُزُر یُومُت ۔ خستہٕ گومُت ۔ خراب گومُت ۔ ۲۔ (اَورگہِ پأٹھۍ) ترُٹھ کانہہ کتھ یا کُنہہ بیٚیمہٕ سیٚتی گُرُس بیترِ آنُن ۔ نفاق دِنہٕ ۔ وُد روٚگ ۔

**دۄدرٕ یُومُت** ۔ ۱۔ بگرِ یُومُت ۔ سوسرِ لُد ۔ ۲۔ (اَورگہِ پأٹھۍ) تہٕ لگہٕ ہار ۔ زۄ نگلیومُت ۔

**دۄدراوُن** ۔ ۱۔ ہوٚرُن ۔ بگرُن ۔ ہوکھُن ہیوٚن ۔ چھنتھ پیٚیوٚن ۔ ۲۔ صحی حالتس مُنز تہٕ روزُن ۔ ۳۔ گُرُس مُنز نفاق پأد سپدُن ۔

**دۄدراپأدی** ۔ مُولہٕ سٕٹریُومُت ۔ یتھ سوسُر لگتھ بوٚس آسہٕ گومُت ۔ کُنہِ کامہِ ہُنٛد تہٕ ۔

**دۄدرُن** ۔ ۱۔ زُزرُن ۔ ہوٚرُن ۔ سوسرُن ۔ ۲۔ بجر اُڑُن ۔ بٔجر کٔنۍ مأز اُڈوۍ چھ بیترِ گلنہٕ ۔ ۳۔ (اَورگہِ پأٹھۍ) دِہزلہٕ) تنگ یُن ۔ دِق گژھُن ۔

**دۄدراوُن** ۔ ۱۔ (کانہہ چیز بیترِ) اُکسے جایہٕ تھوٚوتھ خراب کرُن ۔ کیٚنہہ بیترِ اُکھتھ کھیاوِناوُن ۔ ۲۔ (اَورگہِ پأٹھۍ) ستیجہٕ تلی تلی کانہہ کرٕ نزے یوت مُوژراوُن ۔ کانہہ سخ پریشان کرُن ۔

**دوٕرزَن۔** مؤل : دوٕرزَن [س : دُرجنہ]۔
بَد۔ بَد ذاتھ۔

**دوٕرزَن گی۔** بَد ذاتھ۔

**دوٕرگَتھ۔** م۔ مؤل : دوٕرگت [س : دُرگتِ]۔
خراب حالتھ۔ ذلالتھ۔ بُرٕ حال۔

**دوٕرگتھ کَرٕنی۔** بُرٕحال کَرُن۔ ذلالتھ کَرٕنی۔

**دوٕرگتھ گَژھٕنی۔** بُرٕحال گَژھُن۔ ذلالتھ گَژھٕنی۔

**دوٕرلَب۔** [س : دُرلبھ]۔ یُس اَتھَس مَنٛز یِنٛ مُشکِل آسہِ۔ کام یوٚسہٕ زَن سُہل آسہِ نہٕ۔ سگڈر۔

**دوٕژھ۔** م : مؤل : دوٕژھ آ۔ ۱۔ ماوِ رٲوِتھ نہٕ اَتھِ یتھ زَن کیٛنہہٕ تُلِتھ ہیٚکِو نہٕ۔ ۲۔ تیوٗت یوٗت زَن اَکِس دوٕژھ واتہِ۔

**دوٕژھ دوٕژھ آب سارُن۔** (وَرگِہ) ژُک آسنہٕ کِنہٕ، مُشکِلہٕ سان کانٛہہٕ تَژھ کام اَنٛد واتناوِنی یِیٚمہِ خٲطرٕ نہٕ کٲفی وٚسیلہٕ آسَن۔

**دوٕژھ دوٕژھ اَہی کَرٕنی۔** یَڈ بَرِتھ دُعایہِ خٲر کَرُن۔

**دوٕژھ کیٛتھ دوٕژھ۔** (وَرگِہ) سیٚٹھا واریاہ اَچھ تُلِو یِنٛ لایق۔

**دوٗس۔** م۔ مؤل : دوٗس]۔ مَنٛزٕ ژُکَن کَنٛن یا بیبرن بیترِ ہُنٛد بَنوومُت دیوار۔

**دوٗسَن تُھسُن۔** ۱۔ سَخ کَرٕکھ تُلٕنی۔ دوٕٹہ تُلُن۔ ۲۔ لوٚکھ ہیٚنٛٹھ پَتٕنی۔

**دوٗسہٕ پُٹا۔** ۱۔ دوٗس دِنہٕ پُٹ۔ ۲۔ تیٚژ تھَٔز دوٗس یوٚسہٕ اَکِس پچِہ ستٕنی دِنہٕ آسہِ آمُژ تہٕ ڈیٚنٛھ گٕنکِہ تھَٔز دوٗس۔

**دوٗسہٕ پیٚٹھ کوٚم یا اَٮ۪ج نہٕ پَلٕس چاٲنی مٲج نہٕ پَلٕس میٲنی مٲج۔** (پٕرژھ) تہٕ ڈیٚنٛھ گو نیرُن۔

**دوٗسہٕ پیٚٹھی ٹیکہٕ ٹیکھ۔** پَنٕنی جایہِ ژھوہ (دیُن)۔

**دوٗسہٕ ٹیٚشٕر۔** دوٗس ڈِنٛگ کاٹھٕکَر۔ تِم گَرِتھ تہٕ تَژِم تارِتھ لَٹرٕ یِمَن مَنٛز ہیٚتٕر ژِل دِنہٕ خٲطرٕ پچِہ بَنٛد چھیٚنہٕ روزان۔ دوٗس دِنہٕ یا پَتھ پچَن ہُنٛد قالب۔

**دوٗسہٕ دارُن۔** رَتِم گَرِتھ لَٹرٕ یا ٹُرَن ہِم جوڑِتھ دوٗسہٕ یٲنٛدٕر بَنان چھہ۔ دوٗسہٕ یٲنٛدرٕکی تِم لَٹرٕ یِمَن مَنٛز پچِہ بَنٛد چھیٚنہٕ روزان۔

**دوٗسہٕ ژٕنی۔** سہٕ ژٕنی یوٚسہٕ دوٗسہٕ مَنٛز آسہِ تہٕ ڈیٚنٛھ گو یِژ کاج ژٕنی۔ یوٚسہٕ پیٚتہٕ پھیٚپھرٕس بیترِ گٕہتھ لاگان چھہ۔

**دوٗسہٕ ژوک۔** ۱۔ ژوٕ پاسے دوٗس۔ ژورٕو طَرفو دِنہٕ آمُژ دوٗس۔ ۲۔ دوٗسہٕ سٕہ ژور ہٹی۔

**دوٗسہٕ وَژَھے تہٕ بَرٕنٛین تارکی۔** تہٕ ڈیٚنٛھ گو وٕکٹَن چیٖزَن ایٛحتیاط نہٕ بَڈَن ہُنٛز نہٕ خَبرے۔

**دوٗسہٕ ہوٗٹے۔** تیٚژ دوٗس یُس اَکِس پچِہ دوٗسہٕ یٲنٛدرٕ ستی دِنہٕ چھہ۔ دوٗسہٕ پچَن ہُنٛدِ

زیچھر اکھ دار دِنہٕ آمُت دوس۔

**دوس دِنی۔** کُنہِ کھلہِ جایہِ اندرٕ اندرٕ دیوار گٔنڑُن۔

**دوشٹ۔** ن۔ مول: دوشٹ < س: دُشٹ]۔ بد ذاتھ۔

**دوشُن۔** ن۔ مول: دوشن < ہ س: دوینہ]۔ پَشیمُن۔ کرٕ پٔڈُن۔ پھیٚر پھیٚر وُٹھُن۔ پیٚڑُن۔

**دوشن دونی۔** سہ پونی یُس کُنہِ کولہِ بیترٕ گرٕ پٔڑتھ تَنُس کن لَمہِ۔ مُژی دونی۔

**دوشنی لگنی۔** کُنہِ کولہِ ناوِ نارِس یا بانُس بیترٕ رَم یا سرٕو گژھنہٕ کِنی پونی پھیٚر پھیٚر وسان روزُن۔

**دوشہِ وُن۔** پیٚڑ وُن۔ پَشیان روزُن۔

**دوشوے۔** < س: دوشہ + ایو]۔ اکھ تہٕ تہٕ بیاکھ تہٕ۔ دوشوے۔

**دوکُر۔** ن۔ مول، دوکر < س ج دو + کُتہ]۔ (دات بیترٕ اکھ انہِ چیز دباونہٕ باپتھ لوکٹ شئیسترٕ و ٹھوکنی۔ بڈٕ ٹھکر۔ ڈوکُر۔

**دوکرِ کُب۔** ۱۔ دوکرٕ ٹیک ٹاس۔ ۲۔ (کوٚرِ باپتھ) دونلنہِ نہٕ دِیُن۔ تالہِ ژٕل۔ م: تَس چھ پیٹھے دوکرِ کُب۔

**دوکھ، دُکھ۔** ن۔ مول: دوکھ < س: دُکھ]۔ ۱۔ غم، اِذاہ۔ دُگ دود۔ افسوس۔ ۲۔ مَرنُک غم۔ ماتم۔ ۳۔ ماہکھ دوہ۔

**دوکھس بہُن۔** رسمہٕ باپتھ ماتمس بہُن۔

**دوکھ تلُن۔** ماہکھ دوہ سورتھ (کاتھ) ماتم داری منٛزٕ کڈتھ نِیُن۔ (اکھ رسم)

**دوکھ زد۔** ۱۔ ماتم دار۔ یُس مرگ آسہِ پھورمُت۔ یُس پوٚن آسہِ پیومُت۔ ۳۔ یُس مصیبتھ آسہِ پیومُت۔

**دوکھ لد۔** ۱۔ یُس ماتمس زہنتھ آسہِ۔ ۲۔ سہ یُس مرگ آسہِ پھورمُت۔ ۳۔ یتھ تکلیف آسہِ دِومُت۔

**دوکھ برُن۔** ۱۔ سختی تلنی۔ مصیبتھ کڈُن۔ ۲۔ کُنہِ باپتھ زوٗژُن۔ کشٹ تلُن۔ پانس پیٹھ مصیبتھ ہیوٚن۔

**دوکھ تہٕ چھوکھ پیوٚن۔** مرگ پھرُن تہٕ ناگہانی بلاے ہنی۔ سخ مصیبتھ پیوٚن۔ [یہ چھ دوہو تہٕ]۔

**دوکھ تلُن۔** ۱۔ سختی برداش کرنی۔ ۲۔ دود تلہِ وُن۔ دُگ ژالنی۔

**دوکھ دود۔** بیمارٕ و بیمارٕ۔ بلُن ڈلُن۔ مصیبتھ۔ ہیوٚر بوٚن۔ م: دوکھ دود چھ آمتے۔

**دوکھ دِیُن۔** تکلیف واتناوُن۔ اذاہ دِیُن۔ سختی کرنی۔

**دوکھ ژھنُن۔** ۱۔ کانہہ شخصس کانہہ لوٗتھ مارُن۔ ۲۔ موتچ خبر انُنی۔ ۳۔ ہم ژھنُن۔ سو کھس منٛز سخ فکر پاونی۔

**دوکھ کاسُن** ۔ (کاسُنہٕ ہُند) تکلیف دوٗر کرُن ۔ (کاشہِ) سختی مَنٛز موکلاوُن ۔

**دوکھ ہیوٚن** ۔ کانٛسہِ ہنٛدِ مرنہٕ ماتم داری کرٕنۍ ۔ تامُک رٕسم پالُن ۔

**دوکھل** ۔ ییٚمِس تکلیف واتہِ ۔ مرگ زد ۔ یُس کاشہِ موٗدمُت آسہِ (دوہو) ۔

**دوگ** ۔ ن ۔ موٗل : دوگ <س : دُگھ] ۔ ا ۔ اَتھلس بیتر کنٛزرس مَنٛز مُنہٕ باپتھ وولمُت تھلی تالہِ ہُند دَب ۔ ۲ ۔ کُنہِ کَنہٕ تِروومُت واگھ ۔ ناکارِ بنا ونیچ پیشنگوئی ۔ رٕم : ژھنُس بیمارِ دوگ ۔ ۳ ۔ (ؤرگہِ پاٹھۍ) ہینس رِکنہٕ لس مَنٛز کُنہٕ قسمُک دوکھ یا پاوک پھیر بیتر ۔

**دوگس ژھنُن** ۔ (اَکِس ییٚلس سیتۍ) دٕلس لاگُن ۔ تلی ییٚلس سیتۍ اڈرُن یا ووٚٹھُن ۔

**دوگہِ تہِ بارو دوگہِ ہتہِ تہِ بارو** ۔ تہِ ڈیتھ گوٚ اَکہِ غلطی باپتھ تہِ سُے سزا تہٕ ہتھ غلطی کرِنس پیٹھ تہِ سُے سزا ۔

**دوگہِ بوٚچھ** ۔ اڈٕ دوٗل ۔ سہٕ توٚمل یُس نہٕ پُوٗرہٕ پاٹھۍ دوگونہٕ آمُت آسہِ ۔ یُس نہٕ رٕونہٕ صاف گومُت آسہِ ۔

**دوگہِ دراَمُت** ۔ ا ۔ مُنہٕ آمُت ۔ ۲ ۔ (ؤرگہِ پاٹھۍ) ہَنٛڈرووُمُت ۔ ییٚمہِ واریاہ شُنۍ دوگنۍ وُچھمتۍ آسن ۔

**دوگہِ گڈُن** ۔ ا ۔ مُنُن (دانہٕ بیتر) ۔ دوگوُن ۔

۲ ۔ صاف کرنہٕ باپتھ توٚملس دوگ دِنۍ ۔

**دوگہِ موٗزوٗری** ۔ ا ۔ دانہٕ بیتر مُنہٕ نُک کام کار ۔ دانہٕ مُنٛنُک پیشہٕ ۔ ۲ ۔ دانہٕ مُنہٕ مَنٛز موٗزوٗری مُنہٕ وِنۍ ۔ ۳ ۔ (ؤرگہِ) گُڈرِ تہٕ بٔتی مِہ ڈرنچ کام ۔

**دوگہِ وُن** ۔ توٚملس بیتر کنٛزرس مَنٛز فوٚتیر دٕل دِیُن ۔ مُنُن (دانہٕ بیتر) ۲ ۔ (ؤرگہِ پاٹھۍ) چوب دِنۍ ۔ مار دِی دِی اَڈٕ مور کرُن ۔ جان پاٹھۍ ژھٹتھ تھوُن ۔ اڈٕ مور کرُن ۔

**دوگ دِیُن** ۔ ا ۔ مُنُن (دھل بیتر) موٚہلہِ سیتۍ کنٛزرس بیتر مَنٛز ژیٹُن ۔ (ؤرگہِ پاٹھۍ) کُنہٕ بیتر تلی دٕل دِیُن ۔ فوٚضوٗلس پیٹھ کُنہٕ کُنہٕ پھیٚر تہٕ پھیٚر دِیُن ۔

**دوگ ژھنُن** ۔ ا ۔ (ؤرگہِ) واکھ ژھنُن ۔ بٕنا وُنِس آلو دِیُن ۔ ۲ ۔ کُنہِ کُن دٕرُسہِ دِیُن ۔ ۳ ۔ حیلہٕ کرُن ۔ رٕم : نہٕ ہیکنس دوگ ژھنُن ۔

**دوگ وٚسُن** ۔ ا ۔ کاتہٕ پیوٚن ، نقصان واتُن (کاربارس بیترِ مَنٛز) ۔ ۲ ۔ فوٚضوٗل خرچ کرُن پیوٚن ۔

**دوگ والُن** ۔ ہینس رِکنہٕ لس مَنٛز بازی تارِنۍ ۔ خارِ تُلنس پیٹھ مجبوٗر کرُن ۔

**دوگہِ رٕبنۍ** ۔ اَکھ لوکُٹ جانا واریُس تونتھ زِیٹھ چھیٚنۍ آسان ۔

**دوگل** ۔ ن ۔ موٗل : دوگل <س : دُگھ + گولہٕ] ۔

کُنہ اٗڈری مَتہ چیزِک تیار کورمُت گولہ۔

**دوگل بَتہ۔** وُسی بَتہ۔ ستیسی بَتہ یتھ مینچہ وَٹنہ ین۔

**دوکُج۔** " دوگل" لفظک مادہ۔ ۱۔ زاٗوِ ولہ کُنہٕ اٗڈرِ مَتہ چیزِچ میٹ۔ لوکٹ دوگل۔ ۲۔ ژھوٹ تہ ویٹھ کوٗر بیتر۔

**دوگنہ۔** دوٗگن کرتھ، دوگناوِتھ۔ دوہہ حصہ۔ اکھ اٗہل تہ بیٚیہ تیوٗت۔

**دوگناوُن۔** ۱۔ صاف کرنہ باپتھ توٗملس کنکس بیتر کُنٹرس منز دَل دِیُن۔ مُنُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ) چوب دِنی۔ مار دِیُن۔ ہن ہن دِنی۔

**دولابہ۔** [ ہ۔ دُلابہ۔ دُلاوا ]۔ (وَرگہٕ)۔ کھُر۔ مُشکل۔

**دوٗن۔** اکس تہ بیٚیس یکوٹہ۔ جور۔

**دوٗن باٗژن ہٕنٛد کرہ کُو گو وہراٗژ ہنٛد رُود۔** تہ دُپتھ گو دوٗن باژن ہنز ہر چھُنہ ژُرس کالس روزان یتھ پاٹھی وہراٗژ کیٚیت وُنی رُود تہ وُنی تاپھ چھُ کران۔

**دوٗن نہ تُرن گرُھن۔** سینٛہ کرنس نہ وُتھ ینی۔ ہکی نہ ہکی گرُھن۔ راوُن زِ کیا کرُ۔ پریشان گرُھن۔

**دوٗن صلاح نہ ترن واویلا۔** ترِہ بیٚیمہ سٕتہ منز زُ ٹنگ ژھٕننہ سٕتی چھُ فسادے وۄہنان، اَفسوٚسے لاران۔

**دوٗن کھراوُن پیٹھ لٔتھ۔** ۱۔ تہ دُپتھ گو اور تہ

تہِ یورتہ۔ اکس ڈٕنجہ پیٹھ تہ۔ ۲۔ دوشوے مُتضاد چیز یَنِنہ موچھہ مُنز تھٔوِنی۔ منافق انسانس کُن وٕنان۔

**دوٗن گاٹُن چھٕنہ تھٔپھ یوان۔** تہ دُپتھ گو زِ اکہ وقتہ چھٕنے ہرف اکے کام ٹھیکھ پاٹھی کرنہٕ یوان۔

**دوٗنوے۔** [ > پراکرت : دوٗنیہ ]۔ دوشوے۔ اکھ نہ تہ بیاکھ تہ۔ اکھ تہ تہ بیاکھ تہ یکوٹہ دوشوے۔ دوٗ بومنز نہ اکوے۔

**دوٗنہ وُنی۔** دوشونی۔ اکس تہ تہ بیٚیس تہ۔

**دوہ۔** ن۔ مؤل : [ دوہ > س، دِوس ]۔ ۱۔ صُبحہٕ پیٹھ شام تام۔ گاشک وَق بکار بارُک وَق۔ ۲۔ اکہ صُبحہ پیٹھ بیٚیس صُبحس تام۔ اٹھوے پہر۔ ۳۔ وَق۔ ۴۔ سہ وَق یتھ دوران وُسگاہ یا اقتدار آسہ۔ طالیع۔ بَخت۔ م: تَس چھ دوہ پھیری متی۔
۵۔ موٗزوٗرس یا کاٗری گرس منز کامہ ہنٛد وَق۔ ییتس کالس موٗزوٗر یا چھان بیتر کام کرُ۔ م: وو سٕتہ ہنٛدی کھٔتی زور دوہ۔
۶۔ واٗنس۔ م: یَنِنی دوہ گُزرن۔ ۷۔ زمانہ۔ سمے۔ م: ہم دوہ ین نہ بیٚیہ۔

**دوٗہی۔** دوہ گُزھتھ۔ سیٹھا کال گُذرِتھ۔ یٔتر کاٗلی۔ ژیری۔

**دوٗہی دوٗہس۔** ساٗری سے دوٗہس۔ صُبحہ پیٹھ

تمام تام۔

**دوہن منز۔** کمہی کالس منز۔ یتھ نہ زور وق لگہ۔

**دوہے۔** ۱۔ پرتھ دوہہ۔ ۲۔ پرتھ ورز۔ ہر وقتہ۔

**دوہا۔** ۱۔ کانہہ اکھ دوہ۔ ۲۔ کانہہ نتیجہ وقتا۔ نتیجہ تہ وقتا۔

**دوہہ۔** کانہہ دوہ چھٹہ راونہ ورای۔

**دوہہ اکہ۔** تیلو۔ واریاہ کال بڈ ونہہ سکالی۔ تنہ گو وارا وق۔

**دوہہ پتہ دوہہ۔** ۱۔ پوتس پتہ پرتھ دوہ۔ ۲۔ دوہ دوہ گژھتھ۔ وق گذرنس سیتی سیتی۔ یوت یوت وق نیران گو۔

**دوہہ تار۔** (کینژ نی) دوہن ہند زیر۔

**دوہہ کاڈے۔** ۱۔ کنہ چیزس پیٹھ دوہ راون ۲۔ کنہ کنی دوہ موکلاون۔ ۳۔ زیر لاگنہ موکھ ہٹہ ہٹہ دوہ گسایی کرنی۔ ۴۔ کانہہ مالہ زیہراون۔ آز پگاہ کرن۔

**دوہ برن۔** ۱۔ (ورگہ) دوہ پور کرن۔ دوہس کامہ کارس سیتی آور روزن۔ وانس کڈنی۔ ۲۔ (دوہس) روز در روزن۔

**دوہ پھیرنی۔** رت زمانہ ین۔ حالتھ ٹھپکھ گژھنی۔ جان دوہ ینی۔

**دوہ ٹھکن۔** دہچ موزوری نکھس کھارنی۔ دوہ منٹہ کھارن۔ چیتہ پاٹھی دوہ دین بگار پاٹھی دوہ نکھہ والن۔ رم: دوستس دوہ ٹھکن۔

**دوہ چھ دیاوان ژھوہ۔** ینی دوہ چھ انسانس پرتھ رنگہ اکھ وتہ انان۔

**دوہ دِرلگن۔** آفتاب لوسنس واتن۔ (ورگہ پاٹھی) وانس سورنس پیٹھ واتنی۔

**دوہ ہارشس۔** (لازم پاٹھی) پرتھ دوہہ۔

**دوہ دوہ کڈن، دوہا دوہا کڈن۔** ۱۔ ژتہ ژتہ دوہ گذراونی۔ سینہ کینہ گذارہ کرن۔ ۲۔ (بیمارشند) کشالہ سان اکھ اکھ دوہ گذارن۔

**دوہ دین۔** زمانہ۔ وق۔ وانس۔

**دوہ راتھ۔** ۱۔ دوہ کہو راتھ ژ وہہ وے گانٹہ۔ ۲۔ سورے وق۔

**دوہ راورن (راوراون)۔** ۱۔ وق ضایہ کرن۔ ۲۔ دوہس جلہہتھ نہ کینہہ حاسل ین۔ ۳۔ زانتھ ماننتھ نہ کامہ کارس تن دنی۔

**دوہ راون۔** ۱۔ کنہ مقصدہ یا مرادہ ورای دوہ ڈلہ گژھن۔ وق ضایہ گژھن۔ ۲۔ تیزژھ یا زونہ ہند حسابہ کانہہ دوہ مجراہ نہ ین۔ رم: بیتمہ پچھہ چھنے ژورم راوان۔

**دوہ کڈن۔** ۱۔ وق گذارن۔ دوہ پور کرن۔ ۲۔ لمی لمی گذارہ کرن۔ ۳۔ بیمارہ شند

بچھن بزانہٕ سۄرِتھ تہٕ زٔنیڈ روزُن۔

**دوہ گٔشی کرٕنی۔** وٕچھو "دوہ دوہ کاڑُن"۔

**دوہ کوٚہس پیٹھ واتُن۔** ۱۔ بسری پیر لوسنس واتُن۔ ۲۔ (دورگہٕ پاٹھی) دآنس ژھوٹنی ہیٚنی۔

**دوہ کھسُن۔** ۱۔ دآنسہِ منٛز اکہٕ جِندہِ کہ ہُرپر گژھن۔ ۲۔ مۄزوٗرِ سٕنٛز دۄہچ مۄزوٗری منٛڈ کھسُنی۔ ۳۔ کام کار کرنے کآنسہِ ہنٛز مۄزوٗری نادس کھسُنی۔

**دوہ کھارُن۔** جیٚنہِ پاٹھی دوہ مۄکلاوُن۔ دُہچ مۄزوٗری منٛڈ کھارُنی۔

**دوہ گنٛڈرُنی۔** ۱۔ دآری گنٛڈرُنی۔ ۲۔ کھاندرِ بیتہرِ خاطرٕ دوہ مُقرر کرُن۔ ۳۔ (دورگہٕ) کنٛزِ استانکس بیتہرِ پیٹھ خاص دوہ یا وارِ حاجتھ منٛگنہٕ باپتھ گژھان روزُن۔

**دوہ کوٚتہٕ کوہ گو۔** یوسہٕ کام مۄقس پیٹھ کرکرٕ نہٕ سو چھےٚ سیٹھاہ کرٕ یٹھ بنان۔

**دوہلہٕ۔** ۱۔ دُہکہٕ وقتہٕ ہ گاشُلہ۔ ۲۔ (دورگہٕ پاٹھی) منٛزِ دانہٕ۔ ٹاکارٕ۔

**دوہلی۔** ۱۔ دوہس منٛز۔ دُہکہٕ وقتے۔ دُہلی گاشرٕ نیے۔ ۲۔ (دورگہٕ پاٹھی) منٛزِ دانہٕ۔ ٹاکارٕ۔

**دوہ لوٚسِتھ دانہٕ تاپس۔** نہٕ ڈیچھ گوٚ وقت ڈلتھ کانہہ کام کرٕنی ہیٚنی۔ کٔنہ تَمہٕ وقتہٕ دس ننٛلن ہیٚمہٕ وقتہٕ سو کام کرٕ ننہ مۄقہٕ آسہٕ سۄر یُومُت۔

**دوہ لوسُن۔** ۱۔ آفتابہٕ لوسُن۔ شام گژھن۔ ۲۔ (دورگہٕ پاٹھی) دآنسہِ واتُن۔

**دوہ ہیٚنی۔** ۱۔ کھاندرک دوہ مُقرر کرُن۔ ۲۔ ماتمٕ دآری ہنٛدی دوہ گزارُنی۔ ۳۔ پنٛنی زٕڈ کڈنی۔ م: ہیٚوتے دوہا دِیُتنے نہٕ کیٚنہہ۔

**دوہ پینی۔** ۱۔ رٔتی دوہ پھیرنی۔ نصیبہٕ پھیرُن۔ ۲۔ کانہہ کتھ پوٗرٕ گژھنک ویلہٕ واتُن۔

**دوہ لور واتُن۔** دُہر سپدُن یا دِگر ڈلُن۔ ژیر گژھُن۔

**دوہ سے۔** م۔ مۄل: دوے (س: دوِتیا] گنٛڈ پچھک یا زوٗنہٕ پچھک دوٚیُم دوہ۔

**دوہ یو اتھو چھےٚ ژر وزان۔** اکس سے ڈرِس چھنہٕ نوصوٗر آسان۔ نیاے دوتھنس چھہ دو شوے ڈرِک ذرِہ دار آسان۔ م: اکہِ اتھہٕ چھنہٕ ژر وزان۔

**دوہ یو چھ مور مُت سٕہہ۔** تہٕ ڈیچھ گو نہٕ دوٚن زٔنِن اگر کٕنی کتھ آسہٕ تمہ ہکن بڑھ کھوتہٕ بوڈ کار کرتھ۔

**دوہ یہر تاجی۔** (س: دوِ چتوارمشت] ژتجہہ تہٕ زٕ۔ دوہ یٖر پنٛٹھ ژتجہہ۔ ژور دٕہی تہٕ زٕ۔

**دوہ یٖر تژہہ۔** (س: دوِ اترمشت]۔ دوہ یٖر پنٛٹھ تژہ۔

ترٛس دٲہی تہِ زٕ۔

**دوہیہ شیشتھ۔** < س؛ دوا + آشیشہ] ۔ دوہیہ پیٹھی شیشتھ۔ آٹھ دٲہی تہِ زٕ۔

**دوہُیت۔** ن۔ مؤل؛ دوہیت < س: دوٗیتہٕ] ۔
۱۔ دوٗ گنڈیار۔ زٕ بوزٕنی۔ کُنہِ اُستھ زٕ گنڈنٕ راوٕنی۔ ۲۔ تمہ فلسفہٕ یُس زٕ اصل مانان آسہِ، وحدانیتھ آسہِ نہٕ مانان۔

دوہیتہٕ واد۔ وُچھو "دوہُیت معنی نمبر ۲۔"

**دوہُن۔** ن۔ مؤل؛ دوہُن < س: دوہنہٕ] ۔ ۱۔ گاو بیتر چاوٕنی۔ ۲۔ چار دِتھ کڈُن (کانہہ ترٛل مادہ) ۳۔ نیبر کڈُن (خون دِرکہٕ بیترٕ) ۴۔ صفائی کرٕنی (کپڑ بِشندِن اندر مُنا) ۵۔ ترٛشہ کڈنہٕ (ٹوٹھی بیترٕ گاو)۔

**دیوٕنی۔** م۔ مؤل؛ دیوٕنی < ف: دیو] ۱۔ دیوٕہِش زنانہٕ۔ سو زنانہٕ یُس پٔزٕ پیٹھی ہیکتھ آسہِ۔ ۲۔ دیوٕ بیترٕ مادٕ۔

**دیہہ۔** ن۔ دیہہ < ف۔ دیہہ] ۔ گام۔ بستی۔

**دیش۔** ن۔ مؤل؛ دیش < س؛ دیشہ] ۔ مُلک۔ وطن۔

**دیکھ لایہٕ۔** م: مؤل؛ دیکھ لاے < س: دِک + کالادِ] ۔ ۱۔ پرانہٕ سمیہ کُنہِ جابرٕ کینٛہہ اتھٕ گاہ منتیک یا کٔڈی منتیک اِشار۔ ۲۔ ذٕرکہٕ۔ ٹھج۔ ہس۔ لڑایہٕ بایتھ ٹُلُن۔ ہرنہٕ پاٹھی دٕنی مٕنز ترٛشہ کانہہ کتھ بییمہِ ستی نتہٕ دوہتھ۔ پایہٕ دیکھ لایہٕ دِنہٕ۔ سکانسہٕ پتیمہ اتھٕ نیترٕ یاد پاوُن (ہرنہٕ پاٹھی) وٕلنتھ ملیتھ کتھ پلناوٕنی۔

**دیگ۔** م۔ مؤل؛ دیگ < ف: دیگ] ۔
۱۔ لیٚواہ۔ تمہ بوڈ بانہٕ یُس رنہٕنس تہٕ پاکھونس لگہِ۔ م: جان باب صابنی دیگ۔

**دیگہٕ لدُن۔** (دٕرگہٕ) مصیبتس اندر ترٛاوُن۔ سخ سزا دیُن۔

**دیگہٕ لدُن لایق۔** (دٕرگہٕ) رذیل۔ بد ذاتھ۔

**دیگ دان۔** رنہٕنک پہوٚنک اِنتظام۔ (دٕرگہٕ پاٹھی) دُنی یا داری۔

**دیُن۔** < س؛ داکہ م۔ ہ: دین] ۔ یہ دیُن آسہِ۔ دارُت۔

دین دار۔ ۱۔ یُس ہوٗرن یا نکہٕ وانُن مٕنزٕ آسہِ۔ ۲۔ مٕنزٕ دار۔ ضامن۔

**دیوٗل۔** اکہِ قسمُک ٹھونگر یُس کُنجہِ زمین کھنہٕ نُس چھُ لگان۔

**دیوا دیو۔** < س: دِوا + دِوا] ۔ (زٕ دٕنہٕ ہنز گنزرٕنی) نہٕ تیرٛزہ اکی دوہہٕ پتہٕ۔ م: از چھنے دیوا دیو دوہے دیوا ترٛے۔

**دیوار۔** ن۔ مؤل: دیوار < ف: دیوار] ۔ کٔنِن یا سیرِن بیترٕ ہنز دوس۔ روٗٹ۔ بنٛرش۔

دیوار بناری۔ اندرٕ اندری دوس دِنی یا دیوار گنڈُن۔

دیوار دیُن۔ ۱۔ دیوار کھارُن۔ دوس گنڈٕنی۔

**دیوار گنڈُن ۔** وچھو " دیوار دِیُن "۔

**دیوار گیپر ۔** چھُنہٕ دار گاشہٕ ژبتی یوسہٕ دیوارس
لاگنہٕ یوان چھےٚ۔

**دیواگنھ ۔** <س : دیو + آگنتہ ]۔ قہ دزنگ کرُن۔
دٕہیر سندی رٕنگ۔

**دیوان ۔** ن۔ مۄل : دیوان <ف : دیوان ]۔
۱۔ بوڈ وُزیر۔ ۲۔ کانسہٕ شاعرٕ سنز
باتنہٕ سومبرن۔

**دیوانہٕ ۔** <ف : دیوانہ ]۔ مۄت۔ پاگل۔ یُس
حواسن منز آسہ نہٕ۔

**دیوانہٕ بنُن ۔** کانسہٕ پتھ پھِلواے یِنہٕ یتھ کانسہٕ
هنز کُنہ حواس راوِنی۔ فریفتہٕ گژھُن۔

**دیوانہٕ گژھُن ۔** ۱۔ مۄت گژھن۔ حواس راوِنی۔
مَژر یُن۔ پاگل گژھُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی)
کانسہٕ پتھ پھِلواے گژھُن۔ کُنہٕ یا کانسہٕ
پتھ دِل لگُن۔ فریفتہٕ گژھُن۔

**دیوانگی ۔** مَژر۔ پاگل پَن۔ بد حواسی۔

**دیوانہٕ لاگُن ۔** اَکھت ناکھت مۄت لاگُن۔
بلی پاگل لاگُن۔ کُنہٕ غرضہٕ با پتھ سانگ
لاگُن۔

**دیوان خانہٕ ۔** ن۔ مۄل : دیوان خان ]۔ اَمیرن هنز
بیٹھکھ۔ یُهن کیٚت عِلاجہٕ شیر پتھ
سجاوِتھ کُٹھ۔ ڈرائینگ روم۔

**دیوالی ۔** <ہ : دِوالیا ]۔ ۱۔ یُیمی دیوول کوڈمُت
آسہ۔ ۲۔ سُہ شخص یُس خرچ بَرچ کرنس
منز پتھ برونٹھ آسہ نہٕ وُچھان۔ پھناٹر۔

**دیوالی داس ۔** ۱۔ یُیمی دیوول کوڈمُت آسہ۔
۲۔ پزنہٕ پیٹھی خرچ کرن وول۔ یُس
روپیہ هنز جایہ پانژھ روپیہ گالہٕ۔

**دیوالی زد ۔** دیوالی۔

**دیوالی زد گژھُن ۔** (وَرگہٕ) کاٹھہ صوُرتھ نہٕ
روزنی۔ بنے پرتیپتھ گژھُن۔

**دیوانی ۔** <ف : دیوانی ]۔ سُہ مُقدمہ یمیُک
توُلُق هونس دِلس یا حقوقن سِتی آسہ۔

**دید ۔** م۔ مۄل : دید۔ مٕ۔ ۶۔ دیدی ]۔ ۱۔
گرٕچ زٕٹھ زنانہٕ (مٕ آرچ، نانی بیترٕ)۔ ۲۔
(وَرگہٕ پاٹھی) کاٹھہ زٕٹھ زنانہٕ۔ یُہ چھُ یزتہ
پرٕزهو دُنہٕ یوان۔ ۳۔ یزتہ پرٕزهو کانسہٕ
زنانہٕ هنزِس ناوَس سِتی یُت لوُگ پاٹھی
وَرتاوِنہٕ یوان۔ رم: زوُن دید۔

**دید چھ پاڑ ونیری ۔** ترٕ دٕیپتھ گوٚیمُن هتی
واریاه‌س کالس کام کرٕکو نہٕ نٕهٕنہٕ رسرُے
کیٚنہٕ چھُ تُس مولوم آسان۔

**دید نہٕ گیہہ بجایہ والی دے ۔** ترٕ دٕیپتھ گوٚ زٕ
یتھ چیزس یُس صفتھ چھُ سُہ راوِنہٕ تتھ
ناو بدلاوِنہٕ سِتی۔ ییہ چھُ تیلہٕ ونان ییلہٕ
اَکھ نہٕ بیٚتھ آسہ بتھ بیاکھ آسہ۔

**دید لاگنی ۔** ۱۔ ماجہٕ تون کرُن۔ ماجہٕ هندی پاٹھو
رٕچھُن۔ گوبرٕ گُرٕنز رٕچھُن۔ ۲۔ (هزلہٕ)
زٕچھر هاوُن۔

پہنٛیوٗمت پلوٗبیترِ۔ ہم ؛ پاژھ دہلرٕ۔
۳۔ چھوٗکِس بیترٕ وٗتھمت ترٛور۔۴۔ دوٗر
ماز۔ انتوہ یا ڈٖھبنی بیترا۔

**دہماغ۔** ن۔ مۆل ؛ دہماغ (ع ؛ دماغ]۔ ۱۔ کھاپرٕ کٔنزٕ شرٕ تان یُس نٕ ہٕتہِ وۆترتہِ ابہ۔ ماس بیترِ دوان چھُ تہٕ یِتھ سمرِتی ہیٚپھن کرنٕغارِ والبتہِ چھُ۔ میٚنگہِ۔ کوڈ۔ مٔیزٕ۔ ۲۔ غرور۔ اہنکار۔ ہیرٕ ہیرِ۔ ۳۔ اوٗرگرہِ پاٹھی بوش۔ چالٲکی۔ کمام۔ ۴۔ بوٗد۔ کاٹرِ۔ عقل۔

**دہماغ پیٚشیوٗن۔** لَتہٕ کینٛہ پونٛز وسُن۔ نزٕل سرُن۔ زُکام گژھُن۔

**دہماغدار۔** ۱۔ گاٹُل۔ عقلٕ مَنٛد۔ زیرک۔ ۲۔ کمامہ وول۔ اوٗزٕ تٕہ گو ہیرٕ ہٕہن وول۔

**دہماغ رٹُن۔** ۱۔ چاوٕرِ سان بِہُن۔ تِمنٛزِ پاٹھی بِہُن زُن نٕہ کانٛہہ تارِ آسہِ کھُسان۔ کمامہ سان بِہُن۔ کانٛسہ کُن نٕہ توجہ دیُن۔ ۲۔ اَچھ ترٛاوٕرِتھ تہٕ ڈٖیکہ چارِتھ بِہُن۔ دَزِ بُزِ سان بِہُن۔

**دہماغ کھسُن۔** پننٕ پان کیٛاہ تام زانِتھ دَرکہ رٹُن۔ چالٲکی کھسنی۔ بوش کھسُن۔

**دہماغ کھارُن۔** ہٕنگہِ تہٕ مٕنٛگک کمام کھارُن۔ بٔلی فرٕزِجر دیُن۔ گھرٕج کھارُن۔

**دہماغ وسُن۔** دِنٛہِرِ گژھنہٕ کینٛہ پھوکھ وسُن۔ بوش کم گژھُن۔ ٹینٛٹھ بِہنی۔

**دہماغ والُن۔** ٹینٛٹھ والنی۔ کمام والُن۔

پیٖرٕ) پیٖرٕ) وامنی۔

**دہماغ ہاوُن۔** بجرٕ ہاوُن۔ اہنکارُک باس دیُن۔ یَٹھ ہاوُن۔ ژھوکھ ہاوُن۔

**دہماغی۔** < وُچھو دہماغ ]۔ پاگل۔ یوٗت۔ دیوانہٕ۔ باوٕرِ۔ یُس نٕہ پننٕہ ہین جمامُن مٔنٛز آسہِ۔

**دہماغی گژھُن۔** پاگل گژھُن۔ پانس تام نٕہ روزُن۔ ہوش نٕہ اَنٛدرٕ نٕہ روزُن۔

**دِہن۔** ن۔ مۆل ؛ دِہن (س ؛ دِذ]۔ وُچھو "دوہ"۔

**دِہن بَرِنی۔** وائنس گٔڈنی۔

**دِہن بَرُن۔** ۱۔ دوہ گُذارُن۔ ۲۔ دوٗرگرِ پاٹھی کُنہِ پاٹھی وَق گُساوُن۔ کشالہٕ سان گُذار کرُن۔ ۳۔ کُنہِ جایہِ کانٛسہ ستی دوہ گَڈُن۔

**دِہن گَڈُن۔** ۱۔ یِتھ تِتھ دوہ گُذارُن۔ دوہ رٕناوُن۔ ۲۔ پریشانی ہُنٛد دوہ پوٗرٕ کرُن۔

**دِیو۔** ن۔ مۆل ؛ دیو (ف ؛ دیو]۔ ۱۔ جِن دِزِ یٖنٹھاک۔ اکھ فرضی زُو ذاتھ۔ ۲۔ کانٛسہِ نٔیلہِ وُنان یُس بَڈ سند ولیر غار موٗملی آسہِ۔ ہم۔ بومہ دیو۔ ہُرِ یُس گرِ گرِ بوٗتھ لوٗگمُت آسہِ۔ ۳۔ دِلیر۔ وُژھہٕ دار۔ بجہ بجہِ کامہِ کرن وول۔

**دِیو پیٖوُن۔** کانٛہہ بڈ بَلاے اَگادِ گژھنی۔

**دِیو دِزِ یٖنٹھاک۔** دیو جِن بیترِ۔ بوٗتھ پرٛتھ۔

**دیو** <س : دیو - ] - اَما - شاید - مانا -

**دیوِ گیندُن** - بٹ خبر پاٹھی وچھان وچھان نیہ ہی - ۲ - چیٹھ نہ پھرٹھ - ہنگہ منگہ مرُن -

**دیوول** - ن - مول : دیوال <ہ : دِوالا <س ؛ دیپاولی ] - کارِ بارس منز تیوٗت گاٹہ یُتھ پتہ پیہ چلتھ ہیکہ نہ - کُنہ کارس منز تیتھ خسارہ یتھ مول نہ اوری اژِ -

**دیوول کڈُن** - خسارہ پیہنہ سببہ کار بار بہتہ گژھن - تیوٗت نوقصان گژھن یتھ زن مول تہِ خارس سِتی گژھہ -

**دیار** م - مول : دیار <س : دینار / ف : دینار ] - روپیہ - سِکہ - موہر - ہار -

**دیارِ باگے** - نقد پونسہِ باگرِ - مشترکہ دولتھ یا جاداد بینترِ تقسیم کرُن -

**دیارِ بوگ** - تیژ روپیہ ییژ زان اکھس واتن - داریاہ ہار -

**دیار بوگ** - نقدی حصہ -

**دیارِ چھلنی ووِنی** - سُہ پونی یتھ منز روپیہ چھلنہ آسن آمژ ، یہ پونی چھ تَس شخصس دِرہ کھ امنہِ خاطرِ دوان یتھ نہ زہر آسہِ کھیومُت - ۲ - (درگہ پاٹھی) سبھاکم - تیوٗتے نہ کینہ یوٗت حصہ چھلہ ہے - ۳ - کانسہِ ہُنز کمایہ ہند خارانہ -

**دیارِ ڈُہم** - پھاگنہ گٹہ پچھہ ڈُہم ، یتھ پتہ ہیرتھ یوان چھنے ، امہ دوہ ہارِ چھپے نوشہ کورِ بوگ ہیتھ (انقار ونبنس) واروٗ یوان باگرہ تھان -

**دیارِ دود** - پونسہ ژنگی نوقصان گژھنک دوہکھ -

**دیارِ دوہژھ** - تیژ روپیہ ییژ یکہ دِیژہ دوہن اکھس واتن - داریاہ روپیہ -

**دیارِ ڈنڈ** - نقد جُرمانہ - ہرجانہ -

**دیارِ سود** - یُس کانی دولتھ آسہ - روپیہ سِتی بریتھ - دنہ وول -

**دیارِ کرِ ووِنی** - ۱ - سو شرنبتھ یا گژکہ وِنتھ آب یُس تپہ لدس ٹرِیش ہومرا دِتہ باپتھ دوان چھ - ۲ - (درگہ پاٹھی) کانسہ چیز دِزِ دِگہِ سو لہِ ہینس پتھ پونسہ خرچاوِنی -

**دیارِ کاڈے** - وچھو " دنہ کاڈے " -

**دیارِ کوچھ** - ۱ - اکھ قسمک ٹھوٗ بِس گژھس تل فلنہ چھ یوان - ۲ - (درگہ پاٹھی) روپیہ ٹھو - تیژ روپیہ یمو سِتی ٹھوٗ بٔرِتھ پیہ -

**دیارِ مد** - پونسن ہند نشہ - اسنگے دزِ دزِ - دولتھ منز آسنگ کبر -

**دیارِ مُرید** - یُس پننہ غرضہ دیارِ وارس پتہ پتہ آسہ پکان -

**دیارٕ ودل۔** یَس دیار آسن۔ دَولتہٕ منٛز۔ پرٛتسہٕ تہٕ دل۔

**دیارنَس داہ ساس۔** ۱۔ پشعنت ہتہ، وہٕ پہر۔ ۲۔ دوٗرگہٕ پاٹھۍ) وَنٛنَس کِتی داہ ساس تَلہٕ کنہٕ نہٕ کیٚنہہ۔

**دیارٕنہ نامتُر۔** ن۔ مؤل : دیارٕنہ نامتر <س : دیوَر + جامانرٕ ] ۔ دژٕہے شُنٛار نامتُر۔

**دیارٕنہ نوش۔** م : مؤل : دیارٕنہ نوش <س : دیوُر + سُنُشا ] ۔ یَتیٚنِس دژٕہے سِنٛز نوش۔

**دیارٕز۔** م : مؤل : دیارٕز <س : دیوُرجا ] ۔ دژٕہے سِنٛز کوٗر۔

**دیارٕپھر۔** ن۔ مؤل : دیارٕپھر <س : دیوُر + پُتر ! ۔ دژٕہے شُنٛد نیٚچُو۔

**دیان۔** ن۔ مؤل : دیان <س : دھیانہٕ ] ۔ ۱۔ کُنہٕ کُن مَن لاگُن ۔ تَوَجُہ۔ ۲۔ تصوُر۔ ۳۔ دیوی دِوتاشُنٛد تصویر۔ مُرتہٕ۔ ۴۔ دیوی دِوتا ہینٛزٕ سِنٛزٕ صوٗرژ ہنٛز وَکھنَے۔

**دیانہٕ دارنا۔** دیان تہٕ دارنا۔

**دیان تھوٗن۔** خیال تھوٗن۔ گل کرٕنۍ۔ توجُہ تھوٗن۔

**دیان دارُن۔** کُنہٕ روٗحانی کتھہِ پیٹھ گل گَنٛڈاوِنۍ تہٕ تتھ سَنُن۔ مُراقبس بِہُن۔

**دیان ڈلُن۔** خیال نہٕ روزُن۔ دژٕڈ نہٕ دَرٕنۍ۔

**دیان روزُن۔** خیال روزُن۔ گل روزٕنۍ۔ توجُہ روزُن۔

**دیان کَرُن۔** گل کرٕنۍ۔ اَکِس کتھہِ کُن مَن تھوٗن۔

**دیانتھ۔** م۔ مؤل : دیانت <ع : دیانۃ ] ۔ ایمانداری۔ پَزر۔

**دیانتھ دار۔** ایماندار۔ یَیمِس پیٹھ شَکھ آسہٕ نہٕ۔ پُزٕ ووٚر۔

**دیانتھ داری۔** پُزٕرِس پیٹھ رَکنُک عادَتھ۔ نیک نیتی۔ ایمانداری۔

**دیانتھ نہٕ روزٕنۍ۔** نیتھ منٛز پھیر پیوٚن۔ بے ایمان سَپدُن۔

**دُیُن۔** <س : داکہ ] ۔ ۱۔ پننہِ اَتھہِ پیٹھہٕ بییِس اَتھس منٛز واتناوُن۔ ۲۔ بخشُن۔ ۳۔ نکھہٕ داوُن۔ ہوٗرُن۔ ۴۔ بنٛد کرُن۔ ۵۔ کیٚنہہ ہاوُن۔ کُنہٕ کُن توجُہ پھیرُن۔ ۶۔ نالہِ ترٛاوُن۔ لاگُن (دپلوٗ بینٛتر) ۷۔ گگراوُن۔ تیٚلیٚتھ کیٚنہہ کرُن یِتھہِ سِتۍ لگہِ۔ رم : مار دُیُن۔ ترٛوُس دیُن۔

**دِتھپھہ تہٕ نہٕ دستار۔** تہٕ دِیتھ گوٚ بے بوٗج تہٕ نا پُرسان۔

**دِنہٕ گژاکھ۔** سو اَسامی یَس نِش پانسہٕ نیرِ شہٕ یُس اَتھہِ ووٚتھ آسہٕ۔ یُس نہٕ گونٛڈ آسہٕ۔

**دِنہٕ ہار۔** دِنُس لایق۔ زکا نِسہٕ) اَچھ تلہِ یُن لایق۔

**دِدان گٹس نۄن زَن ، نۄان گٹس مۄن زَن۔** تہِ ڈیٖنہٕ گۄ زِ بجتس بیٚلہ سِہ زُر آسہِ تیٚلہِ چھُ نہِ اِنسانس پتھ لگان زال دٔرُنتھہ کنہِ؛ تیتھے پاٹھی یتھہ پاٹھی کٹس پتہٕ ہا پے چھُنہ رگان زِ نۄن کیتھہٕ پاٹھی دٔوت گیگہِ بوٚن۔ تہٕ نی ہرگاہ قیمت پھیرتھ گژھہس سُہ چھُ تیتھے پاٹھی نیتھہٕ نۄن گژھان ( یتھہ سَنی نیتنہ پتہٕ کیٚمہٕ چھُ گژھان )۔

**دُین چھِنے دلاوری ، ہیٚون چھِنے جردٔ گاری۔** تہٕ ڈیٖنہٕ گۄ کانٛسہِ قرض ہیتھ دِیُن چھُ سٔہل امّا پتہٕ تُس قرض وۄصول کرُن چھُ مُشکل۔

**دیٚوَل۔** ن۔ مۄل : دِہل < س ، دلِتہٕ ]۔ ۱۔ کانِہِن ہُنٛد یا بٔنگہِ بیتھ پیٖزان ہُنٛد دِہل۔ ۲۔ سُہ پٔیشہٕ یا ژھیٚنیہ کۄن لیُس چھِنٹِنجہِ گنڈنس لگان چھُ ، یہ چھُ نمبلن کَکسان۔ ۳۔ کھۄز رِ ململِنگ دِہل یتھہ ٹاکر بیتھ بنان چھِنے۔ ۴۔ بِگۄ دیٚلیچ تر۔

**دیٚلہِ پشُٹھ۔** دیٚلِہن ہُنٛز ( دانی پۄش ) پشُٹھ۔

**دیٚبوٚر۔** آسُن دۄل۔ اُمبر۔ ( دِہ پر دۄل )۔ بٔس جان پانٛسہِ آسُن۔

**دیٖوٗن۔** ن۔ مۄل : دِیان < دیدِک بس ادیہی + کنٹھ ]۔ ۱۔ لبہِ ہُنٛد یا دیوارُک کُن۔ ۲۔ لبہِ ہُنٛد یا دیوارُک کھۄجر۔

**دیٖوٗن کھارُن۔** دۄدسہِ ہُنٛد کُن شیٖرُن بسہ جاے یا تمہِ کنہِ بیتھ ( بہ حسابہِ لاگنہِ یمن پیٹھ دۄدس دِنی یا دیوار کھارُن آسہِ۔

# ڈ

**ڈ۔** کاشرِ ٹنک شُراہیُم تہٕ اردوٗک عُنہیُم اَچھر۔ اَبجد حسابہِ چھُ اَتھ ژور مۄل۔

**ڈَب[1]۔** م مۄل : ڈَب ]۔ ہیٚر زمیس کنہِ پوٗرِس لبہِ ہیٚر کُن گوڈ دمت کیٚمہٕ آیوٚہ۔

**ڈَبہٕ ڈالاشہِ۔** ذُبہِ دار رُدکھہ۔ سُہ ۔ بوٗدٕ بال یتھ ذُب گڈِتھ آسہِ۔

**ڈَبہِ ڈۄل۔** کیٚمہٕ بیتھ گنڈتھ یا یتھ بنادنہ آمژ وٗرٕ دُسی یا نکہِ ہُنٛد جنٛگلہِ۔

**ڈَب[2]۔** سَنزِ چہِ جایہ ہیٚور پہن انچہِ ٹیڑ ہُنٛد حِصہ۔ اَتھ چھُ ڈیکہِ تہِ کنان۔

**ڈَب[3]۔** ( نیٖشیرِ کنہِ ) گگہِ بوٚن دیگچک سۄنٛز حِصہ۔

**ڈَبل۔** ن۔ مۄل : ڈَبل < انگ : ڈَبل ( DOUBLE )]۔ ۱۔ دۄہ گنہِ۔ دۄگُن۔ ۲۔ ( وَرگہِ پاٹھی ) واریاہ۔ سیٹھا۔ بوٚڈ۔ پوٗختہٕ۔

**ڈَبل پانٛسہِ۔** ( پرانہِ ) اَکھ سِکہٕ۔ ناو۔

**ڈَبل رۄپے۔** پرانی پوٗختہٕ رۄپے ، وۄڈہ رۄپے۔

ڈُبَل ژوٗٹ۔ ژھوٗل بینتھر ملنا کرِتھ اَڈِس
بناونہٕ آمُت سیر تُلنکُل ژوٗٹ۔

ڈُبَل مارٕچ۔ ۱۔ (فوٗجیَن ہِنٛز) موٗچھ ڈٮ۪ٹھ درزہٕ اوپنہٕ اَکھ خاص چال۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) ٹھکھ۔ باقیٛو ہوٗت پکُن۔

ڈُبرٕ ۱۔ ن۔ موٗل؛ ڈُب < (؟)]۔ اَکہٕ بٔہ مارٕ هُند ناو یتھ مَنٛز سٕپنَس بیتر پھٕپھیٕر ہٮ۪ نیران چھُ۔

ڈُبرٕ ۲۔ ن۔ موٗل؛ ڈَب < م۔ ه : ڈبّا]۔ چیٖز بینتر تھٔوِنہٕ باپتھ بناونہٕ آمُت ٹھیٖنُو، ہٕچُو، کَنٛگُو یا بیٚیہِ کُنہِ لوٚکُٹ ٹھانہٕ دار گول یا ژوکوٗنُل چیٖز یا نہٕ ہیٚوہ۔
رم؛ بُوٗجہٕ ڈُبہٕ۔ صابنہٕ ڈُبہٕ۔ دوہٕ ڈُبہٕ۔

ڈُبہٕ ٹھا۔ < ک؛ ڈُبہٕ + س: ماشہ]۔ دال ہُند اَکھ قسم۔

ڈُبرٕ ہور۔ ن۔ موٗل؛ ڈُبہٕ ہار < ڈُبہٕ + س: شار]۔ یتھ ٹیٖنچہٕ یا داغ آسن۔ ٹیٖنچہٕ ہور۔

ڈُبُرٕ۔ ن۔ موٗل؛ ڈُبر]۔ لوٚکچہٕ لوٚکچہٕ پٔسلہٕ کھنجہٕ یا ژُرن یمَن ہٕنٛز پچھ برٕن دِوان چھُ۔

ڈُبرٕ بیوٚن۔ پٔسلہٕ کھٔنجن یا ژُرَن ہٕنٛز بناوَنہٕ پچھ برٕن۔

ڈُبرٕ کون۔ لوٚکُٹ پٔسلہٕ کھٔنڈ یا ژُرُن۔

ڈُبرٕ ۲ ڈُبرٕ۔ ن۔ موٗل؛ ڈُبر < س: ڈِپ کہ۔ ڈھمبہ]۔ ۱۔ اَکہٕ قسمُک چوٗکی یُس ٹیٖز پاٹھی اوٚک پور مکانس پٔتھ س

پیٖٹھ بناونہٕ ییٚیہ۔ ۱۔ ہٕنٛدرس پیٹھ پٔچھن ہُند بنوومُت کُٹھ۔

ڈَب ڈَب دوہٕ ڈُب۔ یہ چھُ تمہٕ وِزِ وَنان ییٚلہِ کانٛسہِ نیش کانٛہہ بٔڈ شےٚ آسہٕ اَمالارٕ نہٕ کینٛہہ۔ تہٕ ڈٔپِتھ گو: شور سیٖٹھا تہٕ ہیوٚن دِتِن کٔرے۔

ڈٕپھر۔ ن۔ موٗل؛ ڈٕپھر < ع: دفر۔ م: دفر قلیۃ]۔ ۱۔ ہوٗژن۔ ہوٗژن بھکھ۔ ۲۔ کٔلہٕ ہیر مازس تہٕ ڈُمہٕ نین بنوومت اَکھ سیٖٹھ۔

ڈٕپھرٕ گٔلی۔ < ع؛ دفر قلیۃ]۔ ۱۔ سُہ سیُن یتھ جادٕرس آسہٕ گومُت بہٕ نہٕ سیٹھ۔ ۲۔ کٔلہٕ ہیرٕ مازس تہٕ ڈُمہٕ نین بنوومت رس دار سیُن۔

ڈڈُ ۱۔ ن۔ موٗل؛ ڈڈ]۔ روڈٕ کھوٚ تہٕ بوڈ کنہٕ پھول۔

ڈڈُ ۲۔ م/ن۔ موٗل؛ ڈُوڈ < اَنگ، ڈڈ (dad)]۔ زٕڈٕ موٚنڈ۔ یُس نہٕ سہل سہل کٔہنی فکرِ ترٕ۔ نڈٕ۔

ڈر۔ ن۔ موٗل؛ ڈر < پراکرت: ڈرو۔ س: درٕ]۔ ۱۔ خوف۔ تراس۔ کھوژُن۔ بیم۔ ۲۔ ہراس۔ فکر۔ اَندیشہ۔ وایہ۔

ڈرپوک۔ کھوژُنڈ۔ بُزدِل۔

ڈرپیوٚن۔ تراس کھیوٚن۔ خوف اَژُن۔ بیٖم اَژُن۔

ڈُرُن۔ ن۔ مؤل؛ ڈُر < پراکرت: ڈُر د۔ س: دَر]۔
کھوژُن۔ کانْشہِ ہِنٛدِس بیمِس تِل
روزُن۔ اندیشہٕ آسُن۔ ہراس گژھُن۔

ڈْرا، ڈْران (روزُن)۔ ن۔ مؤل؛ ڈْرا/ڈْران
< انگ: ڈران (DRAWN)]۔ ہارنہٕ
زینِنہٕ وَرای کھیل اَند واتُن۔

ڈْراما۔ ن۔ مؤل؛ ڈْراما < انگ: ڈْراما
(DRAMA)]۔ ناٹک۔ پاٹھ۔

ڈْرایِنگ۔ ن۔ مؤل؛ ڈْرایِنگ < انگ: ڈرایِنگ
(DRAWING)]۔ کاگدس بیترِ پیٹھ
بُنٛاوِژ شکل یا نقشہٕ بیترِ، نَمنگ،
غلیم۔

ڈْرایِنگ رُوم۔ ن۔ مؤل؛ ڈْرایِنگ رُوم
< انگ: ڈْرایِنگ رُوم]۔ دیوان خانہٕ۔
بیٹھک۔

ڈْرایوَر/ڈْیوَر۔ ن۔ مؤل؛ ڈْرایوَر < انگ:
ڈْرایوَر (DRIVER)]۔ گاڈی،
موٹر بیترِ چلاوَن وول۔

ڈْرِل ۱۔ م۔ مؤل؛ ڈْرِل < انگ: ڈْرِل
(DRILL)]۔ قواعِد یِم مدرسن لڑکہٕ
بیترِ کران چھِ۔ (اکہِ قسمچ) وَرزِش۔

ڈْرِل ۲۔ م۔ مؤل؛ ڈْرِل < انگ: ڈْرِل
(DRILL)]۔ برمہٕ۔ شیشس یا ہیچرِ
بیترِ گوڈ کرنک اَکھ آلہٕ۔

ڈُز۔ ن۔ مؤل؛ ڈُز < آوازِ پیٹھ]۔ ۱۔ گولہٕ
بیترِ ہنٛز آواز۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھی) ٹُکر۔
اکھ ڈنٹھ۔ ۳۔ ضرر۔ نُقصان۔ دَداہ۔
ڈُز واتُن۔ ضرر واتُن۔ نُقصان واتُن۔
دَداہ واتُن۔

ڈُف۔ ن۔ مؤل؛ ڈُف < ف: دَف]۔
ساز وایِنک اَکھ سامانہٕ۔ دَف۔

ڈُکر۔ م۔ مؤل؛ ڈُکر < م۔ ہ۔ ڈگری]۔
بالی وَتھ یوسہٕ زِیادٕ ووسُنی آسہِ۔

ڈُکُن/ڈُکاوُن۔ ن۔ مؤل؛ ڈُک < ؟ آوازِ پیٹھ]۔
گرٕ وٕتھ گرٕ وٕتھ کران چَلُن۔

ڈُکنہٕ۔ ن۔ مؤل؛ ڈُکن < س: ڈھکّہ]۔
(ریتی لہٕ بیترِ ٹیک) ٹھانہٕ۔

ڈُکھہ ۱۔ ن۔ مؤل؛ ڈُکھ < وُچھو۔ ڈُچھ]۔ ۱۔
نہٕ ہیر گژھنہٕ چیزَن ڈرٛاونہٕ یا ہتھ تَلہٕ تھوونہٕ
یِیہٕ ییٚتھ نہٕ سہ چیز ڈلہِ یا وٚسی پیٚیہِ۔
کَنی یا سیر بیترِ یوسہٕ بانَن ڈُکھس بیترِ
تھوونہٕ یِوان چھیٚ۔ ۲۔ اَنٛخہٕ روٚٹ۔ امداد۔
۳۔ پیٹھ۔ ۴۔ دانہٕ کھن ژارِنہٕ کھارنہٕ
آمتی میٚیٚژرو ڈُلی ہی یِمَن پیٹھ بانہٕ
روزان چھِ۔ ۵۔ چلاونہٕ وِزِ ناوِ یا
ڈُونگس بیترِ نَم آیرٕ رٕژُن۔
ڈُکھس آسُن۔ پیٹھس آسُن۔ مدتس آسُن۔

ڈُکھہٕ۔ ۱۔ مدتس۔ ٹوٗکھس، ڈُکھس۔
۲۔ ڈُکھ۔ کَنی یا گر بیترِ یوسہٕ گنہٕ چیزَس
وَسی پیٚنہٕ نِشہٕ بچاونہٕ خاطرٕ تھوونہٕ یِیہٕ۔

**ڈکھہٕ تھوٗن** ۔ وُسی پیٚنہٕ نِشہٕ بچاونہٕ خاطرٕ بالنس بێنٛترٕ کانٛہہ چیز تلہٕ تھوٗن ۔

**ڈکھہٕ روزُن** ۔ پٔتھس روزُن ۔ مدتس روزُن ۔ ڈکھ کرَنس پیٚٹھ روزُن ۔

**ڈکھ آسُن** ۔ (ؤرگہٕ) کانٛسہٕ ہُنٛد پٔٹھ آسُن ۔

**ڈکھ دِیُن** ۔ [illegible]اوٗن ۔ مدتھ کرُن (کام اَنٛد واتناونس مَنٛز) ۔

**ڈکھ رَٹُن** ۔ ۱۔ کانٛسہٕ ہُنٛد طرفدار کرُن ۔ پکھ رٹنٕے ۔ پاس کرُن ۔ ۲۔ نَم رَٹُن ۔ ناو یا ڈوٗنگہٕ بێترٕ چلاونہٕ وِزِ کھورِ سیٖتی نَم آیہ رَٹُن ۔

**ڈکھ کرُن** ۔ طرف کرُن ۔ پٔکھ کرُن ۔ کانٛسہٕ ہُنٛد پاس کرُن ۔ مدتھ کرُن ۔ (کُنہٕ کیٚتھ) دَربَر کرُن ۔

**ڈکھ ہیوٚن** ۔ لرِ پنٛڈٕ پنٛڈٕ کرنہٕ وِزِ تھَم دِنٕی ۔

**ڈکھہٕ**۲ ۔ ن ۔ موٗل ؛ ڈکھ < ؟ ڈھوک ] ۔ کُنہٕ پھیٚپٕرو بدن تام گگنٛڈٕن ہُنٛد مَس ۔ ہنٛگہ پھیٚپٕر ۔

**ڈکھ ہٕبنی** ۔ کھورِ سیٖتی (مستس) ڈکھ شیرٕنی ۔

**ڈکھ وار** ۔ لوکٕٹ ناو یُس ہوس بوٚٹس یا بَہترٕ بێترٕ سوارِ بٔتھس تام واتناونہٕ باپتھ سیٖتی سیٖتی آسان چھِ ۔

**ڈگہٕ** ۔ ن ۔ موٗل ؛ ڈگ ] ۔ ۱۔ ہیچو بانہٕ یَتھ کیٚتھ زِہن بێنٛترٕ ساران چھِ ۔ زِہن بێنٛترٕ ساریٚنٛج ہیچو تکاری ۔ ۲۔ ہٕھکرٕٹک سُہ حِصہٕ یَتھ مَنٛز کُنہٕ بێترٕ ساران چھِ ۔

**ڈگو ڈگو (سارُن)** ۔ (ؤرگہٕ) سیٖٹھا ۔ بِسیار (داج بێترٕ واتناوُن) ۔

**ڈگہٕ ڈگہٕ** ۔ مُفلِسی یا ناداری کِنی لمٕی لمٕی گُذار چَلاوُن ۔ (ل ۔ م) اَکہٕ اَکہٕ ڈگہٕ سیٖتی سارِتھ ۔ رَژٕ رَژٕ سوٚمبرُن ۔ وارٕ وارٕ سورُے سارِتھ اَنُن ۔

**ڈگر** ۔ موٚزوٗر بێترٕ یُس ڈگس کیٚتھ زِہن سارِ ۔

**ڈگ بیٖنٛج** ۔ سُہ کَم تَعلیل یا لُسہٕ ڈوٗنٛگ بێترٕ یُس بچوومُت آسہِ ۔ یہ کینٛژھا بچیتھ روٗدمُت آسہِ ۔ داش نِداشہٕ ہَن دانٕی ۔ یہ کینٛژھا پتھ کُن موژُومُت آسہِ (نوقصان بێترٕ گژھیتھ) ۔

**ڈَل**۲ ۔ ن ۔ موٗل ؛ ڈَل ] ۔ ۱۔ سیٖٹھا بوٚڈ سَر ۔ ۲۔ سِرینگرس نَزدیٖکھ اَکھ بٔڈ سَرک ناو ۔ ۳۔ (ؤرگہٕ یا گٹھ) آبہٕ زاڈٕ ۔ یَتھ جایہ دریاوہ آب سمیومُت آسہِ ۔ ۴۔ بوٚڈ زمینہٕ ژٔکل یَتھ دریاہس حِصس اَگے فصل وونہٕ آمُت آسہِ ۔ م ؛ دال ڈَل ۔

**ڈَل سال** ۔ شکارِ یا ڈوٗنگس بێترٕ کیٚتھ ڈَل چھاوُن ، ڈَلک نظارٕ وُچھُن ۔

**ڈَل کھاگی** ۔ سُہ تامتُزیُس ڈلس مَنٛز راوُن پیٚدٕہٕ سبزی بێترٕ ووپداوان چھِ ۔

**ڈل گرٛزھنی۔** ۱۔ اَبرٕ زاد ڈ گرٛزھنی۔ وارِیاہ آب چھُکنہٕ یُن (کٕٹھس بیترِ) ۔۲۔ بوٗچھہِ سیٹھہٕ یٕڈ کھن گرٛزھنی۔ سخ بوٗچھہِ لگنی۔

**ڈل ۲۔** ن۔ مۄل: ڈل < س: دلہ ] لوکٕٹ پنہٕ برگ۔

**ڈل ۳۔** (اُچھہ) دادِچ دگ، ڈلُن۔

**ڈُلاے۔** م۔ مۄل: ڈلاے < م۔ ہ: ڈھال ]
۱۔ وانگلاٗوِتھ دات بیترِ سانچس منٛز تراوِنی تہٕ تتھ کانٛہہ چیز گرُن۔ سانچس منٛز کانٛہہ چیز گرُن (شٕٹیٖترس، ترامس بیترِ) ۔۲۔ سانچس منٛز چیز بیترِ گرٛنیچ اُجرتھ۔ گرٛوٗنی۔

**ڈلُن۔** ن۔ مۄل: ڈل < پراکرت: ڈھلہ ]
۱۔ اکہِ جایہِ پیٹھہ بٔیِس جایہِ کُن ووتھُن۔ اکہِ سے جایہِ نہٕ ٹھہتھ روزُن۔ ۲۔ ہلُن۔ الیہِ ڈلیہِ گرٛزھُن۔ قرارٕ سان نہٕ روزُن۔ ۳۔ دِیان نہٕ اکہِ سے چیزس پیٹھہ روزُن۔ توجہہ اوٚرِ یوٚر گرٛزھُن۔ خیال اوٚرِ یوٚر گرٛزھُن۔ ۴۔ (نشہِ بیترِ کِنۍ) مغزُن اندر نہٕ روزُن، مغزٕ بگرٛنی۔ ۵۔ (کھوٚر بیترِ) کھرٛوٗشن۔ کھر گرٛزھنی (زبر بیترِ پیٹھ) ۶۔ (تیز گاشس آسنہٕ کِنۍ) اچھن پھٹھُن۔ اچھ دود آسنہٕ کِنۍ تنٛز ووتھُن۔ ۷۔ اعتقادِ

نشہِ پھیرُن۔ غلط ونٛنہٕ لگُن۔ ۸۔ (سیٹھن بیترِ) بگرُن۔ کھیانس لایق نہٕ روزُن۔

**ڈوٗلمُت۔** (وٚرگہ) ۱۔ یُس نہٕ مغز ٹھِکانٕہ آسن (نشہِ بیترِ کرِنہٕ سٟتی) ۔۲۔ باورٕ۔ پاگل۔ ۳۔ یُس اعتقاد پھٹمُت آسہِ۔ غلط وَتہِ لوٚگمُت۔ گمراہ گوٚمُت۔ ۴۔ (سیٹھن بیترِ) پھیوٚرمُت۔

**ڈل کاو۔** ن۔ مۄل: ڈل کاو < ڈل + س: کاکہ ] (وٚرگہ) کھنہٕ گوٚش دِنہٕ وول۔ یُس زٕ انٛہتھ گوٚش دِیہِ۔

**ڈل کاو لاگُن۔** زٕ انٛہتھ گوٚش دِیُن۔

**ڈمب ۱۔** ن۔ مۄل: ڈمب < س: ڈمبہ ]۔ شُری بانہٕ۔ بچہٕ دانی۔ شکم۔ حمل۔

**ڈمبہٕ پھٹُن۔** ۱۔ پانس زیون۔ ۲۔ زٕ نمس یُن۔

**ڈمبہٕ آسُن۔** شُر زامُت آسُن۔

**ڈمبہٕ روزُن۔** بینہٕ زُوٕ روزُن۔ دُجان روزُن۔

**ڈمب لگُن۔** ۱۔ بینہٕ زُوٕ روزُن۔ گوبر نہ کھوٚرِ روزُن۔ شُر ہینہٕ یُن (ڈیڈ اندر)۔ شُر لگُن۔ حمل لگُن۔ ۲۔ زٕ نمس یُن۔

**ڈمب ۲۔** اکہِ سبزی ہُنٛد ناو (ییٚر چھےٚ یُزٕ پاٹھو آبس منٛز وۄپدان)۔

**ڈمپر۔** ن۔ مۄل: ڈمپر < انگ: ڈمپر (DUMPER) ] کنہٕ شہتیر بیترِ سارنہٕ

باپتھ گاڑ کیتھ خود کار آسنہٕ کنی پنیُم
ڈالہٕ مال پننھہٕ ترادنہٕ باپتھ تھوُد
ودہ نقصان چھُ۔

**ڈنڈنی۔** ن۔ مؤل، ڈنڈنی < آوازِ پیٹھ]۔
ڈولہٕ بیتر چ آواز۔ نگارچ آواز۔

**ڈنڈنی کران یُن۔** (دورگہٕ) گوٗ فرسان،
ژژنڈ گژنڈ مےسان یُن۔

**ڈنڈٕ ما۔** ن۔ مؤل؛ ڈنڈ < پراکرت: دنڈوٕ
س: دنڈہ: دنڈ]۔ اکہٕ قسمچ ورزش۔
اتھن کھورن پیٹھ روزتھ پنہٕ نس
پیٹھ کُلہٕ تہٕ پان ژلو منزٕ کڈنچ
ورزش۔

**ڈنڈ کڈنی۔** ڈنڈ کڈنچ ورزش کرنی۔

**ڈنڈٕ ما۲۔** ۱۔ سزا۔ ۲۔ ہرجانہٕ۔ ۳۔ (دورگہٕ)
ادلہٕ بدل تیوٗ رُیُس سوٗ منس یا راوی
ہنس تہٕ نس بدلہٕ پوٗہل دوان چھُہ۔

**ڈنڈ کھون۔** ۱۔ ڈکھنک سٕہ وُن ییتہٕ کینژن س
کانس رامہٕ ژنڈر یونہٕ واسہٕ کہن دوہن
روٗزتھ اوس۔ ۲۔ حمل پرگنس منز
اکھ جنگل ییتہٕ ژلکار یُوٗش ریاضتھ
اوس کران۔

**ڈنڈٕ ما۔** ن۔ مؤل: ڈنڈ < س: دنڈ]۔ ۱۔ لگہٕ۔
ہرجانہٕ۔ چیٹی۔ تاوان۔ جُرمانہٕ۔
۲۔ بدلہٕ۔ ماوضہٕ۔ کانسہٕ ہُنزٕ چیز بیتر
پھٹنہٕ یا راونہٕ کنی تھتھ بدل بیاکھ چیز
دیُن۔ چیزس چیز دیُن پیوٗن۔ ۳۔ سزا
(کُنہٕ گنہٕ نس یا اتھرس بیتر)۔

**ڈنڈٕ برُن۔** نوقصانس بیترٕ ماوضہٕ دیُن۔
راوی ہنس چیزس ادلہٕ بدل دیُن۔

**ڈنڈٕ ہیوٗن۔** لگہٕ دیُن، پیوٗن۔ ماوضہٕ
دیُن پیوٗن۔

**ڈنڈٕ ہیوٗن۔** نوقصانس بیترٕ ماوضہٕ ہیوٗن۔

**ڈنڈٕ ۲۔** ن۔ مؤل؛ ڈنڈ < س؛ دنڈ]۔ زیٹھ
تہٕ موٹے ورژ (ییتر پاٹھی بانسو)۔ زیٹھ
لوٹھ۔

**ڈنڈٕ زور۔** (دورگہٕ) زور زبردستی کرتھ۔ روبہ
داب ہاوتھ۔ پننہٕ مرضی تہٕ۔ لورٕ زور۔

**ڈنگ ۱۔** ن۔ مؤل: ڈنگ]۔ ۱۔ چاروایُن ہیترٕ
زنگن پھیرمُت گنڈ۔ ۲۔ رز یا ہانکل
بیترٕ ییتہٕ سیتی چاروایُن دون زنگن
گنڈ کران چھِ یتھ تہٕ دوٗرن یاژلن۔

**ڈنگ دیُن۔** گپنس بیترٕ زنگہٕ زرزِ سیتی
گنڈتھ تھونہٕ۔

**ڈنگ ۲۔** ن۔ مؤل: ڈنگ]۔ اکہٕ ونفنک خوراکھ
(دوا یا بتہٕ بیتر ٹھیک)۔

**ڈنگہٕ۔** ن۔ مؤل: ڈنگ]۔ ۱۔ سرکہٕ بیترٕ کھارنہٕ
آمُت کنین ہُند ژھوٹ دیوار۔ ڈیکھ
۲۔ در۔

**ڈنگہٕ لاگُن۔** ڈینٹھ بول بجا انہٕ خاطر)
ڈڈ کہٕ لاگُن۔

**ڈنگہ ڈنگہ۔** ن۔ مؤل: ڈنگہ ڈنگ < آواز پیٹھ]۔
۱۔ ڈم ڈمچ آواز۔ ۲۔ (ورگہ پاٹھی) اَپزِ رے ٹھکہ ٹھکہ۔ ٹلی ہاو باو۔

**ڈنگہ ڈنگہ کران چھِ۔** (اپزِ رے) شانہ شوگنہ سان ٹھبکان ٹھبکان چھِ۔

**ڈنگر۔** ن۔ مؤل۔ ڈنگر < ہ؛ ڈانگر۔ پنجابی۔ ڈنگر]۔ ۱۔ پوش۔ چاروو ے۔ ۲۔ (رہزلہ) بال۔ بے وقوف۔

**ڈُے۔** م۔ مؤل: ڈے < انگ: ڈے]۔ نلکن بیترِ چوٗر کھارنک اکھ ہتھی یار۔ بتاے وان۔

**ڈابہ۔**

**ڈابر۔** وانیک اکھ سازئس یُز پاٹھی بازگر بیترِ لوکہ سومبراونہ خاطرِ وایان چھِ۔

**ڈابر واین وول۔** (ورگہ) بتہ سازندر۔ رنگن گور۔ چُچُر۔

**ڈابر وایِنی۔** لوکن منز کتہ پھالاونی۔ ترے کرنی۔ پرد پہ گنڈا کرُن۔

**ڈاپھ۔** ن۔ مؤل: ڈاپھ۔ ]۔ آرام ٹھکیتھ زھینِتھ پان تراوُن۔ پتھرس پیٹھ پان تراوِتھ نرزنگہ وہراونہ۔ نیٚندرِ۔ شونگ۔

**ڈاپھ تراوُن۔** ۱۔ آرام تراوُن۔ ٹھکیتھ زھینِتھ پان تراوُن۔ لر تراونی۔ شونگن۔ نیٚندر تراونی۔ ۲۔ (ورگہ) گوش دِیُن۔ ۳۔ لر دِنی۔

**ڈاٹھ۔ ڈاٹھ۔** م۔ مؤل: ڈاٹ < ہ: ڈاٹ]۔ ۱۔ چھینز۔ میٚحراب۔ زینین دون تار دِنہ خاطرِ لداو۔ ۲۔ رکھ ہش یوسہ ڈسِل میٚحرابس یا لبہ چھہ بناوان۔ ۳۔ چھٹہ ہشہ پمہ برقس بیترِ دامنس تل چھِ تراوان۔

**ڈاٹھ دار۔** یتھ ڈاٹھ تراوِتھ آسہ۔

**ڈاج (کرُن)۔** ن۔ مؤل: ڈاج < انگ: ڈاج — (DODGE)۔ ]۔ فٹ بالہ یا ہاکی بیترِ گنڈن وِز بال کھینہ موکھ باجن ہُندہ اکھ اکس بتھ یِن۔

**ڈاڈ۔** م۔ مؤل: ڈاڈ < س: دارڈھیہ]۔ کُنہ کامہ بیترِ پیٹھ قرار (کرُن)۔ ژھڈ۔ درِہ۔

**ڈاڈ کرُنی۔** کُنہ کامہ بیترِ پیٹھ قرار کرُن۔ درِہ کرِتھ روزُن۔

**ڈاڈِ۔** ن۔ مؤل: ڈاڈ < س: دارڈھیہ]۔ ۱۔ دوٗر۔ سخ۔ مضبوط۔ ۲۔ ووچھ۔ وُلٹہ۔ رم: ڈاڈِ تصرف ۳۔ جُرتی۔ یُس نہ چھوژِ۔

**ڈار ۱۔** ن۔ مؤل، ڈار < س: دھرا]۔ پانچُھل زمین یتھ مکاے یا کینکھ ہیوٗ فصل ووونہ آمُت آسہ۔

**ڈار ۲۔** مؤل: ڈار < س۔ ڈامر]۔ کاشرِن ہُنز اکھ کرام۔ رم: نمبر ڈار۔

**ڈاس۔** ن۔ مؤل: ڈاس < س: دھاسس]۔

تَباہی ۔ بَربادی ۔

**ڈاسہٕ پَچھر ۔** سۄ جاے یۄس وُجارٕ آسہٕ گامژ ۔ دٲران جھاتھ ۔

**ڈاسہٕ پَچھر کَرٕنۍ ۔** (وَرگہٕ) تُسہٕ پار کَرٕن ۔

**ڈاسہٕ رٔٹنۍ ۔** سۄ زَنانہٕ یۄسہٕ فوضول خرچی کَرِتھ گرس تَباہی کَرِ ۔

**ڈاسہٕ کَتُر ۔** ۱۔ اَندٕ وٕنٛدٕ تَباہی ۔ ۲۔ سُچٕٹنہٕ یا ڈُسی پیٹھہٕ سیتی بَربادی ۔

**ڈاسہٕ ناو ۔** وُچھو ۔ ڈاسہٕ کَتُر ۔

**ڈاس کَرُن ۔** تَباہ کَرُن ۔ بھٔش اَنُن ۔ چیزن بیترِ چھٕنٛدٕ چھپ انٛگر کَرٕنۍ ۔

**ڈائٕر ۔** یُس بَربادی کَرِ ۔

**ڈاک ، ڈاکھ ۔** ن ۔ مۄل : ڈاک < س ، دراک ] ۔ چِٹھۍ یا پارسل بیترِ یُس کانٛسہٕ سوزنہٕ ییہِ ۔

**ڈاکہٕ وول ۔** چِٹھۍ رَسان ۔ یُس لُکَن ہِنٛز چِٹھہٕ بیترِ اورٕ پورسارَنس پیٹھ مُلازِم آسہِ ۔

**ڈاک خانہٕ ۔** پوسٹ آفس ۔ چِٹھہٕ بیترِ اورٕ پورسارنک محکمہٕ ۔

**ڈاک گَرٕ ۔** سُہ محکمہٕ یُس لُکَن ہِنٛز چِٹھہٕ بیترِ اورٕ پورساران چھُ ۔

**ڈاکہٕ ۔** ن ۔ مۄل : ڈاک < م ۔ ہ : ڈاکہ ] ۔ چھاپہٕ مارِتھ لوٗٹھ ۔

**ڈاکہٕ زَنۍ ۔** چھاپہٕ مارِتھ لوٗٹھ کَرُن ۔

**ڈاکہٕ مارُن ۔** لوٗٹھ کَرُن ۔

**ڈاگر ۔** م ۔ مۄل : ڈاگر < س : ڈھکہ م ، بہار : ڈھاکا ] ۔ ٹبہٕ تہٕ کھَنجہٕ گول پھٔل تہٕ ییتھ مَنٛز ہاکھ بیترِ تھٔوان ، چھۄ ۔ ژھُٹر ۔

**ڈاکُر ۱ ۔** ن ۔ مۄل : ڈاکر < آوازِ پیٹھ م ہ ، پنجابی : ڈکار ] ۔ میہاد پیٹھ نیرن وٲلۍ آسہٕ کِنۍ نیراونہٕ آمٕژ آواز سان ہوا ۔

**ڈاکُر نیراوُن ۔** کھیتھ بیتھ آسہٕ مَنٛزٕ آوازِ سان ہوا نیبر نیراوُن ۔

**ڈاکُر کَرُن ۔** (وَرگہٕ) (کانٛسہٕ ہُنٛد کینٛہ کھیتھ چھ عیب کَرُن ۔

**ڈاکُر ۲ ۔** ن ۔ مۄل : ڈاکہ ] دٔہَن ہشِہ یۄسہٕ کنٛزاوَن وِز مِچھُن بیترِ وۄ نَخان چھِپے ۔

**ڈاکو ۔** مۄل : ڈاکو < م ۔ ہ ، ڈاکو ] ۔ لوٗٹُر ۔ یُس زَبَردستی کٔرِتھ کانٛہہ چیز ہیتھ ژلہِ ۔

**ڈاک بَنٛگلہٕ ، بُنگلہٕ ۔** ن ۔ مۄل : ڈاک بنگل ] ۔ ۱۔ سَرکٲری مُسافرخانہٕ ییتہِ کھینہٕ چَینُک تہٕ اِنتِظام آسہِ ۔ ۲۔ دورس بیترِ پیٹھ گژھن وٲلین اَفسَرن بیترِ ہِنٛدٕ روزنُچ جاے ۔

**ڈاکٹر ۔** ن ۔ مۄل : ڈاکٹر < انگ : (DOCTOR) ] ۔ اَنٛگریزی طریقس پیٹھ علاج کَرَن وول حکیم ۔ ۲۔ کُنہ عِلمُک ماہر ۔ سُہ یَس ہیٚمہ (پی ۔ ایچ ۔ ڈی بیترِ) ڈِگری نیمٕژ آسہِ ۔

**ڈاکھ ۔** ن۔ مؤل ؛ ڈاک < س : داہہ + کٹہ ]۔
۱۔ ڈزِتھ سۄر با میٹھ۔ ۲۔ تباہی۔ واراثی ۔ ۳۔ میٹھنہٕ سیتی ژھینٛنہٕ پیوٚن۔ ٹکہٕ ٹکہٕ لوسُن ۴۔ نۄنہٕ ٹلنگیک سُہ وۄزُل حصہ یُس نہٕ کھیوان چھُ۔

**ڈاکہٕ میٹھ ۔** میٹھ یوسہٕ ناوِ سیتی پینہٕ اُمٕر آسہٕ دانہٕ پینہٕ آہٕر ووزج میٹھ۔

**ڈاکہٕ نوٗن ۔** اکہٕ قسمُک پہاڑی نوٗن یُس پینہٕ آہٕر میٹھ ہندی پاٹھی ووزلیومُت آسان چھُ۔

**ڈاکھ ترٛڈۄلسہٕ ۔** اَنٛد وَنٛد تباہی ۔ واراثی ۔

**ڈاکھ گژھُن ۔** ۱۔ ڈزِتھ سۄر گژھُن ۔۲۔ (وُرگہٕ پاٹھی) تباہ گژھُن ۔ برباد گژھُن ۔۳۔ (وُرگہٕ پاٹھی) سخ تھکُن ۔ ژھینٛنہٕ پیوٚن ۔

**ڈاکھی گژھُن ۔** ۱۔ وَقت بیترِ کُنہٕ چیزٕس سیتی فوٗضوٗل راوُن ۔ کام بیترِ نہٕ رٕتہٕ کھسُن ۔ ۲۔ تباہ گژھُن ۔ برباد گژھُن ۔ واراثی گژھنی ۔

**ڈال دِنی ۔** ۱۔ وَقت گُساونہٕ باپتھ اور یور پھیرُن ۔ ۲۔ نژُن ۔ گنٛد دِیُن ۔ رم ؛ نژُن ڈالا دِنی ۔

**ڈالَر ۔** ن ۔ مؤل ؛ ڈالر < انگ : ڈالر (DOLLAR) ]۔ اکہٕ سِکُک ناو یُس یُتھ پاٹھی امریکاہس مَنٛز چلان چھُ ۔

**ڈالانہٕ ۔** ن ۔ مؤل ؛ ڈالان < ف : دالان ]۔

۱۔ اَبیری مس پورٕس بٕرنہٕ کُنہٕ بوڈ کُمریتھ اَنٛدی اَنٛدی ڈبہٕ ڈۄل آسان چھُ ۔۲۔ برانٛدٕ ۔

**ڈالہٕ ۱ ۔** ۱۔ مؤل ۔ ڈال < پراکرت : ڈالہ ، ٹالہ < س : ٹلی ]
۱۔ ہوٗرنہٕ یور لابنہٕ یُن ۔۲۔ کامہٕ جایہ وِزِ نہٕ ماشہٕ مارہٕ مارک پکُن ۔ لاپروا لاگُن ۔ ۳۔ (وُرگہٕ پاٹھی) نخرٕ سۄر ۔ بکر ۔

**ڈالہٕ ہیٚنہٕ / ڈالہٕ لاینہٕ ۔** ۱۔ ماشہٕ مارہٕ مارک پکُن ۔ کام ترٛاوِتھ ژَلُن ۔ لاپروا پاٹھی کام کرٕنی ۔ ۲۔ نخرٕ کرٕنی ۔ وَر کرٕنی ۔

**ڈالہٕ ۲ ۔** ن ۔ مؤل ؛ ڈال ]۔ چھکرٕ کرِ ڈگیچ پوٚنت یُس پینہٕ سیتی چھکرُک ۔ مال بند چھُ گژھان ۔

**ڈالہٕ ۳ ۔** ژُ کونٛجل جُمہٕ ہیوٗہ یُتھ دوہی اَنٛدو رَزٕ گنٛڈتھ چھنے آسان تہٕ یہ رَز نالی ترٛاوِتھ چھُ اَتھ مَنٛز وَتہٕ وَتہٕ سِگریٹھ بیترِ کینہٕ یوان ۔

**ڈالُن ۱ ۔** ن ۔ مؤل ؛ ڈال < پراکرت : ڈھالہ ]۔
۱۔ جایہ بَدلی کرٕنی ۔ اکہٕ جایہ پیٹھٕ نٕلِتھ بٔیِس جایہ تھوٗن ۔ ۲۔ ظُر آسِتھ اور یور پکناوُن ۔ نَظر موکلاونہٕ باپتھ اور یور ٹلُن ۔ ۳۔ پیٹھٕ پھرُن (اَتھ ، کٕرٛونٛڈ یا قَلم بیترِ) ۴۔ سۄنٛز اونہٕ موکھ کاتہٕ اوزار بیترِ وارٕ وارٕ پیٹھٕ پھرُن ۔ رم : کرٕنی ڈالنی ۔ کھۄر ڈالُن ۔ ۵ ۔ بارلاوُن ۔ رد کرُن (حکم بیترِ) ۶۔ شکل بدلاوٕنی ۔

(کُنہ چیزٕس) ہ ؛ حلیہٕ ڈالُن ۔۷۔ پَران
پَران یا سوچن وِزِ کانسہِ خیال اور یور
کرُن ۔ ۸۔ خراب صوحبتہ دِنی۔ کانہہ بُرٕ
کامہِ کُن لاگُن ۔ گُمراہ کرُن ۔ ۹۔ تومُلس
بیترٕ شپِس مَنز ژھنڈ کڈنی یا کُنہ
بٔرو ژھنڈ کُن اَننی۔

**ڈال تلوار۔** سپر تہٕ شمشیر۔ (ورگہٕ پاٹھو) جِسلاِ
ساماں۔

**ڈالڈا۔** ن۔ مۆل : ڈالڈا < ہ : ڈالڈا۔ اَکھ تجارتی
ناو]۔ بناسپتی گیوٚک اَکھ تجارتی ناو۔

**ڈامر۔** کٔشیر ہُنٛد اَکھ پرٛون جنگجو قبیلہٕ۔

**ڈامب۔** ن ۔ مۆل : ڈامب < س : وِڈمبہ۔
ڈمب کر ]۔ ۱۔ سانگ۔ اَپزٕ پاٹھر۔ جانگہٕ
اَپزٕ گاٹیلہٕ یا مکھر۔ ۲۔ شُرِس بیترِ شُند
کُنہٕ چیزٕ باپتھ لوگمُت بِرٛڈ یا مُچلہٕ۔

**ڈامبُس کامبےٚ۔** یِرِچھ شُری گِندنَس مَنز
ڈامب کرنس پیٹھ وَنان، تہٕ دِیتھ گو
ٹُلگرس چھ پٔران۔

**ڈامب تڑاوُن۔** اَپزٕ گاٹیلہٕ لاگُن۔
رٔڈ لاگُن۔ مُچلہٕ لاگُن۔ کُنہٕ چیزٕ باپتھ
وَدان وَدان مَنز وَنہٕ پان تڑاوُن۔

**ڈامب لاگُن۔** وُچھو "ڈامب تڑاوُن"۔

**ڈامبل۔** مۆل : ڈامبل < وُچھو ڈامب ]۔
ڈامب تڑاوَن وول۔ یُس مُچلہٕ لاگہ۔
مکھری۔ ساٹنگی۔

**ڈامباڈول / ڈانواڈول۔** ن۔ مۆل : ڈامباڈول
< ہ : ڈانوا ڈول ]۔ ۱۔ ڈُلمُل۔ یِس نہٕ
پوٚر پاٹھی واضح آسہٕ۔ (کُنہ بیترٕ) پوٚر
صاف نہٕ۔ ۲۔ اَوری نہٕ یوری۔ اَپزٕ ے
ڈرٕ یتھ۔ اَلُرو نہِ کُنہِ پیٹھ۔

**ڈال۔** ن۔ مۆل : ڈال < آوازٕ پیٹھ ]۔ ۱۔ گاو
ہُنز آواز ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) (اَمانتھ یا قرض)
کھیوٚن۔ ییب کرُن۔

**ڈال کرُن۔** ۱۔ ییب کرُن (اَمانتس بیترٕ)
۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) نار مانہنی۔ لیڈُن۔

**ڈانچہٕ۔** ن۔ مۆل : ڈانچ < ہ : ڈھانچا ]۔
۱۔ کزنز ۔ ۲۔ سانچہٕ۔ قالِب۔

**ڈانگ۔** ن۔ مۆل : ڈانگ < پراکرت : ڈنگا ]۔
زیوٚٹھ ڈنڈٕ ۔ ڈس۔ لوٚٹھ۔

**ڈانگ دِنی۔** ڈنڈٕ سیتی پڑتہ والنی۔ ڈنڈٕو
سیتی چوب دِنی۔ لایُن۔ چوب دِنی۔
دہماٹھ کرُن۔

**ڈانگر۔** کاشرِ ہُنز اَکھ کڑام۔

**ڈانگری۔** مِستری شُند سہٕ پلوٚیُس سہٕ کامہٕ
وِزِ لاگان چھُ، یہ چھ قمیض تہٕ پاجامہٕ
یکو بٔڑ سوتھ آسان۔

**ڈانگرُ۔** ن۔ مۆل : ڈانگر < س : دھانیہٕ+ف :
گر < س : گر ]۔ دانہٕ تومُل کھیٛنَن وول۔
ٹٹُو وول یُس دانہٕ بیترٕ مۆلی ہیتھ کِنہٕ۔

**ڈاہ۔** ن۔ مۆل : ڈاہ < پراکرت : ڈاہ < س :

: داہہ ] ۔ وُچھو " داہ "۔

**ڈالے ۔** مؤل : ڈالے > پرٛاکرت : اَڈڈھاایہٕ۔ س : آردھ + ترٛتیہ ] ۔ زِ نہٕ اوٚڈ۔

**ڈاین گرین ہنٛد راج ۔** (ہزلہٕ پاٹھی) حاکمی یوٚسہٕ کُہ ہے کانٛسہٕ روزِ یا پوٗشہِ۔

**ڈایہ گٔرک یاد پیٚون ۔** وَقت گرٛھستہٕ توٗنس واتُن ، موقعہٕ ڈلیتھ خیال پیٚون ۔

**ڈالے پوش تُل ۔** ڈاین پوشہٕ وُتھرن ہنٛد کَرزٕ نہٕ ، تہٕ ڈیٚپتھ گو نوزُک ۔

**ڈایل ۔** ن ۔ مؤل : ڈایل > انگ : ڈایل (DIAL) ] ۔ ا۔ گرٕ ہنٛز نمبرٕپٹ یَتھ پیٹھ اَکہٕ پیٹھٕ باہن تام گرٛند لیکھت آسان چھِنہٕ۔ ۲۔ ٹیلیفون آلچ پٹ یوٚسہٕ پھرنہٕ سیتی نمبر رَلاونہٕ یوان چھُ۔

**ڈایری ۔** م ۔ مؤل : ڈایری > انگ : ڈایری : (DIARY) ] ۔ سوٚ کِتاب یَتھ پیٹھ دوہدِش پاٹھی یا داش لیکھنہٕ ییہ۔ یا دٕ وٚوتر یا یِتھ تھوٚنہٕ آسِ لوٚکٹ کِتاب ۔ سوٚ کِتابہ ہَن یَتھ اَندر تارِیخ وار یا داش دٕرج کرنہٕ ییہ۔

**ڈایریکٹر ۔** ن ۔ مؤل : ڈایریکٹر > انگ : ڈایریکٹر (DIRECTOR) ] ۔ ا۔ محکمٕک یا ادارُک ناظِم ۔ ۲۔ (ڈرامہٕ ہُک یا فلمہٕ بیترِ ہنٛد) ہیدایتھ کار ۔

**ڈٕبی ۔** م ۔ مؤل : ڈٕبی > م ۔ ہ : ڈِبیا ۔ ] ۔ ا۔ سیٹھا لوٚکٹ ڈٕبہٕ ہَن یَتھ اَندر نکو نکو چیز تھوٚنہٕ یوان چھُ ۔ ۲۔ ٹینوٚمینٹ تیلہٕ ژوٚنگ ۔ کپُر چالہ سوٚ یُژ دار ٹینہٕ گٔبہو ہیوٚہ یُس ژا نگکی پاٹھی زالان چھُ ۔ ڈِبری ۔

**ڈُٹھ (روزُن) ۔** مؤل : ڈُٹ > س : ذٕرڈھ ] ۔ ا۔ پَننِس نِشہٕ نہٕ ڈٔلُن ۔ اَکہ سے لفظَس پیٹھ روزُن ۔ لفظس نہٕ ڈٔلُن ۔ ۲۔ مُقابلہٕ خاطرٕ تیار روزُن ۔ جُرتہٕ سان مُقابلہٕ کرُن ۔

**ڈُچھ ۔** م ۔ مؤل : ڈُچھ > پراکرت : ٹابکہ ] ۔ ا۔ لوٚٹھ یَتھ پیٹھ ناوِ ہنٛد پِشٕک اَکھ حِصہٕ (دہ بیترِ تیرنہٕ خاطرٕ) بوٗنِ مہٕ اَنٛدٕ تھوٚو دٕرتھنہٕ ییہ ۔ ناوِ ہنٛز ڈٕکھج ۔ ۲۔ ناوِ ہنٛد پِشٕک سُہ حِصہٕ یُس دہ بیترِ تیرنہٕ خاطرٕ بوٗنی مہٕ اَندٕ لٹھین پیٹھ تھوٚو دٕرتھنہٕ یوان چھُ ۔

**ڈٕکر ۔** م ۔ مؤل : ڈُکر > م ۔ ہ ، ڈکر ] ۔ ڈُڈٕر ہُند یا بانگ لبُر ۔

**ڈٕگی ۔** م ۔ مؤل : ڈٕگی ] ۔ وُچھو " ڈٕکری " ۔

**ڈٕکرٕ ۔** ٹُکرٕ ۔

**ڈٕکرٕ کرٕنی ۔** ا۔ ٹُکرٕ کرٕنی ۔ چھلہٕ کرنہٕ ۔ بلا ورکہٕ پاٹھی سنٛنح لاین ۔

**ڈٕکھج ۔** م ۔ مؤل : ڈٕکھج > وُچھو ڈُچھ ] ۔ لوٚٹھ یا تھم بیترِ یَتھ پیٹھ ناوِ ہنٛز ڈُچھ رٹنہٕ یوان چھِنہٕ ۔

**ڈٕکھر ۔** م ۔ مؤل : ڈکھر > وُچھو ڈوکھ ] ۔ ڈوکھ

اَڈٕ نہٕ کینہہ کٕہ بٕرسان پکُن۔

**ڈکھی جل/ڈگی جل۔** بَس جان صوٗرتھ آسُن، آسُن
بَسَن وول بأڑ گرٕ۔

**ڈکھراوُن، ڈکھرُن** ۱۔ کیٛنہہ سیٛتؠ ڈٲکھ کرِتھ تھوٗن۔ کیٛنہہ سیٛتؠ
ڈررأوِتھ تھوٗن۔ ۲۔ ٹھیپکراوُن۔ کانٛہہ
چیٖز ڈکھس رٹُن۔

**ڈکھری ڈکھری پکُن۔** سارُی سارُی پکُن، کھوٚر
ٹھیپکر آوِتھ پکُن۔

**ڈکھرأوِتھ تھوٗن۔** ۱۔ ٹھیپکر آوِتھ تھوٗن۔
کانٛہہ چیٖز لٔبہٕ بینٛز سیٛتؠ ڈررأوِتھ تھوٗن
یُتھ نہٕ وۄسی پیٚیہِ یا ہٕلہٕ ڈلیہِ۔ ۲۔ زور
اِستادٕ کرُن۔

**ڈلیٖو۔** م۔ مۄل۔ ڈلن < م۔ ہ۔: ڈھلان]۔
سَلامی۔ وٚسہٕ وُن پیش بینٛز یتھ نہٕ جاے
ترٛکھجار آسہِ۔

**ڈلوسہٕ۔** ن۔ مۄل: ڈلوسہٕ < م۔ ہ۔: ڈِھسلنا]۔
(دوہُر) ڈاکھ۔ تبأہی، وُجارگی۔

**ڈمبہٕ، ڈمبنی۔** م۔ مۄل، ڈمنی < س: ڈِمبہٕ]۔
میٛیادک، جُزدار حصہٕ۔

**ڈمبہٕ نہٕ کلُپش۔** (ہزلہٕ) نوٗہ نہٕ ڈمبنی دیٛس
ضیافتہٕ نٲمتھ باگرنہٕ ہیہہِ)۔

**ڈنٛڈ۔** م۔ مۄل: ڈنٛڈ < س: دنٛڈ م۔ ہ۔: دنڈا]۔
۱۔ ترٛکرِہنٛد مُنٛز یُہُم ڈنٛڈٕ یتھ پأٹری
گنٛڈِتھ آسان چھُ۔ ۲۔ ترٛاے۔ طبی پینک
ردہ حجان۔ کیٛنہہ کُن پو۔ ۳۔ خصلتھ۔ غمُز
م: بیچھ ڈنٛڈ۔

**ڈنٛجہٕ روزُن۔** ۱۔ اکس سے مزاس بیٚٹھ روزُن۔
ترٛاے نہٕ بدلاوُنی۔ قرارٕ روزُن۔ ۲۔ اَرزٕ
روزُن۔ وارٕکارٕ آسُن۔ ۳۔ سعوکھ سان
بہُن۔ کھوکھس نہٕ آسُن۔ سیٖتھ نہٕ ڈینٛنی۔

**ڈنٛڈرٕ رٹنی۔** ۱۔ ترٛاے رٹنی۔ کیٛنہہ کُن ہاوُن۔
کُنٛنیک عادتھ گرٛھن۔ کیٛنہہ کُن طبی یتھ
گرٛھن۔ ۲۔ کانٛسہٕ ہنٛز خصلتھ لارٕنی۔

**ڈنٛڈرٕ زھیٛنی۔** یَنس بینٛز آیِچھ ترٛاے
بیٛیس طرفس کُن گرٛھنی۔ یینس گنٛڈ
زھینُن۔ تھوپ بیٛرُن۔

**ڈنٛڈکہٕ۔** < س، ڈنٛڈکا]۔
ڈنٛڈ، بہن پیٚٹھ گیٛن بیٛنز تلان پچھ
(اکثر پاٹھی بیمار یا معذور) ڈانٛڈی۔

**ڈنٛڈ کُن، ڈنٛڈکُن پیٚٹھ تُلُن** ۔۱۔ زور
استادٕ کرُن۔ ۲۔ مُشکلہٕ سان کیٛنہہ کامہٕ
پیٚٹھ آمادٕ کرُن۔

**ڈنٛڈکہٕ لاگُن۔** نشانے لاگُن۔

**ڈنٛگج۔** م۔ مۄل: ڈنٛگج]۔ گالس اَندر چاکہٕ
یتھ پیٚٹھ شونگان بینٛز چھِ۔

**ڈنٛگر ڈلوچہ کرُنہٕ۔** ۱۔ یَسلہٕ پاٹھی استیمال کرُن بیولیہٕ
پاٹھی خرچاوُن۔ ۲۔ بےٚ ٹھکہٕ پاٹھو
بیٛنیٛ سنٛدس مالس غاش کرنی۔ ۳۔ بےٚ
ترتیب پاٹھی چیٖز بینٛز برتھ دِنی۔

**ڈہتھ نیٹھن۔** ۱۔ ہیٖرٕ والٕ ڈکہٕ نہٕ بے شونگی پاٹھی۔

۲۔ سوٗرٕ ے چیٚنتہٕ موٗ کلاوُن ۔ ۳۔ وُڈٕ اُوِتھ
نیٚیُن ۔ ۴۔ تَباہ کَرُن ۔ ڈاس کَرُن ۔

**ڈےٚ ڈاس** ۔ ڈُبہٕ ڈاس ۔ تَباہی ۔ دا۪را۪نی ۔
تَمٕلک پیٚیٹھ ۔

**ڈاڈی** ۔ < ڈُچھو ۔ ڈاڈ ] ۔ ۱۔ ڈُرِر پا۪ٹھی ۔ ۲۔
ڈاڈٕ ۔ ۳۔ ہَرہَمیشہ ۔ م
یمُن آے چانیو لایِنہٕ دُکھ تمَن شوٗد
یِہ لایُن چون روٗزِن ڈاڈی موٗجوٗد
(مقبوٗل کرالہ وا۪ری)

**ڈاکِستان** ۔ ن ۔ مۄل ؛ ڈاکِستان ] ۔ یتھنو یا ۔
دا۪ران جایہ ۔

**ڈاگنی** ۔ م ۔ مۄل ؛ ڈاگن < س ؛ ڈاکِنی ] ۔
را۪تُٹس ۔ ڈان ۔

**ڈالیٚ ۱** ۔ م ۔ مۄل ؛ ڈالی ] ۔ دُرِج یوٗسہٕ پچھبرنس
بیتر لبہٕ جا۪گس دَرِ باپتھ اَندری
کِنی وانٛتِھ یوان چھےٚ ۔ بگز ۔

**ڈالیٚ ۲** ۔ م ۔ مۄل ؛ ڈالی < پراکرت ، ڈَلَہ ] ۔
۱۔ لوٚکُٹ ٹوٗکُر ۔ زا۪ن ۔ ۲۔ نَذرانہٕ ۔
تحفہٕ (میوٕ یا مِٹھایہٕ ژنٛگو) ۔

**ڈالی سوزٕنی** ۔ کا۪نسہِ کانٛہہ توحفہٕ سوزُن ۔

**ڈا۪ن** ۔ م ۔ مۄل ، ڈا۪ن < س ؛ ڈاکِنی ] ۔ ۱۔
(لوٗکہٕ کتھن مَنٛز) سُہ زَنانہٕ یُس دارِیُس
جوٗد کَرِتھ ضَرَر واتناوِ ۔ (دَپان یِژھہ
زَنانہٕ چھےٚ کھوٗر یِتھ کِنہ آسان) ۲۔ (وُرگہٕ پا۪ٹھی)
زَنانہٕ یُس کُن وُچھتھ کھوژُن یییہ ۔

لَڑایہٕ گَرُزَنانہٕ یوٗسہٕ ہنٛگنتھ منٛگہٕ اَگادِ گژھہ ۔

**ڈانٛٹٕلُن** ۔ ن ۔ مۄل ؛ ڈانٛٹ < س ادَشٹہ ] ۔
کُنہِ اَترس پیٚٹھ روب کَرُن ۔ بیٖم کَرُن ۔
(یُتھہٕ پا۪ٹھی شُرِس بیتر) گرٕنز ژھنُن ۔

**ڈانٛشجہٕ ۱** ۔ م ۔ مۄل ، ڈانٛشج ۔ م ۔ ہ ؛ ڈانڈی ] ۔
موٗردس یا بیمارس بیتر تُلنہٕ باپتھ کھوٗرلو
وَرا۪ے چار پا۪ے ہش ۔ ڈانٛڈی ۔ سٹریچر ۔

**ڈانٛشجہٕ ۲** ۔ م ۔ مۄل ؛ ڈانٛشج ] ۔ ۱۔ جوٚے یا یَن
بیتر یتیمہٕ مَنٛزِ دال ژھیٚنس آب
وانان چھُہ ۔ یُتھی زَڈٕ وَسنَک آرٕ ہیوٗہ ۔

**ڈانٛجہٕ کَرُن** ۔ ۱۔ سیٚٹھا آب بیترِ ترٛاوِتھ
بیہر گَرُن ۔ ۲۔ (وُرگہٕ پا۪ٹھی) یَڈ بَرِتھ
کھیاوُن ۔ خوٗب کھیاوُن چاوُن ۔

**ڈانٛجہٕ کَرٕنہٕ** ۔ آبہٕ زاڈ کَرٕنی ۔ سا۪رِسے آب
چھُکَرِتھ ژھنُن ۔

**ڈانٛجہٕ گژھُن** ۔ سیٚٹھا آب پیٚنہٕ کِنی یا وَسنہٕ
کِنی بیہرٕ ہیوٗہ گژھُن ۔

**ڈانٛڈٕری** ۔ م ۔ مۄل ؛ ڈانٛڈٕری < ہ ؛ ڈانٛڈی ] ۔
اَکہِ قسمچ پَشہٕ وَرا۪ے ڈوٗلی ہش یتھ
کیتھ بُڈن ، بیمارن یا لیٚیتٕرِن بیترِ
اَکہِ جایہِ پیٚٹھ بییِس جایہِ نوان چھِہ ۔ پالکی ۔

**ڈانٛیُم کَن** ۔ گَنگ پیٚنٛٹھیُم حِصہٕ یُس ڈیٚجہِ ہوٗر
ترٛاونہٕ باپتھ ژوٗمیان چھُہ ۔ تالہِ رَز
ٹارنہٕ باپتھ کَنہِ کِس پیٚنٛٹھ مس حِصَس
کوٗرمُت سٔرٕو ۔

**ڈبر۔** م۔ مؤل : ڈِبر < ہ : ڈِبھری ]۔ ۱۔ چوٗرِ دار شٔشتِر زٕنٛٹ ہش یمہِ سٟتۍ کابلس سیٖنۍ کٔنہٕ یوان چھِ۔ ۲۔ ٹینٛو بٔنۍ۔ ٹینٛو میٖنٛز تیلِ ژونٛگ۔

**ڈپر۔** ن۔ مؤل : ڈپر < انگ : ڈِپر (DIPPER)]۔ لاری ہُنٛد یا موٹرِ بینٛز ٹیکہٕ شُہ آلہٕ یتھ سیٖتۍ بُتھہ یوٗ وِنہٕ گاڑِ بینٛز اشارٕ دِنہٕ باپتھ گاش کم تہٕ زیادٕ کرنہٕ چھُ یوان۔

**ڈِپارٹمینٹ۔** ن۔ مؤل : ڈپارٹمینٹ < انگ : ڈیپارٹمینٹ۔ DEPARTMENT]۔ محکمہٕ۔ ادارٕ یا کُنہٕ بڑٕ ادارُک اکھ حصہٕ۔

**ڈِپازِٹ۔** ن۔ مؤل : ڈپازٹ < انگ : ڈپازٹ (DEPOSIT)]۔ ۱۔ بٔرژھِ بیٖٹھ کانٛسہِ نِش حفاظت کانہہ چیٖز۔ امانتھ۔ بٔنٛکس بینٛزِ انٛدر جمع کوٗرمُت رقم۔ ۲۔ سیٚہ باپتھ دِنہٕ آمُت رقم۔ پیشگی۔ زرِ ضمانتھ۔

**ڈِپو۔** ن۔ مؤل : ڈپوٗ < انگ : ڈِپاٹ (DEPOT)]۔ گدام بینٛزِ بیٖترِ مال تھوٗنہٕ تہٕ کِنٕنہٕ ییٚہ۔

**ڈِپٹی۔** (کانٛسہِ افسرُنٛد) نایب۔ مم : ڈِپٹی سیکرٹری۔

**ڈِپٹی کمِشنر۔** کمشنرُنٛد نایب یُس ضِلُک پوٗر حاکم آسان چھُ۔

**ڈِپھر۔** م۔ مؤل : ڈِپھر < س : ڈِمب ]۔ سوٗسِر گوٗسِر کرن والین ہنٛز ٹولہٕ گیج۔ موہ نٛدرٕ ج۔ ڈِپھر۔ زارٕن ہنٛز ٹولہٕ گیج۔

دوٗن ژوٗن نرٕ یِن ہنٛز جھوکھ یم کانٛسہِ خلاف، پانہٕ واتی ژوٗسے کران آسَن۔

**ڈِپھر لاگٕنۍ۔** بٔٹھ لاگٕنۍ۔

**ڈِپھر گٔرنہٕ۔** (وَرگہٕ) سوٗسِر گوٗسِر کرنہٕ۔ ژوٗسے کرنۍ۔ کانٛسہِ خلاف سازباز کرُن۔

**ڈِجرِ بلہٕ۔** ڈِجرِ ڈِجہ کرنس لایق شُر۔ ووٚ کُرِ شُر یُس ڈِجرِ ڈِجہ کران چھِ۔

**ڈِجرِ ڈِجر۔** ۱۔ دِگیِ نہٕ پٔژھی) شُرِ بینٛزِ انٛھَن پیٖٹھ زٕٹھتھ ہیٚور تہٕ ہیٚور لایُن۔ شُرِس انٛھَن پیٖٹھ زٕٹھتھ ابوٗسے کرُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) شُرِس بینٛزِ نِہا نِہا کرُن۔ خانہٕ ماجر کرُن۔

**ڈِجرِ ڈِجہ کرُن۔** ۱۔ شُرِس انٛھَن پیٖٹھ زٕٹھتھ گٕنٛڈُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) شُرِس نِہا نِہا کرُن۔ خانہٕ ماجر کرُن۔

**ڈِزائن / ڈِزاین۔** ن۔ مؤل : ڈِزائن < انگ : ڈِزاین۔ (DESIGN)]۔ ۱۔ نقشک خاکہٕ۔ سِلایہٕ بینٛزِ ہُنٛد نوٗمونہٕ۔ پلوٗس بینٛزِ نژاونہٕ آمُت نقشہٕ یا خاکہٕ۔ گلکاری بینٛزِ ہُنٛد خاکہٕ۔ ۲۔ ناز نخرٕ۔

**ڈِزِل۔** ن۔ مؤل : ڈِزل < انگ : ڈیزل۔ (DIESEL)]۔ تیلُک اکھ قسم یُس لاری یَن بینٛزِ ترٛاوان چھِ۔

**ڈُسر۔** سُست۔ آلزی۔ ووٚ مُغنس بیٚہنس کیٚٹ گوٚب۔

**ڈِسپینسری۔** م۔ مۆل : ڈِسپینسری < انگ : ڈِسپینسری (DISPENSARY]۔ دواخانہٕ۔ سۄ جاے یتہِ بیمارن دوا بیترِ بناوِتھ دِنہٕ یوان چھُ۔ شفاخانہٕ۔

**ڈِسچارج۔** ن۔ مۆل : ڈِسچارج < انگ : ڈِسچارج (DISCHARGE]۔ ۱۔ نوکری نِشہِ بَرطَرفی۔ مُلازمتہِ نِشہِ عَلاحدگی۔ ۲۔ چھُٹی دِنی (ہسپتالہٕ بیترِ مَنٛزٕ)۔

**ڈِسکہٕ۔** ن۔ مۆل : ڈِسک < وُچھو۔ ڈِسکہٕ]۔ نیٛنٛدرِ ٹھول۔ ڈِسکہٕ۔

**ڈِسکہٕ لگٕنی۔** نیٛنٛدرِ ٹھولہٕ گژھنہٕ۔

**ڈِسمِس۔** ن۔ مۆل : ڈِسمِس < انگ : ڈِسمِس (DISMISS]۔ ۱۔ موقوف۔ ۲۔ (مُقدمہٕ بیترِ) خارِج۔

**ڈِش۔** م۔ مۆل : ڈِش < انگ : ڈِش (DISH]۔ قاب۔ رِکابی۔ پلیٹ۔ رِکیب۔

**ڈِفینس۔** ن۔ مۆل : ڈِفینس < انگ : ڈِفینس (DEFENCE]۔ ۱۔ مُلکی بچاو۔ ۲۔ حکومتک سُہ صیغہٕ یُس مُلکی بچاوُک ذِمہ وار آسان چھُ۔

**ڈِکٹیٹر۔** مۆل : ڈِکٹیٹر < انگ : ڈِکٹیٹر (DICTATOR]۔ ۱۔ یُس صِرف پننی مَرضی پیٹھ حکومت چلاوِ۔ مُطلق عنان حاکم۔ پانہٕ خۆدی حاکم۔ یُس نہٕ حکومتہ چلاونس مَنٛز کانٛہہ راے ژاے ہیٚیہِ۔

۱۔ (وَرگہٕ پاٹھی) ظالِم تہٕ سخت گیر حاکم۔

**ڈِکہٕ۔** ن۔ مۆل : ڈِکس < وُچھو۔ ڈِکہٕ]۔ پَرن پییوٚن۔ ڈِکہٕ ژمینس سیٚتہِ دِیُن (کانٛسہِ برٛونٛہہ کُنہِ)۔ ڈِکہٕ پھِکر ژاوُن۔ نیٛنٛدرِ ٹھولہٕ۔

**ڈِکہٕ دِنی۔** پَرن پییوٚن۔ زارہٕ پارٕ کَرُن۔ عاجزی کَرٕنی۔

**ڈِکشنری۔** م۔ مۆل : ڈِکشنری < انگ : ڈِکشنری (DICTIONARY]۔ سۄ کِتاب یتھ اَنٛدر لفظن ہنٛدی مانے بیترِ ترتیب وار درج آسان چھِ۔ لُغات۔

**ڈِکلیر (کَرُن)۔** < انگ : ڈِکلیر (DECLARE]۔ (ل۔م۔) اعلان کَرُن۔ (کرکٹ کھیلہِ مَنٛز) اَڈی باج گنٛڈ ناوِتھ وارۍ ختم کَرٕنی۔

**ڈِگری ۱۔** م۔ مۆل : ڈِگری < انگ : ڈِگری (DECREE]۔ دیوانی مُقدمس مَنٛز کُنہِ عدالتُک آخری حُکُم۔ عدالتی حُکُم۔

**ڈِگری کھارٕنی۔** ۱۔ مُقدمہٕ ہارناوُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی)۔ راہ لَدُن۔ ٹاٹھ کھارُن۔ خوٚصور کھارُن۔ چھوٚہ کھارُن۔

**ڈِگری ۲۔** م۔ مۆل : ڈِگری < انگ : ڈِگری۔ ۱۔ یونیورسٹی ہنٛدِ طرفہٕ دِنہٕ آمٕژ سَنَد۔ ۲۔ درجہٕ۔ کُنہِ ژیٛز ینک یا ناوک ہیٚنہٕ کُنہِ ژیٛز ژاے مینٛنہٕ تک پیمانہٕ۔ گُنیا۔ ۳۔ حرارتک میٖٹر۔

دَرجے حٲصِل کرنہٕ ۔

**ڈِگری ہِنتی** ۔ کُنہِ یونیورسِٹی منٛز بٔڈ دَرجِچ سَنَد حٲصِل کرٕنۍ ۔ ٢۔ عدالتس اَندر داۓر کوٗرمُت (دیوانی) مُقدمہٕ زیٖنُن ۔

**ڈِمبٕر** ۔ ن ۔ مۆل : ڈِمبر < س : ڈِمبہ ] ۔ یٔڈ ۔

**ڈِمبٕر نٕژُن** ۔ ۱۔ یٔڈ اٹھنۍ ۔ ٢۔ دورگرِ پانٹھی اتھ ہرُن ۔ کھوژُن ۔ وہسرُن ۔

**ڈِوایڈر** ۔ ن ۔ مۆل : ڈِوایڈر < انگ : ڈِوایڈر ۔ DIVIDER ] ۔ اکھ قسمُک پرکار یتھ دوشوے طرفو ہیٚوت آسان چھ تہٕ یمہ سٕتۍ ژکھ بیٚتر برابر برابر حصہ کرنہٕ یوان چھ ، جامیٹری ہُنٛد اکھ آلہٕ ۔

**ڈیوٗٹی** ۔ م ۔ مۆل : ڈیوٗٹی < انگ : ڈیوٹی DUTY ] ۔ دفتر بیترِچ نوکری ۔ کام ۔ کانٛہہ پیٚٹھ حٲضر روزُنک فرض ۔

**ڈِوِجَن** ۔ ن ۔ مۆل : ڈِوِجَن < انگ : ڈِوِجَن : (DIVISION) ] ۔ ۱۔ قصبہٕ ۔ علاقہٕ ۔ ضِلعہٕ ۔ ٢۔ فوجُک اکھ مُشخص حصہٕ ۔ ٣۔ (اِمتحان پاس کرنُک) دَرجہٕ ۔

**ڈی** ۔ ن ۔ مۆل : ڈی < انگ : (D) ڈی اَچھر ] ۔ ناگری ژاونٛدس منٛز انگریزی ڈی اَچھر چالہٕ سوٗ خاص رکھ یمہ نِشہٕ گو لکی اَنٛدٕ سیتھ بالی ژکاوٕنہٕ ہیٚکہٕ ۔

**ڈی ۔ اے ۔ ہم ۔ سی** ۔ دُشہٕ اکھ خاص پَنٛن ییٚمہ سٕتۍ کرِ وُشیا کام بیترِ ژھِکرِان ۔

**ڈی ۔ ڈی ۔ ٹی** ۔ ن ۔ مۆل : ڈی ڈی ٹی < انگ : D.D.T ] ۔ کیٖمیکل مارنُک اکھ دوا ۔

**ڈیپٕر** ۔ م ۔ مۆل : ڈیپھر ] دیٛچھو "ڈیپھر"

**ڈیپٹٕنٹسی** ۔ وکٹ ڈیپٹٹُن ۔ وکٹ کرُن یا ہلکر گنٛڈ ۔

**ڈیٖنچ** ۔ م ۔ مۆل ۔ ڈیٖنچ ] ۔ وکٹ ڈیوٹنگ (بینکگ یا بیرک بیتر) ، ڈلامُچ حالُر ووُلمُت پن ۔

**ڈیٖنچ کرٕنۍ** ۔ اَندرُمن پھٹیچ ہش وٕٹنہٕ ہنہ ۔ یٔڈ اَندر پھٹیچ ہش کھسنۍ ۔

**ڈیٖنچ گژھنۍ** ۔ وکٹ ڈیوٹنگ ہیوہ وٕٹنہٕ یُن ۔ پھٹُل گژھُن ۔

**ڈیٖنچہٕ تلٕی اَنُن** ۔ یہ وُڈ نمُت آسہِ تتھ اُدلہٕ بدل لاگُن ۔ کانٛسہٕ ہٕژرن کتھن وُٹھنہٕ مانے دِنُن ۔ کہ ور رٹُن ۔

**ڈیٖنچہٕ تلٕی پَن تہٕ پیٚنہٕ تلٕی ڈیٖنچ** ۔ تہٕ دپہٕ گو اتھک پانٛگ وٕتھ برابری اَنُن ، یہ چھ تمہٕ وِزِ وَنان ییٚلِ کانٛہہ پرٛاش کرُن وِزِ پیٚوَر پوٗز باوہٕ بدل اورک یورک وَنہٕ تہٕ پنٛنی کنہِ برابری انہٕ ۔

**ڈیڈو** ۔ ن ۔ مۆل : ڈیڈو < انگ : ڈیڈو (DADO) ] ۔ ڈوٗکھس تام لبن دِنہٕ آمُت لکر ۔ سیمنٹ یا روغن بیترِ ٹیک حاشیہٕ ۔

**ڈیڈی** ۔ م ۔ مۆل : ڈیڈ < م ۔ ہ : ڈیوڑھی ] ۔ ۱۔ مندور بیترِ ہُنٛد نیٚبرِم بوٚڈ دروازٕ برُن ۔ آنٛژنِک نیبرنک بوٚڈ درواز ۔ ٢۔ کانٛسہٕ ہُنٛد سوا گتہٕ باپتھ سرٛکِ سجاونہٕ مُوجب

بناونہٕ آمٕت ہیٚر اب۔

**ڈپڈٕ وان۔** ڈیڈٕ پیٹھ راچھ۔ یُس ندکار ڈیڈٕ پیٹھ روزِتھ نظر گُذر تھاوان آسہِ۔

**ڈپنٛگہٕ میر۔** [ن۔ مۆل : ڈپنٛگہٕ میر]۔ ١۔ گامُک موقدم۔ گامُک زیٚٹھ۔ ٢۔ یُس بٔلی کھوژناو، بٔلی روبس تل تھاو۔

**ڈپنٛگہٕ میر لاگُن۔** کانٛسہٕ روبس تل تھاوُن۔ بٔلی روبہٕ داب لاگُن۔ بٔلی زِٹھل ہاوُن۔ جنٛگہٕ لاگُن۔

**ڈٕٹھ۔** گُستاخ۔ بدلیحاظ۔

**ڈٕس۔** [ن۔ مۆل : ڈٕس < م : بنگالی۔ ڈھسا۔ مراٹھی : ڈھوسا]۔ ١۔ ڈنٛڈ (ژھوٚٹ تہٕ موٚٹ)۔ ٢۔ یُس زیادٕ کھیٚتھ اکِس جایہِ بِہِتھ گژھہ۔ بیٛہوال۔

**ڈٕس دِنی۔** (ڈنٛڈو سٕتی) چوب دِنی۔

**ڈٕس گژھُن۔** کھیٚنہِ کھیٚنہِ موٚٹُن۔ اکِس جایہِ بِہِتھ گژھُن۔

**ڈُباوُن۔** ن۔ مۆل : ڈُباو < س : بُڑُڈنہٕ (پھِر تھٕر کرِتھ)]۔ ١۔ آبس پھاٹرٕ وُن، تل کرُن۔ ٢۔ (وَرگہٕ پاٹھی) تباہ کرُن۔ اُجاڑ کرُن (کاٹہٕ بیتر پاوِتھ)۔ ٣۔ بدنام کرُن۔

**ڈُبہٕ ڈاس۔** ن۔ مۆل : ڈُبہٕ ڈاس]۔ ناش۔ تباہی۔ بربادی (اُبزِ لِہ یا سالابہٕ بیتر سٕتی)۔ [کرُن۔ گژھُن]۔

**ڈُبُن۔** ن۔ مۆل : ڈُب < س : بُڑُڈنہٕ (پھِر تھٕر کرِتھ)]۔ ١۔ آبس بیتر پھٹُن، بٕہ ڈُن، آبس تل گژھُن۔ ٢۔ کُنہِ خیالس منٛز محو گژھُن۔ کُنہِ پیٹھ سخ پاٹھی سوچُن۔ ٣۔ گۄناہ بیتر سٕری پیٹھی گژھنی۔ ٤۔ (وَرگہٕ پاٹھی) تباہ گژھُن۔ برباد گژھُن (کاربارس اَنٛدر گاٹہٕ بیتر پیٚنہٕ کِنی)۔ (قرضس بیتر) تل لگُن، تِژھ حالتھ گژھنی یمہِ منٛز نہٕ ووتلِتھ ہیٚکہِ۔ تباہ گژھُن۔

**ڈُب ڈُب۔** ن۔ مۆل : ڈُب < آوازِ پیٹھ]۔ نُمبکھ نار یا ڈابر بیتر وایِنچ آواز۔

**ڈُپٹہٕ، ڈُپٹرٕ۔** ن۔ مۆل ، ڈُپٹ < س : دوِ + پٹہٕ]۔ ووڈِ دِنٛچ ژادر۔

**ڈُسٹھے۔** م۔ مۆل : ڈُسٹھے]۔ پان ہتھر ژراوُن، شوٚنگ ژراونی۔ (وَرگہٕ پاٹھی) بیچھ وُنی سُند ڈامب، ٹکھر۔ چانٛگہٕ۔

**ڈُسٹھے ژراونی / لاگنی۔** پان پتھر ژراوُن۔ ووٚلہِ مارس پیٹھ روزُن۔ چانٛگہٕ لاگُن۔ ڈامب ژراوُن۔

**ڈُسٹھے ژراوِتھ بِہُن۔** وُچھو "ڈُسٹھے ژراونی"۔ (وَرگہٕ پاٹھی) ہِتھے پاٹھی ڈامب لاگِتھ روزُن۔

**ڈُڈ۔** ن۔ مۆل : ڈُڈ]۔ یُس پرژھنہٕ کارنہٕ سالُس آمُت آسہِ۔ بٔنہٕ سالی۔

**ڈُڈٕگی۔** ڈُڈٕ سُند ہیوٚہ طور طریقہٕ۔ بٔنہٕ منٛدچھ پاٹھی سالس یُن۔

**ڈُسہٕ۔** مۄل : ڈُس < م۔ بنگالی : ڈھسا ]۔ بیٛنھوال۔ آٗلتٕری۔ کامہٕ ژُور۔

**ڈُسُر۔** سُہ شُرٕ یُس بڑٕ آسہِ دٕراہِش، یِدٕ پھوکھ آسہِ۔

**ڈُکرُن۔** ن۔ مۄل : ڈُکرن ]۔ اۄگُن تیز راوُنہٕ یا پٮ۪ٹھ سیٚخ یا ژُرُن۔

**ڈُل۔** ن۔ مول : ڈُل ]۔ وُسے بیتَرِ چھلنہٕ باپتھ اَکھ گُلہِ کھوٗل ژُگی دار بانہٕ۔

**ڈُلی بَرٕنی۔** بٹَن ہُنٛد اَکھ رٕسم یَتھ مَنٛز تِم پھاگُنہٕ گٹہٕ پٮ۪چھہٕ کاٗش دٕہہ سہِ بارٕوٕن ہِندِ ناوِ اَکھ ڈُلِس مَنٛز پوش بیتَرِ بَران چھہ۔

**ڈُلی پٕرٕاٗپُن۔** ہیرٕژ دٕہہ ڈُلِس مَنٛز تھوٗنہٕ آمٕتۍ دیٖرٕ ہِنٛدی ناوِ کھینہٕ باو۔

**ڈُلی گٕرٕژھنی۔** (وٕرگہٕ) بوچھہٕ سیٚٹھی یِدٕکھن گٕرٕژھنی، سیٚخ بوچھہٕ لگٕنی۔

**ڈُل پۄزُن۔** بٹَن ہُنٛد اَکھ رٕسم یَتھ مَنٛز تِم ہیرٕژ ہِنٛدِ دٕہہ ڈُلِس پۄزاکران چھہ۔

**ڈُلاٗے۔** م۔ مۄل : ڈُلاے < ہ : ڈھلائی ]۔ ساماںہٕ (خاص کٔرِتھ لٔداوٕ باپتھ) سارِنٕے کامہٕ یا مۄزوٗرِ۔

**ڈُرُج۔** ۱۔ لوکُٹ ڈُل۔ ۲۔ (ہٕزلہٕ پاٹھی) سُہ ٹوٗپ یَتھ کھرٕوب آسہِ گوٗمُت۔ ۳۔ گرٕ یُس پاٹھی کُنہِ کُنہِ اَنٛگریٖزی ٹوٗپہِ ترٕوٗنان۔

**ڈُلہٕ۔** ن۔ مۄل : ڈُل < پراکرت : ڈُلہٕ/س، دولہٕ ]۔ ۱۔ گول کٔنی بیتَر یوٗسہٕ وٕلکٕنۍ کھینیہ۔ ۲۔ ترٕبرٕ وٕلکٕنۍ کھیتھ تھٕزرٕ پٮ۪ٹھ وٗسہٕ۔ وٕلکٕنۍ کھیتھ وُسی پیٚنٛیچ حالتھ۔ ۳۔ ہٕگر۔ پٔیر۔ ۴۔ اَکہٕ قسمُک مۄٹ ہٕشرٕ کوٗر۔

**ڈُلہٕ تٕرٕاوُن۔** ۱۔ (تھٕزرٕ پٮ۪ٹھٕ) وٕلکٕنۍ کھیوان بوٕن ترٕاوُن۔ ۲۔ (وٕرگہٕ پاٹھی) اَکُنہٕ ماٗلس زٕانٛہتھ مانٛہتھ زیچھہٕ دِیُن۔

**ڈُلہٕ ژٕھنُن۔** وُچھو "ڈُلہٕ تٕرٕاوُن" مانےٚ۔

**ڈُلہٕ کوٗٹ۔** موقہٕ وُچھتھ پننہٕ غرضہٕ باپتھ طریقہٕ بدلاوَن وول۔ موقہٕ پرست۔

**ڈُلہٕ کوٗٹ ترٕاوُن۔** گوٗش دِیُن۔ ڈُل کاوٕلاگُن۔

**ڈُلہٕ کوٗٹ لاگُن۔** موقہٕ وُچھتھ پننہٕ غرضہٕ خاطرٕ طٔریقہٕ بدلاوُن۔

**ڈُلہٕ گٕرٕژھُن۔** ۱۔ وٕلکٕنۍ کھیوان کھیوان پننہٕ جایہٕ پٮ۪ٹھٕ ڈُلُن یا پیٚیوٗن۔ وٕلکٕنۍ کھیتھ تھٕزرٕ پٮ۪ٹھٕ وٗسُن۔ ۲۔ ہیٚٹھ لگٕنی۔ گال کھاتُس گٕرٕژھُن۔ ۳۔ اَکھ گیٖرٕ ڈُلہٕ۔

**ڈُلہٕ گٕن/گوٗن۔** ن۔ مۄل : ڈُلہٕ گٕن < س : دولہٕ+گنہ ]۔ ۱۔ پٕتھرس پٮ۪ٹھٕ یا بٕسترس مَنٛز) تھٕرٕ مٕنٛگ۔ وٕلکٕنۍ۔ لٕرٕ پھیشٕر۔ لٕرٕ پھِرُن۔ ۲۔ (وٕرگہٕ پاٹھی) ڈاپچھہٕ۔ پان ترٕاوُن۔

**ڈُلہٕ گٕن دِیُن۔** ۱۔ پٕتھرس پٮ۪ٹھٕ وٕلکٕنۍ دِوان دِوان اَکہٕ جایہٕ پٮ۪ٹھٕ بیٚیِس جایہٕ گٕژھُن۔ تھٕرٕ گٕن دِیُن۔ ۲۔ تھٕرٕ گٕن دِتھ ڈُبہٕ پھیرُن۔ ۳۔ (وٕرگہٕ پاٹھی) وادٕ لِنٛشہٕ ڈُلُن۔ وادس

پھیرُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) کاہ بارَس
بٕیہ زٕو اَژُن۔

**ڈُلہٕ ناوُن / ڈُلہٕ وُن۔** ن۔ مۄل: ڈُلہٕ ناو < س: دولہ ]۔
۱۔ (کپل یا کوٹ بیتر) پیٹھِس پیٹھ لرٕ پھرٕ
پھری پکہٕ ناوُن۔ دکہٕ دی دی کھکھر
پکہٕ ناوِتھ وُلگٕنُن کھیاوناوُن۔ ۲۔ بالَس
یا لبرَس بیتر ڈُلہٕ تراوُن۔ ۳۔ (نٔیشٕد یہٕ
ہوت گوزناونہٕ باپتھ) اور یور پھرناوُن۔

**ڈُلنہٕ دِنۍ۔** ۱۔ ڈُلہٕ گُن دیُن۔ لرٕ پھرُن دیُن۔ ۲۔
ڈاپھ تراوُنۍ۔

**ڈُلنگ۔** ن۔ مۄل: ڈُلنگ ]۔ ڈاپھ۔ آرام۔

**ڈُلُن گژھُن۔** اَڈٕ لیوک گژھُن۔ ناٹھ پیاو گژھُن۔
اَنتھ گژھُن۔

**ڈُلوم** ن۔ مۄل: ڈُلام < وُچھو۔ ڈُلہٕ ]۔ گول
آرشکلہِ۔ م: ڈُلام۔

**ڈُلی بزاَر۔** نُل۔ دوکھہٕ۔ اَچھن کُچھ۔

**ڈُلی بزاَر کرٕنۍ۔** وُنیُب کرِتھ پھش لدٕ کرُن۔
اَچھن کُچھ ژھٕنُن۔

**ڈُلی بزاَر گژھنۍ۔** پھرٕنۍ۔ ظوان نہٕ روزنہٕ کِنی
گُنہٕ نِشہٕ پھش لدٕ گژھُن۔

**ڈُم ڈُم۔** ن۔ مۄل: ڈُم ڈُم < س: ڈِنڈِمہ ]۔
۱۔ نگار۔ ڈول۔ ۲۔ ڈولُچ یا نگارُچ
آواز۔

**ڈُنگ۔** م۔ مۄل: ڈُنگ ]۔ آلبَس مَنز
دیُنمُت دَم۔

**ڈُنگ دِنۍ۔** (وَرگہٕ) کھٹہِتھ روزُن۔ ژھپہٕ دِنۍ

**ڈُنگل۔** ۱۔ ڈُنگ دِنہٕ وول۔ ۲۔ یُس آلبَس
گوُمُت کانہہ چیز دَم دِتھ کھار۔ ۳۔ یُس
واریاہس کالَس آلبَس تَل روزِتھ ہیکہِ۔

**ڈُنگہٕ۔** ن۔ مۄل: ڈُنگ < پراکرت: ڈُنگی،
ڈُونگھ ]۔ زہٕ ہٹھ ڈیچھ کرِتھ ناویہٕ
سٕتۍ یُس بیتر گژھن والین کرایہ پیٹھ دِنہٕ
یوان چھے تہٕ یمِتھ مَنز تِم رُنان کران تہٕ چھہِ۔

**ڈُنگہٕ ہاَنز۔** ڈُنگہٕ وول یُس کرایہ پیٹھ ڈُنگہٕ دِیہِ۔

**ڈُو۔** ن۔ مۄل: ڈُو < س: دھو ]۔ ۱۔ لرٕژھل
پھش۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) پھنڈٕرۍ۔ پھش۔

**ڈُو دیُن۔** پھش اَنُن۔ تباہی کرٕنۍ۔ یکدَم
سَربَسَر ہیتھ ژٕلُن۔

**ڈُو لگُن۔** ۱۔ پھش پھیرُن۔ سَربَسَر غائب
گژھُن۔ ۲۔ کانہہ چیز سخ مَنگ آسنہٕ
کِنی نایاب گژھُن۔

**ڈُوٕنۍ۔** م۔ مۄل: ڈُوٕنۍ < وُچھو: ڈُوُن ]۔
۱۔ لرٕژھج۔ لوکٕٹ لرٕژھل۔ ۲۔ پھشنہٕ کون۔
پھنڈٕرۍ۔

**ڈُوٕنۍ دِنۍ۔** سورے ہیتھ ژٕلُن۔ پھش اَنُن۔
نابوٗد کرُن۔ تباہی کرٕنۍ۔

**ڈُوٕنۍ لگٕنۍ۔** پھش پیُن۔ ڈُو لگُن۔

**ڈُوُن۔** ن۔ مۄل: ڈُو < پراکرت: دھونَہ۔ س: دھونکہ
۱۔ (لرٕژھلہٕ بیترِ سیٹھی) پھش دیُن۔ ژھوٕ ٹھ
بیترِ لرٕژھلہِ سیٹھی وٕٹُن، تلتھ نیُن۔

۱۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) سوٗرٕ ے کیٚنہہ ہیتھ ژُلُن۔
ژُھہتھ نیٚش۔

**ڈُوٗن پھش۔** پیٚنٹھو پیٚنٹھو دِنہٕ آمُت لَژھلہٕ سِتۍ پھش۔

**ڈوٗرٕ ۱** ن۔ مۆل: ڈور]۔ لوکُٹ زمیٖنہٕ ژُکُل یتھ اَندر سَبزی یا پوش بیٚتر وَوان چھہ۔

**ڈوٗرٕ ۲۔** م۔ مۆل: ڈور < س: ڈور۔]۔ وٹھنہ یا وۆنِتھ بناوِنہٕ آمِژ ستھرو رَزیٚن ہِ سِتۍ بیٚزار گنڈان چھہ۔

**ڈوٗرٕ ۳۔** م۔ مۆل: ڈور < س: ڈورَ]۔ ۱۔ پھوٗس یا کانگر بیٚتر نیٚچہٕ ری کٔنی کھارنہٕ آمُت کانِن ہُنٛد حاشیہ۔ ۲۔ (ژادر بیٚتر ہُنٛز) گنڈی۔

**ڈوٗری خاصہٕ۔** زاوِجہ مُلماہ ہُنٛز دَشہٕ دار پوٗژ۔

**ڈوٗگری۔** ڈوٗگرن ہُنٛز زبان۔

**ڈوٗگرٕ۔** ن۔ مۆل: ڈوٗگر < ؟ س: دُوِ + گرتہ]۔ جیٚمی علاقُک اَصلی باشِنٛدہٕ۔ م: ڈوٗگرانی۔

**ڈوٗلکو۔** م۔ مۆل: ڈولکہ < ہ: ڈھولکی < س: ڈھولیکا]۔ اَتھہٕ سِتۍ وایَنک لوکُٹ ڈول۔ اَکھ ساز۔

**ڈوٗلہٕ۔** م۔ مۆل: ڈوٗلی < س: دولِکا]۔ (یِژ پاٹھۍ نہرِ ہِنٛد باپتھ) اَکھ قٕسِم پردہٕ دار سَواری یُس نہ کھُن پیٚٹھ تُلنہٕ یوان چھیٚ۔ زنانیانہٕ۔

**ڈوٗلہٕ کہار/کہٲر۔** ڈوٗلی کھَن پیٚٹھ تُلن وول۔

**ڈوٗلی وانگُن۔** (وَرگہٕ) ژھوٹیٚنگ یُس جِٹہٕ گوٗر آسہٕ۔

**ڈوٗمب۔** ن۔ مۆل: ڈوٗمب < س: ڈوٗمبہٕ]۔ ۱۔ اَکھ ذاتھ یوسہٕ وُستہ پایہٕ مانِنہٕ اوس یوان۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) کم ذاتھ۔ ۳۔ گامس مَنٛز گیٚپن رَچھن واٲلس نہ وَنان۔

**ڈوٗمبا جینٛجیٖر۔** اَکھ شُرِ کھیل۔

**ڈوٗمبا جینٛجیٖر صاحبو تیار۔** وَنِہ لَس تہٕ کرلَس نہٕ تٲرِ ے نَشَوِنہٕ۔ تہٕ ڈیٚشِتھ گوٗ کام موکلاوِنس نہٕ تٲرِ ے دِنی۔

**ڈوٗمبہٕ جینٛجیٖر۔** (وَرگہٕ) یُس گرٕ پیٚتھ گرٕ پھیٖران آسہٕ یُس سارِنٕ ہِنٛزٕ سِرٕ خبر آسہٕ یُس سارِنٕ ہِنٛدِن رازَن واقِف آسہٕ۔ م: ژَنلہٕ واژٕ۔

**ڈوٗمبہٕ دیٖگُل۔** (ہزلہٕ) بڈ لیٖچہ یتھ اَندر وارِیاہ چیٖز اَکھ اَکس پیٚٹھ سُتِتھ رَنِنہٕ ین۔

**ڈوٗمبہٕ ڈگُر۔** (وَرگہٕ) ژوٗرن تہٕ ژھپن ہُنٛز موٗنٛدِ چھ۔

**ڈوٗمبہٕ شُرٕ ہِن کھوٗ کہٕ بڑاری۔** تہٕ ڈیٚشِتھ گوٗ لَس روب تھوٗن یُس نہٕ وہِشرانٕ آسہٕ۔ بنٕ فاپُرک روب ہِ داب۔

**ڈوٗمبہٕ کھٹ۔** (وَرگہٕ) کھوٗر۔ رُزیلہٕ۔

**ڈوٗمبہٕ کانگر۔** بڈ کانگر یتھ وارِیاہ ژِنہٕ واتَن۔

**ڈوٗمبہٕ گی / ڈوٗمبل۔** < وُچھو ڈوٗمب] ڈوٗمبہ سِنٛدی ہی اَطوار تہٕ کرتو نہ۔

**ڈوٗن۔** ن۔ مۆل: ڈوٗن < س: دردَنہ]۔ اَکھ گوٗلر دار میوٕ۔

**ڈوٗنی گوٗر۔** ۱۔ ڈوٗنی کٔنجہٕ ہُنٛد دَل۔ ۲۔ ڈوٗنچ

پیٹھ الہِ چالہِ گنڈ۔

**ڈوٗنی ہچہٕ کام۔** ڈوٗنی لکرِ پیٹھ نقش بیترِ کھنہٕ ییٚنہ کام۔ وُڈ کاروِنگ۔

**ڈوٗنی ہٹ۔** ڈوٗنی کُلیہ لکرٕ یتھ میز کُرسی بیترِ بناوان چھ۔

**ڈوٗنگس وچھگس۔** (وَرگہٕ) ٹلہ کھکھر۔

**ڈوٚب۔** مۄل: ڈوٚب < دمُ۔ پنجابی۔ ڈبا۔ ہ: دھبا]۔ ٹیٚنچہٕ ہور۔ یتھ بچہٕ بچہٕ ٹیٚنچہٕ ہشہٕ آسن۔

**ڈوٚچ۔** ن۔ مۄل: ڈچ < دمُ، ہ: مراٹھی۔ ڈوکرا]۔ ڈوچُر۔ کمبرٕس ژامُت ڈوکھ۔

**ڈوٚچ تژاوُن۔** کمبرٕس ڈوکھ ژاُن۔ وُچھو "ڈوچُر تژاوُن" تہٕ۔

**ڈوٚچ ڈوٚچ کرُن۔** کنگان لسان بکُن۔ پڈُر پڈُر دیُن۔ ڈوچُر ڈوچُر دیُن۔

**ڈوٚکھ ۱۔** ن۔ مۄل: ڈوکھ < وُچھو۔ ڈُچھ]۔ ۱۔ سُہ چیز یتھ سیتۍ تھٔر دِنہٕ یِیہ۔ بوٚڈ شا ٹُند گوٚنڈ۔ ٹیکہٕ یہٕ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پانٹھی) مَدتھ۔ اَتھٕ روٗٹ۔ ۳۔ (کانٛسہٕ ہُند) آسرٕ۔ سہارٕ۔

**ڈوٚکھ دِتھ بِہُن۔** ۱۔ (وَرگہٕ) بے کار بِہُن۔ نرٕ ترٕ ڈٕتھ بِہُن۔ ۲۔ سارِ بے فکرِ موٗ کلتھ دوشو کَڈُن۔

**ڈوٚکھ ۲۔** ن۔ مۄل: ڈکھ]۔ گاسہٕ پنٛتیج یوٚسہٕ شکارِ یا بہاژِ بیترِ ژھیدنس تژاوان

چھہٕ۔ ناوِ ہُند ژھیدُن۔

**ڈوٚمب۔** ن۔ مۄل: ڈمب < س: ڈِمبہ]۔ ۱۔ میادِ۔ اَنٛٹہٕ واتنہٕ بیترِ۔ بوس۔ ۲۔ اولاد۔ شُر۔

**ڈَمبیگ۔** یِیانس زامُت اشر۔ یُس نہٕ مُنگتہٕ یا دور آسہٕ۔

**ڈوٚمبی پھپل / ڈوٚمبی پھپل۔** سُہ شُر یُس مالِس ماجہِ ہِ واتناوِ۔ (وَرگہٕ) کوٚ پھیٚپل شُر۔ رُذپلہِ شُر۔

**ڈوٚمبہ دود۔** شُرۍ سٕنٛز رہمہٕ۔ (ماجہ ہنٛز) مالے۔

**ڈوٚمبی ژُپہ / ڈوٚمبی ژُپہ۔** (وَرگہٕ) اولاد۔ شُر۔

**ڈوٚمبی کلپیٚش، ڈوٚمبی کلپیٚش۔** ڈوٚمب تہٕ اَنٛدرم بیترِ۔ نوٚہ تہٕ ڈوٚمبہ شرٕ۔

**ڈوٚمبی (ڈوٚمبی) وِیرکلہٕ گژیر۔** تہٕ ڈیچھ گو شُرۍ ہنٛد مارٕنہٕ چھہٕ کم تکلیف بَرداش پیوان کرنی۔

**ڈوٚمب پھاٹہٕ وُن / گڈُن۔** ۱۔ ییڈ پھٹتھ تمہٕ منٛز اَنٛدرم بیترِ کڈنی۔ ۲۔ (وَرگہٕ) سیٚخ لایُن۔ دگہٕ مار کرُن۔

**ڈوٚمب چھلُن۔** (وَرگہٕ) کانٛسہٕ نشہِ کیتہ کڈنی۔ کیتہ کنتہٕ منٛزے کانٛسہٕ نشہٕ سیر کڈُن۔

**ڈوٚمبی کانٛل / ڈوٚمبی کانٛل۔** دولہٕ کرٕیمہٕ پٔتسس تل وُتھرٕہن پیٹھ لاگنہٕ یوان چھٹے۔

**ڈوٚنڈ۔** ڈَبہ ہُند یا ٹاوُرک جنگلہٕ۔

**ڈوٚنڈوٗر۔** ن۔ مٲل : ڈوٚنڈوٗر (ہ : ڈھنڈورا]
۱۔ پارٕے۔ ۲۔ نگارٕ یِتھ پارٕے دِنہٕ وِزِ
ژٕنڈ کٔڈان چھِ۔ ڈُم ڈُم۔

**ڈوٚنڈوٗر دیُن۔** پارٕے دِنی۔ نگارٕ واٚے
واٚے اعلان کرُن۔

**ڈوٚنگ۔** ن۔ مٲل : ڈوٚنگ ]۔ ۱۔ چوٗکی۔ تھزٕرس
بیٚہنہٕچ جاے۔ ۲۔ گاٚنٛچ جاے۔ ۳۔ کٔلس
بیترِ پیٹھ بنٲومُت چوٗکی ہِش یِتھ پیٹھ
بِہِتھ کھٔلس بیترِ رٕٹِتھ روزان چھ یا
یِتھ پیٹھ کھٔسِتھ شیٖکارٕ شیٖکار کران چھُ۔

**ڈٔنگی سۄہہ۔** ۱۔ (وَرگہٕ) یِنہٕ جایہِ بِہِتھِے بُہودٕری
تھٔپکن وول۔ مٔلہٕ تلہٕ بُزدِل۔ مُ:
گرغٕنٹٕ۔

**ڈوٹھ۔** ن۔ مٲل : ڈوٹھ ]۔ شِشرِ سٟتۍ لٔگِتھ
گامتین رٔدِ قطرٕن ہِنٛز جرٕی۔

**ڈوٗٹھی گژھُن۔** ۱۔ فصل یا میوٕ بیترِ ڈوٹھ
پینہٕ سٟتۍ خراب گژھُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ)
میٚہنتھ ضایہٕ گژھنی۔ میٚہنتس نہٕ
مۄزوٗری بنٛنی۔ کٔرِتھ کٔرٲوِتھ راوُن۔

**ڈوٹھہٕ چھوٗل ہیوٗہ۔** (وَرگہٕ) یُس ژٔھری کٔنِہ
بیٚہِتھ تھوٚد گژھہ وٕتھی وٕتھی۔ یُس جٔل
شرارتھ کھٔسِہ۔ یُس اَگادِ گژھہ۔

**ڈور۔** ن۔ مٲل ، ڈور (مُ۔ ہ ؛ ڈورا ]۔
سۄہ زمیٖنہٕ دٔرج یِتھ تٔنٛسٕر آسنہٕ کِنہٕ
آب سمان آسہٕ۔

**ڈورٕ۔** ن۔ مٲل ، ڈور (س ، ڈورٕ ]۔
۱۔ مۄٹ پَن۔ ۲۔ یونہٕ۔ یونہٕ ہیوٗہ مۄٹ
پَن۔ ۳۔ بِسلایہٕ ہِنٛزٕ پَن۔ ۴۔ پَن یِمہٕ
سٟتۍ گانٛٹہٕ بٕرارِ ترٲوان چھِ۔

**ڈورٕ ترٲوُن۔** ۱۔ گانٛٹہٕ بٕرارِ پَن ترٲوُن۔ ۲۔
(وَرگہٕ پاٹھۍ) کانٛسہِ پھساوُنہٕ باپتھ آیہٕ
گژھایہٕ کرٕنہٕ۔ ڈور ترٲوُن۔

**ڈورٕ دیُن۔** ۱۔ رزٕ یلہٕ ترٲوِنی۔ زیٖٹھ رز
ترٲوِنی۔ رزٕ نہٕ چارِتھ رٔٹنی (گانٛٹہٕ
بٕرارِ بیترِ) ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) یلہٕ گی تھٲونی۔
موقہٕ دیُن۔ پرخاش نہٕ کرُن۔ رز
ڈیٖنچ ترٲوِنی (پھساوُنہٕ باپتھ)۔

**ڈورٕ کانۍ۔** م۔ مٲل : ڈورٕ کانی ]۔ راتہٕ موٚغلہٕ بیٚنٛز
مادٕ۔ راتہٕ موٚغُج۔

**ڈوز** ن۔ مٲل : ڈوز (انگ : ڈوز (Dose)]۔
دَوا خوراک۔ دَوا ڈٔنگ۔

**ڈول ۱۔** ن۔ مٲل : ڈول (ہ : ڈول ]۔ ۱۔
گرٕنی۔ گرٕتھ۔ بناوٹ۔ ۲۔ چال۔ آے۔
طریقہٕ۔ انداز۔

**ڈول دار۔** یِتھ جان گرٕتھ یا بناوٹھ آسہٕ۔
یہٕ یا یُس شکلہِ کِنہٕ جان باسہٕ۔

**ڈول ۲۔** ن۔ مٲل : ڈول (س : ڈھولَ ]۔
وایِنٛگ اَکھ ساز۔ بٔستہٕ لٲگِتھ اَکھ ساز
یُس لورِ سٟتۍ وایان چھِ۔

**ڈول ۳۔** ن۔ مٲل : ڈول (س : ڈھولہٕ ]۔

مکہٕ۔ تولہٕ وور۔ کرٛیرِ مَنٛز آب کھارنک بانہٕ۔

**ڈولہٕ ناوُن۔** ن۔ مۆل : ڈولہٕ ناو < س : دولایتم
۱۔ کنہِ اِستیمالس نہٕ لاگُن۔ کانٛہہ کام نہٕ ہیٚکنی۔ چیٖزس بیتھرِ بےٚ قدری کرٛناوٕنی (کُنہِ کامہِ نہٕ لاگِتھ) ۲۔ پرٛارناوُن۔

**ڈولُن۔** ن۔ مۆل : ڈول ]۔ ۱۔ سترٛوگ آسنہٕ کِنہٕ بےٚ قدری گژھنی۔ کُنہِ بارسس نہٕ اَنٛنہٕ یُن۔ ۲۔ مالکھ نہٕ لاگنہٕ کِنی بےٚ کار روزُن۔ اَتی روزُن۔ ۳۔ کھانٛدرٕ دادِ روٗزِتھ گرٛژھن کھانٛدر نہٕ بنُن۔

**ڈولنہٕ۔** ن۔ مۆل : ڈولن < س : ڈھولہٕ ]۔
۱۔ ڈولہِ چالہِ بناونہٕ آمُت اکہٕ قسمُک وَس یُس رَزِ کرِتھ ہٹس الونٛد ترٛاونہٕ یوان چھُ۔ ۲۔ تاٖو پرٛس گرٛنہٕ آمُت ڈولہِ چالہِ روچھہ بیتھرِ داتو گرِ یُس رَز کرِتھ نالہِ ترٛاوان چھُ۔

**ڈولنہٕ مال۔** رَز کرِتھ وارِیاہ ڈولنہٕ یم نالہِ ترٛاوان چھِ۔

**ڈونہٕ۔** ن۔ مۆل : ڈون < س : دروٗنہ ]۔
کھیل وُتھرِ بیتھرِ یتھ کیٖتھ کھینہٕ چیٖز رٹان چھِ۔

**ڈونٛگ۔** ن۔ مۆل : ڈونٛگ < ہ : ڈھونٛگ ]۔
اَپُز ہاوباو۔ دوکھہٕ دِنہٕ باپتھ نیٚبرِ بُم بجر یا کھنٛڈ۔

**ڈونٛگہٕ۔** ن۔ مۆل : ڈونٛگ < س : درونٛگہٕ/
پرٛاکرت : ڈونگی ]۔ رِکابہٕ چالہِ اکھ بانہٕ یتھ اَنٛدرٕ رنٛنہٕ سیٚتھ بیتھرِ تھوان چھِ۔

**ڈوٚچُر۔** ن۔ مۆل : ڈوٚچُر < وُچھو : ڈوٚچ ]۔
ڈوٚکھ۔ ہَجَر (کمبرس بیتھرِ)۔ کوٚب۔

**ڈوٚچُر۔** ن۔ مۆل : ڈوٚچُر < وُچھو۔ ڈوٚچ ]۔
۱۔ ڈوٚکھ، ہَجَر (کمبرس بیتھرِ)۔ کوٚب۔
۲۔ کمبرس ڈوٚکھ آسنہٕ کِنی دارٕ وارٕ پکُن۔

**ڈوٚچُر ترٛاوُن۔** ۱۔ ڈوٚکھ دیُن۔ ۲۔ کانٛہہ بیٚہتھ آسِتھ تھوٗتھ پانہٕ لوٚب کُن بہُن۔

**ڈوٚچُر ترٛاوِتھ بہُن۔** ۱۔ کمبرس کوٚب تُلِتھ لمباسہ دیُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) کُنہِ کامہِ بیتھرِ نِشہِ لوٚب ہیوٚن۔ ۳۔ بےٚ فِکرِ لاگُن۔

**ڈوٚچُر ڈوٚچُر دیُن۔** ۱۔ کوٚبی سٕندی پاٹھی پکُن۔ ۲۔ وارٕ وارٕ پکُن (سٕنٛخ تھکنہٕ کِنی)۔ ۳۔ کُنہِ کامہِ بیتھرِ اوٚری زیرا دِنی۔

**ڈوٚڈ۔** ن۔ مۆل : ڈوٚڈ < س، دوٖ + آردھ ]۔
اکھ تہٕ اوٚڈ۔

**ڈوٚڈِ گرٛژھن۔** < ڈوٚڈہ (اکہِ قسمُک ناو) ]۔ (وَرگہٕ) راوُن ہیوٚہ۔ کہنی نہٕ تگُن یا فِکرِ ترُن۔ وَتہٕ راوُن۔ دَربدرٕ گرٛژھن۔ داران گرٛژھن۔

**ڈوٚہیر۔** ۱۔ دال ڈورِن مَنٛز اکھ کیٖمی ذاتھ۔ ۲۔ سوکٹہٕ یُس یُڈ ہیوٚ کھ آسہِ۔

**ڈوٚسُر۔** ن۔ مۆل : ڈوٚسر ]۔ ۱۔ بنٛڈ۔ کھروٚب۔
۲۔ کوٚب۔

**ڈوسراژُن ۔** ۱۔ ہُٹھ اَژُن ۔ کھرُوپ اَژُن ۔
۲۔ کوٗب نیرُن ۔ کمبر دوٗگن گژھن ۔

**ڈوکر ۔** م ۔ مول : ڈوکر ] ۔ ترکیبن ہا یتیمہ ہتی کام اَڈوٗتی روزِتھ گژھِو ۔ ٹھونٹھ ۔ رُکاوٹھ ۔ یتیمہ سیتنو وَتی ڈوکر ۔

**ڈوکر کرُنی ۔** وَتی ڈوکراوُن ۔ ٹھونٹھ اُنہ اَڈوٗتی روزِتھ کرُن ۔

**ڈوکر گژھنی ۔** اَڈوٗتی روزِتھ گژھن ۔ کامیابی نِشہِ محرُوم روزُن ۔ ناکام گژھن ۔

**ڈوگر ۔** ن ۔ مول : ڈوکر ] ۔ وُچھو دوگر ۔

**ڈوگر ڈوکر دِیُن ۔** وُچھو "ڈوچر ڈوچر دِیُن" ۔

**ڈوکُن ۔** ن ۔ مول : ڈوک < وُچھو ڈوکھ ] ۔
۱۔ ڈوکھ اَژنی ۔ ہوٗل گژھن ( بانہ بیتر ) ۔
۲۔ چھونُن ۔ کم گژھن ۔ ۳۔ اَڈوٗتی روزُن ۔ پُوُرہ مقامس نہ واتُن ۔ ۴۔ شہ ڈوکیو وتی ۔
۴۔ کانہہ کام پوٗرہ کرنس منز ناکام گژھن ۔

**ڈوکھ ۔** م ۔ مول : ڈوک < م ۔ مراٹھی ، گجراتی : ڈوکرا ] ۔ ۱۔ ہُٹھ ، کھرُوپ یا وَر (بانس بیتر ) ۲۔ کمبرس بیتر گومُت ہیچر ۔

**ڈوگری کل ۔** کھس اَندر آبہ کھوٗڈن ہند کل یُس پاش زمینہ تراوان چھ ۔

**ڈوگرا ۔** ن ۔ مول : ڈوگر ] ۔ ۱۔ ژور زنگہ ترِتھ ہیچو یا کنیو ساماُنہ ہیتھ اَندر پَن پھیرنہ بانِنھ پرُوت تھوان چھ ۔ پرژ تھونگ ساماُنہ ۔ ۲۔ پاٹی گوژ پیپھ گرٹھ تار وَلنیچ مشین ۔

**ڈوگری ۔** ن ۔ مول : ڈوگر ] ۔ ۱۔ پاری مہراگر ہیوہ ہُبھ کرِتھ ۔ ہُبھ بوٗرت ۔ یُس نہ ہُبھ کنہ زاوٗیل آسہ ۔ ۲۔ ژھوٹ تہ موٹ کتیر

**ڈوگرال ۔** ڈُلام تہ ویُٹھ پوٹھ اَل ۔

**ڈوگر مونجہ ۔** ویچھر مونجہ ۔ ہاکہ موٗنجن ہُند اَکھ قِسم ۔

**ڈونڈ ۔** م ۔ مول : ڈونڈ < س ۔ تُنڈ ] ۔ ۱۔ بُتھنیک اَکھ طرف ۔ بُتھنیک اَکھ پاس ۔
۲۔ بُتھ ۔ روے ۔

**ڈیبجر ۔** ۱۔ ڈیوٗل آسُن (اگنہ وغیرہ بیتر) محکم نہ آسُن ۔ ۲۔ کامہ کارس نرم تہ ڈھیلہ آسُن ۔ سُستی ۔ اڈکاری بیتر منز) نرم آسُن ۔ لیس گی ۔

**ڈیبجر تراوُن ۔** ۱۔ [illegible] رٹُن ۔ ڈیلہ تراوُن ۔ ۲۔ کامہ بیتر اَندر کاہلی نرمی دَرتاوُنی ۔

**ڈیبجہ ہوٗر ۔** ن ۔ مول : ڈیبجہ ہر < وُچھو ڈیبجر ] ۔ سو وستہ یوس جوری بیتر گرِ اَکھ بٹنس کنہ لانز چھنے آسان ۔

**ڈیلیگیٹ ۔** مول : ڈیلیگیٹ < انگ : ڈیلی گیٹ ؛ DELEGATE ] ۔ اَکھ مجلِسہ بیتر باپتھ زارِنہ آمُت نمایندٕ ۔ مندوب ۔

**ڈینمو ۔** ن ۔ مول : ڈینمو < انگ : ڈے نیمو ۔

ڈیمہ - [DYNAMO]۔ اکھ قسمہ مشین یا
آلہ یمہ پیٹھ بجلی ہنز لہر ووتھان چھے۔

ڈیر - ن۔ مؤل : ڈیر < م - ہ : ڈھیر ]۔ امبار۔
لعد۔ واریاہن چیزن ہنز کھائ، چیزن بنہ
ہش۔ اکھ اکس پیٹھ کھارتھ واریاہ
چیز۔

ڈیر گژھنی۔ واریاہ چیز سمنی۔ امبر کھسنی۔

ڈیرہ - ن۔ مؤل : ڈیرہ < ہ : ڈیرا ]۔ ا۔ سوہ جاے
یتہ کانہہ عارضی پأٹھی روزِ۔ ۲۔ کرایہ مکانہ
بیتر۔ ۳۔ سوہ جاے یتہ سفرس منز
ٹھکھ دِزِ۔ ٹھکہ پتہ۔

ڈیرِ دِتھ بہن۔ کنہ جایہ ہٹھ لاگتھ، ڈیرہ
تراوِتھ ووتھنک نہ ناوے ہیون۔
کم ہے کالس بیہنک ہتھ رٹتھ پتہ
سہل سہل نہ وہ تھنے۔

ڈیرہ دِین / ڈیرہ تراوُن۔ ا۔ کنہ جایہ کم ہے
کالس روزنہ خاطرہ لوہ لشکر تراوُن۔
۲۔ پڑاو دِین۔

ڈیرہ ڈگہ - ا۔ سامانہ بیتریس ڈیرہ ڈیرہ پھیرن
والی پالس ستی تلان چھِ۔ ۲۔ گرگ
سوگاٹھ۔ گرچ گرویٹھ۔

ڈیرِ ڈیرِ پھیرن - گرِ پتہ گرِ پھیرن۔ (دزگرِ
پاٹھی) وُبالی آسُن۔ آوارہ پھیرُن۔
در ہدری کرنی۔

ڈیشُن - ن۔ مؤل : ڈیشں < س : درشن،

= درشن کرِ] وُچھن۔ بدِ کڈُن۔

ڈیل - م۔ مؤل : ڈیل ]۔ گاسبہ رز۔

ڈیلہ - ن۔ مؤل : ڈیل < ہ : ڈھیلا < پراکرت:
ڈلہ ]۔ میٹر ترٹل۔

ڈیم - ن۔ مؤل : ڈیم < انگ : ڈیم DAM]۔
ذرِ۔ دری یا وس بیتر منز دِنہ آمت سۆتھ
یُس آب جمع کرنہ یا پیپ یتنہ رُکادنہ باپتھ
کھارنہ یوان چھ۔ م : باکرا ڈیم۔

ڈیٹن - ن۔ مؤل : ڈیٹن ]۔ ہلہ گنڈ۔ یکوٹتر
یِیمہ ستی ہوٗل گنڈان چھِ۔

ڈیٹن لاٹھ۔ تہ کیٹ ڈج یوسہ ہلس
گنڈنہ ییِہ۔

ڈینٹھ، دزینٹھ - م۔ مؤل۔ ڈینٹھ < پراکرت:
دِٹھ، س : درِشٹہ ]۔ نظر۔ بوزنہ ین۔

ڈینٹھن - < وُچھو ڈینٹھ ]۔ وُچھن۔ نظر گژھن۔

ڈینکلی - م۔ مؤل : ڈینکلو < ہ : ڈھینکلی ]۔
اکھ قسمک تول یِیمہ ستی کریہ منز آب
کھاران چھ۔

ڈہیٹھ - ہ۔ < پراکرت : دِٹھ ]۔ اکھ بزوٗنہ لوگ۔
واریاہ سیٹھا۔ م : ڈہیٹھ کوتاہ۔ ڈہیٹھ کر۔
ڈہیٹھ کر۔

ڈہیٹھ کر - کے حال۔ یِنہ سیٹھا کال گو۔

ڈہیٹھ کنہ - واریاہ کال بزوٗنہ۔

ڈہیٹھ گنی - ا۔ واریاہس وقتس۔ واریاہس
کالس۔ ۲۔ واریاہہ کالی۔

**ڈٖہِٹھ کوتاہ۔** سیٹھا ۔ دارِیاہ ۔ یٔتہٕ۔

**ڈٖہِٹھ کور۔** کٔنہٕ کور۔ سیٹھا دُور۔ م : دوہ ووت ڈٖہِٹھ کور۔

**ڈٖہِٹھ کیبا۔** ۱۔ پٔرنِتھ کیٚنہٕ ۔ سورُے ۔ ۲۔ ہرکانہہ ساری۔

**ڈٖیسک۔** ن۔ مٕول ؛ ڈٖیسک > انگ ؛ ڈیسک desk ]۔ اَکہِ طرفہٕ وَسہٕ وٕن ہیوٚہ صنوٗندوٗق چالہِ میز بیٚہتھ پیٹھ لیکھن وِزِ کاکز تھوان چھِ۔

**ڈٖیکتھ۔** م۔ مٕول : ڈٖیکتھ > ع : دِقۃ ]۔ کٔنہِ چیزُس روٗز بَرٕ کسر ۔ نوقص۔

**ڈٖیکہٕ۔** ن ۔ مٕول ؛ ڈٖیک > سٔ ۔ مراٹھی، ڈوکیں، گجراتی ۔ ڈوکوں ]۔ ۱۔ مُہمَن تہٕ برٕوٚنہہ مَستَس مَنٛز باگ ٹھُک حِصہٕ۔ ۲۔ (وٕرگہٕ) لون۔ نصیبہٕ۔ قسمتھ۔ ۳۔ خانہٕ دار ۔ برٕتھا رٕوٕن۔ ۴۔ سبٕدٕھ ۔ کامیابی۔ خوش قسمتی۔ ۵۔ (وٕرگہٕ) کٔنہِ تہٕ چیزُک برٕوٚنٹھُم حِصہٕ۔ یُتھ روے۔

**ڈٖیکی ڈٖیکی گرُن ۔** پٕوٚتُس یُتھ خوش نصیبی بنِہٕ۔ خوش قسمتھ آسُن ۔ جان نصیبَس ژھوہ دِنی۔

**ڈٖیکس وٕژہ لَدٕنی۔** ڈٖیکس گینہٕ کھارنہٕ ۔ (ناراضگی ظاہر کرنہٕ باپتھ) یُتھ لَدٕتھ بہُن ۔ یُتھ ژٕوٚکراوُن ۔ کٔنہٕ پیٹھ اوژرد یا ناراض گژھُن ۔

**ڈٖیکس پیٹھ ڈٖوٚنی پھٹرٕنی۔** زورٕ زبردستیہِ یُتھ بجر ماننہٕ ناوُن۔

**ڈٖیکس ڈٖیکس دِنی۔** قسمتس وُدُن ۔ بدنصیبی پیٹھ وُدُن ۔ ڈٖیکس ژٕنجہ دِنہٕ۔

**ڈٖیکس ژٕنجہ دِنہٕ ۔** سخ افسوس کرُن ۔ سخ پچھتاوُن۔

**ڈٖیکہٕ بوڈ۔** (وٕرگہٕ) خوش قسمتھ ۔ بجاتہٕ پارٕچا (اٰہی پاٹھی تہٕ وَنان) ۔

**ڈٖیکہٕ پیٹھک ٹِکہٕ۔** (وٕرگہٕ) یٔیمی سِنٛدِ سیتی شوٗب آسہٕ ۔ یٔزتُس لایق ۔

**ڈٖیکہٕ تاپھ۔** توٚت تاپھ یُس سیٚدٕ سیٚود ڈٖیکس پیٹھ پیٚیہٕ ۔ یُتھ تاپھ۔

**ڈٖیکہٕ ٹِکہٕ۔** اَکہِ وَسُتک ناوی یُس ڈٖیکس پیٹھ اٰلونٛد تراونہٕ یوان چھُ۔

**ڈٖیکہٕ ٹھُل۔** (ۂزلہٕ) بوٚڈ ڈٖیکہٕ۔

**ڈٖیکہٕ چارُن۔** ناراضگی ہاونہٕ باپتھ ڈٖیکس گینہٕ لَدٕتھ بہُن ۔ کٔنہٕ پیٹھ سخ ناراضگی ہاوٕنی۔

**ڈٖیکہٕ دَگ۔** (ووہو) پرٕنی دَگ۔ خانہٕ دار مرُنُک غم۔

**ڈٖیکہٕ دید۔** سوٕ یُس رُت بوگ آسہٕ ۔ یوٚہ سہٕ واٚریوٕ کٔنی بجا آسہٕ ۔ یُس رُت خانہٕ دار باگہٕ آسہٕ آمُت۔

**ڈٖیکہٕ رأنی۔** ۱۔ سوٕ یُس رُت خانہٕ دار باگہٕ آسہٕ آمُت ۔ یوسہٕ خانہٕ دارِ ژٕنگی خوش تہٕ خوشحال آسہٕ ۔ ۲۔ قسمتہٕ واجنی زنانہٕ۔

ڈکہٕ ژرٕنی ۔ (ورگہ) سۄ یوٚس ٹلی پٔتن بجرٕ تھنیکرٕ تھپکن تھاٲج ۔

ڈکہٕ سپدُتھ ۔ جان نصیبہٕ ۔ خوش قسمتی ۔

ڈکہٕ کھۄن ۔ ۱۔ (ورگہ) سجدٕ دِنی ۔ سخ عبادتھ کرٕنی ۔ ۲۔ (ورگہ) سخ عاجزی کرٕنی ۔ زارٕ پارٕ کرُن ۔

ڈکہٕ لوٚن ۔ ۱۔ قسمتھ ۔ نصیبہٕ ، تقدیرٕ قسمتس آسُن ۔ ۲۔ رۄن ۔ خانہٕ دار ۔

ڈکہٕ مُنٲر ۔ بد قسمتھ زنانہٕ ۔ سۄ یُس نہٕ جان رۄن آسہٕ ۔

ڈکہٕ نیرُن ۔ قسمتس پوٚرُن ۔ خوش قسمتی یِنی ۔

ڈُکک ۔ (ورگہ) قسمتک ۔ رِنی سٕند (رنزلہ پاٹھو تہٕ وُنان) ۔

ڈُکک بتہٕ کھیوٚن ۔ قسمتک بتہٕ کھیوٚن ۔ میٹھشر ورٲے گذارٕ چلُن ۔

ڈُلُن ۔ ن ۔ مۄل : ڈہل (پراکرت : ڈھلہ) ۔ ۱۔ (گنڈ بیترٕ) ڈیوٚل گژھُن ۔ پوٚرٕ پاٹھو نہٕ بنڈ روزُن ۔ بیہہ نہٕ روزُن ۔ ۲۔ بیمار گژھُن ۔ زُہ کنی نہٕ اوٚر روزُن ۔ ۳۔ (رتہٕ بیترٕ) جاے پاکہٕ دنہٕ وسی گژھُن ۔ ۴۔ لیٹرُن ۔ نرمُن ۔

ڈہمب ۱ ۔ ن ۔ مۄل : ڈہمب ] ۔ نمبل ۔

ڈہمبہٕ راد ۔ نمبلہٕ منز ہیرُون لوکٹ زمینہٕ ژکل (ییرچھ ورگوی پتیجن ہیٹھ میٹر

ڈہرتھ بناوُنہٕ یوان) ۔

ڈہمبہٕ ژکھ ۔ اکھ قسمُک گاسہٕ یُس دلدلہٕ زمینس کھسان چھُ ۔ ڈہمبہٕ گاسُک اکھ قسم ۔

ڈہمبہٕ شاج ۔ شالس ہیوٚہ اکھ ماز خور جانور ۔

ڈہمبہٕ گوٚگج ۔ گوٚگجن ہنٛد اکھ قسم یُس ڈہمبہٕ زمینس ووپدان چھُ ۔

ڈہمبہٕ ہاکھ ۔ ڈہمبہٕ گوٚگجن ہنٛدی وُتھر یِم ہاکھ پاٹھی رننہٕ یوان چھہٕ ۔

ڈہمبہٕ ہاٹُز ۔ ڈہمبن منز سبزی ووپدٲوتھ (ناوِ کیتھ) کنن وول ۔

ڈہمبہٕ ہتہٕ نذرین ۔ نہٕ ڈیٹھ گوٚ پننی مطلب پوٚرٕ کرنہٕ خاطرٕ بدلے ہتہٕ واتتھ پیٹوٚن ۔

ڈہمب ۲ ۔ ن ۔ مۄل : ڈہمب (س : ڈمبہ] ۔ ناو ہُنٛد منز یِم حصہٕ ۔ ناوِ ہنٛدس لبہٕ ژاکس منز باگک حصہٕ ۔

ڈہمبہٕ وٲر ۔ لوکٹ ناو یتھ کیتھ ڈل ہاٹز سبزی بیترٕ ساٲرتھ کنان چھِ ۔

ڈہم ڈہم ۔ ن ۔ مۄل : ڈہم ڈہم ] ۔ زیادہٕ سیتی یوان وسی وسی گژھنچ یا ڈبہٕ نچ حالتھ ۔

ڈیڈ ۔ ن ۔ مۄل : ڈڈ (س : دھرشٹہ] ۔ ۱۔ بےٚ شرم ۔ درٕیومُت ۔ ییٚمی زرٕو آسہٕ نوٚ دمُت ۔ ۲۔ تھپہ دِلس پیٹھ گنبد مُت ۔ ہیتھ زُلنس پیٹھ درٕیومُت ۔

ڈڈگی ۔ ڈیڈ آسُن ۔ بےٚ شرم آسُن ۔ درٕیومُت ۔ سنٛگنک نہٕ پرواے آسُن ۔

**ڈینڈ پیون۔** لوٹھ ووتھن۔ لوٹہٕ لوٹے گژھنی۔

**ڈینڈ لاگن۔** گنبجن۔ دُرن۔ زرو لدُن۔ پیٹھو ول لاگن۔ تھپہ پیٹھ روزن یا آسُن۔

**ڈینڈ منُن۔** تھپل اگا ڈگژھن۔ غنڈ پیون۔ لوٹھ گژھن۔

**ڈیوٹنگ۔** ۱۔ پنس بیترِ دٕژمت بوڈ گولہ ہیوٗہ۔ ۲۔ ٹھٹل۔ ۳۔ بوڈ پھسپھر۔ ۴۔ گیوڈ (آمن بیترِ ہند)۔

**ڈیوٹنگ وٹُن۔** ۱۔ پنس بیترِ بوڈ گولہ ہیوٗہ وٹُن۔ ۲۔ پھسپھر کھسُن۔ پھپل بنُن۔

**ڈیوب۔** ن۔ مول: ڈب < م۔ ہ۔ مراٹھی: ڈبرا]۔ بٔتھ ڈہم ڈہم گژھان آسہٕ۔

**ڈیوگ/ڈوگ۔** ن۔ مول: ڈینگ]۔ اوٗنگجہ ٹینٹرس کھٹرِ مِژ بستہٕ ہش۔

**ڈیول۔** ن۔ مول: ڈٖھیل < م۔ ہ۔ ڈھیلا۔ پراکرت: سِڈھلا او]۔
۱۔ نرم۔ جپہٕ رستہٕ نہٕ۔ زورہٕ نہٕ بند
۲۔ (دورگر پاٹھی) یُس نہٕ اکے سے کنہِ پیٹھ روزِ۔ یُس نہٕ دَرِ آسہٕ۔
۳۔ لسہٕ۔ لیوٗڈ۔ یُس نہٕ زوٗ اوٗر آسہٕ۔

**ڈیٖلہٕ راوُن۔** ڈیول کرُن (گنڈ بیترا)۔ نرم کرُن۔

# ذ

**ذ۔** کاشرِ ئک سدٕاہیُم تہٕ اُردو ہُک تژواہیُم اچھر۔ ابجدِ حسابہٕ چھُ امکہٕ ستھ ہتھ مول۔

**ذبیح اللہ۔** یہ چھُ حضرت اسماعیلؑ سُند لقب۔

**ذبیح۔** ن۔ مول: ذبیح < ع: ذ ب ح]۔ کھش۔ ہوٚٹ ژٹن۔ ہٹس شراکہ پھرِوُنی۔ شرع موجوب حلال کرُن۔

**ذبیح خانہٕ۔** ۱۔ سو جاے یتہِ کٹھ بیترِ مارنہٕ آسن یوان۔ ۲۔ (دورگر پاٹھی) سو جاے یتہِ بٔنہٕ بوٚچ آسہٕ۔ سو جاے یتہِ لوکن ظُلم واتناونہٕ یِیہٕ۔

**ذبیح کرُن۔** ۱۔ کھش کرُن۔ ۲۔ مارُن۔

**ذبیح گژھنی۔** کانٛسہِ ہنٛز ناکارٕ حالتھ وچھتھ وارٕلنجہٕ آریُن۔ زرہ زرہ گژھن۔ شراکہٕ وُسنہٕ۔

**ذرہٕ۔** ن۔ مول: ذر < ع: ذرة]۔ رژھ، پیوٚنٹا۔ سُکھم۔ پیوٚنٹ

**ذرٕ ذراکھ۔** سوورے۔ پیوٚنٹا۔ پیوٚنٹ پیوٚنٹ۔ رژھ رژھ۔

**ذرٕ ذرٕ۔** پیوٚنٹ پیوٚنٹ۔ موورے موورے۔

**ذرہ نوازی۔** یم نہٕ کینہہ لوٚن تمن پیٹھ میہربانی۔

موملی اِنسانس ڈیے گرژھن۔ یہ چھُ کانسہ ترمی کنی بنیس وَنان ییلہِ تِہ قدر زانس۔

**ذلتھ۔** م۔ مول۔ ذلت < ع : ذِلّة ]۔ شِکس۔ سیٹھا خراب حالتھ۔

**ذلژ لد۔** شِکس لد۔

**ذلالتھ۔** کمینہ گی۔ رُسوایی۔ خجالتھ۔

**ذلتی۔** شِکس لد۔ نفرژ لایق۔

**ذلتی داس۔** وِچھو "ذلتی"۔

**ذم۔** ن۔ مول ، ذم < ع : ذمّ ]۔ خجل زدی۔ رُسوایی۔

**ذم گرژھن۔** ژس گرژھن۔ رُسوایی گرژھنی۔

**ذاتھ (زاتھ)۔** م۔ مول : ذات < ع : ذات ]۔ ۱۔ اصل۔ جوہر۔ ست۔ ۲۔ کرام۔ ۳۔ خصلتھ۔ کنہ چیزِ چ اصلیتھ۔ کان۔ قسم۔ رم : تہ ہیر کمہ ذاژ ہنڈ دانہ چھُو وۆومُت۔ ۴۔ پان۔ رم : یہ چھُ سورُے متے ذاتس پیٹھ۔

**ذاتس پیٹھ۔** پانس پیٹھ۔ نہ یہ پانے کرُن آسہ۔ ییمٚیک بار پننہِ نس چندس پیٹھ پییہ۔

**ذاتِ پاک۔** سو ذاتھ یُس پاک چھے۔ اللہ۔ بگوان۔

**ذاتنگ۔** پنُن۔ پننہِ کھایہ ہُنڈ۔

**ذات پات / ذاتھ پاتھ۔** کوو نہ باگے۔

**ذاتھ ہتراتھ۔** کژون، قبیلہ تہ پننڈ پرن۔

**ذاتھ بنیاد۔** وِچھو "ذاتھ ہتراتھ"۔

**ذاتھ نیننی۔** (اِنزلہ) کو خصلتھ نن گرژھنی۔ خبا ثتھ ظاہر سپدنی۔

**ذاتھ ہاونی۔** (اہزلہ) کمینہ گی کرنی۔ تہ کرُن یہ نہ پزِ۔

**ذاژ ہنڈی باژ۔** اکہ اکہ ساری۔

**ذخیر۔** ن۔ مول : ذخیر < ع : ذخیرة ]۔ ڈیر۔ امبار۔

**ذخیر اندوز۔** چیز سومبرتھ ژوُرِ تھوُن وول (رکھنہ وول بیتر)۔

**ذری یہ۔** ن۔ مول۔ ذری < ع : ذریعة ]۔ وتھ۔ وسیلہ۔ سبیل۔ طریقہ۔

**ذری یے آمدو رفت۔** ییتہ گژھنکو وسیلہ۔ تم وسیلہ یمو کنی لوان گژھان چھہ۔

**ذری یے آمدن۔** آمدنی ہنز سبیل۔ پونسہ ژونک ونینہ ینچ وتھ۔

**ذری یے ماش۔** گذارچ وتھ۔ پیشہ بیتر۔

**ذری یہ ژھانڈُن۔** وتھ ژھانڈنی۔ سبیل ژھانڈنی۔ طریقہ بدکڈُن۔

**ذلیل۔** ن۔ مول ، ذلیل < ع : ذلیل ]۔ ۱۔ کمینہ۔ بد ذاتھ۔ تہ یُس جان ڈیر آسہ نہ۔ سیٹھا گرژومُت۔ ۲۔ رُسوا۔ بدنام۔ کوڈمُت۔ ۳۔ سہا نگر۔ پیٹو مُتہ۔

**ذلیل تہ خار۔** بدنام تہ بزگار۔ خجل تہ رُسوا۔

**ذلیل کرُن۔** تباہ کرُن۔ وآران کرُن۔

کُنہِ لایَق نہٕ تھوٚن - ۲- یُزتھ آڈ زاڈ گرٕن۔ شُسخ بیٚوآری کرٕنی۔ رُسوا کرُن مُجل کرُن

**ذلیل گرٛزھن** - ۱- رُسوا گرٛزھن۔ بد نام تہٕ بزگار گرٛزھن۔ یُتھ ہاوُن لایَق نہٕ روزُن۔ ۲- (وَرگہٕ پاٹھی) صنوٚرنتھ نہٕ روزٕنی۔ پرٛتیتھ نہٕ روزٕنی۔

**ذہین** - مٲل۔ ذہین < ع : ذہین۔]- سُہ شخص یَس ذیٚہَن تیز آسہِ۔ گاٹُل - عقلمند، بوٚزدوِل۔

**ذاتی**- ۱- اصلی - پَنُن تَلہٕ۔ رم : سُہ چھُ ذاتی بد نیتھ - ۲- بِلکُل پَنُن - رم : یَتھ کامہِ پیٚٹھ گو مٔتے ذاتی رو پیہ اَتھ خٔرچ۔ ۳- وِراثتی۔ جُدی۔ رم : یہٕ زمین چھےٚ مٔتے ذاتی مِلکیت۔

**ذاتی تجرُبہ** - سُہ وٲقفیَتھ یوٚس پانہٕ کیٚنہہ کرٕتھ سیٚتی سپارے ہٕژ آسہِ۔ ۲- یہٕ پانَس پیٚٹھ ... بنیوٚمُت آسہِ۔

**ذاتی رائے** - تِہ یہٕ پانہٕ سوٚنچمُت آسہِ۔ پَنُن مَتہ، پَنُن خیال۔

**ذاتی معاملہ** - سُہ کَتھ یا کام بیَترِ یِمٕہ تعلُق پَنَنِس پانَس سیٚتی آسہِ۔ سُہ معاملہ یَتھ سیٚتی بییِس کانٛہہ تعلُق آسہِ نہٕ۔

**ذاتی یاتھ** ۱- یَتھ مَنز کاُنسہِ ہُنز ذاتھ ہٕنہٕ ییہ۔ ۲- (ذاتی) دُشمنی - عداوتھ۔

**ذاتی یاتھ آسُن** - دُشمنی آسنہٕ شِترُت آسُن۔

**ذاتی یاتھ ہورُن**۔ عداوتھ نکھ والُن - آتشہٕ ہورُن۔

**ذاڑل**۔ پوتر تیٚمک - رُت - جان - اصل بٲلیگ - بیٚشالہِ اُندرُک۔

**ذاکر**۔ ۱- ذِکر کرَن وول۔ سُہ یُس زیچھ آسہِ۔ ۲- سُہ شخص یُس مِمبرَس پیٚٹھ کَران۔ کَھسنتھ اَہلِ بیتَن ہنٛدی منقبت پرَ-

**ذال** - ن۔ مٲل۔ ذال < ع : ذیل ]۔ ۱- حلقہٕ۔ غلافہٕ۔ ۲- غرض - رم : اَز کمہٕ ذالہِ آم - ۳- بوٚہٕ کُنہٕ - ۴- (وَرگہٕ پاٹھی) گال کھانٛہ۔

**ذالس تھٕزھُن**۔ گال کھالس تراوُن گژھس سیٚتی تھوٚن -

**ذالدار**- تحصیلدارس وِستھ سُہ سرکاری عوہدہ دار یَس ماتحت وایاہ کام آسان آسی۔

**ذالداری**۔ ذالدارُن عُہدہ کار یا دٔسگاہ۔

**ذائقہٕ**- ن۔ مٲل - ذائق < ع : ذائقہ]- ۱- مزٕ، مییُھر۔ ۲- مزٕ وُچھنک حس۔

**ذِکر**- مٲل : ذِکر < ع : ذِکر]- ۱- کاُنسہِ ہُنز کَتھ - بیان - ۲- خودایہ سُنٛد ناو ہیوٚن۔ زیچھ۔ پیایےٚ ہیوٚن۔ کاُنسہِ ہُنٛد پھیرُن - پٔتر پٔتہٕ رُت پھیرُن۔

**ذِکرِ خار**۔ کاُنسہِ ہُنز کَتھ ٹٔلنی۔ کاُنسہِ یا کُنہِ رُت وَنُن -

**ذِکرِ ٹٔلنی**۔ کاُنسہِ ہُنز کَتھ پھیٚر دِیُن۔ مُتعلق کَتھ پھیرُن ناو ہیوٚن۔ کاُنسہِ

**ذِکرِ کرٕنی**- ۱- کَتھ یاتھ

مُتلق کتھ ٹھِلنی۔ ۲۔ خوداین سُند ناو ہیوان
گرژھن۔

**ذِکر ووتھنی۔** مُتنزِ کتھ ہِنی۔ کتھ کران کران
مُتنزی کانٛسہٕ ہُند تذکرٕ سپدُن۔

**ذِکر ہِنی۔** ۱۔ کتھ ووتھنی۔ کتھ کران کران
مُتنزی کانٛسہٕ ہُند تذکرٕ سپدُن۔ ۲۔
خوداین سُند ناو پھِران پھِران مَس گرژھن
تہٕ کلہٕ گلہٕ ناوُن۔

**ذِلحج / ذِالحج۔** ن۔ مؤل۔ ذِلحج < ع : ذوالحجہ]
ہجری وُرِک یک بُہم رېتھ۔

**ذِمہ۔** مؤل۔ ذِم : ع : ذِمتہ] ہنٛہ۔ بار۔ ہِنتُن فرض۔

**ذِمہ دار / ذِمہ وار۔** ۱۔ یُس مَتھ آسہِ۔ سُہ یُس
نکھہِ آسہِ والُن۔ یُس کُنہِ کامہِ باپتھ جواب
آسہِ دیُن۔ ۲۔ مَتھ دَر۔ ضامن۔

**ذِمہ دار روزُن۔** مَتھ ہیوٚن۔ بِیئیس سُند
بَدل مَتنز آژُن۔ ضامن روزُن۔

**ذِمہ دأری۔** مَتھ دأری۔ حوالہ دأری۔ تہٕ یہ
أند آسہِ واتناوُن۔ تہٕ یہ پوٚرہٕ کرنہٕ باپتھ
جواب پیٚیہِ دیُن۔

**ذِمہ دأری ٹھِلنی۔** مَتھ ہیوٚن۔ کامہِ أندبوٚر
دیُن۔

**ذِمہ دأری ہیٚنی۔** کانٛہہ کأم بیترِ أنار واتناوُنک
یِقرار کرُن۔ أند واتناوُن۔ پالَس
پیٚٹھ ہیوٚن۔

**ذِمہ کھٔسُن۔** ۱۔ مَتھ کھٔسُن ۲۔ اِلزام کھٔسُن

جُرم ثابت ہیتھ گرژھن۔

**ذِمہ کھارُن / کھالُن۔** مَتھ مَرُن۔ کَلس کھارُن۔
اَپزُ سے مَتھبزِ سے رَٹھ کھارُن۔

**ذِمہ ہیوٚن۔** ۱۔ مَتھ ہیوٚن۔ نکھہ والنیچ
ذِمہ وأری ہیٚنی۔ ۲۔ یِقرار کرُن۔ مانُن۔

**ذہانَتھ۔** کاٹھہ جار۔ ذیٚہن تیز آسُن۔ کتھ مالہ
بیترِ ٹولی ٹولی فکرِ ترُنگ ماد۔

**ذیابیطس۔** ن۔ مؤل۔ ذیابیطس < ع (یونانی:
ڈاے بٹیز (DIABETES) ]۔ مترس
سیٹتی شکر نکینچ بیمارِی، شوگر نکینچ
بیمارِی۔

**ذی شان۔** مؤل۔ ذی شان < ع : ذی شان]۔
شانہٕ وول۔ مرتبہٕ وول۔ یُس بوٚڈ درجہ آسہِ۔

**ذی شعوٗر۔** مؤل ؛ ذی شعوٗر < ع : ذی شعور]
بوٚزوول۔ زانَن وول۔ زانٛی کار۔ عقلمند۔

**ذی قعَد۔ ذِلقعد۔** ن۔ مؤل۔ ذیقعد < ع :
ذی القعدہ ]۔ ہجری ؤرِک یک اَکھیم رېتھ۔

**ذی ہوش۔** ہوشہٕ وول۔ یُس ہوش آسہِ۔ وُد۔

**ذی یزتھ۔** یزتِک حقدار۔ یزتہٕ وول۔

**ذُرِیاتھ۔** م۔ مؤل۔ ذُرِیات < ع : ذریۃ]۔
۱۔ شُری مُری۔ بچے۔ ۲۔ ساآرے ذاتھ۔

**ذُوالجلال۔** ن۔ مؤل۔ ذُوالجلال < ع : ذوالجلال]
حشمتہٕ وول۔ شانہٕ وول، یُس سیٹھا
بجر چھُ۔ یہ چھُ باری تعالےٰ سُند اکھ
صفتھ

**ذُوالجَناح۔** ن۔ مؤل۔ ذُوالجَناح ﴿ع : ذوالجناح]۔ یہ اوس حضرتِ اِمام حُسینؑ سٕنٛدِس گُرِس ناو۔

**ذُوالفِقار۔** م۔ مؤل۔ ذُوالفِقار]۔ سُہ تلوار یُس جنگِ بدرس منٛز آنحضرتن ابوجہلس لشرِ اَتھہِ لُج تہٕ تمو کُر حضرتِ علیؓ کرم اللہ وجہہٗ عطا۔

**ذُوالنوٗرین۔** یہ چھُ حضرتِ عثمانؓ سُنٛد لقب۔

**ذُوالنوٗن۔** ن۔ مؤل۔ ذُوالنوٗن ﴿ع : ذوالنوٗن]

۱۔ یہ چھُ حضرتِ یونُسؑ سُنٛد لقب یِم ژٕ ترِیہن دوٕہن گاڈِ ہٕنٛزِ یڈِ منٛز روٗدی۔

۲۔ ذُوالنوٗن مِصری، اَکِس تھدِ پایہٕ کِس وٗلی سُنٛد لقب۔

**ذُواضعافِ اَقل (ذُوضافہٕ اَقل)۔** ن۔ مؤل۔ ذُواضعافِ اَقل ﴿ع : ذُواضعافِ اَقل]۔ حِسابس اَنٛدر تِمہٕ لوکٹہٕ کھوتہٕ لوکٹِس رَقمس وَنان یِمہٕ کینٛژَو دِتنہٕ ہِژَو گَژَو ہیٚکہِ تقسیم کرنہٕ۔ لوکہِ لوٗکُ سٕٹرُوِدگوٗن۔

**ذوق۔** ن۔ مؤل۔ ذوق ﴿ع : ذوق]۔ حظ۔ لُطف۔ شوق۔

**ذٕہن۔** ن۔ مؤل : ذہٕن ﴿ع : ذِہن]۔ بُدھ۔ گاٹُہ۔ تژُجر۔ عقل۔

**ذٕہنیتھ۔** فِطرتھ۔ خصلتھ۔

**ذٕہنی۔** دِماغی۔

**ذٕہنی پریشانی۔** دِماغی پریشانی۔ سُہ فِکر یُس دِماغ گنٛدٕ ٹھنٛجر روزِنہٕ۔

# ر

**ر۔** عَربی یُک ڈہیُم، فارسی یُک بٔہیُم تہٕ کاشُر یُک آردٕاہیُم اَچھُر۔ اَبجد حِسابہٕ چھُ اَتھ زٕہَتھ (۲۰۰) موٗل۔

**رَب۔** م۔ مؤل : رَب (پراکرت : رَب با]۔ ۱۔ آبہٕ سٕتی مَنٛڈنہٕ یا آڈُرنہٕ آمٕژ مٕیژ۔ مٕیژ یتھ زیادٕ آب یا روٗد بیٚترِ چھومٕت آسہِ۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھی) بےٚ یِزتی۔ رٕم، تَس گیہِ تیٚتھرِ اَن تِھی رَب۔

**رَبہٕ تھَپکہٕ۔** بیٚیتر رَب اَتھس اَنٛدر تُلِتھ دِیُن بیٚیتر پلناونہٕ یِیہِ۔ تِژٕ تہٕ سبھٕ زیادٕ رَب۔

**رَبہٕ جہل۔** رَبہٕ پٕھٕٹ۔ شِزٕ رَب۔ سَخَل کرِتھ تہٕ نبنہٕ ترٛاوِتھ آبی زمینَس آب کڈُن یِتھ زِ رَب موٗئہِ۔

**رَبہٕ دٔر۔** گڈٕ واش۔

**رَبہٕ دوٕلِس زنٛگ ژھٕنٛنی۔** تہٕ دانہٕ تہٕ ڈیٛچھ گوٗن تِتھِس مامٕلس اَنٛدر دَخٕل دِیُن یِتھ پانَس یہٕ ہیٚنہٕ زِ اِنسان خاہ مخاہ بےٚ یِزتی ہُنٛد خطر آسہِ۔ بُلی گنٛدٕ نیالِس اَکھ تراوُن۔ رٕم، کھٕشرِک پاجامس زنٛگ ژھٕنٛنی۔

**ربرِ زوڈ۔** ربرِ ڈہمب۔

**ربرِ گھراوِ ہاوُر۔** (ورگہ) یُس ٹلی پژنہٕ کُنہِ مالس منز دٲخل دِیہِ۔

**ربرِ گرٛن۔** ۱۔ گرٛنَن ہُنٛد اَکھ قسم یُس یُژ پاٹھو ٹمیلَن اندر آسان چھ ۲۔ (ورگہ) یُس ربرِ سیٚتی دژوٚو مت آسہِ یا یُس یُژ پاٹھی ربرِ منٛزرے آسان آسہِ۔

**ربرِ ہالو۔** ربرِ ہُنٛزِ مِش یوسہ نبشہٕ والِس نمِس منز شُہنہِ تیموٚل چھنے پاوان۔

**ربرِ ہیچ۔** یُس لوکٹ آلہ یتھ پھالہ ورٲے کور ہٹ آسان چھنے تہٕ یتھ سیٚتی اَبی زُمینس آب لدنہٕ پتہٕ دتہٕ پھٹراونہٕ تہٕ ربرِ بنہٕ بایتھ وابنہٕ پوان چھُ۔

**رب دوٚمنی۔** ۱۔ ربرِ زول دُیُن۔ ربرِ ہیٚنہٕ تُیم لوین کرٛن۔ ۲۔ ربرِ منٛزرے ٹِکان ٹِکان یِکُن۔ ربرِ منز رتھہٕ پاٹھی یکُن یُتھ سورُے پان چھکو سیٚتی برنہٕ پیہ۔

**رب کرٛتی۔** (ورگہ) دِوَنہٕ والِنی۔ وُفر والِنی۔

**رب گژھنی۔** ۱۔ (ورگہ پاٹھی) چیز بیترِ خراب گژھُن (چیزس بیترِ) بڑُس گژھنی۔ ۲۔ (ورگہ) بے یزتی گژھنی۔ وُفر وٕسنی۔ دِوَنہٕ وٕسنی (اکانٛسہِ ہنٛدِ)۔

**رب متھنی۔** (ورگہ) بدنام کرُن۔ منٛدچھاونہٕ یُن۔ خجالتہٕ کرٛنی۔ تلیشہٕ کینہٕ کرُن۔ بیٚیمہِ سیٚتی کانٛہہ بدنام گژھہ، کانٛسہِ بے یزتی گژھہ۔

**رب متھنہٕ یِنی۔** اَکِس بیٚیس ہِفی بے وُقری گژھنی۔ بے یزتی گژھنی۔ خجالتہٕ گژھنی۔ چھیتہٕ گژھُن۔ منٛدچھاونہٕ یُن۔ بدنام گژھُن۔ اَٹی اَٹی نیرُن۔

**رب منٛڈنی۔** ربرِ رُودس منز ملو اورِ یور پھیرُن۔

**رب مانٛڈنی۔** ربرِ مانٛڈ دِنی۔

**رب ہینی۔** ہیچ دِنہٕ سیٚتی اَبی زُمینس رب یلہِ گژھنی، وَتَن ہُنٛد آبس اندر سیٚنُن۔

**رب ۱۔** ن۔ مۆل: رب <ع: رَبّ]۔ پرٛنہٕ چھُ "روب" پوان۔ مالکھ۔ رچھن وول۔ پرٛوردِگار۔ خدا تعالا سُنٛد اَکھ صفتی ناو۔

**رب ۲۔** کُنہِ چیزس دوا بناونہٕ بایتھ پاکہٕ دِتھ موٚٹر وومُت رس۔ م: رب سوٗس۔

**ربر، ربڑ۔** ن۔ مۆل: ربر < انگ: ربر (RUBBER)]۔ اَکہِ خاص کُلُک شِتھر وومُت رس۔ یہِ چھُ نرم تہٕ ڈہم ڈہم کرٛدن آسان تہٕ لمنہٕ سیٚتی چھُ زیٚچھان تہٕ۔

**رباب، ربابہٕ۔** ن۔ مۆل: رباب <ع: رباب]۔ وایِنک اَکھ ساز۔ اَکہِ قسمُک سارنٛگ۔

**ربابی۔** رباب وایَن وول۔

**ربط۔** ن۔ مۆل: ربط <ع: ربط]۔ ربط۔

**ربُ العالمین۔** ن۔ مۆل: ربُ العالمین <ع: رَبُّ العالمین]۔ خدا تعالا سُنٛد اَکھ

صِفتی ناو۔ سارِنے عالَمن ہُند مالِکھ۔

**رَبط۔** ن۔ مؤل: رَبط < ع: رَبط ]۔ ا۔ اِتِمیز باش۔ شؤب۔ ڈطیرٕ۔ ۲۔ اَکھ اَکِس ستتی ہِشر۔

**رَبط ضبط۔** ا۔ دَبدَبہٕ۔ روبہٕ داب۔ ۲۔ گنڈ۔ ڈسِپلِن۔

**رَپھٹ، رَپوٹ۔** ن۔ مؤل: رپٹ < انگ: رپورٹ REPORT ]۔ پُلسَس بیتر دِنہٕ آمُت اِطلاع۔ تھانَس بیتر کرنہٕ آمٕژ شِکایتھ۔

**رَپھٹ دِیُن۔** پُلسَس بیتر اِطلاع کرُن۔ جُرمہٕ بیترٕ چ خبر دِنی۔

**رَتہٕ پیٹھ۔** م۔ مؤل: رَتہٕ پیت < پیزاکرت، رَتتَہ+س: پتّہ ]۔ ا۔ ووزلہِ رنگہٕ چھٹھ ہِش یوسہٕ واپتھین ہِنڈی پاٹھو پانَس نیران چھۓ۔ ۲۔ (دورگہٕ) بتے قرٲری۔ (ووہو پُرژھی نہٕ وَنان)۔

**رتہٕ ژھکے۔** ا۔ زہیر۔ ۲۔ (دورگہٕ) قرار نہٕ آسُن۔ بتہٕ گژھ سَرُن۔ پھِری پھِری یُن۔

**رَتہٕ کھَل۔** ا۔ اَکھ بیمارٕی یَتھ مَنز لَسترٕ تہٕ زِکھِہ کنی خون چھُ پکان۔ یہ بیمارٕی چھۓ زخم لگنہٕ پاگنہٕ اَتھری بیمارِکو سپدان۔ ریلہ یہٕ چھُ اَکھ ووٗہو نٕر۔

**رَتیل۔** ن۔ مؤل: رَتیل < ع: رَکت + ؟ ]۔ دال چینہٕ رنگہٕ اَکھ گنہٕ قِسم یُس ووسن وٗجِپہن بیترٕ کَران چھہٕ۔

**رَتہٕ ع ا۔** ن۔ مؤل: رَت < پیزاکرت: رتتہ < س: رَکتہ ]۔ ا۔ ووزُل تزُل ماد یُس اِنسانس بیتر جِسمَس مَنز دور چھُ کَران۔ خوٗن۔ ۲۔ (دورگہٕ پاٹھی) سَخ میٛمَنز ہُند نتیجہٕ۔ م: مۆزدورن ہُند رَتہٕ۔ ۳۔ قِسمہٕ پُرژھو وَنان۔ م: میٛون رَتھ چھۓ۔ ۴۔ ووہو پُرژھی نہٕ وَنان۔ م: تَسُند رَتہٕ یتھ بیہ رُو نمُت چھُس۔

**رَتَس نہٕ تریلِشہٕ۔** سَخ عداوتھ۔

**رَتَس رتیہ میلنہٕ۔** (دورگہٕ) سَخ دُشمنی آسٕنی۔ اَکھ اَکِس کھِہنس آسُن۔

**رَتَس گرکھ لگِنی۔** خونی رِشتہٕ کنی جوش یُن یا توٗ ییٚنی۔

**رَتہٕ لوٗرُت۔** یتھ خون لور آسہٕ۔ یہ خونَس مَنز بُوڈُونہٕ آمُت آسہٕ۔ رتہٕ سُرکُ گومُت۔

**رَتہٕ پئے۔** ا۔ سعہ جاے یَیٚنتھ خونہٕ رگن واتھ آسہٕ۔ ۲۔ رُتنگ رِشتہٕ۔

**رَتہٕ پرازٕ آسنہٕ۔** (دورگہٕ) کانٛسہٕ ٹاٹھو ہسندٕ مرگہٕ کنی دوکھس آسُن۔

**رَتہٕ چھٹھ۔** جِسمَس اَندر کنہٕ جایہ رتہٕ باتھ گژھنہٕ کنی کھَڑشٕ ہُنزٕ پھٹھ۔

**رَتہٕ چھیپہٕ دِیُن۔** قُربان کرُن۔ بلایہٕ دِیُن۔ مارُن۔

**رَتہٕ چھیپہٕ لگُن۔** ا۔ قُربان گژھُن۔ بلایہ گژھُن۔ کانٛسہٕ ہِنْد بدل مَرُن۔ ۲۔ بلایہٕ ییتھ لگُن۔

ٹلی مارٕ گژھن۔

**رٕتہٕ چھپھ۔** رٕتیچ قوربانی۔ کانسہِ ہنز ٹلی۔
کانہہ کام شوٗرٕ کرنہٕ برٕ ونہہ ٹلی۔

**رٕتہٕ چھوٗل۔** رٕتہٕ دِگنی۔ رٕتہٕ چھکہٕ (چھوکھ بینترِ لگنہٕ کنی)۔

**رٕتہٕ دگ۔** سہ دگ یوسہٕ رتھ باثدِ گژھنہٕ کنی کرِ۔

**رٕتہٕ داوِر۔** رٕتھے رتھ۔ رٕتس اَندر شری ہیٚنٹھو گومُت۔ خوٗنہٕ سیتی تُرِتھ۔

**رٕتہٕ دِگنی۔** تھکہٕ رٕوس پکہٕ وُن خوٗن۔ دارِ وَسہٕ وُن خوٗن۔ رٕتہٕ دار۔

**رٕتہٕ راکھٹھ۔** ۱۔ رٕتہٕ پھٹھ۔ رٕتہٕ لہا۔ ۲۔ اُچھن کھژُ ہتر دوٗرٕ جاہِ سان رٕکھہٕ ہش۔

**رٕتہٕ رأٹھی۔** رٕتہٕ کھوٚر۔ خوٗنہٕ خوٗن کرنس پیٹھ تیار غنٔڈ۔

**رٕتہٕ رِش۔** رٕگہٕ ہندِس رشتس مَنز اُکھ اُکھ سترِ گُھر۔

**رٕتہٕ روز۔** رٕتہٕ بُواسیر۔

**رٕتہٕ روز پیٚنی۔** (وٕزہو) رٕتہٕ بواسیر کرٕنۍ۔

**رٕتہٕ رِبے۔** ۱۔ سہ تچھنی یوسہٕ سیٹھا خوٗن وٚسنہٕ پتہٕ وہ تھان چھیے۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) بےٚ قراری۔

**رٕتہٕ ژوٗر۔** خوٗنیچ اَکھ بیماری۔

**رٕتہٕ ژوٗرِلد۔** (لارم) یُس رٕتہٕ ژوٗر آسہِ۔ (ورگہٕ پاٹھی) یُس نہٕ کُنہِ جایہِ سوکھ آسہِ۔

یُس سیٹھا آسہِ۔

**رٕتہٕ ژوٗر ہیوٗن۔** یِرٕ چھُ اَکھ وٕزہو۔

**رٕتہٕ کولہٕ پکنہٕ۔** (ورگہٕ) لڑایہِ منز خوٗنہٕ خوٗن گژھنی۔ سیٹھا لوکھ چھوکہٕ لدیا مارٕ گژھنی۔

**رٕتہٕ کھل کرٕنۍ۔** (ورگہٕ) ٹینٹھر کڈُن بسوکھ نہٕ بینھنہٕ دیُن۔

**رٕتہٕ کھلہِ گژھن۔** (وٕزہو) سیٹھا بُرٕ حالتھ گژھنی۔

**رٕتہٕ کھنجر۔** وہ زُل نار ہیوٚہ۔ بلکُل وہ زُل۔ (م؛ رٕتہٕ کھنجرہٕ ہشہ اُچھ۔)

**رٕتہٕ کھنجرہٕ گژھنہٕ۔** (وٕزہو پُرژھو ونان) وہ زُل نار ہیوٚہ گژھن۔

**رٕتہٕ کھوٚر۔** بد ذاتھ۔ آوارٕ۔ پرٕتھ کانسہِ سیتی ژوٗن وول۔

**رٕتہٕ گگر۔** گرٕ نکہٕ گرٕ نکہٕ رتھ یُن۔ دگہٕ رتھ یُن۔

**رٕتہٕ گنٹھ۔** ۱۔ اَکھ قسمک پھپھپھر۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) یُس سنیح پاٹھی اگادِ گژھہٕ یا سٹنا وُنلہٕ۔

**رٕتہٕ لل۔** رٕتہٕ سینی بُرِتھ گوژرٕ یا کھژٕ ہتر گاڈہش۔

**رٕتہٕ منٹھ ہیوٚہ۔** وہ زُل نار ہیوٚہ۔ یُس رٕتہٕ رٕنگہٕ بتھ آسہِ۔

**رٕتہٕ ہوٗن۔** ۱۔ ہوٗن یُس موکُر کھیوان کھیوان خوٗنس اَندر لیتھ ونہٕ آسہِ آمُت۔ سہ ہوٗن یُس رٕتیچ تُرٕ لیش آسہِ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) سُہ شخص یُس ٹکرس آسہِ پیٚومُت۔ یُس لوکن پھینہٕ آسہِ لارٕوان، تنگ آسہِ کران۔

**رٔتھ اُنٛ۔** (چھوکہ دِنہٕ سینٛو یا لاَے لاَے) خوٗن پھاٹہٕ وُن۔

**رٔتھ پانٛدٕ گژھُن۔** کُنہِ بیتِرِ سیتی نہٕ خوٗن اور پور نکُن تہٕ اکُے جایہِ شیٹھُن۔

**رٔتھ تہٕ ماز۔** (ورگہٕ پاٹھی) پننہٕ نیو منٛز۔ پنُن۔ یَس سیتی خوٗنی رِشتہٕ آسہِ۔

**رٔتھ تیہِ وُسُن۔** نکٕلس دِگنی لگنی۔

**رٔتھ ٹھیشِچہِ وُسُن۔** نکٕلس دار لگنی۔

**رٔتھ کڈُن۔** ۱۔ ژیپھ بیترِ دِتھ عِلاج یا سزا پُرژھو خوٗن پھالُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) سخ کام کرناوُن۔ تیز کام کرناوُن یتھ زِن کرُن وول لوٗسِتھ پییہِ۔

**رٔتھ کھارُن۔** (ورگہٕ) ژکھ کھارٕنی۔ شرارتھ کھارُن۔ غوصہٕ کھارُن۔

**رٔتھ گژ ٹیکہِ کھارُن۔** (ورگہٕ) سخ مار دِیُن۔ تیٛژھ تنگ کرُن یتھ وآنسِچ ٹھکھنس پییہِ۔ سخ تنگ کرُن۔ سیمب کھارٕنی۔

**رٔتھ وُنارُن۔** بلایہٕ لگُن۔ چھپہٕ لگُن۔ فورٕ بان سپدُن۔ کانٛسہِ پیٛتھ زو دیُن۔

**رٔتھ والُن۔** ۱۔ چھوکہِ لدٕ کرُن۔ ۲۔ سخ ٹھکراوُن۔ (کام کرناوِتھ یا پژژھ گار کرِتھ کرِتھ)۔ ۳۔ (ورگہٕ پاٹھی) سخ ژوٚنی۔

**رٔتھ ہیٚوُن۔** ۱۔ (ورگہٕ) پژنہٕ پیٚٹھ کام کرناوُن۔ کام کرِتھ کرِتھ ٹھکراوُن۔ ۲۔ (ورگہٕ) سخنی کرِتھ بوزِتھ ہیٚوُن۔ قِصاص ہیٚوُن۔

**رٔتھِ۔ رٔتھِ کھسُن۔** وارٕ دِتہٕ لگُن۔ شوٗب ہیٛنی۔

**رٔتھِ کھارُن۔** وارٕ دِتہٕ لاگُن۔ شوٗب انٛنی

**رٔتھِ کھوتمُت۔** وارٕ دِتہِ لوٚگمُت۔ یتھ شوٗب آمُت آسہِ۔

**رٔتھِ۔** ن۔ موٗل: رَت < س: رتھا]۔ اکِہ قِسمِچ بگو یتھ ژورگرِ لمان آسی، یہٕ اُس جنگُن منٛز تہٕ لگان۔

**رٔتھِ بان۔** رٔتھِ چلاوَن وول۔

**رٹہٕ رٹھ**۱ ہرکرِن والین ژھینہٕ ژھین۔

**رٹہٕ رٹھ**۲۔ توٗلس توٗل۔ وزنس برابر وزن۔ م: ادلوچھ رٹہٕ رٹھ کنان۔

**رٹہٕ وٚوٹ۔** وزنہٕ تلہِ تیٚوٚتاہ گیٚژ یوٚت سیتھر یا بییر وودرِس بینٛترِ دِیتمُت آسہِ۔

**رٹُن۔** ن۔ موٗل: رَٹ]۔ ۱۔ اتھس منٛز تھوُن۔ ہیٚیس ہیٚتھ تھوُن۔ ۲۔ سانٛپُن۔ اتھس منٛز انُن۔ سانُن۔ م: چھ رٹُن۔ ۳۔ (ورگہٕ پاٹھی) دیُن بند کرُن۔ رُکاوُن۔ م: گاو ہُنٛد دود رٹُن۔ ۴۔ وہیُن۔ م: تَس توٚگ نہٕ رٹُن۔ ۵۔ قبضہٕ کرِنہٕ ہیٚنی۔ تصرُف کرُن۔ م: روٗٹُن ووٚنی ٹُلہٕ نہٕ قبضہ۔ ۶۔ زور قبضہٕ کرِتھ نیٚیُن۔ م: بیگارٕ رٹُن۔ ۷۔ بنٛد گژھُن۔ م: کھین رٹُن۔ ۸۔ چھُپہٕ کھارُن۔ اِلزام دیُن۔ م: کسہِ پیٚٹھ رٹُن۔ ۹۔ گرفتار کرُن۔

**رٹُن بانہٕ۔** (ورگہٕ) حاصِل کرنچ اہلیت۔ رٹنگ شونٛڈ۔

**رٹناوُن** ۔ ۱۔ پُلسس اتھ) گرفتار کرناوُن۔
توبوٗہس منتر ادِناوُن۔ ۲۔ کانسہ اتھ
تھپھ کرنہٕ نوناوُن۔

**رُڈُرُڈی** ۔ ۱۔ ٹھہرٕ ٹھہرٕ۔ چونری ترارٕ۔
آستہٕ آستہٕ۔ م: پوٗنی چھہ رُڈُ رُڈُ وسان۔
۲۔ اُتھس تھپھ کرِتھ۔ م: اتھ رُڈُ رُڈُ
ہیٚچھنووُمُت۔ ۳۔ کھوٗتام کھوٗتام۔

**رُٹھ** ۔ ۱۔ رُکاوُٹھ۔ اٹھکاو۔ ۲۔ تھپھ، لمٹ، تصرف۔
م: تمس چھنے رُٹھ۔ ۳۔ وزنس برابر۔
وزنس سیتی وزن۔

**رُٹھ رٲوِس** ۔ کنہ رُکاوٹ ورٲے۔ بے روک ٹوک۔

**رَجَب** ۔ ن۔ مول: رجب (ع: رجب]۔
ہجری سنہٕ حسابہٕ ووریک ستیم ریتھ۔

**رجعت پسند** ۔ (ع: رجعة + ف: پسند]۔
یُس ترقی برخلاف آسہ۔ یُس زمانس
پتھ نٮ۪ون یژھہ۔

**رَجَر** ۔ ن۔ مول: رجر (ف: رگ]۔
پلوٗس بیتر ووننس اندر رگ آسنی۔
داغ یا نقص بیتر یُس پلوٗس ووننَس
وِز روزان چھُ۔

**رَجِسٹر** ۔ م۔ مول: رجسٹر (انگ: رجسٹر۔۔ REGISTER]۔ کتاب ییٚتہٕ پیٹھ کُنہٕ
قسمک اندراج آسہ، ییٚتہٕ پیٹھ کانٛہہ
چیز درج کرنہٕ ییہ۔ کھاتہٕ۔

**رجسٹری** ۔ ۱۔ چِٹھ یا پارسلہٕ بیتر یُس ڈاکخانچہ
بھی پیٹھ درج آسہ تہٕ ییٚتھ رسید دِنہٕ ییہ۔
۲۔ وُچھو: رجسٹر۔

**رجسٹرڈ** ۔ ۱۔ درج کرنہٕ آمُت۔ کتابہ پیٹھ تارنہٕ
آمت۔ ۲۔ چِٹھ بیتر یوسہٕ ڈاکخانچہ
رجسٹری پیٹھ درج آسہ تہٕ ییمیُک چٹھ رُٹن
وٲلس رسید ہینہٕ ییہ۔

**رجسٹرار** ۔ رجسٹر کرن وول۔ اندراج کرن
وول افسر۔ حساب کتاب تھونگنٕ افسر۔

**رجسٹریشن** ۔ درج کرُن۔ رجسٹری کھارُن (اناو
یا کانٛہہ چیز بیتر)۔

**رجوول** ۔ (ع: رجل تہٕ تصرف در۔ موکل۔ پاسکھ در۔

**رجز** ۔ ن۔ مول: رجز (ع: رجز]۔ ۱۔ یتھ
یُس جنگس اندر پرنہٕ ییہ۔ ۲۔ شاعری اندر
اکھ بحر۔

**رجمینٹ** ۔ م۔ مول: رجمینٹ (انگ: ریجیمینٹ۔
(REGIMENT)]۔ پیدل فوجچ سوہ
بڈ پلٹن ییمیک کمانڈر کرنال آسان چھُ۔

**رچھہِ پنیم** ۔ م۔ مول: رچھہ پُنیم (س: رکشا+پورنِما]۔
رکشا بندھن۔ ہیٚنٛدرن ہُند اکھ بوڈ دوہ
یُس شراوٕنہ پُنیم دوہ مناوان چھِ۔

**رَچھُن** ۔ ن۔ مول: رچھ (س: رکشنہٕ]۔ ۱۔ بلایہ
بیتر نشہٕ بچاوُن۔ حفاظت کرٕنی۔ راچھ
کرٕنی۔ ۲۔ پالُن۔ پرورش کرٕنی۔ ۳۔ اتھ
تھوُن۔ تُلتھ تھوُن۔ ۴۔ (چیزس بیتر) قٔید
کرٕنی۔ رُژھرُن)۔ ۵۔ بچاوتھ تھوُن، پلہ تھوُن۔

**رٕچھن دٕگ۔** دٕچھو' رٕچھن دود''۔

**رٕچھن دود۔** یُس رٕ وچھنٹ پولمُٹ آسہِ تۄہِ شد ژُگ' ماے، محبتہٕ۔

**رٕچھن ہار۔** رٕچھن وول۔ پالن وول۔ پرورش کرن وول۔ پروردِگار۔

**رٕچھہٕ وٕنی۔** پانسہٕ بیترٕ یم رٕچھنس دِنہٕ ین۔ پہلہٕ بیترٕ رستہٕ پانسہٕ۔

**رٕچھوُن۔** یُس رٕچھہٕ۔ رٕچھن وول۔

**رٕچھن ژھنُن۔** کانسہٕ نِش رٕچھنہٕ باپتھ تراوُن۔ رکانسہٕ ہنز خبرگیری تَل تھوُن (شُر، پوش بیترٕ)۔

**رُچھہٕ رُچھہٕ تھوُن۔** ۱۔ رُژھراوُن۔ گُلیتہٕ تھوُن۔ ۲۔ پلرٕ تھوُن۔ خرچ نہٕ کرُن (پونسہٕ ٹۄنکہٕ بیترٕ)۔

**رٕحم ۱۔** ن۔ مۄل: رحم < ع: رَحَم]۔ زرہٕ، نرٕ۔ آر۔ انصاف۔

**رٕحم دِل۔** یُس کانسہِ ہنٛدِ زرہٕ زرہٕ گژھہِ۔ آری۔ یُس انصاف گژھہِ۔

**رٕحم کرُن۔** کانسہِ مانی دِنی۔ بخشُن۔

**رٕحم ۲۔** شُرٕ بانہٕ۔ بچہٕ دانی۔

**رٕحمتھ۔** م۔ مۄل: رحمت < ع: رحمۃ]۔ ۱۔ مہربانی (خدایہ سٕنٛز) ۲۔ برکتھ۔

**رٕحمتہً للعالمین۔** تمام عالمن ہنٛدِ خاطرٕ رحمتھ۔ حضرتِ محمد صلعم سٕند اکھ لقب۔

**رٕحمتہِ باران۔** رٕود یُس سیٹھا بٕسر آسہِ پتہٕ پییہٕ۔ رٕود یُس موقس پیٹھ سیٹھا ہزارن پتہٕ پییہِ۔

**رٕحمان۔** ن۔ مۄل: رحمان < ع: رحمان]۔ سیٹھا رٕحم کرن وول۔ خدا تعالیٰ سُند اکھ صفتی ناو۔

**رُخ، رٕخت۔** ن۔ مۄل: رُخ < ف، رخت]۔ ۱۔ پلو۔ پوشاکھ۔ ۲۔ پاراو۔ سنگار۔

**رٕخت کرُن۔** ۱۔ پان پاراوُن اکانہہ خاص پلو لاگِتھ) ۲۔ (وُرگہ پاٹھی) ریپ دارُن۔

**رٕختِ سفر۔** ۱۔ سفرُک پوشاکھ۔ ۲۔ (وُرگہ) سفرچ تیاری۔

**رٕخچہ۔** < ف، رخش]۔ ۱۔ گُر۔ ۲۔ رخش۔ رُستم سٕندِس گُرُک سٕند ناو۔

**رٕخنہٕ۔** ن۔ مۄل، رٕخن < ف: رخنہ]۔ ۱۔ ٹھونٛٹھ۔ ۲۔ نوقص۔ عاب۔

**رٕخنہٕ تراوُن۔** ٹھونٛٹھ اَنُن۔

**رٕد۔** مۄل، رد < ع: رَدّ]۔ ۱۔ منسوخ۔ ۲۔ ضایہ۔

**رٕدٕ بدل۔** اُدلا بدلی۔ اُدرُک یور اُلٹا پلٹھا۔ تبدیلی۔ ترٕٹہٕ واٹھ۔

**رٕد کرُن۔** اکھ یا فاصلہٕ بیترٕ) نہ مانُن۔ نامنظور کرُن۔

**رٕدولہٕ۔** مۄل: ردول < ج ]۔ رُذیلہ۔ کھوٚر۔ سپٕز ل (شُر بیترٕ)۔ رانٛڈ۔

**رٕدولہٕ گی۔** (شُرس بیترٕ سٕنٛز) رُذالتھ۔ رانٛڈگی۔ کھٕرل۔

**رٕڑ ۱، رٕڑ۔** ن۔ مۄل: رٕڑ < س، ہرد]۔ سہ آبہٕ

کھشارِ یُس پانَس سیتی کَنہٕ بیترِ ڈُلہٕ والہٕ۔

**رَڈِوُسُن۔** ہکہٕ وُسُن۔ کھشارِ وُسُن۔ ہکہٕ وُسھہٕ پانَس سیتۍ ڈُلہٕ بیترِ والُن۔

**رَڈٕ۲۔** ن۔ مٔول : رَڈ (س : رُدھکَ]۔ ۱۔ یُس کامہٕ بینترِ ٹھُونٹھہٕ اَنہٕ، ہرجہٕ کرہٕ۔ ۲۔ ساگ ڈامب۔ ٹچلہٕ۔

**رَڈِ لاگُن۔** ٹچلہٕ لاگُن۔ ڈامب تراوُن۔

**رَڈٕ۳۔** ہگرکِس ڈُلَس بُنتھہٕ آمُت گاسہٕ بینترِ یُس نہٕ اَتھ بروٗنٹھہٕ پکنہٕ دِیہٕ۔

**رَز۔** م۔ مٔول : رَز (س : رَجُہ]۔ ۱۔ سیٹھہٕ لَرِن وِٹھتھ یاوَر دِتھ بَنومُت ڈور ہیُوہ۔ سو نہٕ داو بیترِ یتھ کانٛہہ زیوٗر اَلوٗنٛد یا وُرِتھ آسہٕ۔ ۲۔ رِشتُک زیوٗٹھ سِلسِلہٕ۔ ۳۔ یتھ نہٕ تھکہٕ آسہٕ۔ اَژھین۔

**رَزَن کھشُن۔** ۱۔ سَخ کٔڑکہٕ دِنہٕ۔ شرارتَس لاینہٕ پتھ سَخ شور کَرُن۔ سَخ روبہٕ داب کَرُن۔ ۲۔ دادِ بیترِ سیتۍ چانٛچہٕ نور کَرُن۔ ژرٛژنگ دِنۍ۔

**رَزِ کھارُن۔** ۱۔ (اَورَکھ) پَھہہٕ دِیُن۔ اَلونٛد ژھنُن۔ ترٛوِ دِتھ تراوُن۔ ۲۔ (اَورَکھ) نسِگناوُن۔ مامِلہٕ بڈراوُن۔

**رَزِ رازٕمہا۔** راز مٔہَن ہُنٛد اَکھ قسم، یمَن ژھتے زیٛچھ ہیمہٕ آسان۔

**رَزِگرٕ۔** ۱۔ (اَورَکھ) مارگنڈ، رَٹھتھ نیُن۔ چوب دِنۍ۔ ربط ضبط۔ ۲۔ سَخ پرٛژھہ گار۔

**رَزِگوٗر۔** یُس رَز وُٹھنَک تہٕ کٔنہٕنُک کارِ بار کَران آسہٕ۔ یُس رَزَن ہُنٛد کارِ بار کَرُن پیشہٕ آسہٕ۔

**رَزِ ہوہ گاڈ۔** سو گاڈ یوہ سہٕ ٹھٔرِنے رَزِ پیٹھ ہو کھناونہٕ آمژ آسہٕ۔

**رَزِ ہیٖر۔** رَمہٕ مٔوٹ اَکھ ہیٖرِ قسم یتھ رَزہٕ بَنان چھے۔

**رَز دٔزگر۔** وَر دراس نہٕ۔ تہٕ دٔ پتھ گوٚیُس مٔولہٕ ۂول آسہٕ تَس گرٛژھی تَن ثمبر کیا۔ تہٕ تَس چھتہٕ یُنٛزہ ہَن ژٕ لان۔

**رَزکٔرِنۍ۔** ۱۔ رَزگنڈِنۍ۔ رَز تارِنۍ۔ ۲۔ رَزِ وِٹھنۍ۔ رَزِ بَناوِنۍ۔ ۳۔ گنڈِتھ نیُن۔ رَٹِتھ نیُن۔ ۴۔ پانَس کُن پھِرُن۔ پننہٕ دِتہٕ کِتھ تھوٚن۔

**رَزّاق۔** ن۔ مٔول : رَزّاق (ع : رزاق]۔ رِزق دِنہٕ وول۔ اَنہٕ داتا۔ خداتعالاسُنٛد اَکھ صِفتی ناو۔

**رَزوٗگون۔** مٔول : رَزوٗگون (س : رَجوٗگُنَ]۔ حرکژ مَنٛز آسنُک وَصف۔ کام، کرۄد تہٕ لۄب آسنُک وَصف۔

**رَژاوُن۔** رَنگ پَشاوُن (تُرن رَنگ کَرنہٕ باپتھ) پھیٚپر پھیٚپرِ کانٛہہ ترٛل رَنگ کرٛناوُن۔

**رَژھہ۔** ۱۔ اَکِ کلیگُک دانہٕ یُس وٕڈِ بَدل لگان چھُ۔ ۲۔ وزنہٕ سواد نہٕ دانہٕ۔ تولُک ژِہیُم حِصہٕ۔ ۳۔ (اَورَکھ پاٹھۍ) پیوٗنتا۔ مو یا۔ سیٹھاہ کم۔

رَژٕ رَژٕ ۔ ۱۔ دارٕ دارٕ۔ ۲۔ ہَنہٕ ہَنہٕ۔

**رَژٕ پھوٗل** ۔ ۱۔ اَکہٕ کُلٹَیک، وۄ زلہٕ رَنگہٕ دانہٕ، یِم چھ نارٕ ژٕ تولنَس لگان ۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھی) وۄ زُل تہٕ مارٕ ی موٗنٛد۔ م، رَژٕ پھلی ووٗٹھ۔

**رَژھاگرٕ ھتھ** ۔ کینٛژٕ کالہٕ پَتے ۔ ذَرا پتَھ پَتھ۔

**رَژِھ ہَن ۔ رَژٕ ہَن** ۔ ۱۔ سیٹھا کَم۔ موٚے کھنٛڈ۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھی) کَم زیادٕ۔ رَژھ کھنٛڈ۔ م: دگہٕ چھس رَژِ ہنا فَرَق۔ ۳۔ (وُرگہٕ پاٹھی) پیٚنٛتِس کھنٛڈس۔ کینٛژس کالَس۔

**رَژھ موٚے** ۔ ۱۔ کُنہٕ چیزٕ چ موٚیا اَکھ۔ اَکھ ہیوٚنٛتا۔ ۲۔ ہَن دانٛی۔

**رَژھر** ۔ ن۔ موٗل: رَژھر < س ، رَکت]۔ ژھرہٕ زھور آسنٕچ حالتھ۔ چھوٚپہٕ۔

**رَس** ۔ ن۔ موٗل: رَس < س : رَس] ۱۔ ترَل مادٕ یُس میٚوَن، سَبزی بیتر مَنٛز آسان چھُ۔ شیرٕ۔ کُنہٕ چیزَس چیرِتھ کوٚڈمُت ترَل مادٕ۔ پھیتار۔ سُہ ترَل مادٕ یَتھ مَنٛز سَبزیٚ ماز بیترِ رَنٛنہٕ آسہٕ آمُت ۔ ۲۔ سُہ پونٛی یُس رَنٛنہٕ وِزِ سِنَس ترٛاوان چھِ ۔ ۳۔ مَزٕ۔ حَض ۔ م، آرٕ وَلہٕ ژٕ تے کَتیٚو لوٚگیو رَس ۔ ۴۔ مَس ۔ م: سوٗم رَس ۔ ۵۔ سُہ مادٕ یُس کُنہٕ چھوکَس بیتَرِ پیدٛان آسہٕ۔

**رَسہٕ بوٗرُت** ۔ ۱۔ رَسدار۔ میٚوٗٹھ تہٕ مَزدار۔ (کانٛہہ میٚوٕ بیترِ) ۔ ۲۔ لَطیف۔ خوش کَروُن (باتھ بیترِ) ۳۔ یَتھ ژوٗر رَس آسہٕ (سیُن بیترٕ)۔

۴۔ رَسہٕ سیٚتۍ بَرنہٕ آمُت۔

**رَسہٕ ژُمُن** ۔ مَدٕ وُسُن۔ ییٚری پیٚری مَشنٕ۔

**رَسہٕ وُسُن** ۔ ۱۔ (کُنہٕ اُدٕ چیزٕک) پَیُن۔ پوٚٹھُن۔ ہیوٚکھُن۔ واَنسہٕ یُن۔ ۲۔ یاوُن سوٗرُن۔ ۳۔ رَسہٕ ژُمُن ۔

**رَسہٕ ووٚتھمُت** ۔ سِپاتیوٚمُت۔ مَدٕ ووٚتھمُت۔ پیٚپیشومُت۔

**رَسہٕ یُن** ۔ ۱۔ قرارٕ قرارٕ یا آہِستہٕ آہِستہٕ یُن۔ ۲۔ میٚوَس بیترِ طرٛاوُنہٕ پھیرٕنی۔ میٚوٕ پیٚپُن۔ ۳۔ کھیٚنہٕ چیٚنہٕ کی چیزٕ چھاوٕ ینی۔

**رَس بَتس ہاَل گرٕ ھنی** ۔ میٚٹھس تہٕ مَزدار کھیٚنَس عادَتھ سَپدُن۔ وازٕ وانٕچ پھِد اَژٕنی۔ م، دَستار خانٕچ اُڈرٕ چ اَژٕنی۔

**رَس پیٚوٚن** ۔ ۱۔ میٚوَس بیترِ اَندرٕ شیرٕ گژھُن۔ میٚوٕ بیترِ پَنَس واتُن۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھی) بالِغ گژھُن ہیٚوٚن۔ بالِغی مَنٛز قَدَم ترٛاوُن ۔

**رَس پھیوٚر** ۔ ۱۔ رَس قَطرٕ۔ رَس رَژھا۔ ۲۔ رَس موٚیا یِیٚمہٕ سیٚتۍ بَتہٕ کھیٚنہٕ ییٚر تہٕ ہوٚد ہوٚکھ روزٕ نہٕ۔

**رَس دار** ۔ ۱۔ ژٕسیٚل۔ یَتھ جان مَزٕ آسہٕ۔ میٚوٗٹھ ۔ ۲۔ یَتھ جان رَس آسہٕ تہٕ خوشکہٕ آسہٕ نہٕ۔

**رَس دیُن** ۔ ۱۔ چایہٕ بیترِ پاکرٕ کَڈٕنہٕ برٛنٛہہ آب ترٛاوُن تہٕ گژکھ اَہنی ۔ ۲۔ کھیٚباوِنَس چاوَنَس

کُن لاگِتھ بے خبر تھوُن ۔

**رَس ژَمُن** ۔ سِنٛس بیترِ پاکھ دِنہٕ سیتۍ رَس شَرپُن ۔ رَس شَرپنہٕ کِنۍ موٚٹُن ۔

**رَس کَرُن** ۔ ۱۔ کُنہٕ زَخمَس یا چھوکَس بیترِ نوٚنہٕ زُو اُتھِرتھ پاکھ گژھن ۔ ۲۔ فصلَس بیترِ جان پاہ تہٕ پلالہٕ واتنہٕ کِنۍ دانہٕ پوٚٹھُن ۔ فصلہٕ بیترِ تیک جہار ۔ زُو کَرُن ۔

**رَس کُت** ۔ رَسَس مَنٛز بوڈُونہٕ آمُت یا رِکژُونہٕ آمُت ۔

**رَس کیٚمسرِ کَرُن** ۔ شَرمَندہٕ کَرُن ۔ بُتھ دِنَس لایق نہٕ تھوُن ۔

**رَس کیٚمسرِ گژھُن** ۔ سیٹھا شَرمَندہٕ گژھُن ۔ خجل دَد گژھُن ۔ بُتھ دِیُن لایق نہٕ روزُن ۔

**رَس گژھُن** ۔ ۱۔ کُنہٕ زَخمَس یا چھوکَس بیترِ اَندرِ توٚن گَنٛڈہٕ مادٕ سمُن ۔ ۲۔ سِنٛتیک رَس موٚٹُن ۔

**رَس لگُن** ۔ ۱۔ آنَنٛدٕ یُن ۔ سادٕ یُن ۔ مزٕ یُن ۔ (کامہٕ کارَس یا کھیٚنَس چَنَس) ۲۔ لِہِن گژھُن ۔ محوٗ سپدُن ۔

**رَس میٚنتھ تہٕ ناٹہٕ گَنٛزٕ رِتھ** ۔ تہٕ ذٕ یِتھ گوٗسورٕ کینہٕ تولِتھ تہٕ میٚنتھ یِتھ ہُرہٕ رِ یا چھونہٕ کرِتھ ہیٚکو نہٕ ۔ بِلکُل بوٗزِتھ شوٗژٕرِتھ ۔

**رَس نار** ۔ ہی کرِتھ بڈٕ یِہِن واٗریہٕ سہٕ رَس بیترِ باگرَس لگان آسہٕ ۔ کیٚتلہٕ چالہٕ گَنٛزٕ و نار ۔ ہی نار ۔

**رَسَد** ۔ م ۔ مؤل : رَسَد [ف : رَسَد ] ۔ ۱۔ حِصہٕ ۔ بوگ ۔ ۲۔ دآتب ۔ ۳۔ اَناجُک بیترِ سُہ حِصہٕ یُس کانٛسہٕ سرکارَس نِش مُلہٕ ہیٚنک حق آسہٕ ۔

**رَسار کَڈُنۍ** ۔ ۱۔ بِچھا لوٗٹھ دِنۍ ۔ تہٕ دیُن یہٕ حِصہٕ ژنٛگو کھسہٕ ۔ ۲۔ دَرشَن خاطرٕ شالۍ ستوٗر بیترِ مَنٛز) خارِم کَڈُن ۔

**رَسَد کَرِنۍ** ۔ ۱۔ حِصہٕ بچھا لوٗن ۔ ۲۔ کھنٛڈ رَن سوٗمبرِنۍ ۔ یَس نِش یہٕ واتِرتَس تہٕ ہیٚون ۔ ۳۔ فوجَس بیترِ کیُٹ کھیٚن چَن لوٗکن بچھا لوٗن تہٕ ہیٚون ۔

**رَسَد کھارِنۍ** ۔ چینٛدِ پیٹھ راشَن اُنُن ۔ کاٹھ پیٹھ چینٛدِ توٗل بیترِ کھارُن ۔

**رَسا مَسا** ۔ مَنٛزٕ ناوان مَنٛزٕ ناوان ۔ آہِنۍ واہِنۍ اَذاَنۍ ۔

**رَسآے** ۔ م ۔ مؤل : رَسآے [ف : رسائی ] ۔ پوٗنچھ ۔ پلَن ۔ کانٛسہٕ سیتۍ لِحاظہٕ کانٛسہٕ تام واتُھ ۔

**رَسہٕ ، رَسَے** ۔ [س : رَسہ ] ۔ اَسان اَسان ۔ وارٕ وارٕ ۔ تکلیفہٕ وَرآے ۔

**رَسہٕ اَنُن** ۔ ۱۔ کانٛسہٕ اَسان گِنٛدان وارٕ وارٕ اَنُن ۔ ۲۔ وولَسنَس اَنُن ۔ کانٛسہٕ مال پھِرُن ۔ کُنہٕ اَندر دِلچسپی ہیوٚناوُن ۔

**رَسہٕ بٕہُن** ۔ سپُر وَرآے بٕہُن ۔ قرارٕ بٕہُن ۔ ژھوپہٕ وتہٕ یہٕ کرِتھ بٕہُن ۔

**رَسہٕ پاٹھۍ ، رَسہٕ پاٹھیٚن** ۔ لوتہٕ پاٹھۍ ، نَنٛبر

گژھنہٕ روٗس۔ ژھوہ پیہٕ دوہ پیہٕ کرِتھ۔ م:
رَسہٕ پاٹھۍ ہِلنو ونس روہ پیہٕ ہتھ۔

رَسہٕ رَسہٕ۔ ۱۔ ہَنہٕ ہَنہٕ۔ اَستہٕ اَستہٕ۔ قرار قرارہٕ۔ ٹھہری ٹھہری۔ ۲۔ مَزٕ مَزٕ۔ وارٕ وارٕ۔

رَسہٕ مَسہٕ۔ آسان تہٕ گندان۔ مَزٕ دار پاٹھۍ۔ لوتہٕ پاٹھۍ۔

رَسٕر۔ م۔ مٔول: رَسر < س: رَس لفظک ژھوٹہٕ۔
۱۔ دیگ۔ لیوٗل۔ سیٹھ رنٛنک کنتریو بانہٕ۔
۲۔ گژکہٕ دوٗن آب۔ بُسَر۔ پھُسَر۔

رَسٕر ہیٚنۍ۔ (ووٚہو) ہکہٕ ہکہٕ کروٗن پونۍ ژمَرٕ پلیٹھ ہیٚیون۔ پھُسر وٕسنۍ۔

رَسٕر ژھنۍ۔ (کاتہٕ) گژکہٕ دوٗن پونۍ پیٹھ تڑاوُن۔ پھُسر والنۍ۔ بُسر تڑاوٕنۍ۔ (ریہٕ چھُ ووٚہو تہٕ)۔

رَسر بتہٕ۔ ۱۔ کنترِ دیگہٕ منٛز روٗنمُت بتہٕ۔ پَنہٕ بتہٕ یُس لوسہٕ دِوان چھُ۔ ۲۔ پکچپہٕ دِوٗن بتہٕ۔ بتچھ گوٗنہٕ باہیہٕ وژاُمت آسہٕ نہٕ۔

رَسر وونۍ۔ گژکہٕ گژکھ کروٗن آب۔

رَسِم۔ ن۔ مٔول: رَسِم < ع: رَسم ]۔ روِش۔ رِواج۔

رَسٕنۍ، رَسِن۔ م۔ مٔول: رَسن < س: رَسنا ]۔
زیو۔ کَٹٕ۔ م: یہٕ رَسنہٕ دوہ ژرُم تہٕ منتھر
(لَل دید)

رَسُن۔ ن۔ مٔول: رَس < س: رَس ]۔
رَس کڈُن (میوٚک بیترِ)۔ جہار کڈُن (فصلک بیترِ)۔ ژوٚر رَس کڈُن۔ رَس دار بنُن۔

رَسوے۔ م۔ مٔول: رسوے < س: رسوئی ]۔ ۱۔ سولہار۔ ۲۔ (دورکہٕ پاٹھۍ) رَنُن پاکُن۔ کھینہٕ چینکۍ چیز اَنِنۍ۔

رَس اَشُد۔ ن۔ مٔول: رَس اشد < س: رَسہٕ + اَوشدھ ]۔ اَکس بوٚٹہٕ آبس سیتۍ کڈِتھ بنووُمت دَوا۔

رَستہٕ۔ ن۔ مٔول: رَستہٕ < ف۔ راستہ ]۔
رُج۔ تنگ۔ لاٚن۔ م: تَتہٕ اوس بیمارن ہُنٛد رَستہٕ لوٚگمُت۔

رَستہٕ لگُن۔ رُج لگنۍ۔ وارِیاہ لوکھ چھوکہٕ چھوکہٕ جوٚلوسہٕ چالہٕ پکنۍ۔

رَس رٔوزکٕنہٕ۔ < ف: رَس + روزینہ ]۔ راتب۔ دوہہ دِتُسک غذا۔

رَسمِ خط۔ ن۔ مٔول: رَسم خط < ع: رَسمُ الخط ]۔ اَچھرن ہُنٛز لیکھن تڑاے۔ سِکرِپٹ۔

رَش۔ ن۔ مٔول: رَش < انگ: رَش: RUSH ]۔
۱۔ بَرٕ بارَے۔ گاڈیٚن یا اِنسانَن بیتر ہُنٛد سَخ پاٹھۍ یُن گژھُن۔ ۲۔ تڑپہٕ تڑپھ۔ ۳۔ تیزی۔ جلدی۔ دورٕ دور۔

رَشا دَتھ۔ ۱۔ ہیداہتھ۔ ۲۔ (دورکہٕ) چالاکی۔

رَشا دَتھ وَنٕنۍ۔ چالاکی وَنٕنۍ۔ چالبازی ہاوٕنۍ۔

رَشِک، رَشکہٕ۔ ن۔ مٔول: رَشک < ف: رشک ]۔

خار - ییژول - عداوتھ - دشمنی -

**رشن** - ن - مؤل : رسن دس : رشنا ] - زنانہ ہنند بلہ گنڈن - زنانن ہنز گبرس گنڈ نیچ لونگو -

**رشوتھ** - ن - مؤل : رشوت دع : رشوۃ ] - پیٹھ ووفی -

**رشوتھ ستانی** - کوژھ دین یا ہیون -

**رشو** - رشوتھ -

**رشو بزن** - کوژھ دین -

**رضائے** - م - مؤل - رضائے دف : رضائی ] - لوژ لیف - کیہ پھب برتھ وری پلو -

**رعشہ، راشہ** - ن - مؤل : رعشہ دف : رعشۃ ] - تھرتھر - ٹٹنی - اگر بیمار ہنند ناو یتھ اندر اتھن کھورن ٹٹنی آسان چھے -

**رعنا - رانا** - مؤل : رعنا دع : رعنا ] - شوبہ دون - لوبہ ون -

**رغبتھ** - م - مؤل : رغبت دع : رغبۃ ] - مال - کنیچ خاہش - گننگ شوق - منگ - طلب -

**رف (رف کاپی)** - مؤل : رف د انگ : رف - ROUGH ] - سو کاپی یا کاگز یتھ پیٹھ آزمایشہ برونہہ گوڈ کانہہ سوال بیتر لیکھان چھہ تہ پتہ اصل کاپی پیٹھ تاران چھہ -

**رفع دفع** - مؤل : رفع دفع دع : رفع + دفع ] - نیائے بیتر ژھوٹراون - جگڑ یا مالہ ختم کرن - کنہہ وون ژھنن -

**رفع یدین** - ن - مؤل : رفع یدین دع : رفع یدین ] - نماز منز تکبیر پرن وز اتھ زِ تھوود تلنی -

**رفل ۱** - م - مؤل : رفل د ہ - رفل ] - اکھ گرم کپڑ -

**رفل ۲** - م - مؤل : رفل د انگ : رائفل - RIFLE - ] - بندوق -

**رفاقتھ** - م - مؤل : رفاقت دع : رفاقۃ ] - ہمدردی - اتھ روٹ - حاجتہ وز اکار بکار ین -

**رفض** - ن - مؤل : رفض دع : رفض ] - وفاداری بدلاونی - سردارس دوکھ دتھ ژلن - تراون -

**رف تباہی** - مؤل : رف تباہی دع : رفیع + ف : تباہی ] - ۱ - آوار - ونہ راول - دربدری لد - پھناری - ۲ - لاپروا - منڈلمس -

**رفتنی** - دف : رفتنی ] - مرنہ سر -

**رفتار** - مؤل - رفتار دف : رفتار ] - ۱ - پکنیچ ترائے ، انداز ، چال - ۲ - ژوتریر - ۳ - توژھ - ہکتھ - طاقتھ - زور - م : بیمار تھووس نہ کانہہ رفتار -

**رفرف** - ن - مؤل : رفرف دع : رفرفۃ ] - سو سواری یتھ کتھ آنحضور [illegible] معراج گور -

**رٕفری ۔** مٲل : رٕفری > انگ : ریفری : REFEREE ]۔ سُہ یُس کُنہِ کھیلہٕ منٛز دۅن دَرِین موقس پیٹھ فاصلہٕ کرَس آسان چھُ۔ (کھیلہٕ ہُند) فاصلو۔

**رٕفگر ۔** مٲل : رفوگر > ع : رُفوتُ + ف : گر ]۔ ۱۔ یُس پَلوس بینٛز پھٹنہٕ سینی پوٹ بیترٕ چھاوِ۔ پوٹ چھاوَن وول۔ ۲۔ رۆفوگر۔ یُس پَلوس رۆف کرِ۔

**رٔقم ۔** ن۔ مٲل : رَقم > ع : رقم ]۔ ۱۔ عَدد۔ ۲۔ روپیَن ہُند تیداد۔ روپیہ۔ ہار۔ دیار۔ ۳۔ مال۔ دولتھ۔

**رٔقم نارُن ۔** ہار واتناونہِ (ٹیٹھ پاٹھی) رشوتھ دِیُن۔ کوٚڑ دِیُن۔

**رٔقم کھیوُن ۔** کانٛسہِ نِشہِ روپیہ رٹُنہٕ۔ رشوتھ رٹُن۔ دیار بَڑِ کھنی۔ غبن کرُن۔

**رٔقص ۔** ن۔ مٲل : رَقص > ع : رقص ]۔ نژُن۔ گَتھ۔

**رٔقصہِ طاؤس ۔** نژنُک اَکھ قِسم۔

**رُکاتھ، رکعت ۔** م۔ مٲل : رکات > ع : رَکعۃ ]۔ نِمازِ ہُند اَکھ حِصہٕ یتھ اَندر قیام، رُکوٗ، تہٕ زٕ سجدِ چھِ یِوان۔

**رُکاکتھ ۔** م۔ مٲل : رُکاکت > [ ] رُکنہٕ آلی۔ گاہ بتھ گاہ بتھ۔

**رُکاکتھ کرٕنی ۔** کانٛسہِ ہنٛز گاہ بتھ کرٕنی۔

**رُکاکتھ ۔** یُس کانٛسہِ ہنٛز گاہ بتھ کرِ۔

**رٔکشابنٛدَن ۔** م۔ مٲل : رکشابندن > س : رکشا + بندھنہٕ ]۔ رچھ پُنیم۔ رچھ گنٛڈنُک لوٚکٕٹ دوہ۔

**رٔکشہٕ ۔** ن۔ مٲل : رِکش > انگ : رِکشا : RICKSHAW > جاپانی زبان رِکشا ]۔ اکہِ قسمٕچ ترٛےپہیہِ گاڑی۔

**رٔکھ ۔** م۔ مٲل : رکھ > س : رکشنہٕ ]۔ ۱۔ سرکارن تھاوِ محفوظ جاے کاہچرایہٕ باپتھ۔ ۲۔ محفوظ جنگل یا وَن۔

**رٔکھپال ۔** ن۔ مٲل : رکھپال > س : رکشہٕ پالہٕ ]۔ راچھ کرُن وول۔ رچھن وول۔

**رٔکھتہٕ ۔** مٲل : رکھ > س : رکتہٕ ]۔ دوٚرل۔

**رٔکھتہٕ ژٔنڈُن ۔** دوٚرلہٕ زنگہٕ کڑنُن۔

**رٔکھت بیٖز، رکھہٕ بیٖز ۔** مٲل : رکھت بیز > س : رکتہ بیج ]۔ اکس راکھسُن ہُند ناو، ویپان پننٛدِس اکس اکس رتہٕ قطرس اوس اکھ اکھ جن بنان۔

**رٔکھیشا ۔** م۔ مٲل : رکھیا > س : رکشا ]۔ راچھ۔ بچاو۔

**رٔکھیاکار ۔** رچھن وول۔

**رٔکھیاکٲری ۔** رچھنُک کام۔ راچھ۔

**رٔگ ۔** م۔ مٲل : رگ > ف : رگ ]۔ ۱۔ بدنس اندر سُہ نار یتھ منٛز خون دورہ کران چھُ۔ ۲۔ پنن بَرگن یا پوشہٕ ونٛترن ہینٛز بیترٕ ہینٛز راٹھ۔ ۳۔ ژادرِ بیترٕ اندر ییٚمہٕ ہُند نقص۔

وونہٕ نس اَندر نارِ ہُند نوفیس ۴۔ ہالس بیترِ اَندر کانہہ ہُند شگاف یا دُرز۔
۵۔ زمینہٕ تَل آب یا تیلُک دَر۔ آہج یا تیلچ جوے۔ ۶۔ کنین یا جواہراتن بیترِ اَندر رکھ ہش۔ ۷۔ خونی رِشتہٕ۔
مٲلی وَتر یا ماجر وَتہٕ اُشناو۔

رگن تہٕ نارن واتُن۔ وچھو "رگن رگن پھیرُن"۔

رگن رگن پھیرُن۔ (کھمبہٕ بھیتر بیترِ) پڑتھ کُنہٕ انگس واتُن۔ نارن نارن واتُن۔
آتھر گژھن۔

رگن رگن واتتھ آسُن۔ کانُسہٕ ہنز پوٗرٕ پاٹھو خبر آسٕنی۔ ذاتُ ہنی یا ذٕ ہنز خبر آسٕنی۔

رگہِ پیٹھ رگ گژھنی۔ (کھوٗر سن بیترِ) وُتن ہیوٗہ گژھن تہٕ سخ ڈگ گژھنی۔

رگہِ رگی چھ خوٗن۔ تہٕ دُپتھ گوٚہ اُشناوِنے چھ پانہٕ وانی اکھ اکۍ سُند دوسہِ آسان۔
یُسُند ژُک آسہِ تُہندی چھِنے ڈگ ووتھان۔

رگہِ پے۔ رگہٕ تہٕ نار۔ اکھ اکھ رگ۔ پڑتھ اکھ رگ۔ ۲۔ سُنٛچ اصلیتھ۔ بنیاد۔

رگہِ پے اَنٛدٕ ٹُن۔ ژٕریچ خبر کڈٕنی۔ بنیاد کھرِ کرٕنی۔ اصلیتھ ژٲنی راوٕنی۔

رگہِ پے نیرُن۔ اصلیتھ کھرِ سپدٕنی۔ بنیاد ہٕنی۔ ذاتُ ہنی یا ذٕ ہُند پے لبُن۔

رگہِ پاشہٕ۔ اُشناوَن بیترِ ہنز پانہٕ وانی پامہٕ پام۔

رگہِ پاشہٕ کڈٕنہٕ۔ ۱۔ پامہٕ پام کرٕنی۔ پتیشم بڑدٕ تھٹھیم نون کڈُن (پامہٕ ووٚتر کرِتھ)۔
۲۔ چھٹی تہٕ کرِ ہنز ژارٕنی۔ پوٗرٕ پاٹھو سام ہینی۔

رگہِ پاشہٕ نیرنہٕ۔ پوٗرٕ پاٹھو سام ہینہٕ یِنی۔ ژار سپدٕنی۔ چھٹی تہٕ کژ ہنی اَلگ نیرٕنی۔

رگہِ پھولنہٕ۔ (وٕرگہٕ) بوہ کرِ پھولنہٕ۔ سیٹھا خوش سپدُن۔

رگہِ ووٚد۔ ۱۔ یُس ہٕٹہ چہ رگہٕ وزمژ آسن۔ یُس بیگرٕ ہوٚٹ آسہِ۔ ۲۔ (وٕرگہٕ پاٹھی) میٹنگہٕ نژ کرٕ۔ یُس نہٕ کانُسہٕ ہُند شرینہٕ۔

رگہِ کھسنہٕ۔ (شرارتہٕ بیترِ سیٖتی) ہُنٛدٕ چہ رگہٕ نام بوزنہٕ بیِنہٕ۔ سخ شرارتھ کھسُن۔

رگہِ کھینہٕ۔ (وٕرگہٕ) جیٚپھی ژھنتھ کانُسہٕ ہٕٹس زٕل دیُن۔ ہوٚٹ رٹُن۔

رگہِ مگہٕ۔ رگہٕ بیترِ۔ ہٕٹہ چہ رگہٕ تہٕ نار۔ ہری وول۔

رگہِ ہُنز رٕنہٕ ییٚنہٕ۔ وُسہِ آسنہٕ کِنی کانُسہٕ ہُندٕ موکھ جوش ہیوٗہ یُن۔ سخ لول یُن۔
سرٕ بیہہ پھیرُن۔

رگ ہٕٹنی (دُبانٛڈ پژ ہیتشرِ موکھ) کٔلچ رگ ہٕٹنہٕ سیٖتی نسنہٕ کِنی خوٗن یُن۔ یہ چھِنے اکھ بیمارے۔ ہیمرزج۔

رگ کڈٕنی (وٕرگہٕ) ووہٕ رِشس کڈٕنی۔ وُرزٕن۔ توصب ورناوُن۔ فایدٕ وزِ پنٕنی پنٕنی اَلگ کڈٕنی۔
صِرف پنٕنہٕ نین فایدٕ واتناوُن۔

رگ مرٕنی۔ تمہ کہنہ خبر بوزنہٕ روزٕ ہیوٗ گژھن۔
مطلبس کنہٕ بوزنی۔ ۲۔ رشتہٕ داری ہنٛد
رُک ہوکھ سَپدُن۔

رگ مژرٕنی۔ نسترٕ ہیتھ دِتھ رگہِ اندر خوٗن
کڈُن۔

رگ نیرٕنی۔ ۱۔ کُنہٕ قسمہٕ چیز کانہٕ ہمنٛد پے لگُن۔
کان نیرٕنی۔ دوٗرِچ رشتہٕ داری نیٚنی۔
۲۔ تمہ کانہہ آشناوی نیرٕنی یتھ اندر
نہٕ نیتھر دِتھ یا ہیتھ ہیکوٚ ز۔

رگ وونٛنی۔ ۱۔ (وگہ) سخ شرارتھ
کھسُن۔ جانہٕ منٛس پیٹھ واتُن۔ ۲۔
کانسہٕ ہنٛدٕ دادِ تنٛتر وونٛنُن۔

رگڑ۔ م۔ مول: رگڑ < م: ۵: رگڑ]۔ گمکھر۔
گھسُن۔

رگاڑی۔ مول: رگاڑی < س: پٹر + گھنٹر بشتھ۔
م: ۵: رگڑی]۔ کُشرگر۔ پزنہٕ
پنٛیٹھی کاکی۔ پننہٕ ہیٚنہٕ نہٕ ڈلُن وول۔
چھپر لاگُن وول۔ گمکھری۔

رگزال۔ مول: رگزال < م: ف: رگ جالی]۔
شُراژتی۔ ہرٕ زگر۔ بدخاہ۔ بد
باطِن۔ ژدٕ پلہٕ۔

رل۔ م۔ مول: رل < م: ۵: رلنا]۔
کُنہٕ قسمٕچ آلائش۔ مِلاوَٹھ۔ م:
سونس چھپے سرتلہٕ ہنٛز رل۔

رلہٕ۔ مول: رل < م: ۵: رلنا]۔ بلہٕ ہش۔
یکہٕ وٹہٕ مِلنہٕ آوتھ۔ واریاہن کُنے گرٕتھ۔
گنٛی گیٚنڈٕ گرِتھ۔

رلہٕ پلہٕ۔ ۱۔ بلہٕ ہش۔ واریاہہٕ قسمکو چیز
یِم یکہٕ وٹہٕ مِلناونہٕ آمتی آسن۔ یِمن
گنٛنے گرنہٕ آمُت آسہٕ۔ ۲۔ یکہٕ وٹہٕ میلتھ
کانہہ کام ہیٚتھ آند واتناونی۔ اکھ اکس
سیٚتی ژلتھ۔ یکہٕ وٹہٕ۔ ۳۔ اکہٕ ہوکھ
پھلک ناو یتھ اندر چنہٕ، شرٕنی نہٕ
موٗنگہٕ پھلو ہیتھ رلاونہٕ چھ یوان۔ چنہٕ
چھپیل۔

رلُن۔ ن۔ مول: رل < م: ۵: رلنا]۔
۱۔ کُنہٕ یا کانسہٕ سیٚتی ہشر یُن۔ برابری
ینی۔ وار وہستار یُن۔ ۲۔ شامِل سپدُن۔
۳۔ میلُن گیلُن۔ ۴۔ موزوٗن آسُن۔
مژھیٚتھ آسن۔ پزوٗن آسُن۔

رلہٕ وُن۔ ۱۔ اکنہٕ یا کانسہٕ سیٚتی) میلہٕ وُن
گیلہٕ وُن۔ ۲۔ موزوٗن۔ پزوٗن۔ ۳۔
یُس سیٚنی وار وہستار ییہ
ژلتھ میلتھ۔ یکہٕ وٹہٕ شمتھ۔

رم عہ۱ (کرُن)۔ ن۔ مول: رم: < س: رمب]۔
(اگُرک سُنٛد) یکدم روٗزتھ گژھن نہٕ
سوار یا بور ہیتھ دارتھ دِنہٕ خاطرٕ یتھ
بڑ وشٹھ کرُن یا ووٹہٕ تُلنہٕ۔ ہوڈ کرٕنی۔

رم عہ۲ (رمب کرُن)۔ (نیوٗرنہٕ باپتھ پھلو
پُشاری) تیر سوممبرٕنی۔

رَم ۳۔ م۔ مۆل : رَم < انگ : رَم ۔ RUM ]۔
اَکہِ شَرابُک ناو ۔ گورٕس بَنوومُت
شَراب۔

رَمَل۔ ن ۔ مۆل: رَمَل < ع : رَمّال ۔ رَمَل کَر ]۔
۱۔ اَکھ عٕلمُک ناو یَمیُک ذریعہ سٟتی غٲب چیٖز
سَکنہٕ گَژھنہٕ یوان چھیٚ۔ عٕلمہِ غٲب۔
۲۔ شاعری اَندر اَکھ بَحر۔

رَملی۔ (بہزلہ) عٕلمہِ رَمَل زانَن وول۔

رَمز۔ ن ۔ مۆل : رَمز < ع : رَمز ]۔
اِشارٕ۔

رَمب۔ م ۔ مۆل : رَمب < س : رَمبہٕ ]۔
جَب۔

رَمبہٕ ۱۔ ن ۔ مۆل : رَمب < پراکرت : رَمپ ]۔
وچھو "رَمبی" تہٕ ۔ دَژمُن بیٚتر زَلنہٕ
باپتھ اَکھ تھَپیہ دار آلہ ۔ اَکھ قسمُک
کھرُو یَمہٕ سٟتی چھُ کرٕنی ہیوٚہ آسان۔

رَمبہٕ ۲ (کَرُن) ۱۔ سوچُن۔ یِرادٕ کَرُن۔ ۲۔ زِنٛدٕ
شُنٛدٕ واپہٕ کَرُن ۔ ہراسہٕ بوزُن۔

رَمبُن۔ ن ۔ مۆل : رَمب < س : رَمبہ ]۔
شوٗبُن ۔ شَکٕل ہش نیرٕنۍ۔

رَمبہٕ رِیٚنی۔ شوبہٕ وٕنۍ ۔ یُس جان شَکل
تہٕ وو تھُن بہن آسہٕ۔

رَمبہٕ ناوُن۔ شوب اَنُن ۔ شَکل اَنُن۔

رَمبہٕ وُن۔ شوبہٕ دُن ۔ شوبہٕ دار۔

رَمضان۔ ن ۔ مۆل : رَمضان < ع : رَمضان ]۔
۱۔ ہجری سَنہٕ حسابہٕ وُری ہُک نوٚیُم
ریتھ۔ ۲۔ روزٕ وٕری ہُنٛد ریتھ۔ ماہِ صیام۔
۳۔ مُسلمانَن ہُنٛد اَکھ ناو۔

رَمضان نِماز کر۔ (بہزلہ) یُس ماہِ رَمضانس
مَنٛز یۍ یوت نِماز پَران آسہٕ۔

رَنُن۔ ن ۔ مۆل : رَن < رُنادھنہٕ ]۔ کھین
بیٚتر اوگنس پیٹھ تیار کَرُن ۔ بَتہٕ سیٚن
تیار کَرُن ، پاکہٕ وُن۔

رَنہٕ پیو۔ (ل ۔م) رَنُن تہٕ پیوُن ۔ سائلچ
دوہہٕ دروہہٕ۔ سال سَب ۔ یوٗٹ دوہ۔

رَنٛبلو۔ رَنٛبہِ وٕنۍ۔ شوبہٕ وٕنۍ۔

رَنٛبلو مَس۔ کانٛجٕنہٕ مَس۔

رَنٛج۔ ن ۔ مۆل : رَنٛج < ف : رَنٛج ]۔
۱۔ دوکھ ۔ غَم ۔ تَکلیف ۔ ۲۔ پیچھے
ہیوٚہ ۔ مَلالہٕ۔

رَنٛد۔ ن ۔ مۆل : رَنٛد (پوٚت صَدا ]۔ بَنٛد
لَفظُک پوٚت صَدا۔ م: بَنٛد رَنٛد۔

رَنٛدٕ گَژھُن۔ کھوٚری گی پیٹھ ڈرراوُن۔ کمہٕ گَژھُن۔

رَنٛدٕ نیرُن۔ کھوٚری گی پیٹھ دَرُن۔

رَنٛدٕ ۱۔ ن ۔ مۆل : رَنٛد < س : رَدکہ ]۔ چھانہٕ
سُنٛد اَکھ ہتھیار یَمیٚہ سٟتی شہ چھیُر
تُلنہٕ باپتھ لکرِ زِلان چھُ۔

رَنٛدٕ دِیُن۔ ۱۔ رَنٛدٕ سٟتی زِلیتھ لکرِ چھیُر
تُلُن۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھو) کامہٕ گنتھ بیٚتر
پھری پھری کٕنی ۔ وُوج ووٗج دِیُن۔

کٕنہٕ دٕل دِیُن۔

**رٕنٛدٕ کٔڑُن** ۔ ١۔ نِکہٕ رٕنٛدٕ سۭتۍ زٕلُن۔ ٢۔ پھمب کٔڈُن۔ پھمبس ٹوٗٹھ کٔڑٕنۍ۔

**رٕنٛدٕ٢، رٕنٛد** ۔ ن ۔ مول : رٕنٛد (س : رٕد]۔ ١۔ دجٕرتر ۔ ریٖنٛچہِ ۔ ٢۔ زیوٗٹھ زٔمیٖنہٕ ٹُکرٕ۔

**رٕنٛدٕ والُن** ۔ ١۔ ترٕ والُن ۔ پلون ریٖنٛچہِ کٔڑٕن۔ ٢۔ (وٕرگہٕ پٲٹھۍ) اگاڈٕ گژھُن۔ تھپھِ تہٕ تُلُن۔

**رٕنٛدُک١** ۔ ن ۔ مول : رٕنٛدک ]۔ ١۔ زٕیٹھ والہٕ پُٹ ۔ ٢۔ پُشٕٹھ۔

**رٕنٛدُک٢** ۔ ن ۔ مول : رٕنٛدک ]۔ ١۔ سپھرآرکہٕ دربدری ۔ آوارٕ ۔ رٔدولہٕ ۔ ٢۔ سٔرِیہٕ چالہٕ اکھ گُوٕ ذاتھ یُس سہٕ آبس اندر آسان چھِے۔

**رٕنٛدر** ۔ ن ۔ مول : رٕنٛدر (س : رٕنٛدھر]۔ زوٗر۔ گوٗد ۔ وُل ۔ م : برٕ ہمہٕ رٕنٛدر۔

**رٕنٛزنٕتھ** ۔ خاطِر ۔ آدر ۔ تٲظیم (پٕرُھس بیتر)۔

**رٕنٛزُن** ۔ ن ۔ مول : رٕنٛز (س : رٕنٛجنہٕ]۔ ١۔ سیر گژھُن۔ ٢۔ خاطِر واتُن (پٕرُھس بیتر)، رٕنٛزٕ وٕنہٕ یُن ۔ مَنہٕ ناوٕنہٕ یُن۔

**رٕنٛزٕ ناوُن** ۔ ١۔ پٕرُھس بیتر خاطِر کٔرُن، واتُن ۔ ٢۔ مَنہٕ ناوُن ۔

**رٕنٛزٕ وُن** ۔ وِچھو " رٕنٛزٕ ناوُن "۔

**رٔنٛگ١** ۔ ن ۔ مول : رٔنٛگ (س : رٔنٛگہٕ / ف : رٔنٛگ ]۔ ١۔ چیٖزَن ہنٛدٕ ریٖنٛک سُہ صِفتھ یمہ سۭتۍ تھٕہنٛدٕ چھوت اَگُرُن تہٕ ووزُل بیتر آسُن نَنہٕ ۔ روغن ۔ اُڈرٲوِتھ یا ہوٗکھ رٔنٛگ یُس کُنہٕ منفعہٕ پیٹھ ... ٢۔ روشن ۔ قاعِدٕ ۔ طریق ۔ م : زمانک رٔنٛگ۔ ٣۔ چال ۔ ڈھوب۔ م : کُنہٕ رٔنٛگہٕ تہٕ موٗتُن نٕہ۔ ٤۔ حالتھ ۔ دشا، گتھ ۔ م : اکہٕ رٔنٛگہٕ بیاکھ رٔنٛگ ۵۔ قِسم۔ م : رٔنٛگہٕ رٔنٛگہٕ نٕشیا مُژ ٦۔ تاسہٕ پیٹھٕن اندر اپینٹ، پان، چیٖری، حُکم۔ ٧۔ شوب ۔ تاثیرُن ۔ نکھار ۔ م : دوٗنی کھوتُس رٔنٛگ ہیوٗہ ۔ ٨۔ روٗپ ۔ شکل۔

**رٔنٛگا رٔنٛگ** ۔ رٔنٛگہٕ رٔنٛگہٕ ۔ قِسمہٕ قِسمہٕ ۔ واریاہہٕ قِسمہٕ۔

**رٔنٛگہٕ بُزوار** ۔ وار یاہَن رٔنٛگن ہنٛز دوٗنہٕ ژھ ژادرپُٹ ۔

**رٔنٛگہٕ پُٹ** ۔ رٔنٛگدار کپٕر دور یا اوٗکتاٗش ژادر۔ ٢۔ رٔنٛگ دِتھ ہیوٗ تختہٕ۔

**رٔنٛگہٕ ٹھَر** ۔ (وٕرگہ) زنانٕ یُس شوٗخ رٔنٛگو پلوٗ نالہٕ آسن ۔

**رٔنٛگہٕ، رٔنٛگہٕ ریٖنۍ** ۔ یوٗسہٕ پلو رٔنٛگان آسہٕ۔ رٔنٛگہٕ ہنٛز زنانہٕ ۔ رٔنٛگرۍ بلے۔

**رٔنٛگہٕ رٔنٛگہٕ** ۔ ١۔ الگ الگ رٔنٛگہٕ ۔ اکہٕ اکہٕ رٔنٛگہٕ ۔ واریاہہٕ رٔنٛگہٕ ۔ قِسمہٕ قِسمہٕ ۔ واریاہہٕ قِسمہٕ ۔ ٢۔ کٲنٛہہ طریقہٕ۔

**رٔنٛگرۍ کوٚنٛڈ** ۔ بوڈٕ ٹھٕٹھُل ہیوٗہ یتھ اندر

رَنگرٕ پَلوٗن بیتر رَنگ چھُ دِوان ۔

**رَنگرِی کھُمب ۔** بوٚڈ ٹھٕکُل یتھ مَنٛز رَنگرٕ رَنگدار آبس مَنٛز پَلو کڑوان چھُ ۔

**رَنگرِی وان ۔** سۄ جاے یتھ رَنگرٕ پَلوٗن رَنگ دِوان چھُ ۔

**رَنگرِی وۄڈرُس ۔** (وُرگہٕ) اَپزِ ے ترُ ے ۔ اَفواہ ۔ شوٗوٕ ے ۔

**رَنگہٕ سپر ۔** ١۔ پھ ختہٕ سپر ۔ ٢۔ روغنی سپر ۔ رَنگدار ٹال ۔

**رَنگہٕ قَلم ۔** کھش، بُرُش بیتر یمہٕ سیتۍ رَنگ کران چھہٕ ۔ رَنگ ساز سُند بُرُش ۔

**رَنگہٕ کُنٛز ۔** کُنٛز یتھ پیٹھ رَنگ گُہان چھہٕ ۔

**رَنگہٕ کوٗٹھ ۔** ترٛپھس اَنٛدر رَنگہٕ پَٹو سیتۍ دِنہٕ آمُت کوٹھ ۔

**رَنگہٕ لَر ۔** رَنگ کرِتھ تسوٗبہٕ دار لَر ۔

**رَنگہٕ مَز ۔** اَکھ قسمُک کاکز ۔

**رَنگہٕ مندور ۔** بوٚڈ مَحلہٕ خانہٕ یتھ رَنگ کرِتھ آسہٕ ۔ بڈ رنگدار لَر ۔

**رَنگہٕ میٹر ۔** اوٚلُٹ ۔ روٗج ۔

**رَنگہٕ ڈٕنی ۔** رَنگنہٕ چِر ہار ۔ رَنگرِی سِنٛز موٗزوٗری ۔

**رَنگہٕ وٲلۍ پینٛڈ کرِ رَنگ ۔** دیر پندی ویپھہ ۔ قہدرٕ ہکر کار ۔

**رَنگہٕ یٹنر ۔** رَنگدار یٹنر یتھ پیٹھ پھمب بیتر کنان چھہٕ ۔

**رَنگرٕ ۔** یُس پَلوٗن رَنگ دِوان آسہِ ۔ م: رَنگرٕ ۔

**رَنگ بَدلُن ۔** ١۔ (وُرگہٕ) بُتھس لبُار ریر پھیرُن ۔ ترٛہرُن ۔ کھوتُرن ۔ رَنگہٕ نہٕ درنہٕ ۔ ٢۔ (وُرگہٕ) حال گژھُن ۔

**رَنگ برٛنگی ۔** واریاہ رَنگہٕ ۔ قسمہٕ قسمہٕ ۔

**رَنگ پکُن ۔** ترٛپھس اَنٛدر رَنگ پوٚٹ ترٛاوُن ۔

**رَنگ پھیرُن ۔** (وُرگہٕ) بُتھس رَنگ ہیوٚہ نیرُن ۔ خوش گژھُن ۔ شکل ہش نیرٕنی ۔ شوٗب ہش پیٹھ ۔

**رَنگدار ۔** یتھ رَنگ دِتھ آسہِ ۔ یتھ رَنگ کوٗرمُت آسہِ ۔ یہ روٗنگمُت آسہِ ۔

**رَنگ دِیُن ۔** پَلو بیتر رَنگُن ۔ رَنگہٕ دُن ۔

**رَنگ ڈٕلُن ۔** اَکہٕ رَنگہٕ ہیکھ رَنگ گژھُن ۔ بُتھس زٕھٹ پھیرٕنی ۔ مُرژھا پھیرٕنی ۔

**رَنگ رَٹٕنۍ ۔** ١۔ رَنگ دِنہٕ یُن ۔ رَنگ ترُن ۔ اَکِنک رَنگ بیٚیس ترُن ۔ ٢۔ (وُرگہٕ پاٹھی) صنوٚحبتہٕ لارٕنی ۔

**رَنگ روغن ۔** وارنش رلاوِتھ رَنگ یُس کُنٛزٕ کرنہٕ یوان چھُ ۔

**رَنگرٕ یُر ۔** رَنگرٕ ۔ یُس پَلوٗن بیتر رَنگ دِیہ ۔

**رَنگ ساز ۔** رَنگ کرَن دول ۔ یُس بُرُشہٕ سیتۍ رَنگ کرِ ۔ مکانن یا گاڈین بیتر

رٔنگ کَرَن وول۔

**رٔنگ کَڈُن** ۔ شَکل نیرٕنۍ۔ شوٗب ہینۍ۔

**رٔنگ کھسُن** ۔ شوٗب ہیٚنۍ۔

**رٔنگ کھارُن** ۔ نٲپناوُن۔ چَمکھ اَنُنۍ۔

**رٔنگ لگُن** ۔ ۱۔ جان پٲٹھۍ رٔنگ تَرُن یا کھسُن۔ ۲۔ شوٗب ہیٚنۍ۔ سَجاوَٹھ گژھنۍ۔ ۳۔ ناو نیرُن۔ نیک نامی گژھنۍ۔ ۴۔ (ہزلہٕ) مَنٛد چھاوَنہٕ یُن۔

**رٔنگ نیرُن** ۔ ۱۔ ٹھپِکھ رٔنگ کھسُن۔ (پلوٗس ہینٛز)۔ رٔنگ نیبر تژاوُن۔ ۲۔ چھتُن۔ رٔنگ ڈلُن۔ رٔنگس نہٕ تیٚتھہٕ روزٕنۍ۔

**رٔنگ یُن** ۔ ۱۔ (ؤرگہٕ پٲٹھۍ) بُتھِس وۄزجار پھیرُن۔ صٕحتھ کرُن۔ نوٗر ہیوٗہ باسُن۔ شوٗب ہش ییٚنۍ۔ ۲۔ تُرپھ یُن۔ جان یُن۔ تُرپھس اَنٛدر تمہٕ رٔنگۍ پیٚٹھ تاس یُن۔ ییٚنہٕ یُس رٔنگ کوٗرُت آسہٕ۔

**رٔنگ ۲** ۔ ن۔ مٲخذ: رٔنگ < س: رٔنگَ ]۔ ۱۔ پٲتھر۔ ناٹک۔ راس۔ ۲۔ وۄسہٕ دِرِوۄسہٕ۔ خوٗشی۔ گیٚنٛدن دروٚکُن۔ ۳۔ وٕر۔ تُجُر۔ بَجر۔ ۴۔ بوٗش۔ تُھر۔ کیام۔ ۵۔ کُنہٕ بیتریٕ کِھاجِہ ہُنٛد تٲثیر ٹھتھ۔

**رٔنگس بے رٔنگی** ۔ بَتہٕ گہٕ ژر۔ بٚے مزگی۔

**رٔنگہٕ ٹھوٗر** ۔ تُخرل تہٕ وٕرل اَنہرِش کوٗر۔

**رٔنگہٕ ٹیٚیوٗنگ** ۔ (ؤرگہٕ) یاوٕ۔

**رٔنگہٕ رِوُن ، رٔنگہٕ ریوُن** ۔ (ؤرگہٕ پٲٹھۍ)۔ یاوٕ۔ عاشہٕ موٚت۔ بٚے غم۔

**رٔنگہٕ ژٕہنگُن** ۔ (ؤرگہٕ) عاشق مزاج۔ یاوٕ۔

**رٔنگہٕ مَنٛڈٕل** ۔ سۄ جاے یتیٚتھ ناٹک لَگنہٕ ییہ۔ سٹیج۔ راسہٕ مَنٛڈٕل۔ ۲۔ اَکہٕ ہار۔

**رٔنگہٕ واوِج** ۔ (ؤرگہٕ) یاوٕ زَنانہٕ۔ زَنانہٕ یوٚسہٕ شیہرِتھ پیہرِتھ تہٕ گژایہٕ ماران پکان آسہٕ۔ تُخرل زَنانہٕ۔

**رٔنگہٕ وول** ۔ ۱۔ تماشہٕ گوٚر۔ ۲۔ رٔنگہٕ رٔنگہٕ وٕہی دارَن وول۔ تہٕ ڈیٚتھ گوٚ خۄدا۔ م: رٔنگہٕ وٲلی ہنٛدی رٔنگ۔

**رٔنگ کَرٕنۍ** ۔ ۱۔ پٲتھر چارُن۔ ناٹک ہاوُن۔ ناٹکس مَنٛز حِصہٕ نیُن۔ ۲۔ (ؤرگہٕ پٲٹھۍ) تُخر کَرٕنۍ۔ وٕر کَرٕنۍ۔

**رٔنگ کھسُن** ۔ بوٗش کھسُن۔

**رٔنگ کھارُن** ۔ ۱۔ (ؤرگہٕ) کتھہٕ تاثیر کھارٕنۍ۔ وۄج دۄج دیُن۔ ۲۔ (ؤرگہٕ) چھَل کھارٕنۍ۔ تُھر کھارٕنۍ۔ کیام کھارُن۔

**رٔنگ لگُن** ۔ ۱۔ پٲتھر چارنہٕ یُن۔ راس گَنٛڈنہٕ یُن۔ ۲۔ وۄسہٕ دِرِوۄسہٕ لَگنۍ۔

**رٔنگ لاگُن** ۔ پٲتھر چارُن۔ ۲۔ وۄسہٕ دِرِوۄسہٕ لاگنۍ۔

**رٔنگتھ** ۔ م۔ مٲخذ: رٔنگت < س: رٔنگہٕ ]۔ وٕلہٕ مطلب۔ کُنہٕ بدل مانے یُس زور تہٕ ژٕ اَنِتھ کَڈنہٕ ییہ۔

رٕنگنہٕ دِنی۔ کُنہِ بدٕل مانے ژارُن۔ ہٕنہ پھرُنی۔

رٕنگہٕ۔ پُرٕھو۔ ھقرٕ۔ موکھو۔ م ؛ میانہٕ رٕنگہٕ۔

رٕنگہٕ باد۔ چارواین ہٕنز اکھ بیمأری۔

رٕنگہٕ بلبُل۔ ن۔ مؤل ؛ رٕنگہٕ بلبُل ]۔ ۱۔ اکھ جاناوار۔ ۲۔ دوٗرگہٕ پأٹھۍ) یاوٕ۔

رٕنگہٕ راوٕل۔ ن۔ مؤل : رٕنگہٕ راول ]۔ اکس جاناوارٕ سُند ناو۔

رٕنگہٕ رِچ۔ م۔ مؤل ؛ رٕنگہٕ رِچ ]۔ اکھ دوابوٗٹۍ۔ یہٕ چھِنے ڈرٕوکہٕ لگان۔

رٕنگہٕ ژٕر۔ م۔ مؤل : رٕنگہٕ ژٕر ]۔ ۱۔ اکس جاناوارٕ سُند ناو۔ ۲۔ (دوٗرگہٕ) یاوٕ۔ شُخُل۔

رٕنگہٕ وٕل۔ ن۔ مؤل : رٕنگہٕ وٕل ]۔ اکہٕ پوشاک ناو۔

رٕنگُن۔ ن۔ مؤل : رٕنگ <س : رٕنگنہٕ ]۔ ۱۔ رٕنگ دیُن۔ ۲۔ دوٗرگہٕ پأٹھۍ) حاضر باش لاگُن۔ کأنسہٕ خوشامد کرنہٕ باپتھ اَلنہٕ تہٕ ولنہٕ یُن۔

رٕنگن گوٚر۔ اپنہٕ خوشامد کرن وول۔

رٕنگیلہٕ۔ مؤل ؛ رنگیل < م : ہ : رنگیلا ]۔ تیز۔ ژوٚتُر۔ چالاکھ۔ تیلنگہٕ۔

رٕنگروٹھ۔ ن۔ مؤل۔ رنگروٹھ < انگ : ریکروٹ RECRUIT ]۔ ۱۔ حال حالے بُرتی کرنہٕ آمُت سپاہ (فوجس اَندر) ۲۔ (دوٗرگہٕ پأٹھۍ) خام کار نوجوان۔

رٕو ۱۔ ن۔ مؤل ؛ رٕو <س : رٕوِ ]۔ سِری یہٕ۔ آفتاب۔

رٕو ۲۔ ن۔ مؤل ؛ رٕو <س ؛ رٕو ]۔ آواز۔ گٕرٕو۔

رٕوٕق۔ ن۔ مؤل ؛ رٕوٕق <ع : رٕواق ]۔ کھوٚل تہٕ زیوٗٹھ کُٹھ یا ڈالانہٕ۔

رٕوٕندٕ۔ ن۔ مؤل ؛ رٕوٕند <ف : رٕوندہ ]۔ سُہ یُس پٕرتھ جایہٕ ووٕٹہٕ ووٕٹہٕ آسہٕ گژھان۔

روا ۱۔ <ف ؛ رٕوا ]۔ جأیز۔ یہٕ پٕنہٕ۔ یُتھ اجازتھ آسہٕ۔ یہٕ چلہٕ۔ مُنأسب۔

رواتھوٚن۔ جأیز تھوٚن۔ اجازتھ تھوٚن (یُتھ پأٹھۍ تُتھ یہٕ نہٕ پٕنہٕ)۔

روا ۲۔ ڈٕہر یہٕ سہٕ نہٕ پوٗرٕ پأٹھۍ کُنہٕ ییہٕ، یُتھ چوٗرٕ ڈیٖجہٕ آسُن۔

روا دأری۔ اکھ اکۍ سُند پاس۔ سأری ہوی وبشٕرٕی۔

روادور۔ کأنسہٕ ناکارٕ کام کرنس پیٹھ لور۔ شُرس بیترِ ژوٗر کرنس پیٹھ لور روزُن۔

روادورتھوٚن۔ ناکارٕ کام کرنس پیٹھ نٕرٕ نہٕ پترِتھ گار کرُن۔

روادور روزُن۔ ناکارٕ کام کرنس پیٹھ تہٕ پأش پأش کرُن۔

رٕوان۔ <ف : رٕوان ]۔ پکہٕ وُن۔ چلہٕ وُن۔ رُکتھ نہٕ۔ ٹھہرتھ نہٕ۔

رٕوانہٕ۔ ن۔ مؤل ؛ رٕوان <ف : رٕوانہ ]۔ دٕرامُت۔

رٕوانہٕ سپدُن۔ نیرُن۔ قدم تراوُن۔

رٕوانہٕ کرُن۔ سوزُن۔ سوزناوُن۔

رٕوانہٕ گژھُن۔ وُچھو "روانہ سپدُن"۔

رٕوانگی ۔ ۱۔ سوٗزُن۔ نیرُن۔ ۲۔ مال بیترِ سوزُنک چالان۔

رٕوانگی تژاوٕنۍ۔ (ملازِمہ سُند) کُن گژھنک اِندراج کرُن۔ پُلِسہٕ محکمہٕ کِس ملازمس مہ سُند تھانہٕ بیترِ منٛز نیرُن روزنامچس منٛز دأخُل۔

رٕوٲنی ۔ ۱۔ رکنہٕ روٗس پکُن تژاے۔ ۲۔ امرُنس، لیکھنس، بولنس بیترِ منٛز) روٗٹ نہٕ آسُن۔ ۳۔ ژوٚتُر ژوٚتُر۔ املٕنیس سٕننہٕ روٗستے، سواد پُران پُران۔

رٕو۔ ن۔ مؤل : رو]۔ ژادرِ سُکُھر۔ وُسیتھ بیرِچ ژادر۔ م : رٕوٕ تُلیو نہٕ بأڑ۔

رٕو پلو۔ ژادرِ سُکُھر۔ ژادرِ ژٹ۔

رٕو ژٹ ۔ وُچھو "رٕو پلو"۔

رٕو تژاوُن۔ رٕوانہٕ گژھُن۔ کُنہٕ اَندٕ نیبرٕ بایٚتھ تیزی سان قدم تُلُن۔

رٕہا۔ مؤل : رٕہا < ؟ ف : رہا]۔ یلہٕ۔ آزاد (سزا بیترِ پتہٕ) (عدالتن) سزا ہہ تلہٕ تژوومٕت۔

رٕہا کرُن۔ (یلہٕ) تژاوُن۔ آزاد کرُن۔ سزا ہہ تلہٕ تژاوُن۔

رٕہا گژھُن ۔ سزا ہہ تلہٕ موکلُن۔ آزاد گژھُن (فکرٕو بیترِ نشہٕ)۔

رٕہٲیی ۔ رٕہا گژھُن یا کرنہٕ یُن۔

رٕہبر۔ مؤل : رٕہبر < ف : رٕہبر]۔ وَتہٕ ہاوُکھ وَتھ ہاوُن دول۔ رٕہنما۔

رٕہبرِ کٲمِل ۔ ۱۔ یُس پوٗرٕ پأٹھۍ وَتھ ہاوِ۔ پوٗرٕ وَتہٕ ہاوُکھ یُس سیٹھا وَتھ ہاوُنس منٛز کمال آسہِ۔ ۲۔ حضرتِ محمد صاحبُن اَکھ لقب۔

رٕہبری۔ وَتھ ہاوٕنۍ۔ رٕہنمٲیی۔

رٕہبری کرٕنۍ۔ وَتھ ہاوٕنۍ۔ رٕہنمٲیی کرٕنۍ۔

رٕہدار۔ ۱۔ گُرِی سِندِ پکنُک اَکھ تیز انداز یتھ نہٕ ہیٚتھ آسان چھِنے۔ ۲۔ رٕہدار قدمہٕ پکُن دول (گُر)۔

رٕہدار پکُن ۔ ۱۔ ڈلکہٕ پکُن دِگرس بیترِ سُندا۔ ۲۔ دوٚرِ گِرٕ پأٹھۍ کُنہٕ وُراٹے تیز تیز پکُن۔ اُرتھی پکُن۔

رٕہدار گُرِس چھہٕ پیٚنہٕ نۍ کوٗٹھۍ پھٹان۔ تہٕ ڈیٚتھ گوٚیُس شخص سٕٹھا کام کرُنس منٛز ڈٕژھ سرٕ تُس چھِنے تیز کام منٛز نقصان نہٕ اَمِ خرس چھُس نہٕ تیٚژھ مے روزان۔

رٕہدٲری۔ م۔ مؤل : رٕہدٲری < ف : رٕہداری]۔ ۱۔ روٗ ہیٚنہٕ۔ پرمِٹ، سُہ اجازتھ نامہٕ یُس کُنہٕ وَتہٕ کیٚنۍ مال بیترِ سادٕ نہٕ موکلِتھ کڈٕنہٕ یوان چھُ۔ ۲۔ پاسپورٹ۔ سُہ اجازتھ نامہٕ یُس پیٚنہٕ ملکک بٕنہٕ تژاونہٕ تہٕ بٔیِس ملکس منٛز اَژنہٕ باپتھ حکومتہٕ کِہ طرفہٕ دِنہٕ یوان چھُ۔

**رٕہزَن** ۔ مۄل : رٕہزَن > ف : رٕہزَن ] ۔
ا۔ یُس وَتہِ پکہٕ وِہنِ لوٗٹہِ ۔ لوٗٹہٕ ڈاکوٗ ۔
۲۔ بَدماش ، ٹَھگ ۔ لُچہٕ ۔

**رَہ گُزر** ۔ وَتہ یِپاری لوٗکھ پکان آسن ۔ رٕہنہٕ گژھنچ وَتھ ۔

**رٕہنہٕ ، رٕہَن** ۔ مۄل : رٕہن < ع : رٕہَن ] ۔ گِرو ۔ بَنٛد ۔
رٕہنہٕ تھوٗن ۔ گِرو تھوٗن ۔ بَنٛد تھوٗن ۔

**رٕہنُما** ۔ مۄل : رٕہنُما < ف : رٕہنُما ] ۔ وَتہِ ہاوُک ۔

**رٕہنُمایی** ۔ < ف : رٕہنُمایی ] ۔ وَتھ ہاوٕنۍ ۔ رٕہبری ۔

**رٕے ۱** ۔ ن ۔ مۄل : رٕے ] ۔ اَنٛدٕہٕر ۔ اَنٛداز ۔ ماہتٕر ۔

**رٕے کَڈُن** ۔ اَنٛدٕہٕر کَڈُن ۔ ماہتٕر کَڈُن ۔

**رٕے نیرُن** ۔ (دۄرگہ) اُمنٛتھ یا پیٹھ سیٹھا وٹھتہٕ یُن ۔

**رٕے ۲** ۔ ن ۔ مۄل : رٕے ] ۔ اَکھ بیماری یوسہٕ سبزٕ منٛزٕ پٲٹھۍ دانس تہٕ سبزی بینٛتر رگان چھیٛنے ، اَمہٕ سیتۍ چھُ فَصلُک ڈُکھ کاوران تہٕ اَتھ چھیٛنے کانٛجہٕ گژھان ۔

**رٕیہِ لَر** ۔ یَتھ رٕے گژھنہٕ کِنۍ ہُٹہٕ آسہٕ ۔ ہٕرثوٗمُت ۔ چھُنٛتھ پیوٗمُت ۔

**رٕے گژھُن** ۔ کاژُن ۔

**رٕے کَرُن** ۔ ا۔ زورٕ خراب کَرُن ۔ زورٕ تہٕ بوٗن کَرُن ۔ فَصل ووٗتھ کَرِتھ تہٕ تھٕنہٕ واتُن ۔ ۲۔ بٔنے برداخت آسنہٕ موکھہٕ تہٕ واتُن کَڈُن (شُربینٛتر) ۔

**رٕے گژھُن** ۔ وِچھِو " رٕے گژھُن " ۔

**رٕے گوٗمُت** ۔ ا۔ یَتھ رٕے بیماری لَجمٕژ آسہٕ ۔ چھٕنیومُت ۔ ہٕرثوٗمُت ۔

**رٕیتھ** ۔ مۄل : رَعیت < ع : رعیتہ ] ۔
ا۔ پرٛزا ۔ لوٗکھ یِمَن پیٹھ پادشاہ حۄکوٗمتھ کَران چھُ ۔ ۲۔ (دۄرگہ پٲٹھۍ) نوکر ۔ غولام ۔

**رٕیحان** ۔ ن ۔ مۄل : ریحان < ع : ریحان ] ۔ بَبٕر ۔ اَکھ مُشکدار بوٗٹۍ ۔

**راب** ۔ م ۔ مۄل : راب < پرٛاکرت : رب با : مُ : ۵ : راب ] ۔ اَکہِ قِسمُک گورٕ یُس شاکس بینٛتر میٛنتۍ رلاونہٕ یِوان چھُ ۔

**رابہٕ** ۔ م ۔ مۄل : رابر < مُ : ۵ : رابڑی < پرٛاکرت : رب با ] ۔ سیٹھا موٗٹر ووٗمُت دوٗد ۔

**راتہٕ کَرٕہل ، راتہٕ کِرٕہل** ۔ ا۔ اَکھ نیُک جانوار یُس دوہَس ژٕرِ چھُ روزان تہٕ راتَس گَژھتھ چھُ دِوان ۔ وَنان چھِ زِ اَمِس چھُنہٕ دوہلہِ بوزنہٕ یِوان ۔ ۲۔ (دۄرگہ پٲٹھۍ) یُس راتَس پھیران آسہِ تہٕ دوہلہِ آسہِ تھَکھ کَڈان ۔ راتَس ہُشار روزَن وول ۔

**راتہٕ موغُل** ۔ پٲٹھٕر یُتھ کرِتھ گاشہٕ ہٕنٛدِس رَنٛگَس

پیٹھ اکھ جاناوار یُس دوہلہِ بوزنہٕ یوان چھُنہٕ۔

راتہٕ موغَل تَم۔ راتہٕ موغلہٕ سُنٛد تَم یُس بلایہٕ زِشہِ بچنہٕ خاطرٕ شرٕہن نالی ترٛاوان چھہٕ۔

راتہٕ موٗغُچ ۔ ڈورٕ کانی۔

راتھ۔ بم۔ مؤل : رات <س : راتٕر ]۔ ۱۔ سِری لوسنہٕ پیٹھ سِری کھسنَس تام وَق۔ اَنہٕ گٹہٕ ہُنٛد وَق۔ ۲۔ یَو۔ کالہٕ۔

راتَس پیٹھ۔ رأژ ہِنٛد باپَتھ۔ رم : راتَس پیٹھ کأنسہِ نِشہِ گژھُن۔

راتَس دوہَس۔ اُٹھوٕنی پہٕرَن۔ اَن تھکہ پأٹھی۔ پَیاپَے۔

راتَس وٕوٗنیمے لآل نامہٕ، صُبحَس دوٗپتھم لآل کیٛا واتہِ مجلوٗنَس۔ تہٕ ڈیٖتھ گوٗ فکرہِ تٲری تٲری نہٕ فِکرٕ ترٛوٗن۔

راتہٕ رأچھ۔ راتَس نَظر گُذر تھاوَن وول۔ روت چوٗکی دَر۔

راتہٕ روچھ۔ یُس راتَس رأچھ پیٹھ لاگنہٕ ییِہ۔

رأتک۔ ۱۔ کأکک۔ بی۔ ۲۔ زیادٕ وأتسہِ نہٕ، ژُٹ تہٕ لوو۔ سَبہٕ زاو۔ یَوٗک۔ رم: رأتک شُر۔

[illegible]۔ اَکِس ہے راتَس اَندَر۔ رأتی نہٕ مُنٛزی۔ اَنہٕ گٹہٕ مُنٛزٕے۔

راتھ بَرٕنی۔ راتَس روزُن۔ راتھ کٔڈنی سفرس اَندر کُنہِ جایہِ راتَس روزُن۔

راتھ پیٹھ پیٖنی۔ مُصیبتِچ راتھ زیٖٹھنی۔ نیٖنٛدٕ نہٕ پینہٕ کِنی راتھ پٔنٛدی نیرٕنی۔

راتھ دوہ۔ ۱۔ اَکہِ صُبح پیٹھ بییہِ صُبحَس تام۔ اُٹھ پہَر۔ ۲۔ پرٛتھ وِزِ۔ تھکہ روٗس۔ رم : راتھ دوہ چھُس کران زارٕ پارٕ۔

راتھ دِن۔ وِچھِو "راتھ دوہ"۔

راتھ ڈأکی گژھنی۔ راتی راتَس کُنہِ کامہِ یا عادتہٕ کِنی وُنیو نٔدر گژھُن۔

راتھ راونی۔ راتھ ضایہٕ گژھنی۔ راتَس دَربدَر گژھُن۔ کُنہِ کامہِ باپتھ راتَس زیٛر تام بیٚہن پیوٚن۔

راتھ کڈٕنی۔ کُنہِ کِنی صُبحَس تام پرارُن۔ مُشکلہٕ سان راتھ گُذارٕنی۔

راتھ کیٛژ۔ روتلہِ۔ سِری لوسنہٕ پتہٕ۔ روت وَقتَس۔ دوہلہِ نہٕ۔

راتھ گژھنی۔ (اوٕرگہٕ)۔ (شامہٕ پتی) زیٛر لگُن۔

راتھ لگٕنی۔ (اوٕرگہٕ) واریاہ وَق لگُن (اَکہِ کامہِ پتھ)۔ واریاہ زیٛر تام کُنہِ کامہِ بیٚہن پیوٚن۔ کُنہِ جایہِ راتَس روزُن پیٛون۔

رأتی راتَس۔ سٲری ہے راتَس۔

رأتی راتھ۔ دِرُس راتھ۔ سأرِی راتھ۔

رأتی لہٕ مُنٛزی۔ اَکِس ہے راتَس اَندَر۔ راتھ کیٛژتی۔ وِچھان وِچھان۔ رم : رأتی لہٕ مُنٛزی بنیوو سُہ لکھہٕ پتی۔

رأتی نہٕ۔ روتلہِ۔ راتھ کیٛژت۔

راتی نہٕ مٔنزی۔ اَکھ سے راتھ اَندر۔ کالہٕ پگاہ۔
دِپھان وِچھان۔

راتھ گنٹر۔ ۱. اَکھ جانا وار یُس راتس پھیران چھُ۔ ۲. (اورگہٕ پاٹھۍ) سُہ شخص یُس دۄہس لیؤز آسہِ مگر راتی راتس آسہِ کٲم کران۔

روت اَنہیر۔ راتھ کیٛت بوزنہٕ نہٕ ییٚنچ بیمٲری۔

روت اوٚن۔ یُس راتھ کیٛت بوزہٕ آسہِ نہٕ پوان۔ اَنہِ گٹس مَنز یُیمس باتہٕ پیہہ نہٕ۔

روت بَل۔ راتس کٲم کرنٕچ ہیکتھ۔

روت پَلو۔ سُہ پوشاکھ یُس شونٛگنہٕ وقتہٕ نٲلہِ لاگان چھہ۔ نیٹ سوٹ۔

روت پُو۔ راتھ کیٛت کامہِ اَتھ وُتھیاوار۔

روت پٕچھن۔ ۱. سُہ یُس ژیرتام پھیر بنیچ ماند آسہِ۔ ۲. یُس ژرٕ پاٹھۍ راتلی کٲم آسہِ کران۔

روت عرفہٕ۔ عیٖدٕ ہنٛد پتاہ راتھ کیٛت لگنہٕ کنہِ راتھٕ عرفہٕ بنیٚو۔

روت کَلپُش۔ راتھ کیٛت وۄڈٕ دنہٕ بأپتھ اَلگ کَلپُش۔

روت کانگر۔ نارہٕ کانگر یۄسہ راتس پوشہِ۔

روت کھوٚب۔ پھترلہٕ دار ٹوٗپۍ یۄسہ بڑٕ بُڈہ کالہٕ راتس وۄڈٕ دِوان آسی۔

روت گٹہٕ۔ ۱. تیٚتھۍ اَنہِ گوٗٹ یتھ راتس آسان چھُ۔ گیٚنٛہِ تہٕ بوزنو نہٕ ییٚنچ حالتھ۔ ۲. (اورگہٕ پاٹھۍ) دوہلہِ اَتھ وُتھ نہٕ پیہہ کنہِ بالکام زبیٹھنہٕ کنہِ راتس پیٹھ کٲم روزنی۔

روت لگن۔ راتھ کیٛت نیٚتھر کرنک ساتھ بارٔ نیٚچھتُر۔

روت مَلائیکھ۔ سُہ یُس ژیرتام پھیران آسہِ۔

روت موکل۔ روت پٕچھن۔

روت ہُم۔ ہۄن بیتہِ یُس راتھ کیٛت کرنہٕ یِہ۔

راٹھ۔ م۔ مۄل : راٹھ ]۔ سو تھریا کنٛج یۄسہ ڈُچھن پیٹھ پھبان چھے۔

راج۔ ن۔ مۄل : راج > س : راجیہ ]۔
۱. پادشاہی۔ ۲. دور دورہ۔ دوہہ چاب چَلنی۔ ۳. (اورگہٕ پاٹھۍ) عاش تہٕ آرام۔

راج ناج کرُن۔ ۱. حوکومتھ کرٕنی۔ ۲. (اورگہٕ پاٹھۍ) اَسنس گلہٕ کھول کرُن۔

راج کرُن۔ حوکومتھ کرٕنی۔

راجہ۔ ن۔ مۄل : راج > س : راجا ]۔ ۱. راز۔ پادشاہ۔ ۲. (اورگہٕ پاٹھۍ) بے غم۔ یُس نہٕ کُنٛہ فِکرٕ آسہِ۔ عاشہٕ موت۔ یُس سورُے مُہیا آسہِ۔

راجہ ریٚنی۔ ۱. رانی۔ رازہ بائے۔ ۲. (اورگہٕ پاٹھۍ) آسن واجینٛی۔ یُس بوڈ قُبلہٕ کرُون آسہِ۔

راجہ سبا۔ م۔ مۄل : راجہ سبا > س : راجہ + سبھا ]۔

پارلیمینٹک ہیٚنٛر ژٕھم اَیوان ۔ پارلیمینٹک
سُہ اَیوان یَتھ مَنٛز ژُری یاٹھو ریاستَن
ہِنٛدۍ نُمایَنٛدٕ چھِ۔

**راجتھ۔** رازٕ بٲژ ۔ پادشاہی ۔ راج۔

**راجپوت۔** ہِندوستانَس مَنٛز اَکھ قبیلٕہ ۔ اَکھ ذاتھ۔

**راج کُمار (رازٕ کُمار)۔** پادشاہ زادٕ۔ پادشاہ سُنٛد نیٚچُو۔

**راج گُرُو۔** مُلکک سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ گورٕ۔ رازٕ سُنٛد گورٕ۔

**راحت۔** ن۔ مول : راحت < ع : راحة]۔ سوکھ ۔ آرام ۔ قرار ۔ خوٚشی ۔ مَنٕچ شانٛتی۔

**راحتِ جان۔** دِلک سوکھ۔

**راد۔** ن۔ مول : راد]۔ ۱۔ یَلوک بلینٛزٕ زیٚچھر، تٕرادٕ نُم : پناہ ۔ ۲۔ پھیرٕنٕچ زیٚچھر تٕرادٕ کُنٛج کیٚپر ژھَل یوسہٕ ہوتُرس سیٚتۍ واتان چھِ۔ ۳۔ وَگو یا پیٚٹھ یَتھ کھَجر کم تہٕ زیٚچھر کافی آسہٕ۔ ۴۔ آبَس اَنٛدرٕ یَتھ پیٚٹھ وَہراونہٕ آمٕتۍ ڈوٗرۍ یَمَن پیٚٹھ ڈُل ہاکٕز سَبزی بیٚترٕ وۄپداوان چھِ۔ ۵۔ ناگہٕ آبک سُہ حِصہٕ یُس زیٚٹھ آسہٕ۔ ۶۔ ڈَلہٕ مَنٛز گَنٛڈٕنہٕ آسہٕ آمٕت۔ ۷۔ ٹلی پَننۍ کُلیل یَتھ نہٕ کانٛہہ رَبط آسہٕ۔ ۸۔ بوٚہدوٗری ہِنٛدۍ بوٚہدوٗری تھپکنی ۔ پَننہٕ بوٚہدوٗری ہِنٛدۍ دَم دِنۍ۔ ۸۔ (وَرگہٕ) آپُنٕ ۔ ٹُر ۔ کھُر۔

**رادٕ پٹ۔** پھیرِن بیٚترِچ بَرٕ ونٹھِم یا

پُتِم زیٚٹھ کیٚپر ژھَل یوسہٕ ہوتُرس سیٚتۍ واتان چھِ۔

**رادٕ راد۔** رَپلو یا ژادرٕ بیٚترٕ) کھوہٕ پٕشیر

**رادٕ زیٚٹھُن تہٕ ہوتُرٕ ژھوٹُن۔** (وَرگہٕ) کُنہٕ اَنٛدٕ نہٕ برابری ہینی ۔ کُنہٕ نہٕ واتُن۔

**رادٕ وَگو۔** زَبرہٕ ہُنٛد وونٛنہٕ آمُت سُہ وَتھرُن۔ یَتھ کھَجر کم تہٕ زیٚچھر زیادٕ چھُ آسان۔

**راد دِیُن۔** (زیٚوٹھ) ڈاپھ تٕراوُن ۔ لمبابہٕ دِیُن۔

**راد وَہنی۔** ٹُر وَہنی ۔ اَینٛز وَنُن ۔ کھُر لاینٛز۔

**رادا۔ رادھا۔** مول : رادا < س : رادھا]۔ بگوان کرشنہٕ سِنٛزٕ مشہوٗر گوپی ہُنٛد ناو۔

**رادا کرشن (رادھا کرشن)۔** بگوان کرشن سُنٛد اَکھ ناو۔

**راڈ۔** م۔ مول : راڈ < انگ : راڈ ۔ ROD]۔ ۱۔ زیٚوٹھ سیخ ۔ ۲۔ ڈَنٛڈٕ شکلِ سفید بجلی بَتی۔

**راڈار۔** ن۔ مول : راڈار < انگ : راڈار ۔ RADAR]۔ سُہ خاص مشینی نِظام یَتھ کہٕ ذٔریہٕ اَکس خاص پَرٕدَس پیٚٹھ ہَوٲیی جہازَن بیٚترٕ ہینٛز ژھاے لَبنہٕ یوان چھیٚے۔

**راز۔** م۔ مول : راز < ف : راز]۔ سِرٕ اَنٛدرٕ کۍ کَتھ ۔ سِرٕ کَتھ۔

**رازٕ باوتھ۔** سِر باوُن ۔ پَنُن سِر بیٚین باوُن۔

راز نیاز۔ لولہ کتھ۔ مؠ جنیچ کتھ۔ تمہ کتھ یمہ عاشق تہ ماشوق پانہ واُنی کران چھ۔

رازدار۔ ۱۔ پیوٚد۔ یُس اندرِمہ کتھ ہُند پے آسہ۔ سرُک واقف۔ سِر زانن وول۔
۲۔ (ورگہ پاٹھۍ) ژوُرن ہُند پیٹھ دریس نِش ژوُرن ٹھکانہ آسہ۔

رازدان۔ اندرِم کتھ زانن وول۔ واقف۔

راز فاش کرُن۔ سِرس ننیر کرُن۔ اندرِم کتھ باگر پیٹھ۔

راز۔ ن۔ مؤل: راز ‹ س: راجا ]۔ ۱۔ راج کرن وول۔ پادشاہ۔ ۲۔ آسن بسن وول۔ ڈیکہ بوڈ۔ امیر۔

راز بلے۔ (ورگہ) آسن بسن واجینی رژ تہ شوٗبر دار زنانہ۔

رازدار۔ ۱۔ راز شُند گر۔ بڈس مؠ ہنزِ شُند گر۔ ۲۔ (ورگہ پاٹھۍ) تھکن لایق، شوٗبر دار گر۔

راز ریوٚش۔ ۱۔ بوٚڈ ریوٚش۔ ۲۔ سُہ راز یُس جان ورتاو تہ لوکن سوچھ کرنہ موٚکھ ریوٚش گنزران آسن۔

راز سی۔ ۱۔ پادشاہتھ۔ حکومتھ۔ شاہی۔
۲۔ دنہ دیار۔ آسن بسن۔

راز سے، راز سوٗے۔ تاجپوشی ہُند بوڈ ہُم۔

راز کوہ مار۔ شاہ زادہ۔ بادشاہ سُند نیچو۔

راز کوہ مار۔ بادشاہ زادی۔ شہزادی۔

راز مانہ۔ (ورگہ) امیرن ہنز پانہ واُنی پرش تہ ہُند ریر۔

راز مول۔ یُس شری مری بجا تہ پاپر جا آسن۔

راز بل۔ ن۔ مؤل: راز بل ‹ س: راجہ + بلہ ]۔ آورینی۔ ہینڈین ہنز مورد زالنج جاے۔

راز گنڈ۔ ۱۔ سُہ گنڈ یُس آورینہ بلس پیٹھ بُلی چھ دنہ یوان۔ ۲۔ (ورگہ پاٹھۍ) یُس رتہ چھپہ لگہ۔

راز نہا۔ راز ماہ۔ م۔ مؤل: راز نہا ‹ س: راجہ ماشہ ]۔ دالہ ہُند اکھ قسم یُس واریاہ زنگی چھ آسان۔

راز ہمس۔ ن۔ مؤل: راز ہمس ‹ س: راج ہمسہ ]۔
۱۔ راز ہونز۔ ۲۔ خوش یوُن۔ ننہ بون۔ شوٗبروُن۔ ۳۔ (تصوف)۔ زیو آتما۔ روُح۔

راز ہونز۔ ن۔ مؤل: راز ہونز ‹ س: راج ہنس ]۔
۱۔ آکہ خاص قسمک شکیل انز۔ ۲۔ (ورگہ پاٹھۍ) خوش یوُن۔ ننہ بون۔ ۳۔ (تصوف) زیو آتما۔ روُح۔

راز یوگ۔ اکھ یوگ یتھ اندر یتھ پاٹھۍ من زیننس پیٹھ زور دنہ چھ یوان۔ م: ہٹھ یوگ۔

رازدان۔ ‹ س: راجانگہ ]۔ کاشرِ ہنز اکھ کرام۔

راس ۱۔ ن۔ مؤل: راس ‹ س: راسہ ]۔

اَرس مَنز رۄزِتھ نَژنَک اَکھ خاص طریقہ۔ یتھ پاٹھۍ کرٛشن تہٕ گوٗپیہِ اَکھ اَکِس سیٖتۍ گِنٛدان آسہٕ۔

راسہٕ گیٚٹھ ۔ آوار ۔ ورٕبڈری لَر۔

راسہٕ مَنڈٕل ۔ ۱۔ راس گِندنک آیہ ۔ ۲۔ راس لیلا گرن والۍ۔

راس کھیلُن ۔ نِتھۍ پاٹھۍ نژُن یتھ پاٹھۍ کرٛشن گوٗپِین سیٖتۍ نژان اوس۔

راس گِنٛدُن ۔ وُچھو "راس کھیلُن"۔

راس لیلا ۔ کرٛشن جی سٕندی پاٹھۍ راس کھیلُن۔

راس ۲ ۔ ن۔ مۄل ؛ راس < پرٛاکرت ، رَستی ]۔ لاکم ۔ وَگ۔

راس ترٛاوٕنۍ ۔ ۱۔ لاکم ڈیٖچ ترٛاوٕنۍ۔ ۲۔ ڈیٖچھر ترٛاوُن ۔ خاطرٕ نٕرٛٹُن۔

راس ڈیٖچ آسنۍ ۔ ۱۔ (ل۔م) لاکم ڈیٖچ آسنۍ۔ ۲۔ بےٚ گنٛڈ آسُن ۔ گنٛڈ بَنہٕ پٔتھ رَوانٛھوُن۔

راس ۳ ، راست ۱ ۔ < ف ، راست ]۔ ۱۔ سیود ۔ ۲۔ ٹھیکھ ۔ جان ۔ ۳۔ پوٗز ۔ ۴۔ وٮ۪یرِ ہُن ۔ بَراہ پوٗن ۔ لۄگ۔

راست گو ۔ پزٕ بول۔

راس ۴ ، راست ۲ ۔ صوٗفیانہ موسیقی اَندر اَکھ مُقام۔

راس گیوٗن ۔ صوٗفیانہ موسیقی مَنٛز مَقام راست گیوٗن۔

راش ۱ ۔ ن۔ مۄل ؛ راش < س ؛ راشِ ]۔ ۱۔ شہ رَقَم یتھ پیٹھ بنجارٕتھ کرنہٕ پیہِ۔ سَرمایہ ۔ ۲۔ خزانہٕ ۔ لوکرٕ ۔ ۳۔ اَمبار ۔ ڈیر۔

راش پرٛاوُن ۔ سیٹھا فایدٕ تُلُن ۔ خزانہٕ اَتھہِ یُن ۔ کانٛہہ بڑ کام سپدُن۔

راش لَبُن ۔ ۱۔ خزانہٕ اَتھہِ لَگُن ۔ لوکرٕ لَبنۍ۔ ۲۔ (وَرگہ) تیٚشہِ کیٚنہہ بَنُن یا لبُن یِیہِ نہٕ دوٚن میلہِ آسہٕ ۔ تھپہ اَتھہِ یِنۍ۔

راش ۲ ۔ م۔ مۄل ؛ راش < س ؛ راشہٕ ]۔ جوتشس مَنز بُرج ۔ شہ گرٕ یتھ مَنز کانٛہہ گرٛہٕ یا پھیرُن تارُک آسہٕ۔

راش مِلُن ۔ ۱۔ دۄن ہٕندین زاتکین ہنٛز راش میلنۍ ۔ دۄن کُنۍ راش آسنۍ۔ ۲۔ (وَرگہ پاٹھۍ) پانہٕ وانۍ بَرابری ۔ ہشر۔

راشَن ۔ ن۔ مۄل ؛ راشَن < انگ ؛ راشَن (RATION) ]۔ رَسَد۔

راشَن کاڑ ۔ یتھ بیترِ چیٖنٛدر۔

راشہ ۱ ۔ ن۔ مۄل ؛ راش < س ؛ اپرشیا ]۔ خار ۔ سکانہٕ تل ۔ اَزدوٗن۔

راشہٕ آسُن ۔ خارٕ خار آسُن ۔ کانہٕ تل آسُن ۔ اَزدوٗن آسُن۔

راشہٕ پیوٗن ۔ خار روزُن ۔ سکانہٕ تل روزُن۔

راشہٕ ٹھلُن ۔ وَناوُنۍ سیتۍ نیاے تُلُن۔

راشہٕ روزُن ۔ سکانہٕ تل روزُن ۔ خار روزُن۔

مُشُن یُہ۔

**راشہِ ژھنُن۔** خار تھاوُن۔

**راشہِ گنڈُن۔** کانہہ تل روزُن۔ عداوتھ روزُن۔

**راشہِ ٹ۲، رعشہ۔** ن۔ مؤل: راش <ع: رعشہ]۔ ٹُٹھنی۔ نٹھ نٹھ۔ تھر تھر۔

**راشہِ اژُن، رعشہِ اژُن۔** نٹھ اژنی۔

**راکیٹ۔** ن۔ مؤل: راکیٹ < انگ: راکیٹ ROKKET ]۔ ۱۔ ہواے۔ اکھ آتش بازی یوسہ ژٕکھ دِنہٕ سیتی اسمان کُن وُڈان چھِنے۔ یہ چھُ یُژ پاٹھو زالنہٕ بٕرونٹھ بوتلہ منز تھوان۔ ستار گولہٕ۔ ۲۔ اکھ سائنسی آلہٕ ییتھ اندر آتش گیر مادٕ برِتھ یا گیس بیترٕ ژٕکھ دِتھ لکڑِ کِنی ییران چھُ تہٕ ییمہ کِہ زورٕ سیتی سُہ سبٹھا تیز وژتھ ہیکان چھُ۔ خلس اندر وُڈن وول اکھ قسمُک جہاز۔

**راکھیُس۔** ن۔ مؤل: راکھیُس <س: راکششم]۔ ۱۔ اسُر۔ دیو جنہٕ ذاژ چالہ اکھ زُو ناتھ۔ ۲۔ (وورگبر پاٹھی) ظالِم۔ بد۔ آبر تمے۔ سیٹھُل۔ کوپھینچل۔

**راکھینز،** دِچھو" راکھیُس۔

**راکھس واسنا۔** بدخصلتھ۔ راکھس پٹھ گرٕتھ۔

**راکھسینی۔** ڈائن ہش۔

**راگ ٹ۱۔** ن۔ مؤل: راگ <س: لاگہ ]۔ ۱۔ وُسہ آشن۔ لول۔ ۲۔ لوٗب۔ طمع۔ ظاہر دُنیا۔ ۳۔ کُنہِ چیزٕچ سخ خاہش۔

**راگ گرٕٹھن۔** لےٚ گرٕٹھنی۔ ملے پھیرنی۔

**راگ ٹ۲۔** م۔ مؤل: راگ ]۔ ۱۔ گرُس بیترٕ سُند تھر کوٚنڈ۔ ۲۔ مُدو۔

**راگ ٹ۳۔** م۔ مؤل: راگ <س: راگہ]۔ گیوُن لہر۔ گیوٚنچ لے۔

**راگ تژاوُنی۔** ۱۔ گیوُن لہر تژاوُنی۔ ۲۔ (ہزلہ پاٹھی) زیٹھ وَدن باکھ تژاونی۔

**راگ رنگ۔** کھیل تماشہِ۔ عاشِ۔

**راگو، (راگھو)۔** ن۔ مؤل: راگو <س: راگھو]۔ رام چنٛدرجی سُند اکھ ناو۔

**رام ٹ۱، رام ژندر۔** ن۔ مؤل: رام <س: رامہ چندر]۔ ہیندٕن ہُند اکھ اوتار ییمی لنکا زینی تہٕ راونس شکس دِیُت۔

**رام اوتار۔** رام جی۔ رام ژندر۔

**رام بدر۔** رام ژندر سُند اکھ ناو۔

**رام ٹ۲۔** آٹھنی واٹھنی آمت۔ عموماً سوی۔

**رام سپدُن۔** سوی گرٕٹھن۔ آٹھنی واٹھنی یُن۔ تابیا سپدُن۔

**رام کرُن۔** ۱۔ ماٛنی راوُن۔ ۲۔ سوی کرُن آٹھنی واٹھنی انُن۔ ۳۔ پانس تابیا تھاوُن۔ ییل انُن۔

**رام گرٕٹھن۔** سوی گرٕٹھن۔ آٹھنی واٹھنی یُن۔ مانُن۔

**رامایَن۔** ن۔ مؤل: رامایَن <س: رامایَنہ ]۔

۱۔ اکھ مُقدَس کِتاب یَتھ اَندر رام زُندر
ہِسنٛدی حالاتھ باتَن منٛز چھ وَننہٕ آمتی۔
۲۔ (دورکیاہ) گٹھی بنٲوتھ۔ حٲری شاتھ۔

**رامایَن گَرٛنٛھنی۔** بنٲوتھ ینی۔

**رامہٕ راوَن ۔** لاری کنی اکہ جایہ ہنٛد ناو ییتہٕ پیٹھ
یَرِ موکھ یاترا شوٗرو چھنے گژھان۔

**رامہٕ گاڈ۔** م۔ مٔول : رامہٕ گاڈ < س : رامہ + گڈ ]۔
اکھ ناگہٕ گاڈ، اَمِس چھ چونٹھ ووزُل
آسان۔

**رامہٕ گرٛن۔** ن۔ مٔول : رامہٕ گرٛن < س : رامہٕ + ک :
گرٛمن ]۔ اکھ گرٛن ذاتھ۔

**رامہٕ گوڈ۔** ن۔ مٔول : رام گرٛ < س : رامہٕ + گرٛٹا ]۔
اکھ زوڈ یَتھ وَڑکَس سیتی پوٚزان چھ۔

**رامہٕ نوم۔** مٔول : رامہٕ نوم < س : رامہٕ نومی ]۔
رام جی سُنٛد زایہٕ دوہ۔

**رامہٕ ہوٗن ۔** ن۔ مٔول : رامہٕ ہوٗن < س : رامہ شوٗنہٕ ]
وَن ہوٗن ۔ ہوٗنی ذاتھ سُنٛد اکھ جنٛگلی
جانوَر۔

**رامُن راج ۔** < س : رامہٕ راجیہٕ ]۔ (دورگیہ) شہ
راج یَتھ اَندر لوکھ سوکھو ساتی آسن۔
سوچھ۔ یَتھ حکومتس یا پادشاہی
اَندر نہٕ کانٛسہِ تہٕ تکلیف آسہِ۔

**رامیشور۔** ن۔ مٔول : رامیشور < س : رامیشورٕ ]۔
۱۔ شوٗ سُنٛد اکھ ناو۔ ۲۔ دکھنس اَندر
ہیٚنٛدرین ہنٛد اکھ تیرتھ۔

رام بُدرِنی دوٗنی، رام رام بُدرِنی دوٗنی۔ سَتہٕ زنٛگو
کمان ہِش یوسہٕ روٗدِ پَتہٕ تاپہٕ گرنہٕ
سیتی اَسمانَس پیٹھ نیران چھنے۔ سوزُل۔

**رام رام ۔** ن۔ مٔول : رام رام < س : رامہ + رامہ ]۔
۱۔ ہیٚنٛدرین ہنٛد آلی واکھ۔ ۲۔ (دورگیہ) پاٹھا
تراہہ تراہہ۔

**رام رام کرُن ۔** خُدایہ خُدایہ کرُن۔ دَبہٕ دَبہٕ
کرُن۔

**رام لیلا۔** م۔ مٔول : رام لیلا < س : رامہ + لیلا ]۔
رام کتھایہ ہنٛد ناٹک۔ (دیُژ پاٹھو کَشہٕ
ہارہٕ کین دوہن)۔

**ران۔** م۔ مٔول : ران < ف : ران ]۔ زنٛگہٕ
ہنٛد ہیٚریُم حصہٕ۔ روٗنکھہٕ تہٕ کنٛگ۔
رانہٕ بہُن، رانہٕ ٹھانہٕ بہُن۔ کام اَندواتناوِتھ
فراغژسان بہُن۔

**رانہٕ ٹھانہٕ روزُن ۔** فراغژسان کام کرٕ۔
ہانبرنہٕ گرٕنی۔ دِل دِتھ کامہِ کُن لگُن۔

**رانہٕ دَرنہٕ۔** جوٗرِتھ کرُن۔ ہہِرِتھ ہکُن۔

**رانا۔** وُچھو "رعنا"۔

**رانہٕ بڑآر۔** < پراکرت : رانی : س : راجنی +
بھٹارِکا ]۔ راگنیا۔ دور گایہ ہنٛد
اکھ ناو یَس پتہٕ تھاپنا تلہٕ مُلہٕ چھنے۔

**رانہٕ روز۔** م۔ مٔول : رانہٕ روز < س : راجنی +
رُچ ]۔ زنانہٕ بیمار۔ زنانہٕ تُوصوٗر۔

**راٹس۔** م۔ مٔول : راٹس ]۔ ۱۔ ڈان۔

۲۔ (وَرگَہِ پاٹھی) لَڑاہِر گَر۔

**رانٹھ۔** م۔ مۆل : رانٹھ]۔ سۆ تھَر یا کُج یُس ڈٕچھِن پیٹھ پھبان چھِنے۔

**رانٛڑٕ۔** ن۔ مۆل : رانٛڈ < ہس : رانڑا]۔
۱۔ رٕدولِہ۔ رٕذیلہ۔ بٔے راہ (شُر بیتر)۔
۲۔ سُہ رٕذیلہ شخص یُس اَہلِس مَحلس مَنٛز شریف پاٹھی آسہِ روزان۔

**رانٛڑگی۔** رٕدولِہ گی۔ کھُرِ بھٕگی۔

**رانٛگَر۔** بَڑگامٕ تحصیلس اَنٛدر اَکھ گام یَیتہِ عبدالاحد آزاد زامُت چھُ، اَتیک پۆٹ چھُ مشہور۔

**راوِٹ۔** م۔ مۆل : راوٹ < س : راترِ + رکشا]۔ فَصلُس بیترِ نَظر گُذر۔ رأچھ۔

**راوِچھ۔** م۔ مۆل : راوچ < س : راترِ + رکشا]۔ روت رأچھ۔ راتس فَصلُس بیترِ رأچھ روزُن۔

**راوِک۔** نَظر گُذر تھاوُن وول۔ رأچھ دَر (خاص کٔرِتھ کۆلِہ روچھ)۔

**راوُل۔** ن۔ مۆل : راوُل < پراکرت : لااُلم]۔ سُہ غُنٛڈٕ یُس لۆکَن وَتہِ راوَرِ یا وَترِ ڈالِہ۔

**راوُن ع۱** ن۔ مۆل : راو < س : ؟ راچیترِ]۔
۱۔ کانٛہہ چیز رَتہِ پاٹھی اور یور گٔژھن یتھ نہٕ اَتھہ ییہِ۔ ۲۔ (وَرگَہِ پاٹھی) وَتہ نٕہ ییٚنی۔ غوطَہ گٔژھن۔ ۳۔ دوٚشُن۔ پیدُن۔ پَشیمُن۔ ۴۔ ضایہ گٔژھن۔ رٕتھہ نہٕ کھَسُن۔ ۵۔ رٕوُن مَرُن۔ رم : کھانٛدر کٔرِتھ رأو بچارٕ۔

**راوُن تٕنیوُل۔** سُہ ژٕگ یُس کانٛہہ چیز راونہٕ اِنساکس ووتھِ۔ شَر یا ٹکہ یُس کانٛہہ چیز راونہٕ سیتی روزان چھُ۔

**راوُن دود۔** سۆ ژٕگ ہش یُس کانٛہہ چیز راونہٕ کِنی ووتھان چھِنے۔ چیز راونہٕ پتہٕ پھیرُن۔

**راوُن دیو۔** (وَرگَہِ) مُشرٕپھہٕ کِنی چیز راوُنی نہٕ راوُنی۔

**راوِراوُن۔** وُچھو "راوِرُن"۔

**راوِرُن۔** ۱۔ بٔے پَروأیی کِنی چیز اَتھہ مَنٛز کَرُن۔ ۲۔ رٕژھرِتھ نہٕ تھَوُن۔ خراب کَرُن۔ ۳۔ ضایہ کَرُن۔

**روو گُرشیٹھ مُہر۔** نہٕ ڈٕیتھ گو ییٚیہ سُنٛد چیز ہیٚے اَتھہِ مَنٛز گٔژھہِ یا راوِ نتہ چھُ پَرزٕنہٕ ییٚیٹھ مول کھارنہٕ یِوان۔

**روومُت۔** ۱۔ اَتھہِ مَنٛز گومُت۔ اَتھس مَنٛز نہٕ ییٚنہٕ وول۔ ۲۔ (وَرگَہِ پاٹھی) بٔے گَنٛڈ گومُت۔ بٔے راہ گومُت (شُر بیتر)۔ ۳۔ حیٚسو ڈوٚلمُت۔ پَریشان گومُت۔

**راوُن ع۲** ن۔ مۆل : راون < س : راونٕ]۔ لنکا ہِنٛد تِتھ کاٹُک راز یُس رامہ ژٕنٛدرَن سٕنٛز تہِ جنٛگس مَنٛز مارِ گو۔

رامایِنگ اَکھ کِردار۔

**راہ ۱ع۔** ن۔ مؤل: راہ > پراکرت: اَوراہ > س: اَپرادھ]۔ جُرُم۔ تقصیر۔ گُناہ۔ اَثر۔

**راہ آسُن۔** خطا آسُن۔ قصوٗر آسُن۔

**راہ کھسُن۔** ہانژھ لگنی۔ اِلزام یُن۔

**راہ کھارُن۔** ہانژھ لاگنی۔ اِلزام دیُن۔ تقصیر کھارُن۔

**راہ لدُن۔** وُچھو "راہ کھارُن"۔

**راہ ۲ع۔** ن۔ مؤل: راہ > س: راہُہ]۔ ۱۔ اکھ راش۔ ۲۔ اکھ اَسمانی دیو، دپان یہ چھُ گرُہن لگن وِزِ آفتابس تہ زُونہ کھینہ یوان۔

**راہ ۳ع۔** > ف: راہ]۔ وَتھ۔

**راہِ خوٗدا۔** ۱۔ خودایہ سِنز وَتھ۔ ۲۔ خودایہ سِنزِ ناوِ۔ ۳۔ (دورگہ پاٹھی) مُفت۔ پھتے۔ برابر خودا۔

**راہِ خوٗدائیس پیٹھ تراوُن۔** (دورگہ) ناکھ نہ لاگُن۔ ژُکھ دِرینہ لاگُن۔

**راہِ راست۔** سیُز وَتھ۔ شریف لُکن ہِنز وَتھ۔ شرافتھ تہ سیزر۔

**راہِ عام۔** وَتھ یوسہ کانسہ اَکِس سِنز مِلکیتھ آسہ۔ وَتھ یتھ پیٹھ ساری پکِتھ ہیکن۔

**راہِ نجات۔** ۱۔ نجاتُک وَتھ۔ گوہوٗتہ مُصیبتو نِشہِ موکجارُک وَتھ۔ ۲۔ (دورگہ پاٹھی) موکلن پلے۔

**راہ گیر۔** وَتہ پکہ وُن۔

**راہِ رسم۔** > ف: راہ + ع: رسم]۔ تولقاتھ۔ اکس بییس سیتو میلن گیلن۔

**رائے ۱ع۔** م۔ مؤل: رائے > ع: رای]۔ ۱۔ سوٗ نتیجہ کونڈ مُت کانہہ نتیجہ۔ خیال۔ ۲۔ مَتھ۔ خاہش۔ ۳۔ یِراد۔ ۴۔ پوٗکھ۔ طرف۔ لحاظ۔ ۵۔ مشوٗرِ۔

**رایہ رایہ۔** پوٗکھ رُچھتھ۔

**رائے تراے۔** سو پنچ نہنج۔

**رائے دِنی۔** کُنہ کتھہ پیٹھ پنُن خیال ظاہِر کرُن۔ مشوٗرِ دیُن۔

**رائے روزنی۔** خیال روزُن۔ باسُن۔ کل روزنی۔

**رائے کرنی۔** طرف کرُن۔ پوٗکھ کرُن۔ نظرِ کرنہ۔ ہشر سان نہ باعترن۔

**رائے گژھنی۔** ۱۔ باسُن۔ خیال یُن۔ ۲۔ کلی خیال گژھُن۔ بڈاُنتی گژھنی۔

**رائے ۲ع۔** ن۔ مؤل: رائے > پراکرت: رائے]۔ راز۔ بادشاہ۔

**رَبی (رَبیع)۔** ن۔ مؤل: رَبی > ع: ربیع]۔ فصل یُس سوٗنتہ وُٹھنہ پتہ پکنہ، تیلہ گوگُل تہ وُشکہ بیتر۔ م: خریف۔

**رَبیع الاوّل۔** مؤل: ربیع الاول > ع: ربیع الاول] ہجری سنہ حسابہ وُرِی یک تریُم ریتھ۔

**رَبیعُ الثانی۔** ن۔ مۄل ، رَبیع الثانی ﴿ع : رَبیع الثانی ]۔ ہجری سَنہٕ حِسابہٕ وُری یِک ژۄرِیُم رِیتھ۔

**رُبی دٕ۔** ن۔ مۄل : رُبد ]۔ ۱۔ دَجہٕ ہُنٛد بنوومُت گول شانٛدٕ گوٚنٛڈ ہیوٚہ یَتھ پیٹھ کانٛدُر لَواسہٕ وُہراوان تہٕ توٚنٛدرِس لگان چھُ۔ ۲۔ ژالُن ہیوٚہ اَکھ سامانہٕ یَیمہٕ سِتۍ کانٛدُر ژۄچہٕ وُری پچہٕ یا توٚنٛدرِس تَچھان چھُ۔

**رُتی۔** م۔ مۄل ، رُتۍ ﴿س : رَتہٕ ]۔ کامہٕ دیُوری زنانہٕ۔

**رُتن۔** ن۔ مۄل ، رُتن ﴿ع : رَتنَہ ]۔ ۱۔ لال۔ جواہر۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھۍ) یُس سیٹھا نیک تہٕ جان آسہٕ۔

**رُتنہٕ دیپ۔** ن۔ مۄل : رُتنہٕ دیپ ﴿س : رَتنہٕ دیپہ ]۔ دیچھ یا ژاںٛگۍ چالہِ گاش یُس پوٗرنایہٕ وِزِ آلوٚنہٕ یِوان چھُ۔

**رُتنہٕ جوٗتی۔** ۱۔ دُنہٕ وُن رُتن دیپ۔ ۲۔ اَکھ بُجۍ۔ یہٕ چھےٚ اَچھن دَوا۔

**رُتنہٕ ژاںٛگج۔** م۔ مۄل ، رُتنہٕ ژاںٛگج ]۔ توٚملہٕ آرکھ بناوِتھ ژاںٛگۍ ہم مہرازس وِہگس پیٹھ آلوان چھِہ۔

**رُتھ۔** ﴿س : رَتھ ]۔ رُتھس کھسِتھ تہٕ رپھنہٕ گوٚ تیزی سان۔ ژۄتُر۔ م : یورِ گوٚ وارِ وارِ تورِ آو رُتھ۔

**رُنھو کھسُن۔** ۱۔ کاشہ تامپر بیترِ وُلۍ وُلۍ اندٕ داتناوُن۔ ۲۔ اَکُس شَہرَس بیترِ) دَوان دَوان کھسُن۔ ۳۔ (وُرگہٕ پاٹھۍ) جَل ترقی کرٕنۍ۔

**رَج۔** ن۔ مۄل ، رَج ﴿س ، راجہ ]۔ سَرٛکہٕ بیترِ لوٚکَن ہِنٛز بُجر لاٗن ہِش۔ وارِیاہَن لوٚکَن ہُنٛد یُن گژھن لَگُن۔

**رَج لگنہٕ۔** وارِیاہَن لوٚکَن بیترِ ہُنٛد یِکُن مَگُن۔ وَتھ نہٕ معہ یِچ آسنۍ۔

**رَچھ۔** م۔ مۄل ، رَچھ ﴿س ، رَکشا ]۔ ۱۔ تاوِیزٕ۔ ۲۔ ڈولنہٕ ہیترِ یَتھ اَنٛدرٕ تاوِیزٕ تھاوان چھِہ۔

**رَچھہٕ ترٛوٗٹ۔** اَکِہ ہَٹہٕ وُستک ناو۔ اَکہٕ قِسمُک ترُلوٚر ہار۔

**رَچھہٕ گرنہٕ۔** ۱۔ (بَلایہٕ بیترِ نِشہٕ رَچھنہٕ موکھہٕ) تاوِیزٕ نالِ ترٛاوُن۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھۍ) تاوِیزٕک پاٹھۍ رٕژھرِتھ تھاوُن۔ چھیٚنٛڈی تہٕ گوٚنٛدی کرٕنۍ۔ سیٹھا قدرٕ کرٕنۍ۔

**رَحیم۔** مۄل : رَحیم ﴿ع ، رحیم ]۔ یُس رَحَم کرِ۔ یُس اَترِس پیٹھ مآفی دِیہ۔ یُس بخشہٕ۔ خُدا تعالا سُنٛد اَکھ صِفتی ناو۔

**رَدی۔** مۄل ، رَدی ﴿ع ۔ رَدّ ]۔ رد گومُت۔ نالگہٕ بار۔ خراب گومُت۔ ژھوٚکھ۔ ژھیٹھ۔ چھِستھ۔ چھانٹہٕ۔

**رَدیف۔** ن۔ مۄل ، رَدیف ﴿ع : رَدیف ]۔ سُہ حُرُف یا لفظ یُس شارِ یَتھ شارِ

پٕٹُس گنڈنہٕ پیٖر۔

**رُڈی میڈ۔** بَنی بنٲئی۔ تیار و تیار۔

**رُذالئت۔** کھٕرگی ۔ رُدولہٕ گی۔

**رُذیلہٕ۔** < ع : رُذیل ]۔ رُدولہٕ۔ کھوٚر۔ سیٖٹھاہ (شُر بیترِ)۔

**رُژھرَن۔** رُژھراونہٕ یِن۔ شیٖرتھ سَمبٲلتھ تھونہٕ یِن۔ خراب گژھنہٕ نِش بچاو۔

**رُژھرُن۔** وُچھو " رُژھراوُن " تر۔ ۱۔ شیٖرتھ سَمبٲلتھ تھوُن ۔ ۲۔ کٲنسہِ سیٖتی نہٕ راوٕرُن۔ جان وَرتاو تھوُن۔

**رُژھرُمت۔** ۱۔ بچاوِتھ تھوٚومُت۔ وارٕ وُتر تھوومُت۔ شیٖرتھ تھوٚومُت۔ حِفاظتہٕ سان تھوٚومُت ۲۔ کٲنسہِ سیٖتی رُت وَرتاو کوٚرمُت۔

**رُژھرنہٕ آمُت۔** ۱۔ بچاوِتھ تھونہٕ آمُت۔ حِفاظتہٕ سان تھونہٕ آمُت۔ ۲۔ جان وَرتاو کرنہٕ آمُت۔ کٲنسہِ ہُنٛد لِحاظہٕ قایم تھونہٕ آمُت۔

**رُژھراوُن۔** ن۔ مؤل۔ رُژھراو ]۔ ۱۔ حِفاظتہٕ سان تھوُن۔ وارٕ وُتر تھوُن۔ شیٖرتھ سَمبٲلتھ تھوُن ۔ ۲۔ کٲنسہِ سیٖتی جان وَرتاو کرِتھ رٔکھُن۔ مُٹرگری نہٕ گژھنہٕ دِنی۔

**رُژھروومُت۔** وُچھو " رُژھرُمت "۔

**رُسید۔** ن۔ مؤل : رُسید < ف : رسید ]۔ وُصول کرنک یِقرار نامہٕ۔

**رُسیداٹھ۔** (دورگہٕ) پھٹراوُن۔ راوراوُن۔

مۄکلاوُن۔ کنہٕ لایق نہٕ تھوُن۔

**رٕسیٖل۔** ۱۔ رُس دار۔ میوٕ ہٕٹہ تہٕ مزدار (کھیٚن)۔ ۲۔ اسہ وُن۔ میلہٕ وُن (انسان)۔ ۳۔ دِلچسپ۔ پرٕ یہٕ وُن (اگیوٚن بیترِ)۔

**رٕفیق۔** مؤل : رٕفیق < ع : رٕفیق ]۔ ۱۔ ہمدرد۔ اَتھہ روٚٹ کرن وول۔ یُس اکار بکار ییٖہ۔ ڈُکھ دَرد۔ ۲۔ یار۔ دوس۔

**رٕقیق۔** مؤل : رٕقیق < ع : رقیق ]۔ ۱۔ تۄن آب ہیوٚہ۔ یتھ ترٕی آسہ۔ زاوُیل۔

**رٕگراوُن۔** ن۔ مؤل : رٕگراو ]۔ ۱۔ پٕشہ ناوُن ۔ ۲۔ (دورگہٕ) پٔرژٕہ سکاژ لاگنی۔ گِہر کرُن۔

**رٕمی۔ رٕمبی۔** م۔ مؤل : رُمی < انگ : رُمی۔ [RUMMY]۔ تاسٕچ اکھ کھیل یا باز۔

**رٕمبی۔** م۔ مؤل : رٕمبی < پراکرت : رُمپ ]۔ ۱۔ دزمن یاگاسہٕ بیترِ ژٹنہٕ باپتھ اکھ ہتھیار۔ ۲۔ اکہٕ اَنٛد ژالن ہِش کٔرتھ سیخ ییمہٕ سیٖتی کانٛدُر تۄنٛدرس بیترِ تھپھان چھُ یا ییمہٕ سیٖتی گور بیترِ باگن ژلان چھُ۔

**رٕنی۔** م۔ مؤل۔ رُنی ]۔ گرٕ واجنی۔ آشیٚنی۔ کولے۔ کلالہٕ داری۔ غوصہٕ۔

**رٕنجش۔** ۳۔ < ف : رنجش ]۔ پیکیچ ترٕاے۔

**رٕنگش۔** مؤل۔ رٕنگش ]۔ رَم ؛ کاو رٕنگش۔

**رٕنگین۔** مؤل : رٕنگین < ف : رنگین ]۔ رٕنگدار۔ یتھ رٕنگ آسہٕ۔

**رٔنگینی۔** رٔنگین آسُن۔ رٔنگدار آسُن۔

**رٔنگین مزاج۔** عاشق مزاج۔ عاشہ نوٚت۔ خوش مزاجی۔ اسہوُن۔

**۵۔ رٔے۔** وُچھو "رٔو رٔے"۔

**راتب۔** ن۔ مۆل: راتب ‹ع: راتبة]۔ دۄہچ کھیٚن خورٲکی۔

**راٹھو۔** ن۔ مۆل: راٹھو ‹س: راٹر]۔ غنٹر، رگاڈی۔ لڑایہ گوٚر۔ رانٛڈی۔

**راٹھل۔** رانٛڈی گی۔

**راٹھ گاڈ۔** اکہِ قسمچ گاڈ۔

**راٹھ وانگن۔** رُوانگن۔ لوٚٹہ وانگن۔ ٹماٹر۔

**راٹھ ہر۔** دچھ کجہ ہند دلہ یُس بانہ بیتر صاف کرنس لگان چھُ۔ یتھ پاٹھو سُہ گاسہ ییمہ سیتہ بانن کل ہیوان چھہ۔

**راچھ۔** م۔ مۆل: راچھ ‹س: رکشہ]۔ ۱۔ خبرگیری۔ نظرگذر تھاوٕنی۔ پہرہ دیُن۔ ۲۔ یُس نظر گذر تھاوِ۔

**راچھس دوہ تہٕ ژوٗرس گرٕ۔** نرٕ ڈیپنہٕ گوٚ دُمرہنز راچھ چھیٚ رژھا غفلت کنی کوٚلہٕ گژھان۔

**راچھدر۔** یُس راچھ کرِ۔ روچھ۔

**راچھ لاوُکھ۔** ۱۔ خبرگیری۔ ۲۔ رژھُن۔ بلایہ بیتر نشہِ رژھُن۔ بچاو۔

**راچھ راوِچھ۔** وُچھو "راچھ لاوُکھ"۔

**راچھ روزُن۔** نظر روزُن۔ نظرگذر تھاوٕنی۔

پہرہ دیُن۔ خبرگیری کرٕنی۔

**راچھ کرٕنی۔** ۱۔ راچھ روزُن۔ نظر روزُن۔ ۲۔ بلایہ بیتر نشہِ رژھُن۔ مُصیبتہٕ وِزِ اتھہ روٚٹ کرُن۔

**راسی۔** ‹ پراکرت: رِسَّہ]۔ ٹلو ٹلی غاب۔ زمینہٕ بُزی۔ ضایہ۔

**راسی گژھُن۔** ٹلو ٹلی غاب گژھُن۔ راوُن۔ زمینہٕ ٹلی ژلُن (یکروٗن آب بیتر)۔

**راستی۔** م۔ مۆل: راستی ‹ف: راستی]۔ سپزر پزر۔ پوٚز۔ جاٗنی۔

**راشی۔** ‹ع: راشی]۔ کوٚژھ ہینہٕ دول۔ یُس رشوَتھ کھیوان آسہِ۔

**راضی۔** مۆل: راضی ‹ف: راضی]۔ ۱۔ خوش، شاد، سیر۔ ۲۔ تیار۔ رضامند۔ رم: بہ چھُس یہ کام کرنس پیٹھ راضی۔

**راضی تھوُن۔** ناراض نہٕ کرُن۔ خوش تھوُن۔

**راضی روزُن۔** ۱۔ مہربان روزُن۔ ۲۔ کانسہِ پیٹھ خوش روزُن۔ ناراض نہٕ گژھُن۔

**راضی کرُن۔** ۱۔ سیر کرُن۔ خوش کرُن۔ ۲۔ مانزراوُن۔ تیار کرُن (کام بیتر کرنہ باپتھ)۔

**راضی گژھُن۔** ۱۔ سیر گژھُن۔ خوش گژھُن۔ ۲۔ تیار گژھُن۔ مانُن۔ آٹنی واٹنی یُن۔

**راضی نامہ۔** سُہ بقرارنامہ یتھ اندر مُقدمہ والین ہُند پانہٕ وانی کوٚرمُت فیصلہ لیکھتھ آسہِ۔

**رافض۔** مۆل: رافض ‹ع: رافضة]۔

سُہ یُس پَننِس سَرِدارَس دوکھہٕ دِتھ ژٕراوِ۔
یُس نہٕ پننِس زِٹھس سیٖتؠ وَفادآری کرِ۔

رأقِم۔ مۆل : رأقِم ]۔ لیکھَن وول۔

رأگنی۔ (راگنی)۔ م۔ مۆل : رأگنی < س : راگنی ]۔
گیوُن لَے۔

رأگی ۱۔ مۆل : راگ < س : راگی ]۔ رایہٕ بۆرُت۔
لولہٕ ہۆت۔

رأگی ۲۔ مۆل : راگ < س : راگی ]۔ راگ زانَن
وول ۔ یُس جان گیوُن زانہٕ۔

رأنِم۔ رازِسی ۔ راج۔

رأنہٕ، ریشہ۔ مۆل : رأن < س : راجانگہ ]۔
کٲشرِ بن ہنٛز اکھ گرام۔

رأنی۔ م۔ مۆل : رانی < پرٛاکرت : رانی < س :
راجنی ]۔ پادشاہ بایے۔ رازٕ بایے۔

رأنٹس۔ وُچھو " رأنٹس "۔

رأنٹُن۔ ن۔ مۆل : رأنٹُن ]۔ رَدولہٕ سپٔزل (اشر)۔

رأنڈٕ۔ رأنٹھ۔ لَڑایہٕ گوٚر۔ پیٹھ دَر غُنٛڈٕ۔
رأنڈٕ گی۔ غُنٛڈٕ گی۔ رأنٹھل۔

رأوی۔ ن۔ مۆل : رأوی < ف : راوی ]۔ رِوایتھ
کرَن وول۔ یُس کُنہِ واقعک ذِکر کرِ۔ وَنَن
وول۔

رأہِب۔ ن۔ مۆل : رأہِب < ع : راہِب ]۔
بٕہوٗدی عبادَتھ خانگ زِٹھ۔

رأیِج۔ مۆل : رأیِج < ع : رائج ]۔ یَتھ رِواج
آسہِ۔ یہٕ وَرتاوَس منٛز آسہِ۔ چَلہٕ وُن۔

رأیِل۔ ۱۔ بُڈُل یَتھ چھیٖج وارِیاہ بوٗڈٕتھ گوٗن چھُ
آسان۔ ۲۔ دۆرِگ قدآوار۔ تھوٚد۔ نَلہِ
نِکھ۔ وُکانِل۔

رأیِل گَیب۔ اکھ ہیٛڈٕر قسِم۔ یہِ چھُ مُرگَن بیترِ انٛدرٕ آسان۔

رِبَن۔ ن۔ مۆل : رِبن < انگ : رِبَن ۔
RIBBON ]۔ ۱۔ مُنٛتَس گنٛڈنٕک فیٖتہٕ۔
۲۔ ٹایپ مشینہٕ ہنٛد فیٖتہٕ۔

رِباس۔ ن۔ مۆل : رِباس < ف : ریباس ]۔
اکھ بوٗٹی یوسہٕ تَبَخَس تہٕ دَوا چھِے۔ رِیوٕنٛدٕ
چیٖنی۔

رِٹ۔ م۔ مۆل : رِٹ < انگ : رِٹ - WRIT ]
فوٗری فأصلہٕ کَرنہٕ باپَتھ عدالتَس کوٗرٕٹ
درخاس۔

رِٹایَر (گَرٕ حن)۔ پینشَنَس پیٹھ نوکری منٛزٕ نیٖرُن۔

رِچہٕ، رِچہٕ۔ م۔ مۆل : رِچ < ؟ س ۔ رِچ ]۔
رٕتہٕ۔ تٕلمہٕ۔ ریٖنچہٕ۔ پلوٗن بیترِ گامہٕ زِچہٕ۔

رِچہٕ کٕڈنہٕ۔ کِتابہٕ، پلوٗک بیترِ۔ تیٖوٗت زِیادٕ
اِستیمال کَرُن یوٗت زَن یِہ ڈیٖپ زِ تہٕ رِینہٕ۔

رِحل۔ م۔ مۆل : رِحل < ع : رحل ]۔ اچھو
بیٖنھہٕ یَتھ پیٹھ پَرنہٕ باپَتھ (ڈیٹھ یا کٲژ مذہبی)
کِتاب وُہراوِتھ تھوان چھِ۔

رِدا۔ م۔ مۆل : رِدا < ع : رِدا ]۔ سعہ
ژادَر یوسہٕ کانٛہہ رُت اِنسان پننِس
مُرِیدَس عطا کرِ۔

رِزَلٹ۔ ن۔ مۆل : رِزَلٹ < انگ : رِزَلٹ - RESULT ]۔

اِمتحانہٕ بیترِ ٹیک نتیجہ۔

**رِزق۔** ن۔ مؤل : رِزق > ع : رزق ]۔ دوہ دِشک کھین۔ غِذا۔ زُونکو ذٔری ہ۔

**رِزق رَسان۔** رِزق واتناوَن وول۔ تہٕ ڈیپتہٕ گوٚنہ والے۔

**رِزق واتناوُن۔** روٗزی واتناوُن۔ زُونک چارٕ سوزُن۔

**رِس، رِسس۔** ن۔ مؤل : رِس > انگ : رِسس : RECESS ]۔ دستھ دُپہرس مٔدرس تُرکن بیترِ، آرام کرنک یا کھینہٕ چینک وَقفہٕ۔

**رِسالتھ۔** > ع : رسالة ]۔ پٲغمبری۔

**رِسالہٕ۔** > ع : رسالة ]۔ ۱۔ اکھ بٔگ اُٹھن ساسن گُری سوارن ہُند دستہٕ۔ ۲۔ گُری سوار۔ ۳۔ کاتھہٕ مفموٗن ہنز کتاب یوسہٕ وَقتہٕ وُقتہٕ گنڈتی پاٹھی نیران چھےٚ۔

**رِسالہٕ دار۔** اکھ رِسالک اَفسر۔

**رِستہٕ۔** ن۔ مؤل : رِست ]۔ اکھ ضیافتھ یوسہٕ مازس بناوِنہٕ یوان چھےٚ۔

**رِسٹ واچ۔** م۔ مؤل : رِسٹ واچ > انگ : رِسٹ واچ ۔ WRIST WATCH ]۔ مَرٕ گر۔

**رِش، رِشس۔** م۔ مؤل ، رِش > ویدک ، رِش ]۔ ۱۔ دیے۔ نفرتھ۔ کھر۔ ۲۔ ان ہشر۔ تُضاد۔

**رِشتہٕ۔** ن۔ مؤل : رِشت > ف : رِشتہ ]۔ بَندُھ۔ اُشناوی۔ توٗلُق۔

**رِشتہٕ دار۔** اُشناو۔ بَند۔

**رِعایتھ۔** م۔ مؤل ، رِعایتھ > ع : رعایة ]۔ ۱۔ (ہینس کِنہٕ تس منز) نرمی۔ چھوٗٹ۔ ۲۔ طرفداری۔

**رِعایا۔** مؤل : رِعایا > ع : رعایا ]۔ رَعیتھ۔ لُکھ۔

**رِکاب۔** ن۔ مؤل : رِکاب > ع ، رکاب ]۔ پایدری۔ شیشتہرِ کرکہ ہوکہ یم زہ پنس دہ یوٗط رفو اٲنڈی آسان چھہ تہٕ یمن منز گُری سوار کھور تھاوان چھہ۔

**رِکاڈ۔** ن۔ مؤل : رِکاڈ > انگ ۔ رِکارڈ ۔ RECORD ]۔ اَندراج۔ کُنہٕ پیٹھ درج۔ تاریخ۔ ۲۔ اکھ خاص گول پلیٹ یتھ منز آواز بند چھےٚ یوان کرنہٕ تہٕ یُس کنہٕ باجس پیٹھ وایہٕ یوان چھُ۔ ۳۔ شِکل یا کاتھہٕ سرکاری کاگد بیترِ یُس نقل کرتھ موحفوظ تھاونہٕ ییہ۔ ۴۔ تھپکُن لایق تہٕ یاد تھوٗن لایق کاتھہ کارنامہٕ۔ تھد تھوٚد کارنامہٕ۔

**رِکاڈ تھوٗن۔** کاتھہٕ تھپکُن لایق کارنامہٕ کرُن۔ ناو تھوٗن۔

**رِکاڈ کرُن۔** کنہٕ بیترِ رِکاڈس پلیٹس پیٹھ تارنہٕ۔

**رِکاڈ کیپر۔** دفترک سُہ مُلازم یُس نشس سرکاری مِثلہٕ بیترِ موحفوظ آسن۔

**رِکٲبی۔** م۔ مؤل ، رکابی > ف : رکابی ]۔

ژامہ چالہِ لوکُٹ بانہٕ۔ پلیٹ۔ وچھو
"رِکیب" تہٕ۔

**رِکیب۔** م۔ مۄل: رِکیب < ف: رِکابی]۔ رِکابہٕ۔
پلیٹ۔ لوکُٹ تھال۔

**رِکنہٕ۔ رِکن۔** م۔ مۄل: رِکن]۔ کھر۔ رِس۔

**رِکنہٕ گژھنی۔** ۱۔ (رٕ بہ یا کُنہِ پشلس چیزس پیٹھ) کھر گژھنی۔ ۲۔ دکارِ یارس بیترِ اندر) ژکھ واتُن۔ ۳۔ پھژنی۔ ٹرنی۔ وٕہنی۔

**رِکنہل۔** یُتھ پیٹھ کھر گژھنک خطرٕ آسہِ۔
پشل۔

**رِکھ۔ رِکھ۔** م۔ مۄل: رِکھ < س: رکیھا۔ رِکھ کہ]۔
۱۔ خط۔ ٹکیر۔ ۲۔ زیوٹھ تہٕ کھجہِ روٗس نشانہٕ۔ یُس تحلمہٕ بیترِ سیتی کُنہِ پیٹھ ژاونہٕ یِیہِ۔ (جیومٹری)۔ ۳۔ اَتھچ بیترِ گیٖنی۔
۴۔ حد۔ بنہٕ۔ ۵۔ رنگدار یٔینی یوسہِ ووکَن وِزِ ژادرِ بیترِ دامنس تَل ژاوان چھِ کِنارس۔
۶۔ آلہٕ یا بیٚیہِ کُنہِ سیتی زمینس ژاوِتھ پھژاٹھ ہش۔ ۷۔ آرُچ بیترِ لوکُٹ دار۔

**رِکھِ پیٹھ رٹُن۔** عاَنِ موقس پیٹھ ہتھ رٹُن۔ وقتہٕ وِزِ بند کرُن۔ کلِ پچرِ لس نہٕ وار تھٲوُن۔ چھ رتنہٕ کرُن۔

**رِکھِ ناٗرُن۔** کانسہِ نِش مطلب برابر کرُن۔
کُنہِ چیزِ یا ہتھ آمادٕ کرُن۔ ناوِ واتُن۔

**رِکھ پٹ۔** ۱۔ سُہ پٹ یُس رِکھ بیترِ دِنہٕ وِزِ سا کنہٕ دٕرفس تَلہٕ تھاوان چھِ۔ ۲۔ رِکھ دِنچ پٹ۔ روٗلر۔ روٗلہٕ پٹ۔

**رِکھِ پنزی کرنی۔** کھر پنزی۔ بدخط لیکھُن۔ تیتھ کُنی لیکھُن یہِ نہٕ پرنُے تگہِ۔ جان دسخطانہٕ آسُن۔

**رِکھِ قلم۔** ۱۔ اَکہِ قسمک ٹھپہٕ۔ ۲۔ نَنی یتھ سیتی داتس بیترِ نقشہٕ کام کران چھِ۔

**رِکھ دِنی۔** نشانہٕ ژاوُن۔ حاطہٕ یا بنہٕ گنڈُن۔

**رِکھل۔** یتھ رِکھ ژاوِتھ آسَن۔ رِکھ دار کپڑٕ بیترا روٗل دار (کاگز بیترِ)۔

**رِم۔** ن۔ مۄل: رِم < انگ: ریم۔ [REAM].
وُہ دستہٕ کاگز۔

**رِنہٕ رِنہٕ۔** مۄل: رِنہٕ رِنی < ؟ س: رِنگ]۔
وارِ وارِ۔ آہستہٕ۔ لوتہٕ لوتہٕ۔

**رِنٛد۔** مۄل: رِنٛد < ف: رِنٛد]۔ ۱۔ یُس نہٕ کُنہِ مذہبکین ضابطن تہٕ قاعدن ہُند پابند آسہِ۔ ۲۔ دُورگہٕ پاٹھی) عاشقہٕ مۄت تبلنگہٕ۔

**رِنٛزُن۔** ن۔ مۄل: رِنٛز < س: رِچ کرُم: پالی: رِنچتہٕ]۔ ژۄرِ ژھیپہِ ژلُن۔ ژھیپہٕ دِنی۔

**رِنٛزاوُن۔** ۱۔ ژۄرِ ژھیپہِ غائب کرُن (مال جاداد بیترِ)۔ وارِ وارِ ہتھ ژلُن۔ ۲۔ ژھیپہٕ دِیاوناوُن۔

**رِنگ ۱۔** م۔ مۄل: رِنگ]۔ گیشُرہ۔ بہِشرھا۔ گُنیہِ ژکھٹھ ہش۔ م: دِہی رِنگ۔ داوِ رِنگ۔

**رِنگ ۲۔** م۔ مۄل: رِنگ < انگ: رِنگ: [RING].

۱۔ گنٹی ۔ گنٹی ہُنز آواز ۔ ۲۔ کوٗر۔

**رٚنگہٕ۔** ن۔ موٗل : رِنگ]۔ بٔرٛنیٖیَن ہُنٛد اَکھ قٕسِم۔

**رٚنگہٕ روچھ۔** ن۔ موٗل : رٚنگہٕ راچھ ]۔ اَکھ جنٛگلی بوٗٹۍ، یُس پان اَمِیُک موٗل چھُ رٕہِس دَوا۔

**رِنگہٕ رأچھ چاے۔** اَکھ جنگلی چایہِ قٕسِم۔ وُسنی اِشٹابرٕ ہُنٛد موٗل یُس چایہِ بدلہٕ بوان آسی۔

**رِنٛگ شال۔** ۱۔ شالُک اَکھ قٕسِم۔ ۲۔ سیٹھا زأوٕژ شال۔

**رِوالوَر۔** ن۔ موٗل : رِوالوَر < اَنگ : رِوالوَر : REVOLVER ]۔ لوکُٹ پستول یتھ اَندر گولہٕ اَکھ اَکِس پتہٕ ژٕ اونہٕ باپتھ تُرٛوُن ژَھل آسان چھُ۔

**رِوٗن۔** ن۔ موٗل : رِو < س : رُوٗنہٕ ]۔ ۱۔ وَدُن۔ لبلہِ کَرنہٕ ۔ ۲۔ بازُو دِنی۔

**رِہأیِش۔** م۔ موٗل : رِہأیِش < ہ : رہنا + ف : پوت لوٗگ ۔ یِش ]۔ ۱۔ کُنہِ جایہِ روزُن۔ بُسُن ۔ گرٕ کرُن ۔ ۲۔ روزٕنٕ جاے۔ گرٕ جاے بیتر۔

**رِیاسَتھ۔** م۔ موٗل : ریاسَت < ع : ریاسة]۔ ۱۔ سیاسَتٕک تنظیم ۔ ۲۔ تٕہ سوٗرُے عَلاقہٕ یتھ پیٹھ (کُنہِ نِظامَس تَل) کُنی حوکومَتھ آسہِ۔

**رِیاض ۔** < ع : ریاض ]۔ کانٛہہ چیز ہیچھنَس

مَنٛز ہیٚچھنَتھ ۔ سادَنا۔

**رِیاضَتھ۔** پاکبأزی۔ پَرہیزگأری۔ تپَسیا۔

**رِیاکار۔** ن۔ موٗل : ریاکار < ع : ریا+ف : کار]۔ مَکار۔ دوکھہٕ باز۔ پاکھنٛڈی۔

**رِیاکأری۔** مَکأری ۔ دوکھہٕ بأزی۔

**رِیال۔** < ع : رِیال ]۔ سعوٗدی عَرَبُک اَکھ سِکہٕ۔

**رِیٖتھ۔** م۔ موٗل : رِیتی < س : رِی ]۔ ۱۔ شٔنٛنِژ ژٕنیٖج لیٚتر۔ ۲۔ پھِہرواو۔

**رِیتھ۔** م۔ موٗل : ریٖت < س : ریٖت ]۔ وَتھ ۔ رِواج ۔ رِوایَتھ ۔ طَریقہٕ ۔ دٔستوٗر ۔ رَسم۔

**رِیتھ تُلٕنۍ۔** تہِ کرُن یہِ یتھ کُن کَران آسی۔ پرانہِ کُنہِ رِواجہِ نِشہِ یتھ ہیوٗن۔ رَسم پھِٹرُن۔

**رِیتھ کڈٕنۍ۔** ۱۔ نوٚو رِواج قایم کرُن۔ ۲۔ (اِلزامہٕ) بَدنٲو نووراوُن۔

**رِیٖحِل۔** یُس ریٖحٕ لأگِنٕک مَرضہٕ آسہِ۔ یُس وَدن وان لاگہِ۔ وَدوُن (اَشرٕ بیتر)۔

**رِیٖح۔** ن۔ موٗل : رِیح < ع : ریح ]۔ اَکھ بیمأری یتھ مَنٛز بَنٛدن بیترِ دَگ کران چھیٚ۔

**رِحَل (ریٖحَل)۔** یُس ریٖح آسہِ۔

**رِیڈِنگ رٗوم۔** ن۔ موٗل : ریٖڈِنٛگ رٗوم < اَنگ : ریڈِنگ رُوم READING ROOM ]۔ کِتاب گَر بیترِ تہِ کَمرٕ یتھ بیٖٹھِتھ لُوکھ پَران لیکھان چھِہ۔

**رِیڈَر۔** لوکُٹ ریڈیو۔

**رِیشِم۔** ن۔ موٗل : ریشِم < ف : ریشم ]۔

پوٹ - پاٹُ کپُر -

**رِیشمی** - پاٹیُو -

**رِیکچھ اُلنی** - ویسرُن - نَٹھ اَتھنی - اَسروِلیسر گژھنی -

**رِیل** - م - مۄل : ریل ] - ۱ - گتِس یا دالِس بیتر بَنااو وِنز نلو ہش یتھ پیٹھ پَن یا بیَیہ کانٛہہ چیز وَلنہ یوان چھُ - پینچِک - گوٹھ - ۲ - فوٹو فلِم -

**رِینٹھ** - م - مۄل : رینٹ ] - ۱ - وُدن دان - ۲ - یوسہ کرایہ پیٹھ معہ رُدس وُدنہ گژھہ -

**رینٹھ گر** - زنانہ یوسہ کرایہ پیٹھ معہ رُدس وُدنہ آسہ گژھان -

**رُٹُن** - ن - مۄل : رُٹ < س : رَوٗڈھ ] - ۱ - اَگادِ گژھن - پِتہ لگُن - تھپہ نہ ژلنی - رِچھپر گنڈنی - ۲ - (وُرگہ پاٹھو) بوٗ اَری کرٕنی - اُٹھ زاڈ کرٕنی -

**رِژر** - ن - مۄل - رِژر < س : رِشہ ] - ۱ - جانی - ۲ - اَریہ - دار وُنزہ آسنچ حالتھ

**رِژر پاٹھ** - آہی پاٹھ - خار پاٹھ - اَلی داکھ -

**رِژر گرُن** - ۱ - جانی کرٕنی - رُت دِزناوُن - ۱ - دوو نبُن ہیوُن - اَنگ ییُن - پۄرِر ہیوُن -

**... کانچھُن** - جانی بزھنی - رُت بزھن -

**رِس** - کھر - رُکُن - رِکنی -

**رِسُن** - ن - مۄل : رِس < پراکرت : رِس < س : ویشہ ] - ۱ - ژلُن - ژھپھ دنی - نظر بچاوتھ ژلُن - یدڈ الِتھ ژلُن - ۲ - راوُن (پوٗنی بیتر) ۳ - (وُرگہ پاٹھی) مرُن - ۴ - کھکھرِ وُسُن - زمینہ ہُند رَاسی گژھن - میٹر پننہ جایہ نیشہ ڈلنی - ۵ - یکھن شرُن - کھینہ یُن -

**رِساوُن** - ژلراوُن - یکہ کڈناوُن - ژوٗر تھاوُن - دباوتھ تھوُن -

**رِسِتھ یُہُن** - ژھپھ دِتھ یُہُن -

**رِسہ وُن** - (وُرگہ) کرزہ وُن - مرُوُن - مرنہ سر -

**رِش** - وُچھو "رِش" -

**رِشہٹھ** - < س : رِش ] - یہ اَکھ اَکس لار (بیماری بیتر) - لاگ دار - رم : زُکام چھُ رِشہٹھ -

**رُکُن - رِکنی** - م - مۄل : رُکن < س : رینکھنہ ] - الاریہ یا کنہ پشلس چیزس پیٹھ) رِس - کھر - ۲ - پشمار بیتر یتھ پیٹھ کھور ڈلہ نہ وُسی پینک خطرٕ آسہ - ۳ - کارِ بارس بیتر اَندر زبردس نوقصان ، دُب -

**رِکھوُن** - کھکھر پکہ ناوُن - رکنہ پکناوُن - کھر پکہ ناوُن -

**رِکھ** - وُچھو "رِکھ" -

**رُپ ، رۄپ** - ن مۄل : رُپ < س : رُوپہ ] - ۱ - شکل رصوُرتھ - ۲ - نداے - چال - ۳ - خوبصوُرتی -

رِپیٹھ ، رُوپیٹھ ۔ ماری مونٛد ۔ خوبصوٗرتھ ۔ شوٗبہِ وٗن ۔

رِپیہِ گر ۔ سازگر ۔ زنانہٕ یُس سازکرنس پیٹھ نوکر آسہِ ۔

رِپیہِ وان ۔ سونٛدر ۔ شوٗبہِ وٗن ۔ شُسکلہ کنی جان ۔ ماری مونٛد ۔

رِپیہِ ہال ۔ شہ کمہِ پیٹھ زنانہٕ سِنگار کران آسن ۔

رِپی ۔ ۱۔ شُسکلہ ۔ صوٗرژ ۔ کانٛسہِ ہٕنٛز شُسکلہ ۔ ۲۔ کانٛسہِ کُن ۔ م : شِنے ہوونے میانی رِپی ۔

رِپیہِ ہال ۔ < س : روپیہ + شالی ] ۔ اکھ توٚملہِ دانہٕ ، اَتھ چھ زیٹھی پھلی آسان ۔

رِنی وور ۔ مؤل ۔ رِنی وار < س : راجانگہ + واٹکا ] ۔ سِرینگرس اَنٛدر اکھ علاقہٕ ناو ۔

رُبٲے (رُباعی) ۔ م ۔ مؤل : رُبارے < ع : رُباع ] ۔ ہزج بحرس مَنٛز ژۄ مِصری نظمہٕ ہِنٛد گوڈنِکس دوٚیمِس تہٕ ژوٗرِمس مِصرس ہیوے قافیہِ آسان چھُ ۔

رُت ۔ ن ۔ مؤل : رُت < س : رِتہٕ ] ۔ رنگہٕ دار جان ۔ زبرٕ ٹھیکھ ۔ پرٛیہِ وٗن ۔ رُعیہ وٗن ۔ جان دُرتاوٕ دول ۔

رِتس چھ داہ باگ ۔ جان کارس چھ ساری وۄہ بیدوار ۔

رِتہِ موکھ ۔ سیدبُتھ ۔ اُسان اُسان ، اُسرپوش ہو بُتھہ ۔ خوش خوٗلق پاٹھی ۔

رِتی پاٹھو ۔ ٹھیکھ پاٹھو ۔ جان پاٹھی ۔ شوٗبہِ دار پاٹھو ۔

رُت کُنت / رُت گرُت ۔ جان تہٕ تہٕ نکارٕ تہٕ ۔

رُجو ۔ ن ۔ مؤل : رُجو < ع : رجوع ] ۔ اکِنہِ چیٖزس کُن) مایل ۔ کنہِ کُن لوگمُت ۔

رُجو گرُن ۔ کُنہِ کُن مایل گژھن ۔ کُنہِ کُن پھیرُن (دِل یا مَن) ۔

رُسوٗل ۔ ن ۔ مؤل : رُسوٗل < ع : رسول ] ۔ خوداین سِنٛدِ طرفہٕ سوزنہٕ آمُت صاحبِ کِتاب پیغمبر ۔

رُسوٗل اللہ ۔ خوداین سُنٛد رُسوٗل ۔

رُستم ۔ ن ۔ مؤل : رُستم < ف : رُستم ] ۔ ۱۔ اکھ ردوٗاینی پہلوان یمی سُنٛد ذکر شاہنامس مَنٛز کرنہٕ آمُت چھُ ۔ ۲۔ (دورکہ) پاٹھی بہادُر ، زُسوار تہٕ طاقتھ دار ۔

رُستمی ۔ ۱۔ بہادُری ۔ ۲۔ (دورگہ) راٹھِل ۔ غُنٛڈٕگی ۔

رُسوا ۔ مؤل : رُسوا < ف : رسوا ] ۔ رپھتہٕ ۔ خَجل ۔ بُتھہٕ دِتُھن لایق نہٕ ۔

رُسوٲیی ۔ م ۔ مؤل : رُسوارے < ف : رسوائی ] ۔ خجالتھ ۔

رُشوَتھ وُچھو "رِشوَتھ" ۔

رُکاوٹھ ۔ نفوتھ ۔ روٚٹ ۔ ٹھاکھ ۔ حرجہ ۔

رُکاوٹھ کرٕنی ۔ ٹھوٚنٛٹھ اَنٛنی ۔ نفوتھ کرٕنی ۔ حرجہ گرُن ۔

رُکاوٹھ گژھنی ۔ نفوتھ گژھنی ۔ حرجہ گژھن ۔

**رُکاوُن** ۔ ن ۔ مۆل : رُکاو ] ۔ ۱۔ ٹھہراوُن ۔ قرار کرناوُن ۔ ۲۔ کُنہِ نِش پتھ رٹُن ۔ باز تھوُن ۔

**رُکُن ۱** ۔ ن ۔ مۆل : رُک < پراکرت : رُکّ ] ۔ ۱۔ ٹھہرُن ۔ قرار کرُن ۔ بند گژھُن ۔ اڈوٗتی روٗزِتھ گژھُن ۔ ۲۔ پتھ روزُن ۔ پوت ہیوٗن ۔

**رُکی رُکی** ۔ ٹھہری ٹھہری ۔ قرار کری کری ۔ منزی منزی ۔

**رُکُن ۲** ۔ رۄکُن ۔ ن ۔ مۆل : رُکن < ع : رُکن ] ۔ کُنہِ جماژ یا مجلسہِ ہُنٛد ممبر ۔ جُز ۔

**رُکوٗ ، رُکوع** ۔ ن ۔ مۆل : رُکوٗ < ع : رُکوع ] ۔ ۱۔ نِمازِ اَندر پان نۆمراوِتھ کۄٹھین دۄن اَتھو رٹنی تہٕ سُبحان ربی العظیم پرُن ۔ ۲۔ قرآن شریفکین سوٗرن ہنٛدی حِصہٕ ۔

**رُکمٔنی** ۔ م ۔ مۆل : رُکمٔنی < س : رُکمِنہ ] ۔ بگوان کرِشنہٕ سنٛز پٹہ رانی ۔

**رُگالی** ۔ رُگالی ژادر ۔ اَکہِ قسمچ ژادر ۔

**رُم ۱** ۔ ن ۔ مۆل : رُم < س : رومہ ] ۔ ۱۔ وال ۔ (خاص کٔرِتھ ترپن ژنگن ہنٛدی) ۔ ۲۔ کٹس یا پشس بیتر سُنٛد جُز وال ۔

**رُمہٕ ٹلنی** ۔ سۄ گاو یس نہٕ جنٛتھ گٔژھی آسہِ ، یژھہ گاو چھےٚ دۄد دِنس کرِتھ جان گنٛزرنہٕ یوان ۔

**رُمہٕ جنٛتھ** ۔ سیٹھا ژھوٚٹی وال یم نہٕ گنٛزنہٕ ترِ پن ۔

**رُمہٕ داہ** ۔ (ل ۔ م) رُم دزنس یوتا داہ ۔ سیٹھا کم داہ ۔ مۆمولی ژھوکھ ۔ کیٚہہ پھٔہن دزُن ۔

**رُمہٕ رز** ۔ والہٕ رز ۔

**رُمہٕ راٹھ** ۔ (ل ۔ م) والن ہُنٛد گوڈ ۔ والن ہنٛدی مۆل ۔ (دورگہ پاٹھی) ذاتھ بُنہِ یاد ۔ اصلیت ۔

**رُمہٕ راٹھ زالنی** ۔ (دورگہ پاٹھی) جدن اجدادن تام خبر ہیٚنٛز ۔ لۄتین پۄتین وۄہوٗن ۔

**رُمہٕ راٹھ گالنی** ۔ (ل ۔ م) والن ہنٛدی مۆل گالنی ۔ (دورگہ پاٹھی) مۆلے ختم کرُن ۔ بُنہِ یادے گالنی ۔

**رُمہٕ رُمہٕ** ۔ اَکہِ اَکہِ رُمہٕ ۔ تانہٕ تانہٕ ۔ اَنٛگہٕ اَنٛگہٕ ۔ ہیٚشنہٕ ہیٚشنہٕ ۔ ۂنہٕ ۂنہٕ ۔

**رُمہٕ ژھر** ۔ والن ہنٛز بنٲومٕژ ٹاکہِ چالہِ اَکھ لداخی ٹوپی ۔

**رُمہٕ ژھوٚر** ۔ یس نہٕ پانس پیٹھ کِہنہ وال آسہِ ۔

**رُم رُم شرمنٛدہٕ تھاوُنی** ۔ (دورگہ پاٹھی) سیٹھا بوٚڈ ایٚحسان کرُن ۔

**رُم ۲** ۔ (دورگہ پاٹھی) بژُنز ۔ ژُبہہ ۔ سیٹھا کم وق ۔

**رُم ۳** ۔ م ۔ مۆل : < س : رومہ ] ۔ کانٛہہ چیز پھٹہٕ رنج رِکھ (یژ پاٹھی شیشہٕ یا باتہٕ بیتر) ۔

**رُنچہ** ۔ اَکھ ترکاری ۔ اَکہِ سبزی ہُنٛد ناو ۔

**رُمال** ۔ م ۔ مۆل : رُمال < ف : رُمال ] ۔ دُج ۔ دُج یوسہٕ چنٛدس تھوان چھِ ۔

**رُمہ ریوٗش** ۔ کٔشیرِ ہنٛدس اَکِس مشہوٗر ریشی سنٛد ناو ، ییٚمس اَمس اَس وار یاہ واٲنس ۔

**رُمہٕ ریشُن آے** ۔ سیٹھا زیٹھ واٲنس ۔

مۍ : بولبنۍ دانس۔

**رُہما ۔** م۔ مۄل : رُہہ ہا < س : راہہ + ماشہ ]۔
اَکھ دالہِ ہُند ناو۔

**رُنُن ۔** ن۔ مۄل : رُن < س : رورپنہ ]۔ رُون۔
کُل بیترِ وُون۔ کُل دیُن۔

**رُون ۔** ن۔ مۄل : رُو < س : روپنہ ]۔ ۱۔ اکُل،
ماد یا گُلیٹیک قلم کھوڑس مَنز وَونہ
باپتھ دَباوُن۔ ۲۔ تھَل وَاترٲوُن۔ تھَل
پھرُن۔ تھَل کرُن۔

**رُوئِن ۔** وُچھو "رُون"۔

**رُہ ہا ۔** ن۔ مۄل : رُہ < س : رُہ ]۔ دٕر۔
دٕرُسہ۔ م : ہُمو رُہ۔

**رُہ ہا ۔** ن۔ مۄل : رُہا اَکھ دوا بُوٹھ۔ یہ چھہ
گُپنن دِوان۔

**رُہل ۔** اَکھ پوشاک ناو، یہ چھہ رَنگس نرٲوان۔

**رُہُن ۔** رہ ہن۔

**رُیل ۔** اَکھ وُسنہ گلٹیک مۄل یُس پلون کرُہُن
رَنگ دِلنس لگان چھُہ۔

**رۄبل ۔** ن۔ مۄل : رۄبل < روٗسی : روبل :
(ROUBLE) ] روٗسک اَکھ سِکہ۔

**رۄپ ۔** وُچھو "رپ"۔

**رۄپہِ وُن ۔** نزارِ شرِیفس نکھہ اَکھ گام یتھتہِ
شیخ العالمؒ بہن وُریٚن قرار کۆر۔

**رۄح، رُح ۔** ن۔ مۄل : رۄح < ع : روح ]۔
۱۔ جِسمس اَندر زِندہ آسنک غیبی طاقتھ۔
پُران ۔ زُو ۔ جان ۔ ۲۔ موردِ ۔ یُس نہ
زِندہ آسہِ ۔ ۳۔ کُنہِ چیزُک جوہر۔ ۴۔ دِل۔
۵۔ (موردِ سنز) ژھاے۔

**رُحِ لبڈ ۔** یُس ڈُلی کھوژِ۔

**رۄحِ رُوال ۔** یُس پیٹھ کُنہ کامہِ بیٚنز ہُند
دار مَدار آسہِ۔ شُرِ بینچمی سِنز رِکنی کام
سکار چلہِ۔

**رۄح تازٕ گرژھن ۔** خوش گرژھن۔ دِل
پھولُن۔

**رۄحانی ۔** مۄل : رۄحانی < ع : روح ]۔
۱۔ یتھ رۄحس سیتی تعلُق آسہِ۔ رۄحس
مُتعلق۔ دے گارنس مُتعلق۔ مادی نشہِ بدلن۔

**رۄحانی بیتھ ۔** مۄل : رۄحانی بیت < م ]۔
رۄحس یا دے گارنس مُتعلق عٔلِم، فلسفہ۔

**رۄح الامین ۔** < ع : روح الامین ]۔
جبرئیل سِنز اَکھ لقب۔

**رۄح اللہ ۔** < ع : روح اللہ ]۔ حضرتِ
عیسیٰؑ سِنز لقب۔

**رۄد ۔** ن۔ مۄل : رۄد ]۔ ۱۔ نکی نکو آبہ پھٹیرِ
یِم اَسمانہ پیوان چھہ۔ ۲۔ دورگہ پاٹھی
یہ کینژھا یُٹز پاٹھی بیٹھِ۔ م : رہ پیہ رۄد۔

**رۄدِ ہُبر ۔** ۱۔ چھوکہِ ڈٲڑی ہوکہ یِم رۄد پینہ
سیتی آبس کھسان چھہ۔ ۲۔ دورگہ پاٹھی
آنی ۔ عارضی۔

**رۄدِ ہُبراے ۔** رۄد پینہ سیتی آبس بیترِ

کھتی منی واریاہ پھوکہ ڈۄنی ہی ۔ م :
رۄُدِ ببرن لچ ژھر گژھ ہش ۔

**رۄُدِ پلَو** ۔ وُج یا بُرساتی بیتر یوسہ رۄُدِ لشہ بچنہ باپتھ کلس بیتر بیتھ تھوان چھ ۔

**رۄُدِ تُرکھٹہ** ۔ رۄُد یُس سخ گگراے گژھنہ پتہ گنہِ جایہِ وۄکھ پاٹھی پیوان چھ ۔ گگرایہ سیتی وُسیتھ آمُت رۄُدِ رژِ نار مُہل ہیتھ وُسیوٗن زبرُدس رۄُد ۔

**رۄُدِ ٹاس** ۔ کُھے پہَن رۄُدِ راٹھ یوسہ ٹیژ پاٹھی وُہرِ آژ اندر کُنہِ کُنہِ جایہِ کُمیسے کالس پیوان چھے ۔

**رۄُدِ جُرک** ۔ رۄُدِ راٹھ ۔

**رۄُدِ چھُکہ** ۔ کُہے پہَن رۄُد ۔ کمہِ سیے کالس پیٚو مُت رۄُد ۔

**رۄُدِ ڈٲلنی** ۔ پرنالہِ ہیوہ یُس رۄُدِ باپتھ پَشس ڈُندرِ تل لاگنہِ یوان چھ ۔

**رۄُدِ راٹھ ، رۄُدِ رانٹھ** ۔ ییکہِ وَٹہِ پیوٗن واریاہ رۄُد ۔ رۄُدِ ژادر ۔ جریوِ جرکو رۄُد ۔

**رۄُدِ رُے** ۔ ۱۔ اکھ لوکٹ جاناوار ، یہ چھُ رۄُد پینہِ برونٹھہ سخ پاٹھی شور لاگان ۔ ۲۔ (دورگر) وَدِوُن شُر ۔ ۳۔ زُچہِ ہُرِس بیتر بناوِ مژ گٹُرِ ۔ یوسہ لٹس گنڈنہِ یوان چھنے تہِ ییتھ رۄُد بند گژھنہ باپتھ پازار دِوان چھ ۔ ۴۔ رۄُدِ تصرف ۔

**رۄُدِ رُے گنٹُرِنی** ۔ ۱۔ رۄُد بند گژھنہ باپتھ مۄرِ یا لٹھس بیتر زُچہِ ہُرِس بناوِ مژ گُٹرِ گنٹُرِنی تہِ تتھ پازار دِنی ۔ ۲۔ رۄُدِ رۄُدے بند کرنہِ خاطرِ یوُنہِ کِس شُری سُند اسمالس منُدل ہاوُن ۔

**رۄُدِ رۄُد ، رۄُدِ رۄُدے** ۔ پۆتُس پتہ رۄُد ۔ واریاہ دوہ رۄُد پیوان روزُن ۔

**رۄُدِ ژادر** ۔ وُچھو "رۄُدِ راٹھ" ۔

**رۄُدِ گرٹہ** ۔ ۱۔ رۄُد پینہِ کنہِ گامژ اَنہِ گرٹہ ہش ۔ ۲۔ رۄُدِ راٹھ ۔ واریاہ رۄُد ۔

**رۄُدِ لو** ۔ سیٹھا کم رۄُد ۔ کُہے پہَن رۄُد ۔ رۄُدِ چھُکہ ۔

**رۄُدِ نور** ۔ رۄُد وونی رٹنہِ باپتھ پَشس ڈُندرِ تل لاگنہِ آمُت پرنالہِ ۔

**رۄُدِ وونی** ۔ آب یُس رۄُد پینہِ کنہِ جمع گژھان چھُ ۔

**رۄُدِ پینے چھنہِ رُب ووتھان** ۔ تہِ ڈُپتھ گوٚ پزرتھ کنہِ بناوتس یا لڑایہ بیترِ چھُ سبب آسان ۔ ہٹہ ہٹہ چھنہِ بدنامی گژھان ۔ یِتھ نام نہ کاشہ گو صوٗر آسہ تو تام چھنہ کینہہ بنتہِ یوان ۔

**رۄُد دَرُن** ۔ رۄُد ہیوٗن بند گژھُن ۔ دوٗر گژھُن ۔

**رۄُد ۲** ۔ م ۔ [مۄل ؛ رۄُد ۔ ف ؛ رۄُد] ۔ دٔری یاو ۔ م ؛ رۄُدِ نیل ۔

**رۄُدِ نیل** ۔ مصرُک اکھ مشہوٗر دٔری یاو ۔

**رۄُڈی** ۔ م ۔ [مۄل ؛ رۄُڈی] ۔ گنہِ پھلوٗ یم سڑک بیتر بناونہِ ورٕ ژھینس دباونہِ یوان چھ ۔

**رٕوزی** ۔ ا۔ دوہ دُشنگ غِذا۔ اوذُقہٕ۔ ۲۔ کارِ بار بیترِ۔

**رٕوزی دیُن** ۔ ا۔ رِزق واتناوُن۔ ۲۔ کارِ بار دیُن۔

**رٕوزی ژھیلُن** ۔ ا۔ کامہِ کارِ نِشہِ گژھُن ۔ گُذارکو ذری بر بنَد گژھُن۔ ۲۔ (دٕورگہٕ) آب دانہٕ موکلُن۔ ختمُن۔

**رٕوزی نہٕ** ۔ ا۔ سُہ کھین چُن یُس مُسافر بیترِ سفرس اَندر سیتی ٹلان چھُ۔ ۲۔ سُہ راتبہ یُس سکاری گرٕ بیترِ کامس اندر سومبران چھُ۔ ۳۔ (دٕورگہٕ پاٹھی) گُذارٕ۔

**رٕوژ** ۔ م۔ مول: روژ < س: رُچ]۔ مال۔ کُنہِ چیزِچ پترٕ۔ پسند۔

**رٕوژ گژھُن** ۔ کُنہِ چیزِچ پتُرٕ گژھُن پسند یُن۔ کانٛہہ کھینہٕ باو خوش یُن۔

**رٕوس ۱** ۔ ن۔ مول: رُوس] ہِنہٕ مرُ ہِنٛد نر۔ ہرنہٕ۔

**رٕوسی کٹ** ۔ ہِنہٕ مرُ۔

**رٕوسی مُسلہٕ** ۔ مُرگ چھالا۔ بر چھرِ ہِنٛدی پوزایہِ ورِ آسنہٕ بدل تراوان۔

**رٕوس ۲** ۔ ن۔ مول: رُوس < روسی، روسیہٕ۔ مُ: انگ: رس RUSS]۔ ا۔ اکھ مُلک ناو۔

**رٕوسی** ۔ ا۔ روسُک۔ روسس اندر بنٛیومُت۔ روسس اندر روزن وول۔ ۲۔ روسِچ زبان۔

**رٕوگ** ۔ ن۔ مول: روگ < س: ردگہ]۔ دود۔ بیمآری۔

**رٕوگی** ۔ بیمار۔ بیرام۔ یُس کُنہِ نالس دود آسہِ۔

**رٕول ۱** ۔ مول: رول < انگ: رول۔ RULE]۔ ا۔ رِکھ۔ لکیر۔ خط۔

**رٕولر** ۔ سُہ لوکُٹ ڈُلوم ڈنڈٕ یمہ سیتی سیٹھر رِکھ یوان چھِ دِنہٕ۔

**رٕوللدار** ۔ (کاگذ بیترِ) یتھ رِکھ دِتھ آسن۔

**رٕول ۲** ۔ قونون۔ قاعدٕ۔

**رٕوم** ۔ ن۔ مول: رُوم < ع: روم]۔ ا۔ یوٗرپس اَندر اکھ سلطنت ہِنٛد پرٛون ناو یتھ اندر تُرُک تہِ شامِل اوس۔ ۲۔ اِٹلی ہِنٛد اکھ مشہور شہر۔

**رٕومی** ۔ روُمُک۔ روزن وول۔

**رٕومی ٹوٗپ** ۔ پھیتوٗت اوٗنہ تراوِتھ اکھ قسمِچ وُوزِچ ٹوپ۔

**رٕومان** ۔ ا۔ عشقہٕ رنگینی۔ ۲۔ اکھ ادبی نٔچ یتھ اندر جذباتی عشقُک سِنز تہ دوہ گیٚنہ باو نہٕ ریس۔

**رٕون** ۔ ن۔ مول: رٕون/رٕن < س: رانہ < پراکرت: راجنہ]۔ گرُدول خانہٕ دار۔ بڑھا۔ راٗنہ (راٗنہ دکرُن)۔ رِژٕ پسندِ موکھ کرُشُن۔ رٕون گارُن۔ رِلتِس پنٛنہ پنٛنہ پھیرن۔ رم، ہاچ کران کوری کوری تہ کوژ کران راٗنہ راٗنہ۔

**رٕنی دگ** ۔ (دٕوہو)۔ خانہٕ دار مرُنک دوکھ۔

**رٕوب** ۔ ن۔ مول: روب]۔ ا۔ لوکُٹ دوب ہیوٗہ یُس رُس بینٛز رٹنہٕ باپتھ بنٛنہٕ تراوہِ

بَناوَنہٕ یوان چھ۔ تۄرٕ چیز رٔٹنہٕ با پَننہٕ بَتَس یا اَٹَس بیتَر کَرنہٕ آمُت دوب ہیوٗہ ۔۲۔ سَنگہٕ باپَتھ شَکلس بیترِ اَندرٕ اَندی کَرنہٕ آمُت دوب ہیوٗہ ۔

**رۄبۄدٕ۔** مۄل : رۄبۄد ‹ ق، رۄ + ک : بود ‹ س : سھوٹہ ] ۔ بوولہٕ ہَبۄہ ۔ رووُمت ہَبۄہ ۔

**رۄبۄدِگی۔** بوولہٕ ہَبۄہ گرٕ ھینیچ حالَتھ۔

**رۄٹ۔** ن ۔ مۄل ، رٹ ‹ س : رُدَدھ ]۔ ۱۔ رُکاوُٹھ ۔ اَٹھکاو ۔ بَندِش ۔ ٹھاکھ ۔۲۔ (دَرگہٕ پاٹھی) تھفوتھ ۔ ۳ ، نوشہٕ کورِ چھ زِٹھو سَند رۄٹ گرٕھان ۔

**رۄٹ کَرُن۔** بَندِش کَرٕنی ۔ رُکاوُٹھ اَننی ٹھاکھ کَرُن ۔

**رۄٹ گرٕھُن۔** ۱۔ رُکاوُٹھ سَپدٕنی ۔ اَٹھکاو یُن ۔ ۲۔ (دَرگہٕ پاٹھی) تھفوتھ گرٕھُن ۔

**رۄدُر۔** ن ۔ مۄل ، رۄدر ‹ س : رُدر ]۔ (ل ۔ م ۔ قہار ) ۔ ۱۔ بگوان شوٗسَند اَکھ ناو ۔ ۲۔ بگوان شِوٕس ڈٕیتھ کاہ دیوتا ۔

**رۄس ۱؎ رۄسٕت ۔** ن ۔ مۄل ، رست ‹ س : رٕہتہٕ ] ۔ وَرٲسے ۔ بغار ۔

**رۄس ۲؎ ۔** ن ۔ مۄل ؛ رس ‹ س : رس ] ۔ ۱۔ یتھ ذٕیادٕ رس تراونہٕ آسہٕ آمُت ۔ ۲۔ سوسوٗل یا پاکوتھ مُٹھ بیترِ یُس چاروایِتھ وٕدان چھ ۔

**رۄسۄخ ۔** ن ۔ مۄل : رۄسۄخ ‹ ع : رسوخ ] ۔

کٲنسہٕ تام پُلُن پاے ۔ بَڈِس اَفسرَس بیتَر سیتی زان پَچھان ۔

**رۄسوم ۔** ہر کمشنرہا سَرکٲری اہلکارَن دِنٕتہٕ پاٹھو پَتھو آرَس بیترِ) گُنڈتی پاٹھو تار یِنہٕ یِیہ ۔

**رۄش ۔** ن ۔ مۄل : رُش ‹ س : رُشنا ] ۔ ۱۔ ہارگ بیترِ ناٲلی تراونگ پَلو ۔ دوو ۔ ۲۔ زٕچرٕ ہُر ۔ پَلوٗ یتھ ریشنیچ ذرٕ اثر آسُن ۔

**رۄف ۔** ن ۔ مۄل : رۄف ‹ ع : رُفوٗن ] ۔ پَلوٗس اَکہٕ خاص طریقہٕ داوٕ بَرٕتھ ٹُکھ یا گوٗد بیترِ بَند کَرُن ۔ پَلوٗس اَکہٕ خاص طریقہٕ دِنہٕ آمُت تروٗپ ۔

**رۄفۄجی ۔** مۄل : رۄفۄجی ‹ انگ ، رفیوجی — REFUGEE ] ۔ ۱۔ شَخص یُس سیاسی یا مَذہبی دَباوٕ موکھ پَنُن وَطَن تراوِتھ دوٗیمِس مُلکس اَندر پَناہ ہیٚنہٕ یِیہ ۔ شَرِیُس چھَپنہٕ آسہٕ آمُت ۔ مُہاجِر ۔ ۲۔ شَخصیُس نہٕ پَنُن ٹھکانہٕ آسہِ ۔ یُس نہٕ گرٕ بار آسہِ ۔

**رۄگ ۔** ۱۔ کینہٕ ۔ ۲۔ دولہٕ ۔ ہُلہٕ ہُلہٕ ۔

**رۄگ رۄگ ۔** روگہٕ روگہٕ ۔ ہۄل ہۄل ۔ دولہٕ دولہٕ ۔

**رۄگ رۄگ پَکُن ۔** ہُلہٕ ہُلہٕ ژُلُن ۔ لُبہٕ لُبہٕ پَکُن ۔

**رۄگ رۄگ وٕچھُن ۔** ۱۔ ہۄل وٕچھُن دولہٕ وٕچھُن ۔ ۲۔ (دَرگہٕ) عَداونہٕ سان کٲنسہٕ کُن وٕچھُن ۔

**رٗوگ وِچھُن ۔** کانٛسہِ ہُنٛد کینہہ رُٹُن ۔ کانٛسہِ ہُنٛد کیٚنٛل آسُن ۔

**رٗول ۔** مۄل : رل (رم ۱ ہ ۱ ارلنا ] ۔ ہلکہٕ سفید رٔنٛگہٕ ۔ کٔٹہٕ مٕلیُن (ریمیر بیتر) ۔

**رٗومب ۔** ن ۔ مۄل : رمب (پراکرت ؛ رمپ] ۔ تاوٕ اَنٛدرٕ کڑایہ پاکھ کڑٕنگ کرٕ وٕزرہ ۔ گٔڈی دار پوٗ گھر کرٕتھ اَکھ ژمبی ہش ہیٚمیہ سیتی کڑایہ پاکھ بیتیرٕ کڑان چھہ ۔ گاڈٕ کرٕ وٕزرہ ۔

**رٗون ۔** ن ۔ مۄل : رن (س : رنٛڈ ] ۔ اَتھو کھورٕ رٗوس ۔ نرِ ژوٹ تہٕ ژنٛگہٕ ژوٹ ۔ ژور رٗونگ ۔ رم : اوٗن رٗون ۔

**رٗونٹ ۔** مۄل : رنٹ (س : رنٛڈ] ۔ پھوٗنٛٹھ ژِھین ۔ اَکھ میٚنٛز داتھ ، ییٚر چھکنہٕ زرالس کرٕ جان ۔

**رٗووٕل** ن ۔ مۄل : رو ] ۔ لوکٹ ڈوم دوب ہیٚوہ یُس کانٛسہٕ کانٛسہٕ بُتھِ لبہٕ گرٕ ھان چھُ ۔

**رٗوو گرٕھنی ۔** بُتھِ لبٕن لوکٹ لوکٹ ڈلا ڈی دوب ہی گرٕ ھنی (ایٚژ پاٹھی) آسنہٕ وِزِ ۔

**رٗووٕل ۔** ن ۔ مۄل : رٗوو (ف : رو] ۔ ناڑِ نار ۔ ناوٕ نور ۔

**رٗوہٕ، رٗوچہ ۔** ن ۔ مۄل : رڈو] ۔ ۱ ۔ اَکھ اَکس مُقابلہٕ ڈری گنٛڈتھ زنانٕن ہنٛدیکہ وٕلہٕ پتھ برٕ ونٛہہ سرٕن تہٕ اَکہٕ خاص اَنٛدازٕ گیوٗن ۔ ۲ ۔ چھکہٕ سیتی اَکہٕ خاص طرزٕک گیوٗن ۔

**رٗوہ ۔** ن ۔ مۄل : رٗوہ ] ۔ وچھو "رٗوو"

**روب ۔** ن ۔ مۄل : روب (ع : رعب ] ۔ ۱ ۔ ہیبت ۔ ٹاٹھ ۔ اَہر ۔ ۲ ۔ اُترس بیترِ پیٹھ کرنہٕ آمُت کھٔٹیر ۔ ۳ ۔ (وٕرگہٕ) لحاظ ۔ پاس ۔

**روبَس تَل تھَوُن ۔** کھوژِ نٲوِتھ تھٲوُن ۔ بُبیس تَل تھٲوُن ۔ کانٛسہٕ پکنٕن اَہر تھٲوُن ۔

**روبہٕ اُٹھُن ۔** بُتھِس پیٹھ وَنُن ۔ ننگی پاٹھو وَنُن ۔ وَننس نٔہرُن ۔

**روبہٕ داب ۔** ۱ ۔ روب ۔ ہیبت ۔ ٹاٹھ ۔ ۲ ۔ دَبدَبہ ۔ شان ۔

**روبہٕ یُن ۔** پاس نہٕ وِچھُن ۔ لحاظ نہٕ روزُن ۔ بُتھِ لگُن ۔ مُقابلہٕ لگُن ۔ بُتھِس برٕ ونٛہہ کنہٕ جواب دیُن ۔ بُتھِس پیٹھ وَنُن ۔

**روب بٕہن ۔** (کانٛسہٕ ہُنٛد) مٕنٛز بٔہُن ۔ ہیبت روزُن ۔ ٹاٹھ روزُن ۔ ڈر آسنہٕ کِنی نہٕ برٕ ونٛہہ کُن گرٕ ھَس نٔہرُن ۔ کانٛسہٕ کھوژُن ۔

**روب دار ۔** شان دار ۔ وِقارٕ وول ۔

**روب کرُن ۔** ہیبت ہاوُن ۔ کھٔٹیر کرُن ۔ ژرکھ ہوٗت کینہہ وَنُن ۔ کھوژِ ناوُن ۔

**روب ووتھُن ۔** ہیبت نہٕ روزُن ۔ کھوژُن نہٕ ۔ بٔہرتھ ہیکُن ۔ جواب دِتھ ہیکُن ۔ پاس یا لحاظ نہٕ روزُن ۔

**روبرو ۔** مۄل : روبرو (ف : رُوبرُو ] ۔ درٕ بیٚنٛٹھان ۔ بُتھِس برٕ ونٛہہ کنہٕ ۔

مُقابلہٕ ۔ اُچھِن تَل ۔

**روپوش ۔** مۆل : روپوش <ف : روپوش] ۔ یُس رٕٹنہٕ ییِنہٕ کرٕ بلیمہٕ ژھیپھ دِنہٕ آسہٕ ۔

**رونَل ۔** م ۔ مۆل ، رونل <س : رانِنٛز + ویلا] ۔ راتھ ۔ اَتہٕ گنٛڈ ہُند وٗق ۔

**روتلہٕ ۔** راتھ کیُٛت ۔ راتٕ مَنٛز ۔

**روٹہٕ ۔** رُوزِتھ گوٗمُت ۔ تارِ گوٗمُت ۔ نِھامہٕ ۔

**روٹہٕ نار ۔** اَہرٕ نٹھہٕر ۔

**روٹہٕ ژیوٚٹ ۔** ا ۔ ییتھ نہٕ وارِ پاٹھی یٮ۪ہ بہِ چھر دِتہٕ آسہٕ آمُت ۲ ۔ کَنٛزرس مَنٛز اوٚڈٕ دٔلے دَل دِنۍ ۔ اُڈِ دٔول ۔

**روٹہٕ ژیوٚٹ کرُن ۔** اُڈِ دٔولے کھاوُن ۔ وارِ نہٕ مُنُن ۔

**روٹہٕ ژیوٚٹ گژھُن ۔** پوٚرِ پاٹھی نہٕ چھنٛڑاونہٕ یُن (زمین) ۔ اُڈِ دٔول روزُن (اناج بینٛنہٕ) ، اُڈِ پھۆٹ ، روزُن ۔

**روٹہٕ گژھُن ۔** تارِ گژھُن ۔ بڑٕ وٕنہٕ پکنس نہٕ وار روزُن ۔ رُوزِتھ گژھُن ۔ نِھامہٕ گژھُن ۔

**روٹُن ۔** [illegible] گژھُن ۔ روٹہٕ گژھُن ۔ گژھتھ نہٕ ہیکُن ۔

**روٹھ ۔** ا ۔ موٚٹ تہٕ منٛدر روٗغنی ژوٚٹ یُس یہ بڈِس دوہَس پیٹھ یا مُبارکہٕ پٔزھ کرناونہٕ یوان چھیے ۔ ۲ ۔ (ورگہٕ) شہ دوہ ییٚلہٕ کینہہ بٔٹہٕ بٔژھ ژوٚہ چہر بناوان چھ ۔ ۳ ۔ ہیپ ڈرِم ماجہٕ ہُند دوہ ۔

**روٹھ تھٔوُن ۔** ا ۔ روٹھ کرنک پرٛن کرُن ۔

**روٹھ نیاز تھٔوُن ۔** ۲ ۔ ہیپ ڈرِم ماجہٕ ہُند دوہ مناوُن ۔

**روٹھ خبر ۔** کورِ ہُند وارِوٕ خبرِ سیتی روٹھ سوزنک رٕسم ۔

**روٹھ کرُن ۔** پیٛرن بیتہٕ پوٚرِ سپدنس پیٹھ روٹھ بناوُن تہٕ باگرُن ۔

**روچھ ۔** ن ۔ مۆل : راچھ <س : رکشٛ] ۔ یُس راچھ روزِ ۔ راچھدر ۔ نظر گُذر تھاوَن وول ۔

**رود ۔** مۆل : راد] ۔ زیوٚٹھ ۔ م : زٕہِ رود ۔ زنگہٕ رود ۔

**روداد ۔** ن ۔ مۆل : روداد <ف : رُوداد] ۔ ا ۔ اوحال ۔ واقاتھ ۔ بیان ۔ ۲ ۔ کاروٲیی ۔

**روڑٕ ۔** ن ۔ مۆل : روڑ] ۔ ا ۔ وچھو "روڑی" ۔ ۲ ۔ (دہزلہٕ) موشجہ تہٕ دم اوٚ بشیوہ سیتن ۔

**رورِعایتھ ۔** <ف : رو + ع : رعایۃ] ۔ پاس ۔ لحاظ ۔ پوٚکھ ۔ طرفداری ۔

**رورِعایتھ کرٕنۍ ۔** پاس وچھُن ۔ لحاظ بوزُن ۔ پوٚکھ کرُن ۔

**روزٕ ۔** <ف : روز] ۔ دوہ ۔

**روزِ اوٚل ۔** شہ دوہ ییٚلہٕ پادٲیشہٕ گوڈٕ وگ ۔

**روزِ ازلس آسُن ۔** (ورگہٕ) قسمتس لیکھتھ آسُن ۔ زہنہٕ گرِ بیٹھے آسُن ۔

**روزِ بد ۔** سنگ گُذر تہٕ کرُٹھ وق ۔

روزِ بد تلُن ۔ (کانسہ) مُصیبتھ اَنُن ۔
روزِ بد ووتھُن ۔ مُصیبتھ یُن ۔
روزِ جزا ۔ حسابک دوہ ۔
روزِ حساب ۔ سُہ دوہ ییلہِ اعمالن حساب
ہیینہ ییہِ ۔ قیامتھ ۔
روزِ روشُن ۔ ۱۔ بُرغنڈ یُن ۔ ۲۔ ننی پاٹھی
ٹاکار ۔ ننہ وانہ ۔
روزِ عاشورا ۔ دٔہیُم محرم ییمہِ دوہہ حضرت
اِمام حُسینؑ شہید سپدی ۔
روزِ قیامتھ ۔ قیامتُک دوہ ۔
روزِ محشر ۔ سُہ دوہ ییلہِ ساری اکی سے
جایہِ سمن ۔ قیامتھ ۔
روز ۲ ۔ <س : رُج ]۔ ۱۔ بیماری ۔ ۲۔ مانار ۔
گنٹیک مرضہ ۔
روزانہ ۔ <ف : روزانہ ]۔ دوہہ دِش پاٹھی ۔
روزٕ ۔ م ۔ مؤل : روز <ف : روزہ ]۔ گاش
پھولنہ برٛونٹھہ پیٹھہ آفتاب وسنس
تام کھیوٚن چوٚن تہٕ بارٕس نِش گژھن
ترک کرُن (یُتھ پاٹھی ماہِ رمضانس)
روزٕ تھاونہٕ ۔ روزٕ در روزُن ۔
روزٕ دَر ، روزٕ دار ۔ ییمی روزٕ تھوومٕژ آسن ۔
ییمی ماہِ صیام دوٚرمتہ آسہِ ۔
روزٕ درنہٕ ۔ ۱۔ روزٕ در روزُن ۔ ۲۔ دوٚرگہ پاٹھی
کانٛہہ مُراد حاصِل کرنہٕ خاطرٕ نفس مارُن ۔
روزُن ۔ ن ۔ مؤل : روز <پراکرت ؛ رُج چھ ]۔
۱۔ ٹھہراو کرُن ۔ ٹھہرُن ۔ قرار کرُن ۔ ۲۔
درُن ۔ خراب نہٕ گژھُن ۔ ۳۔ مرُن نہٕ ۔ زِندگی
آسنی ۔ بچُن ۔ ۴۔ بسُن ۔ کُنہِ جایہِ سٛو کونتھ
کرنی ۔ ۵۔ پوشُن ۔ ہکہ وُن آسُن ۔ رم :
گذار روزُن ۔
روزٕ رِتھ گژھُن ۔ ۱۔ کانٛہہ تان بنے حبس
گژھُن ۔ فالج گژھُن ۔ ۲۔ ہنے بنگ
گژھُن ۔ حاران گژھُن ۔ بوزِتھ نہٕ
کہنی وُن ہکُن ۔ ۳۔ وُحشتہٕ سیتی کوٚٹھی
بہتھ گژھنی ۔ ۴۔ ڈولُن ۔
روزٕ وٕنی ۔ کُنہِ جایہِ روزٕنیچ موٚزوٗری ۔ راچھ
راوٹھ کرٕنیچ موٚزوٗری ۔
روزٕ وُن ۔ پوشرِ وُت ۔ دَرٕ وُن ۔ یتھ
واریاہ کال نیرِ ۔
روزگار ۔ مؤل : روزگار <ف : روزگار ]۔ روٗزی
کماوُنک ذٔریعہ ۔ کام کار ۔
روزنامہٕ ۔ ۱۔ کھاتہٕ یتھ پیٹھ دوہ دِشُک حساب
لیکھنہٕ ییہِ ۔ ۲۔ ڈایری ۔
روزنامچہٕ ۔ ن ۔ مؤل : روزنامچہ <ف : روزنامچہ ]۔
۱۔ بہی ۔ کھاتہٕ ۔ ۲۔ ڈایری ۔ سُہ کھاتہٕ
یتھ مَنز دوہچ کارگُذاری دَرج آسہِ ۔
۳۔ پُلسہٕ محکمہٕ چہ اکہ رجسٹری ہُند ناو
یتھ اَندر کارندن ہنٛز ڈیوٹی ہاوِتھ
آسان چھپے ۔
روژُن ۔ ن ۔ مؤل : روژ <س : رُچ ]۔ (امرٕتلہٕ)

جان باسُن ۔ پژنیُن ۔ باوژن ۔ پَنُد یُن (کھینہِ باو بیتر) ۔

**روسیاہی (گژھنی)** ۔ مُسکالو گژھُن ۔ کانْہہ اَتھ بیترِ نۆن نیرنہٕ سیتی تَجالَتھ گژھنی ۔ رُسوائی ۔

**روش ۱** ۔ ن ۔ مۆل ، روش > ف : روش ] ۔ طور طریقہٕ ۔ ووتھ بیٹھ ۔ چلُن ۔ رواج ۔

**روش یُن** ۔ کانْہہ چیز مُروَج گژھُن ۔ فاش نیرُن ۔ رواج عام گژھُن ۔

**روش ۲** ۔ ن ۔ مۆل ، روش > س : روشہ ، رُش کد ] ۔ بِچھٕ ہیٚنۆہ ۔ غوصہٕ ۔ مَلالہٕ ۔

**روشن** ۔ > ف : روشن ] ۔ ۱ ۔ پرژَلہٕ وُن ۔ زوٚنہٕ وُن ۔ گاہ نژاوُن ۔ ۲ ۔ نۆن ۔ ٹاکارٕ ۔ صاف ۔ ظاہر ۔

**روشن دان** ۔ وۄب ۔ لوکٕٹ دار یُس پاری گاش یوان آسہِ ۔

**روشن کرُن** ۔ ۱ ۔ پرژَلاوُن ۔ گاہ دِوناوُن ۔ پالش کرٕنی (ہیچہٕ کامہٕ بیترِ) ۲ ۔ نۆن کڈُن ۔ ظاہر کرُن ۔ باوُن ۔

**روشن گر** ۔ یُس اوزارن بیترِ کھہرن دِوان آسہِ ۔ یُس سۄنہٕ ، روپہِ تہٕ ، ہیچہٕ کامہٕ بیترِ پالش کھاران آسہِ ۔ ہیٚن دِنہٕ دول ۔

**روشہِ روشہِ** ۔ > س : روشہ ] ۔ ۱ ۔ رۆش رۆش ۔ ۲ ۔ دت نوت ۔ کانٕسہِ شک کرنہٕ روٚس ۔ بنٕے شۆنک پاٹھی ۔ ریتھ پاٹھی یِتھنہٕ کانْہہ شینکہٕ ۔ ۳ ۔ زَن تہٕ لۆب رۆزِتھ ۔ ۴ ۔ ڈالہٕ دی دی ۔ وارٕ وارٕ ۔ ماشہِ ماریتھ ۔

**روشہِ پاٹھی** ۔ اَندی اَندی ۔ لَبی لَبی ۔ اَندی پاٹھی یِتھ نہٕ کانْہہ ژیٖنہٕ ۔

**روشُن** ۔ مۆل : روشُن > س ، روشہ ] ۔ مَلالہٕ گژھُن بِچھٕ ہیٚنۆہ گژھُن (کانسہِ) ۔ ناراضگی سببہٕ لۆب لۆب روژُن ، نکھہٕ نہٕ یُن ۔ بتھ ژکرِتھ ہیُن ۔ الگ کُن ہیُن ۔

**رۆشٹھُمت** ۔ یُس بِچھٕ ہیٚنۆہ آسہِ گومُت تہٕ لۆب آسہِ ہیوان ۔ یُس غوصہٕ گومُت آسہِ ۔

**رۆش رۆش** ۔ مَلالہٕ پاٹھی ۔ لۆب لۆب ۔ روگرِ روگرِ ۔

**رۆشمُت** ۔ وِچھو "رۆشٹھُمت" ۔

**روشہِ ناوُن** ۔ کینْہہ تیتھ کرُن یمہِ سیتی بیٚیس بِچھٕ ہیٚنۆہ گژھہ ۔ ناراض کرُن ۔

**روضہٕ** ۔ > ع : روضۃ ] ۔ مقبرٕ ۔ آستان ۔

**روغن** ۔ ن ۔ مۆل ، روغن > ف : روغن ] ۔ ۱ ۔ اکھ خاص تیل یُس چمکہ کھارنہٕ با یتھ رنگس سیتی مِلناونہٕ یوان چھُ ۔ وارنِش ۲ ۔ پالش یوسہ چمکہ کھارنہٕ با یتھ دالس بیترِ کران چھِ ۔ گترِون بانَن بیترِ کۆرمُت رنگ ۔ ۳ ، روغنی چیٖز ۔ ۴ ۔ (اہزلہٕ پاٹھی) پوڈر یا کریم بیترِ یوسہ بتھس مَنتھان چھِ ۔ بتھس کۆرمُت میک اپ ۔

**روغن زرد** ۔ گیوٚ ۔

**روغن گل** ۔ پوشہِ بنیاد لیگ تیل ۔

**روغن جوش** ۔ اکھ سیُن یُس یژ پاٹھی سالس

بینتھ پیپھٹ رنگہٕ یوان چھُ۔

**روغنی۔** ۱۔ یُتھ روغن کرتھ آسہِ۔ رنگدار۔ م؛ روغنی پیٚالہٕ۔ ۲۔ ژوٹ۔ ییتہِ یُتھ خُمبیرِ مستھ گیو یا چرب رلاونہ آسہِ۔

**روک۔** ن۔ مؤل؛ روک < پراکرت؛ رُکہ]۔ روٗٹ۔ رُکاوٹھ۔ ٹھاکھ (کُنہِ کامہِ کارس بیترِ ٹھوٗر۔

**روک کرُن۔** ٹھاکھ کرُن۔ مَنع کرُن۔ رُکاوٹھ اُننیو۔ اُٹھکاونہ اوُن۔

**روک گرُٹھن۔** رُکاوٹھ ہنی۔ تھونہ گرٹھن سگالنس ہُشار ٹھوٗر گرٹھن۔

**روکڑ بُہی۔** م۔ مؤل؛ روکڑ بُہی < س؛ روگہ + وزنقا]۔ سو رجسٹر یتھ منز نقد پونسن ہُند حساب درج کرنہٕ یِیہ۔ سو رجسٹر یتھ منز آمدنی ہُند حساب لیکھنہ آسہِ۔

**روگہِ روگہِ۔** اُندرِ اُندرِ۔ لبہِ لبہِ۔ ژوٗرِ ژوٗرِ۔ م؛ روگہِ روگہِ گوم گۓ۔

**روگہِ وُچھن۔** غاب ژارنی۔ کنٹھ کڈنی۔

**روگُن۔** ن۔ مؤل؛ روگ]۔ غاٗب کرنی۔

**رول۔** ن۔ مؤل؛ رول < انگ؛ رول ROLL]۔ ۱۔ طور طریقہٕ۔ ڈھبہٕ۔ ۲۔ سو کام یُس ییوسہِ گُنڈن گوٚر (ایکٹر) کُنہِ ڈرامہس اُندر کرِ۔

**رول گولڈ۔** ن۔ مؤل؛ رول گولڈ < انگ؛ رولڈ گولڈ ROLLED GOLD]۔ کانہہ چیز یتھ سونہٕ سُند گلٹھ آسہِ، اکہِ قسمک نقلی سون۔

**رول نمبر۔** ن۔ مؤل؛ رول نمبر < انگ؛ رول نمبر (ROLL NUMBER)]۔ اِندراجہ حسابہٕ نمبر یُس سکول لڑکس بیترِ امتحانس یا جماژ اندر دِوان چھُ۔

**رونق۔** م۔ مؤل؛ رونق < ع؛ رونق]۔ ۱۔ شوٗب۔ ۲۔ ووسیہ دڑووسہِ۔

**رونٛد۔** ن۔ مؤل؛ رونٛد < انگ؛ راونڈ ROUND]۔ ۱۔ راتھس بیترِ سُند گمنہٕ۔ چکر۔ گشت۔ ۲۔ بوٗندوٗقس بیترِ اکہِ لٹہِ برنہٕ آمژ گولہٕ۔ نیٚیژ گولہٕ بیترِ اکہِ لٹہِ بوٗندوٗقس بیترِ واتن۔

**رونٛد وول۔** راتھچدر۔ سُہ پُلسہٕ وول یُس راتھ کیُت شہرس گشت کرِ۔

**رونٛد خالی کرُن۔** بوٗندوٗقس بیترِ اُندر برنہٕ آمژ گولہٕ لایُن۔

**رونٛد دیُن۔** راتھس بیترِ سُند گشت دیُن۔ چکر دیُن۔

**رونکہ ہما۔** ن۔ مؤل؛ رونکہ < س؛ روہہ + اُنگہ]۔ بدنک سُہ حِصہٕ ییتھ رنگ تہٕ ییسریم درہ رلان چھُ۔

**رونکہ ہما۔** کھرنگ۔ گرژز۔ روب۔

**رونکہ کرُن۔** کھرنگ ژھنُن۔ گرژز کرُن۔ روب کرُن۔

**روہن۔ روٗہن (روہنی)۔** م۔ مؤل؛ روہن < س؛ روہنی]۔ زوٗنہٕ ہُند اکھ گرہ یا برج۔

**روے عا۔** وُچھو "روے"۔

**روے سُمُن** ۔ کُنہٕ کرنس ٹھہرن ۔ مُنٛدٕ چھُن
نہٕ ۔ بُتھ سُمُن ۔

**روے ۲** ۔ وُچھو " راے ۲ "۔

**روبہٕ زمین** ۔ بُتھہٕ راتھ ۔

**روٗزِ بِج** ۔ لولٹ زبہٕ دوب ۔

**روٗپَے** ۔ م ۔ مۆل : روپے < س : روپیہ ] ۔
ہِندوستان ، پاکستان تہٕ لنکایہٕ ہُنٛد
سِکہٕ ۔

**روٗپَے بَر** ۔ وۆڑ روپیہ ہُنٛد وَزَن ۔ تولہٕ ۔

**روٗپُل** ۔ ہزلہٕ پاٹھی روپیہ وَنان ۔

**روٗپیہ** ۔ " روپے " لَفظُک جمع ۔

**روٗپٹی گاڈ** ۔ اکہٕ قسمُک گاڈ ۔

**روپیہٕ لانٛجھ** ۔ ڈاکس اندر اکہٕ لانٛگ ہُنٛد ناو ۔

**روٗپچھ** ۔ ن ۔ مۆل : روپ < پراکرت : رُپپہ
< س : روپیہ ] ۔ اکھ سفید بوٗچ دانہٕ ۔

**روٗتہٕ (گرٛٹھن)** ۔ ژۄمبن پۆپرنہٕ یُن ۔ ژۄمبی
ہُنٛس (اپن بینیر مُقرر آستہٕ کنی) ۔ سٛرو
بنار گرٛٹھن ۔

**روٗتبہٕ** ۔ ن ۔ مۆل : روتب < ع : رتبۃ ] ۔
درجہٕ ۔ عہدہٕ ۔

**روٗتھ** ۔ ن ۔ مۆل : روت < س : وٗرت ] ۔
۱ ۔ وَرتھ ۔ فاقہٕ (بٹن ہُنٛد) ۔ ۲ ۔ دوٗر
یراد ۔ عہد ۔

**روٗخ** ۔ ن ۔ مۆل : روخ < ف : رُخ ] ۔ ۱ ۔ بُتھ ۔
۲ ۔ طرف ۔ پاس ۔

**روٗخ پھِرُن** ۔ ۱ ۔ بێیس طرفس کُن پھِرُن ۔
۲ ۔ (ۆرگہٕ پاٹھی) بیان بدلاوُن ۔ ۳ ۔ پھِیرِتھ
گرٛٹھُن ۔

**روٗخ ۲ ، روٗخہ** ۔ ن ۔ مۆل : روخ < ف : رُخ ] ۔
شطرنجُک موہر ۔

**روٗخسار** ۔ ن ۔ مۆل : روخسار < ف : رُخسار ] ۔
بُتھ لَب ۔ بُتھ ۔

**روٗخصت** ۔ ن ۔ مۆل : روخصت < ع : رخصۃ ] ۔
۱ ۔ چھُٹی (نیہمتر) ۲ ۔ نیرُنک اجازت ۔
(نوکری ، کور بینیر مالیُن یا وارِیو) گرٛٹھنک
اجازت ۔ ۳ ۔ سامرکار نشہٕ جواب ۔

**روٗخصتس پیٹھ** ۔ چھُٹی پیٹھ ۔ یێمہ چھُٹی بابتھ
درخاس تھۆوُمت آسہٕ ۔

**روٗخصت دِیُن** ۔ نیرُنک اجازت دِیُن ۔

**روٗخصت کرُن** ۔ ۱ ۔ رَوانہٕ کرُن ۔ گرٛٹھنہٕ دِیُن ۔
۲ ۔ موقوف کرُن (نوکر بیتر) ۔ نوکری نشہٕ
جواب کرُن ۔

**روٗخصت ہیوٚن** ۔ نیرُنک اجازت ہیوٚن ۔
چھُٹی ہێنی ۔

**روٗدٕ ۱** ۔ ن ۔ مۆل : رود ] ۔ اٹھ رُم ۔
اٹھہٕ وانٹھ ۔

**روٗدٕ وُسُن** ۔ (ۆرگہٕ پاٹھی) سخ تھکُن ۔
وُسُن ۔ م : پودٕ وٚسنی ۔

**روٗدٕ ۲** ۔ ن ۔ مۆل : رود < ع : ردّا ] ۔
جَنٛد شکھر ۔ پلو بتھ رینچہٕ گامژ آسن ۔

بَتہٕ لونچہٕ وڑامٕژ آسن۔

**روٗدِ وُسن۔** (اَپلوس ہیتھ) لونچہٕ ہیرنہٕ۔

**روٗدِرِ سَنٛدیا۔** (اَشپرٕ مَنتھ) بَگوان شوٗسنٛد اَکھ تَپیرتھ۔

**روٗدِرمُنٛتھر۔** ن۔ روٗدِرمَنتھر < س۔ رُدرٕ + مَنتھر]۔ کھوژن ژلراونہٕ باپتھ اَکھ مَنتھر۔

**روٗقہٕ۔ رُقہٕ۔** ن۔ مؤل: روٗقہٕ < ع: رُقعۃ]۔ چِٹھ۔ سالہٕ چِٹھ۔ داوتھ نامہٕ۔

**روٗقبہٕ۔** ن۔ مؤل: روٗقب ]۔ ۱۔ زمیٖنک میٖتھ۔ زمیٖنک زیچھر تہٕ کھجر۔ ۲۔ زمیٖن یُس لاگنہٕ ییہ۔ زمیٖنہٕ ہُنٛد کانٛہہ حِصہٕ یا ژکل۔ حاطہٕ۔

**روٗقبہٕ بَنٛدی۔** روٗقبہٕ اَلگ اَلگ کَرُن (بوٗندبَستہٕ مؤجوٗب)۔

**روٗکُن۔ رُکُن۔** کُنہٕ مجلِسہٕ ہُنٛد میمبر۔ وِچھو "رُکن۲" تہٕ۔

**روٗگہٕ نَنٛدَن۔ (رگھوٗنَنٛدَن)۔** (رگھو) سُنٛد اَولاد۔ رامہٕ ژنٛدر۔

**روٗگہٕ ناتھ۔** رام ژنٛدرُن اَکھ ناو۔

**روٗنہٕ زوٗنہٕ۔** ن۔ مؤل: روٗنہٕ زوٗن < س: رِنَہ + جیوٗنہ]۔ ۱۔ ہیچھ تِمتھ گُذار۔ ۲۔ اور یور وٕزُم ووٗرُد کَرُن۔

**روٗنی۔** م۔ مؤل: روٗنی < س: رَنَہ]۔ ۱۔ لوٗکٕٹ گَنٛٹی یُس رَز کَرِتھ نالی نَژاوان چھہٕ۔ یا گوڈس بیٖنہٕ گَنٛڈان چھہٕ۔ ۲۔ کیٖنٛژن زیوَرن اَلانٛدرٕ نکو نکو ٹھلو۔

**روٗنہٕ دامانہٕ۔** دامانہٕ یُتھ چھوٚنی چھوٚنی کَرٕوِنی ٹھلو اَلانٛدر آسان چھہٕ۔

**روٗنہٕ کھوس۔** تھہ کھوس یُتھ ژَکَس چھوٚنی چھوٚنی آسہٕ گَنٛڈھان۔

**روٗنہٕ کھراو۔** چھوٚنی چھوٚنی کَرٕوِنی کھراو۔

**روٗنہٕ گوڈ۔** ۱۔ روٗنہٕ پَٹہٕ یِم نَژنہٕ وِزِ گوڈن گَنٛڈان چھہٕ۔ ۲۔ گوڈ یُتھ روٗنہٕ پَٹہٕ لاگِتھ آسن۔

**روٗنہٕ مَنٛژُل۔** ۱۔ مَنٛژُل یُتھ اَلراونہٕ وِزِ چھوٚنی چھوٚنی گَنٛڈھان آسہٕ۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھی) خانہٕ ماجر۔

**روٗنہٕ مُہر بیٖنہٕ۔** سہ کوٗریس لوٚکچی لَگن اوس گَرنہٕ یوان اَما گُنٛڈ اَیس نہٕ دِوان۔

**روٗنہٕ وُزنہٕ۔** (وُرگہٕ) موٗدُر ہوٚٹ آسُن۔

**روٗنٛگ۔** ن۔ مؤل: روٗنٛگ < س، نُونٛگہٕ]۔ ۱۔ اَکھ گرم مَصالہٕ۔ ۲۔ نِستہٕ لاگنک اَکھ وَس۔

**روٗنٛگہٕ ژٕنی۔** (ہَزلہٕ) سہ ژٕنی یُس سیٹھا شوخ آسہٕ۔ یُس ژِھر ژِھر کران پکان آسہٕ۔

**روٗنٛگہٕ ژٕنی ٹھسنی۔** (وُرگہٕ) رکمام کھسُن۔ بوٗش کھسُن۔

**روٗنٛگہٕ ژٕنی گَڑھنی۔** (وُرگہٕ) بوٗشس کھسُن۔ ربوٗلج کھسُن۔ کیٖچ گَڑھنی۔

**روٗہَن، رُہُن۔** ن۔ مؤل: روٗہنہٕ < س: لَشُنَہ]۔ اَکھ زمیٖن دوٗز کُجہٕ دار سَبزی، یِہ چھِ گرم مصالس سٕتی سٕتی تراونہٕ یوان۔

**روٗہنہٕ دٕل۔** (وُرگہٕ) سیٹھا ژآدٕل ووتنہٕ آمُت کَپُر۔ سیٹھا نرم تہٕ ژآدٕل کَپُر۔

**رۄہنہٕ مۆنٛڈ۔** ترٛپٹھِتھ رۄہنَس بُناوِنہٕ آمُت دۄر ہیٚتھ یُس ہِنٛس ترٛاوان چھُ۔

**رۄہنہٕ مۆنٛڈ۲۔** رۄہنہٕ کُجہِ ہُنٛد بۆنیُم حصہٕ یتھ پٔھلو چھِ آسان۔

**رۄہنہٕ۔** ن۔ مۆل: رۄہُن < ف: رَوانہ]۔ پرمٹ۔ پروانہٕ رہداری۔

**رۄے۔** ن۔ مۆل: رۄے < ف: روے]۔ ۱۔ بُتھ۔ ۲۔ مکانُک بُرٛنٛہِیُم طرف ییٚتہِ کِنہِ اژان نیران چھِ۔ ۳۔ کپٔڑک بٕنٛھِنیُک طرف۔

**رِہلَت۔** م۔ مۆل: رِہلت < ع: رحلة]۔ مرُن۔ ییٚمہٕ دُنیا ہٕنز گژھُن۔

**ریزولیوشن۔** < انگ: ریزولیوشن۔ RESOLUTION]۔ قرارداد۔ تجویز۔

**ریٚکہٕ ریٚکہٕ۔** بالہٕ بالہٕ۔ ٹھٹھ ٹھٹھہ (کولہٕ ہیٚتھ)۔

**ریٚکہٕ ٹھکُن۔** ناو ہیٚتھ ٹھٹھس دۄر پیٚہن لاگُن۔

**ریٚہہ۔** م۔ مۆل: ریٚہہ < س: رِش]۔ سوٗتٕرِ بریٚہہ۔ نارُک دۄہُن۔

**ریٚہہ گنٛڈٕنی۔** ۱۔ نار لگُن۔ جم جم لگُن۔ ۲۔ (وَنگہِ پاٹھی) اُزرونہٕ سیٚتھ اُندری دزُن۔ اُزرۄن یُن۔

**ریٚپے۔** وُچھو "روپے"۔

**ریٚہہ بدل۔** بدلہٕ لکرہِ ہُنٛد اَکھ قسم یُس چھُ سیٚٹھا سخ آسان۔

**ریٹ۔** م۔ مۆل: ریٹ < انگ: ریٹ۔ RATE]۔ دَرباو۔ نِرخ۔

**ریٹ لِسٹ۔** نِرخ نامہٕ۔ باوُک فہرِست۔

**ریٚختہٕ۔** ن۔ مۆل: ریخت < ف: ریختہ]۔ ۱۔ یتھ چونہٕ سُرخی لداوس آسہٕ۔ ۲۔ پوٚختہٕ۔ پایدار۔ ٹوٚکہٕ۔ سنگین۔

**ریڈ۔** ن۔ مۆل: ریڈ < انگ: ریڈ۔ RAID]۔ حملہٕ۔ دشمنہٕ سٕنٛدِ فوجک ہیٚتھ ووتلُن یُن۔

**ریڈٕر۔** ن۔ مۆل: ریڈ]۔ مال ہیٚتھ سارنیچ اُچھ گاڑی۔ بم لاگنہٕ دُ پیٚل ڈالہٕ دار سواری یتھ کیٚتھ کٔنہِ، رۆڈوی یا باتھِ مال ہیٚتھ ساران چھِ۔

**ریڈیَم۔** ن۔ مۆل۔ ریڈیم < انگ: ریڈیم۔ RADIUM]۔ اَکھ تانبہٕ وٕز معدنی دات ییٚمہٕ چیز زٕ اکسرے مشینہٕ ہیٚتھ لگان چھِ۔

**ریڈیو۔** ن۔ مۆل۔ ریڈیو < انگ۔ ریڈیو۔ RADIO]۔ ۱۔ بجلی پیٹھ چلن وول سُہ خاص مشینی نظام ییٚمہٕ سیٚتی ہوا ہیچو لہرو ذریعہ آواز ترٛاونہٕ یوان چھےٚ۔ ۲۔ وُچھو "ریڈیو سیٹ"۔

**ریڈیو سٹیشن۔** سُہ جاے ییٚتہٕ مشینو ذریعہ آواز ہوا ہچن لہرن اندر ترٛاونہٕ یوان چھےٚ۔ سُہ جاے ییٚتہٕ پیٹھہٕ ریڈیوہس اندر یِنہٕ وٲلی پروگرام ہیٚتھ نشر سپدان چھِ۔

**ریڈیو سیٹ۔** سُہ آلہٕ یُس ریڈیو سٹیشنہٕ پیٹھہٕ ہوا ہچن لہرن اندر ترٛاونہٕ آمژ آواز رٹان تہٕ لوکن بوزناوان چھُ۔

**ریڈیوگرام۔** سُہ ریڈیو یتھ رکارڈ باجہٕ تہٕ سیٚتی آسہٕ۔

**ریڈیئیٹر۔** ن۔ مۆل، ریڈیئیٹر/ رگریٹر< انگ : ریڈیئیٹر RADIATOR ]۔ گاڑِ یا موٹر بیترِ ہُنٛد سُہ آلہٕ یُس اِنجُن ٹھنڈٕ کران چھُ۔

**ریزَر۔** ن۔ مۆل: ریزر< انگ: ریزَر: RAZOR]۔ بلیڈٕ یِیمہِ سِتۍ شیو کران چھِ۔

**ریزٕ۔** ن۔ مۆل: ریز< ف: ریزہ]۔ ذٕکرِ دانہٕ۔ چوٗر۔ نِیک سیُر۔

**ریزٕ ریزٕ کرُن۔** پھٕشتی کرٕنی۔ چُورہ کرُن۔ ذکہٕ نور کرُن۔

**ریزگاری۔** <ہ: ریزگاری< ف: ریزگی]۔ چھُٹہٕ ووٹ۔ ذک چرُن۔

**ریس۔** م۔ مۆل: ریس< انگ: ریس: RACE]۔ ۱۔ مان مان۔ ۲۔ دُو مان مان۔

**ریش ۱۔** ن۔ مۆل: ریش< ف: ریش]۔ ۱۔ ہُنٛز داڑ۔ ۲۔ سُہ مَس ہیُوہ یُس مکایہ وچھہِ پیٹھ آسان چھُ۔ مکایہ وچھہِ ہُنٛد سیٚمہِر۔

**ریشِل۔** یُس تُھنہِ ریش آسہِ۔ دارِل۔

**ریش دراز۔** یُس زیُوٚٹھ ریش آسہِ۔

**ریش ۲۔** ن۔ مۆل: ریش< ف: ریش تہ س: ریشہ]۔ زخم۔ چھوکھ۔ خراش۔

**ریگستان۔** ن۔ مۆل: ریگستان< ف: ریگستان]۔ ۱۔ زیُوٚٹھ سیٚکہِ مَیدان۔ یتہ جایہِ ژھ واپاری سیکھے سیکھ آسہِ۔ سیکہِ صحراو۔ ۲۔ سو جاے ییتہِ نہ کُلہ کوٚٹ تہ نظرِ گژھہِ۔ بنجر۔ صحراو۔

**ریگ مال۔** م۔ مۆل: ریگ مال< ف: ریگ مالی] شیشہِ چکرٕ لاگنہٕ کاکَذ یا ڈرج یِیمہِ سِتۍ پھش دِتھ شیٚترس بیترِ کھٚے یا پھُہر بر کاسان چھُ۔

**ریل۔** م۔ مۆل: ریل< انگ: ریل: RAIL]۔ وارِیاہ ڈبہٕ لاگنہٕ گاڑی۔ یوٚس خاص قسمہِ چَن شیٚتیٚترس انجُن پیٹھ چلان چھےٚ۔

**ریمپھ، ریٹھپھ۔** م۔ مۆل: ریمپھ <]۔ ہیکوٚنت۔ سیٚٹھا لوکٕٹ۔ یُس نہ مجرٕ ہس بیٚیہِ۔ م: گرٕی ریمپھ، ژوٚنٹھی ریمپھ۔

**ریٚنٹھ۔** ن۔ مۆل: ریٚنٹ< س: رِشٹکہ]۔ ۱۔ اکِہ تھر ہُنٛد ریوٗشر ہیُوہ میوٕ یُس صابنہ بدل پلو چھلنس تہ پوٗٹ منڈنس لگان چھُ۔ ۲۔ سُہ اوٚر دوٗر داتھرِ یاگر یُس سِم قدٕ تہ پکنس کیٚت جان آسہِ۔ ۳۔ (ورگہٕ پاٹھی) ژھوٚٹینگہٕ۔

**ریٚنٹھ پھوٚل۔** (ورگہ) لوکٕٹ تہ کھوٗر پھیٚپل۔

**ریٚنٹھُن۔** ن۔ مۆل: ریٹھن]۔ ۱۔ پلوٗ شِکھر۔ ۲۔ (ورگہ پاٹھی) ژھوٚٹینگہٕ۔

**رینج۔** < انگ: رینج: RANGE]۔ جنگلاتہٕ کِہ محکمہٕ طرفٕ مشخص کرنہٕ آمُت اکھ انتظامی عَلاقہٕ۔

**رینج افسر۔** رینجَر۔

**رینجَر۔** ن۔ مۆل: رینجر< انگ: رینجر: RANGER]۔ جنگلات محکمک اکھ ملازِم۔

رینچ۔ ن۔ مۄل : رینچ < انگ : رینچ ——— (WRENCH) ]۔ کھارِ سُند اکھ سامانہٕ یینمہِ سِتیٖ نٹہٕ ڈِبرِ بیترِ چاران چھُ۔

رینچہِ۔ ن۔ مۄل : رینچ ]۔ پلوٗن بیترِ کامہِ ژٕنرِ۔ تٕرہ پچھِر۔

رینچہِ گژھنہِ۔ تٕرہ پچھِ وسُنہِ۔

رینزِ نیٖچوٗ۔ ۱۔ غلیل بازِ شُر۔ ۲۔ (وَرگہِ پاُٹھی) یُس زنانَن راشارِ بازی کَران آسہِ۔

ریوٗتھ۔ م۔ مۄل : ریوت < س : ریوتی ]۔ زۄنہِ ہُنْد سَتوُ ہیٚشم گرہِ۔ اکھ نیٚچھترُ۔

ریوٗنْد۔ م۔ مۄل : ریوند < ف : ریوند ]۔ اکھ بوٗٹ۔

ریوٗنْدِ چیٖنی۔ اکھ بوٗٹی یینمیُک مۄل جۄلابس لگان چھُ، اَکِر ڈیٚنٹھرِ نہٕ چھُ دارِیاہَن بیمارِیَن دَوا۔

رہبَن، رہبِنی۔ م۔ مۄل : رہبن ]۔ ووہِ نِج کیٚتہِ کرِنہٕ اکھ دال ذاتھ۔

ریپٹ۔ اکِس جانا وارِ سُنْد ناو۔

ریتہٕ کوٗل، ریتہٕ کال۔ ن۔ مۄل : ریتہٕ کال < س : رِتہ کالہ ]۔ ۱۔ زنانہِ رنگ دیُس ریتہٕ پَتہٕ ریتہٕ سپدان چھُ)۔ ۲۔ گرٕیشمُک وَق۔

ریتہٕ کالہِ۔ < س : رِتہ کالہ ]۔ ریتہٕ کالس منٛز۔ گرٕیشمہِ کِس وَقتس اَنْدر۔

رہتھ۔ ن۔ مۄل : رپنا ]۔ ترٛہ دوہ۔ وَرِیُک ہیٚشم حصہٕ۔

ریتہٕ پنٛژہ تہٕ ہتہٕ کامَن۔ (ہزلہٕ یا وڈہوٗ پژھ)

تیٚنزِ کم آمْدنی یَتھ نہٕ کیٚنہہ وٕٹھتھ ییہِ۔

رہتوارِ۔ ریٚتی ریٚتی۔ ریتہٕ پتھ ریتہٕ۔

رہتھ گو تہٕ کھیتھ گو۔ نہٕ ڈیٚنتھ گو سِٹھاہ یٹھ لاگنہٕ سِتی چھُنہ مطلب نیرُن یا سیدتھ گژھنہٕ شیٖنکی سوران۔

رہدِ۔ ن۔ مۄل : رہد < س : ہرِد ]۔ واُلِنج۔ دِل۔ جِگر۔

رہدِ دود۔ واُلِنجہِ دود۔ کاُنسہِ ٹاُٹھس بیترِ سُنْد ژُک یا دگ۔

رژھ۔ م۔ مۄل : رژھ < س : رِچا ]۔ ۱۔ ریٚژا۔ ویدَن ہُنْد پد یا منتر۔ ۲۔ کُنہِ کارِ بیترِ کُنی کاُنسہِ وژامُت ناو۔ کاُنسہِ کوٚڈمُت سُہ ناو یینمہِ کُنی سُہ وَنہِ آسہِ یوان۔ اَصل ناوِ وَراے سُناوِیُس کاُنسہِ لۄکو پھودِ تُلنہٕ سوٚکھ کوٚڈمُت آسہِ۔

ریٚژہ تُلُن۔ ٹاوُس تُلُن۔ پھودِ تُلُن۔

ریژہ کڈُنی۔ پھودِ تُلُن۔ ناو کڈُن۔

ریفرِجریٹر۔ ن۔ مۄل : ریفرجریٹر < انگ : ریفرجریٹر REFRIGERATOR ]۔ اَلمارِ چالہِ سردخانہٕ یتھ اَنْدر کھینہٕ چیٖز بیترِ تھوٗنہِ یوان چھُ، تہِ تھنہٕ بگرَن۔

ریکہِ اُڈرِج۔ ترکہِ اُڈی جہِ ہُنْد بوٚنیُم حصہٕ۔

ریکھ ۱۔ م۔ مۄل : ریک < س : رِچ ]۔ جانا وارِس یا کو کِرس بیترِ سُنْد مَل۔

ریکہِ تھوٗن۔ پھرُن تھوٗن۔

رٮ۪نکہٕ رٮ۪نکہٕ ۔ ( ہزلہٕ ) پیٖنتہٕ پیٖنتہٕ ، رٔژھ رٔژھ ( کانٛہہ چیز دِیُن ) ۔ باکانٛسہٕ واتناوُن ۔

رٮ۪کہٕ ترٛاوُن ۔ ہارتہ رٮ۪کھ ترٛاوٕنۍ ژٕلُن ۔

رٮ۪کہٕ نور ۔ ( کوکرس بیتر ) گٕھر نور ۔ پوشٕٹھ ۔

رٮ۪کھ رٔٹلنۍ ۔ ( ہزلہٕ ) تٔس مُتلق وَنان یُس نہ کانٛسہٕ ڈاکھ کرُن بے وَجہ باسہٕ ۔

رٮ۪کھ لارتھوٕنۍ ۔ داغ تھوُن ۔ لانچھ اَنتھ تھوُن ۔

رٮ۪کھ موٕٹلنۍ ۔ صوٗرتھ ہش گژھنۍ ۔

رٮ۪کھ وٕہٹھنۍ ۔ ۱ ۔ ( وُرگہٕ ) جگرٕ دَرُن ، ہیمتھ ہش پادٕ گژھنۍ ۔ بہرُن ۔ ۲ ۔ ( وُرگہٕ ) نکھس کھسُن ۔ زرٕولدُن ۔ دَرُن ۔

رٮ۪کھ ۲ ۔ پیشگی رَقم دِنک اَکھ طٔریقہٕ یٔمہٕ سٍتۍ موزوٗر غوٗلامہٕ سٕندۍ پاٹھۍ پابنٛد کرنہٕ یوان اوس ۔

رٕہل ۔ م ۔ موٗل : رٕہل ] ۔ زٕہیٹھ بٔلم ۔ تر ۔ پٮ۪ٹھ ژھوٗٹ تہٕ راد زٕہیٹھ چھل ( کپیرٕچ یاکاکُذٕچ بیتر ) ۔ ژٕہیٖنہٕ راد ۔

رٕہمہٕ ۔ م ۔ موٗل ؛ رٕہم ] ۔ کانٛسہٕ ہنٛدِ وارِ وَتہٕ روزٕنچ فِکِر ۔

رٕہن ۔ ن ۔ موٗل : رٕہن < س : رِنَہ ] ۔ ( وُرگہٕ ) قرضہٕ ۔ دارُت ۔ یہٕ کانٛسہٕ ہوُرن واتہٕ ۔ ( کانٛسہٕ ہنٛدۍ ) بارۍ رٕٹہٕ پاٹھۍ جمعہٕ ہیے منٛز یوان ) ۔

رٕہن نٮ۪کھ والنۍ ۔ دارُت ہوُرن ۔ بارۍ موکلاوٕنۍ ۔

رٕہن وُسنۍ ۔ بارۍ نٮ۪کھ وسنۍ ۔

رٕواج ۔ ن ۔ موٗل : رٕواج < ع : رِواج ] ۔ ۱ ۔ روش ۔ رٔسم ۔ ۲ ۔ ( وُرگہٕ پاٹھۍ ) کام بوٗش ۔ مُخرَج ۔

رٕوایژھ ۔ م ۔ موٗل : رٕوایت < ع : رِوایۃ ] ۔ ۱ ۔ فتوا ۔ شرعی یک فاصلہٕ ۔ ۲ ۔ کُنہِ ذِکرُک بیان ۔

رٕوایژھ اٮ۪ننۍ ۔ مُفتی یَس بیتر نِش فتوا اَنُن ۔

رٕوایژھ دِنۍ ۔ کُنہِ نیا یَس بیتر پیٹھ شرعی یک فتوا دِیُن ۔

رٕوایژھ کرٕنۍ ۔ ذِکر کرٕنۍ ۔ کانٛسہٕ ہُنٛد دوٗپ بیٖیِس تام واتناوُن ۔ بیان دِیُن ۔

رٕوُن ۔ پھولُن ۔ بوشِس منٛز آسُن ۔

رٕپیے ۱ ۔ م ۔ موٗل : رٕپیے ] ۔ ۱ ۔ اَکھ رٔنٛج کٕیٛمی ذاتھ ۔ ۲ ۔ تٕھیٛنۍ ۔ تیلُن ۔ ۳ ۔ ( وُرگہٕ پاٹھۍ ) سیٖتھ ۔ ژھرٕٹہٕ ژھرٕٹھ ۔

رٮ۪یہٕ اول ۔ ژٕمینہٕ اَنٛدر تِم سٕروٕہم رٮ۪یہٕ روزنہٕ باپتھ کوٗرِتھ بناوان چھے ۔

رٮ۪یہٕ پکُن ۔ ۱ ۔ ( وُرگہٕ پاٹھۍ ) سوٗت سوٗت پکُن ۔ ۲ ۔ ( وُرگہٕ پاٹھۍ ) کشالہٕ سان گُذارٕ کرُن ۔ ۳ ۔ ( وُرگہٕ ) موموٗلی اَثر ۔

رٮ۪یہٕ پاٹھتھن ۔ ۱ ۔ سو وَتھ یَپارۍ رٮ۪یہٕ پکان چھے ۔ ۲ ۔ رٮ۪یَن ہُنٛد جوٗلوٗسہٕ ۔

رٮ۪یہٕ ٹھوٗل ۔ ( وُرگہٕ ) سٮ۪ٹھا لوکُٹ ۔

رٮ۪یہٕ گلہٕ ۔ ( وُرگہٕ پاٹھۍ ) سٮ۪ٹھا نیٖنک تہٕ لوکُٹ شُر بیتر ۔

**ریٚبہٕ میٖٹر۔** سہٕ زاُوِج میٖٹر یوٚسہٕ ریٚبہٕ اول کوٗران کوٗران نٚبر کڈان چھےٚ۔

**ریے گَرٕنۍ۔** ۱۔ تٕچھنۍ ووٚتھنۍ۔ تیلنٕ۔ ۲۔ بےٚ قراُری گژھنۍ۔ سہٕ کھ نہٕ یُن۔ قَرار نہٕ لگُن۔

**ریے لگٕنۍ۔** (وَرگہٕ) سہٕ کھِ سان نہٕ ہیٚتھ ہکُن۔ قرار نہٕ یُن۔

**ریے ووٚتھٕنۍ۔** ۱۔ سَخ کَشُن یُن + زَخمَس بیٚترِ چھُہُن یا تیلنٕ ہیوٗن نکھ نکو گیٚموانا جَس بیٚترِ لگٕنۍ۔ ۳۔ ژٕرٕنۍ ووٚتھنۍ۔ ژٕرٕنۍ۔

**ریے ہٕل۔** ٹیٖنگ دانہٕ۔

**ریوٗنٹھ۔** ن۔ مٗول : ریٖنٹھ [۔ پوٗنۍ ہیٚتھ تہٕ نہٕ دَتہٕ ہُنٛد سیٖنُن، کھٕھَس پوٗنۍ لٕدِتھ تہٕ نہٕ پوٗنۍ سیٖزُن۔ آبَس مَنٛز تہٕ دٕنہٕ شکرے روزنہٕ۔

**ریوٗنٹھ گژھُن۔** آبی زٔمینَس مَنٛز دَتہٕ پاٗنس مَنٛز تہٕ نہٕ سیٖننہٕ۔

**ریوٗنز۔** بانٛٹہٕ۔ اَکِہ قسمُک گولہٕ ہیٚوٚہ یُس نِشانہٕ مارنَس لگان چھُ۔

**ریوٗنگ۔** اَکِہ قسمِچ تٕھرٕ تھوٚد تھٕر نیٚبرِ بٕرٕ وَنہٕ پوٗش چھِہ پھولان۔

**ریٚوٗڈ۔** لوٗکٕٹس شُرِی سُنٛد گٔنہ جایہٕ قرار نہٕ بہُن۔

**ریٚوٗش۔** ن۔ مٗول : ریٚیش ‹ س : رِشِہ [۔ ۱۔ سُہ یُس آگاہ موٗکٕل آسہٕ۔ سُہ یُس پٔنٛنہٕ یوزنہٕ ییہٕ۔ ۲۔ یُس نہٕ کٕنہِ پاپھ آسہٕ۔ سیٚوٗد سادٕ۔ بےٚ گوٗناہ۔ پَرہیزگار۔ ۳۔ ریٚشن ہُنٛد پاُرٕو۔

کٔشیرِ ہنٛدِ اَکِہ روٗحانی سِلسلُک پاُرُو کار۔ ۴۔ ژٕراٗرُک۔ زاُنہٕ شاہ صاٗبُن بیٚترِ مُجاوِر۔

**ریٚیش باپار۔** شوٗزُر پزٕر۔ ریٚیشو سُنٛد ہیٚوٚہ طٔریقہٕ۔

**ریٚیش باٗگک۔** (وَرگہٕ) رُت تہٕ نیک لُکٕہ۔ لُکِہ یَس جان سہٕ باو آسہٕ۔

**ریٚیش بلے۔** ۱۔ ریٚیشی ہٕنٛز زُنانہٕ۔ ۲۔ (وَرگہٕ) سیٖٹھا رٕنہٕ سہٕ باوِچ زنانہٕ۔

**ریٚیش ہیٖر۔** کٔشیرِ ہُنٛد اَکھ مَشہوٗر بُزرگ ییٚمی ہِنٛدِس ناوَس پیٚٹھ عاٗلی کدلس نکھٕ اَکِس تھاپنایہٕ ریٚیش ہیٖر سُنٛد وَنان چھِہ۔

**ریٚیش پوٗشبر۔** سَفید تہٕ کرٕ یٚھنہٕ پَشمیٖنگ ووٚمٕت دُسہٕ۔

**ریٚیش کوٗر۔** ۱۔ (وَرگہٕ) سیٖزٕ سادٕ کوٗر۔ ۲۔ رُژ تہٕ نیک کوٗر۔

**ریٚیش موٗر۔** (وَرگہٕ) سُہ ییٚمہ جِسم ییٚتھ فاقو سیٚتی کرٕ تٕرِے یوت موٗژ یوٗمُت آسہٕ۔ پٕزی پاُری ہِنٛز کلے۔

**ریٚیش مول۔** اَکھ مَشہوٗر ریٚوٗش یَس ہٕنٛز زِیارَتھ اَنَنت ناگہٕ چھےٚ۔

**ریوگ۔** ن۔ مٗول : ریوگ [۔ اَکِہ قِسمُک پوٗش یُس وِڈرُن پھولان چھُ۔